# جمس تہٕ کشیرِ منز
# کأشرِ نعتیہ ادبُک توأریخ

(نعت گوئی ہندِس عالمی تنوظرَس منز)



بشیر بھدرواہی

# جمِس تہٕ کشیرِ منٛز

# کأشرِ نعتیہ ادبُک توأریخ

(نعت گوئی ہندِس عألمی تنوظرَس منٛز)



# جمِس تہٕ کٔشیرِ منٛز

# کأشرِ نعتیہ ادبُک توآریخ

## (نعت گوئی ہنٛدِس عالمی تنوظرَس منٛز)

بشیر بھدرواہی

کتابہِ ہُند ناو : جمس تہٕ کشیِر منز : کاشُر نعتیہ ادبک توٲریخ
(نعت گوئی ہندِس عالمی تنوظرس منز)

شاعر : بشیر بھدرواہی

کمپیوٹر ڈی۔ٹی۔پی : IILS D.T.P CENTER

471/A، سیکٹر 2، وِنایک نگر،

مُٹھی، جموں۔ 181205

رِنکو کول# 94191-36369

چھاپَن وٲری : 2012ء

کُل تعداد : 500

کُل صفہٕ : 385

ہدیہٕ : ₹ 275

سَرورق : عدنان خطیب

چھاپ خانہٕ : جے۔کے۔آفیسٹ پرنٹرز، جامع مسجد، دہلی۔٦

کتاب میلنک پتاہ:

١۔ بشیر بھدرواہی، 5۔گرین کالونی بھدرواہ۔موبائل 9419155194

٢۔ فاروق بُک ڈِپو، صدر بازار بھدرواہ۔ 182222

٣۔ کتاب گھر، مولانا آزاد روڈ، سری نگر کشمیر۔

٤۔ کتاب گھر، کنال روڈ، جموں۔

"بسم اِللہ اِلرحمان اِلرحیم"

"شرمسار نادم چھُس آسےٚ محمدؐ
گونہگار خادم چھُس آسےٚ محمدؐ
شفاعت کرٕ بو پیشِ مولاے لِللّٰہ
سیاہ کار اَثم چھُس آسےٚ محمدؐ

بشیرؔ

# اِنتساب

عشقِ رسالتؐ کِہن تمن سأرِنے پروانَن ہٕنٛدِ ناوٕ یم مختلف زمانَن تہٕ زبانَن منٛز صنفِ نعتَس عقیدت بۄرُت لول بران رۆدی تہٕ رسالت مآبنؐ ہٕنٛزِ شفاعژ خواہستگاری کراں رۆدی۔

پننہٕ نبن مرحوم والدیٖنَن ہٕنٛدِ شفاعت کہِ حوالہٕ۔

خاک پائے آنحضورؐ

بشیٖر بھدرواہی

# فہرست

☆☆☆

بِسم اللہ الرَحمن الرَحِیم

نَعُمَدہٗ وَنُصَلِّی عَلیٰ رَسُولِہِ الکرِیم

# گوڈٕ کتھ

محسنِ انسائیتھ، خاتم النبیین تہٕ سیدالمرسلین حضرت محمدؐ تہٕ تِہنٛدِس توصیفس عَظمتَس نسبتھ چھِ مختلف زبانَن منٛز پٲتِمو ژودا شتو وٕری یو پیٹھٕ امتِ اسلامِکی بٔڈی بٔڈی باکمال شاعر، اکأبر، صوٗفی، عالمِ جیّد تہٕ شیدائی پننہِ والہانہٕ عقیدتکی، لوٕلکی تہٕ تاشوٗقکی پوش اِظہارٕکین مختلف وسیلن، انہارن تہٕ صورتن منٛز بامل أنتھ خلوٗصہٕ سان وٕرشاوان آمٕتی تہٕ پننہٕ نبن بےلٲث جذباتن وجدانہٕ کِین بامَن کھالتھ ادب عشق وآگاہی ہنٛدی تقاضہٕ پوٗرٕ کران روٗدی متی۔ اماپوٚز اَمہِ باوجوٗد چھےٚ تِہنٛزِ ترِیشٕ تہٕ تشنگی ہر ہمیشہِ بأقی روٗزمٕژ تہِ کیازِ بقولِ شخصے "آنحضور کی نعت اور مداح سرائی کی ابتداء ہے لیکن انتہا نہیں" تہٕ یہِ ذِکر چھُ تِیُتھ روٗح پروَرتہِ ترٛیش تہٕ بوچھِ ہمانٕے چھےٚ نہٕ زانٔہہ! لا تعداد مُسلمان چھِ حج تہٕ عمرہ کرٕنکس موقعس پیٹھ دروٗد و سلامَن ہنٛز ڈالی ایمانَس تقویت تہٕ پوچھر دِوان دربار رسالتؐ منٛز مدینہ منورہ وأتِتھ اوشہٕ برٕژو أچھو رودٕ جُربن ہنٛدی پأٹھی آنحضورنؐ بڑٕ احترامہٕ تہٕ انکسأری سان پیش کران۔ واریاہ ڈالہِ چھےٚ ٹرٕنگی تہِ موٗجوٗد تہٕ زیادٕ پہن نعکِس صوٗرتس منٛز

پیش یِوان کرنہٕ۔ سرِ دست چھُ سون موضوع نعت، أسی کرو یتھین أمی چی کتھ۔

نعت چھُ عربی زبأنی ہُند لفظ ییمیُک معنہِ مداح، تعریف تہٕ ثنا کرٕنی چھِ۔ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہندِ نوٗرُک ظہوٗر سپدنہٕ برٛونٛہہ أسی یہِ صنف کأنسہِ تہٕ انسانہِ ہندی تعریف کرنہٕ خأطرٕ ورتاونہٕ یِوان ییمہِ ہندی مدح کرٕن مقصوٗد آسہِ ہَن۔ اماپوٚز آنحضورنٛ ہندِ ولادت پتہٕ سپز یہِ صنف خألص آنحضورنٛ ہندِس مدحس، توصیفس تہٕ تعریفس تہٕ تحمیدس خأطرٕ مخصوٗص تہٕ اِو موکھہٕ بنیاے یہِ عألمی اسلامی ادبُک اکھ منفرد صنف تہٕ حِصہٕ ییمی کنی أمی پرٛتھ کُنہِ مُلکس منز مقبوٗلیت پرٛأو۔ تاہم تہٕ روٗزنہٕ یہِ مسلمان شأعرن تامتھے محدوٗد، اتھ منز روٗدی واریاہ غأر مسلم شأعر حضرات تہٕ طبع آزمائی کران تہٕ آنحضورنٛ ہندِ خأطرٕ عقیدتُک تہٕ احترامُک بے واے پأٹھی اظہارا کران۔

یہِ چھے اکھ مُسلمہٕ کتھ زِ صنفِ نعتُک دَس ووتھ باضابطہٕ پأٹھی آنحضورنٛ ہندِ مکہ معظّمہ پیٹھہٕ مدینہ شریفس کُن ہجرت کرنس پتہٕ حالانکہِ امہِ برٛونٛہہ تہٕ أسی تہندِس توصیفس منز مکہ شریفس منز شعر ونہٕ آمتی تہٕ قرانِ کریم چھُن مختلف صورتن تہٕ آیتن منز اوس خداے ذوالجلالن پننہِ نِس محبوب حضورِ اکرمٛ ہندِ نعتُک پانہٕ تہٕ دس ٹُلمت یوس اتھ پتہٕ فِکری بنیاد بنیاے۔ امیُک تفصیلی تذکرٕ چھُ کتابہٕ منز الگ پأٹھی کرنہٕ آمُت۔ ییلہِ مدینچو کوربو آنحضورٛمن ہندِس استقبالس دوران یتھ ہوی شعرنی البدیہہ وٗنی ''طَلَعَ البدرُ علینا...... (الخ) یعنہِ ''وداع بالہٕ تھونگہِ پیٹھہٕ آواسہِ کُن لوٗبہٕ وٗن تہٕ نبہٕ وٗن ژٛندرٕ''...... تہٕ تمہِ پتہٕ دربارِ نبیؐ ہندی شأعر حضرت حسان بِن ثابتؓ ہندِ دٔسی خوبصورت تہٕ مأری مٔندی نعت لیکھنہٕ پیٹھہٕ از تام گوٚو نہٕ نعت لیکھنکِس سِلسِلس کانْہہ تہِ ژھنن۔ نہٕ کُنہِ علاقس منز، نہٕ کُنہِ زبأنی منز، نہٕ کُنہِ زمانس

منز۔ مختلف شأعرو، عألمو تہٕ عاشقانِ رسولؐ مٗو شوقچہ یِیمہِ وارفتگی تہٕ یژھہِ پژھہِ ہنٛدِس عالمس منز نعت تخلیق کٔرتھ پَن پننہِ عقیدتُک اظہار کوٚرمُت چھُ تمیُک مطالعہ تہٕ تحقیق روزِ تا ابد عالم اِنسانیتس سکوٗنِ قلب تہٕ ایمانس منز حلاوت تہٕ حرارتھ بخشان۔

اللہ تعالیٰ سٕنٛدِس بارگاہس منز چھُس بہٕ لچھ لچھ شکرانہٕ بجاانان یِیمہِ سٕنٛدِ فضلہٕ تہٕ کرٕمکی بدولتھ مےٚ ہِوس ناچیز تہٕ فرومایہ اِنسانس پٔتمین ژٕہن وٕری یَن ہنٛدِ مُسلسل تحقیقہٕ پتہٕ "جمس تہٕ کشیرِ منز کأشرِ نعتیہ ادبک توأریخ" (نعت گوئی ہنٛدِس عالمی تنوظرس منز) ہِش کِتاب لیکھنٕچ سعادت حاصِل سپٕز یوس مختلف موزوٗن ترین عنوانن منز بأگرأوِتھ لیکھنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ کِتاب پٔرتھ ہیکن قارٔین حضرات اَمہِ چہِ کُلہم عصری افادیتُک تہٕ اہمیتُک اندازٕ لٲگِتھ۔ رسولِ کریم صلعمؐ ہِنٛز عظیم شخصیژ ہنٛز راہنمائی تہٕ قیادتس منز یوس اسلامی توأریخ لیکھنہٕ آےٚ تہٕ یِیمہِ ستی دورِ جہالتُک اکھ طوٗفانِ عظیم ختم گوٚو تہٕ نوٚو تہذیب تہٕ تمدن تہٕ عألمی اخوتُک تہٕ انسانی عظمتُک دور بارسس آو سُہ چھُ عالمی توأریخُک اکھ مأری موند تہٕ تھٔکِن لایق حِصہٕ اماپوٚز اَمہِ کہِ بدولتہٕ عربی، فارسی تہٕ پتہٕ اُردو تہٕ کأشرِ زبانن علاوٕ بیٚین زبانن منز یُس مہذبانہٕ ادب پأدٕ گوٚو سُہ تہٕ ہیکہٕ نہٕ صرفِ نظر کرنہٕ یِتھ۔ اَمہِ ادبٕچ معطر ہِی پھوج صنفِ نعتکی رٕنگی یِیمہِ سارےٚ عالمس کوم کٔرِتھ پٔنٕز خوشبوٚے پھٲلنوٚو۔

مےٚ چھُ عربی فارسی اُردو تہٕ کأشرِ زبانن منز عالمی سطحس پیٹھ صنفِ نعتُک ارتقائی سفر حتی المقدور کِتابہٕ ہنٛز تنگ دامأنی باوجوٗد، تدریجی تہٕ توضیحی اندازس منز مُستند حوالو ستی پیش کرنٕچ کوٗشش کرمٕژ تہٕ خاص کٔرتھ کأشرِ نعتس پیٹھ توجہ مُرتکز کران کشیرِ تہٕ جمی ہنٛدبن نمائندٕ نعت گو شأعرن ہنٛدِ کلامٕچ تہٕ تہنٛدبن ادبی کارنامن ہنٛز کتھ کٔرمٕژ۔ کشیرِ ہنٛدبن نعت گو شأعرن ہنٛدی موختصر کوائف تہٕ

نعتن ہنٛدی نموٗنہٕ چھِ اَکِس ترتیب وار حِسابس منز شامِل آمتی کرنہٕ یِوٚ دوٚے زَن جیٚمہِ صوبکٮ۪ن تقریباً سارِنٕے نعت گو شاعرن ہنٛدی مناسِب تعارف، تہنٛدِ تخلیقی باوِژ بلُک تجزیہ کرنہٕ علاوٕ تہنٛد بن نعتن ہُنٛد موٗلُل سرمایہ تہٕ چھُ کِتابہِ منز شامِل کٔرِتھ محفوظ آمُت کرنہٕ۔ یہ کرنہٕ علاوٕ روٗدمیٚون اکھ مقصد یہ تہٕ زِ امہِ عظیم تہٕ مُقدس صنفِ سوٗ ہتُک عالمی سطحس پیٹھ مختلف زبانن خاص کٔرِتھ عربی، فارسی، اُردو تہٕ کاشرِ زبانن منز تخلیق کرنہٕ آمتہِ شعری سرمایہ کہِ ارتقائی سفرُک یُس قریب قریب ڈوڈ ساس وٚری یَن پیٹھ احاط کران چھُ، تہٕ اتھ دوران لِسانی اعتبارٕ اتھ منز رونما سپدن واجین ہیٚتی تہٕ موضوعی تبدیلن ہُنٛد تقابلی مُقابلہ کرنہٕ تہٕ عربی فارسی تہٕ اُردو نعتن ہُنٛد کاشرِ زبانی ہنٛد بن نعت گو شاعرن تہٕ تہنٛد بن نعتن پیٹھ پہمتہِ اثرُک وِرٕ ھنے کرنہٕ باپتھ تہٕ گوٚ ژھ مُناسِب مواد فراہم کرنہٕ یُن۔ شاید آینٛدٕ تحقیق کرن والین اَدیبن کرِ یہ کِتاب امہِ حوالہٕ یکجا کوٚرمُت کم کاسہٕ مواد فراہم تہٕ نوٚو مواد ژھارنس منز تہٕ آسانی پادٕ۔ مذکور سپزٕ مژن زبانن ہنٛد بن نعت گو شاعرن علاوٕ چھِ مےٚ جمی تہٕ کٔشیرِ ہنٛدی گوجری تہٕ پہاڑی بولین ہنٛدی تہٕ کیٚنٛہہ شاعر تہٕ تہنٛدِ نعتیہ کلامٕکی نموٗنہٕ شامِل کِتاب کٔری متی۔ یمن زبانن ہنٛز نعتیہ شاعری تہٕ چھےٚ توجہ طلب۔

نعت لیکھنٕکی بیوٚن بیوٚن انہار، امٕکی وصف، موضوعات، لوٗازِمات، آداب تہٕ حدوٗ دَن پیٹھ تبصرٕ کرنہٕ علاوٕ چھُ مےٚ دورِ رسالتٕکی کیٚنٛہہ نامور نعت گو شاعر، شاعری تہٕ شاعرن مُتلق قرآنی توضیح، ایران تہٕ برٕ صغیر ہند و پاکس منز عربی تہٕ فارسی زبانن منز نعتُک آغاز تہٕ یتی کٮ۪ن عربی تہٕ فارسی زبانن ہنٛدی مقبول، معتبر تہٕ معروٗف نعت گو شاعرن، برِ صغیرس منز اُردو نعتُک ارتقاء تہٕ امہِ زبانی ہنٛد بن نامور شاعرن ہنٛدی نعتٕکی نموٗنہٕ، غار مسلم اُردو نعت گو شاعر تہٕ تہنٛدِ کلامٕکی نموٗنہٕ، جمی تہٕ کٔشیرِ

ہنٛدی نمائندٕ اُردو نعت گو شاعر، کشیرِ منز کاشرِ نعتُک آغاز تہٕ ارتقاء، معروٗف کاشرِ نعت گو شاعر، زنانہٕ شاعرات، صوفی شاعر یمو نعت وِنی ، پنڈت نعت گو شاعر (یمہٕ وُنہٕ کٕنِن جوٗمس منز رِہائش پذیر چھِ) تہٕ یمن سارِنٕے ہنٛدِ کلامکی نموٗنہٕ تہٕ تہُنٛد موختصر تعارف شامٕل کِتاب کوٗرمُت۔

جمٔی صوٗبس منز کاشرِ نعتُک آغاز تہٕ ارتقاہَس پٹھ بیٛون پاٚٹھی حتیٰ المقدوٗر بحث کرنہٕ علاوٕ چھِ شاعرن ہنٛدی حالاتِ زندگی تہٕ مختلف زبانن منز تخلیق سپد مٕتس ادبَس تہنٛدِ دِیتُک تہٕ نمائندگی ہنٛز تہٕ وِشٕھنے آمٕژ کرنہٕ۔ یہ کٔرِتھ چھےٚ مےٚ ووٚمید زِ جمٔی صوٗبکی سارے معتبر تہٕ مقتدر شاعر گرٕھن پوٗرٕ پاٚٹھی کشیرِ تہٕ کشیرِ نبر نعتکٕین پٔرستارن تہٕ تخلیق کارن ستی مُتعارف تہٕ جمٔی صوٗبکی کُلہم نعت گو شاعر تہٕ ہکِن پانہٕ وٲنی اکھ أکِس ستی یمو نعتو تہٕ تعارفی کلماتو بدولتہٕ متعارف سپدِتھ۔ یہ چھےٚ اکھ حقیقتھ زِ کشیرِ یا دلی منز شائع سپزمٕژن کاشرِ نعتیہ سوٗمبرنن منز روٗدی اوٚنگجن پٹھ گنٛزراونہٕ یِنہٕ وٲلی تِمٕے آٹھ دٔہ جمٔکی نعت گو شاعر جاے پراوان یِیمہٕ کانٛسہٕ قلمکارن گوٗڈنتھے متعارِف کرناوِمتی آسی، اَماپوٗز نعتیہ ادبُک بوٚڈ تہٕ قابلِ توجہ کاروان روٗد ازتام سانٛہِن یتھ کھور علاقن منز گُنہٕ راہنمائی ورأے ادیچن بیٛون بیٛون صِنفن علاوٕ صنفِ نعتکِس مقدّس ادبس تہٕ گوڈ بران تہٕ پوچھر دِوان یِیمِیُک انداز یہ کِتاب پرنہٕ پتے لاگنہٕ ہکہٕ یتھ۔ یتھ کِتابہٕ منز چھِ کیٚنژن معروٗف نعت گوٚن والیٚن گلوٗ کارن ہنٛدی ناو تہٕ نعت تہٕ تبرکاً شامٕل آمتی کرنہٕ تہٕ کیٚنژن سیرت نگارن ہنٛدی تہٕ۔ یِیتہٕ چھِن کیٚنژن نمائندٕ زنانہٕ شاعراتن ہُنٛد کلام تہٕ تہُنٛد موختصر تعارف تہٕ چھُ درج کرنہٕ آمُت۔

یہٕ چھُس تِمن سارِنٕے نعت گو شاعرن، ادیٖبَن تہٕ پنٕنہٕ نبن رُت کانٛچھن

والین رفیقن ہُند سۆ دِلہٕ شُکرٕ گُذار یمو ۳۱ / دسمبر ۲۰۰۱ء چہ میانہٕ طرفہٕ لیکھنہٕ آمژ
چھِ لول بران تہٕ میانٕ قدردانی تہٕ مقدس صنفِ نعتُچ اہمیت زانان مے پنٕن کلام تہٕ
تعارفی خاکہٕ یا تہٕ پانہٕ واتناوتھ مے حوالہٕ کۆر نتہٕ رجسٹری کرٕ کرٕ مے آیتن
تھۆو۔ تمن مولفینن، مصنفین، اِدارن تہٕ تنظمینن ہُند تہٕ چھُس شکرانہٕ کران یِہنزن
قلمی کاوشن، کِتابن، رِسالن، اخبارن ہُند مے یِڈ بٔرتھ اِستفادٕ کۆر۔ تِہند ذِکر چھُ
کِتابہٕ ہِندِس آخرس پیٹھ وزِہ وٲنجہ کرنہٕ آمت۔ تاہم کینژن ادارن، مصنفینن تہٕ
شاعرن ہُند ذِکر ہمراہ تہٕ لوژراوِ میانہٕ دِلک بار تہٕ غُبار یِیٚ دوٚے بہٕ تِہنزن بالواسطہٕ
تہٕ بلا واسطہٕ عنایتن ہُند موختصر پٲٹھی کِتاب اختتام کرنہٕ برٚونٹھ ذِکر کرٕ۔

سارِنے برٚونٹھ چھُس بہٕ یِژھان ریاستی کلچرل اکیڈمی ہِندِین مختلف
دورن ہِندِین سربراہن، ایڈیٹرن، مضموٗن نِگار تہٕ مولفینن ہُند شوِد دِلہٕ ستی شُکریہ
ادا کرُن یمو امہٕ اہم ثقافتی ادارٕ پیٹھ کاشرِ شیرازٕ کی خصوصی نعت نمبر تالیف کٔرتھ
شایع کرناوی تہٕ سخت محنت تہٕ جانفشانی ہُند مظاہرٕ کران صنفِ نعتس وُسجار دِیت تہٕ
امیُک ہر لحاظ باڈو ہُررو۔ بہٕ چھُس خصوصی طور ڈاکٹر رشید نازکی صٲبنہٕ مقتدر تہٕ
معتبر کِتاب "کُلیات نادِم" یوس کاشرِ نعتیہ ادبس منز اکھ بنیادی تہٕ اَساسی حیثیت
تھاوان چھے، ذِکر کرُن یژھان۔ اکیڈمی کرٕ یہٕ کِتاب ۱۹۸۵ء یَس منز شائع۔
نازکی صٲبن چھُ گوڈنچہ لٹہٕ کشیرِ ہِندِین معرُوف نعت گو شاعرن ہِندِ کلامکی نمونہٕ
دِتھ تہٕ تِہندِس کلامس شرعی حدوٗدن اندر روٗزِتھ وِژھنے کٔرتھ پننہٕ ذہانتُک تہٕ قلمُک
جودت ہاوِتھ نعتس پیٹھ آینٕد کام تہٕ تحقیق کرن والین کِژ اکھ صاف تہٕ شفاف
وَتھ تامیر تہٕ تجویز کٔرمژ۔ اتھ کِتابہٕ ہکو اَسی نعتُچ ریفرنس کِتاب تہٕ وَنِتھ۔ مے
کۆر امہٕ کِتابہٕ قدمس قدمس پیٹھ (یہٕ کِتاب لیکھنس) منز راہنمٲیی تہٕ تہٕ مواد تہٕ

فراہم۔ مےٚ نِش چھُنہٕ نازکی صابس شُکرانہٕ کرنہٕ خاطرِ مناسِب لفظے، اَماپٔز بہٕ چھُس تِہُند سٮ۪ٹھاہے ممنونِ احسان۔

اَمہِ پتہٕ آیہِ نعتیہ ادبس پٔٹھ محترم محمد یوسف ٹینگ صأبنہِ سرپرستی منٛز ے اکھ بیا کھ کِتاب ''نوٗرِ آگُر'' اکیڈمی ہٕندِ اہتمامہٕ بارسس یوس مرحوم بشیر اختر تہٕ مرحوم مرزا عارف دٔسی ۱۹۸۷ؠ یَس منٛز تألیف کرنہٕ آیہِ۔ عالمی سطحکین کیٛژن عربی، فارسی شأعرن ہٕندِ نعتیہِ کلامہٕ علاوٕ چھِ اتھ بے نظیر کِتابہِ منٛز گوڈنچہِ لٹہِ واریاہَن کأشرِ نعت گو شأعرن ہٕندی پٔزِ پٔزِ نعت شأمِل آمِتی کرنہٕ۔ اتھ منٛز چھِ گوڈنچہِ لٹہِ جمہِ ہٕندِہن دون ترہن شأعرن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ شأمِل کرنہٕ آمُت یَمن منٛز گامگار کشتواڑی تہٕ رسا جاودأنی شأمِل چھِ۔ اِو پتہٕ آو اَسہِ بروٚنٹھ کنہِ کشمیر یونیورسٹی ہٕندِ شعبہ کأشرِ کہِ طرفہٕ شائع سپدمُت ''انہار'' رسالُک نعتیہ ادب نمبر یُس ڈاکٹر مرغوب بانہالی ہٕندِ سربراہی منٛز ۱۹۹۲ؠ یَس دوران چھاپ سپُد۔ یہِ چھُ کیٛژن کأشرِ نعت گو شأعرن ہُنٛد کلامہٕ علاوٕ نعتکین آگرن کوم کُرتھ کأشرِ نعتکس ارتقاہَس پٔٹھ واریاہَس حدس تام گاش ترٛاوان۔ مےٚ کوٚر امیُک تہٕ ضرورتہٕ مطأبق استفادٕ۔ مظفر خان فروتنؔ (مرحوم) صابنہِ تألیف ''نعتِ مصطفےٰ'' یوس نعتکی واریاہ گوشہٕ گاشراوان چھےٚ سپزٕ ۲۰۰۲ؠ دوران شائع۔ مےٚ آو امیُک مولُل موادراس تہِ تہٕ بکار تہِ۔ فروتنؔ مرحومن چھِ جمہِ صٔہکی آٹھ دٔہ نعت گو شأعر گوڈنچہِ لٹہِ شأمِل کِتاب کٔرؠمتی۔ یِہُند استفادٕ اِو پتہٕ کیٛژو قلمکارو کِتاب لیکھنہِ وِزِ کوٚر۔

اللہ تعالیٰ دِیِن یِمن سارِنے مرحومن ژون لبن جنت!

---

۱۔ انہارک نعت نمبر کوٚر مےٚ ڈاکٹر شفیع شوق صابن اُکس مُلاقاتس دوران مرحمت۔ تِہنٛد تہٕ چھُس بہٕ شُکر گذار۔

ساہتیہ اکادمی گر منشور بانہالی صأبس تفویض کرنہٕ آمژ کتاب ''جمہ صوٗبس منز کأشرِ ادبک توأریخ'' ۲۰۰۱ؠ دوران چھاپ۔ یہ کتاب چھےٚ کأشرِ ادبکس توأریخس منز جمہ صوٗبکہ حوالہٕ اکھ اہم مُقام تھاوان ییتھ منز جمہ صوٗبکبن ہتہ بدٕبن شاعرن ہندی زِندگی ہندی احوال، تہنز شاعری تہ شاعرانہٕ مقامُک ذِکر بلیغانہٕ تہ غار جانبدارانہٕ انداز منز کرنہٕ چھُ آمُت۔ اتھ منز چھہ واریاہن شاعرن ہندِ نعتیہ کلاٗمکی کینٛہہ نموٗنہ تہِ شأمِل آمتی کرنہٕ۔ منشور صأبن چھےٚ یہ کتاب لیکھنس منز پننہ سارے تخلیقی قوت تہ باوژ بلیچ کتہ کتہ کروٗنی رنگینی ورتأوِتھ اکھ بڈی توأریخی کأم سرانجام دِژمژ تہ جمہ صوٗبکہ کأشرِ ادبکی واریاہ گوشہٕ أنی کڈِتھ۔ مےٚ کوٗر امہ کتابہ ہند پوٗر استفادٕ ییمہ خأطرٕ بہ منشورٕ بانہالی سُند ممنون چھُس۔

امہ بروٗنٛہہ اوس کشمیر یونیورسٹی ہندی کأشرِ شعبن ناجی منور تہ شفیع شوق صأبنہ دٔسی ۱۹۹۲ؠ یَس منز ''نو کأشرِ ادبک توأریخ'' ناوِچ معروٗف کتاب شائع کرناوِمژ ییتھ منز جمہ صوٗبکبن دون ترٕبن شاعرن ہندِ حوالہٕ رٔنگی تہ کتھ چھےٚ آمژ کرنہٕ۔ مےٚ کوٗر امہ نادرِ کتابہٕ ہُند تہِ مُناسب استفادٕ (خصوٗصی طور کشیرٕ ہندبن کینٛژن شاعرن ہندبن زادبن تہ لسن بسن جایَن ہندِ حوالہٕ)۔

کأشرِ ادبی مرکز بانہال کہِ طرفہٕ شائع سپدن وول ''گولاب'' ماہنامُک ''سرورِ عالم نمبر'' تہ پیر پنچال ادبی فورم بانہال کہِ اہتمامہٕ شائع سپدمتہ ''آبشار'' رِسالُک ''نعت نمبر'' رۄدی مےٚ نعتکہِ حوالہٕ کافی حدس تام ضرۄری مواد فراہم کرنس منز فایدٕ مند۔ یمن رسالن ہنز سرپرستی تہ ادارت چھہ بالترتیب معروٗف شاعر منشور بانہالی تہ ظاہر بانہالی کران۔

بہ ہیکہٕ نہ اسیر کشتواڑی صأبنٕز معروٗف کتاب ''ضلع ڈوڈہ کی ادبی

شناخت'' کُنہِ صوٗرتس منز تہٕ مشرٲوِتھ یتھ منز غار منقسم ڈوڈہ ضلعکین واریاہن شاعرن، ادیبن تہٕ قلمکارن پٮ۪ٹھ بحث کرنہٕ آمژ چھےٚ۔ یہ ضخیم کِتاب سپز ۱۹۹۸ء یَس دوران چھاپ۔ اسیر صابن چھُ امہِ ضلعکین کینژن شاعرن ہُند نعتیہ کلام تہٕ اَتھ اَساسی نوعیتچہِ کِتابہِ منز شامِل کوٚرمت یمیُک استفادٕ پرتھ اکھ ادیبن تہٕ محقِقن کوٚرتہٕ آیندٕ تہِ کران روزن۔ مےٚ کیازن روزِہے امہِ گلُک زرِ گل ژہنس ٹھوٚر۔

عزیز حاجنی صابٕنز معروٗف تالیف ''کاشرِ نعت'' یوس ساہتیہ اکیڈمی بڈٕ اہتمامہٕ سٟتی شائع گٔر چھےٚ نعتیہ ادبس منز اکھ بیاکھ میلہٕ پٹھ لاگنس منز کامیاب گژھان۔ حاجنی صابن چھُ کٔشیرِ ہندبن معروٗف شاعرن علاوٕ جمہٕ کین آٹھن دٔہن شاعرن ہُند نعتیہ کلام تہٕ تارٖیخ پادائشہٕ ہِندِ حسابہٕ اتھ منز شامِل کوٚرمت۔ کاشر پنڈت تہٕ زنانہٕ شاعرو تہِ چھےٚ کِتابہٕ ہندبن صفحاتن منز مناسب جاے پرٛاوِمژٕ۔ امیُک دیباچہِ تہٕ چھُ پرُن لایق یتھ منز نعتکین کینژن آولی مسلن پٮ۪ٹھ شرعی حدوٗدن اندر رٲتھ چھےٚ آمژ کرنہٕ۔ مےٚ روٗدٕ امہِ کِتابہٕ ہندی کینہہ ورق سوٗدمند۔

مذکور سپز ہمژ و نادِر تہٕ مولجہِ کتابو علاوٕ کوٚر مےٚ نعتہِ کہِ حوالہٕ واریاہن کِتابن ہُند استفادٕ یِہُند تفصیل آخرس پٮ۪ٹھ اکِس فہرستکِس صوٗرتس منز شامِل کِتاب کرنہٕ چھُ آمت۔ تاہم چھُس بہٕ بشیر احمد بٹ پونچھی مرحوم سِندِ خاطرٕ دست بدعا زِ اللہ تعالیٰ کرِن تمن مغفرت تہٕ لرٕ لرٕ گرِن تمن جنت الفردوس نصیب۔ مرحوم اُسی ہمیشہِ میانِس آلوس کن تھاوان تہٕ مےٚ پٔنُن مدد آیتن تھاوان۔ تموٚ کوٚر پروٗنژھ علاقہِ کین واریاہن نعت گو شاعرن ہُند کلامہٕ ووٚن دِتھ مےٚ بذریعہٕ ڈاک ارسال۔ یمہِ میانِ تحقیقی کامٕ واریاہس حدس تام لوٗژرٲو۔ مرحوم اُسی نوکری

ہِندِس سِلسِلس منز میأنِس پزٕ نٕژھ قیامکس دورانس منز تہٕ میأنی خلوٗصہٕ سان مہمان نوأزی کران۔

زمین کھا گئی آسمان کیسے کیسے؟

تِتھے کٔنز چھُس بہٕ مُشتاق فریدی، منشور بانہالی، اسیر کشتواڑی، بشرابن نشاط، ظاہر بانہالی، عطا محمد دیو، مسکین دِلنواز (گولوی) ہوٚبن فاضل سوخن شناس تہٕ قلمکارن ہُند دِلچوٗ عمیق گہرأیو ستی شُکریہ ادا کران یمو نہٕ صرف مےٚ پنٕن کلام سوٗزٕ بلکہِ پننہٕ اوٗند پوٚکھ لسن بسن والین شأعرن ہُند نعتیہ کلام جمع کٔرِتھ مےٚ آیتن تھٲوِتھ بجہِ فراخدِلی سان تہٕ وٕژھ واٚلنجہِ مےٚ اتھہِ روٹ کوٚریوٚ کٔنز یہِ مُقدس کأم انٛد وأژ۔

بہٕ ہکہٕ نہٕ یہِ دعوا کٔرِتھ یا لاف دِتھ زِ جمہِ صوٗبکین شأعرن ہِندی نعت کیاہ چھِ کُنہٕ استعاراتی یا فنی کمالاتن ہِندی مظہر اماپوٚز پننہٕ ثقافتی مرکز (کشیرِ) نشہٕ دوٗر تہٕ ژھنہِ آسنہٕ علاوٕ کُتب بینی ہِندی وسائل محدوٗد آسنہٕ باوجود چھُ سارِوے شأعروحتیٰ المقدوٗر پنٕن پننہٕ رنگہِ بڑٕ تاشوقہٕ، احترامہٕ ستی سیوٚد ساد پأٹھی والہانہٕ عقیدتکی گُل دستہٕ پأراوِتھ رسالت مآب حضرت محمد صلی اللہ علیہِ وسلمن پیش کرنٕچ سعادت حأصِل کرمٕژ، کیٚژن نو آزمودِ شاعرن ہنزٕ خاہشہِ مُطأبِق کٔری مےٚ تہندی کیٚنہہ نعت کم کاسہٕ ترمیم یا اضافہ کٔرِتھ کِتابہِ منز شأمِل۔ مُتعلقہٕ قلمکارن لگہٕ کِتاب پٔرِتھ پانے پَے زِ تہنٛدیو نعتو کوس نٔو صوٗرتھ چھےٚ اختیار کٔرمٕژ۔ بہٕ چھُس تمن قلمکارن ہُند تہٕ سبٕھے ممنوٗن یمو یہِ کارِ خأر انجام انٛنہٕ خاطرٕ بہٕ پننہٕ نِس دُعاے خأرِس منز شأمِل تھوٚوُس۔ یتھ کلامس منز چھِ غلام رسول گامگار (مرحوم)، رسا

جاوِدانی (مرحوم)، مُشتاق فریدی، مرغوبؔ بانہالی، نشاطؔ کشتواڑی (مرحوم)، منشور بانہالی، شہبازؔ راجوری، بشیر بٹ پونچھی (مرحوم)، شوکت فریدی، رِند بھدرواہی، وفا بھدرواہی، جانباز کشتواڑی تہٕ اسیرؔ کشتواڑی ہِو بن مقتدر تہٕ معرۇف شاعرن ہنٛدۍ نعت، عالمی سطحکین نعتن ہنٛدۍ تقاضہٕ واریاہَس حدس تام پۆرٕ کران۔ سأنۍ وَتھ ہُنی نعت گوشاعرتہٕ ہکن انشا اللہ جلدٕ ے پننہٕ قلمک جوٗدت ماںہٕ نأوِتھ۔

برِصغیرٕ کی کأشرِ تہٕ اُردوٗ زبانٕن ہنٛدِس معرۇف تہٕ تھدِ پایکی دأنِشور، نقاد، أدیب، محقق، لِسان ساز تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدۍ ژُکہٕ در جناب محمد یوسف ٹینگؔ صأبُن چھُس بہٕ سٹھاہے شکر گُذار تہٕ ممنونِ احسان یَمو شعرو اَدبکہٕ حوالہٕ میأنین ہجن کُجن رٕکھن ہر ہمیشہٕ لول بۆر تہٕ میأنۍ حوصلہٕ افزأیی کٔر یِوٕ کنہٕ بہٕ ''ضلع ڈوڈہکی کأشرۍ لُکہٕ باتھ'' تہٕ پننہٕ کلاٛمچ سۆمبرن ''گوشن ہنٛدۍ پوش'' بالترتیب ۱۹۷۲ءٕ تہٕ ۱۹۹۸ء دوران ترتیب دِتھ شایع ہیٚکُس کٔرِتھ۔ پٛژن خلوٗص تہٕ موحبتھ آیتن تھاوِنٕکس أتھی جذبَس تحت کٔر تِمو طبیعت ناساز آسنہٕ باوجوٗد، میأنہٕ زیرِ نظر نوِ تحقیقی کِتابہٕ ہُند پیشِ لفظ لیکھنٕچ تہٕ رضامندی ظاہر۔ مےٚ ہِوس فرمایس نِش چھِنہٕ تِمہٕ لفظے موجوٗد یِمن منز بہٕ اَمہٕ حوالہٕ تِہنٛز بے لوٗث ہمدردی تہٕ قأبلِ رشک اِنسان شناسی تہٕ خلوٗصہٕ برٛزِ اَدب پروری ہُند شُکریہٕ اَدا ہیکہٕ کٔرِتھ۔ اللہ تعالیٰ کٔرِنکھ ا یمأنس منز ہُر بر تہٕ اورزوٗ تہٕ دور کۆٹھ کٔرنکھ عطا! (آمین)

جناب رنکو کول صأبُن تہٕ چھُس بہٕ سٹھاہے شُکر گُذار، یِمو یہٕ کِتاب بڈٕ محنت، ژُکہٕ سان کمپیوٗز کٔر۔

ہندِس سِلسِلس منز میانِس پرٛزنٛژھ قیامکس دورانس منز تہٕ میأنی خلوٗصہٕ سان مہمان نوازی کران۔

زمین کھا گئی آسماں کیسے کیسے؟

تتھے کٔنز چھس بہٕ مُشتاق فریدی، منشور بانہالی، اسیر کشتواڑی، بشرابن نشاط، ظاہر بانہالی، عطا محمد دیو، مسکین دِلنواز (گولوی) ہیوٗن فاضِل سوخن شناس تہٕ قلمکارن ہنٛد دِلچوٗ عمیق گہرٲیو ستی شُکریہ ادا کران یِمو نہٕ صِرف مےٚ پنٛن کلام سوٗزُکھ بلکہ پننہٕ اوند پوکھسن بسن والین شاعرن ہنٛد نعتیہ کلام جمع کٔرتھ مےٚ آیتن تھٲوِتھ بجہ فراخدِلی سان تہٕ وژہِ وٲنٛجہ مےٚ اتھِ روٹ کوٚر یوٚکنٕی بہٕ مُقدس کأم انٛد واتٕژ۔

بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہِ دعوا کٔرِتھ یا لاف دِتھ زِ جمہِ صوٗبکین شاعرن ہنٛدی نعت کیاہ چھِ کُنہِ استعاراتی یا فنی کمالاتن ہنٛدی مظہر اماپوٚز پننہِ ثقافتی مرکز (کشیرِ) نشہٕ دوٗرٕ تہٕ ژھنہِ آسنہِ علاوٕ کُتب بینی ہنٛدی وسائل محدوٗد آسنہِ باوجود چھُ سارِوے شاعروحتیٰ المقدوٗر پنٛن پننہِ رنٛگہٕ بڑٕ تاشوقہٕ، احترامہٕ ستی سیوٚد ساد پأٹھی والہانہٕ عقیدتکی گُل دستہٕ پأراوِتھ رسالت مآب حضرت محمد صلی اللہ علیہِ وسلمن پیش کرنٕچ سعادت حاصِل کرمٕژ۔ کینٛژن نو آزمودِ شاعرن ہنٛزِ خاہشہِ مُطابِق کٔری مےٚ تہنٛدی کینٛہہ نعت کم کاسہٕ ترمیم یا اضافہ کٔرِتھ کِتابہ منٛز شامِل۔ مُتعلقہٕ قلمکارن لگہِ کِتاب پٔرِتھ پانے پےٚ زِ تہنٛدِ یو نعتو کوس نوٗ صوٗرتھ چھےٚ اختیار کٔرمٕژ۔ بہٕ چھس تمن قلمکارن ہنٛد تہٕ سٹھاہ ممنوٗن یِمو بہٕ کارِ خأر انجام انٛنہِ خاطرٕ بہٕ پننہٕ نِس دُعاے خأرس منز شامِل تھوٗس۔ یتھ کلامس منز چھِ غلام رسول گامگار (مرحوم)، رسا

جاوِدانی (مرحوم)، مُشتاق فریدی، مرغوب بانہالی، نشاط کشتواڑی (مرحوم)، منشور بانہالی، شہباز راجوری، بشیر بٹ پونچھی (مرحوم)، شوکت فریدی، رِند بھدرواہی، وفا بھدرواہی، جانباز کشتواڑی تہٕ اسیر کشتواڑی ہِیوٚن مقتدر تہٕ معروٗف شاعرن ہِندۍ نعت، عالمی سطحکٮ۪ن نعتن ہِندۍ تقاضہٕ واریاہَس حدس تام پوٗرٕ کران۔ سأنۍ وَتھ ژُنۍ نعت گو شاعرتہٕ ہکن انشا اللہ جلدٕے پننہِ قلمک جوٗدت ماںٕ ناوِتھ۔

برِصغیرٕکۍ کأشرِ تہٕ اُردوٗ زبانَن ہِندِس معروٗف تہٕ تھدِ پایکۍ دانشور، نقاد، أدیب، محقق، لِسان ساز تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہِندۍ ژُکہٕ در جناب محمد یوسف ٹینگ صأبُن چھُس بہٕ سٮ۪ٹھاہے شُکر گُذار تہٕ ممنونِ احسان یَمو شعرو اَدبکہٕ حوالہٕ میأنۍن ہٮ۪جن کٔجن رِٕکھن ہر ہمیشہٕ لول بوٚرتہٕ میأنۍ حوصلہٕ افزأیی کٔر یۄٚسنہٕ بہٕ "ضلع ڈوڈہٕکۍ کأشرۍ لُکہٕ باتھ" تہٕ پننہِ کلاچ سۄمبرن "گوشن ہِندۍ پوش" بالترتیب ۱۹۷۲ء تہٕ ۱۹۹۸ء دوران ترتیب دِتھ شایع ہیوٚکُس کٔرِتھ۔ پٔنُن خلوٗص تہٕ موجبتھ آیَتن تھاوِنِکس أتھۍ جذبَس تحت کٔرتمو طبیعت ناساز آسنہٕ باوجوٗد، میأنہِ زیرِ نظر نوِ تحقیقی کِتابہٕ ہُند پیشِ لفظ لیکھنٕچ تہٕ رضامندی ظأہر۔ مےٚ ہِوس فِرمائیس نِش چھِنہٕ تمہٕ لفظے موجوٗد یِمن منز بہٕ اَمہِ حوالہٕ تہنٛز بے لوٗث ہمدردی تہٕ قابلِ رشک اِنسان شِناسی تہٕ خلوٗصہٕ برٛژِ اَدب پروری ہُند شکریہٕ اَدا ہیکہٕ کٔرِتھ۔ اللہ تعالیٰ کٔرنکھ ا یمانس منز ہُر بر تہٕ اورزوتہٕ دور کوٚٹھ کٔرنکھ عطا! (آمین)

جناب رنکو کول صأبُن تہٕ چھُس بہٕ سٮ۪ٹھاہے شُکر گُذار، یِمو یہِ کِتاب بڈٕ محنت، ژُکہٕ سان کمپیوٗز کٔر۔



یہ کِتاب سپدن مے ہوس سیاہ کارِ ہندِ خأطرٕ تہٕ میأنین مرحوٗم والدینن ہندِ باپت تہِ روزِ محشرس منز سرکارِ دو عالم صلی اللہ علیہِ وسلمن ہنزِ نظرِ ترحُم تہٕ شفاعتُک وسیلہٕ ثأبت (آمین!)

تو غنی از ہر دُو عالم مَن فقیر
روزِ محشر عُذر ہأئے مَن پذیر
وَر حسابم را تُو بینی ناگُزیر
اَز نِگاہ مُصطفےٰؐ پنہاں بِگیر
(اقبالؒ)

گر قبول اُفتد زہے عزّ و شرف!

خاکسار
**بشیر بھدرواہی**



# پیش کلام

جناب بشیر بھدرواہی سنز یتھ قاموس نُما کتابہٕ وُچھتھ پیہٕ میہ اطالوی شاعر دانتے سنز Divine comedy یاد۔ ووٚنی چھُ تحقیق نگارو یہ پزٕ سرِ کھرٕ کوٚرمُت زِ امہِ شہرٕ آفاق کتابہٕ ہُند مرکزی خیالی یوت کیا زِ، امیُک format تہٕ اکھتٕے منظر نگاری ہُند ورتاو چھُ تمو معراج ناموٚ نشہِ اخذ کرنہٕ آمُت، یِم حضورؐ سرور کائنات سندِس سفرِ معراجس مُتعلق واریاہ مُسلمان شاعرو بیان اَسی کٔری متی ا۔ بجہٕ کتابہٕ چھُ گاشہٕ آنچہٕ ناگہٕ پوٚوکھرِ آسان۔ یِم زبانٕ منز واریاہَن نوٚرٕ جویَن وُزِنی چھِ دِوان۔ چنانچہ علامہ اقبالس اوٚپُن جاوید نامہٕ لیکھنُک خیال دانتے سُند شاہ کار پٔرِتھ۔ تمہ چھِ پانہٕ ونان:

آنچہ گُفتم از جہانے دیگر است
ایں کِتاب از آسمانے دیگر است

---

ا؎ وُچھو تحفہ السرور مرتبہٕ شمس الرحمٰن فاروقی۔ شب خون کتاب گھر الہ آباد۔ یوپی۔

تہٕندِ دعوٰی مُطابق چھُ ''جاوید نامہ'' دانتے سُنز کِتابہِ ہُند زن تہٕ جواب۔ اتھ کِتابہِ
منز چھُ ستن آسمانن ہندِ سفرُک حال احوال درج۔ یہِ روحانی سفر چھُ شاعر یعنی
مُرید ہندی پنہٕ نِس مرشد رومی سُنز ہمراہی بلکہِ پیشوائی منز کران۔ اَسہِ کأشرِ ن
ہندِ خاطرِ چھُ اتھ کِتابہِ ستۍ واٹھتھ سانہِ سعادت مندی ہنزٕ اکھ زٕ کتھٕ۔ گوڈنیتھ زِ
یہِ کِتاب یتھ حضرت علامہ پٔنُن سارِوٕے کھوتہٕ تھوٚد فِکری تہٕ ادبی کارنامہٕ زانان
آسۍ، سپز وُہمہِ صدی ہندِس تتھ ؤریِس منز قلمبند۔ ییٚمہِ وِزِ کأشر ہتہٕ بدٕ ن
ؤری یَن ہنزٕ غولامی ہندِ زولانہٕ پھٔٹراونٕکۍ خواب آسۍ وُچھان۔ (یہِ سپز جنوری
1932ء منز شائع)۔ دویم یہِ زِ اتھ آسمانی سفرس منز یِم بُلند مرتبہ ہستی یہِ علامہٕ
ہُس سمکھان چھِ تِمن منز چھِ سانہِ کشیرِ ستۍ واٹھتھ زِ نپہٕ نپہٕ کرٕونۍ تارکھ تہٕ
شامِل...... حضرت شاہ ہمدانؒ تہٕ مُلا طاہر غنی۔ بہرحال زیرِ نظر کِتابہِ ہندِ حوالہٕ
چھِ اصل کتھ یہِ زِ حضور سرورِ کونینؐ سُنز ذاتِ پاک چھِ تعریفن تہٕ توصیفن، تہٕ
درود و سلامن ہنزِ کدہِ طور ہش۔ تہٕ نعتچ صنف چھِ امے نوٗرٕ آگرٕکٕنہِ زٕژٕن ہُند
سدرٕ بل...... تہٕند اسمِ مُبارک چھُ بذاتہِ اکھ معجزہ ظاہر کران۔ ییٚلہِ عالمن ہُند یہِ
نوٗر بی۔ بی آمنہ سٕندِ تھنہٕ کاجہ کہِ روک پأٹھی طلوع سپُد۔ أمِس یتیم زاتُرس تھوو
بُڈِ بابہ عبدالمُطلبن ناو ...... محمدؐ۔ امہِ ناوُک معنے گو سُہ یَس تعریف، توصیف تہٕ
بٔنیہِ تعریف کرنہٕ یِن۔ یہِ ناو اوس تمہِ وِزِ تہٕ مکّہ چہ آزاد قبائلی بستی منز سبٹھے نادر
تہٕ نایاب۔ توٚے چھُنہٕ اَسہِ قریش کہِ زبر پأٹھی رژھرأوِمتِس یادداشتس منز یہِ ناو
زیادٕ گتُل نظرِ گژھان۔ اتھ اسمِ مُبارکس منز اوس امی سکلی وِزِ تہٕنزٕ روشن جبین تہٕ

نازینن ہُند اعلان مِلہٕ مِشہٕ تہٕ از ژودا ہہِ شتی ؤہری تہٕ چھِ سارےہے دُنیاہس منز گاشُک پرچم ہُتھ گرایہِ ماران۔ نعت چھِ حضورنؐ ہندبن اوصافن کارنامن، بجرن، تھزرن تہٕ کراماتن ہُند مُشکہٕ دریاو تہٕ اتھ منز چھِ حضرت حسان بن ثابت۔ شیخ سعدی شیرازی، مولانا جامی، حضرت امیر خسرو، علامہ اقبالس ہوبن شاہسوارن ہنٛدی ہدیہ نعت شأمِل۔ سانہٕ کأشرِ زبأنی چھُ یہِ شرف زن تہٕ نور دستارٕکی پأٹھی دوڈِ دِتھ زِ امہِ بابرکت صِنفہٕ ہُند ٔسلاب چھُ کأشربن سوخن سراین ہنٛدِ اِمامِ اول تہٕ پیشوا حضرت شیخ الدین نورانیؒ پانہٕ تُلان۔ امہِ پتہٕ چھُ خواجہ حبیب اللہ نوشہری یوان۔ حُمی ہنٛدِس نعتس منز چھِ ترٛٹھ برجستگی تہٕ لولہٕ مژر زِ ازتام چھُ تہُند نعت کأشرِ لیہِ منز نوٚن نیرتھ زن تہٕ سانبن رُمن رُمن شیہلاوان تہٕ پریزلاوان۔ یتھٕ کنٛی زن ییمہِ کتابہِ ہنٛدی لایق مُرتبن اِشارٕ کوٚرمُت چھُ حُمی ہنٛدِس نعتس منز چھُ مدینہ منورٕچین تمن کوربن ہنٛد ونہٕ وننک ہیٛو عقیدتی انہار تہٕ اندازٕ یُس تموتمہِ وِزِ وۄن ییٚلہِ حضورؐ ہجرت کہٕ کرٛہتھ سفرٕ پتہٕ مدینہ وأتی:

کُن تہٕ کنزأ آو ویئے      صوٗرتن منز ژاویئے

چھُس محمدؐ ناویئے      یارٕ گرٛشھوو دِویئے

یہِ چھُ کأشرِس منز نعت گوئی ہُند سہ صُبح صادِق ییٚلہِ نہٕ وُنہٕ 'عُرس' لفظ عام سپُدمُت اوس۔ حُمی چھِ مقامی لفظ 'دِوے' استعمال کران یُس سنسکرت پٹھ آمُت اوس۔ مگر امہِ کہٕ گرٕکلی بافتہٕ کنٛی چھِ نعت کِس تأثیرس منز بے پناہ ہُرہُر سپُدمُت۔ توٚے ماچھِ ونان زِ سہ چھےنہٕ وُچھان قلبس تہٕ قالس۔ سہ چھُ وُچھان

دِلہٕ کِس حالس۔ بہر حال ژھی ہِندِ نعتک اثر چھُ سورٕے نعت پرٕتھے پٔنن کمال
ہاوان۔ کأشرِس ادبس منز چھُ نعتیہ ادبس لالن مالہٕ گرِتھ واریاہ سۆمبرنہٕ مُہیا کرنہٕ
آمِژ۔ الحمد لِلّٰہ۔ کلچرل اکادمی ہُند ''نوٗرٕ آگر'' یُس مرزا عارفؔ تہٕ بشیر اخترن
ترتیب چھُ دیُتمُت۔ ساہتیہ اکادمی ہنز کِتاب ''کأشرِ نعت'' یتھ عزیز حاجنی
ترتیب کار چھِ۔ کشمیر یونیورسٹی کہِ کأشرِ ڈِیپارٹمنٹُک ''انہار'' رِسالُک نعت نمبر۔
یُس پروفیسر مرغوب بانہالین ترتیب چھُ دیُتمُت۔ بانہال کہِ ''گُلاب'' رِسالُک
نعت نمبر، یُس منشور بانہالی یَن ترتیب چھُ دیُتمُت تہٕ بێیہِ واریاہ تہٕ داہ درداہ۔ از
تہٕ چھِ کأشرِس منز پرٕتھ ؤری یہِ نعتیہ مُشاعرٕ سپدان تہٕ نعت تحریر یِوان کرنہٕ تہٕ
نورلمبکن ہُند یہِ رفتار تہٕ گتہٕ جار چھُ روان تہٕ جوان...... بشیر صأبنہٕ زیرِ نظر کِتابہٕ
منز چھِ یہِ روشن کہکشان پۆرٕ عقیدت مندی سان سۆنبراونہٕ تہٕ پریزلاونہٕ آمِژ۔ تمو
چھِ ریاستس منز کأشرِ نعتُک ذِکر کران اُردو، گوجری، پہاڑی بێترِ زبانٕن منز تہٕ
نعت گوئی ہُند رُت تہٕ بۆرُت تذکرہ کۆرمُت۔ تَوے روزِ یتھ کِتابہٕ سأنِس نعتیہ
لٹریچرس منز اکہِ میزانچ ہش صوٗرت حأصِل۔ نعت کِس آب کوثرس منز پننہٕ نین
قلمن طہارت کرن والین سانین سُخن ورن پێیہِ یێمہِ کِتابہٕ ہنز رنگہٕ رنگہٕ تہٕ گرِ گرِ
ضروٗرت۔

کأشرِس منز چھِ نعت گوئی ہِندِ جبلِ نورٕکی زِ اِبتدائی تھنگی عبدالاحد نادِمؔ تہٕ
ثنا اللہ کریری۔ مگر سانہِ صدی منز تہٕ گے اتھ منز کێنہہ بڑی ناو شأمِل۔ پیر عزیز
اُللہ حقانی، غُلام احمدؔ فأضِل، میر غلام رسول نازکی تہٕ امہِ کم پہن مرزا عارفؔ،

کامگار کشتوآڑی، مرغوب بانہالی تہٕ بیٚیہٕ واریاہ موصوٗف۔ بشیر بھدرواہی صأبن
چھِ امیُک مُناسب احوال ہوومُت بوومُت تہٕ توٗ ے چھِ اتھ موضوعس پٮ۪ٹھ یہ ڈ پٕژٕ زِ
تہٕ تہٕ سیر حاصِل۔ امہِ خأطرٕ چھِ تِمن واریاہ عرق ریزی کرٕنی پیمٕژ، مگر دراصل
چھِ اتھ تِہُند عشقِ نبیؐ تہٕ حُب رسولن شوٗب أنی مٕژ۔ تِمو چھِ کأشرٕس ادبس اکھ
پوشہِ وِنی لادن تھاوٕمٕژ مگر پَنٕنہِ خأطرٕ تہٕ بے شوٗنکھ پأٹھی توشہِ آخرت حاصِل
کوٚرمُت۔ تِمن دیُت کردگارن یہِ زبر توفیق تہٕ اتھ پٮ۪ٹھ پزِ تِمن پزی توشُن۔

یہِ کِتاب چھِ یٮ۪میہِ حِسابہٕ تہٕ جان زِ اتھ منٛز چھِ نعت گوین ہِندِ قبیلکی
واریاہ قسم وٕنہٕ یوان۔ زنانہِ نعت گو، غیر مُسلم نعتِ خوان تہٕ واریاہ تِتھی ناویم اسہِ
گوڈنچہِ لٹہِ کنن گژھان چھِ۔ حق چھِ زِ بانہٕ ہأج بال تہٕ پٮ۪تنی پہاڑکین تیٚشالبن تل
روزن والیو چھِ کیٚنژو ڈٕہلیو پٮ۪ٹھ ادبی کارنامن ہُند تیُتھ گوٚنگل شوٚرُو کوٚرمُت زِ
کأشرکِہ Mainstream گتہٕ ہِندی شاہسوار چھِ تِمن رشکہٕ سان وُچھان۔
اکہِ طرفہٕ چھِ تِہندی چناب ڈٕریاون بجلی گاشکی تیٚتی آگر رتھ کھأرٕمتی زِ اتھ
ڈٕریاوس چھُ چنابہٕ بدلہٕ گاشاب ناو تھاوُن زیٛادٕ دُرست باسان۔ دوییمہِ طرفہٕ چھِ
تِہُند أدیب قلمو ہِندِ آگرٕ کأشرس گاشہٕ سران کران۔ یہ چھِ تِہنزن صلاحیتن ہُند
نیب تہٕ أستھے، مگر اتھ پتہٕ کنہِ چھُ پنٕنہٕ نِس مأکنی لِسانی آگرس ستی نالہٕ موٚت
کرٕنک تِہند امارٕ تہٕ۔ تِم آیہ وقتہٕ کیو ظألمو تہٕ ظُلماتو کِنی کشیٖرِ منٛز کڈِتھ ژھننہٕ تہٕ
چھکراونہٕ۔ یہ فراق چھُ تِہندِس لاشعورس منٛز زلہٕ وُن تہٕ اتھ ستی چھُ یٮ۪میہِ اندیشُک
آوُلن تہٕ زِ ڈٕچھنہِ طرفٕچ زوراواری گژھ نہٕ تِمن کوچہٕ پھیٚوٚرکرٕنس تہٕ مأکنی کرانس

نِشہِ ولیوٗ نگ تھاوٕنس منز کامیاب سپدٕنی۔ یہِ ماٗنی تو تژٕھے ہِش کتھا زن کانٛہہ خانہٕ مول شُرٕ اہ گُنہِ ہوسہٕ دروسہٕ واجنہِ دیوٚ یہِ منز پکنہٕ وِزِ پننہِ ماجہِ لونٛچہِ چیرِ تھف کٔرتھ پکان چھُ۔ یتھ نہٕ چھگ لگنہٕ وِزِ سہٕ ژھہنہٕ گژھہِ۔ اللہ تعالیٰ تھوٕنی سأنس اتھ ہیٹھِس واٹھس ماٹھس لسن پائے۔

ہیاکھ کتھ یوس بہ ییمہِ کِتابہٕ ہنٛدِ حوالہِ باوٕن چھُس یژھان چھِ یہِ بقولِ بھدرواہی صأب اگرچہِ میرشاہ آبادین میقدارِ حِسابہٕ قلیل نعت وٕنی متٕ چھِ۔ مگر تِمنٛز عقیدت منٛدی چھِ عجب وِیہہ بدلاوان۔ سُہ چھِ باضے أکِس بالکل عشقیہ غزلس منز بے وایہِ پأٹھی نعتُک خوشبو باگراوٕن ہوٕان تہٕ سأرِسے أندِس پکِس مُشکاوان۔ وُچھِو توٗن تِہنٛدِ یہِ غزل:

مسہٕ لائے تیرِ مژگانے تہٕ لولو خشمہٕ ہتہٕ چشمِ مستانے تہٕ لولو

برٔی برٔی تھوے بہٕ شرابِ شیشس چشمہٕ ہتھ زِ پیمانے تہٕ لولو

تہ یِی ونان ونان عشقِ نبیؐ چہ سرمستی منز نخو گژھان۔ یتھِ کُنیٚ لنجہِ پٹھ بُلبُل وُچھان وُچھان روخ بدلان چھِ رسول میر سُنٛد آلو تہٕ چھُ نبس تارِ گنڈان تہٕ نعت ونان:

ذاتس گو تعشوق سالہٕ انن معشوقؐ

ونہٕ وان حورٕ غلمانے تہٕ لولو

ژھونٛجِہ اکہِ یکھنا درشن ژٕ دِکھنا

عرشک چھُکھ ژٕ واعظ خانے تہِ لولو

اتھ شایہ چھِ حق ادائی یہِ زِ بھدرواہی صأبنِس ہم شہرٕ تہٕ سارے کأشرِ شأعری

ہندبو روشن ترین گاشر بو منٛزٕ یکتا عبدالقدوس رسا جاودانی ہٕندِس نعتس تہٕ دِموٗژلہٕ وِنی نظراہ۔ پنہٕ نِس ہم مزاج میر شاہ آبادی ہٕندی پأٹھی چھِ رسہٕن تہٕ گِنتی ہندی نعت وُنی مِتی۔ مگر یہ چھِ اُستادٕ سُند شفقہٕ ضربِ قلم۔ تِہنٛدِس نعتس منٛز چھِ فضا آفرینی، خواب گینی، آئینہٕ بندی، عقیدت مندی تہٕ بجہٕ شأعری ہٕندی تِتھی پرتو جلوہٕ ہاوان۔ تِتھی حضرت امیر خسرو ہٕندِس : شب جائے کہ من یودم تہٕ علامہٕ اقبال ہٕنٛزن ارمضان حجاز کِبن رُباعین منٛز جمکہ ماران چھِ۔ اکہٕ نعتُک صرف گُنے بنٛد :

نٔرُک تاج اوس برسرِ جنابس

لو لاک شٔوبان تتھ گوہر

تتہٕ اوس ووشلان بُتھ آفتابس

اسہٕ وُچھ جلواہ خوابس منٛز

زَن چھُ پانہٕ ہاتفی کنٛس منٛز ونان زِ أمس پاکباز رِندس چھُ دیدارِ محمدیؐ ستی سوٗرے وجوٗد سرشار تہٕ پُر بہار بنیوٗمُت۔ کتھ أس میٹھ تہٕ اوے زتیٹھے یہ۔ میٛہ چھِ سٹھاہ مسرت زِ بشیر بھدرواہی صأبن چھِ کأشرِس ادبس یِتھ نوٗرِ مشعألی ہش کِتاب ''گُلہٕ میوٗٹھ'' کرٕمژ۔ تمو چھُ پننہٕ بُزرگ سالی منٛز دُنیا ہکو ادنی آوریرو نشہٕ لوٗب رٔو زِتھ پتی مبن کینژن وُری ین منٛز سٹھاہ زبر کِتابہٕ لیچھمژ۔ اتھ ؤن شیخ العالمؒ ''کینژن دیو تہے تورے آلو''...... تِہنٛدِس اتھ پاکیزہ مشغلس ماچھِ بڈ دربارٕ قبوٗلیت سپزٕمژ تہٕ تِہنٛز یہ کِتاب چھُ امِکُے ثبوٗت۔ نعت ہیوٗس بڈس مگر بأریک موضوٗعس پٹھ یِتھ ہش بھرپوٗر کِتاب سپدٕ پزتھ طرفہٕ مرحبا۔ امیُک ناو ''جیمس تہٕ

کٔشیرِ منز نعتیہ ادبُک توٲریخ: نعت گوئی ہٕندِس عالمی تنوظرس منز'' چھُ اسم بامُسمّیٰ۔ یہٕ روزِ حوالہٕ چھِ کِتابہٕ ہنزِ حیثیتہٕ تہٕ سرسبز...... تہٕندِس قلمس دِیِن پروردِگار ییٚہٕ ہَن گاش تہٕ راش۔

صُبح کی طرح چمکتا ہے شبِ فُرقت کا اُفق
فیض تابندگئ دیدۂ تر تو دیکھو

محمد یوسف ٹینگ

راولپورہ سرینگر

24/جون 2011ء



# دورِ جہالتس منز عربکی مذہبی، سیأسی تہٕ سمأجی حالات

زمانہٕ جہالتس منز دُنیاہچ عام پأٹھی تہٕ سرزمین عربچ قری یَن ہنز آبأدی أس خاص پأٹھی جہالتھ، قتل و غارت گری، ظُلم و جبر، سمأجی بے اِنصأفی، بے راہ روی تہٕ بدکأری، سوٗد خوری تہٕ شراب نوٗشی، اخلأقی پُستی تہٕ بدِ امنی ہِشَن سمأجی بُرٕ یَن تہٕ بِدتھَن منز ہنہٕ آمژ تہٕ امہِ علاوٕ سَتہٕ زاوکوربن ہنٛدِ زِندٕ درگور کرنٕچ اخلاق سوز تہٕ ظأ لمانہٕ رٕسم تہٕ غولامن ہنٛدِ کاروبارن تہٕ اوس اِنسانیتُک ناومنٛدٕ چھووُمُت۔ خدائے جَلَّ جلالہٗ ہَس پیٹھ یَژھ پَژھ آسنہٕ باوجوٗد أسی قبیلن قبیلن منز بُت پرستی پیٛژ عام گٔمژ زِ خانہٕ کعبس منز تام أسی ۳۶۰ بُت نصب آمٕتی کرنہٕ تہٕ خدایہِ پاک ہنٛدِس گرس أندی پکھی اوس الف ننگہٕ سَپدِتھ نژنہٕ تہٕ طواف یِوان کرنہٕ۔ ہُپأری أسی کیٛژن جایَن ہنٛدی حأکم یا پادشاہ خدا آسنک دعوٗے کٔرِتھ لوٗکن ہُنٛد مذہبی استحصال کران حالانکہِ تِمے أسی ظأ لِم قِسمکیٚ اجارٕ دارو تہٕ دارو غو ڈٔسی عوام الناسٕک بے دریغ قتل کٔرِتھ بے وایہِ پأٹھی تِہُنٛد خوٗن چھوان۔ قبیلچ نَس تھٔز تھونہٕ خأطرٕ آسہٕ کورِ زِنٛدٕ ے درگور کرنہِ یِوان تہٕ حأکم تہٕ محکوم، امیر تہٕ

غرِیبس درمیان اُس دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ خلیج وسیع سپدان۔

صحیح دینٛچہِ بصیرژ نشہِ عاری تہٕ اصل ہدایتہٕ نشہِ محروم قوم اُسی آباء پرستی ہندِس دلدلس منٛز ہینہٕ آمژ۔ گُمراہی ہندِس آوِلنس منٛز لاینہٕ آمژ مُشرِکین اُسی نہٕ کُنہِ صوٗرتس منٛز دعوتِ حق قبوٗل کرنس تہٕ توحیدس کُن گن دِنس تیار۔ تِم اُسی لات، منات، ہبل، اعزیٰ ہوٚہن بُتن ہندِس ناوس پٹھ جانور قوربان کران تہٕ تِمنے اُسی خدایس تام واتنُک وسیلہٕ زانان۔ حضرتِ ابراھیمؑ سُند دیٖن یُیمہِ کہِ بدولتہٕ مکہ شریف اکہِ وقتہٕ توحیدُک تہٕ عبادتُک مرکز بنیومُت اوس، اوس وونی تحریف گرِتھ شرکُک تہٕ کُفرُک، ظُلمُک تہٕ جبرُک آگُر بنیوٚمُت۔ ژوٗپاری بُت پرستی، پریشانی تہٕ افراتفری ہُند عالم اوس کُنہِ بڑ سماجی، سِیاسی تہٕ مذہبی یا دِینی انقلابُک منتظرتہٕ پیش خیمہ تہٕ۔ دراصل اوس اللہ تعالیٰ ہُن یہِ تاریک دور ختم کرنہِ خاطرِ تہٕ بنی نوع انسانہِ ہنٛز ہدایتھ تہٕ راہنمائی باپتھ یتھ عالمس منٛز اکھ ''دُرِیتیم'' سوٗزِتھ اکہِ پرزلوٗنہِ دورُک آغاز کرُن۔ یہُند نوٗر گوڈنِتھے پاٚدٕ اوس آمُت کرنہٕ یُس اُکس نوٗرانی تحریرس منٛز حضرتِ آدم علیہِ سلامس اُچھ مژان مژانے فضہس منٛز یُیمہِ تحریرِچہِ شکلہِ منٛز ہاونہٕ اوس آمُت:

لا الٰہ الا اللہ محمدؐ الرسول اللہ

اَمہِ پتہٕ وُچھ جہانَن زِ ''ایک آفتاب عالم تاب نے اس عالمگیر تاریکی، وسیع ہمہ گیر تیرگی کو ان سے دور کیا اور ایسے عقیدہ سے ان کو آشنا کیا جس کے لئے سرزمین عرب چشم براہ تھی۔''

رِسالہٕ : ''زندگی نو''، دہلی (جولائی ۲۰۰۲ء)



# عربس منٛز دورِ جہالتٕچ شاعری

قرانِ کریم نازِل سپدنہٕ برۄنٛٹھے اۭسی سرزمین عربَس منٛز ہتہٕ بٔدی نامور شاعر یٖمہٕ قصیدٕ گویی تہٕ ہجوٗ گویی منٛز طیٖس تہٕ کمالس پٔٹھ وأتی متی اۭسی، یِمن صنفِ سُخنن منٛز اۭسی تِم کمالچہٕ ہُنر مندی ہُنٛد مظاہرٕ کران روزان۔ تِہنٛزٕ ہجو گویی ہٕنٛدی ہدف اۭسی، عموماً تِہنٛدی مخالِف آسان۔ امہِ قسمچہٕ شاعری ہِتی اۭسی مختلف قبیلن تہٕ کرامن درمیان کدُورت تہٕ دُشمنی پأدٕ گڑھان روزان تہٕ کُنہِ کُنہِ اۭسی نوبتھ جنگن تہٕ خوفناک مُتشدد دلڑاین تام واتان۔ قصیدٕ گویی ہُنٛد مُدعا اوس وقتکین سردارن یا پادشاہَن ہٕنٛدی توصیف کرٕنی یِمن منٛز بے جاہ مبالغہ آمیزی تہٕ چاپلوٗسی کأم ہیتھ بادشاہَن نشہِ یِنام تہٕ یکرام حاصِل کرنہٕ اوس یِوان۔ یِتھ کتھِ چھےٚ نہٕ وُنِس تام پوٗرٕ پأٹھی سام ہیٛنہٕ آمٕژ زِ عرب شاعر کمن کمن اصنافن منٛز اۭسی شاعری کران یا یہِ زِ جاہلی زمانن ہٕنٛدہن قصیدن ہُنٛد تعداد کیٛاہ اوس۔ وںہٕ نہٕ چھُ یِوان زِ عربچہِ شاعری ہُنٛد اکھ بوٚڈ حِصہٕ گوٚو بٔڈہن بٔڈہن عالِمن تہٕ ادیبن ہٕنٛدِ اسلامی دورس منٛز سپدن واجبن جنگن تہٕ غزواتن منٛز شہید سپدنہٕ کِنیٛ تلف تہٕ ضایہِ۔ تاہم یٖمہِ وِزِ اتھ

سرمایس تدوین کرنہٕ آو، واریاہن شاعرن ہُند کلام آو وَنہٕ کڈنہٕ یُس تمہِ زمانہٕ کِہن راوِیَن نِش موجوٗد اوس یمن منز ادبُک معروف راوِی تہٕ عالِم حماد الراویہ، عربی ادبُک گوڈنیُک ناقد تہٕ لُغت ساز اصمعی تہٕ ابو تمام ہِوِی مشہوٗر شاعر تہٕ شامل آسی۔

عربی ادبس منز یمن قصیدن امتیازی حیثیت تہٕ فنی خصوٗصیژ آسہٕ یا یمہٕ معنہٕ تہٕ زبانی ہِندِ وٲتناوِ موجب مشہوٗر آسی تمن آس ''معلقات'' وَنان۔ قصیدن ہنٛز و پانژ و مشہوٗر قسمو منز آس یہ صِنف سرس تہٕ وَنہٕ چھُ یِوان زِ یم ''معلقات'' آسی سونہٕ وانہٕ ستی لیکھتھ خانہ کعبہ کِہن برن تہٕ دوسن پیٹھ یا پردن پیٹھ آویزان کرنہٕ یِوان تاکہ تِم قصیدہ ہکن سٲری پرِتھ تہٕ محفوظ ہکان سپدِتھ۔ کُنہٕ آسی بادشاہ تہٕ پننہِ پسندیدہ قصیدہ سونہٕ آبہٕ ستی لیکھتھ آویزاں ترٲوِناوان۔

''معلقات'' ناوکِہن قصیدن مُتلق چھُ وَنہٕ یِوان زِ سارِنے بروٚنٛٹھ کرِ ابوزید القرسی یَن پننہِ مشہوٗر کتاب ''القصائد السبع المشہوات'' منز ترِیمہِ ہجری دوران تمہِ دورکی ستھ مشہوٗر قصیدہ رقم یتھ منز یمن قصیدن ہنٛدی اوصاف تہٕ بیان آیہٕ کرنہٕ۔ تہنٛد مقصد اوس یہ زِ یم موٗلِلی ادب پارٕ گژھن یہ کرنہٕ ستی محفوظ۔ دِیان چھِ اتھ کتابہٕ آسی ستھ حِصہٕ تہٕ پرتھ حِصس منز آسی ستھ ستھ قصیدہ درج آمتی کرنہٕ۔ یم قصیدہ آسی دوٗرِ جہالتہٕ پیٹھ دورِ اُمیہس تام لیکھنہٕ آمتِہن مشہوٗر قصیدن وحاطہٕ کرِتھ۔ یمن منز عُمرو بن کلثوم تہٕ طرفہٕ بن العبد ہوِہن مشہوٗر شاعرن ہنٛدی قصیدہ تہٕ شامل آسی۔ دورِ جہالکِہن شاعرن منز آسی امراء القیس، نابغہ زیبانی، زہیر بن ابی اسلمیٰ، عیشیٰ بن قیس صفِ اوٚلکی شاعر مانہٕ یِوان۔ اَماپوٚز یمن علاوٕ آسی بن حجر، عنترہ بن شداد، مثقب عبدی تہٕ متلمس ضمی تہٕ اعلیٰ پایک شاعر تصوٗر

کرنہٕ یوان۔

اسلام معرضِ وجوٗدس منز یِنہٕ بروٗنہہ واریاہن شاعرن ہُند چھُ ذِکر آمُت کرنہٕ یِمن منز مذکوٗر کرنہٕ آمتین شاعرن علاوٕ ابوسفیان، کعب بن زبیر، حسان بن ثابت ہِوی عالی مُقام صحابہ کرام تہٕ شأمل آسی۔ ابوسفیانؓ تہٕ کعب بن زبیرؓ تہٕ آسی مشرف بہ اسلام سپدنہٕ بروٗنٹھ آنحضورؐ خلاف ہجوگویی کران اماپوٚز حسان بن ثابتؓ آسی انصارو منز اکھ تھدِ پأیکی قصیدٕ گوشاعر یِم فصیح تہٕ بلیغ طرزس پیٹھ شعر آسی وَنان۔ یِم آسی تِمے صحابی یِمن پتہٕ ''شاعرِ رسول'' خطاب دِنہٕ آو تہٕ یِمن ہِندِ خأطرٕ آنحضور صلی علیہ وسلمو مسجدِ نبوی منز اکھ خاص منبر تھأوِ نوو یتھ پیٹھ وٕتھِتھ تِم مخألف تہٕ دُشمن شأعرن ہِندِ بن ہجوٕن ہُند تِمہٕ آیہ جواب آسی دِوان زِ تِمن آسہٕ زبانہٕ بند گڈھان۔ ابوسفیانؓ تہٕ کعب بن زبیرؓ تہٕ سپدی مشرف بہ اسلام تہٕ تِمو تہٕ کر اسلامچ خدمتھ پننہٕ نو شعرو ہِندِ ذریِعہ تہٕ آیہ دربارِ رسالتکی شاعر بناونہٕ۔

عربی شأعری چھےٚ دُنیاہچہِ شأعری منز قدیم ترین شأعری مانہٕ یوان۔ یوٚس مختلف قبأئلی زندگیہ ہِندِ بن ریگزارن منز تھنہٕ پوان روٗز۔ یوٚ دوٚے تِمو نٚچ عکأسی کران وأچینہٕ یہِ شأعری روٗز بنو اُمیہ خاندانکس دورِ حکومتس تاں سینہٕ بہ سینہٕ، نسل در نسل منتقل گڈھان۔ دِیان چھِ یِمن قبیلن ہِندِ بن لوٗکن ہُند یادٕ ووتُر اوس واریاہ تیز یوٚس کُنی تِم کانہہ تہٕ توأریخی، سماجی یا تمدنی واقعہ علاوٕ پننہٕ شأعری ہِندی ابتدأیی نموٗنہٕ بروٗنٹھ پکناوان روٗدی۔ قبیلن ہنز خانہٕ بدوشی ہِندِس نتیجس منز آیہ شاعری ہنز کینٛہہ صنفہٕ بارَسس یتھ منز ''حُدی خوأنی'' شاعری ہنز گوڈنیچ صوٗرتھ آسی۔ وارٕ وارٕ سپدی اَمہٕ صنفکی اوزان تہٕ بحرٕ تہٕ مُقرر۔ قبیلن ہنز ملہٕ مِشہٕ سٕتی کُنہٕ

أکس پڑاوس پٹھ مُخالف جنسن درمیان سپدن وول تاشوق ییلہِ طیس پٹھ واتان اوس، أتی اوس ناگراد غاب گژھان تہٕ آیہِ چہِ کُنی سببہٕ آسی یم قبیلہٕ بیٛون بیٛون جاین کُن منتقل گژھان ییمہٕ ستی لول برن وألی عاشق ہجر کس الاوس أسی لاینہٕ یوان۔ تہُند وُچھاٹھ اوس شاعری ہنز صوٗرتھ اختیار کران تہٕ تِتھےٕ کنٕ پیٛیہٕ غزل، تشبیب وغارِ ہشہِ صنفہِ تھنہٕ۔ وق گُذرنس ستی آیہِ قصید ہش صنف معرض وجوٗدس منز تہٕ شاعری ہنز باقی صنفہِ تہٕ واتِ عروٗجس پٹھ یمن منز حماسہٕ، مدح تہٕ مرثی وغارِ شأمل چھِ۔

خدائے ذوالجلالس پٹھ یقین آسنہٕ باوجوٗد أسی عربس منز اسلامُک شمع روشن سپدنس تام لوٗکھ بیٛون بیٛون معبودن ہندِس تعریفس منز قافیہ بند نثر استعمال کران یوسہ أزی کس مسجع نثرس یا ونو نظمِ معراہس ستی رلان چھےٕ۔ جُملن ہندِ اندرونی ربطہ تہٕ قافیہ بندی کر اتھ مُسجّع نثر منز وزن تہٕ نغمگی پأدٕ یو کنٕ وقت گُذرنس ستی بیٛون بیٛون اوزان تہٕ بحرٕ بارسس آیہِ یمن خلیل بن احمد ہوی مأہرِ اوزانن پنداہ صوٗرتہِ دِتھ پرٛتھ وزنس پنٛنی پنٛنی بحر مرتب کر۔ یہِ سِلسِلہٕ روٗد آنحضورؐ ہندِ مبعوثِ رِسالت سپدنس تام جأری۔



# نوٗرُک ظہوٗر۔ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہُنٛد

# ولادتِ باسعادت

''ابوسفیان ییٚلہِ ملکِ شام کہِ سفرٕ پیٹھٕ واپس ملّہ آو، أمِی بوزنأوی لُکھ عربن منٛز نوٚن نیرن وأرِس أکِس پأغمبر سٕنٛز سو شیٚچھ وبڑٕ ھناوِتھ یوسہٕ أمِی پانہٕ بٕوزمٕژ آس''...... تمِی ''بوزٕناوی لُکھ شام کہِ حُسنچہٕ، تتہِ کِبن لُکن ہنٛزٕ آسایشہٕ تہٕ پاپرجأیی تہٕ چیزن ہنٛدِ وفوٗر آسنچہِ کمہٕ کمہٕ کتھٕ۔ اَماپوٚز یِمو کتھو منٛزٕ یوسہٕ کتھ عربن زیادٕ سٕنِتھ گیہِ تہٕ ییتھ کُن تہنٛز کل زیادے پھَن گنٔے یہِ سو آس سوے کتھ یوسہٕ ابوسفیانَن أکِس نصاران کِس بُڈٕ پادرِس نِش بوٗزمٕژ أس۔ أمِس پادرِس اوس بصری ناوتہٕ حوران تہٕ بلقاء شہرن منٛز روزن والین أس أمِی سٕنٛدِ علمچ تہٕ گاٹہٕ جارٕچ بُڈ پرٕژھ بہِتھ۔''

ابوسفیانَن ییٚلہِ أمِس پادری سٕنٛدِ بن ملّہ معظمہٕ ہَس تہٕ اتہِ کِبن لوٗکن وغارٕ مُتلِق سوالن ہُنٛد جواب دِتھ موکلوو ''پننہِ نٕژنہِ لد اتھٕ ستیٚ چھِ یہِ وبقارٕ وول بُڈٕ موہنیوٗ مکس کُن ہاوِتھ بڈ وَنان: اے ابوسفیان۔ اختابہٕ لوسنہٕ کہِ طرفہٕ کرہُتھ نبس کُن نظر۔ ہُمن سکہٕ شاٹھن تہٕ سونہٕ رنٛگہٕ ہُتھ گردِ غُبارس کُن تژاو نظر، یُس اَسمان

تام کھوٗتمت چھُ ...... یمہٕ وِ ے دروٗنہٕ ماٗدانو تہٕ اُمی نار سکہٕ منز، یتھ پرٕتھ وٕری یہٕ واو ڈلنہٕ ستی نوی نوی بال بنان چھِہ، اتی نیر شخصرٕ اا کھوٗن یُس تہنزٕ پوتلبن یاداتھ کرنچ طریق تہٕ (تہنزٕ) اٗنی کھلہٕ جہالزٕ ہندی مۄل گاٗلتھ ژھنہٕ ...... اکھ سبٹھہے بوٗڈ شخصرٕ اہ......"۔ "عام لوٗکن ہندِ کھوتہٕ بوٗڈ ...... گاٹہٕ جارٕچ مثالیاہ ہیتھ ...... خودایہٕ ہنز عقلِ ہیتھ اکھ تھٕز تہٕ بوٗد کاٗماہ بامل اننہٕ خاطرٕ ...... اکھ اسمانی کاٗماہ......"

"حیات النبی" زین العابدین۔

ترجمہٕ ڈاکٹر شمس الدین، جلد ا، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔

عربکین ناخوشگوار حالاتن تہٕ عالمی تمدُن کِس بحرانس منز کوٗر ربِ ذُوالجلالن عربکس صحراوس منز حضرتِ عبداللہ سٕندِ گرٕ بنُو ہاشم قبیلس منز آنحضو صلی اللہ علیہٕ وسلمن ہنٛدِ نوٗرِ وجوٗدُک ظہوٗر تہٕ ۲۲/اپریل ۵۷۰ء بہ مُطابق ۱۲/ربیع الاوّل ۱۰ فیل صُبح صادق (برِیسوار) یومِ سعید یکم جیٹھ ۶۲۸ بکرمی روٗٹ یہٕ نوٗرِ پیکر حضرتِ آمنہؓ پننہٕ کوچھِ منز۔ آنحضورنؐ ہنٛدی والدِ مکرم حضرت عبداللہ اٗسی شہرِ مدینہٕ پیٹھٕ واپس یہٕ وُنی وَتہٕ ہنٛدِس اُکِس پڑاوس پیٹھ شےٚ رٕتھ بروٗنٹھے یمہِ عالمہٕ تشریف ہیتھ گمتی۔ آنحضورنؐ ہنٛدی بُڈ بب (دادٕ صاب) حضرت عبدالمطلب سپدی سیٹھاہ خوش تہٕ اُمِس نوزائد شُرِس کوٗر کعبہٕ شریفک طواف کٔرتھ "محمدؐ" ناو یُعنی یمِس وارِیاہ تعریف کرنہٕ آسن آمتی۔ کینٛژن دوہن پتٕہ دود چاوٕنہٕ پتہٕ آو یہٕ پیکرِ نوٗر دایی حلیمہٕ ہس سُپرد کرنہٕ یوس بنی سعید قبیلچ خاتوٗن آس۔

یہٕ پرٕژھنس پیٹھ زِ لڑکس کیازِ آو محمدؐ ناو تھوٗنہٕ، حضرت مطلبن وۄن در جواب "مےٚ ہیوٚژھ زِ آسمانس پیٹھ تہٕ سپدِنی اُمی ہنٛدی تعریف تہٕ زمینس پیٹھ تہٕ یہٕ گژھن اللہ تعالیٰ ہس تہٕ ٹوٹھ تہٕ خلقس تہٕ۔"

پتہٕ یُس خاندار عبداللہ بن مطلب سنٛز تُربت وُچھنکی اشتیاقن واتہٕ ناو

حضرت آمنہِ مدینس یوٚ دوَے آنحضورؐ شبِن ؤری ین ہٕندی أسی۔ أکِس رتَس قیام کرنہٕ پتہٕ ییلہِ حضرت آمنہِ واپس مکہ روانہٕ سپز، ''ابواء'' کِس مُقامس پٮ۪ٹھ سپز تہٕنز طبیعت اچانک خراب تہٕ أتی سپز یٮ۪مہِ دارِ فأنی نِشہِ روٗخصت، آنحضور سَپدی أمِس عظیم ماجہِ ہٕندِ سایہِ عاطفتہٕ نِشہِ محرۄم، غریب الوطنی منٛز اوس أمِس لألِس ''دریتیم'' بنُن مُقدّر، یٮ۪مہِ سانحِ کہِ دۄیہِ ؤری یہِ پتے سَپدی آنحضورؐ پنہٕ نِس بُڈ بب عبدالمطلب ہٕندِ بے پناہ شفقژ نِشہِ تہٕ محرۄم تہٕ تہٕنز کفالت سپز تہٕندِس پبترِس سپُرد۔ أمی ہٕے چاچَس ستی کوٚر تمو مُلک شامُک سفر یٮ۪لہِ زَن تمہ باہ ؤرِش أسی۔ بحیرا ناوِکی أکی راہبن گر اتھ قافلس بصرىٰ وأتِتھ دعوتھ۔ راہبن وۄن ابوطالبس ''تہُند باپتھر آسہِ اکھ عظیم اِنسان یٮ۪میُک توٚہی تصوّر تہِ ہکو نہٕ کرِتھ۔ یہودیَن نِش تھاوِزون یہِ اند گُن، یہِ چھُ اکھ موٗلُل لال، یہِ تھاوِزون رٕچھِتھ۔''

اتھ طوٗیل سفرس دوران وُچھی آنحضور صلی اللہ علیہ وَسلمو واریاہ علاقہٕ تہٕ ہیٚچھکھ تہٕ واریاہ کینٛہہ۔ واپسی پٮ۪ٹھ أسی تمہ چاروأے کھوٗل ہتھ پہاڑی جاین گُن گژھان، قوٗدرتکیٚن رازن سَنان تہٕ کائناتس پٮ۪ٹھ غور تہٕ فِکر کران روزان۔ وأنسہِ ہٕندیٚن پوٗنژہن ؤری ین تام واتان واتان گیہِ تہٕنزِ پاکبأزی، راستبأزی تہٕ ایمانداأری ہٕنز شہرت عام، شرم و حیہٕکِس أمِس پیکرس دیُت مکہٕ کیوٚ لوٗکو ''امین'' آسنُک خطاب۔ أکِس نیک سیرت تہٕ مالدار خاتون حضرتِ خدیجہؓ ہَس ستی سپُد تہٕنُد نِکاح یوس تمہِ وِزِ ژتجی ؤرِش أس، تمیٚ کوٚر پنُن سورُے مال تہٕ جاداد آنحضورؐ پٮ۪ژھ یُس تمو پیتمن، غریبن، بے کسن تہٕ مِسکیٖنن منٛز خأراتہٕ رٕنٛگی تقسیم کوٚر۔

آنحضور أسی ''غارِ حرا'' ہَس منٛز گژھِتھ خداوند قدوس سٕنز عبادتھ کران روزان۔ اتھ دورانَس منٛز أسی تمن خابس منٛز عجیب و غریب قسمکی غأبی اسرار منکشِف سَپدان روزان۔ یمن خابن اوس ''رویائے صادقہ'' وَنہٕ یِوان۔ یہِ اوس ۹/ربی

الاول رتک مبارکھ دوشنبہ ییلہ تمن غارِ حراہس منز گوڈنچہ لٹہِ اللہ تعالیٰ ہندِ طرفہٕ روح الامینؑ ہندِ ذٔریعہ نبوتچ بشارتھ دِنہٕ آے، تہنز وانٔس اسی ژتجی ؤری یہ ییلہِ اَمہِ واقعہٕ کہِ شےٚ رتھ پتہٕ یعنی ۱۸ ررمضان المبارک شب جمعہس کیٔت بہ مطابق ۱۰ راگست ٦۱۰؁ سپز تمن پیٹھ قرآن کریمک نزول سورہ علقچو گوڈنچو آیاتِ مبیناہو ستی شوٗروٗ، یُس پتہٕ ترٛوٕہن ؤری ین تام برابر جاری روٗد۔ اُمی شب سپز مسلمانن پیٹھ زٕ رکعژ نمازٕ تہٕ فرض یتھ حضرتِ جبریل علیہ اسلامن امامتھ کٔر۔

قرآنِ کریم کہِ مکمل نزول سپدنہٕ برٛونٹھ ہیچھ تمو تیر انداَزی، تہٕ سپہِ گرٕی ہنٛدی فن، تیراکی وغاٚر اُس تمو برٛونٹھے ہیچھمٕژ۔ تمو ہیچھ کاروبٲری وَل ژھَل تہٕ تتھبن قافلن ستی روٗدی مختلف مُلکن ہندس سفرس پیٹھ گژھان روزان۔ تہنٛدِ فہم و فراستُک امتحان سپد تمہِ وِزِ ییلہ مکہ کین قبیلن خانہِ کعبہِ کِس تعمیرس دوران سنگ اسوٗد دیوارِ منز نصب کرنس پیٹھ زبردست اختلاف پٲدٕ گیہِ۔ تہنٛد اختلاف اوس اتھ کتھِ پیٹھ جنگچ صوٗرتھ اختیار کرنس تام ووتمت زِ کانہہ قبیلہٕ گژھِ نہٕ یہ کٔنہ دیوارِ منز لاگنہٕ نِشہِ محروٗم روزُن، آنحضورنؐ ہندِ ذٔسی گوٚو یہ مسلہٕ بخیر و خوبی حل۔ سنگِ اسوٗد اَکِس ژادرِ منز رٔتھ تیمکی اُند پرٛتھ قبیلکی سردارس اُتھن منز دِنہٕ آیہِ، آوٕ یہ سنگِ اسوٗد اِکہِ وٹہٕ پاٗٹھی دیوارِ پیٹھ آنحضورنؐ ہندس تجویزس بامل اَنہٕ نہٕ ستی کُنہِ عنادٕ تہٕ فسادٕ ورٲے نصب کرنہٕ۔ حالانکہِ مجوزٕ جایہِ تام سردارن ہندی ذٔسی ژادرِ منز تھوٗد تُلتھ واتناونہٕ پتہٕ کوٚر آنحضورؐ من پنہٕ نوٚ دستِ مبارکو ستی یہ دوسہِ منز نصب تہٕ نیاے گوٚو ختم۔ آنحضورنؐ ہندی آیہ تعریف تہٕ توصیف کرنہٕ۔ اَمہِ وِزِ اَسی آنحضورنؐ ہنٛز عمرِ شریف صرف ۳۵ رٔری یہ۔

☆☆☆

# صحابہ کرامَن ہُنٛد مشرف بہ اسلام سپدُن

آنحضورؐ ییٚلہِ توحیدُک علم ہیٚتھ نَنہِ وانہٕ درائے تہٕ نوِ دریٚنٛچ تبلیغ بوٗزِتھ مکہ کیٚن لوٗکن ہنٛدِ طرفہٕ مخالفتُک طوٗفان عظیم کھڑا گوٚو تہٕ لوٗکو أچھی تہٕ بُتھی پھِرتھ پننہٕ نٮ۪ن کیٚن نفرتہٕ تہٕ حقارتہٕ کہِ پھمبکی تھوٚپٕ دِیٚتی، لیکن گأنٛلی تہٕ طعنن ہنٛدی تیر مومنَن پیٹھ چلاوِتھ تہٕ ناشأیستہٕ مذاق تہٕ تمسخُر کٔرِتھ کھنکھالوٚستی وأتناوِکھ تہنٛدبن روٗحن تہٕ جِسمن بے شُمار زَخم، تِم لگی باضے واریاہ مایوٗس سپدان اَماپوٚز صبرُک دامن تھاوُکھ چیٚڈٕ رٔٹِتھ۔ آنحضورؐ ہنٛدِ مبعوث سٔپدنہٕ بروٚنٛٹھ تہِ أسی قریشن منٛز کیٚنٛہہ خُدا ترس لوٗکھ یٚیمہٕ لوٗکن حضرتِ ابراہیمؑ ہُنٛد پٲغام یاد پاوان أسی۔ عُمر بن نفیل سُنٛد فرزند زید، نوفل سُنٛد فرزند وٗرقہٕ، حاٲرِث سُنٛد فرزند عُثمان تہٕ جحش سُنٛد فرزندِ عبیدہ ہِوی عاٲلی مرتبت اِنسان أسی تِمن خوش بخت اِنسانن منٛز شأمِل، ییٚمہِ کتھ کرنس پیٹھ آیہِ تِم تیٚوٗت ستاونہٕ تہٕ تنگ کرنہٕ زِ تِمو منٛز ترٚین پییہِ یاتہِ ہجرتھ کٔرٕنی نتہٕ عیسأیی بنُن، اَماپوٚز دیٖنِ ابراہیمس پیٹھ زِنٛدٕ تہٕ قأیم روزن وول روٗد زید، یُس خانہٕ کعبہٕ چھِہ دوسہِ ستی موٚت گٔری گٔری وۄدان اوس تہٕ بے اختیار پأٹھی سجدٕ ریز سپدان اوس۔

گوڈٕ نکلن ترٛین ؤرِیَن روٗز تبلیغ دِنٕچ کام رازدآری سان جآری۔ مُسلمان آسی اوند پوٚکھ کُن گڑھتھ نماز ادا کران۔ یہ قرانی حُکم نازل سپدنہٕ پتہٕ زِ میون حُکم بوزنآوِو برملا پآٹھی تہٕ مُشرکین ہُند پرواہ مہ کٔرِو "سپدی قریشِ مکہ یہ اعلانیہ دعوت بوٗزِتھ مُشتعل اَتی پتھ سپُد ظُلم و جورُک دور شروٗع۔"

"سرچشمۂ نورِ ہدایت" شاد فریدی (۱۹۹۶ء ص ۲۳)

آنحضورؐ تہٕ تِہندی جانثار اصحابِ کرام آیہٕ ظُلم وستم کِس زالس منز ہینہٕ۔ ابوطالب ہُندِ فوت سپدنہٕ پتہٕ روٗز نہٕ مکہ کِہن سردارن کانہہ رُکاوٹھ بُتھِ۔ خانۂ کعبس منز نماز پران پران ترٛٲوی کانٛسہِ بدبختن تِمن پتھ ژھاوِجہِ ہُندی اَندرم، کانٛہہ لوٗگ تِہندِس سرِ مُبارکس پتھ ژھوٚٹ دِوان دٲرِتھ، ابولہب تہٕ تمہِ ہنٛز زنانہٕ کٔری آنحضورؐ سۭتی تنگ زِ اللہ تعالیٰ سُند پناہ۔ امہِ نارواہ رَوِیہٕ کِس وعیدس منز سپز سورہ لہب نازِل۔ ابوجہل اوس کُنہِ جایہِ کھٹِتھ روٗزِتھ پننہٕ نبن بدقماش ساتھین ہُندی ذٔسی آنحضورؐ سۭتی بدتمیزی ہُند مظاہرہٕ کرناوان تہٕ طواف کرنہٕ وِزِ تِمن قتل کرنٕکی منصوبہٕ بناوان یوٚدوے ابولہب ہنٛز زنان تِہندِ ہِنٛ وَتن منز کَنٛڈی چھکرِتھ تھاوان آسی۔ حضرت ابوبکر صدیقؓ یوٚدوے آنحضورؐ ہنٛز طرفدآری کران آسی تِمن تہٕ اُس اذیتھ واتناوِنہٕ یِوان۔ دُشمنن ہُند یہ یلغار روٗد توٗت تام جآری یوٚت تام تہٕ آنحضورؐ مدینس کُن ہجرت کرنس پتھ مجبوٗر سپدی، ۷ رِ نبوی منز کوٚر قریش کِہو سردارو اکھ معاہدہ یتھ تحت آنحضورؐ سۭتی ہر کُنہِ قسمکی تعلقات منقطع کرنُک فأصلہٕ کرنہٕ آو۔ ترٛین ؤرِیَن تام روٗدی مُسلمان تہٕ خانوادہ رسولؐ دارِ ارقم مَس منز محصوٗر۔ ۱۰ رِ نبوی دوران ییلہِ ظُلم تہٕ جبرُک طوٗفان حدِ نبر نیرِتھ گوٚو تہٕ صبرُک پیالہٕ لبریز گوٚو آنحضورؐ سپدی طائف کِس علاقس کُن ہجرت کرنس پتھ مجبوٗر، اَتہِ کِہو

لۆکو تہٕ تھوٗ ونہٕ آنحضورن تہٕ تِہنٛدِ بن باقی ہم سفر مہاجرن جسمأنی تہٕ روٗحأنی اذیت دِنس منٛز کانٛہہ تہِ کسراہ باقی۔ تِہنٛد جسمِ مُبارک آو کنوٕ سٟتی لہولہان کرنہٕ۔ بے ہوشی ہنٛدِس حالتس منٛز واتہٕ ناوِ تمٕ زیدبن حارثہٕ ہَن پنٕہٕ نبن فیکیٛن پٹھ تُلتھ طائف پیٹھ شہرِ کس نبرِمس حِصس تام۔ مکہ شہرس منٛز واپس پنٕہٕ وِزِ آیہِ تِمن پیٹھ طعنہٕ تہٕ تمسخرٕکی تیر برساونہٕ۔ ۲۷/رجب ۱۰ نبوی چھِ رأژ سپُد معراجُک عظیم واقعہٕ وقوع پزیر تہٕ آنحضورنٛ سپُد قربِ الٰہی ہُنٛد بُلند ترین مُقام عطا یِتھ دوران تِمن "ملکوتِ اسموٰت وَالارض" ذُک مشاہدٕ کرناونہٕ علاوٕ کینٛہہ شریعتٕکی احکامات تفویض آیہِ کرنہٕ۔ اَمہِ واقعہٕ سٟتی تہٕ سپُد مکہ ہَس منٛز اکھ ہنگامہٕ برپا ییٛلہِ آنحضورصلی اللہ علیہِ وسلمو أمی رأژ ہنٛدی ذأتی مشاہدات بیان کری۔

حضرتِ خدیجہؓ چھےٚ سو گوڈنٛچ خوش قسمت خاتون ییٛمہِ آنحضورنٛ پیٹھ ایمان اوٗن تہٕ مُشرف بہ اسلام سپز۔ پتہٕ کوٚر حضرت علیؓ تہٕ حضرت زیدعلہم السلامو تہِ اسلام قبوٗل۔ تِمو پتہٕ آیہِ حضرت ابوبکرصدیقؓ دائرہ اسلامس منٛز۔ ظُلم تہٕ جبرٕکہِ انتہاہس پیٹھ واتنہٕ باوجوٗد روٗد مومنیٛن ہنٛد یہِ کاروان دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہُران تہٕ کاڈ کڈان۔ حضرت ابوبکرؓ ہَس نِش مُتاثر سپِدتھ سپٕدی عثمانؓ بن عفان، زبیرؓ بن عوام، عبدالرحمانؓ بن عوف، سعدؓ بن ابی وقاس تہٕ طلحہؓ بن عبداللہ مشرف بہ اسلام، ابو طألب یوٗ دوٕے اسلام انہٕ نہٕ نِش محروٗم روٗدی اماپوٚز تِمو کوٚر پنٕہٕ نبن نیٚچو بن ہنٛد مشرف بہ اسلام سپُدن پسند تہٕ ہمیشہِ کُرکھ آنحضورٕ ہنٛز پاسدأری، طرف دأری تہٕ حفاظت۔ اۘخری دمس تام روٗدی تِم سازشن ہنٛدِس طوٗفانس منٛز اکہِ مضبوٗط دوسہ ہنٛدی پأٹھی آنحضورنٛ ہُنٛد سہارٕ بنٕتھ مدد کران۔

☆☆☆

# آنحضورنٕ ہنٛز مدینس کُن ہجرت

ابوجہل ہندِس تجویزس پٮ۪ٹھ آیہِ آنحضورؐ (نعوذ باللہ) قتل کرنٕچ سازِش کرنہٕ ہیمہِ باپتھ باہَن قبیلن ہندی باہ نوجوان مامور آیہِ کرنہٕ۔ مکہ معظمہِ پیٹھ اُسی گوڈنٮ۪ے واریاہ مسلمان ہجرت کٔرِتھ مدینس تہٕ نبر مبن علاقن کُن ژٔلی متی ۔ ۱۲ ستمبر ۶۲۲ عیسوی بہ مطابق ۲۷ صفر ۱۳ بعثت، پنٛج شنبہٕ چہِ رأژ ہندِ گوڈنکہِ پہرِ ییلہِ زَن مُسلح دُشمن تمن محاصرٕ کٔرِتھ زاگان اُسی، دژایہِ آنحضورؐ، حضرت علیؓ ہَس گرس منٛز تھٲوِتھ تہٕ حضرت ابوبکر صدیقؓ ہَن پانس ستی ثلِتھ، سورة یٰسین پران ''غارِ ثورس'' کُن مکہ شرٕیفس الوداعی نظراہ کٔرِتھ۔ غارِ ثورٕ ہَس منٛز ترٕ بن دوہَن قیام کرنہٕ پتہٕ، یکم ربیع الاول دوشنبہ مطابق ۱۶ ستمبر ۶۲۲ء رات کہِ گوڈنکہِ پہرٕ سَپدی تم مدینس کُن روانہٕ۔ اللہ تعالیٰ ہَن کٔر پننٮ۪س محبوبس پانہٕ رأچھی تہٕ دُشمنن ہنٛزن اَچھن پیٹھ کاژ تھٲوِ۔ تم وٲتی ۸ ربیع الاول جُمعہ کہِ دوہہٕ مدینہٕ کِبن حدوٗدن منز۔ تمہِ وِزِ اُسی تہنٛز عُمر مُبارک ترٛوُنزاہ وٕری یہ۔ قبا ناوچہِ جایہِ پیٹھ یوس مدینہ منورٕچ اکھ مضافأتی آبادی چھے تہٕ ترٕٛ بن میلن ہندِس فأصلس پیٹھ واقع چھے، تژ دو آنحضورؐ مو مسجدِ قبا شرٕیفچ بُنیاد۔ ییلہِ ژوداہ دویہِ پتہٕ تمؐ مدینس کُن روانہٕ سَپدی تمن آو مدینہ پاکس تہٕ م انصارن ہندِ طرفہٕ وَتن دُورویہِ کھڑا سپدِتھ والہانہ استقبال کرنہٕ۔



# قران کریم ...... تہٕ نعتچ فکری بُنیاد

فخرِ موجودات رحمتہ اللعمالمین، آنحضورﷺ ہُند نوٗرِ مُبین اوس خالقِ کأئناتن یہِ کائنات وجوٗدس منز اَنہٕ نہٕ بروٗنٹھے پأدٕ کوٗرمُت، تیٚچ تصدیق مختلف مذہبن تہٕ دینن ہنزن کتابن منز تہِ کرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ آنحضور نبی آخرالزمانؐ آیہِ سأرِنے پیغمبرن، نبی ین تہٕ ہأدی ین ہندی سردار تہٕ برگزیدٕ رسول مقرر کٔرتھ مبعوث کرنہٕ تیٚچ گوٲہی مختلف صحیفہٕ تہٕ الہأمی کتابہٕ تہِ دِوان چھےٚ۔

دراصل چھِ نعتس منز آنحضورؐ ہنز توصیف تہٕ مدح سرأیی قرأنی محرکاتن تہٕ احادیثِ نبیؐ ہنزے دین تہٕ دِیُت یوس اَمِچ فِکری اساس قأئم کران چھےٚ۔ بقولِ مولانہٕ جامیؔ ''تتھ صِنفس کیاہ تھزر، بجرتہٕ میچھر آسہِ ییمیُک دٔس پانہٕ پروردِگارِ عالمین تُل''۔ قران کریمس منز چھُ خالق کائناتن پنہٕ نِس حبیبؐ سنزن خوٗبین، وصفن ہُند ذِکر تہٕ تِہندِ ہمہ جہت تہٕ کأمِل شخصیژ ہُند تعأرُف کمہٕ لولہٕ تہٕ مایہِ سان کأژہن آے کرِمٕن منز کوٗرمُت یمہٕ وقت گُذرنس سٟتی سٟتی صِنف نعتکی بُنیأدی وَصف تہٕ اساسی میلہٕ پچہٕ تصور آیہ کرنہٕ۔ یہوٗے وجہ چھُ زِ بقولِ جناب محمد

یوسف ٹینگ، ''تہنز ذاتِ آقدس چھےٚ دُنیاکین کینژن سارِوے کھوتہٕ فصیح، بڈٕن تہٕ عظیم سوخنورن ہندِ نعتچ مرکز بنے مژ۔ ظاہرا آسہِ نہٕ دُنیاہس منز بیٚیہ کانہہ یژھ ہش مِثال ییلہِ ییژوالگ زبانَن ہندیو تھنگیو اتھ شانداراتہٕ شوٗبہِ دار اندازس منز اُکس ذاتِ پاکس یژھ پژھِ، لولہٕ تہٕ لیہٕ ہندی موختہٕ ہارجُری متی آسن۔ مُسلمانَن ہندی لولن کوٚرپانہٕ خالقِ کائنات سُند تعلق سرورِکونینس ستی اکہِ جسی انداز، خالقن گریزنوو تہٕ شولہٕ نووِ یہِ عالم پنہٕ نِس ٹاٹھس نبیٚ سِندِس لولس آئینہ بندی کرنہٕ خاطرٕ۔ قران مجیدس منز چھُ حضورنٮ۟ خطاب کرنہٕ خاطرِ اللہ تبارک و تعالیٰ تمن خوبین تہٕ صِفتن انبر کوٚرمت یم تسندِ وجوٗدٕ ستی شولے یہِ۔''[۲]

[۱،۲]: دیباچہ ''نور آگر''، کلچرل اکیڈمی (ص ۲۱،۲۲)

اُتھی تنوظرس منز چھُ بقولِ عزیز حاجنی صاب ''یہِ وَنُن بجا زِ گوڈنیک نعت خوان چھُ خود خداصابِ، قران و حدیث غور سان پرنہٕ پتہٕ چھُ یہِ تأثرٕ واضح پأٹھی گنان زِ کائناتُک اکھ اکھ ذرٕ چھُ ہر ہمیشہ آنسرورصلی اللہ علیہِ وسلمن ہُند مداح روٗدمُت۔ یہِ ونہٕ نِس اندر چھنہٕ کنہہِ مبالغہٕ زِ یتیاہ تعریف نبیِ برحق صلی اللہ علیہِ وسلمن ہندی کرنہٕ آمتی چھِ تیتیاہ چھنہٕ وُنستام دُنیاہس منز خدایس ورأے بیٚیہ کانسہِ ہندی کرنہٕ آمتی۔''

(''کأشری نعت'' ساہتیہ اکیڈمی، ۲۰۰۷ء)

یہِ کتھ چھُ بشیر اختر (مرحوم) ''نور آگر'' مجموعہ نعتس منز ییمہِ آیہِ باوان ''چنانچہِ چھُ پایہِ بڈس نبیٚ سُند گوڈنیک نعت خواں پانہٕ خداوندِ تعالیٰ''۔ (ص ۳۲)

قران کریم چھِ واریاہن آیتن منز چھِ آنحضورنٮ۟ ہندی گوٚن بیٚون بیٚون پأراینَن تہٕ اندازن منز بیان کرنہٕ آمتی، تہنز مدح سرأیی کرنہٕ آمٕژ تہٕ تمنٮ۟ پٔژھ

درۄد وسلام سوزنٕک حُکم صادِر کرنہٕ آمُت ۔ تہنٛدِ منصبِ رسولس پٮ۪ٹھ فائز کرنہٕ
ینٛک وجہ چھُ اللہ تعالیٰ سورۃ، التوبہ۔ آیت ۱۲۸ ہَس منٛز یہِ بیان فرماوان "لَقَدْ
جَآءَ کُمْ رَسُولٌ مِّنْ اَنْفُسِکُمْ عَزِیزٌ عَلَیْہِ مَا عَنِتُّمْ حَرِیصٌ عَلَیْکُم
بِالْمُومِنِینَ رَءُوفٌ رَّحِیمٌ" یعنے مے ژٕ رتوٚہی لوٗکو أندرٕ تِیُتھ اکھ رسول یُس
تہنٛدی دوکھ وُچھِتھ سٮ۪ٹھاہ تکلیف چھےٚ واتان۔ یُس تُہنٛزِ بہتری تہٕ پاپر جأیی ہُند
مُتمنی چھُ۔ سُہ چھُ سارِنے ایمان والین باتھ شفیق تہٕ مہربان۔"

آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمن پٮ۪ٹھ درودِ، سلام سوزنٕک حُکم کوٚت واضح تہٕ
صاف چھُ : "اِنَّ اللّٰہَ وَ مَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّونَ عَلَی النَّبِیِّ ٥ یَا اَیُّھَا الَّذِینَ ءَ امَنُوا
صَلُّوا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوا تَسْلِیماً (اَلاحزاب :۳۳ آیت ۵۶) ترجمہٕ : پانہٕ چھُ اللہ
تعالیٰ تہٕ تمی ہٕنٛدی ملأیکھ نبیؐ پاکس درُود سوزاں۔ اے ایمان والیو لوٗکو توٚہی تہٕ
سوٗزِیو تمن درۄد تہٕ سلام"۔ مذکوٗر آیتس منٛز ییٚمہِ شفقت تہٕ مایہ سٟتی پانہٕ رب
العالمین حبیب کبریا آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنٛز ثنا تہٕ مدح سرأیی کران تہٕ
فرِشتن تہٕ ملأیکن تمن پٮ۪ٹھ درۄد تہٕ سلام سوزنٕک ذِکر کران چھُ تہٕ ایمان والین
تہٕ تمی آیہِ اعزاز تہٕ اکرام سان درود تہٕ سلام سوزنٕک حُکم نأزِل فرماوان چھُ، تمہِ
سٟتی ہیکہِ آسانی سان آنحضورنٛ ہٕنٛدِ مُقامُک تہٕ روتبٕک انداز لاگنہٕ یِتھ۔ دراصل
چھےٚ یِہے ہِشہِ قرآنی آیتہٕ صنفِ نعتچ بُنیاد بنان تہٕ اِمکی حدۄد تہٕ مُقرر کران۔

سورئہ الاحزاب آیت ۴۵ تہٕ ۴۶ "یَا اَیُّھَا النَّبِیُّ اِنَّا اَرسَلنَاکَ
شَاھِداً وَّ مُبَشِّراً وَّ نَذِیرًا، وَدَاعِیاً اِلَی اللّٰہِ بِاِ ذْنِہٖ وَ سِرَا جًا مُّنِیرًا تہٕ چھےٚ
أمِس پایہِ بٔڈس پیغمبر سنٛز مدح خوانی ہٕنٛز مظہر ییٚمہِ روزِ محشر کس آخری دوہَس تام
پرٕزلوٗنہ آیہ محفوٗظ روزان تہٕ مومنین ہند بن دِلن آنحضورؐ ہٕنٛدِ جلالہِ تہٕ جمالہٕ کھو

پرتوٚ ستۍ منور کران روزان۔ ترجمہٕ چھُ یتھ کنۍ "اے نبی اَسہٕ سوز ژٕ لوکن ونہٕ نہٕ خاطرِ، خوشخبری بوزناون والی ہندِ شٕکی یتہٕ، خوف پاد کرن والی ہندِ تہٕ سانہٕ حکمہٕ ستۍ اکہِ پزلونہٕ ژانگرِ پاٹھی دعوتِ (دین) دِنہٕ والی ہندِ شٕکی یتہٕ" یا پرٚی تو سورۃ الفتح ہچ یہِ آیت (۴۸ آیت ۲۸) ھُوَالَّذِی اَرسَلَ رَسُولَہٗ بِالھُدیٰ وَدِینِ الحَقِّ لِیُظھِرَہٗ عَلَی الدِّینِ کُلِّہٖ وَکَفٰی بِاللّٰہِ شَہِیدًا

ترجمہٕ: "سُے چھُ یُس پنُن رسولؐ سوز پزی وتہٕ پٹھ تہٕ پزِس پٹھ اوٚ موکھ ژِ اتھ دِینس تھاوِ بیین دینن بالاتر، بیہِ چھُ اللہ تعالیٰ کافی حق ثابت کرنہٕ خاطرِ"

یا سورئہ الانبیاء ہچ یہِ سورت (۲۱: آیت ۱۰۷)

وَمَااَرسَلنٰکَ اِلَّا رَحمَۃً لِلعٰلَمِین" یعنے "تہٕ توہیٚ آیہ وِ سارِنے عالمن پٹھ رحمتِ بنتھ سوزنہٕ" تہٕ گوٚو زن یہ زِ آنحضورنٕ ہندِ رحمتُک فاض چھُ پزتھ اِنسانس خاطرِ یُس کُنہِ نتہٕ کُنہِ صورتس منز تَس تہٕ کائناتس پزتھ جاندارس واتان روزان چھُ سہٕ یژھی تن یہ حاصل کرن یامتہٕ یژھی تن۔

آنحضورنٕ ہنز پاروی کرنہٕ باپتھ چھُ اللہ تعالیٰ ییمہِ آیہِ لوکن کُن مخاطِب سپدان: "قُل اِن کُنتُم تُحِبُّونَ اللّٰہ فَاتَّبِعُونِي یُحبِبکُمُ اللّٰہُ وَیَغفِر لَکُم ذُنُوبَکُم وَاللّٰہُ غَفُورٌرَّحِیمٌ" (اَل عُمران ۳: آیت ۳۱)

ترجمہٕ: "اے نبیؐ توہیٚ وَنِو لوکن زِ اگر توہیٚ پزی پاٹھی اللہ تعالیٰ ہَس ستۍ محبت چھُوٚ، تیلہِ کرِو میانۍ پاروی۔ خدا تعالیٰ تہٕ کرِ توہہِ ستۍ محبت تہٕ تہُندی گوناہ کرِ معاف (تکیاز) اللہ تعالیٰ چھُ بوڈ رحم کرن وول۔"

اللہ تعالیٰ چھُ آنحضور صلی اللہ علیہِ وسلمن علوم تہٕ مُعارفن ہندی بریلہِ ترٲوِتھ ذکر کرنہٕ وِزِ تہُند سینہٕ مُژراوُنک واقعہٕ یتھی کنۍ یاد پاوِتھ تمنٕ ہنز حوصلہٕ

افزأیِ فرماوان: ''اَلَم نَشرَح لَکَ صَدرَکَ ٥ وَوَضَعنَاعَنکَ وِزرَکَ، اَلَّذِی اَنقَضَ ظَهرَکَ ٥ وَرَفَعنَالَکَ ذِکرَکَ'' (سورۃ: الم نشراح ۹۴: آیت ۲۴)

ترجمہٕ : کیاہ اَسہِ مُژرِوو نا تہنٛدِ سینہٕ مُبارک تہٕ لوٗژرِوو نا تہنٛد بارِ خاطرِ تہٕ تہنٛدِس ذِکرس کٔر رفعت تہٕ تھزر عطا'' یعنی فرشتن تہٕ پیغمبرن نِش کوٗر اللہ تعالیٰ ہَن تہنٛد اِسم گرامی بُلند تہٕ عام اِنسان تہٕ خصوصاً مومنین چھِ تہنٛد ذِکر بڑِ یزتہٕ تہٕ اکرامہٕ سٟتی نِمازٕ دوران، اذان، اقامت تہٕ خُطبس منز کران یتھ دوران تہنٛد اِسم مُبارک چھُ اللہ تعالیٰ سٟندِ پاک ناوٕ پتہٕ ہنہٕ یِوان، کلمہ طیبہ تہٕ اتحیاتس منز تہٕ چھُ تتھے کٔنی تہنٛدِ ناوُک ذِکر کرنہٕ یِوان۔ یتے اوٗت نہٕ، اللہ تعالیٰ چھُ سورۃ بنی اسرائیل ۷: آیت ۷۹ منز تہنٛ ارفعی تہٕ اعلیٰ مقامس پیٹھ فأیز کرنک یتھ کٔنی اِشارٕ فرماوان:

عَسیٰ اَن یَبعَثَکَ رَبُّکَ مَقَاماً مَحمُوداً ٥

ترجمہٕ : یہٕ کتھ چھےٚ قریب زِ تہنٛدِ پالنہار (رب) کرِ توہی مُقامِ محمودس پیٹھ کھڑا'' تفسیرِ عثمانی (ج ۔ا۔ ص ۸۱۲) ہُک حوالہٕ دِوان چھُ مُظفر احمد خان فِروتن صاَب معروف کِتاب ''نعتِ مصطفیٰ'' ہَس منز اتھ کتھِ یمہٕ آیہٕ پھُٹ کڈان ''مُقامِ محمود شفاعتِ اعظمیٰ کا نام ہے۔ جب کوئی پیغمبر نہ بول سکے گا تب آنحضرت صلعم عرض کر کے خلقت کو تکلیف سے چھڑائیں گے۔ اس وقت ہر شخص کی زبان پر آپ کی حمد (تعریف) ہو گی اور حقِ تعالیٰ بھی آپ کی تعریف کرے گا۔'' بخاری، مسلم اور دیگر کتب حدیث میں شفاعتِ کبریٰ کا نہایت مُفصّل بیان موجود ہے۔ شارحین نے حضورؐ کیلئے دس قسم کی شفاعتیں ثابت کی ہیں جو فتح الباری میں درج ہیں۔'' اللہ تعالیٰ چھُ پیغمبر آخر الزمانسؐ تہنٛدو اوصافو سببہٕ طاہا، یٰسین، المزمّل، المدثّر ہوٕ بو القابو سٟتی مُخاطب سپدان۔

خالقِ کائنات چھُ سورۃ القلم ۶۸ : آیت (۴) ژورس منز آنحضورنٛ ہنٛدِ خُلقِ عظیمُک یمن لفظن منز تعریف تہٕ تشریح فرماوان:

وَانک لعلی خُلقِ عظیم

ترجمہٕ: ''بے شک چھِو توٚہۍ عظیم کردارٕکۍ تہٕ خولقکۍ مالک۔'' یمہٕ آیہ کرِنچ تفسیر چھےٚ یہ آمٕژ کرنہٕ زِ توٚہۍ صلعمن ہنٛز زبان چھےٚ قرآن کریم تہٕ تہنٛدۍ اعمال تہٕ اخلاق چھِ قرآنچ خاموش تعبیر'' آنحضورنٛ اَسۍ مُخالفن ہنٛز تُرش کلامی تہٕ تُند خویی ہُنٛد جواب بُلند اخلاق تہٕ شفقت برٛۍ تِس لہجس منز دِوان۔ مجنوٗن تہٕ جادوگر وَنن والین دُشمنن ستۍ نیک خواہی تہٕ درد مٔندی ہُنٛد مُظاہرٕ کران تہٕ غمخوری تہٕ صبرس کآم ہوان۔ یہ اُس تہنٛدِ اخلاقٕچ عظمت زِ تمن آیہِ الکھف ۱۸ : آیت ۶ ہَس منز تسلی تہٕ ڈینتھ دِنہٕ زِ یوٚدوے کافر قرآنچن کتھن کن تھاوَن نہٕ توٚہۍ مہٕ آسو پنہٕ نِس پانٕس تہنٛدِ غمہٕ ستۍ ایذا دِوان۔

قرانِ کریمس منز چھےٚ جایہٕ جایہٕ رسولِ نازنینٛ ہنٛز تعریف تہٕ مدح آمٕژ کرنہٕ یمن سارنٕے بیان کرنٕس یہ کتاب متحمل چھےٚ نہٕ۔ اماپوٚز آیاتِ کریمہ چھِ بوٚنہٕ کنہٕ درج یِوان کرنہٕ یمن پٮ۪ٹھ عمل کرُن اَسہِ زِندگی ہُنٛد شعار بناوُن پزِ:

۱۔ ''وَمَن یُطعِ اللہَ وَرَسُولَہُ فَقَد فَازَ فَوزًا عَظِیماً''

(الاحزاب ۳۲، آیت ۷۱)

ترجمہٕ: ''یُس تہٕ خداتہٕ تمۍ سُنٛدِس رسولنٛ سُنٛدِس حُکمس پٮ۪ٹھ پکہٕ تمۍ پروو بڈ مُراد۔''

۲۔ ''وَاَطِیعُو اللہِ وَالرّسُول لعلّکم ترحمُون''

ترجمہٕ: ''یِیہٕ مانٛنو حکم اللہ تعالی سُنٛد تہٕ رسولنٛ مَن ہُنٛد تاکہٕ توٚہہٕ پٮ۪ٹھ یِیہ رحم کرنہٕ۔''

نشاط انصاری صاب چھِ ملاحکیم عظیم سُند حوالہٕ دِتھ کیٛنژن قرآنی آیتن ہنٛز نِشاندہی کران یِمن منٛز تہٕ حق تعالیٰ آنحضورؐ ہنٛز مدح سرأیی تہٕ توصیف پانہٕ چھُ کران۔

''قرانِ مجیدُک سورۃ الم نشرح چھُ سرورِ کائنات ہنٛزِ دِلِ مُبارکچہِ عشقہٕ ہنٛز تشریح تہٕ وضاحت، سورۃ رحمان ہِنٛکی آیات چھِ تِہنٛز پرزلوٗنہٕ پیشانی ہنٛدی آئینہ دار، تاجدار انبیاء سُند بجر چھُ تیوٗ تاہ مُسلّم زِ جبریلِ امینؑ تأنی چھُ تہندی بے شمار وصف تہٕ سیرت بیان کرنہٕ نِش قاصِر'' محبوبِ کبریا سُند بجرٕچ چھےٚ یِہے دلیل کأفی زِ اللہ تعالیٰ ہَن کٔری آدمؑ تہٕ حضرت ابراہیمؑ بہ دُنیا معبوث تہٕ یِہنٛدِ ہے لولس منٛز آیہٕ یہٕ کائنات وجوٗدس۔'' حدیثِ قدسی ''لولاکَ لما خلقت الافلاک'' چھےٚ اتھ پٔزرس گواہ۔''

(نعتیہ ادب کشمیر یونی ورسٹی 'انہار' ۱۹۹۲ء، ص ۴۹)

موٗختصر پأٹھی ہیکو یہٕ کتھ وثوقہٕ سان وٕنتھ زِ خالق کائناتن چھِ قران کریمس منٛز پانہٕ پنہٕ نِس محبوب صلعمس تیٖژ تعریف کٔرمٕژ زِ دُنیاہِکی سارِی شاعر یوٗ دوٕے یِکہٕ وٹہٕ سپدِتھ تہٕ تِہنٛزٕ مدح سرأیی کران، اتھ توصیفی سرمایس ہیکن نہٕ اکھ رژھ تہٕ ہُر بر کٔرِتھ۔ ژودہَن ہتن ؤرِی یَن منٛز تہٕ روٗز مدحٕچ تشنگی بأقے۔



# نعت کیاہ گوٚو

ووٚنۍ کرو اَسۍ صنفِ نعتس مُتلِق کینٛژن معروٗف قلمکارن تہٕ موٗقر محقیقن ہنٛز آراء پیش تاکہ قاری صاحبان ہیکن پانہٕ تہِ اتھ صِنفس پٮ۪ٹھ کانٛہہ حتمی راے قایم کٔرِتھ۔

ساٚنۍ معروٗف ناقدِ تہٕ ماٚنۍ ہتۍ قلمکار تہٕ شاعر نشاط انصاری صاب چھِ نعتچ تعریف یمن دِلکش تہٕ بلیغ لفظن تہٕ تِتھس لوٚبہٕ وُنِس انداز س منٛز کران: ''نعت لفظ کٔمن گرٛشھِ تھے چھےٚ ہمیشہِ کاٚیناتچ سو عظیم المرتبت اعلیٰ ترین تہٕ بشری شخصیت اَچھن بروٚنٛہہ کُن یِوان، یِہُنٛد اِسمِ مُبارک احمدِ مجتبیٰ محمد مصطفےٰ چھُ یمن سرخیلِ رسالت الٰہیہ، خاتم النبین تہٕ رحمتہ اللعالمین آسنہٕ علاوٕ اَکِس لچھس تہِ ژوداہن ساسن پیغمبرن تہٕ مرسلن اندر مُرسلِ اَعظم آسنُک شرف تہِ حاصِل چھُ''۔

نعت چھُ تمہندِ ہے ذاتِ بابرکتس ہتۍ تتھٕ کٔنۍ مخصوص یتھٕ پاٚٹھۍ گولاب پوشہِ خاطرِ تمیُک لوٚبہٕ وُن تہٕ پرٛیہِ وُن رنگ تہٕ تیٚمچ شامتہ العنبر خوشبوے چھےٚ۔ پننہِ لغوی تہٕ اصطلاحی معنہٕ مُطابق ہیکہِ نہٕ نعت محبوبِ کبریا صلعم ہٕندِ ذاتِ اقدسہٕ

ورآے ییہِ کاننہٕ تہِ نبی یَس یا اہلِ اللہ ہَس ستۍ منسوب آستھ۔''

''سارِنے شعر ذاٹن تہِ صِنفن ہِندِس کُنہِ فارِس منز یوسہٕ کانہہ منظوم تخلیق جنابِ سیدالمرسلینؐ ہِندِس شانَس منز پیش ییہِ کرنہٕ، تتھی چھِ نعت ونان...... اتھ خاص تناظرس منز ونو نعت، بامے سُہ کُنہِ تہِ فارِس منز آسِن تتھی کلامس یتھ اندر اشرف الانبیاء صلعمن ہُند سراپا تہٕ شکل وشمائل، قدِ زیبا تہِ حسنِ ملیح، جلال نبوت تہٕ سیرت طیبہ، اُسوہ حسنہ تہ اوصاف ربانی، اقدار مطلقہٕ تہ بشری کمالات، معجزہ تہٕ صفاتِ حمیدہ سبٹھے سلیقہٕ مندی تہِ حِفظِ مراتب سان بیان ییِن کرنہٕ۔''

(''نعتیہ ادب''، کشمیر یونی ورسٹی،

کاشُر مرثی منز نعتُک حِصہٕ، ص ۱۴۳-۱۴۴)

وونی وُچھو سائنی ییہِ کینہہ لسانی محقق تہٕ عاشقانِ رسولؐ کتھٕ کنی چھِ صنفِ نعتس پُر اثر تہٕ مأری مندس اند ازس منز وبڑھنے گرتھ پننہٕ فِکری گیرائی ہُند مظاہر کران: ''نعت'' چھُ دراصل عربی زبانی ہُند لفظ ییمیُک لُغوی معنہِ چھِ تعریف کرٕنی یا توصیف بیان کرٕنی۔ تاہم چھِ فن شاعری منز ییِ اکھ مخصوص صِنف ییتھ منز آقائے نامدار تہٕ سرورِ کائنات رسولِ مقبوُل حضرت محمد صلعمن ہنز مختلف پیراین منز تعریف تہٕ توصیف کرنہٕ یوان چھے تہٕ اتھ سِلسلس منز شاعر ییِ کینژ ھا تہٕ لب و لہجہٕ اختیار کرِ تمیُک مُراد چھُ رسولِ گرامی وقار ہنزے ذاتِ گرأمی آسان۔ ممدُوحس ستۍ مدحُک یوت رِشتہٕ مضبوُط آسہِ تمی اعتبارٕ ستۍ آسہِ مدحیہ شعرن منز حسن و عشقچ جلوٕ گری تہِ۔ پننہٕ نِس آقاہَس ستۍ محبت کِس رِشتس منز کُنہِ قسمچ کمی پننہِ کِس صوُرتس منز چھِ ییے مدحیہ اشعار مرثی بنان یمن منز موجوُد آستھ تہِ دور تام شاعری ہُند روح نظرِ چھُنہٕ گژھان۔''

("صِنفِ نعت" اور مولا ناںہ احمد رضا بریلوی۔
از غلام یحیٰ انجم شیرازہ اُردو جلد ۴۳ (۲۰۰۵ء) ترجمہٕ بشیر بھدرواہی)

سانٛی ماہر لِسانیات تہٕ محقق جناب محمدؐ یوٗسف ٹینگ چھِ نعتس مُتلِق یِتھٕ
ہش گوہر فشانی فرماوان: "نعت چھُ مُسلمانن ہٕنزِ وابستہٕ زبانن ہُند اکھ سٕبٹھے
دِلنواز صنِف سوخن۔ مُسلمانن ہِندِ عقیدت تہٕ لولُک مرکز تہٕ محور، منزل تہٕ حاصِل،
مقصد تہٕ مسلک چھِ حضور پیغمبر اسلامؐ ہنٛز پاک تہٕ پاسہٕ ذات، نعت چھُ تتھی لوٗلس
اظہار کران۔"

("نور آگر" کلچرل اکیڈیمی)

بقولِ غلام نبی ناظرِ "نعت گوٚ و موختصر پاٹھی سہٕ باتھ یا شعری تخلیق یتھ
منٛز آنخضرتؐ ہٕندی تعریف یِن کرنہٕ۔ اتھ اند ریوٗت لحاظہٕ حضوٗرنؐ ہندِ ادبُک تہٕ
مُقامُک تھاوُنہٕ آسہٕ آمُت تمہِ پتہٕ زبان، الفاظ، ترکیبہٕ، تشبیہ تہٕ استعارٕ بیٚترٕ ژٲرِتھ
تہٕ شُبہٕ دار تہٕ نوبر ہتھ ورتاوُنہٕ آسن آمٕتی تیوٗت روزِ نعتِ شریف کامیاب۔"

(محمود گامی بحثیت نعت گو۔ شیرازٕ نومبر ۱۹۸۶ء)

"نعت مصطفےٰ" ہِشہِ کتاب ہٕندی موٗلف مُظفر احمد خان چھِ نعتس مُتلِق
ممتاز حسن صاٗنٛی راے یتھٕ کٕنی قلمبند کران: "پرٛتھ کانٛہہ سُہ شعر چھُ نعت یمیُک
تاثُر آسہٕ حضور نبی کریمؐ ہٕندِس ذاتِ گرامی یَس قریب اَنہٕ۔ یتھ منٛز حضوٗرنؐ ہنٛز
مدح آسہٕ یا تِمن خطاب آسہٕ آمُت کرنہٕ۔ صحیح معنن منٛز چھُ نعت تتھ صِنفس ونان
یتھ منٛز پیکرِ نبوٗتکی صوری محاسنن ستی لگاوٕ بجایہٕ نبوت کِس مقصدس ستی دِل بستگی
موجوٗد آسہٕ، یتھ منٛز جناب رِسالت مآبس ستی محض رسمی عقیدتکے اِظہار آسہٕ نہٕ
اماپوٚز آنحضورنؐ ہنٛز شخصیژ ستی تعلُق موجوٗد آسہٕ......"

(''نعت مصطفٰے''، (فروتن)

بقولِ ڈاکٹر محفوظ جان: ''نعت چھُ اکھ سو شعرِ ذات یتھ منٛز اکھ پابند موضوع آسان چھُ، ییمہِ کِنہٕ شاعرامہِ پابند موضوع نبر نیرتھ ہیکہِ نہٕ تٔلی کہِ چھُ تس مخصوص پأٹھی آنحضورنٛ ہُند صوٗرتُک تہٕ سیرتُک بیان پننین نعتہٕ شعرن منٛز باوُن۔ مگر اصل نعت گو چھُ اتھ صوٗرتس منٛز امہِ پابندی باوجوٗد تہٕ اتھ صنفہِ منٛز پننہِ شاعرانہِ مرتبُک باس دِوان۔''

(شیرازہ جلد ۳۸۔ شمارٕ ۳،۴،۵ (۲۰۰۸) کلچرل اکیڈیمی)

''نعت چھُ بُنیادی اکھ موضوعی شعرِ ذات ییمِک بجر امہِ کِس عظیم تہٕ لاثانی موضوٗعس منٛز ژھپتھ چھُ۔ یعنے آنحضورنٛ ہِندِ سیرتِ پاک تہٕ شکل وشمایل تہٕ بعضے تہِنٛد جمال تہٕ جلال'' ڈاکٹر شاد رمضان: نعتیہ ادب (ص ۱۶۸)۔ ''نعت چھُ عقیدتی اَدب تہٕ اتھ منٛز چھِ جذباتن ہُند آوٕر بر اسی تھٕے، اماپوٚز ظاہر کہِ سوٚدرٕ منٛزٕ بأٹنٛگ موکھتہٕ کھالُن تہٕ پرن وأنس سُہ موکھتہٕ پزٕ ناوُنک تہٕ مولہٕ ناوُنک قوتھ عطا کرُن چھُ کمال۔ فنکاری گٔیہِ بے زوٗ چیز جاندار ہٕندی پأٹھی بولہِ ناوٕنی۔ اکائیل کتھن ٹھوس کاے بخشُن''۔

(ڈاکٹر شاد رمضان: نعتیہ ادب ۱۹۹۲ص ۱۷۰)

بقولِ عزیز حاجنی ''نعت چھُ ادبی دُنیاہُک سُہ ناگرادیُس عقیدت کہِ آگرٕ وزان چھُ۔'' یہِ بحث واتناوو اُسی مرغوب بانہالی تہٕ محمد اسمایل آزاد ہٕندو ییمو موٕلِلی خیالاتو ستی انٛد۔ ''نعتیہ سوز وگداز کہِ امہِ تقاضکی پأٹھی چھےٚ فنی شناختکہِ تقاضہٕ رٕنگی یہِ کتھ تہِ ذہن نشین کرٕنی لازمی زِ نعت چھُنہٕ ہیتی لحاظہٕ کُنہٕ خاص شعرِ ذاتُ ہُند ناوٕ ٔلی کہِ چھُ یہِ ژکہِ اکہِ تبتھِ مختلف الاضاف موضوعُک ناویُس شاعری ہٕندو

مختلف قالبو علاوٕ نثرٕکین مختلف مُقفّیٰ تہٕ مُسجّیٰ قالبن منز تہٕ جہار لُبتھ چھُ ہبکان۔ نعتیہ اظہارٕکس کثیر الجہت موضوٗعس ہکو أسؠ اختصارٕ سان آنحضورنؐ ہٕندِس مثٲلی صوٗرتس تہٕ سیرتس باوتھ کرنُک موضوع وٕنتھ۔"

('انہار نعتیہ ادب نمبر کشمیر یونی ورسٹی ۱۹۹۲ء ص ۱۱)

محمد اسماعیل آزاد چھِ پننہِ نِس أکِس اہم مضمون "نعتیہ شاعری اور غیر مسلم شعراء" کِس تمہیدی پراگرفس منز صنفِ نعتچ یتھٕ کٕنۍ تشریح کران: "پیغمبرِ اسلام کی ذات و صفات اور آپ کے قعطات و منسلکات کا شعری بیان نعت کہلاتا ہے۔ نعت شاعری کی خارجی و داخلی دونوں قسموں کو محیط ہے۔ نبیؐ اور آپ کے قعطات و منسلکات نیزان کے باعث قلب و ذہن کی وجدانی کیفیات و والہانہ جذبات شعر و شاعری کے لباس میں جلوہ گر ہو کر شعری اصطلاح میں نعت کہلاتے ہیں۔"

(شیرازٕ، جلد ۲۶، ۱۹۸۷ء، شُمارٕ ۲)



## ۲۔ صِنفِ نعتُک انہار، صِنفی وَصف تہٕ موضوٗعات.

نعت چھُ پرٛتھ صِنف سوٗخنس منز لیکھنہٕ یوان یتھ منز حمد، قصیدٕہ، غزل، سراپا، شہر آشوب، رباعی، ٹُکھ، وژن، ترکیب بند (پانژھ مصرعی) ترجیع بند، سلام تہٕ نثری نظم وغارٕ شامل چھہٕ۔ مثنوی ہشہٕ صِنفہٕ منز تہٕ چھُ باری تعالیٰ ہِندِ حمدٕ کہٕ بیانہٕ پتہٕ آنحضورنٛ ہنٛز توصیف تہٕ کمالاتن ہُند اِظہار عقیدتہٕ تہٕ احترامہٕ سان بیان یوان کرنہٕ۔ یتھین نعتن ہکو أسی توصیفی یا مدیٔ نعت وٕنتھ۔ نعت ہیکہٕ دُعایہٕ، التجایہٕ تہٕ ثنایہٕ انہار تہٕ پرٛاوِتھ۔ دُعایہٕ نعتن منز چھےٚ شفاعت منگنہٕ یوان یوٚدوے زنہٕ التجایہٕ نعتسِ منز چھےٚ آنحضورنٛ ہنٛز توجہ ذأتی مُشکلن کُن مرتکز کرنٕچ کوٗشش یوان کرنہٕ۔ نعتکِس غزلیہ انہارس منز تہٕ چھہٕ آنحضورٛ ہندی توصیف یا موحبتُک اِظہار اشارن یاؤلتھ مِلتھ لفظس منز کرنہٕ یوان۔

نعت چھُ عقیدت تہٕ فنُک اِمتزاج، عقیدت پیٛژ سُنٛز تہٕ شوٗژ آسہٕ تیٛوٚتے چھُ نعتس نِکھار پأدٕ گژھان۔ جامٕتِکی حأمِل شعرٕ چھہٕ پوٚز پأٹھی اتھ پسندید بناوان۔ بقولِ جناب محمد یوسف ٹینگ : ''...... نعت چھُ حمد، قصید، غزل، سراپا، شہرِ آشوب، عأجزی، دُعا، گرٛاو تہٕ کرٛاو تہٕ بیٚیہٕ واریاہَن پوشہٕ زأژن گنڈ گرِتھ پنُن گلدستہٕ پأراوان۔ اَمیُک ارتقاء چھہٕ گاہے جلال تہٕ گاہے جمال، گاہے ناوُک تہٕ گاہے فرِیادُک لہجہٕ اختیار کران۔ مُسلمانو ووٚنی تَمہٕ لولہٕ سان حضورنٛ ہنٛز کمالکی، کراماتکی، کلامکی تہٕ کارنامن ہندی ہرِ زِ سارِ دُنیاہُک اعلیٰ ترین اَدب گو اَمہٕ چھو رنگہٕ ژھٹوستی گلنار۔''

(''نوٗرِ آگُر'' کلچرل اکیڈیمی)

مرغوب بانہالی صاب چھِ نعتکین انہارن ییمہ آیہٕ نوٚ طرح بخشان

''نعت چھُ بحیثیت مجموعی سُہ سرچشمہٕ عرفان یُس پاک احساس پوچھر دِتھ واکھن یا شرکین تہٕ گاشدار بناوان آو تہٕ وَنہٕ وُنس تہٕ روٗپھس تہٕ اکھ سنجید اظہار بخشنک باعث بنیوو۔ یُس مثنوی ہِندس بانس منز تہٕ معرفتک مس باگراوان چھُ۔ یُس ترجیح بند تہٕ ترکیب بندٕکی پاٹھی مسدس تہٕ مخمس ہوون فنی قالبن منز تہٕ نقش صداقت ووتلاوان چھُ تہٕ یُس رباعی کنیو دُبیتی ہِندِس ڈبکس تہٕ عشق رسولکؐ موکھتہٕ جران چھُ۔ بہرحال کُنہ خاص زبانی ہنزِ لفظی پابندی تہٕ کُنہِ خاص شعرِ ذاتٕ ہنز ہیتی پابندی قبول نہٕ کران وول نعت چھُ موضوعی لحاظہٕ پرٛتھ صنف سخنس تھزٕ رکی شہپر عطا کرنک ضامن بنیومت۔''

(''انہار'' نعتیہ ادب نمبر۔ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۹۲ء، ص ۱۲-۱۳)

''نعتک وصف چھُ باضے یہٕ تہٕ زِ ''عقید چھُ شعر بنتھ زمان تہٕ مکان چہ حد بندی یہٕ پھُٹرٕ اوتھ اکھ ماورأیی تجربہ بنان تہٕ لازوال سپدان۔''

(پروفیسر حامدی کشمیری۔ نعتیہ ادب ص ۲۴)

راہی صابن اَکس نعتس مُتلق تجزیہ چھُ نعتکس وصفس تہٕ اَمی کس باوژ بلس پیٹھ قابلِ توجہ گاش ترٛاوان: ''شار اَسی تن کُنہ تہٕ قبیلک تہٕ آورن کاری کارگر بناونی تہٕ شاعرانہٕ صداقتھ پاپر جاسپدنی چھے تمہ چہ اپیلہٕ ہنز بُنیاد۔ یہٕ اپیل پیٛداوٕر آسہ تیٚژ ہُر نعتیچ دِلکشی تہٕ امیک فنی مرتبہ......عقید تمند جذبٕچ پیشکش یَسلہٕ پاٹھی تمہٕ آیہٕ سپدان آمِژ زِ باوٕژ ہُند شوزر بوزر تہٕ راست انداز، لہجٕچ سادگی تہٕ امارک بےٚ پھرٕک آسنٕ چھُ امیک خاصُل خاص وصف باسان۔ ہرگاہ اکی یوت نظرِ وُچھن آسہے کاشر نعتیہ شاعری ہیکہٕ ہے شاید کُنہ تہٕ زبانی ہنزِ عقیدتی شاعریہ

لرلوٗر اِستادٕ سَپدِ تھ۔ کانٛسہِ مِثالی نعتہِ شاعر سُند کمال تہٕ تسٕند کُنہ تہٕ نعتیہ شارٕچ دِلکشی چھےٚ مولی طور یتھ کتھِ منٛز پوشید زِ نعت خان وَنہ حدٕ بند آستھ تہٕ حد بندی قوبوٗل کُرتھ تہٕ تتھی شاریم تخلیقی اعتبارٕ زِنٛدٕ تہٕ سرتاز آسن۔''

(''کاشر نعتیہ شاعر'' آلو، مارچ - اپریل، ۲۰۰۴ء پروفیسر رحمان راہیؔ)

یپارِ چھِ ڈاکٹر شفیع شوق نعتُک جمالی تہٕ جلالی انہار اَکس بلیغانہٕ طرزِ اِظہارس منٛز یتھٕ پاٹھی وَنہِ کڑان: ''جلال تہٕ جمال نعتس منٛز ہاونہٕ باپتھ چھُ شاعر معرضِ مِثالس وُنی دِنہٕ باپتھ پٔنن تخیُل وُپھناوان تہٕ پھرِ پھرِ چھُ ہوی حسباوٕی تفصیل ہتھ واپس یِوان: وُچھون تہٕ وُچھون تابناک آفتاب ہیٚو، زانیون تہٕ زانیون گولاب ہیٚو، ژِہنیون تہٕ ژہنیون مشکِ اَدفر ہیٚو۔ انسانہٕ سُند اوٲلی تخیُل (Primary imagination) ہیکہِ نہ امہِ نبر نیرِتھ۔ نعتن ہنٛدی بہترین شعر چھِ یمنے بصری تشبہین أندی پکھی گردش کران۔''

گو جہاں تازٕ بہ رخسارِ رسولِ عربی

روٹ گلو مُشک زِ گُفتارِ رسولِ عربی

حقانیؔ (''انہار'' کاشر ڈِپارٹمنٹ یونی ورسٹی کشمیر، نعت نمبر ۱۹۹۷ء ص ۱۶۴)

''یہ چھُ پزٕر زِ نعتُک تخلیق کار چھُنہٕ اکُے فرد یعنی شاعر، پوز نعت لیکھنہٕ وِزِ چھُ سُہ دوکھ، دأدی، غم تہٕ رنج، مشکلات تہٕ وقتکی ظلم باوان باوان تہٕ فریاد کران کران اجتماعی زِنٛدگی ہُند فرض تہٕ انجام دِوان۔ سانین اکثر کاشرین نعتن تہٕ منقبتن منٛز چھُ یہ مخصوص تھیم، مزاج تہٕ رنگ، عام پاٹھی نظرِ گژھان۔ اتھ چھُ سُہ مخصوص سیاسی تہٕ اقتصادی پسِ منظر ذِمہٕ وارِ یُس کشیرِ پتہٕ وتے نال وُلتھ

روٗد۔"

(نعتیہ ادب "انہار" کشمیر یونی ورسٹی،
مضمون: "نایاب نعتیہ اَدب" پروفیسر غلام محمد شاد)

بقول منشور بانہالی: "نعت گوئی چھُ اکھ متنوع الاصناف تہٕ وسیع الجہت موضوع یمیُک مُدعا تہٕ مقصد فخرِ کائناتؐ سرخیل رسالت الٰہیہ تہٕ خاتم المرسلین حضرت احمد مجتبیٰ محمد رسول اللہ صلہ اللہ علیہ واسلمن ہندِس اولالعزم تہٕ بابرکت ذات اطہرس ستی والہانہٕ مُحبتُک تہٕ عقیدتُک اِظہار چھُ۔ یتھ منز تہندِ جلال و جمالکی تہٕ بے مِثال اُسوہَ حُسنکی تعریف و توصیف تہندِ جلال نبوتُک۔ تہندن معجزاتن تہٕ کارنامن تہٕ تہندِ سفرِ معراجُک بیان تہنزِ عالمگیر فلاحی نصب العینُک تہٕ اُمتس پیٹھ تہندِ احسان و اکرامُک اعتراف تہندن ژون یارن تہٕ اہل بیتن ستی مُحبتُک بیان تہٕ تہندِ عطربیز سیرتِ طیبُک فِدائی ہُنتھ تہندن نقش قدمہِ مُبارکن پیٹھ پٔتن ژو آلونُک تمنا کرُن شامِل چھُ۔ وابستگی ہُند یوہے بے لوث تہٕ شوٗژ جذبہٕ چھُ دین و دُنیاچ سرخروئی ہنز ضمانت تہٕ قرب الٰہی حاصِل کرنُک ذریعہ۔ اللہ تعالےٰ چھُ قوران حکیم کِس سورہَ احزابس منز پانہٕ اُمِس ٹاٹھس نبیس پیٹھ درود وسلام سوزنُک تلقین فرماوان۔

"اِنَّ اللّٰہَ وَ مَلٰئِکَتَہُ یُصَلُّونَ عَلَی النَّبِیِّ ۵ یَا اَیُّھَا الَّذِینَ ءَ اٰمَنُوا صَلُّوا عَلَیہِ وَسَلِّمُوا تَسلِیماً (الاحزاب: ۳۳ آیت ۵۶)

(گولاب۔ منشور بانہالی ۹۵)

وونی وُچھو تو مظفر احمد خان فروتن کتھٕ کٔنی چھِ نعتکین موضوعاتن پیٹھ موثر اندازس منز تہٕ ترتیبہٕ سان وضاحت پیش کران۔ اُردو منز لیکھنہٕ آمژ یہٕ وبژھنٕ چھےٚ

غالبَاً تمہِ "نقوش" لاہور رسولؐ نمبر جلد دٔہم منٛز مُستعار اَنہٕ آمژ : "نعتیہ کلام ہر صِنف سخن میں لِکھا گیا ہے قصیدہ سے لیکر رُباعی تک، مثنویوں میں بھی حمد باری تعالیٰ کے بعد ثنائے محمدؐ لازمی جُز ہوتا ہے۔ نعت میں زبان و بیان کی قید تو ہے مگر موضوعات بے شُمار ہیں۔ کچھ نعتوں میں آپؐ کی بُزرگی، آپ کا خلقِ عظیم، آپؐ کا پرتوِ جمال الٰہی ہونا آپ کے معجزات وغیرہ۔ اور نعتوں میں ولادت سے وفات تک آپؐ کی حیات ارضی کے اہم واقعات بیان ہوئے ہیں جن میں آپؐ کے بچپن، جوانی کے ایام، بعثت، ایذا رسانی، ہجرت، غزوات، معراج، حجتہ الوِداع اور وفات شامِل ہیں۔ نیز آپ کے اخلاق عالیہ، آداب، اِحسانات، عنایات، ارشادات اور علم وفضل کا بھی ذِکر ہوتا ہے۔ نعتوں کی تیسری قسم میں آپؐ کا سراپا بیان ہوتا ہے اور آپ کے شمایل وشیم اور جمالِ ظاہری کی تصویر کشی پر زیادہ دھیان دِیا جاتا ہے۔ سب سے زیادہ پُر اثر نعتیں وہ ہیں جن میں والہانہ محبت اور عقیدت کا اِظہار کیا گیا ہو۔ ان میں ہوا کی معرفت سلام بھیجنا، روضۂ رسولؐ پر حاضری کی تمنا کا اِظہار، ندامت کے ساتھ فریاد اور التجا، گذارِش احوال، غم دِوران سے نجات اور سب سے بڑھ کر شفاعت طلبی اور دیدار کی درخواست پیش ہوتی ہے۔ نعت میں اگرچہ حضور انورؐ کی مدح کو مرکزی حیثیت حاصِل ہے۔ (جس میں آپؐ کی صداقت، عدالت، رحمت، شفاقت، حُسن سِلوک اور عفو و درگذر شامِل ہیں) تاہم چند نعت گو شعراء نے درپیش مسائل بہ مطابق عہد و زمانہ کا رونا خوب رویا ہے اور اسطرح نعت کے مضامین بڑھتے ہی چلے جا رہے ہیں۔"

(نعت مصطفیٰ ۲۰۰۲ء، ص ۹۰، ۹۱)



## ۳۔ نعتکۍ لوازمات، آداب تہٕ حدود:

جنابِ رسالمآب حضورِ اکرمؐ ہندی اوصاف حمیدہ تہنز فضیلت، برتری تہٕ حُسنِ اخلاقہٕ علاوٕ تہند ظاہری تہٕ باطنی حسنچ لامثال تصویر شارٕ ناونس کیٛت گژھِ بوڈ حوصلہٕ تہٕ سنٛز وانٛج آسنۍ۔ پوٚتس گژھِ زبانۍ ہُند شوٗزر، لفظن ہُند حُسنِ انتخاب، عقیدتُک، جذباتن، عشقُک تہٕ قلبی کیفیژن ہند سنیٛر تہٕ وارفتگی ہُند اِظہار تتھو لفظو ڈسی لبُن ییٚمہِ موکھہ تہٕ پھلبن ہندی پاٹھی نعت شریف کبن شارن گاہ تہٕ اوان باسان تہٕ پڑتھ شعر پرنہٕ پتہٕ تہٕ گژھِ قاری تشنہٕ کاہے روزُن۔ حضور اکرمؐ ہندِس مدحس تہٕ توصیفس منز لیکھنہٕ ینہٕ وألس نعتس منز کُنہٕ قسمچ لغزش ہیکہِ شاعرس کُفر کبن حدون تام واتناوِتھ۔ نعت گو شاعرس پزِ اسلأمی شرعیتکبن تقاضن ہنز حبسہٕ تہٕ ہوشہٕ سان پاسہٕ داری کرنۍ تہٕ امہِ کبن حدون اندر اندرٕ رے روٗزِتھ پننہٕ نبن جذباتن ہُند اِظہار ندامتہٕ تہٕ احترامہٕ ستی کرُن، تس گژھِ یہِ ضروٗری کتھ تہٕ ژیٚنس روزٕنۍ زِ الوہیت تہٕ نبوّتس منز چھےٚ تژہے ہش فرق یژھ خدائے تعالیٰ تہٕ بندس درمیان مذہب اسلام کبن بُنیادی تصوراتن منز واشراونہٕ آمژ چھےٚ۔ ییٚمیُک ذِکر قرآن تہٕ آنحضورؐ واضح پاٹھی اَسہِ برٛونٛہہ کنہِ تھاوان چھِہ:

”قُلِ انمآ بشر مِثلکُم و عرفنٰاکَ حق معرفتِکَ“

رسولِ نازنین تہٕ علمبردارِ انسانیت ہندِس پاک سیرتس، تہندبن قأبلِ رشک اوصافن، تہندِس حُسنِ جمالس تہٕ جلالس، تہندِس کریمانہٕ اخلاقس تہٕ اخلاصس نعتہِ کبن شعرن منز احترام تہٕ ندامت کیو اُچھروٚ ستی زیو اَنٛن چھےٚ نہٕ کانہہ سہل کتھا، نعت لیکھنہٕ وِزِ چھِ شاعرس پننہِ حبس ہوش قأیم تھاونۍ پیوان تہٕ امہِ کبن حد بند

اصوٗلن تہٕ آدابَن ملحوظ تھاوِتھ شرعی دائِرن منٛز توحیدِکین زاوِلین سرحدن اندر اندرٕ رۄزِتھ جذباتن ہُنٛد اِظہار پیوان کرُن تاکہِ کُنہِ قسمُک سوٗے اَدب یا ناقابلِ تلافی گُستاخی ہیکہِ نہٕ سَرزَد گژھِتھ۔

بقولِ مقبول ساجدؔ" یہِ چھُ دراصل اللہ تعالیٰ سنٛدِ درجہ معبودیت تہٕ حضرت رسالت مآبؐ سُنٛد درجہ رِسالت ملحوظ نظر تھاونُکھ سُہ تقاضہٕ کران یتھ نسبت کانٛہہ پھیرِ فرق ایمان ختم کرنُک باعث ہیکہِ بنٕتھ۔ تیٚتھے کٔنٛز چھِ اولیائے کرامن ہنٛدٕن منقبتَن منٛز اَمہِ کتھِ ہُنٛد خیال تھاوُن ضروٗری زِ تِہنٛز کرامأژ بیان کرنہٕ وقتہٕ یا تِہنٛزِ مدح سرائی کرنہٕ وِزِ گژھِ نہٕ تِمن حدن کا ددارٕ واتُن یِمن ہنٛدی اختیار اللہ تعالیٰ ہَس صرف پانس چھِ مثالے سجدٕ کرُن، کانٛہہ زِنٛدٕ یا پاَدٕ کرُن، کانٛسہِ نیٚچو یا رۄزِی دِنٛژ بیٚترِ۔" ساجد صأب چھِ اتھ کتھِ مزید پھُٹ کران ونان: "یوٚ دوَے زَن اللہ تعالیٰ ہیکہِ پنٕنین خاص الخاص بندن شَر وغارٕ دفع کرنُک اختیار دِتھ تاہم کأشر منقبتن منٛز چھِ اَمہِ رمزِ نِشہِ بےخبر اکثر شأعرو خدائی اختیار تام اولیائے کرامنؒ کُن منسوب کٔرۍمتۍ یہِ زاننہٕ باوجوٗد زِ اَمہِ قسمہٕ کیوٗ القابو تہٕ تحمیدٕ ستۍ ہُرنہٕ تِہنٛدِس عظمتس تہٕ بجرس کُنٛہی ٲلۍ کہِ واتہِ اَمہِ کٔنٛز تِمن عالی مرتبت روحَن تکلیفے یِمو خداوندِ وحدہ لاشریک سنٛدی خدائی لۄکن فِکرِ تارنہٕ خأطرٕ کٔڈرۍ تہٕ کرٕأتھی مُشکلات تہٕ مُصیبت برداش کٔرۍ تہٕ عظیم قربانیہِ أسہِ وُنہِ ہونٛجہِ پیش کرِ۔"

("کأشر ادبس منٛز منقبت گوئی" مقبولِ ساجد۔ رِسالہٕ آلو محکمہ اِطلاعات اگست نمبر ۱۹۹۸ء جلد۲۔ شُمارٕ۴)

بقولِ جناب نِشاط اِنصاری: "نعتُک صٔحی مطلب چھُ اشرف الانبیاءؐ ہنٛدٕن وصفن، جلال تہٕ جمالُک تہٕ سیرت طیبہٕ ہُنٛد تذکرِ شعر قالبَس منٛز ترٛاوِتھ

تتھ پأٹھۍ کرُن یُتھ تہُند سراپا شکل وشمائل تہٕ خدوخال أچھن برٛونٛہہ کُن یتھ سانہِ رحمتُک تہٕ سعأدتمندی ہُند باعث ہیکہِ بنِتھ۔ نعتُک یہِ خاص مفہوم زیرِ نظر تھأوِتھ ہرگاہ اکھ نعت نِگار نعتہٕ کِس یِمن مخصوص لوازماتن اندر رہنا تہٕ انحراف کرِتھ تخلیق ہیکہِ کیٛنہہ تہِ بنِتھ اَما نعت نہٕ کیٛنہہ"

عُرفی رہ نعت است درین بادیہ مشِتاب
ہُش دار کہ سر بر سرِ تیغ است قلم را

(نعتیہ ادب کشمیر یونی ورسٹی انہار، ۱۹۹۲ء، ص ۱۴۴)

کأشرِ ادبُکۍ معروٗف محقق نثر نِگار تہٕ شأعر عزیز حاجنی صأب چھِ صنِف نعتس منٛز بشری تقاضو کِنۍ ورتاوٕ نہٕ یِنہٕ واجنہِ بے احتیاطی ہُند ذِکر یتھٕ کِنۍ کران: "کیٛژن صوٗفی شأعرن ہِندِس کلامس منٛز چھِ تتھۍ شعر تہٕ میلان یِم نعتیہ شاعری ہِندِس مقصدس تہٕ مزازس بالکل برعکس چھِ۔ یِتے اوت نہٕ بلکہِ چھِ کیٛنہہ شأعر، رسول اللہؐ ہُند ذِکر (نعوذ باللہ) أکِس مجأزی محبوبہٕ ہِندی پأٹھۍ کران۔ یوٚدوے دِل مانان چھُنہٕ مگر کتھ پوٗرٕ پأٹھۍ گِنٛزِ کڈنہٕ خأطرٕ چھےٚ اَمہِ قسمہِ چہٕ اکھ زٕ مثالہٕ دِنہٕ لأزمی بنان:

| | |
|---|---|
| گاہ تُمۍ پیغمبر لوگونے | اشارٕ ستِن پھٹرِٕن ماہ |
| ابوجہلس شکھ ترٛوونے | سُہ اوس پانے ونہِ کیاہ |

(شاہ غفور)

| | |
|---|---|
| کمانہِ ابرو بے پروایہِ | مجہِ تیر لاتھم بے شُمار |
| تمے تیرِ الماس جگرس مےٚ آیہِ | لگیو ژھایہِ ہا مدنو |

(رحیم صأب)

(کاشر نعت عزیز حاجنی ۲۰۰۷ءِ، ساہتیہ اکیڈیمی)

یِزر چھُ یِ زِ نعتس منز گژھِ واقعاتن ہُند اِظہار یِتھٕ کٕنۍ کرنہٕ یِنُن کہِ عقیدمندی تہِ گژھِ نہٕ مجروح گژھنۍ تہٕ یہِ اِظہار گژھِ بڈ ہُنر مندی سان شرعی حدٕ دن اندر اندرٕ رے روزُن۔ یہِ نوزُک ترین صِنف سُخن چھےٚ نعت گو شاعرس نِش واریاہن آدابن ہُند تقاضہٕ کران یمن ہنٛز حق ادایی کران کران چھےٚ بڈ بن تہٕ تھد بن تھد بن عالم فاضِل تہٕ توحید پرست شاعرن گلہِ زبو گژھان تہٕ غار شعوری طور جذباتن ہنٛز لہرِ منز ییرِ گژھتھ چھُ تمن کینژن لغزشن ہُند ارتکاب گژھان۔

نعت لیکھنہِ وِزِ گژھِ نہٕ توحیدُک روٗح کُنہِ صورتس منز مجروٗح گژھُن تہِ خدایس تہِ تمِ سٕندِس محبوب پیغمبرسؐ درمیان گژھِ معبود تہٕ عابد، خالق تہٕ مخلوق سُند رِشتہ تہٕ فاصلہِ قایم روزن تہِ مبالغہٕ ستی گژھِ نہٕ آنحضورنؐ ہنٛزِ عقیدتمندی تہٕ بندگی کُنہِ قسمُک فرق یِن۔ توحید تہٕ رِسالتُک فرق ملحوظ تھاوِتھ گژھِ مناجات تہٕ نعتس منز خُداشناسی تہٕ رسوٗلؐ شناسی ہنٛز پوٗرٕ حقِ ادای کرنہٕ یِنۍ۔

بقولِ رشید نازکی: ''نعت لیکھنہٕ خاطرٕ چھِ خیالچن پرٕ یِن تقدیچ تسبیح پیوان پرِنۍ۔ غزل سرا خیالن دروٗدُک سروٗد پیوان بخشُن، اَدب تہٕ نیاز مندی چھےٚ ذٕری گنڈان، سوز تہٕ وٲرۍ داتھ چھِ نغمن زبو دِوان اَتہِ نہٕ چھِ چھپکلہِ تھپھ نہٕ کاٹھ مالہِ درٕ۔ اَتہِ نہٕ چھُ ڈوری کھسان باو، نہٕ چھِ کونگس رنگ ژھانڈنۍ نہٕ چھِ پوشہِ مالن پوشہِ پوٗزاے، نہٕ چھُ خلوت گہن منز زاگ ہنۍ...... وتہٕ چھِ قرانکی لاہوٗتی نغمن تہِ وشمس الضحیٰ چہ مرشھی جہِ لیہ معیار مُقرر کرۍ متی، التجاہُک آداب ہیچھناوِ متی، فرٕ یادس لے دِژھِ تہٕ لولہِ نارس مقدس عشقچہِ نارٕ منقلہِ سُندرن ہیٛچھِ نو مُت۔ یوہے وجہ چھُ زِ مجازی لے تہٕ بازری خیالُک ژونگ چھُ واو مالہِ پتھ ژھوان۔ اَتہِ

گژھِ عشقن جلاو آسُن یُس پژتھ واو جانٛتہٕ تیزان روزٕ۔"

(کُلیاتِ نادِم کلچرل اکیڈیمی ص ۳۲-۳۳)

نعت چھُ دراصل عقیدت تہٕ فنک اِمتزاج۔ عقیدتھ پیٚژ سٕنٛز تہٕ گہر آسہِ تیٚوٗتے چھُ نعتس منٛز نِکھار یِوان۔ یتھ شعرس منٛز جامعیت آسہِ، سُہ چھُ پسندیدٕ بنان۔ نعت لیکھُن چھُ سارِنے اضاف سوٗخنس منٛز واریاہ مُشکل تہٕ آوٕج کام۔ اتھ مُتلِق چھےٚ پروفیسر انیس چستی سٕنٛز یہِ وٕژھنے قابِلِ توجہ۔ تم چھِ فرماوان:

"کُفر تہٕ شِرکہ کہِ دَزونہٕ الاوٕ پیٚٹھٕ دامن بچاوِتھ بڈٕوٕنٛتھ نیرُن چھُ نہٕ سارِنے ہنٛدِس بسس منٛز آسان۔ مدٕحس منٛز مبالغہٕ چھُ شاعرس کُفر تہٕ شِرکس کُن لمِتھ نِوان۔ یوٗدوے زَن احتیاط نہٕ ورتاوٕنی چھےٚ مداحی ہنٛد پوٗرٕ حق ادا کرنہٕ نِشہٕ باز تھاوان تِکیاز:

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر
نفس گُم کردہ می آید جنید و با یزید اینجا

مُقدمہٕ: "مہکتے گُل" شادٕ شرقی (ترجمہٕ بشیر بھدرواہی)

نعتہٕ کیٚن لوٲزِماتن تہٕ حدوٗدن پیٚٹھ کتھ کران چھُ اکھ تبصرہ نِگار تابِش مہدی ہنٛدِس نعتیہ کلامس پیٚٹھ اکس تبصرس منٛز یتھٕ کٕنۍ پنٕنۍ رائے قایم کران:

"نعتیہ شاعری چھےٚ بارگاہِ نبوت ﷺ مس ستی تعلُق تھاوان۔ رِسالت مآب ﷺ سٕنٛز مداحی تہٕ ثنا خوانی خاطرٕ چھےٚ زبان تہٕ بیانس تہٕ فنِ نعتس پیٚٹھ کامِل عبوٗر آسنس ستی ستی فکرو خیالچ طہارتھ، عقیدچ پوختگی تہٕ شرعی کیٚن حدوٗدن ہنٛز پابندی ناگزیر آسان۔ تہٕ پتہٕ یوٗدوے کمال آگہی تہٕ معرفتس ستی محبتکہٕ اِظہارچ سرشاری تہٕ آسہِ شاعری ہنٛد حُسن چھُ نوان تہٕ پھولان۔"

(دعوت دہلی ۔ ۲۰۰۲ء نعتہ کلام تابش مہدی، ترجمہٕ بشیر بھدرواہی)۔

محترم غلام یحیٰ انجم چھُ ''صنفِ نعت اور مولانہ احمد رضا بریلوی'' مضمونس منٛز صنفِ نعتس ''شعر و سخن کی مشکل ترین صنف'' قرار دِتھ امِکی لوأزماتھ یِتھٕ کٕنۍ وِرٕھناوان : ''یہ حقیقت ہے اس لئے کہ شعر و سخن کا اور کوئی میدان نہیں جس میں قدم رکھنا خارزار وادی میں قدم رکھنے کے مترادف ہو۔ بہت سے شعراء نے اِس صِنف میں اِس لئے طبع آزمائی نہیں کی کہ کہیں شانِ رسالت میں کوئی گُستاخی نہ سرزد ہو جائے۔ اِس صِنف میں جس نے قدم رکھا اُسکو اسکی حقیقت کا صحیح اندازہ ہو گا۔ مولانانہ احمد رضا فرماتے ہیں:

''حقیقتاً نعت شریف ایک مُشکل ترین صِنف ہے جس کو لوگ آسان سمجھتے ہیں۔ اس میں تلوار کی دھار پر چلنا ہے۔ اگر شاعر بڑھتا ہے تو الوہیت میں پہنچ جاتا ہے اور کمی کرتا ہے تو تنقیص ہو جاتی ہے...... نعت گوئی کے دوران ہر شاعر کے پیش نظر یہ حقیقت رہنی چاہیے کہ سرکارِ دو عالمؐ ہماری اِس مدح کے محتاج نہیں۔ یہ ہماری قسمت نہیں بلکہ معراجِ قسمت ہے کہ ہمیں بارگاہ رِسالت میں لب کشائی کی توفیق میسر ہوئی ورنہ وہ عالم پناہ کہاں اور یہ قبلہ گناہ کہاں؟ حقیقت تو یہ ہے کہ انہی کا کرم ہے کہ وہ زبان کو توانائی بخش دیتے ہیں کہ زبان وصفِ رسالت پناہی کے قابل ہو جاتی ہے۔''

(شیرازٕ اُردو۔ کلچرل اکیڈیمی ۲۰۰۵ء، ص ۴۴-۴۵)

أسی ہکو موختصر پأٹھی وٕنِتھ زِ نعت لیکھنہٕ وِزِ پزٕ نعت گو شاعرس یِمن ضرٗوری کتھن ہُند خیال تھاوُن :

ا۔ نعت وَنہٕ نہٕ وِزِ گژھِ نہٕ شانِ رسالتس خلاف تِیُتھ کانٛہہ لفظ، خیال یا شعر

لیکھنہٕ یُن، یتھ منز کُنہِ قسمچ گُستاخی سرزد گژھنک اِمکان آسہِ یا یُس آنحضورنٛ ہنٛدِس روتبس یا مرتبس شایانِ شان آسہِ نہٕ۔ شاعرس پزِ سرکارِ دو عالمؐ ہنٛدِ اعلیٰ مقامُک تہٕ ارفع روتبک پرتھ ساعتہٕ خیال تھاوُن۔

۲۔ بقولِ مولانا نہ موٗدودی "آنحضورنٛ ہنٛدی شمائل تہٕ محاسن بیان کرنہٕ وِزِ گژھِ وِقار، متانت تہٕ تعظیم تہٕ تقدیسچ روِش اختیار کرٕنی۔"

۳۔ آنحضورٕ ہنٛدِس شانس منز ونہٕ نہٕ آمتین "تتھین لفظن استعارن یا تشبیہن ہُنٛد استعمال گژھِ نہٕ ہرگز تہٕ کرنہٕ یُن یمن عامیانہٕ یا بازٲری رنگ آسہِ۔ نہٕ گژھِ تیتھ پیرایہِ یا لفظ ورتاونہٕ یِن یُس شانِ رسالتسٛ مُنافی آسہِ۔ منصبِ رسالتُک گژھِ پوٗرٕ پوٗرٕ خیال یُن تھاوُنہِ۔ مثلن سنگدل، ستم گر، غافِل ہِوی لفظ چھِ شانِ نبیؐ مس خاطرٕ نازیبا تہٕ گُستاخانہٕ۔ حضوٗرنٛ کُن خطاب کرنہٕ وِزِ گژھِ تہنٛد اسم مُبارک ادبہٕ تہٕ احترامہٕ سان ہیٛنہٕ یُن...... توقیرِ خاطرٕ گژھِ تہنٛدِ ناوٕ بدلہٕ تہنٛدی اسمائے صِفت استعمال یِنہٕ کرنہٕ۔"

(نعتِ مصطفےٰ۔ فروتن ص ۹۵-۹۶)

۴۔ نعتس منز گژھِ نہٕ کُنہِ قسمچ مبالغہ آرائی کرنہٕ یِنہٕ بلکہِ گژھِ حقیقت نِگاری پرتھ ساعتہٕ ملحوظ تھاوٕنی۔ یوٗدوے زَن کُنہِ کم کاسہٕ مبالغہٕ تہٕ آسہِ سُہ گژھِ شرعی حدوٗدن اندر اندرٕ ے آسُن۔ خلاف حقیقت یا شاعرانہٕ غُلوِ تہٕ مبالغہٕ طرازی ستی چھُ نعتُک تاثر ختم گژھان تہٕ امہِ ستی ہیکہٕ شاعر شرکُک تہٕ مُرتکب سپدتھ۔ اوٗے کٔر پانہٕ سرورِ کائنات حضرت محمدؐ مبالغہٕ گوئی ہنٛز سخ ممانتھ تہٕ فرموٗو کہ "ھلک التنطعون"، یعنی کلامس منز مبالغہٕ کرن وٲلی پیٛیہ ہلاکتس منز (بخاری شریف)

۵۔ آنحضورؐ وسلمن ہنٛز فضیلت بیان کرنہٕ وِزِ گژھِ نہٕ بیٚین پیغمبرن ہنٛدِ (خدانخواسط) کُنہِ قسمکہِ تحقیرک احساس سپدُن۔

۶۔ نعت گو شاعرِس گژھِ شرعی حدٕون ہنٛز پوٗر زان تہٕ اسلامی اقدارن ہنٛز آشنأیی آسنہٕ۔ سُہ گژھِ، احتیاط، احترام تہٕ ادبک پاسدار آسُن۔ تس گژھن تقدُس، انکساری تہٕ نداملکۍ حِس ہوش قائم آسنہٕ، سُہ گژھِ عشق رسولؐ تہٕ عقیدتِ رسالت مآب سٍتۍ سرشار آسُن تہٕ آنحضورنؐ ہنٛدِ جلالچ تہٕ جمالچ گژھس پوٗر آگہی آسنہٕ تہٕ تھزٕ بصیرت، واضح عقیدٕ تہٕ اَدب رٕچھتھ ووٗندِ باوتھ کرنچ توٚژھ تہٕ آسنہٕ۔ اِدے لِسأنی واتناوِرک عرفان تہٕ حاصِل آسبس تُمۍ ہنٛز نعتہِ شاعری ہکہِ قبوٗلیتُک تھوٚد دٔرجہٕ پرٛاوِتھ تہٕ فنی لحاظہٕ تہٕ قدر ومنٛزلتچ نِگاہو سٍتۍ وُچھنہٕ یِتھ۔ پروفیسر وصی احمد صدیقی چھِ نعتکِس لوٲزماتن ہُنٛد ذِکر یِمن حسین لفظن منٛز کران: ’’نعت وہی ہے جس میں حضورؐ کے جمالِ جہاں آرا کا ذِکر ہو۔ جذبۂ رحمت کی گفتگو ہو۔ ان کی ذات اقدس پر درُود وسلام کا شوق بے پایاں ہو۔ بے ادبی کا شمہ بھر احتمال نہ ہو۔ خیر البشرؐ کا مُقام، بشر ثابت کرتے وقت مجرُوح نہ ہو...... نعت والہانہ فریفتگی سے دِل کو دماغ پر جذبہ کو فکر پر، عشق کو عقل پر ترجیح نعت ہے۔ یہاں بے راہ روی کی گُنجایش نہیں۔ دِل عشق کی جلوہ گاہ ہوتو سروشِ غیبی کا مرکز ہوگا۔‘‘
(تعمیر لکھنو، جولائی ۱۹۹۹ء)



## ۴۔ عقیدتی شاعری ہندی کینٛہہ ارکان : حمد، نعت تہٕ منقبت :

مُسلمانن ہنٛز عقیدتی شاعری چھےٚ عام پأٹھی ترٛین ارکانَن پیٹھ مُشتمل، یمن منٛز گوڈنیتھ ''حمد باری تعالیٰ''، ییتھ مناجات تہٕ ونہٕ نہٕ چھُ یِوان، دوٚیِم رُکن ''نعت'' ییٚمِچ وضاحت برونٛٹھے چھےٚ آمٕژ کرنہٕ تہٕ ترٛیِم رُکن منقبت یِوان چھُ۔

''مناجات'' تہٕ حمدِ باری تعالیٰ چھِ ذاتِ باری تعالیٰ ہنٛدِ توصیف تعریف تہٕ حمد و ثنا ہِچ باوتھ کرنہٕ خأطرٕ اکھ مخصوص شأعرانہٕ صِنف سوخن اَما پوٚز آنحضورؐ ہنٛدِس شانِ مُبارکس منٛز ونہٕ نہٕ ییٚنہٕ وول کانٛہہ تہٕ تِیُتھ توصِفی یا تعارفی بیان یُس منظوم طرزِ اظہار لبہِ چھُ صِنف نعتس منٛز شمار یِوان کرنہٕ۔ یوٚدوَے زَن یمن دوشوٚنی ذاتِ مُبارکن ہنٛدٕن صِفاتن، اوصافن تہٕ توصیفن ہنٛدی حد مُقرر چھِ آمٕتی کرنہٕ۔ شأعرس پزِ نہٕ آنحضورنؐ خدائے ذُوالجلالہٕ ہنٛدِس مُقامس پیٹھ فائز کرنٕچ جسارت ہرگز تہٕ کرٕنی تہٕ ''احدس'' تہٕ ''احمدس'' درمیان نُمایاں فرق گژھِ واضع پأٹھی قائم روزُن۔

منقبت چھُ تتھ منظوٗم ادب پارس وَنہٕ نہٕ یِوان ییتھ منٛز بقولِہ مقبوٗل؛ ساجد ''بأقی اصحاب کُبار رضوان اللہ تعالی اجمعین، اہلِ بیتِ اطہار علیہم السلام، اولیائے کرام تہٕ دینِ کِمن بأقی بُزرگن ہنٛدِس سیرتس یا کمالاتن باوتھ چھِ یِوان کرنہٕ'' یوٚدوَے منظوٗم حِصس نعت چھُ وَنہٕ یِوان ییلہِ زَن نثری حِصس نعت بجایہِ ''سیرت'' ونان چھِ''......

(کأشرِ ادبس منٛز نعت گوئی، آلو، محکمہ اطلاعات، ۱۹۹۸ء، شُمارٕ ۴)

عام طور چھےٚ یہِ کتھ وُچھنہِ آمٕژ زِ کیٚنٛہہ شاعر حضرات چھِنہٕ ''حمد''، ''نعت'' تہٕ منقبت لیکھنہٕ کِنہِ مخصوٗص حدوٗدن اندر روٗزِتھ پنٕہ نہِ عقیدتُک تہٕ جذباتن ہُنٛد منظوم اِظہار کران تہٕ یہِ کرنہٕ ستی خداے باری تعالیٰ (توحید) آنحضورؐ (رسالت) تہٕ بُزرگانِ دیٖنس ہٕنٛدی مرأتب تہٕ درجہٕ پانہٕ وأنی خلت ملت چھِ سپدان۔ یہِ کرنہِ ستی چھِ تمِ شرعی حدوٗدٕ نبرِ ووٚڈھ لأگتھ باضے شرکہٕ کِنہِ حدن تام واتان۔ یہِ وُچھِتھ علامہ اقبالؒ یہِ ونہٕ نس پٕژھ مجبور سپدٕ

''کشیری کہ با بندگی خود گرفتہ   بُتے می تراشد زسنگِ مزارے''



# صِنفِ نعتُک ارتقاء

### ا۔ مدینس منز صنفِ نعتُک وسلابہٕ:

دراصل سپُد نعتیہ شأعری ہُند آغاز تمہِ مُبارک ساعتہٕ ییٚلہِ آنحضورؐ ہجرت کٔرتھ مدینہ منورہچہِ ''قبا'' ناوچہِ مضافأتی بُستی منز تشریف آور سپدی، تم وأتی اتھ جایہِ ۸ ربیع الاول ارھ جُمعہ دوہہ۔ یہِ آبادی چھےٚ مکہ شریف پیٹھٕ ۶ کلومیٹر دور۔ اتہِ سپُد آنحضورن ہُندٕ وألہانہٕ استقبال، تموتر وو اتہِ مسجدِ ''قبا'' ہچ بُنیاد یوٚدوے زن تم ژودلہِ دوہہِ پتہٕ مدینس کُن روانہٕ سپدی تمن آو ''قبا'' پیٹھٕ مدینس تام انصارن تہٕ مہأجرینن ہندِ طرفہٕ وتن منز دو رویہِ کھڑا سپدتھ مایہِ تہٕ جوشہٕ بوٚرت استقبال کرنہٕ۔ قبیلک پٔرتھ فرد اوس عرض کران ''اللہ تعالیٰ ہٕندِ رسولؐ سانہِ گرٕ کٔریو قیام۔ وُوٹنی اُسی ملہنہٕ کبن کوچن منز پکان تہٕ صحابہ کرامؓ اُسی آنحضورنؐ اٴندی پٔکھی قدم تُلان۔ لۆکن ہُند سمندر اوس جوشہٕ ستی نعرہٕ حق تہٕ نعرہٕ رسولؐ ستی تہٕندٕ استقبال کران۔ ''اللہ اکبر''۔ رسولِ خداہَن اوٚن تشریف'' کوٚرِ آسہِ وتن منز تہٕ زنانہٕ آسہِ مکانن ہٕندٕ بن کوٹھن (چھتن) پیٹھٕ تہٕندِس تعریفس تہٕ استقبالس منز ییم ترلنہٕ تہٕ ہٕری گوان:

طَلعَ اَلبدرُ عَلینا    مِن ثنیّاتِ الوَدَاع
وَجبَ الشُّکرُ عَلینا    مَادَعَا لِلّٰلّہ دَاع
اَیُّھا المبعُوث فِینَا    جِئتَ بِاَ الامَر اَلمُطاع

ترجمہٕ : ''وداع ناوٕکہِ بالہٕ تھوٚنگہٕ پیٹھ آو اَسہِ کُن یہِ لوٚبہٕ وُن ژٔندرٕ جلوٕ ہاوان، اَسہِ پزٕ ذاتِ بأری تعالیٰ سُند شُکر بجا اَنُن تہٕ کیازِ أمی دعوت دنہِ وألی نِبی ین دیُت اَسہِ خدایہِ سٕندِ عرفانٔک دعوتھ۔ اَسہِ کُن سوزنہٕ آمتہِ ذی شان پژھِ، یِیتہٕ ییہ چأنس حُکمس بَسر و چشم تعمیل کرنہٕ'' بنی نجار خاندانچہِ ، لوکچہِ کورِ آسہِ یِکجا سپدتھ دَف وایہِ وأے یِیمہِ موٚللی استقبالیہ وَنہٕ وُنی پنہٕ نبن موصوٗم لہجن تہٕ میچھِ لٔیہِ منز گوان:

''نحنُ جوارِ مِّن بَنِی نجارِ    یا حَبّذاً محمداً مِّن جارِ''

ترجمہٕ : ''أسی چھےٚ بنی نجار خاندانچہِ کورِ۔ آ، محمدؐ رؤزِن سأنِس''

اَمہِ وِزِ أسی مدینکین کوچن ہنٛدِ بن ذرَن ذرَن ہنٛدی دِل دُبرایہِ کران۔ وَنہٕ تہٕ چھُ یوان زِ یِیلہِ اسلأمی نِظامِ تمدنٔک مرکز یعنی مسجدِ نبویؐ تعمیر أس سپدان تہٕ آنحضورؐ أسی پانہٕ اَمہِ خأطرٕ کنہِ ساراں، أکس اہلِ ایمانس گیہِ وفورِ جذباتن منز أسہِ منزٕ یِتھی ہوی توصیفی شارنیر تھ:

''لِئنِ قَصدنَا و النبُی یَعملُ    لَذاک مِنا العَملُ المُضلَّلُ''

یعنہ : ''اگر اللہ تعالیٰ سُند نبیؐ یِتھ کأمہِ منز یِتھٕ کٕنٛز مصروٗف روزِ تہٕ أسی بِہِتھ تماشہٕ وُچھو، سون سوٚرٕ ے کوٚرمت عمل گژھِ غارتھ'' أتھی دورانس منز أس آنحضورنٛ سان سارنےٚ لوکن ہنٛز و زبانو یہِ صدا بلند سپدان:

''لاعیش اِلاّ عَیش اللاخِرة    اَللّٰھُمّ اَرحَمَ الانصار وَ المُھاجِرہٗ''

آخرچ زِندٕگی چھےٚ زِندٕگی نتہٕ چھےٚ زِندٕگی بے سُود تہٕ بے معنہٕ۔ اَے اللہ ژٕ کر

انصارن تہٕ مہاجرن پٹھ رٕحم"۔

(سیرتِ ابن ہشام، ص ۱۱۲، ۱۱۵)

یۄ دوٚے نعت گوٚیی ہُند ابتداء مدینہ شریفس منزٕ ے باضابطہٕ پأٹھی سپد یہٕ تہٕ چھُ پزر زِ گوڈنیک نعتِ مصطفیٰ آو عربی زبأنی منزٕ ے لیکھنہٕ! یمہِ مبارک صنفِ ہُند آغاز سپدوٚنی گیہٕ دربارِ رسالتس منز عأشقان رسول اللہؐ ہنز اکھ بڈٕ تعداد جمع یمو پنہِ پنہِ فنی صلاحیژ بروے کار اأنتھ آنحضورنؐ ہندِس خدمتس منز رنگہٕ رنگہٕ نعتن ہندی گلدستہ پیش کری تہٕ بالمشافہٕ پأٹھی تہنزٕ خوشنوٗدی حاصل کرنچ سعادت حاصل کر۔ آنحضورنؐ ہنزِ مدح سرأیی ہُند یہٕ سلسلہِ رُو د حیات اقدسس دوران مسلسل پأٹھی جأری تہٕ کأتیو خوش بخت نامور شأعرو وآتنوو پنہٕ شوقہٕ تہٕ عقیدتکہِ الاوٕ ستی لبریز یہٕ صنفِ نعت کماپچن حدن تام۔ آنحضورنؐ ہندی ظأہری وصالہٕ پتہٕ از تام گےٚ مختلف علاقن تہٕ مختلف زبأنن منز ساسہٕ بدی نعت گو شاعر پأدٕ یمو پنہٕ نہٕ تأشوقچ رہہ نعت کین بیٚون بیٚون اُنہارن ہندی رٕنگی ژھوراٚونچ کوٗشش کٕر اماپوٚز تمہِ کس حدِ تس تہٕ حرارتس رُود ہُر بر گژھان روزان۔

بقولِ یحیٰ اُنجم "مداحانِ رسالتؐ ہندی نعت چھِ شعرو سُخنکس دُنیاہس منز رائج الوقت سکہِ حیثیت تھاوان۔ نتہٕ چھُ یتھٕ کنٕ نعت نِگارن ہندِ تعارفچ کتھ یوٚگن تھوٚتھ، تہند بن ناوَن ہُند اظہار تأنی شمار نشہِ بالاتر"[۱]۔

یہٕ پزر باوُنس چھنہٕ کانہہ شکھ زِ خالقِ کأنأتس پتہٕ یۄ دوٚے کأنسہِ مخلوق ہنزٕ زیادٕ مدح سرأیی کرنہٕ آے، سُہ چھےٚ آنحضور ہنزٕ ے ذاتِ گرأمی"[۲]۔

(۱، ۲) یحیٰ انجم: صنف نعت اور مولانا احمد رضا۔
شیرازہ جلد ۴۳۔ شمارا (۱۲)، ۲۰۰۵ء کلچرل اکیڈیمی، ترجمہٕ ب-ب)

## دربارِ رسالتکی معرُوف نعت گو شاعر

وونی کَرو اَسی نعتکہِ ارتقاء کہِ حوالہٕ دربارِ رسالتکین تمن کینژن معرُوف نعت گو شاعرن ہُنٛد ذکر یمو فخرِ موجودات تہٕ موجب تخلیق کائنات رسالت مآبؐ سٕنٛدِ مداح سرأیی ہنٛز یہ موقع صنف اَسمانن ستی کتھ کرنوٗ وتہٕ پننہِ خاطرِ تہٕ آخرتُک زادِ راہ حاصل کٔرتھ آنحضورنؐ ہنٛز شفاعچ وتھ ہموار کٔر۔



### صنفِ نعتُک ارتقاء ''مُسلسل''

### ۲۔ غأر اسلأمی مذہبی کتابن منٛز آنحضورؐ ہنٛز مداح سرأئی:

محمد اسماعیل آزاد چھِ پننہِ نِس مضموٗنس ''نعتیہ شاعری اور غیر مسلم شعراء'' منٛز کینژن غأر اسلامی مذہبی کتابن منٛز کرنہٕ آمژ مدح سرأیی ہُنٛد یمن لفظن منٛز ذِکر کران: ''قدیم زبان سنسکرت کی مشہورِ روزگار تصانیف ''اتھر وید'' اور ''رگ وید'' میں آپ کی نعت سے مُتلق شہپارے موجوٗد ہیں۔ اتھر وید کے بیسویں کانڈ کی ایک سوستائیسویں سوکتی میں منتر نمبر ا سے منتر نمبر ۱۴ تک نبی کریمؐ کی نعت مرقوم ہے۔ رگ وید۲ کے پہلے منڈلی کی تیرھویں سوکتی کے تیسرے منتر میں بھی آپ کی نعت مندرج ہے۔ یہِ نعت ''نراش'' لفظ سے بیان کی گئی ہے جسکے معنی قابلِ مدّ ح شخصیت ہیں۔ عربی زبان میں اسی مفہوم کو محمدؐ کے مقدس اور متبرک لفظ سے تعبیر کیا جاتا ہے۔''

صحیح رِوایت سے ثابت ہے کہ حضرت آدمؑ کا مہر منبع نعتؐ پر ۲۰ مرتبہ درود بھیجنا مقرر ہوا ہے۔۳ توریت میں بھی نبی اکرمؐ کی نعت مرقوم ہے۔ حضرت کعبؓ (جو ایک یہودی عالم بھی تھے) ارشاد فرماتے ہیں کہ توریت میں سراحت

کے ساتھ مرقوم ہے کہ محمد صلعم میرے منتخب بندے ہیں۔ وہ بدی کا بدلہ بدی سے نہیں دیتے بلکہ معاف اور درگذر کرتے ہیں۔ مکہ آپ کی جائے ولادت ہے۔ مدینہ آپ کا مُقام ہجرت اور شام مرکزِ سلطنت ہے۔[۴] حضرت عبداللہ بن سلامؓ کی روایت اور واضح ہے۔ وہ فرماتے ہیں کہ توریت میں محمدؐ کی نعت لکھی گئی ہے اور یہ لکھا ہے کہ حضرت عیسیٰؑ آپ کے ساتھ دفن ہونگے۔ انجیل میں آپ کی مقدس نعت اسم گرامی احمد کے ساتھ مذکور ہے۔''



## ۳۔ بادشاہِ یمن تبع سٕنزِ آنحضورنؐ ہنٛز مدح سرایی :

جناب غلام محی الدین انجمؔ چھِ پننِہ نِس أکِس مضمون ''صِنف نعت اور مولانا احمد رضا برہلوی (شیراہ اُردو اکیڈمی (جلد ۴۳) ۲۰۰۵ء شُمارا نمبر ۱۲) منٛز یمن کِس بادشاہ تبع ہَس مُتلِق لیکھان زِ سُہ اوس گوڈنیُک شاعر ییمی رسول گرامی وقارؐ ہندِس شانَس منٛز مدحیہ شعر لیکھمتی أسی۔ تِہنٛدِ وَننہِ مُطابِق صِنفِ نعتُک آغاز اوس رسول مقبولؐ ہنٛد ولادت کہِ اکھ ساس وٕری یہِ برٛونٛٹھ سَپُد مُت۔ اَمہِ سِلسلُک گوڈنیُک ذِکر چھُ ابنِ عسا کرن پنٕنہِ مشہوٗر زمانہِ تأرٛیخس منٛز کوٚرمُت۔ یمیُک خلاصہِ یتھ کٕنۍ چھُ :[۵]

[۱] اتھروید سنکتا : اجمیر نگر سے ویدک پتراے بکرم سمت ۲۰۱۴ پتماورشہ صفحات ۴۲۰-۴۱۹۔

[۲] رگ وید : ہندی بھاشیہ۔ مہارش دیانند سرسوتی سینی پرنٹرس ۱۱۷ پہاڑی دھیرج دگی، صفحہ ۶۶۔

[۳] نشر الطیب صفحہ ۱۱، [۴] مشکوات شریف صفحہ ۵۱۴۔ بحوالہ ترمذی شریف

[۵] شیرازہ اُردو۔ کلچرل اکیڈیمی۔ فروری ۱۹۸۷، جلد ۲۶۔

''تبع بادشاہ یمن کو جب معلوم ہوا کہ مدینہ منورہ میں پیغمبر آخرالزمان ہجرت کر کے تشریف لانے والے ہیں تو اس نے ایک خط لکھا اور اس پر سونے کی مہر لگا کر یہوٗدی عالم شامون کے حوالے کر کے یہ وصیت کی کہ اگر تُجھے پیغمبر آخرالزماں کا دیدار نصیب ہو تو تم یہ خط اُنہیں دے دینا۔ ورنہ تمہاری اولاد میں جس کو بھی ان کا زمانہ ملے وہ خط ان کی بارگاہ تک پہنچا دے۔ حضرت ابو ایوب انصاری شامون کی اکیسویں پشت میں سے تھے۔ جب وہ خط ان تک پہنچا تو انھوں نے وہ خط حضرت ابولیلیٰ کے ذریعے مکہ معظّمہ بھجوا دیا اور انہی کے ذریعہ آپ صلی اللہ علیہ واسلم کو مدینہ منورہ آنے کی دعوت بھی دیدی۔ ابن عساکر لکھتے ہیں کہ جس وقت حضرتِ ابولیلیٰ نے مکہ معظّمہ اور بارگاہ رِسالت میں حاضری دی سرکار دو عالم صلعم اَن سے اس طرح سے گویا ہوئے جیسے کہ ایک مدت سے ان کے انتظار میں رہے ہوں۔ تبع بادشاہِ یمن کے خطہِ میں درج ذیل اشعار مرقوم تھے:

''فَشہِدَت علیٰ احمُد انہُ
رسولٌ مِنَ اللّٰہ باری النم
فلومَرّ عمری اِلی عمرہ
لَکُنَت وزیراً الہُ و ابنُ عَم''

یوٗ دوٚے یہِ سَند معتبر مانِنہٕ یِیہِ تُبع ہٕندی یِم شعر ہِن فنِ نعت گویی منز اولین شار تسلیم کرنہٕ۔



## ۴۔ حضرت ابوطالب۔ عالمی نعتیہ ادبُک گوڈنیُک شاعر:

عالمی نعتیہ ادبکۍ گوڈنکۍ شاعر چھِ حضرت ابو طالب ماننہٕ یوان، یمو خاندانِ قریش کین لوکن تہٕ شاعرن ہنٛز تمہٕ سارے کوشِشہٕ یمو ستۍ تم آنحضورؐ ہنٛز سہ تحریک ناکام اَسۍ یژھان کرٕنۍ یتھ تحت تموٗ توحیدک علم ہتھ دینِ اسلامُچ تبلیغ شورٕ اَسۍ کرمٕژ، بنٛو ہاشم منظّم کرِتھ تمن ہنٛد سدِ باب کورٕ تہٕ پننہٕ نِس اَکِس اثر دار قصیدس منٛز آنحضورؐ ہنٛز شایان شان تعریف تہٕ توصیف کرِ بلکہٕ بنٛو ہاشم قبیلُک تفوّق ثابت کرِتھ قریش کین ناعاقبت اندیش مخالفن ہنٛز زبان بند کرنٛو۔ تمہٕ قصیدک یہٕ نعتیہ شعر چھُ اکہٕ تاریخ ساز پزرُک پے تہٕ دِوان تہٕ ابوطالب ہِوس پیترٕ سُند پننہٕ باپتھرٕ سِنٛدِ بابت تہنٛدِ محبتکہٕ سیٛزرُک احساس تہٕ گاشراوان۔

"وان فخرتُ یوماً فانَّ محمداً        ھُوالمُصطفےٰ مِن سرِھاوَ کریمِھا"

یوٗ دوے کُنہِ دوہہ بنٛو ہاشم کُنہِ کتھِ پیٹھ فخر کرُن یژھان، تمن سپِد معلوٗم زِ محمدؐ چھِ تمن سارنے منٛز منتخب ترین تہٕ باعثِ عظمت تہٕ سربلند۔"[۱] آنحضورنؐ من ہِنٛدِس تعریفس منٛز ابوطالب سُند یہٕ شعر کوٗتاہ معنہٕ سوٗ چھُ:

"وَدَوتنی وزعمتَ اِنکَ ناصحی
وَلَقدصَدَقتَ و کُنتَ ثُمّ امینا"

ترجمہٕ: "اے میانہٕ باپترٕ ژٕ نے دِژتھ مے اسلامٕچ دعوت تہٕ ژٕ نے کورُتھ خیال زِ ژٕ چھُکھ میٛون بہی خاہ، چانٛیٕ سونٛچ تہٕ فِکر چھے صحی تہٕ ژٕ چھُکھ امانتدار۔" لگہٕ پامن کھوژنہٕ کنٛی کورنہٕ تمو اسلام قبوٗل۔

---

[۱] ۲: نعتیہ شاعری اور غیر مسلم شعراء: محمد اسماعیل آزاد، شیرازہ اُردو ۱۹۸۶، کلچرل اکیڈیمی سری نگر (ص ۷)

ابوطالب ہنٛدِ دۆیمہِ قصیدُک یہِ شعر اوس آنحضورنٛ واریاہ پسند۔ اکہِ دوہہ ییٚلہِ رۆدٕ خاطرٕ تہنٛد دُعاے خأر بارگاہِ ایزدی منز قبوٗل سپُد تہٕ رۆدٕ جری لٲجن، تمو فرموٗ اکس شعرس کُن اِشارٕ کران "میوٚن چاچہٕ ابوطالب یوٚ دوے یہِ دوہہ وُچھہن تم سپدہن واریاہ خوش۔ شعر اوس یہِ:

"و اَبیضُ یُستقی الغمامُ بِوَجھہ      شمال الیتامیٰ عصمتہ لِل اَرامِل"

سُہ روشن تہٕ تابناک چہرٕ مُبارک وول یہنٛدِ وسیلہٕ ستۍ اوبرس پۆنی چھُ یوان منگنہٕ، چھُ تمن ہُنٛد وألی تہٕ موٚنڈن رنڈن ہنٛز جاے پناہ۔" ابوطالب ہنٛدِس اتھ نعتیہ قصیدس منز چھِ ۱۹۵ شعر۔ یہِ جامع قصیدٕ چھُ معنہٕ بوٚرُت۔ آنحضورنٛ ہنٛدِس چاچہٕ حضرت عباسؓ صأبس کُن تہٕ چھُ اکھ قصیدٕ منسوٗب آمُت کرنہٕ یتھ منز عباسؓ مدح اکھ نوٗتزٕ اے بامل انان چھِ تہٕ آنحضورنٛ ہنٛدِ نوٗرِ مبینگ اکہِ پشتِ پتہٕ بیٚیس پُشتس منتقل گژھنگ ذِکر کران چھُ۔



## ۵۔ شأعرن نسبتھ قرآنی فرمودات:

قرانِ کریمس منز ییٚلہِ یہِ آیت نأزِل سپز "والشُّعَرآءُ یَتَّبِعُھُم الغَاوٗنَ" یعنہٕ شأعرن ہنٛز پأروی چھِ گُمراہ لۆکھ کران" امہِ ذریعہٕ سپز شعر و شأعری ہنٛز مذمت ظأہر۔ حضرت کعبؓ ہن سپُد پننہٕ شأعر آسنس پتھ تأسف تہٕ امہِ کیفیژ کہِ اِظہار کٔنی کوٚر کھ یوہے جُملہٕ آنحضورؐ من بروٚنٛتھ کنہٕ ادا۔ آنحضورؐ مو کوٚر پننہِ جوابہٕ کہِ ذٔری یہِ تمن پتھ وأضح زِ شعر و شأعری چھےٚ نہٕ بذاتِ خود کانٛہہ خراب چیز، بلکہ چھےٚ برأیی اتھ منز تمہِ وِزِ پأدٕ گژھان ییٚلہِ یہِ غأر شرعی کتھن تہٕ

نامناسب مضامینَن ہند اظہارُک ذٔریہِ بناوِنہٕ یِیہِ۔ چونکہِ عام طور چھِ شاعر فکروخیالچہِ گُمراہی تہٕ زبان چَھن بے اعتدٲلین ہُند شِکار گژھان، توے کٔر اللہ تعالیٰ ہَن مذکورہٕ آیہِ کرٕمِس منز اَمِچ مذمتھ ''یِم شاعر پننہٕ نوٕ شاروٕ ذٔریہِ خداوندِ کریم تہٕ تٔمِس ہندِس رسولؐ ہندِ کفارن ہُند شعری مقابلہٕ چھِ کران تہٕ تِہندِ ہجوٕک جوابِ ہجوٕ سٍتؠ دِوان چھِ تِم چھِ گویا دینِ اسلامچ تائید کران...... تِم چھِ دراصل جہاد کرن والین منز شُمار سپدان۔''

(مظاہرِ حق شرح مشکوٰۃ شریف، از عبداللہ جاوید ۱۹۸۶ء)

حضرت کعبؓ ہندِس یتھ استفسارس ''زِ شعر و شاعری مُتلِق کیاہ چھُوٕ توہیٚ حُکم فرماوان''، جواب دِوان فرموٚو آنحضورنؐ ''مومن چھُ پننہِ تلوارِ سٍتؠ تہٕ جہاد کران تہٕ پننہٕ زیوٕ سٍتؠ تہٕ۔''

(ابنِ عبدالبر در کِتاب استصیاب)

وِنہٕ تہٕ چھُ یِوان زِ یہِ آیت نٲزِل سپدنہٕ پتہٕ کوٚر واریاہو شاعرو جاہلی دورچہِ شاعری ہُند اکھ بوٚڈ سرمایہِ تلف تہٕ کٔنی زِ تِمن ما سپدِ اَمہِ باپتھ باز پُرس اَماپوٚز حضورِ اکرمؐ ہنز تفسیر تہٕ وضاحت بوٗزِتھ زِ سارٕے شاعری چھِنہٕ گُمراہ کُن آسان، آیہِ بے شُمار شاعر بزوٗنٹھ کُن تہٕ تِہنز عقیدتی شاعری آیہِ بارسس یِمیُک نہٕ کانٛہہ آنتھے رُوٗد۔ حضورِ انور چھِ اَکِس حدیث شریف یوٗس بخاری شریفس منز درج چھےٚ، فرماوان: ''اِنَّ مِنَ الشِّعرِ لِحِکمَتہٗ''

ترجمہٕ: کانٛژا شاعری چھےٚ بلاشُبہٕ حکمت تہٕ دانٲیی سٍتؠ لبریز آسان۔''



## ۶۔ نعتیہ شاعری ہُند دسلابہ تہٕ دورِ رِسالکی نامور شاعر:

### (ا) نعتیہ شاعری ہُند گوڈ دسلابہ

آنحضورؐ ہنٛدِس ذاتِ اقدس تہٕ تہنٛدِس مِشنَس خلاف یٖلہِ ہجو گوٖن ہنٛز گُستاخانہٕ شاعری حدٕ نبر دزٲیہٕ تہٕ اصحابؓ تہٕ باقی مومن شاعرن ہنٛدِ صبرُک پیالہٕ لبریز گوٚو، تم سٟدی رسالت مآبؐ ہنٛدِس حضورس منٛز پیش تہٕ عرض کوٚر ہکھ زِ یا رسول اللہ اَسہِ گژھنہٕ یتہِ بزُنہہ گُن یمن اسلام دُشمنن تہٕ تُہنٛدِ ذاتِ کٕنہِ مخالف شاعرن ہُند عامیانہٕ تہٕ گُستاخانہٕ کلام برداشت۔ اَسہِ دِیُوہٕن اِجازت زِ أسی تہٕ دِمو تمن شعرن ہنٛدِ ذٲری یہٕ تیتھِ کٕنی جواب زِ تہنٛز بے لگام زبان گژھِ آینٛدٕ خاطرٕ بند تہٕ تہنٛدی توصیف پرتھ کرٕہن تم عش عش۔ آنحضورؐ سٟدی أہنٛدی جذباتھ وُچھتھ مُتاثر تہٕ فرموکھ زِ میانٛین رفیقن تہٕ خاکر خواہن چھےٚ نہ یٖتہٕ بزُنٛتھ رٔژ شاعری کرنس کانٛہہ ٹھاکھ۔ یمن اصحابن منٛز أسی حضرت کعب بن مالکؓ، حضرت حسان بن ثابتؓ تہٕ حضرت عبداللہؓ بن رواحہ شامل۔

یہِ اِجازت میلنہٕ پتہٕ کوٚر آنحضورؐ ہنٛدبو فدائین شاعرو تیوٗت زوردار مُقابلہٕ زِ سارِنے ہجو گو شاعرن ہُند ''دبہٕ دبہٕ سپُد ختم...... یوٚت تام زِ کعبِ بن زبیر ہِوی ہجو گو شاعرن تام کوٚر اِسلام قبوٗل تہٕ سپُد پنٕنِس گُستاخانہٕ رٕویس پٹھ نادِم تہٕ اَدٕ آوسہ وقت تہٕ زِ أمی لیٖچھ آنحضورؐ ہنٛدِس توصیفس تہٕ تعریفس منٛز ''قصید لامیہ'' ہِش شاہکار نظم یوس تمی اوش ہاران ہاران رسولِ اکرمؐ ہَس بوزنوٚو۔ دپان چھِ زِ یہٕ نظم بوٗزِتھ سٟدی آنحضورؐ تیتی خوش زِ تموٚ ترٲو پنٕنی ردائے مُبارک کعبؓ ہنٛدِ بن فسکبن پٹھ۔

تیتھے کٕنی یٖلہِ حضرت ابوطالبس آنحضورؐ مُتلق یہٕ مطالبہ کرنہٕ آو زِ تمؐ

ہِدِین قریش قبیلس حوالہِ کرنہٕ، ابوطالبن لیوٗکھ ۹۴ شعرن پیٹھ مشتمل اکھ تیوٗتھ قصید یتھ منز پننہٕ خاندانی مجبوٗرک تہٕ آنحضورنٛ ہندِ بزرُک تہٕ تہندِ برحق آسنُک موثر انداز س منز باوتھ کرنہٕ آیہ تہٕ آنحضورنٛ دُشمنن حوالہٕ کرنہٕ نِشہِ صاف اِنکاری لہجہٕ اختیار کرنہٕ آو۔



## (ب) دربارِ رسالتکۍ ناموَر نعت گو شاعر:

اَتھی دورس منز کوٗر حضرت ابوبکر صدیقؓ عنہٕ ہُون تہٕ دربارِ رسالتس منز پنُن گوڈنیُک مُناجات پیش یتھ پیٹھ حضور سرورِ کائناتؐ واریاہ خوش سپدی، دپان چھِ زِ حضرت عمرؓ تہٕ آسی نعت لیکھان۔ ''روضہِ الاحباب'' ناوِی کتابہِ منز چھُ ذِکر آمت کرنہٕ زِ دربارِ نبیؐ منز تہٕ اَمہِ نبری یا علاوٕ آسی کم از کم اکھ ہتھ تہٕ شیتھ مرد شاعر تہٕ باہ زنانہٕ شاعرات یِمہٕ پننہٕ پُر عقیدت قصیدو تہٕ دِلکش شاعری ہندیو نمونو ہتۍ آنحضورنٛ ہنز توصیف تہٕ کران روٗدی تہٕ دینِ اِسلامہٕ کہِ پھالاوٕ تہٕ ترویجہٕ خاطرٕ بے لوٗث خدمتھ تہٕ انجام دِوان روٗدی۔

دربارِ رسالتکین شاعرن ہُند فہرست چھُ طویل اَماپوٗز کینژن جانثار تہٕ معروٗف شاعرن ہُند موختصر پاٹھۍ ذِکر کرُن روزِ یمن سُطرن منز مُناسب۔ یمن منز چھِ کینہہ تم شاعر تہٕ شامل یم آنحضورنٛ خلاف ہجو تہٕ آسی لیکھان تہٕ مشرف بہ اسلام سپدنہٕ پتہٕ نادم سپدتھ بہترین نعت لیکھان روٗدی۔ کینژن یتھین شاعرن ہُند ذِکر چھُ بروٚنٹھے کرنہٕ آمت:

### ا۔ میمون ابن قیس اعشیٰ:

میمون اِبنِ قیس اعشیٰ اوس عربی زبانٔی ہُند اکھ مشہوٗر شاعر۔ سُہ اوس

گوڈنیک غار مُسلم شأعریم آنحضورؐ ہندِس شانِ اقدسس منز اکھ نعت لیُوکھ یُس قصیدِ کِس شکلس منز اوس۔ سرور کونینؐ سِتی شرفِ مُلاقاتھ حاصل کرنہٕ تہٕ تمن پنُن کلام بوزناونہٕ خاطرٕ سپُد سُہ مکہ معظمہ کُن روانہٕ اماپوز اُڈِ وَتی پیٹھ کوڈ سُہ حضرت ابوسفیانن (یُس تمہِ وِزِ مخالف لوکن منز شأمل اوس) کیاہتام ردبدٕ نتھ واپس تہٕ گرٕ واپس واتنہٕ برونٹھے سپُد سُہ یہِ حسرتھ ہیتھے فوت۔ تمہِ سُند نعت اوس فصاحت تہٕ بلاغتُک نموٗنہِ، یِمہِ وجہ سِتی لس ''صاحب العرب'' تہِ ونان اُسی۔ مِثالہِ رٔنگی پٔرتو یہِ شعر:

''شَبَابُ و شیبُ و افتقارُ وَّثروۃُ فِللّٰہ ھذالدَھر کیف تروّدا''

ترجمہِ : ''زمانہٕ چھُ بجر، تنگ دٔستی تہٕ خوشحألی ہشِن صورتن منز کم ادلابدلی وُچھان۔''[1]

یائمی سُند یہِ شعر:

''نبیُ یرَیٰ مالا ترون و ذکرہ اغارَالعُمری فی البلادِانجدا''

توہی چھِو تم نبیؐ یِہُنز نظر تِمن چیزن پیٹھ چھےٚ آسان یِمن تُہنز اُچھ چھےٚ نہٕ وُچھان۔ مےٚ چھُ پننہِ نہٕ زِندگی ہُند قسم تہُنز شہرت چھےٚ مُلکہٕ مُلکہٕ پھأليمٕژ''

(حوالہِ مضمون اسمایل آزاد، نعتیہ شأعری اور غیر مُسلم شعراء۔
شیرازہ اُردو۔ مذکوٗرہ)

دربارِ رسالتکین مشہوٗر نعت گو شأعرن منز اُسی حسّان بن ثابتؓ، کعب بن مالکؓ، حضرت عبداللہ بن رواحہؓ، البید بن ربیعہؓ، نابغہ جعدیؓ، یَعنہِ قیس بن عبداللہ، ایمن بن حزیمہ اسدیؓ، عباس ابنِ مرداس، عشیٰ بن مازنؓ، اسود بن سریعؓ، حمیدہ بن نور

[1] کینہہ چھےٚ لیکھان سُہ اوس ابوجہل یمی عشیٰ بن قیس بہکأوتھ واپس کوٗرمُت اوس۔ (واللہ اعلم)

اسلامی، ابوطفیل بن عامر، عباس بن واثلہ وغارٕ شامل چھِ یمو ہنٛدی شعرِ کٕس مشہوٗر ترین نعت تخلیق سپدی۔ یمو منز چھ کینژن معروف شاعرن ہنٛد مختصر تعارف پیش یوان کرنہٕ۔



## ۲۔ حضرت حسان بن ثابتؓ:

حضرت حسان بن ثابتؓ ہنٛد شمار چھ عربکین بہترین شعراء کرامن منز یوان کرنہٕ۔ تمن چھُ دربارِ رسالتک اولین نعت گو شاعر آسنک تہٕ اِمتیاز حاصل۔ حضرت براءؓ چھ فرماوان زِ رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلمو فرموو حضرت حسان بن ثابتؓ وَن زٕ ''تِم لیکھہٕ مُشرکن ہنٛد ہجو حضرت جبریلؑ چھ تمن سٟتی'' رسول کریمؐ (یِلہٕ کُفارٕ تہٕ مشرکین ہنٛدی ہجو آسی بوزان یمن منز تمنؐ خلاف نازیبا کتھ کرنہٕ آسہٕ یوان تہٕ تمن ناشائستہ لفظو سٟتی یاد کرنہٕ یوان) آسی حضرت حسانؓ ہِنٛ فرماوان زِ ''تِم دِیِن تہنٛدِ طرفہٕ کُفارن جواب تہٕ (پتہٕ آسی یہِ فرماوان) ''اے خداوند کریما۔ جبریلؑ ہنٛدِ ذریعہٕ کر حسانؓ ہٕس مدد تہٕ (تہنٛز زبانی تہٕ بیانس) دِ طاقتھ تہٕ قوتھ۔'' (بخاری تہٕ مسلم شریف)

حضرت عائشہؓ چھےٚ روایت کران زِ رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلمو فرموو (پنٕنؠن) شاعرن ''کفارِ قریشن ہنٛز آسہو ہجو کران تہٕ کیازِ ہجو چھُ تمن پٹھ تیر مارنہٕ نشہٕ زیادٕ سخت'' (مُسلم شریف)

حضرت عائشہؓ چھےٚ فرماوان زِ ''مےٚ بوٗزی آنحضورؐ یہِ تہٕ فرماوان زِ حسانؓ ہِنٛ یِلہٕ کُفارن ہنٛز ہجو کٔرتھو دیُت امہِ ہجو سٟتی مُسلمانن تہٕ شفاتہٕ پانہٕ تہٕ پرٛوٗن شفا'' (مُسلم)

یہ چھُ برٛونٛہہ ونہٕ نہٕ آمت زِ آنحضورؐ أسی حضرت حسانؓ ہٕن خاطرِ اکھ منبر تھاوِناوان یتھ پیٹھ کھڑا اسِپدتھ تمؓ پٔنٕنی شعر أسی بوزناوان تہٕ آنحضورنؐ من ہِنٛدِ طرفہٕ اِظہارِ فخر کراں تہٕ مخالفن پنہٕ نبن شعرن منز دندان شِکن جواب دِوان۔ سرورِ دو عالمؐ أسی ہمیشہِ حسانؓ ہِنٛدِس حقس منز دُعا کران، یمن ستی أسی تِہنٛز شفقت کراں زِ شاہِ مصرِ ہِنٛدِ طرفہٕ وأژمژو دۄیو کینزو منٛز (یِیمہِ دوشوٕے بیٛنہٕ آسہِ) دِژ اکھ کینز آنحضورؐ حسانؓ ہَس یِیمس "سیرین" ناوس، یِتھ کِنی بنیٛیہِ حسان تِہنٛدی ہم زُلف تہٕ۔ "شاعر رسول اللہؐ سُنٛد ہیٛو مرتبہٕ حاصِل کرن وألِس شاعرس سُنٛدِ کلامُک نمونہٕ کۄتاہ اثر دار چھُ:

"و اَحسَن مِنکَ لَم تَرقطُّ عینی اجمَلُ مِنک لَم تلِدِانّساءُ
خُلقت مُبّراً مِن کُلِّ عَیب کانّک قد خُلِقت تشاءُ"

ترجمہٕ: یا رسول اللہؐ مےٚ وُچھ نہٕ تۄہی ہیٛو کانٛہہ اکھاہ حسین وجمیل تہٕ نہٕ آسہِ تِہنٛدِ کھۄتہٕ بہتر تہٕ خوبصورت تہِ کانٛہہ زنانہِ زامُت۔"

ماخوذ: آبشار، بانہال، پیر پنچال ادبی فورم (نعت نمبر)

أہنٛدِس کلامس منز چھِ عشقِ نبی کریمؐ علاوٕ وارِیاہ مُفید پند و نصائح حِکمتٕکی تہٕ موعظتکی موختہٕ جرنہٕ آمتی، شریعت تہٕ قُران کریمس پیٹھ عمل کرنٕچ نصیحتہٕ ورٛہناونہٕ آمژٕ۔ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمو ییٛلہِ یمہِ دُنیاہ پیٹھ ظاہری طور پأٹھی تشریف نیو، حضرت حسانؓ ہن یم مرثی تِہنٛدِس جُدا اسِپدنس پیٹھ لیٚکھی، تم چھِ آفاقی نوعیتکی مرثی یِیمہِ عشقِ رسولؐ ستی لبریز چھِ۔ "حسانؓ ہن ہِنٛدی نعت سپدی سبٹھاہ مقبول تہٕ یمن ہُنٛد ترجمہٕ چھُ دُنیاہچن اکثر زبانن منز کرنہٕ آمت۔ یِہنٛد بن نعتن اندر چھُ والہانہٕ عقیدت، جوش یُون لول تہٕ فلسیفانہٕ سنبرِ نظرِ گرٛھان۔

"وَشق اللہ من اسمہ لیُجلّہٗ فذ والعرش محمود هذا محمد"

تہُنْدِ شانہٕ تہٕ عظمتہٕ خاطرٕ کوڑ روبن پننہٕ ناوٕ منز تہُنْد ناو۔ یتھِ پاٹھی زعرشہ وول خُدا چھُ محمود تہٕ تہٕ چھِو محمدؐ۔"

(کاشُر نعت، عزیز حاجنی، ص ۲۱)

حضرت حسانؓ اُسی انصاری صحابہٕ تہٕ خزرج کِس بنی نجار فِرقس سٟتی اُسی تعلق تھاوان۔ تمہ سِپدی ۵۴ ھ یَس منز قریباً ۱۲۰ ؤری یہ وأنس پژاوِتھ یمہ عالمہٕ منز روٕخصتھ۔

یہ تہٕ چھُ ونہٕ یوان زِ دوہہ اکہِ سِپدیاے آنحضورؐ صحابہؓ کُن مخاطب تہٕ فرموٗکھ: "مخالف شاعرن ہنز ہَر زِ سرأیی چھےٚ حدِ نشہِ تجاوز کران۔ توہہِ حضراتو گرِو تلواروٚ سٟتی میأنی مدد۔ کیاہ توہی منز چھا تیٚوتھ کانہہ یُس مےٚ زبأنی سٟتی تہٕ مدد کرِ۔" دپان حسانؓ وُتھی تھوٚد تہٕ کوٚرکھ عرض "امہ خاطرٕ چھُس بہٕ حاضر" اُمی پتہٕ گوٚ نعتک ارتقاء"

(نعت مصطفٰے، مُظفر احمد خان، ص ۸۶)



## ۳۔ حضرت کعب بن مالک:

حضرت کعب بن مالک یِم اکھ انصاری صحأبی اُسی، اُسی خاندانِ نبی سلمہ کِس خزرج قبیلس سٟتی تعلق تھاوان۔ بحثیتِ اکھ صحأبی تہٕ دربارِ رسولؐ ہکی مقتدر شاعر آسنہٕ کِنی اوس تِمن بارگاہِ رسالتسؐ منز بوٚڈ عزو شرف تہٕ تھوٚد مُقام حاصِل، آنحضورؐ بدلأو تِہنز کنیت تہٕ ابوبشیر پتہٕ سِپدی تمہ ابوعبداللہؓ مشہوٗر۔ ہجرت بزوٚنتھ اُسی تِہنز وُمبر ۲۷ ؤری یہ۔ حضرت کعبؓ چھِ تمہ صحأبی یِہنْدِس توبہ قبول گژھنس

پٹھ چھےٚ قرانِ کریمس منز اکھ خصوصی آیت نازِل سپز مژ۔ تم رؤدی آنحضورؐ ستی غزوۂ بدرٕ تہٕ غزوۂ تبوک علاوٕ وارِیاہن غزواتن منز شانہٕ بشانہٕ شامل۔ اتھ دوران اُسی تم رجزیہ کلام پران روزان۔ آنحضورؐ سلمن اوس تہنٛد کلام تیوٗت پسند زِ تموٗ نِیوٗ اکہ لٹہٕ تہنٛدؓ گرِ تشریف تہٕ گرِکھ تمن نعت وٕنہٕ نچ تربیہ لٹہٕ فرمائش۔ زِندگی ہنٛدِس آخری دورس منز گییہ تم اچھی گاشہ نِشہِ محرؤم۔'' تم گےٚ ییمہِ عالمہِ منزٕ پانژاہ ہجری منز روخصتھ ییٚلہِ تہنز واٗنس سٹتھ وٕری واٗژمژ اُسی''

(بحوالہِ آبشار۔ بانہال شُمارٕ ۲۔ نعت نمبر)



۴۔ حضرتِ کعب بن زہیرؓ:

حضرت کعبؓ ہَن تہِ لیکھی حضرت حسان بن ثابتؓ ہَن ہِنٛدی پاٹھی، ہجو تہٕ نعت، یِہنٛد مقصد آنحضورؐ ہِنٛدی تعریف کرنہٕ علاوٕ تہنٛدِ ناموٗسک تحفظ کرُن اوس، یِتھ پٹہٕ لِسانی جہاد تہِ وَنہٕ ہٕ آو۔ دربارٕ رسالتس منز اوس حضرت کعبؓ، حضرت حسان بن ثابتسؓ پتہٕ دۆیم شاعر مانہٕ یِوان۔ حضرت کعب اُسی مکہ مکرمہ فتح سپدنہٕ برٛونٹھ اسلامکی بڈی دُشمن ییم واجب القتل قرار دِنہٕ اُسی آمتی، تہنٛد جرم کوٚر آنحضورؐ معاف ییٚلہِ تمو دربارِ نبیؐ منز حاضری دِژ تہٕ ایمان اوٚن۔ تموٗ یُس قصیدٕ اتھ موقعس پٹھ پیش کوٚر سُہ سپُد قصیدہ ''بردہ'' کہِ ناوٕ مشہوٗر تہٕ یِتھ قصیدہ ''بانت سعاد'' تہِ ونان چھِ۔ تمیُک مطع چھُ یِتھ کٕنی:

''بانت سعاد فقلبی الیوم متبوؔل     مُتیّمُ اِثرُھالم یُجِذ مَتبوؔلُ''

حضرت کعبؓ بن زہیرؓ چھِ مشہوٗر نعت گو اُسی مٕتی۔ حضرت کعبؓ ییٚلہِ قصیدہ ''بردہ'' ہُک یہ شعر آنحضورؐ مَن پیش کوٚر، آنحضورؐ موٗتُل پنُن دُسہ دوش مُبارکہ پٹھ تہٕ

ترٛ وُو کھ کعبؓ ہند بن فیکن پیٹھ۔

"اِنَّ الرَّسُولَ لَنُورُ یَستَضَاءُ بِہٖ مھَنَّدُ مِن سُیُوفِ اللّٰہِ مَسلُولُ"

ترجمہٕ : رسول اکرمؐ چھِ تٕژ تلوار یٕمہ کہِ ناپہٕ ستی عالمس منز نورِ ہدایت عام گوٚو۔"



## ۵۔ حضرت عبداللہ بنِ رواحہؓ:

حضرت عبداللہ بن رواحہ تہٕ اٲسی انصاری تہٕ تہٕند تعلُق تہٕ اوس قبیلہٕ خزرجس ستی، تم اٲسی دربارِ رسالتکی ترٛیِیم معروٗف شاعریم حضرت حسانؓ تہٕ کعبؓ ہندے پاٹھی رسول اللہؐ ہنٛز مداح سرٲیی بڈٕس موٗثر اندازس منٛز کران اٲسی تہٕ کُفارانِ قُریشن ہنٛز ہزل گویی تہٕ اسلام دُشمنی پیٹھ مبنی شعرن ہُند جواب ترٛتھ بےباکی سان دوان یٕمہِ ستی تمن وُسواسی پھٹان اٲسی۔ پنٛنس قبیلس منٛز تہٕ اٲسی حضرت عبداللہؓ اکھ تھوٚد مُقام تھاوان۔ آنحضورؐ اٲسی تہٕنٛد سٹھاہ احترام کران۔ یہِ تہٕ چھےٚ روایتھ کرنہٕ آمٕژ زِ یٕلہِ غزوۂ احزاب کِس موقعس پیٹھ خندق اٲسی کھنہٕ نہٕ یوان آنحضورؐ اٲسی بہ نفسِ نفیس میژ تُلی تُلی اتھ منٛز دارتھ دنہٕ وِزِ عبداللہ بن رواحہؓ ہُند رجزِ یہِ کلام پراں گرٛھان:

"وللہِ لَو لاَ اللّٰہُ مَا اھتَدَینا وَلاَ تصدَّ قُنا وَلاَ صَلَّیُناَ"

ترجمہٕ : خُدایہِ ذُوالجلالہٕ سنٛز درٕے اگر اللہ تعالیٰ سنٛز ہدایتھ آسہِ ہے نہٕ، اٲسی ہکہو نہٕ سیٚز وَتھ پرٛاوِتھ، نہٕ ہکہو صدقہٕ دِتھ نہٕ نماز پرٛتھ۔" اتھ موقعس پیٹھ یِم صحابہٕ کرام رجز پران اٲسی آنحضورؐ اٲسی تہٕنٛدِ خاطرٕ یہِ دُعا منگان:

"اَللّٰھُمَّ لا عَیشَ اِلاَّ عَیُشَ الاٰخِرۃ فاغفِرِ الاَنصارِ والمھَاجِرۃ"

ترجمہٕ : اے اللہ! زِندگی چھےٚ بَس آخرتچی زِندگی۔ ژٕ بخش انصارؓ تہٕ مہاجرینَن"

(بخاری تہٕ مسلم شریف) بیٚیہ اَسی تِتھۍ ہوی تیٚہندۍ شعر تیٚہندِ وردِ زبان آسان:

"اللّٰھُمَّ اِنَّ الاَ جَرَالآخِرة  فاالرَّحُمَ الاَ نصار وَالُمھاجِرة"

"یا اللہ، اَجر چھُ بَس آخرتُک اَجر۔ ژٕ کر انصارن تہٕ مہاجرن پیٹھ رحم" حضرتِ عبداللہ اَسی قادر الکلام شأعر آسنہٕ علاوٕ فنِ کِتابتس منز تہٕ مہارتھ تھوان یوٚ کِنۍ سرکارِ دو عالموٚ تِمنٛ منصبِ کِتابت تہٕ سپُرد کوٚرمُت اوس۔ یُس تِمو بڑٕ جانفشأنی سان انجام دیُت، تِمن آو شاعرِ رسول ہیٚوٚ پُر رشک لقب تہٕ عطا کرنہٕ، یہ جانباز عأشم تہٕ آنحضورنٛ ہُند ٹوٹھ شأعر سپُد غزوہٕ موتہٕ ہَس دوران شہید۔



## ٦۔ حضرت لبید بن ربیعہٕ :

دربارِ رسالتکین معرُوف شأعرن منز اوس حضرت لبید بِن ربیعہٕ تہٕ شأمل یہُند کلام آنحضورٛ واریاہ پسند اوس تہٕ کیازِ یہِ اوس حضرت اُبی بن کعبؓ سُندِ حوالہٕ بُخاری شریفچہِ تھ حدیثِ مُبارکس پؤٚر وُتران یتھ منز شأعری مُتلِق یہِ صفت بیان چھےٚ آمٕژ کرنہٕ:

"وَاِنَّ مِنَ الشِعرَ لِحکمَتَہ" کیٛنہہ شعر چھِ حِکمتکۍ حأمِل آسان۔

آنحضورنٛ ہُند یہِ فرمان ............ یعنہٕ کلامس منز مبالغہٕ کرن وألۍ پٕیِن ہلاکتس منز" تہٕ اوس دربارِ نبیٛ کین شأعرن مدِ نظر روزان۔ لبیدؓ سُندس کلامس پیٹھ خوش سپدِتھ فرموو حضورِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلمو

"اَصدَقُ کَلِمتہِ قالھَا اشأعِرُ کَلِمتہ لبیدِ الاَ کُلِّ شیءِ ما خلا اللہ بَاطِلّ"

یعنہٕ "سارِنے منز پوز کتھ یُس کأنسہِ شأعرن وَنہٕ آمٕژ چھےٚ، چھُ لبیدؓ سُند یہِ کلام زِ (یہِ کتھ) مہ مشرأوِیو، اللہ تعالیٰ ہَس سِوا چھےٚ پرٛتھ کأنہہ چیز فنا سپدان وأجنۍ"



## ۷۔ نابغہ جعدیؓ :

دورِ جہالتک مشہوٗر شاعر نابغہ جعدیؓ ہَس اوس اصل ناو قیس بن عبداللہ تہٕ تم تہٕ اُسی حضوٗر سرورِ کونینؐ ہِندِس دربارس منز نعتیہ کلام بوزِ ناوان، یمن منز آنحضورؐ ہِندی تعریفو تہٕ توصیفو علاوٕ توحیدُک عنصر غالب اوس آسان۔ اَہنز زمانہٕ جہالتچ شاعری منز تہٕ اوس توحیدُک عنصر نمایاں تہٕ کیازِ تم اُسی دین ابراھیمیؑ پیٹھ پابند۔ یِہُند اکھ قصیدہ چھُ تقریباً دون ہَتن شعرن پیٹھ مشتمِل یُس مُدح رسولِؐ ہنز موٗلِج باوتھ چھےٚ۔



## ۸۔ امام شیخ شرف الدین ابی عبداللہ ابوصیری:

بیان کرنہٕ آمتین نعت گو شاعرن علاوٕ اُسی حضرت امام بوصیریؒ، تہٕ حضرت حبیب بن عدی انصاریؓ صفِ اول کین شاعرن منز شمار کرنہٕ یِوان۔ حضرت امام بوصیریؒ اُسی وٕتھکین شاہن پادشاہن تہٕ مِصرکین بڈٕ بن لوٗکن ہنز قصید خٲنی کران اَماپوٚز آنحضورنؐ ہنز زیارت نصیب سپدنہٕ پتہٕ بدلیاے تِہنزِ کائناتھے۔ تِہنزِ زبٲنی ہِندِس ورتاوس تہٕ شعر لیکھنِکس اندازس آیہ تَژھ تبدیلی زِ باسان اوس تمن پیٹھ چھِ فصاحتکی سمندر ریلہٕ آمتی تراونہٕ۔ ستھے آیہ تم آزمائشہٕ ہِندِس گِرداب منز تمہٕ وِزِ لائنہٕ ییلہٕ تمن فالجُک حملہ سپُد، سراسیمگی ہِندِس عالمس منز لیوٗکھ تمو اکھ قصیدٕ، خابس منز سپز کھ زیارت آنحضورؐ نصیب اتھے حالتس منز کوٚر تمو سُہ قصیدٕ بارگاہِ رِسالتس منز پیش، قصیدہ پیش کرنک انداز اوس تیوٗت وٲلہانہٕ تہٕ موثر زِ آنحضورؐ پھیوٗر پنُن دَست شفا تِہندِس فالِج لَد عُضوس پیٹھ۔ ییلہِ امام بوصیری

ہُشیار گے تِمن باسیوٗ و زنتہٕ آسِ نہٕ تِم زاہ بِمار گمتی ۔ تمہٕ قصیدُک یہِ اکھ شعر چھُ قٲبلِ توجہ

"ھوا لحبیب الذی ترجیٰ شفاعَتہُ

لِکُلِ ھولِ من الاَھوالِ مُقتَحِمُ"

ترجمہٕ : توٚہی چھِو اللہ تعالیٰ سٕندی تِم حبیبؐ یِہنٛز آش تہٕ وومید خوف تہٕ ہراس تہٕ قیامتکین سخت ترین برزٕہن منٛز لگاونہٕ چھےٚ یِوان" مُسلمانن منٛز سٕپُد یہِ قصیدہ "قصیدہ بُردہ" کہِ ناوِ ستی مشہوٗر ۔ اتھ اَسی "قصیدِ میمیہ" تہٕ ونان ۔ یہِ چھُ وظائف تہٕ اورادن منٛز شٲمِل یِوان کرنہٕ ۔

استفادٕ : صنفِ نعت اور مولانا احمد رضا ۔ غلام یحیٰ انجم

شیرازٕ اُردو، کلچرل اکیڈیمی، جلد ۴۳، ۲۰۰۵ء



## ۹۔ حضرت حبیب بن عدی انصاریؓ :

حضرت حبیب بن عدی انصاریؓ اَسی تِم جانِثار یِم مدنی دورکین زندانن منٛز ظٲلم دُشمنن ہٕندی آمتین چھوکن تہٕ زخمن ہُند مُقابلہٕ بڑٕ بہادُری سان کران کران، آنحضورؐ ہٕندِس توصیفس منٛز تا شوقہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان یتھ ہِوی نعتیہ شعرونن اَسی :

"ولستُ اُبالیِ اُقتلُ مُسلما

علی ای شوق کانَ فی اللہ مَصرعی"

ترجمہٕ : یہٕ چھُس رسول اللہؐ سٕندِس موٚہبتس منٛز سرشار مُسلمان آسنہٕ کِس حالتس منٛز قتل یِوان کرنہٕ، امیُک کیاہ پرواہ مےٚ یوٚن زوٗ کمہٕ لرِ نیرِ" (ایضاً ۔ صنفِ نعت)

آنحضرتؐ ہندِ ظاہری وِصالہٕ پتہٕ وُنی واریاہ صحابی شاعرو تہنٛدِس
فراقس منٛز قصیدہ یمن منٛز تہنٛز و تعریفو علاوٕ تہنٛدِ دُنیا ترٛاوٕنچ باوتھ کرِتھ تمن
مضمراتن ہنٛز نشاندہی تہٕ کرنہٕ آے یِہند امہِ ظاہری جُدائی ستی پاد سپدنُک احتمال
اوس۔ اکھ مِثال چھےٚ یہ۔

حضرت ابوسفیانؓ چھُ امہِ متوقع مصیبتُک ذِکر یتھہٕ کنۍ کران:

"اَرِقتُ و باتَ لیلی لایزولُ

وَلیَلُ اخی المُصیبتہٕ فیہ طُولُ"

ترجمہٕ: مے گےٚ نِندرِ کامن تہٕ میانی راتھ سورییہ نہٕ۔ پۄز گوٚو یہِ زِ مصیبت زدٕ سنٛز
راتھ چھےٚ زیٹھے آسان"۔[1] یا

"اُحِبنَا بالنبّی وَ قدَر زانا مُصِیبتنا فمحلھا ثقیلُ"

ترجمہٕ: نبی پاکنہٕ دُنیا ترٛاونہٕ ستی ووت اَسہِ مصیبت۔ اَسہِ دِژ وواتھ مصیبتس نکھ مگر
یہ بار وترٛاوُن چھُ مُشکل"۔[2]

حضرت صفیہؓ یوس آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز پھپھی آس چھےٚ پننِس مرثی یَس
منٛز پنُن دوکھ یتھہٕ کنۍ باوان:

"الا یا رسُول اللہ کنتَ رجاء نا وکنت بنا براولم تکُ جافیا

وکُنت بنارو وفا رحیمانبینا لیبکَ علیک الیوم مَن کانَ باکیا"

ترجمہٕ: "اے خُدایہِ سُند پیغمبر، توٚہی اُسو سانٛی آش تہٕ وومید، تُہی اُسوِ اَسہِ پیٹھ
احسان کرن، تُہی اُسو نہٕ بدلحاظ۔ تُہی اُسوِ اَسہِ پیٹھ شفیق تہٕ مہربان، تُہی اُسوِ سانٛی نبی،
تُہی گےٚ وٕ اَسہِ نِشہِ جُدا۔ توٚے چھِ تہنٛدِس فراقس منٛز از ودن وٲلی اوش ہاران۔"[3]

عہدِ رسالت کِبن باقی نعت نِگارن منٛز اُسی حضرت حمزہؓ، حضرت ابوبکر

صدیقؓ ، حضرت عثمان غنیؓ ، سعد بن ابی وِقاصؓ تہٕ حضرت عائشہؓ تہٕ سیّدہ فاطمہ الزہراؓ تہِ شأمِل ۔ دُنیہِکِس نعتہٕ اَدبس منٛز روزِ حضرت عائشہ صدیقہؓ سُنٛد یہِ نعتیہ شعر تاقیامت نأ پان ۔

"لــرائــم زلیــخــا لــو رائــن جبیـنــہٗ

لاشــرن قطع القلوب علی قطع الید"

ترجمہٕ : زلیخایہِ رَد بَد وَنن واجنہِ ہرگاہ آنحضورؐ ہنٛز جبینِ تابان وُچھہَن ، تِمو کترا وہَن پننٛی دِل ۔"

ا،۲،۳: نعتیہ ادب ۔ انہار کأشر ڈِپیارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ، مضمون : نعتیہ اِظہارٕک ابتدایی نقوش ، ص۵۴ ، ۴۹ )



# ایرانَس تہٕ برِ صغیرِ ہندوپاکس منٛز عربی تہٕ فأرسی زبانَن منٛز صنفِ نعتُک آغاز تہٕ ارتقاء

یِتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ صنفِ نعتُک دَسلابہ سپُد عربی زبأنۍ منٛزٕے یمِچ فِکری بُنیاد قرآن کریمچ مختلف آیاتو ڈٲری یہ پانہٕ خداوندِ کریم جَلّ جلالہٗ فراہم فرماوان چھُ تہٕ یمیُک ذِکر کِتابہِ ہندٕ بن گوڈنکین اوراقن منٛز مختصر پأٹھۍ کرنہٕ آو۔ جزیرۂ نما عرب پتہٕ ووت یہ مقدس صِنف ایران تہٕ برِ صغیر ہندوپاک ییٚتہٕ کیٛنٛژو مقتدر شأعرو فأرسی زبأنۍ علاوٕ عربی منٛز تہِ نعت لیکھنٕچ سعادت حأصِل کرٕ تہٕ پننہِ عألمانہٕ کمالک جوٗد مانہٕ نوٚو۔ تِہنٛد فہرس چھُ وارِاہ زیوٗٹھ۔ اَماپوٚز کیٛنٛژن نمائندِ شأعرن ہُنٛد ذِکر کرُن چھُ ضروری باسان یِہنٛد بن عربی تہٕ فارسی نعتن مقبولِ عام حأصِل سپُد۔ تِمن منٛز چھِ مولانا فریدالدین عطارؒ، شیخ سعدی، جان محمدؐ قدسی، نظامی گنجوی، مولانا جامیؒ، جلال الدین رومیؒ، امام زین العابدین، حضرت امیر خسرو دہلویؒ، حضرت عبدالقادر جیلانیؒ، بابا دوٗد خاکیؒ، شیخ یعقوب صرفی، خواجہ حبیب اللہ نوشہری، غلام احمد شاہ جید، شاہ ولی اللہ دہلویؒ تہٕ شیخ عبدالعزیز دہلویؒ ہوۍ اعلیٰ پایکۍ شأعر قأبلِ ذِکر۔

## (ا) کینٛہہ عربی نعت گو شاعر :

### ا۔ شیخ سعدی شیرازیؒ:

بقولِ عزیز حاجنیؔ "شیخ سعدی ہنٛز یہِ نعتیہ رباعی چھِنہٕ صِرف تہنٛز شاعری منٛز بلکہ کُلہم ادبس انٛدر اکہِ موللہِ تہٕ بے بدل نموٗنہٕ زٕنگی پیش یوان کرنہٕ" (کأشرِ نعت)

"بَلغِ العلیٰ بکمالِہِ کَشُف الدُجےٰ بِجمالِہِ
حُسنت جمیع خصالِہِ صلّو علیہِ واٰلِہِ

یہ نعت چھُ جمہِ تہٕ کٔشیرِ ہنٛزن مشیدن منٛز منعقد سپدن واجین ذِکر و اذکارچن مجلسن منٛز پرٛتھ مسلمانس ورِدِ زبان روزان۔ یتھ نعتس چھےٚ امام شافعیؒ سنٛدِ اکہِ نعتچ پوٚت ژھاے یتھ بقول مرغوب بانہالیؔ شیخ سعدینؒ لفظی پھِر بدل کرِتھ یہِ صوٗرتھ بخشمٕژ چھےٚ :

"بِکمالِہِ بلُغ العُلےٰ بجمالِہِ کثف اَلدُجےٰ
بقدومہِ زالُ الوَبا صَلُّو علیہِ دائیمَا"

(انہار۔ نعتیہ اَدب)

وننہٕ چھُ یوان یِیلہِ سعدیؒ یَس نعتُک آخری مصرعہ پرٛ پیو، آنحضورؐ آیس خابس منٛز تہٕ دوپہس "صَلّو عَلیہِ وَاٰلِہِ" کریٚوس شأمل تہٕ یتھِ کنہٕ گو نعت پوٗرٕ تہٕ زٕٹن آفاقی صوٗرتھ۔



۲۔ مولانا جامیؒ :

''یا صاحب الجمالِ و یا سیدالبشر مِن و جھکَ المنیر لقد نورالقَمر
لایمکُن الثناء کما کان حقہٗ بعد از بزرگ توئی قصہ مختصر''

گوڈنِکۍ ترٛے مِصرعہ چھِ عربی تہٕ ژۄرِیم چھُ فارسی، اتھ نعتس تہٕ چھُ مُلکہٕ مُلکہٕ شرفِ قبولیت حاصِل۔



۳۔ امام زین العابدین : (لمتوفی ۷۱۳ھ)

تِہُند مشہوٗر عالَم نعت چھُ سانہِ ریاسژ ہِندِس قرِیَس منز دُعاے صُبح چِن مجلسن منز اُچھن شہجار تہٕ دِلن سروٗر بخشان۔

''اِن نِلتَ یا ریح الصّباح یومً الا ارضِ الحَرَم
بلغِ سلامی روضَتہً فیھا النّبیِ المحترم''

اَتھ نعتس آیہِ مختلف زبانَن منز تضمین لیکھنہٕ، خاص کٔرِتھ کاشرِس منز۔



۴۔ شیخ عبدالقادر جیلانیؒ : نموٗنہِ کلام:

''انَلَتُ شَمُوسُ الاوّلین وَشَمسُناَ
ابداً اعلیٰ افق اَبَقاَء لا تغُرِبُ''

ترجمہٕ : برونٛہم سارٕے آفتاب لۄسی، سون آفتاب روزِ ہمیشہِ دوام کِس اُفقس پیٹھ پرٛزلان۔



۵۔ شاہ عبدالعزیز دہلوی:

"صلّی عَلیک اللہ اَخرِ دھرہ مُتفضلاً

ترحما و حبالُک المعودَفی احسانِہٖ"

ترجمہٕ : دُنیاہکس خاتمس تام سوزِن اللہ تعالیٰ پننہِ فضل تہٕ رٔحمہٕ سٟتی تہٕ پٹھ درود تہٕ پننہِ وعدٕ مُطابق کرِن سارِے نیکی تہٕ یہِ عطا۔"



۶۔ شاہ ولی اللہ دہلوی :

"رسول اللّٰہ یا خیر البرایا

نَوالک ابتغی یوم القضاء

ترجمہٕ : "تمام مخلوقن منز سارِنے کھوتہٕ بہتر رسولِ کریم، قیامتکہِ دوہہٕ روزٕ بہٕ تہندِ بخشش ہُند طلبگار۔



## (ب) فارسی نعت گو شاعر : (ایران تہٕ ہندو پاکس منز)

ایرانِ صغیر، ہندوستان تہٕ پاکستان علاوٕ سانہِ ریاست جۆم تہٕ کٔشیرِ ہندِ بن فارسی نعت گو شاعرن ہُند فہرس تہٕ چھُ تیوٚت زیوٚٹھ زِ تہندی ناو تام لیکھنٕچ چھِ کتابہِ ہنٕز گنجایش کٔنہٕ ناممکِن۔ لہذا چھُ یتھ حِصس منز تمو خوش بخت شاعرو منزٕ کینژن نامور شاعرن ہُندے اوت ذِکر کرنہٕ یوان یمو پننہِ خداداد قابلیت تہٕ وجدانچو فِطری وُزنیوٚ سٟتی آنحضورنٛ ہندِس بے وایہِ تہٕ والہانہٕ عشق، لول تہٕ فراقس منز مَس سپدِتھ مقدس صنفِ نعتس منز نہٕ صرف نٔوی نٔوی انداز تہٕ طرح ایجاد کٔری

تہٕ پنٕنہِ باؤژ بلکہ جود مانہٕ نوٚ وٕلِکہِ۔ امہِ صِنفہِ کہِ نِسبتہٕ ستی نعتیہ ادبس منز پٔنُن ناو زِنٛدٕ تہٕ جاوید بناوِتھ خراجِ تحسین تہٕ حاصِل کوٚر۔

یہِ چھےٚ حقیقت زِ ہندوستانس (برِ صغیرس) منز مُغل سلطنت قایم سپدنس ستھے گٔریٚتکی فٲرسی ادبن حدٕ کھوتہٕ زیادٕ ترقی۔ شہنشاہ اکبر سٕندِس دورِ حکومتس منز آے ایرانہٕ پٔتھٕ واریاہ عالم جید، شاعر تہٕ ادیب ایران چہِ حکومتچہِ تنگ نظری تہٕ ظُلم وجبرٕ کہِ وجہِ کٕنی یوٚر ژٔلتھ ییٚنہٕ تہٕ نہٕ صرف دہلی ہندی حُکمران ٲسکہِ تِہندی اُمراء تہٕ حاکم تہٕ علم و ادبکی پرستار اسی یمو تہنز پٔتھ رنگہٕ سرپرستی تہٕ حوصلہٕ افزأیی کٔر۔ امہِ عزت افزأیی ہُند دژاو یہِ نتیجہ زِ ایرانکی عظیم فٲرسی شاعر یمن منز عُرفی شیرازیؒ، ابوطالب حکیم، قُدسی شہیدیؒ، بابا طالب تہٕ صائب تبریزیؒ بیٚترِ شامِل اسی آیہِ حُکمرانن ہُند یہِ شوہرٕ بوٗزِتھ یوٚر تہٕ مُغل شہنشاہن ہندی پأٹھے پانہٕ نووٗکھ یہِ عظیم مُلک۔ ہندوستانس منز تہٕ اوس کینژٕو بہلہ پایہِ فٲرسی نعت گو شاعرو قبولِ عام حاصِل کوٚرمت یمن منز ابوالفضل فیضیؒ، ناصر علی سرہندی تہٕ بیدلؔ ہِوی شاعر قأبلِ ذِکر چھِ۔ اتھ دورانس منز اوس کشیرِ منز تہٕ مُلا طاہر غنیؒ ہیوٚ شاعر پأدٕ سپدمُت یمہِ سُنز شوہرت فارس کین شاعرن ووٚلسنٛس انان اسی۔

ایران تہٕ برصغیر ہند و پاک کین فٲرسی نعت گو شاعرن (یمن منز اُردو تہٕ کأشری نعت گو شاعر تہٕ شامِل چھِ) منز یمو شاعرو نعتیہ ادبکس دُنیاہس منز اعلیٰ درجہ تہٕ تھوٚد مُقام حاصِل کوٚر، تِمن منز چھِ شیخ احمد جامؒ، حضرت شاہ جلال الدین رُومیؒ، شیخ فریدالدین عطارؒ، شیخ سعدی شیرازیؒ، مولانا عبدالرحمان جامیؒ، جمال الدین عُرفیؒ، حضرت امیر خسروؒ، جان محمد قُدسیؒ، خواجہ معین الدین چشتیؒ، شمس تبریزیؒ، نظامی گنجویؒ، مرزا کمال الدین بدخشیؒ، حکیم سنائی، شیخ عبدالقادر جیلانیؒ، میر

سید علی ہمدانیؒ، حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ، بابا داود خاکیؒ، جلال الدین اصفہانی، طاہر غنی کشمیریؔ، قطب الدین بختیار کاکیؒ، ابوفیض فیضی، مرزا اسداللہ خان غالبؔ، بابا نصیب الدین غازیؔ، مولوی محمد خضر مقبل، بابا محمد خلیل خاکی، خواجہ حبیب اللہ نو شہری (کشمیری)، محمود گامیؔ، میر حسن قادریؔ، غلام احمد شاہ جید، بوعلی قلندر پانی پتیؒ، ملا فاخر کشمیریؔ، بہاوٗ اللہ متو، عبدالغفار تائبؔ، عاشق ترٲلی، ڈاکٹر محمد اقبال، خواجہ اعظم دیدی مریؔ، میر سعید اللہ شاہ آبادی، احمدؒ بانہالیؔ، غلام مصطفےٰ تبسم، غلام رسول شیداؔ، آغا حشر کشمیری، کامگار کشتواڑی، اعما بانہالیؔ، گوہر بُخاری، عبدالرسول خانقاہیؔ، امام احمد رضا برہلوی، غلام رسول نازکی تہٕ غار مسلم شاعرن منز رام داس قایل لاہوریؔ، مکھن لال مکھنؔ تہٕ مُنشی شنکر لال قائل ہِوی معروٗف شاعر شامل۔

مذکوٗر سپدِ متو شاعرو منزٕ چھِ کینٛہہ تِتھی باکمال شاعر تہٕ یِمو نعتچہِ نوزک ترین صِنفہِ منز قلم تُلتھ فخرِ موجوٗدات حضرت محمدؐ ہنز ذاتِ بابرکاتس تہٕ تہندِ بن اوصافن شعری پیکرن منز دائرِاونچہِ عملہِ نسبتھ پننہٕ بے بسی ہُند اِظہار کرِتھ پٔنن پان خبردار کوٗرمُت چھُ تہٕ اتھ وَتہٕ منز قدم ترٛاوُن تلوارِ ہنٛدِس دارس پیٹھ پکنس مترادف تہٕ تِہنزٕ شایانِ شان تعریف کرٕنی اکھ ناممکن تہٕ مُشکِل عمل قرار دِژمِژ چھےٚ۔ یِمن فارسی نعت گو شاعرن منز مولانا جامیؒ، شیخ مصریؒ، عُرفیؔ، اصفہانیؔ، قُدسی، عزت بُخاری تہٕ مرزا غالبؔ ہِوی تھدِ پایک شاعر شامل چھِ۔

مِثالہِ پأٹھی: جامیؒ سُند یہِ فرماوُن:

"لایمکنَ الثناء کماَ کانَ حقہُ
بعد از خُدا بُزرگ توٗیی قصہ مختصر"

"جامیؔ چھُ پیغمبر اسلام صلعم سٕندِ عظمتچ پیکر تراشی پننہِ اتھ رباعی منز تمہِ لاجواب انداز

کراں زِ بہلہٕ پایکین نعت نِگارن ہِندِ بن قلمن ہٕنز میلیہٕ چھےٚ خوشک سپدان''

(انہار نعتیہ ادب، کشمیر یونیورسٹی، ص : ۱۴۵)

یا عُرفیؔ سُنٛد پانس یتھٕ پاٹھی خبردار کرُن :

عرفیؔ مشتاب ایں رہ نعت است نہ صحرا است

ہُش دار کہ راہِ بر دمِ تیغ است قدم را

ترجمہٕ : عُرفی بانٛبر مہ کر، یہ چھےٚ نعتچ وَتھ نہ زِ کُنہِ صحراٗچ، ہوش کر نعت وُنُن چھُ تلوارِ پیٹھ پکنس مُترادِف،

جمال الدین اصفہانیؔ سُنٛد فرموو چھُ :

خود خاطر شاعرے چہِ سنجد نعت تُو تُو خدا گُفت

ترجمہٕ : شاعرس کیا اوقات چھِ زِ سُہ وَنہِ تُہنٛدِس توصیفس منز نعت، تُہنٛد شایانِ شان نعت چھُ پانہٕ خُدائے ذوالجلالن وونمت۔

جان محمد قُدسی چھُ بڈ بن بڈ بن نعت گو شاعرن ہنٛز عجز و نیازی ہُنٛد یتھٕ کُنٛز تصویر والان :

بردرِ فیض تو استادہ بصد عجز و نیاز

رومیؔ۔ طوٗسی، ہندی یمنیؔ و حلبی

قُدسیؔ سُنٛد وطنِ مالوف اوس مشہد یم دروٗگجن کشیرِ منز ۱۶۴۶؁ ئیس منز مدفون کرنہٕ آیہٕ۔

حضرت شیخ سعدیؒ چھِ اتھ منزل پزاوِنکس مسلس یتھٕ کُنٛی واش کڈان :

محال است سعدیؔ کہ راہِ رضا توان رفت جز در پے مُصطفٰے

خلافِ پیمبر کسے راہ گزید کہ ہرگز بہ منزل نخواہد رسید

**مولانا رومیؒ** چھِ اَمہِ سرحدِ اپور وُڈو دِنس پَننِ پَر زالنس مترادف زانان:

اگر یک سرِ موے برتر پرم فروغِ تجلی بسوزد پَرم

**امیر خسروؒ** ہُن وُچھ اکہِ شبہٕ یُتھ ہیوٗ منظر:

خدا خُود میر مجلس بود اندر لا مکان خُسرو
محمد ﷺ شمع محفل بُود، شب جایے کہ من بوٗدم

تہٕ اِد گوسہ یہِ ونہٕ نَس مجبور:

چہرہ و شکل و شمائل حرکت وسکنات
آنچہِ خوباں ہمہ دارند تُو تنہا داری

**مرزا غالبؔ** ہیوٗ رِند چھُ قُدسی ہنز زمینہِ منز پانَس یتھٕ کنی خبردار کراں:

کیستم تا بخروش آوردہ ام بے ادبی
قُدسیاں پیشِ تو دَر موقف حاجت طلبی
رفتہ از خویش بدین زمزمہ زیرِ لبی
مَرحبا سیدِ مکی، مدنی، العربی

یا

غالبؔ ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمدؐ است

تہٕ **عزت بُخاری** چھُ آنحضورنؐ ہنز ادب گاہُک یمن شعرن منز ذِکر کران:

اَدب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر
نفس گُم کردہ مے آید جُنیدؒ و بایزیدؒ اینجا

یتھے کنی چھِ بیین زبانن ہندی شاعر تہٕ نعت لیکھن اکھ کارِ مُشکل زانتھ پَننہِ بے

بسی ہُند اِظہار کراں روٗدی متۍ۔

اَسہِ ہیوٚہن خام تہٕ نو آموز شاعرن پزٕ تِتھین اعلیٰ پایہِ کین نعت گو شاعرن ہنٛزن قابلِ قدر ہدایتن پیٹھ عمل کراں نعت لیکھنہٕ وِزِ پوٗرٕ احتیاط ورتاوٕنۍ تہٕ اتھ عملہِ دوران پنہٕ نین ہوٗشن تہٕ حِسن کام ہیٚنۍ!

ووٚنۍ چھُ کینٛژن بہلہِ پایہِ کین فارسی نعت گو شاعرن ہٕندِ نعتیہ کلامکۍ نمونہٕ پیش یوان کرنہٕ یِمن نظرِ تل تھاوِتھ قارٟی حضرات ہیٚکن اَمہِ کتھِ ہُند پانے اندازٕ لاگِتھ زِ آنحضورؐ ہٕندِ خاطرٕ کتھ حدس تام تہٕ کمہِ اَدبہٕ تہٕ احترامہٕ سان چھُ تمو پننہِ والہانہٕ لولُک، تاشوقُک تہٕ عقیدتُک اِظہار یِمن نعت شریفن منز کوٚرمُت۔ یِم نمونہٕ پرنہٕ پتہٕ ہیکَن تِم یِتھ برِ صغیرس منز صنفِ نعتس منز وِزِ وِزِ پأدٕ سپزٕ مژن تبدیلین تہٕ ترایِن گراین ہنٛز زانکارٟی تہِ حاصل کٔرِتھ۔

**احمد جام (جامی(** : احمدؒ جام یُس مولانا جامی سُند بقولِ مرغوب بانہالی ''لغوی مُرشد'' مانہٕ چھُ یوان، چھِ صفِ اَولہٕ کین فارسی نعت گو شاعرن منز شُمار سپدان ٹٲکہِ چھُ گوڈنِک شاعر یِمۍ فارسی زبانۍ منز نعت گوئی شوٗرُو کٔر۔ تہنٛدِ مشہوٗر نعت چھُ:

| | |
|---|---|
| والضحیٰ لمعۂ خدمت دیدم | قم فا انذر سہی قدت دیدم |
| عرش کُرسی، آسمان و زمین | ہمہ زِ زدارِ مرقدت دیدم |
| جامی از شوق ہر نفس گویا | یا محمدؐ، محمدت دیدم!! |

اَمہِ نعتُک تأثُر ہٮ۪تھ چھِ مولانا جامی ہٕندِ قلمہٕ تہِ یِتھ ہیوٗ دلگداز نعت تھنہٕ پوان:

| | |
|---|---|
| اے واضح والضحیٰ جبینت | والیل نقابِ عنبرینت |
| طاہا ورقے زِ داستانت | یٰس علمے بر آستانت |

چوں برتو خدا آفریں گفت جامؔی چہ سزاے آفرینت

امیر خسروؔ سٕنز مشہور رُباعی:

خط سبز و لبِ لعل رُخ زیبا داری
حسن یوسف دم عیسیٰ یدِ بیضا داری
چہرہ و شکل و شمائل، حرکت و سکنات
آنچہ خوباں ہمہ دارند، تو تنہا داری

چھےٚ سیّد سیٚوٗ د احمد جو بانہالی ہٕندِ نعتیہ اِظہارس اثر انداز سپدتھ تِمس نِش یتھ ہیوٚ کلام تخلیق کرٕناوان یُس از تام جوٚمہ تہٕ کشیرِ منعقد سپدن واجبن ذکر و ازکار چن سحر گاہی محفلن گربہٕ ٹلناوان چھُ۔

سیّدا روے والضحیٰ داری موے واللیل اِذا سجیٰ داری
طاے طاہا طرازِ خلعت تو وز مُدثر مہین ردا داری!!
یاے یاسین کہ سائمن بویست گُلِ دستار خوشنما داری!!

اتھ نعتس منز چھےٚ امیر خسروؒ ہٕندِ مذکور کرٕمتی نعتچ تہٕ پوٚت ژھاے نٕنٛ تہٕ ٹاکارٕ۔ ییٚتہِن چھےٚ یہ کتھ قابلِ ذِکر زِ مولانا نہ ہٕندہن واریاہَن فارسی نعتن چھِ فارسی، اُردو تہٕ کأشر نعت گو شاعرو یا تہٕ تضمین لیکھمٕتی یا منظوم ترجمہٕ کرٕمتی۔

شیخ سعدؔی یُس غزلُک شہنشاہ تہٕ نثرُک پادشاہ مانٕنہٕ چھُ یِوان، اوس فارسی نعت گویی ہُند اکھ تھدِ پایک شاعر۔ سُہ چھُ مولانا جامؔی سُند روحانی مُرشِد تہٕ مانٕنہٕ آمُت۔ وُچھی تو مولانا نہ کمہٕ آیہٕ چھُ حضرت سعدیؒ ہٕندِ بن ابتدایی نعتیہ انہارن ہٕنز تقلید کران:

سعدؔی : ماہ فرو ماند از جمال محمدؐ سرو نباشد اعتدالِ محمدؐ!!

چشم مرا تا بخواب دید جمالش خواب نمے گیرد از خیال محمدؐ
جامیؔ : ماہ بود عکسے از جمال محمدؐ مشک شیمے ززلف و خال محمدؐ
حرف شناسانِ نقشِ کلک قدم را صد مدد آمد زِ میم دالِ محمدؐ

مولانا جامیؔ ہِندِس بوٗنہِ کنہٕ تحریر کرنہٕ آمِتس نعتس چھےٚ براعظم ہند و پاکس علاوٕ کشیرِ منز تیٚژ مقبولیت تہٕ شہرتھ حاصِل سپٕزمٕژ زِ یہِ تہٕ چھُ مشیدن تہٕ دیٖنی محفلن منز بڈٕ عقیدتہٕ تہٕ اہتمامہٕ سٟتی پرنہٕ یوان:

ے نسیما جانبِ بطحا گذر کُن زِ احوالم محمدؐ را خبر کُن!!
بر این جانِ مشتاقم بہ آنجا نثارِ روضۂ خیرالبشر کُن
مشرف گرچہ شُد بے چارہ جامیؔ خدایا ایں کرم بارِ دگر کُن

اتھ نعتس تہٕ چھِ کأشر شاعرو تضمین لیکھمِتی یِہُند ذِکر مُناسب مقامن پیٹھ کرنہٕ یِیہِ۔ مولانانہ جامی اوس ۸۱۷ ھجری یَس منز زامت تہٕ ۸۹۸ ھجری یَس منز یٟیمہِ عالمہٕ گوٚمُت۔

شیخ فریدالدین عطارؔ چھِ پنٕنہِ عقیدتُک نذرانہٕ تِتھِبن ہوٚبن نعتیہ شعرن منز آنحضورنؐ پیش کران:

ے آفتاب نزعِ دریاے یقین نورِ عالم رحمتؑ اللعالمینؐ
چون زبانِ حق زبانِ اوست بس بہترین عہدے زمان اوست بس

قطب الدین بختیار کاکیؒ ہِند بن نعتن ہُند سوز و گذار، اختصار تہٕ گہرائی چھےٚ قابلِ توجہ:

ے تا روے خوٗبے دیدہ اَم مہراز ہمہ بر یدہ اَم
بہٕ نشیں، بیا، دَردِ یدہ اَم اے نوٗر بخشِ دیدہ ہا

بوعلی قلندر پانی پتی چھِ فرماوان:

> آنکہ گوید بزباں حرفے ز اوصاف ترا
> ہست نا محرم رازِ تو، بیگانہ تو!!

کأشر فأرسی نعت گو شأعر رؤدی نہ کُنہِ لحاظہٕ تہٕ پَتھ تہٕ لیکھِکھ جدید اندازس منز نعتِ شریف۔

شیخ عبدالقادر جیلانیؒ چھِ یتھہٕ کنی پننین جذباتن زبو دِوان:

> غلام حلقہ بگوش رسولؐ و ساداتم — زہے نجات نمودن حبیبؐ و آیاتم
> سلام گویم وصلوات بَرتو ہر نفسے — قبوُل کُن بہ کرم ایں سلام وصلواتم

میر سید علی ہمدانیؒ ہِندِس کلامَس منز چھےٚ بصیرتچ گہرایی تہٕ وسعت یوس قأری یَس بڑ وٚنہہ کنہِ آنحضورؐ ہِندٚ بن اوصافن ہُند پیکر کھڑا کران چھےٚ۔

> قبلۂ دل آفتاب روے اوست — کعبہ جان خاکِ راہ کوے اوست
> کفر و دین و نور وظلمت در جہاں — از رُخِ ماہ شبِ گیسوے اوست

حضرت یعقوب صرفیؒ: نعت لیکھنُک انداز تہٕ تِہِندِ فنُک کمال چھُ یِمن نعتیہ شعرن منز صاف ظأہر سپدان:

> محمدؐ بہ خورشیدی آمد علم — وجودِ ہمہ نزدِ اُو کالعدم
> رُخش شمع و عالم ہمہ خانۂ — براں شمع، جبریل پروانۂ

خواجہِ حبیب اللہ نوشہریؒ: نوشہری ہِندٚ بن نعتن چھُ بہلہِ پایہِ کِبن فارسی نعت گو شأعرن ہُند اسلوٗبُک پرتو نوٚن:

> عالم خوش از جمالِ کمالِ محمدؐ است — آدم خوش از کمالِ جمالِ محمدؐ است
> سرمایہِ سرورِ عالم بہ جان ما — مہر رُخِ. محمدؐ وآل محمدؐ است

نوشہرؠ سُند یہِ نعت کوتاہ لۆبہٕ وُن تہٕ مأری مند چھُ تیمی فارسی نعتس نۆ لہجہ عطا کوٚر:

اگر روزے بہ بنیم روے آں ماہِ خراساں را
بخظ وے خطا بخشم بہ لعلے وے بدخشاں را

تم آسی ۱۵۵۵ ءَیس منز زامتؠ تہٕ ۱۶۱۷ ءَیس منز فوت سپدیٚمتؠ۔

خواجہ اعظم دیدہ مرؠ چھُ یتھِ کنۍ آنحضورؐ پنُن زُو فِدا کراں:

دیدہ جاےِ تو یا رسول اللہؐ جان فداے تو یا رسول اللہؐ
باہمہ دوستاں شوم محشور در رضائے تُو یا رسول اللہؐ

عبدالقادر درویش سُند التجأیی انداز سِ منز پنُن حال باوُن تہٕ اکہِ بابرکت نظرِ ہُند تمنا کرُن چھُ قأریَس اندر تہِ خلوٕصکی شمع پژ زلاوان تہٕ شوقِ دیدار پأدِ کران:

چہ باشد گر بفرمائی نگاہے یا رسول اللہؐ
بحالِ ہچو من گم کردہ راہے یا رسول اللہؐ
نگاہے کن بحالِ قادرؠ کز فرطِ عصیاں است
بزیرِ کوہ غم چوں برگِ کاہے یا رسول اللہؐ

مولوی عبدالرسول خانقاہی (ژرارِ شریف) چھُ پننہِ نس قبلہٕ گاہَس تہٕ شافع محشرس یتھِ کنۍ فرِیاد کران:

آبم نہ ماند در جگر از حرقتِ فراق
این برق سوخت خشک و ترم قبلہ گاہِ مَن
مُشتی زِ خاکِ مقدم تو در لحد برم
زادِ سفرم ایں قدرم قبلہ گاہِ من

یا خانقاہؠ صأبن یہِ فرموٗد کوٗتاہ پُر اثر چھُ:

سینہ ریش خونبار بر مثالِ لالہٕ زارم یا رسول اللہؐ
نو نہالم از خزانِ حجرِ تو ریختہ شد برگ و بارم یا رسول اللہؐ

ڈاکٹر علامہ اقبال چھُ نعت لیکھنہٕ وِزِلرزٕ بہ اندام سَپدان:

زنورِ توؐ افروزم نگہہ را — کہ بینم اندرونِ مہر و مہ را
چوی گویم مسلمانم بلرزم — کہ دانم مُشکلات لا اِلہ را

گوہر بخاری (کریری) (ولادت ۱۹۱۴ءٕ تہٕ وفات ۱۹۸۸ء) تہٕندِ نعتک گداز وُچھو:

اے عاجزاں رابس توٗئی — وے بے کساں راکس توٗئی
از حق شفیعِ ما توٗئی!! — یا رحمتؐ اللعالمینؐ

غلام رسول نازکی: یمی عمرِ خیام سٕنزن رُبٲعین ہُند منظوٗم کاشُر ترجمہٕ کرِتھ پَنُن ناو روشن کوٗر، چھُ معروٗف نعت گو شاعر تہٕ۔ تمو چھُ یتھ ژُومصرعی منز پننہٕ ووٚندٕچ یتھٕ کٔنی باوَتھ کرمٕژ:

ناز ہا دارم کہ دِلدارم توئی — یا رسول اللہ مددگارم توئی
از غم دِنیاو از فکر معاد!! — غافلم دانم کہ غم خوارم توئی

فاخر باباہٕ چھُ فٲرسی نعت گو شاعرن ہنٛز تقلید کرِتھ یتھی ہوی نعتیہ شعر تخلیق کران:

عرش است کمیں پایہ زِ ایوان محمدؐ — جبریل امینؑ خادم و دربانِ محمدؐ
از بحرِ شفاعت چہ الوالعزم وچہ مُرسل — درحشر زنند است بدامانِ محمدؐ

خلیل الدین خلیلؔ صابن طرزِ بیان تہٕ چھُ فٲرسی یَس پانس کُن لمتھ ہیٚوٚ نوان:

باز از فیض بہاری — تازہ شد سوائے مَن
صدقیامت زاید از — شود مداحت زاے مَن

امام احمد رضاؒ (بریلوی) چھُ معروف نعت گو شاعر ییمی اُردو تہٕ فارسی زبانَن منز اعلیٰ پایکی نعت لیکھمٕتی چھہ۔ پرٛی تو کیاہ چھِ ونان:

سنگ ریزہ می زند دستِ جناب ‏ ‏ ‏ ‏ ما رمیت از رمیت آمد خطاب

بابا نصیب الدین غازیؒ (وفات ۱۶۳۸ء) غازی صاب اُسی بابا داوُد خاکیؒ سِندی مُرید۔

مرحبا صلی علیٰ گویم ثنائے مصطفےٰؐ
صد سلام از من بہِ آل اقربائے مصطفےٰؐ
نامِ اُو یاسین و طاہا، جام اُو کوثر بداں
سورۂ انا فتحنا شُد لوائے مصطفےٰؐ

محمدؐ اسماعیل ناؔمی چھُ یِمن نعتیہ شعرن منز پننی ووٚنہٕ باوتھ یتھہٕ کنی کران:

اے خوش آکس کہ بصحرائے رسولِ عربیؐ
باخت سردر سرِ سودائے رسولِ عربیؐ
سَرو درپائے فرو ماند بہ یک پائے درآب
درچوں در قدِ رعنائے رسولِ عربیؐ

بابا محمد خلیلؔ (ویچھاری) آنحضورنؐ ہِندِس تابہٕ وُنِس چہرہ مُبارکس یِمہٕ آیہٕ توصیف کران:

دل بہ قالِ تو یا رسول اللہؐ ‏ ‏ ‏ ‏ جاں بہ حالِ تُو یا رسول اللہؐ
آفتاب و قمر شد روشن!! ‏ ‏ ‏ ‏ از جمال تُو یا رسول اللہؐ !!

عبدالصمد گکرو صاب چھہِ تھٕبن لفظن منز آنحضورنؐ ہِندِ شفاعتُک دامن رٹِتھ روزان۔ تِم اُسی مقبل تخلّص کران تہٕ اُسی ورمُلہٕ روزان:

گرچہ بر تر دامنی خواہی شدن در روزِ حشر
غم مہ خور مقبلؔ شفیع المذنبیس داریم ما

مُبارک شاہ فطرتؔ صاب چھُ آنحضورنٛ ہٕندِ حُسنٕچ تہٕ عشقٕچ تصویر یمن شعرن منز وانٕچ کوٗشِش کران:

چہ حسن اُست ایں کہ از ہر ذرہٗ آثارمی یابم!
چہِ عشق است ایں کہ خودرا محوِ حُسنِ یارمی یابم

محمد افضل خاکیؔ ویجبہاری چھِ فرماوان:

زِ نورش شُد منور ہر دُو عالم گزیدہ حق دُرابر ہر دو عالم
محمدؐ نامِ عالی شاں اُوکرد عیاں روح الامینؑ دربانِ اُو کرد

نوٹ: کینٛژن نعت گو شاعرن ہُند نموٗنہٕ کلام سپُد مےٚ کشمیر یونیورسٹی ہٕندِ کاشرِ شعبکہٕ رِسالہٕ ''انہار'' کہِ نعت نمبرِ منز حاصِل - یمیُک بہٕ شُکر گزار چھُس۔



## (ج) غاٲرمُسلم فارسی نعت گو شاعر

برصغیر ہندو پاکس منز چھِ واریاہ غاٲرمُسلم شعراء یمو فاٗرسی زبانٔی منز آنحضور صلی اللہ علیہِ وسلمن پنٕنہِ عقیدتُک اِظہار نعتن ہٕندی رٔنگی پیش کرنٕچ سعادت حاصِل کٔر۔ تہند بن ناون ہُند آو ابتداہس منزٕ ذِکر کرنہٕ۔ ووٗنی کرو کینٛژن ہندی نعتیہ کلامکی نموٗنہٕ پیش۔ (استفادٕ : شیرازہ اُردو۔ کلچرل اکیڈمی ۱۹۸۷ء شمارٕ ۲۰، جلد ۲۶)

۱۔ مصرارام داس قایلؔ لاہوری:

جلوہ گاہِ او زمین و سیر گاہش آسمان
لامکاں آرام گاہ لا یزالی گوھری
یک نگاہش را فدا حوران گلزارِ جناں
لیک ما زاغ البصر بہ دیدہ گردش معجزی



۲۔ مکھن لال مکھنؔ:

نباشد غیرِ تو دیگر پناہم یا رسول اللہؐ
بکُن لطف و کرم بر اشک و آہم یا رسول اللہؐ



۳۔ منشی شنکر لال ساقیؔ (ولادت سکندر آباد ۱۸۴۰ء المتوفی ۱۸۹۰ء)

یہ شاعرِ معروف اوس غالبؔ تہٕ مومنؔ سُند ہمکال۔ اَمہٕ سُندِس نعتن منز
چھُ عشق محمدیؐ ہُند وٲلہانہٕ اِظہار:

در دیر ہم تواں شُد قبول نمازِ من
گر روئے دل زِ صِدقِ بہ سوئے محمدؐ است
ساقیؔ اگرچہ جامہ ہند است بر تنم
خاکم مگر زِ یثرب وکوی محمدؐ است

جرمن شاعر گوئٹے یُس مُتعدد زبانن ہُند ماہر تہٕ علومن پٹھ پوٗر دستگاہ تھاوان
اوس تہٕ ییمی "فاوسٹ" ہِش شاہکار تصنیف تخلیق کٔرتھ پنُن ناو زِندٕ تہٕ جاوید بنووتہٕ
روٗد نہٕ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمن پنُن نذرانہٕ عقیدت پیش کرنس پتھ۔ تمی لیچھ

فارسی زبانی منز "نعتِ محمدیؐ" ناوِ چ مشہوٗر نظم یَیمُک ترجمہٕ "جوئے آب" کہٕ ناوٕ علامہٕ اقبالؒ ہَن فارسی زبانی منز کوٚرتہٕ یَس پتہٕ پیامِ مشرکس منز شامِل آیہ کرنہٕ۔ نموٗنہٕ رٔنگی چھُ تمیُک اکھ بند پیش یِوان کرنہٕ:

| | |
|---|---|
| نرگس دمید و لالہ دمید یاسمین دمید | دَر راہ او بہار پری خانہ آفرید |
| خندید غنچہ و سرو اماں او کشید | گُل عشوہ داد و گفت یکے پیش ما بایست |
| صحرا برید و سینہٕ کوہِ کمر درید | نا آشنائے جلوہ فروشانِ سبز پوش |
| درخور یگانہ از ہمہ بیگانہ مے رود | زِی بحرِ بیکرانہ چہ مستانہ می رود |



**(د) جمبہٕ صوٗبکۍ فارسی نعت گو شاعر:**

جمبہٕ صوٗبس منز یمو شاعرو فارسی زبانی منز نعت لیکھنٕچ سعادت حاصِل کٔر تمن منز چھِ حافظ عبدالغفورؔ، نصرالدین ناصرؔ، قاضی نیاز اللہ، مولوی عبدالرسول پال، ضیاالدین ضیاؔ، محی الدین محیؔ، حضرت مسکین شاہ ولیؒ، مولانا احمدؒ بانہالیؔ، سید غیاث الدین کلہانڈی (ڈوڈہ)، خواجہ غلام رسول کامگارؔ، غلام محمد مرغوب بانہالیؔ صائبس علاوٕ بیٚیہ تہٕ کیٚنژھہ شاعر شامِل۔ یَیمہٕ کتھِ ہُند اندازٕ تہٕ چھُ لاگُن مُشکِل زِ کاٚتھن شاعرن ہُند نعتیہ کلام آسہِ زمانکین نشیب تہٕ فرازن تہٕ امتدادن بُزی گوٚمت۔ مذکوٗر کرنہٕ آمتین شاعرن منز تہٕ چھُ دون ترٚبن شاعرن ہُند نعتیہ کلام دٔستیاب ہیوٚ کمُت سپدِتھ، یَیمکۍ نموٗنہٕ پیش چھِ یِوان کرنہٕ:

## ۱۔ مولانا نہٕ احمد بانہاآلی:

وادی چناۂبک گوڈنیُک شاعرُیس فارسی تہٕ عربی زبانٔی ہُند نامور عالم دین اوس۔ احمد صأبن پیشتر کلام چھُ فارسی زبأنی منز لیکھنہٕ آمتین نعتن تہٕ مناقبن پیٹھ مُشتمل۔ یہٕ کتھ چھےٚ وَنہٕ لایق زِ تِمس بڑ ونہہ کنہٕ اوس رسولِ میر ہوی شاعر فطرتن تام زانوے ادب تہہ کوٚرمُت تہٕ اُمی ہے خوش قسمت شاعر ہندی ڈٲسی وۄتھ تمہِ نعتُک دَس یُس تنہٕ پیٹھ از تام کشیرِ تہِ جمہِ ہنزن مشیدن منز دُعاے صُبحس تہٕ درود شریفس ہتی بڈِ لولہٕ تہٕ احترامہٕ سان پرنہٕ یوان چھُ۔

> ے سیّدا روے والضحیٰ داری موے والیل از سجیٰ داری
>
> طاۓ طاہا طرازِ خلعت تو واز مدثر مُبیں رِدا داری
>
> بہ شبِ قدر لیلۃُ المعراج بہ وصالِ کہ با خدا داری

یمہِ نعتچ پوٚت ژھاے چھےٚ حضرت امیر خسروٗ ہنزِ مشہوٗر نعتیہ رُباعی منز بحرِ، خیالہٕ تہٕ ہیتہٕ رنگہٕ صاف پأٹھی درینٹھ گژھان یتھ منز تِم آنحضورنٛ دُنیاہکین سارِنے حسین ہُند حُسن یکجا کٔرِتھ مُقابلہٕ کران یہِ وَنان چھِ:

> ے آنچہ خوباں ہمہ دارند تو تنہا داری

احمد بانہاآلی اوس کوسکوٹ بانہالہِ منز زامُت۔ ونان چھِ سُہ گوٚیمہِ عالمہِ ۱۳۰۱ھجری بہ مطابق ۱۸۷۶ءعیسوی دوران۔ سُہ اوس محمد گاآمی سُند ہمکال۔ تہند کأشر کلام چھنہٕ ڈٲسی یاب سپدُمت۔



## ۲۔ آعما بانہالی:

عبدالرحیم آعما بانہالی اوس ناگام گامس منز ۱۸۵۹ء منز زامُت۔ تموٚ گر

ڈولیگام أکِس درسگاہس منز مروجہ فارسی تألیم حاصِل تہٕ پنداہن وُرِیَن ہنز وآنسہِ منزٕ ے کوٗرُکھ گلستان، بوستان تہٕ پندنامہٕ عطار ہشن کِتابن پٔٹھ عبوٗر حاصِل۔ تِمو لیچھ کاشُر زبانِ منز مثنوی گُلبدن یُس تِہندِ وفات سپدنہٕ ژوٗرِ وُری یہِ پتہٕ لاہور پٔٹھہِ شائع سپز۔ اعٓما صابن چھِ کاشرِ تہٕ فارسی زبانِ منز نعت تہٕ منقبت لیکھٕمٕژ یِم گُلبدن مثنوی منز تہٕ درپٔٹھ گرٕھان چھِ۔ وُچھو تِمو کِتھٕ کٔنی چھُ صنفِ نعتس منز پنُنہٕ قادرالکلامی ہُند کمال ہووُمُت:

ے — بہ دیدارش صفا لوحِ دِلم کُن — معطر سر بہ سر آب و گِلم کُن

یا ے — شُد زِ نوٗرِ تو حزین سربسر ہفت ارض وفلک مہ و آفتاب

پُر زِ رحمت شُد زمین و آسمان لب گُنہگار و خلاصی از عذاب

طالبِ دیدارتو اعٓما رحیم!! — اکھ نظر کرتس سپدِ ہے فتح یاب

آخری مِصرعہ علاوٕ چھُ نعت خالِص فارسی روزان۔ مرغوب بانہالی صابن چھےٚ بقولِ منشور بانہالی یِمہِ کتھِ ہنز تصدیق کرٕمٕژ زِ تِمو چھُ اعٓما صابنہٕ ''فارسی نعتیہ کلامُک اکھ نادر قلمی نوسخہٕ بدٕ کوٗڈمُت۔''

(بحوالہٕ جیٚمہِ صوٗبس منز کاشُر زبان و ادبک توٲریخ، ص ۸۵)



۳۔ خواجہ غلام رسول کامگٲر کشتواڑی: زاجاے: کشتواڑ (ولادت ۱۸۸۸ء، وفات: جنوری ۱۹۸۴ء)

عربی تہٕ فارسی زبان تہٕ ادبُک اکھ ممتاز عالِم تہٕ یِمن زبانن ہُند اکھ بہلہِ پایک شاعر تہٕ فاضل ترجمہ کار، کامگٲر صاب اوس فارسی تہٕ کاشرِ زبانن ہُند اکھ معروٗف نعت گو تہٕ۔ ''ارمغانِ مدینہ'' چھےٚ تِہندِ بن نعتن ہنز سوٗمبرن یتھ منز ۱۲ نعت فارسی

زبانی منز، ۵۶ نعت اُردو زبانی منز تہٕ کاشرِ پاٹھی ۶۴ نعت یعنی کُل ۱۳۲ نعت شامل چھِ۔ فارسی نعت یا تہٕ چھِ تضمین رنگی لیکھنہٕ آمتی نتہٕ چھُ تمن پیٹھ تھدٕ بن تہٕ بہلہِ پایکین فارسی شاعرن ہُند سیدِ سیوٗ داثر۔ کینژن فارسی نعتن ہندی مطلع چھِ یِیمہٕ آیہٕ:

ا۔ نہ بر تختِ رسالت چوں توٗ شاہے  نہ بر چرخِ نبوت چوں تو ماہے !!

نگاہے یا رسول اللہؐ نگاہے  نہ در اُمت چو مَن گم کردہ راہے

اتھ نعتس چھُ علامہ اقبالؒ ہِند یِیمہِ نعتک طرز نُمایاں:

رمید از سینہ اُو سوزِ آہے!!  مُسلمان آں فقیرے کج کلاہے

نگاہے یا رسول اللہؐ نگاہے  چہ باشد گر نگاہے لُطف باشد

۲۔ تابِ دیدارت بہ ایں بے تاب دِہ  یا محمدؐ جلوہٕ در خواب دہ !!

مژدہ خوش کُن، زِ فتحِ باب دہ  بَر دَرت شاہا فقیرم حلقہ زَن

۳۔ خاکِ پائے تو مرا کُحل البصر  بر سرم بہر خدا فرما گذر!

زُلفِ تو والیّل و ما زاغت بصر  تاج تو طاہا و یاسینت قبا!!

کامگار صابن چھےٚ قریب قریب باہ ژوداہ لوکچہ بجہ کِتابہِ تصنیف کرِمژ یِمن منز زیادٕ تعداد ترجمن ہُند چھُ۔



## ۴۔ نشاط کشتواڑی:

غلام رسول نشاط کشتواڑی زاے ۱۹۰۹ء یَس کِیت قصبہ کشتواڑس منز۔ تم اَسی کاشر زبانی ہندی مانٕی متی اَدیب تہٕ شاعر، واریاہَن ادبی کتابن ہندی خالق تہٕ ترجمہ کار۔ نشاط صابن چھنہٕ باضابطہٕ پاٹھی کانہہ فارسی نعت لیوٗکھمُت تاہم

چھُ تِمو نعت نبیؐ کس موہِلی سرمایس کاشری زبانٔی منٛز واریاہو دِلگداز تہٕ پُرسوز نعتو سِتی ہُربُر کوٚرمُت۔ تِہندِس بوٚنہٕ کنہٕ درج کرنہٕ آمتہِ نعتیہٕ منٛزٕ یوٚ دوے لفظ ''کیاہ'' کڈِتھ تِمو پتہٕ گُن چھِ اکھ خالِص فارسی نعت روزان:

ے
کیاہ عظیم الشان ختم المرسلینؐ — صاحبِ قران ختم المرسلینؐ
دِہان کوشرِ زبان قند وشکر — معطّر، مُطہّر ختم المرسلینؐ
مرکزِ ایمان ختم المرسلینؐ — منبع ایمان ختم المرسلینؐ

نشاط صابن چھُ کینژن مشہوٗر فارسی نعتن کاشرِ زبانٔی منٛز ترجمہٕ کوٚرمُت۔



## ۵۔ مرغوب بانہالی:

ڈاکٹر مرغوب بانہالی صاب چھُنہٕ کُنہِ تعارفکی محتاج، فارسی اُردو تہٕ کاشُر زبانن ہِندِ بن فنی زاوِ جارن پیٹھ پوٗرٕ دستگاہ تھاون ول مرغوبؔ چھُ واریاہن تصنیفن ہُنٛد خالق تہٕ ترجمہٕ کار، اکھ بہترین مُبصر تہٕ تذکر نِگار، باشعور ناقِد تہٕ معروٗف اُدیب تہٕ قادرالکلام شاعر۔ اَکِس ستھ مصرعی کاشرِ نعتس منٛز چھِ تِمو بوٚنہٕ کنہِ درج ترٛے شعر فارسی زبانٔی منٛز شامِل کرِمتی:

ے
سرورِ عقل و دل و جان رسولِ عربیؐ — شہپر عالم اِمکان رسولِ عربیؐ
محورِ دیدہ وراں حقیقت حُسنش !! — کاشف حضرت فُرقان رسولِ عربیؐ
لرزہ افکار جہاں رازِ نگارش عاری — راکبِ مرکبِ دوراں رسولِ عربیؐ



## (ر) اُردو نعتُک ارتقاء ...... (برصغیر ہند و پاکس منز)

عربی تہٕ فارسی پاٹھی نعت لیکھن والیو قوم و ملت کیو دانشورو، اولیاے کرامو مشائخ حضراتو تہٕ بے شمار شاعروکری بارگاہِ رسالتس منز پننی گل ہاے عقیدت اُردو زبانی منز تہٕ نعتکس صورتس منز پیش کرِتھ سرفرازی حاصِل، تہندبن ناون ہُند فہرست تہٕ چھُ تیوٗت طویل زِ تہُند شمار کرُن یا انداز تام لاگُن چھُ نا مُمکن۔ یہِ تہٕ چھُ پزر زِ نعت نِگارن ہِندِس فہرستس چھُ پرتھ ساعتہٕ اضافہٕ سپدان روزان تہٕ سارِنے ہِندِ تعارف کتھے ہیکہٕ نہٕ کرنہٕ یتھ۔ یتھِس صورتِ حالس منز ہکو اَسی محض تیتھین خوش بخت بأنی کارن تہٕ کینژن تمن نعت نِگارن ہُندِ ے اوت ذِکر کرِتھ، یمو نعتِکس نوٗزُک صِنفس منز پیش کار شاعرن ہندبو زمزمو ستی فیضیاب سپدِتھ نوٗ طرح، وُسعت تہٕ وُسجار دِتھ پننی وجدأنی کمالُک مظاہر کوٚر تہٕ نعت گوئی منز برصغیرس تہٕ کشیرِ منز قبوٗلِ عام حاصِل کوٚر۔ تمن منز چھِ "مُشتے از خروارے"، مصداقہٕ غالب دہلوی (المتوفی ۱۶۸۵ ھ)، غلام امام شہید (وفات ۱۲۹۳ ھ)، کرامت علی خان شہیدی (وفات ۱۶۵۶ ھ)، کافی مرادی (وفات ۱۷۵۷ء)، آس غازی پوری (وفات ۱۳۳۵ ھ)، لطیف بریلوی (وفات ۱۲۹۷ھ)، حسن بریلوی (وفات ۱۳۲۶ ھ)، محسن کاکوروی (وفات ۱۳۲۳ ھ)، حضرت امیر مینائی (وفات ۱۳۰۸ ھ)، مولانہ احمد رضا دہلوی (وفات ۱۳۴۰ ھ) ہوبن شاعرن علاوٕ سوداؔ، بہادر شاہ ظفرؔ، میر حسن دہلوی، انشا اللہ خانؔ، مولانہ حالیؔ، داغ دہلوی، حفیظ جالندھریؔ، مولانا حسرت موہانیؔ، مولانا محمد علی جوہرؔ، نظیر اکبرآبادی، اختر شیرانی، ڈاکٹر سر محمد اقبال، صلاح الدین پرویز، سیماب اکبر

آبادی، جوش ملیح آبادی، بہزاد لکھنوی، ماہر القادری، احمد فراز، مولانا اسماعیل میرٹھی، جلیل قدوائی، کریم بخش حسرت، شمس وارثی (لکھنوی)، جمیل نقوی، اسماعیل شہید، اصغر گونڈوی، اعجاز رحمانی علی گڈھی (مقیم کراچی)، فِضا ابنِ فیضی تہٕ غاًر مُسلم شاعرن منز بقولِ محمد اسماعیل آزاد: ''لچھمن نارائن شفیق، پنڈت دیا شنکر نسیم، عزت سنگھ عیش دہلوی، سندر لال شگفتہ لکھنوی، راجہ مکھن لال مکھن، منشی شنکر لال ساقی، دِتو رام کوثری، پربھو دیال عاشق، گنیش لال خستہ، جذب نظامی، سامی جبلپوری، رام پرشاد کالتھ، گوری ہرش (عدم) شریمتی بوا دِتی، بابو شمبھو دیال دانش، لالہ تارا چند تارا، لالہ اروڑہ راے اروڑہ، کالکا پرشاد، مالِک رام رام، شیو پرساد دوہبی، دُرگا سہائے سرور، سُکھ پرساد بسمل الہ آبادی، لالہ لال چند فلک قابل لاہوری، تِلک چند محروم، دتاتریہ کیفی، آنند نارائن ملا، نریش کمار شاد، جوش ملسیانی، عرش ملسیانی، فراق گورکھپوری وغاًرٕ شاعر شامل۔[1] یمن علاوٕ چھُ کنور مہندر سنگھ بیدی تہٕ جگن ناتھ آزاد تِس سان درجن واد غاًر مُسلم شاعر یمو پننہٕ پننہٕ اندازٕ آنحضورنٛ ہندِس عقیدتس منز پُر سوز تہٕ لولہٕ بُرتی گل ہائے نعت پیش کری۔

[1] ''نعتیہ شاعری اور غیر مسلم شعراء''، کلچرل اکیڈمی، شیرازہ اُردو، ۱۹۸۷ء)

## تدریجی ارتقاء:

اُردو زبان اُس وُنہٕ کھڑی بولہٕ تہٕ لشکری زبانہٕ ہندِ بن شُری منزلبن منز گنگرایہ کراں زِ اتھ منز ہیوٗتُن کینژن فارسی شاعرن ہنزو کوٗشِشو ستی نعت لیکھنُک عمل شوٗرٗ کرُن۔ کینہہ کال گُذرنہٕ پتے کُر فخرالدین نظامی تہٕ مُلا داوٗد ہو بو نعت گو شاعرو اُردوس منز مثنویہ لیکھنُک اِبتداء یمن منز نعتکی گوڈنِکی نموٗنہٕ دٕرینٛتھ

گرٛھان چھہٕ۔

''خسروٗ یُس مولانانہٕ جامی سُند ہمکال اوس، ہندِس زمانس منزٕ ے اوس کھڑی بولہٕ ہُند چلے جاو یوسہٕ پتہٕ اُردو زبانی ہنزٕ ماخذ تہٕ بنے یہٕ۔ تقریباً اَتھی زبانی منزٕ آیہٕ نوٗمہٕ صٔدی ہجری ہندِس آغازس منزٕ مثنوی کدم راو، پدم راو لیکھنہٕ۔ اتھ مثنوی اندر چھہٕ سارِوے برٛونٛٹھ حمد تہٕ تو پتہٕ نعت درج۔ شاید چھُ یوہے اُردو زبانی ہُند گوڈنیُک نعت، کہٕ مہٕ صٔدی ہجری منزٕ وُتھی حیدر آباد دکن اندر کہیا شاعرین منزٕ ملا وجہی، قلی قطب شاہ (ولی دکنی) بیترِ شامل چھہٕ تیمی پَن پننین مثنوی ین ہُند آغاز حمد باری تعالیٰ تہٕ نعت شریف سٟتی کوٚر۔ یتھہٕ کنی سپُد اُردو زبانی اندر نعت لیکھنُک اِبتداء۔''

(''نوٗرِ آگُر''، کلچرل اکیڈمی، سری نگر، (ص ۴۵)



## (۱) اُردو نعت گو شاعر تہٕ تہند بن نعتن ہندی نموٗنہٕ:

**شاہ وجہ الحق ابدالی (وفات ۱۲۰۰ ھ):**

| | |
|---|---|
| دلبر ہم دلدار محمدؐ | جی چاہے دیدار محمدؐ |
| اک نظر، اک بار محمدؐ | ہو جائے سب کار محمدؐ |

**بہادُر شاہ ظفر:**

| | |
|---|---|
| اے سرورِ دو کون شہنشاہِ ذی کرم | سرخیل مرسلین وشفاعت گرِ اُمم |
| موکب ترا ملائک و مرکب ترا براق | مولد ہے تیرا مکہ مُبد ترا حرم |

**ماہرالقادری:** قادری صأبُن یہِ سلام چھُ عالمکِن اُردوٗ خوان مُسلمانَن ہِنْدِ ن دِلَن منز جاے کٔرِتھ:

سلام اس پر کہ جس نے بے کسوں کی دستگیری کی
سلام اس پر کہ جس نے بادشاہی میں فقیری کی
سلام اس پر کہ اسرارِ محبت جس نے سمجھائے
سلام اس پر کہ جس نے زخم کھا کر پھول برسائے



**امیرؔ مینائی:** تِہُند یہِ نعت چھُ برصغیرِ ہند وپاک کِہن مُسلمانَن ہِنْدِ ن دِلَن تازگی بخشان روزان۔

تُم پر میں لاکھ جان سے قربان یا رسولؐ
بھر آئیں مِرے دِل کے بھی ارمان یا رسولؐ
مشکل کشُا، امیرؔ ہوں میں آپ کا غلام
اب اسکی مشکلیں بھی ہوں آسان یا رسولؐ



**مولانا الطاف حسین حالیؔ:** مولانا صأبن بنو نعت گوئی باقائِد پأٹھی اکھ موضوع تہٕ سُہ چھُ گوڈنیُک اُردو نعت گو یمی نعتس نوٚ جہت بخُش۔ تہندی لیکھِتھ کینہہ نعت چھِ برصغیرکِہن دینی مدرسن علاوٕ دینی مجلسن منز خصوٗصی طور پرنہٕ یِوان:

(۱) اے خاصہ خاصان رُسل وقتِ دُعا ہے
اُمت پہ تری آکے عجب وقت پڑا ہے

تِہُند یہِ سوز و گداز بوٚرُت نعت چھُ صاحبِ نظر اِنسانن ہنز چشمہِ اشکبار کراں تہٕ

دِل کوملاوان:

(۲) وہ نبیوں میں رحمت لقب پانے والا
مرادیں غریبوں کی بھر لانے والا
مصیبت میں غیروں کے کام آنے والا!
قبائل کو شیر و شکر کرنے والا!
فقیروں کا ملجاء ضعیفوں کا ماویٰ
تیموں کا والی غُلاموں کا مولا............



مُحسن کاکوروی: مولانا نہ حالی ہٕندے پأٹھی آنحضورنٕ پیٹھ وألہانہٕ عقیدت تھاون دول تہٕ تو مکمبن وادبن ہُند زکھ تھاون دول، کاکوروی صأب أسی نعت لیکھنہِ خأطرٕ ے پأدٕ سپدٕمتی تموتہٕ بنوو نعت پنُن موضوعِ سُخن۔ وُچھِو تو یتھ نعتس منٛز کمہِ آیہِ چھِ جمالیأتی پأراو کٕرتھ اوٚبرس نِش پنٕنی شیچھ یثرب تہٕ بطحا واتناوان:

جس طرف ہاتھ بڑھیں کفر کے ہٹ جائیں قدم
جس جگہ پاؤں رکھیں سجدہ کریں لات وہبل
کیا جھکا کعبے کی جانب کو ہے قبلہ بادل
سجدہ کرتا ہے سوئے یثرب و بطحا بادل
ہے تمنا کہ رہے نعت سے تیری خالی
نہ میرا شعر، نہ قطعہ نہ قصیدہ نہ غزل



نواب مرزا داغ دہلوی: تِہُندلیکھمُت "حمدِ باری"، "جو دیا اے خدا دیا تو نے" چھِ

دُعاہٕنگی نمازن ہنٛز ادائیگی پتہٕ پرنہٕ یوان، اماپوٗز تہٕندی نعت تہٕ چھِ اعلیٰ پایکی:

کریں چشم و دِل جستجوئے محمدؐ خدا دے تو دے آرزوے محمدؐ

رگِ جان بنے تارِ موئے محمدؐ الٰہی نہ ہو داغ کا بال بیکا



**مولانا نہ حسرت موہانی:** برصغیر کیٚو ٹیلی وِژنو تہٕ ریڈیو سٹیشنوں علاوٕ چھُ عام ذِکرواز کارچن محفلن منٛز حسرت موہانی سُند یہ نعت گژھان بوزنہٕ:

پھر آنے لگیں شہر محبت کی ہوائیں

پھر پیش نظر ہو گئیں جنت کی فضائیں

قابو میں نہیں ہے دِلِ شیدائے مدینہ

کب دیکھیے بھر آئے تمنائے مدینہ



**اختر شیرانی سُندِ نعتُک گداز چھُ قابلِ توجہ:**

کِس نے چھیڑ دیا قصۂ لیلائے حجاز

دِل کے پردوں میں مچلتی رہی تمنائے حجاز



**احمد رضا خان بریلوی (وفات: ۱۳۴۰ھ):**

مرحوم بریلوی صاب چھُ وُنتام صفہِ اولہٕ کِبن نعت گو شاعرن منٛز شُمار یوان کرنہٕ تہٕ تہُنٛد یہ نعت چھُ برصغیرس منٛز تیٖوت مقبوٗل زِ یہ چھُ مشیدن، دینی مجلسن تہٕ محفلن منٛز اکثر پرنہٕ یوان یُتھ کہِ یہِ وُنہِ چھُ دُرس زِ یہ چھُ پرٛتھ مسلمانہٕ سنٛز زبأنی پیٹھ آسان:

مصطفیٰ جانِ رحمت پہ لاکھوں سلام
شمع بزمِ ہدایت پہ لاکھوں سلام
جس کے ماتھے شفاعت کا سہرا رہا
اس جبین سعادت پہ لاکھوں سلام



مولانا محمد علی جوہر: یہٕ نعت کس مسلمانس چھُنہٕ وَنہٕ یُس عموماً پڑتھ شایہٕ تہٕ پڑتھ مشیدِ منز بڈِ ذوق تہٕ جذبہٕ سان پرنہٕ چھُ یِوان:

تنہائی کے سب دِن ہیں تنہائی کی سب راتیں
اب ہونے لگیں ان سے خلوت میں ملاقاتیں
بے مایہ سہی لیکن، شاید وہ بُلا بھیجیں
بھیجی ہیں درودوں کی کچھ ہم نے بھی سوغاتیں!!



میر حسن دہلوی: نبی کون؟ یعنی رسول کریمؐ نبوت کے دریا کا دُرِ یتیم
محمدؐ کے مانند جگ میں نہیں ہُوا ہے نہ ایسا نہ ہو گا کہیں



مولانا ظفر علیخان: برِ صغیرِ کس مشہور نعت گو شاعر، ظفر علی خان سُند نعت کُنی آسہٕ نہٕ بوٗزِمُت:

وہ شمع اجالا جس نے کیا چالس بر تک غاروں میں
اک روز جھلکنے والی تھی سب دُنیا کے درباروں میں
جو فلسفیوں سے کھل نہ سکا اور نکتہ وروں سے حل نہ ہُوا
وہ راز اک کملی والے نے بتلا دیا چند اِشاروں میں

**علامہ اقبال** (وفات : ۱۹۳۸ء) شاعرِ مشرق علامہ اقبالؒ ہنٛزِ قومی تہٕ ملّی شاعری ہنٛد بونغموٗ کُس زَن چھُنہٕ مُتاثر کوٚرمُت۔ اَماپوٚزیُس طرح، نوٗر تہٕ اسلوٗب تمو فارسی تہٕ اُردو نعتس عطا کوٚر سُہ چھُ بیٚون تہٕ بِدٲن۔ تہنٛزی نعت چھِ مسلمانن منٛز نٔو جوش تہٕ ولولہٕ پٲدٕ کرنہٕ علاوٕ تِمن برٛونٹھہ کنہٕ آنحضورؐ ہنٛدِ مرتبکی، تہنٛدبن اوصافن تہٕ تہنٛدِ جمالکٕ نٔوی انہار وو تلاوِتھ پیش کران یمیُک اثر کٔشیرِ ہنٛدبن فارسی، اُردو تہٕ کاشُر نعت گو شاعرن ہنٛدس کلامس منٛز صاف نظرِ چھُ گژھان:

ے وہ دانائے سُبل، ختم الرسُل مولائے کل جس نے
غبارِ راہ کو بخشا فروغِ وادیِ سینا!!

ے لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب!
گنبدِ آبگینہ رنگ تیرے محیط میں حُباب
عالمِ آب و خاک میں ترے ظہور سے فروغ
شوکتِ سنجر و سلیم ترے جلال کی نمود
شوق اگر نہ ہو میری نماز کا امام
میرا مقام بھی حجاب میرا سجود بھی حجاب

ے کی محمدؐ سے وفا تُو نے تو ہم تیرے ہیں
یہ جہاں چیز ہے کیا لوح و قلم تیرے ہیں

یا ے نگاہِ عشق و مستی میں، وہی اول وہی آخر!!
وہی قراں، وہی فُرقاں، وہی یٰسین وہی طٰہٰ



**حفیظ جالندھری** : اُردو ادبس منٛز اکھ شاہکار مانِنہٕ یِنہٕ وٲلِس حفیظ جالندھری ہنٛدِس

"شاہنامہ اسلام" منٛز ییٚمہٕ برِصغیر کِہن مُسلمانن اندر نٔو جذبہٕ تہٕ جوش پأدٕ کوٚر، چھےٚ شاعرِ موصوفن اکھ "سلام" تہٕ درج کُرمُت یُس پرٛتھ کانٛسہِ مُسلمان سٕنٛزِ زیوِ پٮ۪ٹھ وِرد چھےٚ :

سلام اے آمنہ کے لال اے محبوب سُبحانی
سلام اے فخرِ موجودات، فخرِ نوعِ اِنسانی
سلام اے ظلِّ رحمانی، سلام اے نورِ یزدانی
تیرا نقشِ قدم ہے زندگی کو لوحِ پیشانی



**احمد فرازؔ :** واہ کیا انداز تہٕ کیاہ نوٗر چھُ یتھ نعتس منٛز :

میرے رسول کی نسبت تیرے اُجالوں سے
میں تیرا ذِکر کروں صُبح کے حوالوں سے
نہ میری نعت کی محتاج ذات تیری
نہ تری مدح ہے ممکن میرے خیالوں سے
یہ افتخار ہے تیرا کہ میرے عرش مقام
تو ہمکلام رہا ہے زمین والوں سے



**مولانا اختر شیرانیؔ :** ہٕندِس یتھ نعتس چھُ مولانا جامیؒ تہٕ اقبالؒ سُند اثر ٹاکارٕ پأٹھی لبنہٕ یوان :

اگر اے نسیمِ سحر تیرا ہو گذر دیارِ حجاز میں
مری چشمِ تر کا سلام کہنا حضور بندہ نواز میں



احمد ندیم قاسمی : ہِندِ توصیف کرنک یہِ انداز چھُ دِل کڈِتھ نوان:

فریاد رس ہے کتنا میرا بوریا نشیں
قطرہ طلب کیا تو دریا بہا دیا



کانیؔ شاہ صاٴبُن یہِ نعت تہٕ چھُ واریاہ مقبۄل:

سب فنا ہو جائیں گے و لیکن حشر تک
نعتِ حضرتؐ کا زبانوں پر سخن رہ جائے گا



مظفرؔ وارثی چھُ وُہمہِ صدی ہُند اکھ ممتاز نعت گو شاعر:

| | |
|---|---|
| معنی حرف کُن | مصدرِ بیخ و بُن |
| مصحفِ لَم یزَل | پیش لفظِ ازل |
| جملۂ اختتام | تجھ پہ لاکھوں سلام |



پروفیسر عنوان چشتی چھُ پننہِ فُرقتُک رواداد یِتھہٕ کٕنی باوان:

جسم میرا دِلّی روح ہے مدینے میں
کشمکش سی رہتی ہے دُور رہ کے جینے میں



تابشؔ دہلوی : غأر منقسم ہندوستانکی مقبۄل شاعر تابش دہلوی چھِ بہلہِ پایکی نعت گو

تہٕ - نمونہٕ کلام:

ے دولتِ عشقِ مصطفےٰ پائی — اور توفیق سے سِوا پائی
ایک اُمی طبیب حاذق سے — عصرِ بیمار نے شفا پائی
ہم نے بابِ رسول پر تابش — ہر دُعا اپنی، مدعا پائی



**علامہ فضا ابن فیضی :** عربی، فارسی تہٕ اُردو زبانن ہندی عألم تہٕ ایشیاہکی معتبر ووستاد تہٕ شاعر فضا ابنِ فیضی صابُن اُردو نعتیہ کلام تہِ چھُ تیٚوت مقبوٗل یوٗت تِہُند اُردو تہٕ فأرسی زبانن منٛز بأقی منظوم کلام چھُ۔

ے خیرالبشر لقب ترا، خیرالانام تو!! — ایمان ہے جو مرا، وہ خدا کا کلام تو
تو دانش اعتبار، بصیرت مقام تو — تو ذہن، تو نظر، کہ تیرا نام مصطفےٰ



## (۲) غأرمسلم نعت گو شعراء ...... تِہُندِ نعتیہ کلامکی نموٗنہٕ

یہِ چھُ اکھ مُسلمہٕ حقیقت زِ اللہ تعالیٰ جل جلالہٗ ہَس پتہٕ اگر کأنسہِ مخلوٗق سٕنٛز سارِنٕے ہندِ نِشہِ زیادٕ تعریف آے کرنہٕ سُہ چھُ آنحضورؐ ہٕنٛز ذاتِ مقدس۔ اُردو دُنیاہکی مشہوٗر نعت گو شاعرن منٛز چھِ درجن واد غأر مسلم نعت گو شعراء یِہُند نعتیہ کلام عقیدت تہٕ شوٗژن جذبن ہُند حأمل چھُ۔ تمو منٛز کرو دوٚ ژون ہُند کلام نموٗنکی پأٹھی پیش تاکہِ نعتن ہُند یہِ گُلدستہ بنہٕ زیادٕ پھن عطر بیز تہٕ رنگدار۔!

ا۔ **مکھن لال مکھن :**

ے نبا شد غیر تو دیگر پنا ہم یا رسول اللہؐ
بمن لطف و کرم براشک و آہم یا رسول اللہؐ

؎ یا رسول اللہؐ تم پہ جان و دِل قربان ہے
یاد تیری دِل میں میرے ہر گھڑی ہر آن ہے
☆

۲۔ منشی شنکر لال ساقی (۱۸۲۰ء - ۱۸۹۰ء) اوس غالب تہٕ مومن سُند ہمکال۔ سُہ اوس بہادر شاہ ظفرٕ سِندِ بن مُشاعرن منز تہٕ شرکت کران:

؎ صفاتِ ذاتِ احمدؐ لکھ سکوں کیا میری طاقت ہے
خیالِ اہلِ دانش جب یہاں مکڑی کا جالا ہے

؎ معجزہ شق القمر کا دیکھ کر کہتے تھے سب
بالیقین دانائے اسرار نہاں یہی تو ہیں
☆

۳۔ لالہ تارا چند تارا (متوفی ۱۹۰۹ء) سُند آنحضورنؐ ستی وألہانہٕ حدس تام عقیدتک اِظہار کوتاہ پُر اثر چھُ باسان:

؎ ہیں جہاں میں گو بظاہر مائلِ زُنّار ہم
دِل سے ہیں مفتونِ حُسنِ احمدِ مُختار ہم

؎ پرواز مُرغ روح کرے میری یا خدا
جا کر نبیؐ کے روضۂ اطہر کے سامنے
☆

۴۔ لالہ اروڑہ رائے اروڑہ:

؎ جا کر کروں طواف مدینے میں شوق سے
سر کو کروں فدا درِ اطہر کے سامنے

۱ مزید زانکأری ہِندِ باپتھ ہیکن قارین حضرات شیرازہ (جلد ۲۶) فروری ۱۹۸۷ء۔ شُمارا ۱-۲، مضمون ''نعتیہ شاعری اور غیر مسلم شعراء'' از محمد اسماعیل آزاد پرتھ ییمِک مہ استفادٕ کٔرِتھ۔

۵۔ **پنڈت گوری پرشاد ہمدمؔ اکبر آبادی:** والہانہٕ شگفتگی تہٕ وابستگی ہِنٛدِ مظہر یہ شعر:

ے کیوں نہ ہو فخر یہ توقیر ہے کیا کم ہمدمؔ
بخش دی نعت کی جاگیر نبی نے مُجھ کو



۶۔ **پربھو دیال عاشقؔ:**

ے نور وحدت کی ضیا سے جگمگا دے خلق کو
کُفر کی ظلمت مِٹا کر جگمگا دے خلق کو
یہ ضیا کس میں تھی خورشیدِ رسالتؐ کے سِوا



۷۔ **پنڈت گنیش لال خستہؔ دہلوی:**

ے ۔ کاشفِ اسرارِ وحدت یا محمد مصطفےٰ
آن کر تو نے عرب کا پار بیڑا کر دیا
ناز ہے اہلِ عرب کو ہی نہ تیری ذات پر
حشر تک تجھ پر کرے گا فخر سارا ایشیا



۸۔ **جذبؔ نظامی:** پنڈت رگھوناتھ راوٗ چھِ بلیغ پیرایس منز نعت قلمبند کران:

ے مکے سے مدینے سے ہی پہنچی سرِ افلاک
بوئے گلِ رُخسارہ و گیسوئے محمدؐ



۹۔ بابو روشن لال نعیم (ڈیرہ غازی خان) تٔہندٕ نعت چھِ سوزِ دردٕ ستی معمور:

ے اے شیخ تجھ کو رہے فردوس مُبارک / کافی ہے مجھے گوشہ گُلزار مدینہ
بن جاؤں میں دیوانہ سرکارِ مدینہ / لگ جائے الٰہی مجھے آزارِ مدینہ



۱۰۔ ماسٹر مہادیو پرساد سامیؔ:

ے خادم کا بال بال گنہگار ہو تو ہو!! / مداح ہے حضورؐ کا اتنا ضرور ہے
محشر میں دیکھ لیں گے جنھیں اشتباہ ہو / سامیؔ ہے اور جامِ شرابِ طہور ہے



۱۱۔ بال مکند عرش ملسیانیؔ عرش: (ولادت: ۱۹۰۸ء)

عرش ملیانی چھُ گوڈنیُک غارمُسلم شأعر یمی سُند نعتیہ مجموعہ ''آہنگ حجاز'' کہِ ناوِ ۱۹۵۳ء یس منز شائع سپُد یُس ۳۲ ہَن صفن پیٹھ مشتمل چھُ۔ تہند بن نعتن منز چھُ آنحضورنؐ ہندِ دیدارُک تمنا شعلہِ ماراں باسان:

ے درِ محبوبؐ پر سجدہ اگر اک بار ہو جائے
دلِ پُر آرزو سرچشمۂ انوار ہو جائے



۱۲۔ لالہ لال چند ملکؔ:

ے نغمۂ وحدتِ حق دہر میں گایا تو نے
کملی والے یہ عجب گیت سنایا تُو نے
ریت کے ذروں کو بارود کی طاقت بخشی
کارِ ناچیز کو اکسیر نبایا تُو نے

۱۳۔ **بوا دِتی صأجبہٕ** : اکھ زنانہٕ شاعرہ چھےٚ آنحضورنٕ ہٕنٛدِس اخلاقس پیٚتھ کنٛز قوربان گژھان :

میں کس لئے ہوں زیست سے بیزار ہو گئی
میری حیات کس لئے دُشوار ہو گئی
اخلاقِ احمدیؐ نے ہے حیران کر دیا
بی۔ڈی غلام احمدِ مختار ہو گئی

یمن علاوٕ چھِ جگن ناتھ آزاد (مرحوم) تہٕ کنور سنگھ بیدؔی تہٕ سردار سنگھ پنچھؔی یمن شعرن ہٕنٛدِ ذٕری یہِ پٔنہٕ ووٚنٛدُک ہول شہلاوان :

**جگن ناتھ آزاد :**
سلام اس ذاتِ اقدس پر سلام اس فخرِ دوراں پر
ہزاروں جس کے احسانات ہیں دُنیاے امکاں پر



**کنور مہندر سنگھ بیدؔی :**
عشق ہو جائے کسی سے چارہ تو نہیں
صرف مسلم کا محمدؐ پہ اجارہ تو نہیں



**کرنیل سنگھ پنچھی** (لدھیانہٕ) پنجاب :

اگر دیکھی جہاں میں تو نبوت آپ کی دیکھی
کرم دیکھا، عمل دیکھا، مثالی زندگی دیکھی
نہ ہو مایوس پنچھؔی اک زیارت یوں بھی ہوتی ہے
اُسی کو دیکھ لے جس نے مدینے کی گلی دیکھی



# کٔشیرِ تہٕ جمٕہ صوبکۍ نُمایندٕ اُردو نعت گو شاعِر

(۱) کٔشیر:

- غلام احمد فاضل کشمیری

محمدؐ راز ہے صُبح و مسا کا
محمدؐ نور ہے نورِ تجلیٰ

السّلام اے صاحبِ خُلقِ عظیم
السّلام اے مالکِ عقل سلیم

ہو گیا ماہِ عرب جب زینت بزم جہاں
مِٹ گیا باطِل نمایاں ہو گیا حق کا نشاں



- غلام رسول عارف:

حسینؑ کا واسطہ شفقت بتُول کی ہے
خدا کا عفو شفاعت رسول کی ہے

ہے اس جگہ آسودہ عارفؔ مغفور
مہک ریاضِ مصطفٰےؐ کے پھول کی ہے



-شوریدہؔ کاشمیری:

مکاں سے خدا کے مکاں جا رہا ہوں
میں مجذوبِ دارالاماں جا رہا ہوں
جہاں نور برسے جہاں طور ترسے
جہاں اور ہی ہے وہاں جا رہا ہوں
بُلاوا ہے حق اور محبوب کا یہ
دِلا میں کہاں سے کہاں جا رہا ہوں



-حکیم منظورؔ:

ے مُنعکس نورِ محمد جو نہ ہوتا اِس میں
آفتاب آج بھی ظلمات میں پنہاں ہوتا
ے شاہؑ بس اک علامت تھے مگر نہ دراصل
معرکہ شمر کا تھا احمد مختارؐ کے ساتھ

-غلام رسول نازکیؔ:

ے جب بھی ذِکرِ رسولؐ کرتا ہوں
پھول کھلتے ہیں لالہ زاروں میں
نقد قیمت وصول کرتا ہوں
دین و دنیا کی نعمتیں پاکر !!

یہی ہے حفظِ مراتب یہی ہے راہِ خدا　　خدا ہے خدا رسول خدا رسول خدا
رسول بندۂ مطلق خدا سمیع و بصیر !!　　نہ یہ خدا سے جدا نہ وہ نبیؐ سے جدا



**شہہ زور کشمیری:**

وُہ حُسنِ لم یزل کا اولین جذبہ نمائش کا
وہی یعنی محرک حکم "کُن" دینے کی خواہش کا
وہ اک نورِ محیط کل کہ اندازہ نہیں جس کا
خدائی جسکی غایت اور مرکز ہے یقین جس کا



**قیصر قلندر:**

تسکین اِضطرابِ دِل و جاں نبیؐ کا نام
راحت فزاء ہے روح کا ساماں نبیؐ کا نام
تخلیقِ کائنات کی تکمیل کے لئے!
محفوظ تھا ازل سے فروزاں نبیؐ کا نام



**ڈاکٹر نذیر آزاد:**

یہ شرط ہے کہ انّا کی ممات ہو جائے
جبھی تو شان محمدیؐ میں نعت ہو جائے
کھلیں وہ ہونٹ تو الفاظ کو ملے تکریم
اُٹھیں وہ ہاتھ، دُعا کو ثبات ہو جائے

رُکے تو کنجِ حرا ہی ہے مسکن و بستر
بڑھے تو زیرِ قدم شش جہات ہو جائے



ہمدم کشمیری:

لکھیں گے ہم بھی نعت شہہ دو جہاں کی
لیکر لغات ساتھ زمیں آسمان کی
آیا ہوں سُرخ رو جو دیارِ حبیب سے
مُجھ کو نہیں ہے فِکر کسی آستان کی
شاہد کہیں پہ آئیں نظر انؐ کے نقشِ پا
آو کہ ہم بھی کریں سیر آسمان کی



فرید پربتی:

کوئی رسول نہ آئے گا اب رسولؐ کے بعد
نہ کوئی پھول کھِلے گا اس اک پھول کے بعد
ترے حدیث وسُنن میرے جز و ایماں ہیں
حصول سمجھتا ہوں اپنا اس حصول کے بعد



شبیب رضوی:

یا نبیؐ حُسنِ کرم حُسنِ نظر رکھئے گا
روز و شب بے خبروں کی بھی خبر رکھئے گا

کوچۂ پاک کے ذرّوں کی چمک کے صدقے
میری قسمت کے لئے شمس و قمر رکھئے گا



**زاہد مختار:**

محمدؐ سے روشن مکاں، لا مکاں ہے
وہ شاہِ زماں ہے وہ فخرِ زماں ہے
وہ روحِ اذاں ہے وہ عین القراں ہے
وہ نورالھدیٰ وہ سب کی اماں ہے



**پرویز مانوس (سری نگر):**

دیدار کی حسرت ہے پُر شوق نگاہوں میں
بُلوا لو ہمیں آقا روضہ کی پناہوں میں
ہر سانس مہکتی ہے ہر کوچہ معطر ہے
احمدؐ کے پسینے کی خوشبو ہے ہواؤں میں



---

نوٹ : مےٚ چھُ افسوس زِ واریاہَن مُقتدر کٔشیٖرِ ہِندٮ۪ن اُردو نعت گو شاعرن ہُند کلام ہیوٚک نہٕ دستیاب سٕپدِتھ۔ کیٚنٛژو دوستو تھوٚوُس بہٕ اِنتظارس اَماپوٚز عرضداشتو باوجوٗد سوزُکھ نہٕ کانٛسہِ ہُند کلام۔



(ب) جۆم:

گنٛوہمہِ صدی منز سپُد ڈوگرِ راجس دوران اُردوٗ زبأنی ہُند چلے جاو جمی

صوٗبس منز سرکأری سطحس پێٹھ تمہِ وِزِ ییلہِ زَن کشیرِ منز وُنہِ فارسی زبأنی ہُند عمل

دخل عروٗجس پێٹھ ووتمُت اوس۔ امہِ برونٛہہ تہٕ آس یہِ زبان ییتہِ کین مختلف علاقن

منز پھانٛپھلنٛی ہیٚژمژ تہٕ اُردوٗ شأعری ہُند ابتداء تہٕ اوس دوشوٚنی صوٗبن منز دژٛپێٹھی

گژھان۔ نعتُک اِبتداء اوس فارسی زبأنی منز بروٚنٛٹھے سپُدمُت۔ وارِ وارِ آیہِ جمی

صوٗبس منز کینٛہہ اُردوٗ شأعر تہِ بارَسس یِہندی ڈٖسی اُردوٗ نعتُک دسلابہٕ سپدن

ہیوٚتُن۔ یِمن خوش قسمت شأعرن ہِندِس گوڈنِکس کاروانَس منز چھِ پیرمحی الدین

محی کشتواڑی (وفات : ۱۹۱۷ء)، کامگار کشتواڑی (وفات : ۱۹۸۴ء)، رسا جاودانی،

نِشاط کشتواڑی (وفات : ۲۰۰۱ء)، تحسین جعفری (وفات : ۱۹۹۶ء پاکستان)، عشرت

کشتواڑی (وفات : ۱۹۷۸ء)، شوکت فریدی (وفات : ۲۰۰۸ء)، قیصر کشتواڑی تہٕ

وفا بھدرواہی ہِوی نعت گو شأعر شأمِل۔ امہِ پتہٕ یُس نعت گو شأعرن ہُند دوٚیم

قافلہٕ نوٚن دژاوتھ منز چھِ اسعد بھدرواہی، مرغوب بانہالی، تنویر بھدرواہی، غلام

نبی گوٚنی، شہباز راجوری، نوٗرالزّماں صدیقی نوٗر، فدا راجوری، مشتاق فریدی، منشور

بانہالی، رِند بھدرواہی، محمد شفیع متو (بھلیس)، تسکین بڈانوی، فدا کشتواڑی، بشیر

بٹ پونچھی، پروفیسر شاد شرقی، طاؤس بانہالی، امین بانہالی، سجاد پونچھی، خورشید

کاظمی، خورشید بسمل، عبدالسلام بہار، ساغر صحرائی، سہیل چوہدری، عشاق کشتواڑی،

آس بھدرواہی، ظاہر بانہالی، حسرت کشتواڑی تہٕ فاضلی کشتواڑیس علاوٕ درجن

واد شأعر شأمِل۔ یِمو شأعرو منز کروکینٛژ ے معروٗف شأعرن ہِندی کلامُک صِرف

نموٗنہٕ پیش تہٕ کیاہ زِ تِہُند تعارُف چھُ بییٚن صفحاتن پێٹھ کرنہٕ آمُت۔



**پیر محی الدین محی :** (وفات : ۱۹۱۷ء) کشتواڑی کَنہٕ اولین کأشرِ تہٕ اُردو شأعرن منز مانہٕ یِنہٕ وول شأعر۔ پیر محی الدین محیؔ ہٕندی کینہہ اُردو شعر چھِ ''گلشنِ اسرار'' کِتابہِ منز درج۔ یمو منز یم شعر نموٗنہِ رٔنگی پیش یِوان چھِ کرنہٕ :

چشمِ الفت ہی روشنائی ہے — پرتوِ نورِ و الضحائی ہے

خود تماشا ہے اور تماشائی — سِرِ حق، نوٗرِ مصطفائی ہے



**گامگار کشتواڑی:** (وفات : ۱۹۸۴ء)

کاش دیکھوں میں کبھی روئے رسولِ عربیؐ

اور مہکتے ہوئے گیسوئے رسولِ عربیؐ

گامگارؔ آج کیوں نہ کام وہاں ہو شیریں

پڑھ کے توصیف خد و خوئے رسولِ عربیؐ



**رساؔ جاودانی :** (وفات : ۱۹۷۹ء)

چمن کیونکر وہ پامالِ خزاں ہو

محمدؐ جس چمن کا باغباں ہو

رساؔ پیارا ہے کیا نامِ محمدؐ

فِدا اس نام پر میری یہ جان ہو



**نِشاطؔ کشتواڑی : (وفات : ۲۰۰۱ء)**

تمہیں ہو شہہِ مرسلین یا محمدؐ — تمہیں ہو رسولِ امین یا محمدؐ

کیا حق نے تخلیق نوُرِ ازل سے — تمہارا وہ نورِ جبیں یا محمدؐ

عجب دِلرُبا ہے دیارِ مدینہ ! — ہے رشکِ بہارا، بہارِ مدینہ



**عشرتؔ کاشمیری : (وفات : ۱۹۷۸ء)**

ہوا مدحت سرا میں آج ہوں محبوب یزداں کا

ادب، ناچیز ذرّے، ذکر ہے مہرِ درخشاں کا

خجل غلماں ہیں، حوریں زرد ہیں یوسف پریشان ہیں

چھِڑا فردوس میں ہے تذکرہ اس روئے درخشاں کا

بجُز نعتِ نبی سامانِ عُقبیٰ کچھ نہیں عشرتؔ

یہی سوزِ دَروں ضامن بنے گا اپنے ایماں کا



**تحسینؔ جعفری : (وفات : راولپنڈی پاکستان : ۱۹۹۶ء)**

خورشید عجم، ماہِ عرب، نوُرِ مجسم — محبوبِ خدا، رحمتِ خلاق دوعالم

ہر لمحہ درود اور سلام آپ پر مولا — ہیں آپ ہی دنیا کیلئے محسنِ اعظم

آپ طٰہٰ ہیں آپ ہیں یاسین — وحی ہے جسکی بات بات، ہیں آپ

آپ کی مدح کس سے ممکن ہے — ماو رائے تصوّرات ہیں آپ



**مولوی محمد امین شوکتؔ فریدی: (وفات: ۲۰۰۸ء)**

السّلام اے حبیبِ خدا یا محمدؐ یا مصطفےٰ
السّلام اے شہِ انبیاء یا محمدؐ یا مصطفےٰ

محمدؐ تاجدارِ دو جہاں ہے — وہی فخرِ زمین و آسمان ہے
ہدایت کا وہ مہرِ ضوفشاں ہے — وہی رحمت کا بحرِ بیکراں ہے



**اسعدؔ بھدرواہی: (وفات: ۱۹۸۸ء)**

محمدؐ میرا راہنما آ رہا ہے! — خدائی حکومت کا شاہ آ رہا ہے
ہوا تھا جو آدم سے پہلے ہی پیدا — وہی خاتم الانبیاء آ رہا ہے
خلق سے ملک سے زمین و زماں سے — ندا ہے کہ شمس الضحیٰ آ رہا ہے



**وفاؔ بھدرواہی: (وفات: ۱۹۸۸ء)**

قمر کا جگر شق رہے گا ابد تک — اُسے کر گئے ہیں اشارا محمدؐ
وہ ہیں اور ہو جنکو محشر کا کھٹکا — سہارا وفا کا ہے پیارا محمدؐ



**خواجہ غلام نبی گوتیؔ:**

ارض کشمیر کے مسلمانوں کو — فکر و اندازِ بو ترابؑ آئے
کشتی گمراہ تھی یہ قوم کہ جب — اس طرف سبط آنجنابؑ آئے
پھر یہی خاکِ مردہ، زندہ ہو — کوہِ باراں سے گر سحاب آئے
آفرینش کی مراد عشقِ رسولؐ — تا قیامت زندہ یاد عشقِ رسولؐ
کربلا کی روئیدار عشقِ رسولؐ — دعوتِ فکر و جہاد عشق رسولؐ

**مشاقؔ فریدی:**

خدائے لم یزل کا جب کرم ہو نعت ہوتی ہے
دِل صد چاک جو رحمت سے نم ہو، نعت ہوتی ہے
محمدؐ کی نرالی شان کا مشتاقؔ کیا کہیے
سیاہ کاروں پہ جب نظرِ کرم ہو نعت ہوتی ہے



**غلام محی الدین فاضلیؔ :**

آج سرکارِ دو عالم سے میری فریاد ہے　　یہ مجروح مضطر ہے، حزیں ناشاد ہے
تری اُمت کیلئے دنیا ستم ایجاد ہے !!　　دشمناں حق کی اس پر جا بجا بیداد ہے
فاضلیؔ پر بھی کرم ہو جائے کچھ سرکار اب　　اس قدر فرمایئے ہاں تو بھی ہم کو یاد ہے



**پروفیسر اسداللہ فانیؔ:**

محمدؐ کا زباں پر میری یارو جب بھی نام آیا
نگاہیں جھک گئی لب پہ درود آیا سلام آیا
مُبارک ہو اسدؔ تُجھ کو یہ رُتبہ جو ہوا حاصل
محمدؐ کے ثنا خوانوں میں جو اب تیرا نام آیا



**خورشید بسملؔ :**

رہبرِ عالم ہادئی اعظم　　صلی اللہ علیہ وسلم
بعدِ خدا تو سب پہ مقدم　　صلی اللہ علیہ وسلم

شمس و قمر ہیں تجھ پر قرباں جن و ملائک تیرے درباں

ترے ثناخواں عالم عالم صلی اللہ علیہ وسلم



**غلام حیدر لگڑو قیصرؔ کشتواڑی: (وفات: ۱۹۷۸)**

بیمار کا علاج زیارت حضورؐ کی !! غمگین کا سکون عنایت حضورؐ کی

حق نے تجھے عطا کیا ہے حسنِ لازوال افضل ہے آفتاب سے صورت حضورؐ کی

فرشتہ ہو کہ انسان ہو، ثناخوان محمدؐ ہے زمین و آسمان ممنون اِحسان محمدؐ ہے

محیط بے گراں دریائے رحمتِ ہے محمدؐ کا بہارِ بے خزاں رنگِ گلستانِ محمدؐ ہے



**مرغوبؔ بانہالی:**

لبِ اہل زمین پر اب یہ کس ہستی کا نام آیا

کہ سب کی آسمانوں سے دروُد آیا سلام آیا

تجھے مرغوبؔ دِل ہی اک نویدِ صبح روشن ہے

مجھے آہ و فغاںِ نیم شب کا پھر پیام آیا



**نور الزماں صدیقی نورؔ:**

طلب گارِ رحمت ہے یہ نورؔ عاصی خبر لو ذرا اے مدینے کے باسیؐ

سوا آپ کے کون ہے اپنا ہمدم سلامُ علیکم سلامٌ علیکم



**دینا ناتھ رفیق:**

بانی دین اسلام تیریٔ ثنا کس میں طاقت تحریر میں لا سکے
میری تھی زباں، اس میں قدرت کہاں گیت لُطف و کرم کے تیرے گا سکے
تو غریبوں کا ملجا و ماویٰ رہا تو یتموں کے دل کا سہارا رہا
تھی بھنور میں کشتی پڑی قوم کی اِس کا ساحل بنا تو کنارا بنا



**تنویر بھدرواہی:**

تری ہی ذاتِ اقدس رحمتٗ للعالمین ٹھہری
خدا کا آخری پیغام بھی ترے ہی نام آیا
زمین و آسمان کو ناز ہے تیری فضیلت پر
کہ تو ہی بن کے ختم المرسلین خیر الانام آیا
مجھے اب ناز ہے اے آسماں ترے مقدر پر
کہ میں بن کے محمد کے غلاموں کا غلام آیا
محمدؐ نے خزاں دیدہ چمن کو زندگی بخشی
بہار آئی رواں ہونے لگے دریا محبت کے
گناہوں نے میرے سر کو جھکایا اس قدر تنویر
کروں کس منہ سے پیش انکو میں نذرانے عقیدت کے



منشورؔ بانہالی:

| | |
|---|---|
| شبیہِ حق رسولؐ نازنینے | رسول اللہؐ شفیع المذنبینے |
| رسول اللہؐ شہنشاہِ دو عالم | رسول اللہؐ ختمِ المرسلینے |



رندؔ بھدرواہی:

کیوں نہ ہوں مجھ پہ گہر بار رسول عربی
دونوں عالم کے ہیں سرکار رسول عربیؐ
رندؔ کو ارضِ مقدس کی زیارت ہو نصیب
منتظر ہے یہ گنہہ گارِ رسولِ عربیؐ



بشیرؔ ابنِ نشاط: (تضمین بر مصرعہ رساؔ)

''چمن کیونکر وہ پامالِ خزاں ہو
محمدؐ جس چمن کا باغباں ہو''

| | |
|---|---|
| مجھے حاصل یہی شرفِ بیان ہو | محمدؐ کی ثنا وردِ زبان ہو |
| محمدؐ جس کا میرِ کارواں ہو | نہ کیوں وہ کارواں قدسی نشاں ہو |



### تسکینؔ بڈانوی:

جو آئے ہیں بن کر یتیموں کے والی — وہ شاہِ مدینہ ہیں آقا ہمارے
ہیں شاہ و گدا جن کے در کے سوالی — وہ شاہِ مدینہ ہیں آقا ہمارے
اے تسکینؔ ان کی ہو تعریف کیوں کر — کہ بعد از خدا ہیں وہی ہر شے سے بڑھکر
خلائق میں افضل رسولوں میں عالی — وہ شاہ مدینہ ہیں آقا ہمارے!!



### رحمتؔ بانہالی:

میرے دل میں ہے آرزوئے محمدؐ — ان آنکھوں کو ہے جستجوئے محمدؐ
سنا ہے کہ رحمت برستی ہے اُس پر — بنے دل سے جو مدح گوئے محمدؐ



### ضمیر فریدیؔ:

آقا کے وطن میں ہوں اب میں نے بھی دیکھا ہے
ذرّوں کو ستاروں سا پایا ہے مدینے میں
ہر چیز یہاں روشن ہے نور کے جلوؤں سے
بُلبُل نے ترانوں کو گایا ہے مدینے میں



**حفیظ فرقان آبادی:**

ماہِ کامل ہیں نجمِ سحر آپ ہیں !! حُسنِ عالم خیرالبشر آپؐ ہیں

ڈھونڈتی ہیں جنہیں چشم تر آپ ہیں جن کی خاطر بنے بحر و بر آپؐ ہیں

بے زبانوں کو پھر سے زبان آگئی بے شبہ غمگسارِ بشر آپؐ ہیں



**شاد شرقیؔ :**

آپ کے روئے منور سے صُبح زُلفوں سے شام

یوں ہی بس چلتا رہے گا تا قیامت یہ نظام

کروں کیا بیاں میں صفاتِ محمدؐ مقدّس ہے ذاتوں میں ذاتِ محمدؐ

غریبوں کے یار و یتیموں کے والی کہاں تک گنوں اِلتفاتِ محمدؐ



**امینؔ بانہالی:**

جس کی زبان پہ نعت رسالت مآبؐ ہو

اُسکا شعار باعثِ اجرو ثواب ہو

خوشبو چمن میں ان کے پسینے کو ہے امینؔ

سارا جہاں جس سے مہکتا گُلاب ہے



غلام نبی سہیلؔ چوہدری:

دعا یہ میری خدایا قبول ہو جائے
میرا وجود مدینے کی دھول ہو جائے
سہیل پر جو کرم کی نظر پڑے اِک بار
تو پھر مجال کہاں اُس سے بھول ہو جائے

☆

غلام حیدرؔ گولوی:

درِ پاک پر بُلا کر غمِ قید سے چھڑائیں
اک یہی ہے آرزو بس ہے یہی میرا خزینہ

☆

شادؔ فرید آبادی:

محمدؐ نورِ اول، خُلقِ قرآن — محمدؐ شرفِ آدم، بوئے ایمان
محمدؐ کی محبت شرطِ ایمان — محمدؐ کی غلامی معراجِ انسان
محمدؐ نورِ اول حرفِ آخر — محمدؐ رمزِ قرآں خوئے اطہر

☆

ریاض احمد نجار (مرحوم):

جہاں عیسیٰ نہیں پہنچے جہاں موسیٰ نہیں پہنچے
وہاں جا کر نبی اکرمؐ محمدؐ مصطفےٰؐ پہنچے
ارے اور منزلوں سے منزلوں تک پہنچے والو
ذرا سوچو کہاں تک آج محبوبِ خدا پہنچے

**بیتابؔ جے پوری:**

مدینہ جہاں رحمتوں کا خزینہ ہے جنت کو جانے کا یہ ایک زینہ
تصوّر نے بیتابؔ کا یا پلٹ دی جہاں بیٹھ جاؤں وہیں ہے مدینہ



**جگدیش رانا، عُشاق کشتواڑی:**

اِرشادِ محمدؐ ہی ایمان کی دولت ہے عرفان کا سورج ہے اللہ کی رحمت ہے
عالی ہے معظم ہے سرمایہ عظمت ہے شایان عقیدت ہے سامانِ عبادت ہے
ہیں ارض و سما اُسکی سیرت کے ہی شیدائی اعزاز یہ کیا کم ہے اک نامِ محمدؐ کو



**عبدالغنی جاگل پونچھی:**

حبیبِ کبریا کی اک ادا دے صدی کے پیشوا کو حوصلہ دے
ہوئی مدت ترستی ہیں یہ آنکھیں رُخِ انور سے پردے کو ہٹا دے



**بشیرؔ بھدرواہی:**

بول ان کےؐ ہدایتوں کے پھول کاغذی ہیں ولایتوں کے پھول
رحمتوں کی جہاں ہوں برساتیں کیسے بھیجوں وہاں شکایتوں کے پھول
دِل کے گل داں میں میری آنکھوں میں کھِل اُٹھے ہیں عنایتوں کے پھول
میں نے بھیجے نعوت کے نغمے اسؐ نے بھیجے شفاعتوں کے پھول
جوں ہی نادِم ہوا گناہوں پر مُجھ پہ برسے رعایتوں کے پھول

**محمدؐ یاسین بیگ (مرحوم)**: (پأدائش ۲۲ر جنوری ۱۹۲۳ء، وفات: ۵ر نومبر ۲۰۰۸ء)

حبیبِ مکرّم کا گھر ہے مدینہ　　خدا کی خدائی کا در ہے مدینہ

میرے شوق دیدار کا معجزہ ہے　　کہ ہر وقت پیشِ نظر ہے مدینہ



**عبداللطیف ملک (بھدرواہی)**:

مدینہ میں پہنچا سکوں مجھ کو آیا　　جو دیکھا نہیں تھا وہی دیکھ پایا

لطیفؔ احتراماً خدا سے دعا کر　　عنایت ہو مجھ کو محمدؐ کا سایہ



**غلام نبی شہبازؔ راجوری**:

ے　متاع یہی ہے میرے شوقِ سرمدی کے لئے
زبان ملی ہے نعتِ محمدیؐ کے لئے

ے　لفظ شہبازؔ خاموش پیشِ حضورؐ
کیا ثنا میں کہوں کیا دُعا سے کہوں



**عبدالرشید فداؔ راجوری**:

ے　آپ کا جو غلام ہوتا ہے　　واجب الاحترام ہوتا ہے

ے　بہار جاوِداں دُنیا کی ہے قائم مدینے سے
روانِ فیضِ کرم ہے وہ محمدؐ کے خزینے سے



سیّد خورشید کاظمی :

صاحبِ جود و سخا ہیں آپ ہی
صاحبِ ارض و سما ہیں آپ ہی
سب ہی بنیوں میں بھی شامل آپ ہیں
اور سب سے بھی جُدا ہیں آپ ہی



راحتؔ حسین راحتؔ :

تمنّا ہے کہ گُلزارِ مدینہ اب وطن ہوتا
وہاں کے گُلشنوں میں کوئی اپنا بھی چمن ہوتا
بسر اب زندگی اپنی دیارِ قدس میں ہوتی
وہیں جیتا وہیں مرتا وہیں گور و کفن ہوتا



## ۴۔ گوجری تہٕ پہأڑی زبأنن منز نعت گوئی

جمہٕ تہٕ کٔشیرِ ہنز گوجر آبادی ہُنْد بوٚڈ بارٕ حِصہٕ چھُ وٕری یِکس وٕری یس گرم علاقو پیٹھٕ سرد علاقن تہٕ سرد علاقو پیٹھٕ گرم علاقن کُن پننہٕ چاروأے تہٕ باقی مال ہیتھ مسأفری ہنْدی سِتم ژالان روزان۔ اتھ قومَس منز چھِ بڈی بڈی صوٗفی منش تہٕ خدا دوست بُزرگ پادٕ سپدی متی، یِمو گوجری زبأنی منز بأقی صِنفو علاوٕ مأری مُندی نعت تہٕ قلمبند کٔری متی چھِ۔ یِمن منز چھُ واریاہَن بُزرگن ہُنْد کلام چھاپ تہٕ سپدِ مُت۔ صنفِ نعتچ اتھ تارکھ مالہٕ منز چھِ تحسین جعفرؔی، اسرائیل اثرؔ، نذیر احمد نزیرؔ، خدا بخش زارؔ، مہردین خاکیؔ، نسیم پونچھی، ڈاکٹر رفیق انجم، مولوی غلام رسول، شہبازؔ راجوری، قطب الدین عارفؔ، مُخلصؔ وجدانیؔ، جان محمد حکیم، مرزا رحمت اللہ بیگ، اِفتخار احمد چوہان، سید اسحاق تبسُم، چوہدری خاتان سجادؔ، مختار الدین تبسم، رفیق ظہورؔ، حاجی محمد حسین بیدارؔ وغارٕ شأعر شأمِل۔

### (۱) گوجری نعت گو شأعر:

کینژن گوجری شأعرن ہُنْد کلام چھُ ''مُشتے از خروارے'' مصداق تبرکُن پیش یِوان کرنہٕ۔ نموٗنہٕ کلام:

**تحسین جعفرؔی:**

کیڈو اُچو، کیڈو سچو سوہنڑوں سُتھرا ناں
پاک محمدؐ مہار و راکھو، جگ سارا غی چھاں

**اسرائیل آثر:**

عرش منور فرش منور تیرو نور دلاں ما

جے بخشے تاں لال بھی بخشے نیلی سرب سِلاں ما



**نذیر احمد نذیر:**

الٰہی مدینہ نا اک بار دیکھوں

شہنشاہ دو عالم کو دو بار دیکھوں



**خدا بخش زار پونچھی:**

اے صبا اے زاری میری کھڑ دربار اُوّپر

آکھیں نظر کرم دی پاؤ، اس عاصی بدکار اُوّپر



**سروری کسانہ: (مرحوم)**

نبیاں کا سردار نبیؐ   میں دُکھیو لاچار، نبیؐ

میں گرِ داباں ڈُبن لگو   لاو بیڑو پار نبیؐ !!



**فاروق انوار:**

لے جاتا کدے مِناں حالات مدینے ماں

ہوُں وی تے گذار آتو ایک رات مدینے ماں



مہر دین خاکی (بھلیس):

نہ کر غم دل گیری دل ماں نہ کر گریہ زاری
رکھ بھروسہ رب نبیؐ کو جنگ اللہ کی یاری



مولوی غلام رسول (سومیٹر رام بن):

نبیؐ پاک نوں بھیجو درؤد سارا وہ وکیل مہارو
محشر میداں کی اوکھتاں ماں کرے سویل مہارو



حاجی قطب الدین عارفؔ: (رام بن)

یا حقیقت زندگی گی عارفؔ
اے غلام غُلامانِ آلِ نبیؐ



صادق ناؔز:

سُنو عرض میری ایکوار محمدؐ　　　صد وِمناں دوجی بار محمدؐ
صلی اللہ علیہ وسلم



**شہبآز راجوری:**

اللہ اللہ مدینہ نظر آ گیو !! اَکھ نیویں ہوئیں ان کا در آ گیو
باب جبریل جاگے سلامی ہووے اپنا آقا کا قدماں مانھ سر آ گیو!!



**متفرق اشعار:۱**

ے اے قدم جے چلے سجدے کرنا چلے، پھر دلانعت میں وِی لکھاں
چِپھ اپنی گلاباں نے پانی تھواں، پھر دلانعت میں لکھاں

ے صحرا نیاں تتیاں ریتاں بچ تتلوس النبے دینے ان
رحمت نی اوساں نی بستی لعلاں نی تھالی لگنی اے

ے سوچاں ہزار وار تہ لبتھاں نہ حُسن دا خیال
کتنی حسین ہو سی اوہ صورت حضورؐ نی

۱: ماخوذ از ''اِظہار'' شہباز راجوری ص : ۱۷،۱۸



**مخلِص وجدآنی:**

محمدؐ نے دَسیو ہِدایت کو رستو!! محبت کو رستو عبادت کو رستو!!
اوشیشو نبیؐ پاک کی زندگی ہے نظر جس ماں آوے حقیقت کو رستو



منشا خاکی:

ہوں نظر کرم کی بھیکھ لیوں ذَری پردہ نا سر کا چھوڑو

میر آس امید کا حیلہ ہیں کِتے ہَنے بنے لا چھوڑو



اقبال عظیم:

نامِ محمدؐ لِکھتو رہیے، پڑھتو رہیے روتو رہیے

اس تیں سب کُچھ گھول گھمایئے چُم لیئے دُرسا ہیں اس کیں



مرزا رحمت اللہ بیگ رحمتؔ:

یا رب مِنا پہچادے اک بار مدینہ ماں

لو اکھاں ماں آ جاوے ٹھنڈ پے جاے سینہ ماں



افتخار حسین چوہان:

ہو جاؤں مدینہ کا خاراں کے صدقے

مدینہ کی گلیاں بہاراں کے صدقے



**سیّد محمد اسحاق تبسمؔ :**

سوہنو پاک محمدؐ پیارو ہے محبوب حقانی

دو جگ اندر چانن لایو سوہنو چن نورانی



**جان محمد حکیم :**

تمنا تھی مدینہ ماں غلا ماں کو غلام آتو

کدے آقاؐ کی گلیاں ناھوں کر کے ہی سلام آتو

ماخوذ از ''شیرازہ'' گوجری۔ کلچرل اکیڈمی ۲۰۰۷ء



**جاوید راہی :**

سرکارِ مدینہ میرے پر اک نظر کر چھوڑو

دیدار کراو روضے کا نالے مرہم دل پر دھر چھوڑو



---

نوٹ : مے چھُ افسوٗس زِ کینژون اعلا پایہٕ کین گوجری نعت گو شاعرن ہندی نعتیہ کلام سپد نہٕ دٔستیاب یمہٕ کنہ تہندِ موٗلُل کلام یتھ کِتابہِ منز شأمِل ہیوٚک نہٕ سپدِتھ۔

## (ب) پہاڑی نعت گو شاعر

پہاڑی زبٲنؠ منٛز تہٕ چھِ ساںہٕ رِیاسژ منٛز کینٛہہ معروٗف شاعر یِمو اَتھ زبٲنؠ منٛز صِنف نعتس گوڈ بوٚر تہٕ اَمیُک باڈو وہرٛو، یِمن خوش قسمت شاعرن منٛز چھِ نذیر احمد نذیرؔ، فِداؔ راجوری، تحسین جعفریؔ، شکیبا کریوی، امتیاز نسیم ہاشمی، حاجی شیر محمد پرواز، راجہ ندیم اقبالؔ وغارٕ شأمل۔

**نموٗنہٕ کلام:**

**نذیر احمد نذیرؔ:**

لا اِلہ دی دل بیچ لا بوٹی اللہ دی گندلاں موٹیاں وے
لماں سفر محمود نذیرؔ کٹ کے جا کے دیکھ گُنبد دیاں چوٹیاں وے



**تحسین جعفریؔ: (پونچھ)**

کُل نبیاں توں ہے عالی شانِ فخرِ انبیاءؐ
ہَن ثنا خواں آپ دے سبھ انبیا تےَ اولیاؒ



**فداؔ راجوری: (راجوری)**

مدینے نی گلیاں نا نور اللہ اللہ
اوہ ذکر نبیؐ نا سرور اللہ اللہ

فدا اس زمین نے میں قرباں ہوواں

انہاں نا غلام آں تہ دور اللہ اللہ



شکیبا کریوی : ۲

لکھ سکیاں کوئی نہ پوری سیرت رسولؐ دی

باہج اللہ جانی کِس نے حقیقت رسولؐ دی



امتیاز نسیم ہاشمی : (مینڈھر پونچھ) ۳

مدینے نا سفر ہوی مدینے نی گلی ہوسی

اوہ سوہنا گنبدِ خضریٰ تہ اکھ ماہڑی کھلی ہوسی



حاجی شیر محمد پرِواز : (اوڑی) ۴

پرواز مدینے دی مٹی دے صدقے

ملے جُلے او مٹی تہ میں سرمہ بناواں



---

نوٹ : ۱ تا ۴ بہ شُکریہِ کلچرل اکیڈمی، ماخوذ از شیرازہ پہاڑی ۲۰۰۷ء۔

# کأشرِ نعتُک وٚتھ واشر (کٔشیرِ منٛز)

یہِ چھےٚ حقیقت زِ کأشرِ شأعری ہُند آغاز سپُد لل دید (زاسنہٕ ۱۳۳۰ء اٚندی پکھی) تہٕند بو واکھو ستی یہُند فکری عنصر بہ قولِ ناجی منور تہٕ شفیع شوقؔ "مرجہ فلسفن ہٕندیو اصولو تہٕ قاعدو نِشہِ آزاد چھُ"۔ "کأشُر ادبُک توٲریخ" ص ۵۶

لولُک نار للہِ لولہِ للہٕ نوُوم

مرنے مویس تہٕ رٕزس نہٕ ذرے

راونہٕ منٛزے راون رووُم

رأوِتھ اتھِ آیس بوٚ سرے

ژودأہمہِ صدی منٛزے آو کأشرِ شأعری اکھ سدا بہار طرح بخشن وول بہلہِ پایک شأعر بارسس یُس گوڈنیک جدت پسند شأعر مانہٕ چھُ یوان تہٕ تیمس کأشرِ قوم شیخ العالمؒ تہٕ نُندٕ ریوش ناوو ستی ازتام بڈٕ احترامہٕ ستی یاد کران چھےٚ۔ کأشرِ زبأنی منٛز نعت لیکھنُک اِبتداء تہٕ سپُد حضرتِ شیخ العالمؒ سٕندی ذٔسی تِتھس ساعتِ حسنس منٛز زِ ژودأہمہِ صدی پنٛژھ از تام آیہِ الحمد لِللہ تیتی نعت گو شأعر بارسس یہُند شُمار

کرُن تام مُشکل باسان چھُ تہٕ یُہند تذکرٕ کرنس خاطرٕ واریاہن ضخیم کِتابن ہنز ضرؤرتھ پیش یِوان چھےٚ۔ اتھ سِلسِلس منز چھُ مشہوٗر محقق تہٕ عاشق رسولؐ جناب محمد یوسف ٹینگ صابُن سُہ اقتباس قابلِ ذِکریُس تمو ''حیاتِ النبیؐ'' کِتابہٕ ہِندِس دیباچس منز تحریر کوٚرمُت چھُ یوس زین العابدین راہنماسٕنز معرؤف کِتابہٕ ''پیا مبرُک'' کأشر ترجمہٕ چھُ۔ ''قرنو تہٕ صَدی یو پیٹھٕ چھُ بے شُمار کأشرو بُزرگو تِہندٕ لولہٕ سٕتی پنٕنز وَچھ نوٗرٕ زأنیانہٕ بناوٕمتی۔ أنتھٕ رژھو دیدٕ صأبو چھِ تِمن درؤدِ حضور سوٗزی سوٗزی پنٕنی وُندٕ مأرٕفتکی نٕپہ نٕپہ کران وألی شمع دان بناوٕمتی۔ تِہنز مُبارک زِندگی ہُند کانہہ وٕرق چھُنہٕ یتھ نہٕ کأشرو دون أچھن منز جاے شیرٕ مٕژ چھےٚ۔ ینہٕ پیٹھٕ کشیرِ منز اسلامُک آفتاب رَو پرٕوتراوان طلوع سپُد، عقیدتُک کانہہ بوگاہ چھُنہٕ یُس نہٕ تس شاہِ خوبانس ڈألی سوزنہٕ آو تہٕ لولُک کانہہ باجاہ چھُنہٕ یُس نہٕ تسٕ ماہِ تابانس پادن آلوٚن آو۔ کأشُر درؤد پرن وول أستن یا نعت خان نبیؐ مرسل سُند مدح بیان کران کران چھُ تٕمی حسن تہٕ لطافتس چمن شیرٕمتی تہٕ بوش کھولمُت۔''

(ترجمہٕ کار ڈاکٹر شمس الدین ناشرؔ، کلچرل اکیڈیمی)



## (۱) گوڈنیُک دور: (حضرت شیخ نورالدین ولیؒ تا فاخر کشمیری)

یتھ کتھِ پیٹھ چھِ قریب قریب سأرِی محقق مُتفِق زِ نعت نبیؐ تہٕ مدحِ رسول صلعمکی ابتدأیی آثار چھِ اَسہِ حضرت شیخ نورالدین ولیؒ سٕندِس کلامس منز درینٹھ گژھان یمہٕ شُروکین تہٕ واکھن ہِندِس صوٗرتس تہٕ مناجأتی طرزِ بیانس منز کأشرِ لوٗکن ہِندین دِلن منز وٗری یہٕ وادٕو پیٹھٕ جاے گٔرِتھ نسل در نسل منتقل گژھان رؤدی۔

- غاٹر منقم ضِلعے ڈوڈہس یُس ۲۰۰۷ ہس منٛز ترٛین ضلعن منٛز تقسیم کرنہٕ آو (یعنہٕ ڈوڈہ، کشتواڑ تہٕ رام بن) چھے یہ سعادت حاصِل زِ نعت نبیؐ لیکھنُک شرف سپُد حضرت شیخ نورالدین ولیؒ صابس نصیب یہُند نسبی تہٕ آبائی تعلق سرزمین کشتواڑس ستی اوس۔ تہُند شجرہ نسب چھُ کشتواڑکس راز اوگر ہنٛزس ستی رلان۔ بابا نصیب الدین غازیؒ ہُندِ نورِ نامس منٛز درج چھُ حضرت شیخؒ سُند ''زاوری یہ ۷۷۹ھ بہ مطابق ۱۳۷۸ء اوسمت۔'' کاشرِ ادبُک توٲریخ (ناجی منور شفیع شوق۔ ص ۵۸)

بقولِ رشید نازکی ''حضرت شیخؒ ہُندس کلامس منٛز چھے کاشرِ زبانی منٛز نعتچہ روایژ ہُندی گوڈنکی خاکہ میلان۔ یہ چھُ صحی زِ اتہ چھُنہٕ نعت بحیثیت صِنف اسہِ برٛونہہ کُن یوان۔ لیکن نعتکی ابتدایی نقوش چھِ بہرحال میلان یِم نہٕ فارسی زبانی ہُند اثر چھِ تہٕ نہٕ یہُندی اظہارکی تابع۔ اکھ شوٗد کاشُر انداز یتھ منٛز عارفانہٕ مزاز تہٕ چھُ تہٕ عاشقانہٕ انکساری تہٕ۔'' تہُندِ بڈ مرتبچ چھے اکھ یہ مِثال زِ حضرت میر محمد ہمدانیؒ ہیوٗ بُزرگ آو تِمن نِش ۱۴۱۱ء یَس منٛز مُلاقاتس۔ تِمن اوس حضرت سید سمنانیؒ ستی تہٕ وتھُن بہُن۔ علم دارِ کشمیرؒ چھِ مولانا جامیؒ یَس ۳۸ ؤری برٛونٹھ پاد سپدمتی۔ اکس فری یادٕ ہُندِ حیثیتہٕ مارِ فت تہٕ عارفانہٕ رنگس منٛز ؤنی متی یِمہ شار چھِ توجہ طلب:

نمونہٕ کلام:

ے پأری پأری لگی زِ تَس پیغمبرس  یَسُندس دورس رحمت چھے جأری
کأنی یێلہِ حق لگِہ روزِ محشرس  تس کُن ووُمیدوار آسن سأری

یا ے سُہ چھُ سکُنبس بوڈپاغمبر  ژٔے تَس بووُتھ سرٕ آدا نہٕ
سٕے ژٔے شوٗدِ منہِ نیُوتھ اندر  چھُھم ژٕ تبس ژٕ مہربانہٕ

- حضرت شیخ العالمؒ سُپدی بابا نصرالدینؒ ہِنٛدِ مادۂ تاریخ مُطابق ۸۴۲ ھ بہ مطابق ۱۴۳۸ء یَس منز رحمتِ حق (بحوالہٕ کاشر ادبُک توارِیخ، کشمیر یونی ورسٹی، ص ۶۴)

حضرت شیخؒ یَس "پتہٕ چھُ وٲریہِ ہتھ ڈوڈاہ بے پیٛ تہٕ بے پرسان صحراو یتھ منز کاشرِ شاعری ہُنٛد من مون گولاب کُنہٕ تہٕ نظرِ چھُنہٕ گژھان۔"

(رشید نازکی، سون ادب، ۱۹۷۶ء، ص ۱۹۵)

تاہم چھےٚ حبہٕ خوتون (وفات ۹۹۳ ھ) کاشرِ زبٲنی ہِنٛدِس غولامی ہِنٛدِس دورس منز پادٕ سپدِتھ ہجرُک نارٕ اوٚت پنہٕ نبن شارن منز دِنان اماپوٚ زنعتس کُن چھُنہٕ تِمس ظونٕے گژھان۔ تمہِ سُنٛد کلام چھُ عشقِ مجازٕ ستی لبریز۔



- خواجہ حبیب اللہ نوشہری چھُ اَمہِ زمانک بوٚڈ فارسی شاعر اوسمُت یُس ۱۵۵۵ء یَس منز زامُت اوس تہٕ ۱۶۱۷ء یَس منز یمہِ عالمہٕ گوٚو۔ (رشید نازکی صاٮ۪بن چھُ شیرازٕ کاشرِ کِس سون ادب، ۱۹۷۶ء منز نوشہری سُنٛد سالِ پٲدائش ۹۶۲ ھ تہٕ سالِ وفات ۱۰۲۷ ھ درج کوٚرمُت۔)

تمہِ سنٛدِ نعت چھِ "گیت" کِس انداز منز لیکھنہٕ آمتی یمہِ کاشرِ لولہٕ شاعری ہنٛدی رٕتی نموٗنہٕ پیش کران چھِ۔

| | | | |
|---|---|---|---|
| یار گژھوو دِیوٕیے | وولہٕ | یارٕ | گژھوو دِیوٕیے |
| آشکارا دزٕاوٕیے! | صوٗرتن | منز | ژاوٕیے |
| چھُس محمدؐ ناوٕیے | وولہٕ | یارٕ | گژھوو دِیوٕیے |
| کُنت کُنزاً آوٕیے | جلوٕ | ہاوان | دزٕاوٕیے!! |
| نحن اَقرب باوٕیے | | یارٕ | گژھوو دِیوٕیے |

- **سیّد محمدؑ ھادی فاخر کشمیری:** محقق چھِ ونان زِ فاخرس چھِ اکھ بوڈ امتیاز حاصل زِ تِمۍ کوٚر کأشرِ شاعری منز گوڈنچہ لٹہِ شعوری طور غزلک تجربہ تہٕ نعت تہٕ مرثیہ تہٕ لیکھنۍ۔ تِمس چھُ زبانۍ پیٹھ پوٚر پوٚر عبوٚر حاصل اوسمت ییمیُک ٹاکارِ ثبوت تہٕنٛد یہِ نعت پیش کران چھُ:

| | |
|---|---|
| روے چون قبلہٕ تہٕ محراب بُے | دمہٕ دَمے سجدِ دمے نا |
| بوے چون گولاب تاب روٗدُم نہٕ | دمہٕ دَمے سجدِ دمے نا |
| صفاتہٕ مرود روخ چون چھُمے | حجرالاسود خالِ سیاہ |
| وَتھ چانۍ کعبہٕ تہٕ تتھ کونہٕ نمے | دمہٕ دَمے سجدِ دمے نا |

کٔشیرِ منز فأرسی زبانۍ تہٕ کأشرِ نعتُک یہِ قابلِ قدر پیش رَو سَپُد ۱۱۹۴ھ بہ مطابق ۱۷۸۰ء رحمتِ حق۔



**(۲) دوٚییم دور: (ولی اللہ متو تا رسول میر)**

فاخر کشمیری یَس پتہٕ چھُنہٕ قریب قریب اَکس صدی تام کانٛسہِ تہِ کأشرِ نعت گو شاعر سُنٛد پے لگان تاہم چھِ دوٚیمس دورس منز ولی اللہ متو، قطب الدین واعظ، میر ثنا اللہ کریری تہٕ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری ہِوۍ عظیم شاعر شأمِل یوان کرنہٕ۔ یِمو منزِ کیٚنژو کأشرِس نعتس نٔو طرح دیُت تہٕ اتھ خلوصہٕ برٛژ نیاز مندی تہٕ اَمۍ کِس ہیتِس نٔوی نٔوی آہنگ عطا کٔرۍ۔ دراصل اوس یِمن سارِنۍ شاعرن عربی تہٕ فارسی نعتیہ ادبک سوٚن مطالعہ ییمیُک بلاواسطہٕ اثر اہنٛدبن نعتن منز محسوس گژھان چھُ۔



## - ولی اللہ متو :

ولی اللہ متو یُس فاخرس پتہٕ تقریباً ۸۷ ؤری یٚیمہِ عالمہِ گُذریوو، اوس کاشرِ زبانٕی ہُند اکھ نمائندٕ شاعر یٚیمہِ ہٕندس نعتس منز بقولِ نازکی ''نیاز مندی ہٕنز ہی تہٕ یخلاصکی گولاب'' موجودٕ چھِ۔ انکساری تہٕ ادب و احترامکی گُلاب نعتس لاگن وول مؤت چھُ سیوٚد ساد زبان استعمال کرِتھ پننہِ عقیدتُک اِظہار تِھبن ہوٕبن شعرن منز کران:

مٲری یٚیمی نفس امٲری وٲژ خٲری یا رسولؐ
سٕنٕ نہٕ کیٚنہہ کتھ دٕنچھ أنٕم بیوٲری یا رسولؐ
دوٗرِرکی نارن تہٕ زوٗلس سوزِ قوربتھ کر وَچھے
نارٕ موٗنڈی سیٚنس مےٚ گنڈٕنم کنڈی چھِ لٲری یا رسولؐ

یا

کتہٕ ڈیشہٕ ڈیشنس چھُس نہٕ لایق
صُحبس واتہٕ ہا چھُس نہٕ فایق
ژوٗرِ پأٹھی ہاوٕ تم نوٗرِ روخسار
یا رسول اللہ اسہِ گژھِ چون دیدار



## - محموگامی: (ولادت ۱۷۶۵ء، وفات: ۱۸۵۵ء)

یٚیمہِ دورُک تھوٚد تہٕ قداوار تہٕ ولی اللہ متٕی سُند ہمکال نعت گوشاعر اوس محمود گامی یٚیمی علمی تہٕ ادبی ماحولس منز پرورش تہٕ تربیت حاصل کرِتھ کاشرِس ادبس مختلف صِنفن منز طبع آزمائی کرِتھ نوٚ و زوٗ زبہٕ عطا کوٚر تہٕ یٚیمی ہٕنز وَژنہٕ رٕنگی شاعری ہندی لوٚبہٕ وٕنی انہار امہِ زبانٕی ہُند قدوقامت تھزراوان تہٕ ہٕیتس نوٚی آہنگ پادٕ کران چھِ۔

آنحضورنؐ چھُ محمود انکسأری ہندِ یِمہٕ آیہٕ پنٕنہٕ عقیدتکۍ تہٕ احتراُمکۍ گُلدستہٕ پیش کران:

ع
چأنۍ توصیف پران جامی — چأنۍ تعریف کران نظامی
یا رسول اللہؐ سلام علیک — وَنہٕ کیاہ ووٚنۍ محمود گامی

فارسی زبأنۍ تہٕ فارسی نعتُک گہر تہٕ سوٚن مطالعہٕ آسنہٕ کِنۍ ہیوٚک تِمۍ کاشرِس منز تہٕ نعت گوئی ہُند کمال ہأوتھ تہٕ اتھ دِژن اکہٕ صنفچ صوٗرتھ۔ بقولِ پروفیسر فراقؔ: "یہٕ اوس تِمۍ سُند بصیرت افروز فأصلہٕ زِ تِمۍ بنأو کأشرِ زبان پنٕنہٕ اِظہارٕچ زبان یِمہٕ ستۍ تِمۍ ہِنز کأشرِ شأعری مقبولیت حأصِل سپٕز۔"

(محمود گامی۔ شیراز، کلچرل اکیڈیمی)

تمہٕ سُند التجایی لہجہٕ یُس کأشرِ اند ازس منز رنگنہٕ آمُت چھُ، چھُ یتھبن شعرن تخلیقکۍ وردَن نالۍ ترٛاوان:

ع
یا رسول اللہؐ دیدار ہاو — نوٗرِ ظہوٗرُک پرتو ترٛاو
ژٕ ہے چھِے حضرت محمدؐ ناو — ژٕ چھکھ رحمتُک بوٚڈ دریاو
یا رسول اللہؐ دیدار ہاو — ژیے نِشہٕ سوٗرے کائنات دزاو

ڈاکٹر عزیز حاجنی چھُ رشید نازکی ہِندِس یتھ خیالس زِ "محمد گامین چھِ نعت دراصل رِوایت برقرار تھاونہٕ خأطرٕ لیوٚکھمٕت" اختلاف کران ونان زِ محمود گامین "یِم شعر ہکوکھ أسۍ کأشرِ زبأنۍ ہِندِ بن گوڈنِکہٕ درجہٕ کِبن نعتیہ شعرن لرِ لوٗر تھاوِتھ"

(کأشری نعت، ص ۳۵)

ع چھُ والیل تعریف گیسوے تو رُخت والضحیٰ یا حیات النبی
ع پرزلوٗنی نوٗرٕ بُرتی دہ ستارے سہٕ تعریف چھِے ژےٚ نمن یا محمدؐ
ووزٕلی وُتھ چأنۍ ڈیشتھ رنگ چھُ روٗٹمٕت گولابن، کوسمن یا محمدؐ

## - قطب الدین واعظ : (وفات: ۱۸۵۷ء)

قطب الدین واعظ مسکین یوٚدوٚے محمود گامیُن ہم عصر اوسمت چھُ تاہم چھِ تمی نعت جدید اندازس منز لیکھمتۍ، نعتکس صحی مزازُک واقف آسنہٕ کِنۍ چھِ نعتکۍ ادبی محاسن تمی سندین نعتن اکھ پرٛزلوٚن انہار بخشان تہٕ معیارٕچ کھوچہٕ کھسُتھ چھِ امی سندی نعت پاسہٕ نیران یمن منز کُنہِ جایہِ تہٕ کُنہ قسمُک عامیانہٕ پَن درٛینٛٹھ چھُنہٕ گژھان یُلۍ کہِ چھُ بقولِ رشید نازکی صاب ''نعتس کاشریک معیاری نعت بناوتھ بیِین زبانَن ہِندِس معیاری نعتیہ ادبس لرلوٚ رتھاوان۔'' (کُلیاتِ نادِم)

نموٗنہٕ کلام:

مرتبہٕ بوٚڈ چھُکھ سانہِ سردارٕ حقہٕ ہِندِ یارے وۄنہٕ ہے جان
دِل چھُم چشمہٕ تہٕ چشمہٕ فوارٕ غمہٕ چانہِ دم ہیتھ اوٗش ہاران
نظرا کرتم چھُس لاچارٕ !! حقہٕ سندِ یارَے وۄنہٕ ہے جان



## - میر ثنااللہ کریریؔ:

زاو سیّد خلیل اللہ بخاری ہِندِ گرِ ۱۷۹۶ء منز یُس کریریؔ (ورمُلہِ) روزان اوس۔ فارسی تہٕ دینیاتچ تالیم کرن باپتھ صابس نِش حاصِل تہٕ تصوفس منز زانکاری میجس أکس بزرگس نِش۔ سُہ اوس امہِ دورُک اکھ بوٚڈ نعت گو ییمی نعتکۍ آداب پَنہِ گرِکہِ ماحولس نِشیِ حاصِل کرٕمتۍ أسۍ۔

تمی چھِ ے

یِیتہٕ ڈاپھ ترٛاوتھ مصطفےٰ ہاواہ واتکھ ناتوتے
سُے ہو کریم دادبن دوا احوال میوٗنے تس وَنکھ

ہوِ نعت تخلیق کٔرۍمتۍ یہنٛز گزر مجلس صُبح گاہی یَن منز نہٕ صرف کشیرِ ہِنزن

مشیدن منٛز، اہلِ ایمانن تہٕ عاشق رسولٕ ہٕندٮ۪ن دِلن اکھ مسحوٗر کُن کیفیت پأدٕ کران چھِ ئلۍ کہِ جمٕہ صوٗبچن عبادتگاہن منٛز تہٕ مومنیٚن ہٕندٮ۪ن دِلن موم تہٕ أچھن اشکبار کران چھِ۔ یہٕندۍ نعت چھِ عشق محمدیؐ ہٕندِ والہانہٕ جذبہٕ تہٕ گدازٕ ستۍ پُر تہٕ مُشکبار یمن پٔرتھ یا بوٗزِتھ قلبی سکون حاصِل سپدان چھُ۔ مذکورٕ نعتس منٛز چھےٚ جامی سٕندِ مشہوٗرٕ نعتٕچ ''نسیما جانب بطحٰی گذر کن۔ زاحوالم محمدؐ راخبر کُن'' بازگشت ٹاکارٕ پأٹھۍ بوزنہٕ یِوان۔ کریری چھُنہٕ پننہٕ فأرسی زباندأنی ہُند کمال کأشرِ شأعری منٛز ہاوان ئلۍ کہِ چھُ کأشرِ زبأنی ہٕندۍ میٹھۍ تہٕ موود لفظ ورتأوِتھ بڑٕ انکسأری تہٕ ندامت ستۍ پٔنن احوال آنحضورنٕ برٕونٛھ کنہِ پیش کران۔ أمۍ کٔر کأشرِ نعتس اکھ نٔو ترٛاے عطا۔ کریرۍ سپد ۱۸۷۳ء منٛز رحمتِ حق۔



## - مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری:

مقبول شاہ ''اوس عبدالقدوس شاہ سُند فرزند یُس ۱۸۰۲ء منٛز زاو، تمۍ کٔر مألس نِشی عربی تہٕ فارسی تألیم حاصِل۔ یٚیمہِ سُند پیشہ پیر مریدی اوس۔ تمۍ تہٕ روٹ یہے پیشہ تہٕ زندگی ہٕندۍ دوہ ژٕٹن تنگدستی منٛزٕ ے۔

أمۍ چھِ وَن وُنہِ آیہٕ نعت لیکھٕمتۍ یم جذبات نِگأری ہٕندۍ گوڈٕنکۍ نموٗنہٕ تہٕ پیش کران چھِ۔ سُہ چھُ قطب الدین وأعظ سُند ہمکال شأعر اوسمت یٚیمہِ سٕنزن نعتیہ تخلیقن منٛز سوز و گداز تہٕ بے ساختگی ژھٕٹہٕ ماران چھےٚ تہٕ تمۍ سٕنزٕ فنی صلاحیژٕ تہٕ قابلِ داد انہارٕ ننہٕ راوان چھےٚ:

عربکہٕ سردارٕ عجمکہٕ راجے ॥ شاہِ معراجے کرٕ سون پاے
ازلی عِلمکہٕ بحرِ موٚاجے ॥ ازلی اسرار ژٕیےٚ نِش دژاے

ناو چون کرانکھ زَن کلٕ پچھٕ واجے شاہِ معراجے کرسون پاے

یا ؎ سرکردٕ نبیٖن ہنٛدِ سردارٕ اکہِ دیدارے لادَن تھاو

پادن کرہے سرشارے اکہِ دیدارے لادَن تھاو

گُلریز ہشہِ معروٗف مثنوی یہِ ہُنٛد خالق گوٚو ییمہِ عالمہٕ ۱۸۷۷ءمنٛز۔



## - مولوی محمدؐ خضر مُقبل :

اَمہِ دورُک اکھ تھدِ پایُک شاعر تہٕ نثرنِگار اوس مولوی خضر محمد مُقبل یُمَس فارسی تہٕ عربی زبانَن پیٹھ پوٗرٕ عبوٗر تہٕ مہارت حاصِل اُسی۔ مُقبلن چھِ کاشرِس منٛز تہٕ نعت لیکھمٕتی ییمکی زٕ نموٗنہٕ پروفیسر غلام محمدؐ شاد صأبن وَنہٕ کڈِتھ ''انہار'' کِس ''نعتیہ ادب'' نمبرس منٛز شائع چھ کٔری مٕتی (ص ۱۱۶، ۱۱۷)۔ شاد صأبنہِ تحریرِ مُطأبق چھِ مُقبل ۱۲۰۲ھ بہ مطابق ۱۷۹۴ء زامتہٕ تہٕ ۱۶۸۱ھ بہ مطابق ۱۸۷۶ء فوت سپدٕمتہٕ۔

کلامُک نموٗنہٕ :

؎ ژےٚ چھے شأہی تہٕ سُلطانی مُسلم یا رسولؐ اللہ

ژٕ چھُکھ ازلُطفِ ربانی !! مکرّم یا رسولؐ اللہ

؎ یا رسول چھُکھنا سردار سونٕے !! اُمتَن عاشقَن لول چون آو

دِل و جان وندٕ ہے یِکھنا سونٕے اُمتَن عاشقن لول چون آو



## - رُسل میر شاہ آبادی:

کأشرِ غزلُک بادشاہ چھُنہٕ ہیوٚ کمُت نعتچ حق ادایی گٔرِتھ۔ تاہم چھِ تٔمی ہٕندِس کلامَس منٛز نعتہٕ رنٛگس منٛز وننہٕ تہٕ آمتی شعر لُمِتھ گٔھمِتھ ؤنہِ آمتی کرنہٕ :

؎ دِل بنٛد، دلآزار، دلا رام نِگارو!
گلخنٛدٕ، گُل روخسار، گُل اندام نِگارو

یا ؎ از آم دِلبر الحمد لِللہ   ووتُم سُہ دربر الحمد لِللہ

بقولِ رحمان راہی : منقولہٕ اقتباسس منٛز ورتاونہٕ آمژ زبان چھنہٕ وُپھ وہراو پراون واجنۍ تہٕ مختلف جھٕژن پادٕ کرن واجنہٕ کُنہٕ استعاری پاوژ ہُنٛد وسیلہٕ یا بدل کُنہٕ پاٹھۍ تخیلہٕ کِس سِلسِلس زیر دِتھ سُہ جدلی کیفیت تہٕ سُہ معنہٕ ووپزا و ابہام زٕورأوِتھ ہیچِھ یُیمہٕ چہٕ برگرٕ بڈٕ شاعری ممکن بنان چھےٚ۔" (آلو۔ اِطلاعات محکمہ، مارچ تا جون ۲۰۰۴ء، ص ۳۰)

عزیز حاجنی صاب چھِ رُسل میرنٛ سالِ وفات ۱۸۷۰ء لیکھان (کاشرۍ نعت : ص ۸۷)۔ یوٚ دوٚے تٔمۍ سُنٛد سالِ ولادت معلوٗم ہیوٚک نہٕ سپدِتھ تاہم چھِ دپان زِ سُہ اوس ترٛہ ؤری وأنٛس پرٛأوِتھ یُیمہٕ عالمہٕ گوٗمت یُوٚ کِنۍ سُہ ۱۸۴۰ء لگ بگ پادٕ اوس سپدُمت۔ اکِہ نعتکۍ یِم شعر چھِ آنحضورؐ ہنٛدِ عقیدت تہٕ احترامکہٕ جذبک بے پھروکھ اِظہار باسان:

؎ باالله چھُم مےٚ بے اختیأری   لِللہ کرِ نایأری یے
کرموکھ ڈیشِن گوم کپأری   لِللہ کرِ نایأری یے
نبیو پادن ژٕ ٚے سردأری   آدِ پزراوکھ سردأری یے
رسول میر سرٕ کرِ گرِ سردأری   لِللہ کرِ نایأری یے

یا ؎ ذأتس چھُ تاشوق سالہٕ اوٗنٛن ما شوق
ونہٕ وان چھےٚ حوٗرِ غلمانے تہٕ لولو
عرشک چھُ وٕعظ خانے تہٕ لولو

## (۳) ترٛیٖیم دور (عبدالاحد ناظم تا مقبولؔ امرتسری)

رشید نازکی ہِندِ گُفہِ مُطابِق چھُ نعتُک ترٛیُم دور ''عبدالاحد نأظمس'' پٮ۪ٹھہٕ شوٗرٕ گژھان تہٕ پیر عزیز حقانیس تام چھِ تمام نعت گو شأعر أتھی دورس منز یِوان۔'' (کُلیاتِ نأدم، ص ۳۶) امہِ دورکین خوش بخت شأعرن منز یِمو نعت گویی ہنٛزِ صِنفہِ منٛز ہیتی تہٕ معنوی لحاظٕ تھٔکنٕ لایق تبدیلیہِ أنتھ مولُل سرمایہِ تخلیق کوٚر، تِمن منٛز چھِ نأظمس علاوٕ عبدالاحد نأدم، وہاب پرے حأجنی، مولوی صدیق اللہ سائل، غلام احمد جیدؔ، عاشق ترٛالی، سیف الدین عأرضؔ، اسماعیل نامیؔ، عأصی کشمیری، درویش عبدالقادر، پیرمحی الدین مسکین، مورخ حسن تہٕ میر عبدالعزیز حقأنی وغارِ شأعر قابلِ ذِکر۔ حالانکہِ حضرت شیخ نورالدین ولیؒ ہِندِ وقتہٕ پٮ۪ٹھے چھِ درجن واد تتھی صوفی شأعر تہٕ وِزِ وِزِ پادٕ سپدٕمتی یِمو تصوفکین سِری پردٕن وٕلی وٕلی تتھ شعرتہٕ تخلیق کٔری یِمن نعتچ خوشبوے معطر کران چھے۔ یِمن منٛز سوچھِ کرالؔ، رحمان ڈارؔ، رحیم صأبؔ، شاہ غفور، نعمہٕ صأب، شمس فقیر، عاشق ترٛألی، میر حقأنیؔ، وہاب کھار، احمد بٹوأری، صمد میرؔ، احد ڈار، رمضان بٹ، واز محمودؔ تہٕ احد زرگر شأمل چھِ۔ یِمن ہِوین ادبِ عالیہ کین تخلیق کارن ہِندین قلمی کاوشن پٮ۪ٹھ کُنہِ قسمُک تبصرٕ کرُن چھُ یٮ۪تین ناممکِن، یُس اکہِ الگ کِتابہِ ہنٛزٕ منگ چھُ کران۔ یِمو منٛزٕ کیٚنٛژن معروٗف صوٗفی شأعرن ہِندِ نعتیہ کلامکی نموٗنہٕ چھِ موٚختصر تعارفہٕ سان یٖیمہِ باب کِس آخری حِصس منٛز شأمل آمتی کرنہٕ۔



**- مولوی عبدالاحد ناظم: (ولادت ۱۸۱۶ء، وفات: ۱۸۶۵ء)**

ویٚجہِ بیٚأرِ روزن وول زبان دان تہٕ واعظ خأنی کرن وول تہٕ عظیم شأعر اوس

غزلکس شہنشاہ رسولِ میرٕن ہمکال تیمس عربی تہٕ فارسی زبانن پیٹھ پۆر عبور تہٕ دسترس حاصل اُس۔ نعتکین لوأزی ماتن تہٕ آدابن تہٕ اَمہِ کہِ مزاژک پۆر انداز آسنہٕ کنی اوس تسند اظہأری روی یک تہٕ باوژ بلک رنگ خألص کأشر یُس آنحضورنٛ ہندِ عقیدت ستی لبریز اوس:

چھُس دور پیوٚمُت گژھتی روٗدُم یار مدینس
تمہِ نوٗر روشن گے در و دیوار مدینس
واللّیل مویکہِ بویہِ ستین مَس چھہِ زِ عالم
والشمس تہندے جلوہٕ انوار مدینس

واعظ قطب الدین یوٚ دوٚے نعتس منز ونہٕ ونچ تژاے تہٕ لہجہِ عطا کرنچ غأرشعوری کوٗشش کران چھُ اَماپوٚز نأظم چھُ شعوری طور کوٗشش کٔرتھ اتھ کأشرِ ونہٕ وَنچ مکمل صوٗرتھ بخشان:

عربی سردار پیمہٕ ہوٚے پادن یا نبی گوش فٔری یادن تھاو
عربس تہٕ عجمس چأنی لادَن یا نبی گوش فٔری یادن تھاو



## - عاشق تژألی :

چھُ بقولِ رشید نازکی "اکھ پرگداز نعت گوٗ" شأعر اوسمُت تیمس نعت لیکھنک پۆر سلیقہٕ تہٕ وَل اوس۔ سُہ اوس مہجور سُند ووستادیُس فارسی زبأنی ہُند مونمُت مُعلم تہٕ اوس:

چھِم گارٕ بہٕ لارہا مدینس کیاہ سنا چھُنا نصیبہٕ میأنے
اَفدیگ بقالُہی وقلہی نزدیک تم حبیبہٕ میأنے

سہٕ زاو ۱۸۴۱ءہَس منز تہٕ ۱۹۰۷ءہَس منز سپُد فوت، تِمس اوس علی محمد گنائی ناو۔



## - مولوی صدیق اللہ سائل :

حاجن سونہٕ وأرِ ہُند روزن وول تمہِ کاروانٕک اہم شاعر ییٚمی کأشرِ نعتکس صِنفس منز عربی تہٕ فارسی نعتن ہُند لہجہ وپرأونچ شعوری کوٚشِش کٔر۔ تٔمی ہِندِ ین نعتن تہٕ چھُ فٔریاد تہٕ اِلتجایی رنگ حأوی:

نوٗرک گاہ پھو سنگر مالن !! دوٗپ لایزالن جبریلس!
کونہٕ چھُکھ پأری پأری بُراق والن دوٗپ لایزالن جبریلس
از کرم رَشک اِرم کرتن یہ کٔشیرِ بےنظیر
کأشرن کُن اکھ اِشارا، یا شفیع المُذنبیںؐ

مولوی صدیق حاجنی (أمِس سائل وَنُن چھُ کینٛژو قابلِ اعتراض مونمت) زاو ۱۸۳۲ءہَس منز تہٕ ۱۹۰۰ءہَس منز چھُ رحمتِ حق سپُد مُت۔



## - مورخ غلام حسن شاہ : (ولادت : ۱۸۲۲ء، وفات : ۱۸۹۸ء)

معروٗف مورخ تہٕ تأریخ دان غلام حسن شاہ کھویہأمی چھُ اکھ رُت شاعر تہٕ اوسمت ییٚمہِ سُند بونہٕ کنہٕ دنہٕ آمت نعت کأشرِ لوٗکن ہِندِ ین دِلن منز جاے کٔرِتھ چھُ حالانکہٕ تِمس أسی نہٕ نعتکین فنی زأوِ جارن تہٕ أمی کین شرعی حدوٗدن ہنٛز تیٚژ کینٛژھا زان تہٕ:

چھُس گنہگار یا رسول اللہ بوزتم زار یا رسول اللہ !!
یک نظر کر بہٕ اُمتِ کشمیر چھِی سبٹھاہ خار یا رسول اللہ

- غلام احمدٕ جیّد (وفات ۱۹۰۸ء):

اوس مورخ حسن سُند کوٚنٛژھ بوے تہٕ غلام رسول شیوا سُند فرزند۔ تِمٕ ہِنٛد ہن نعتن منز چھےٚ نیازمندی تہٕ انکسأری ژھٹہٕ ماران۔ سُہ اوس بہلہٕ پایک فارسی زبأنی ہُنٛد شاعر تہٕ۔ کلامُک نموٗنہ:

لگے یا سیّدِ موختار پأری ❊ اُلُلعُمن اندر چھے تاجدأری

غلاماہ پست پا یادست بستہٕ ❊ چھُ جیّد آمت از وومید وأری



- امیر شاہ کریرؔی:

اوس ۱۸۳۸ء دوران کریری گامس منز تولد سپدمت۔ تِمٕ گرگرس منزے عربی، فارسی تألیم علاوٕ اسلامیاتچ تربیت تہٕ حأصل۔ سُہ اوس واریاہن کِتابن ہُنٛد مُصنف، تِمٕ سُند "سام نامہٕ" یُس شہنامُک ترجمہٕ چھُ، سپُد واریاہ مشہوٗر۔ سُہ اوس اکھ موٗمُت نعت گو شأعر یمہٕ سُند یہ نعت واریاہ مقبوٗل چھُ:

چھم عشقہٕ نارن گری مِتی جِگرس کباب اے نازنین

چھُم مےٚ تمنا کیاہ سناوُچھ ہتھ بہٕ خواب اے نازنین

امیرؔس اوس نعت لیکھنٕک پوٚر وَل یمہٕ کِنٛ تِمٕ ہِنٛدی نعت تقدیسچ ڈالہِ ہیتھ پر اثر بنان چھِ۔ دپان سُہ سپُد ۱۹۰۳ء منز رحمتِ حق۔



- عبدالغفار تائب:

اوس اَمہِ زمانکین رٔتین شأعرن منز شُمار سپدان، یُس عزیز حاجنی صأبنہٕ دٔرِج کرمژ تحریر مُطابق ۱۸۲۵ء ہَس منز زامت اوس تہٕ ۱۹۱۶ء ہَس منز یمہٕ عالمہٕ گوٚمُت

اوس۔ تٕمی سُند یہِ نعت چھُ پُرگداز اندازِ تحریرُک غماز:!

ـ بہٕ آسے بے نوا بردر کوم کر یا رسول اللہؐ!
ہٕرر لد چھُس مُہٕر تٕم بر کرم کر یا رسول اللہؐ
تمنا تٲیِس چونٕے، ژٕ یِکھنا اکھ شبا سونٕے
یِتم پادَن وندے بوسر، کرم کر یا رسول اللہؐ

!: (ماخوذ۔ کاشری نعت، مُصنِف عزیز حاجنؔی، ص ١٠٦)



## - عبدالوھاب پَرے حاجنؔی:

فارسی تہٕ عربی زبانن ہُند عالم تہٕ اسلامیاتک ماہِر مانہٕ یِنہٕ وول عبدالوھاب پَرے اوس حاجنہِ ٧/اگست ١٨٤٦ءکہِ دوہہٕ زامُت۔ وہابؔن چھِ واریاہ نعت تخلیق کٔری مٕتی تہٕ سُہ چھُ کاشُر زبانٕی ہند اولین صاحبِ دیوان شاعر مانہٕ یِوان۔ أمی تہٕ چھُ حقانٕی صابنہِ پأٹھی کاشری نعتن عربی تہٕ فارسی نعتن ہُند لہجہِ وِہراونٕچ کوٗشش کرمٕژ:

ـ رنگ وروے پاکِ حضرت اوس با سورخی سفید
خوش یَون دِل نون خورشید با رحمتھ سپُن

یا ـ مرسلن منٕز چھُ افضل و بہتر
محمدؐ مصطفیٰ چھُ پأغمبر

یہِ کثیر الکلام شاعر گو یِیمہِ عالمہٕ ٢٩/ستمبر ١٩١٤ءہَس کیٗت۔



## - عبدالاحد نادؔم:

محققن ہُند خیال چھُ زِ ''نادِمؔ چھُ کاشرِ زبانٕی ہُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ نعت گو، تٕمی

کوٗر بقولِ ناجی منور تہٕ شفیع شوق ''رُومی'' نظامی، سعدی تہٕ جامی ہِندیو نعتو منٛز الہام حاصِل تہٕ محمود گامی، فاخر، قطب الدین واعظ، ثنا اللہ کریری، عبدالاحد ناظم بیٚترِ کاشرٕ بہلہِ پایہِ شاعرن ہِندی نعت پرٕتھ ژارن پننہِ خاطرٕ اکھ مخصوص لۓ یتھ منٛز کاشرِ ونونُک سوز و گداز، جذبُک مژھجار تہٕ باوٕژ ہُند بےٚ پھرٕ یُک اِظہار چھُ۔'' کاشرِ ادبُک توارِیخ (ص ۱۷۶) تِمو کوٗر اتھ محبوب صِنفس کاشر لہجہِ تہٕ کاشرٕ محاورٕ عطا۔

کلمہ کہِ آگرٕ عالمکہِ سری یے  بانن آباہ بری توہے
محشرس تام ہے پوشہِ سوے تری یے
ژری یے  دروٗدٕ  پری توہے

''عبدالاحد ناوس چھُ کاشر زبانۍ منٛز سُے مُقام یُس حسان ثابتسؓ عربی زبانۍ تہٕ فارسی زبانۍ منٛز چھُ'' نورٕ آگر۔ کلچرل اکیڈمی (مرزا عارف بشیر اختر، ص ۵۰) نادِم چھُ نعتس منٛز رِوٲیتی ترکیب تہٕ ہیت بدلاوِتھ اتھ اکھ نوٚو طرح دوان، نۆو مضمون تہٕ استعارٕ استیمال کرِتھ چھُ نعتس کتہِ کوٚت واتناوان تہٕ پننہِ ابلاغُک تہٕ ترسیلک جود مانہٕ ناوان:

عربی شاہا مدنی ماہا !!  اَسہِ گوٚژھ گٹہِ منٛز گاہا چون
رٔسہ وولہ اَسہِ ہاو کھسنچ راہا  اَسہِ گوٚژھ گٹہِ منٛز گاہا چون

تِمو لیکھی وُمرِ وُمران نعت تہٕ آنحضورنٛ ہنٛز شخصیت تہٕ سیرت روزس ہمیشہِ تخلیقک مرکز، سُہ زاو ۱۸۳۸؁ منٛز شہر سری نگرس منٛز تہٕ گوٚو ییمہِ عالمہٕ ۱۳۲۹ھ بہ مطابق ۱۹۱۱؁ یَس منٛز۔ بقولِ رشید نازکی ''یہ چھُ سُہ فنکار ییمی نعتکس فِردوس منٛز تتھی مژھلی گولاب پھولراوی ییمہِ دوہے شاداب تہٕ ترتازٕ چھِ۔'' (کُلیات نادم، ص ۷۶-۷۷)

## - پیرمحی الدین مسکینؔ :

مسکینؔ اوس یمہِ دورک اکھ بہترین مثنوی نگار شاعر یمی نعت تہٕ لیکھمتی چھہِ تہٕ غزل تہٕ۔ سُہ اوس پور کھوٚشپور کولگام روزان یُس ۱۵ شعبان ۱۳۴۰ ھ مطابق ۱۹۲۱ء رحمتِ حق سَپُد مُت چھُ۔ تمٕی ہندی نعت چھہِ ساد تہٕ سلیس لہٰذا ازس منز تحریر آمتی کرنہٕ یم ثابت چھہِ کران کہ مِسکینس اوس نعت لیکھنک رُت سلیقہٕ۔ تہُند یہِ نعت چھُ واریاہ مقبول:

کیاہ میون جانانہٕ سبحان اللہ وندہس بہٕ زُو جان سبحان اللہ
چھُم سوز سینٕس گرٛھامدِنیس تتی مارہس پان، سبحان اللہ

یمہِ نعتچ گرٛزبز چھےٚ آستانن تہٕ مشیدن منز زائرینن تہٕ نمازن پتہٕ دروٗد پرن والین لوٗکن ہندبن دِلن وجدچ کیفیت طاری کراں تہٕ تمن سروٗد بخشان۔ عزیز حاجنی صابنہٕ تحریر مُطابق چھُ مسکین ''۱۸۶۵ء یَس منز پاہ سَپُد مُت۔ (کاشرِ نعت، ص ۱۳۸) مظفر احمد خان فردتن چھُ اُمی سُند سالِ ولادت ۱۸۹۹ء تہٕ سالِ وصال ۱۹۴۱ء ہاوان۔ (نعت مصطفیٰ، ص ۱۵۵)



## - پیرغلام محمدؐ حنفی :

پیر صاب زاوٗ سوپورس منز ۱۸۶۷ء دوران۔ سُہ چھُ واریاہن کِتابن ہُند مُصنف تہِ اوسمُت۔ امامت آسن پیشہ رٟنگی ژاٗرہِش۔ سُہ گوٚو ۱۹۳۷ء منز رحمتِ حق۔'' (کاشر ادبک توارٟیخ، ص ۱۵۳، کشمیر یونیورسٹی)۔ تمٕی ہندی کینٛہہ نعتیہ اشعار چھہِ یم:

وَندس چشمہٕ تتھ والضحیٰ رویہ ہے چُو واللّیل جان مُشکدار مویہ ہے
مُزمِّل زحق تَس چھہِ خلعت بہٕ بر مُدثر ردائی مہیں خوب تر !!
امامِ رُسل شافع اُلمُذ نبین !! بلاشک چھہِ سلطان و برہانِ دیں

## - ظریف شاہ :

وَنہٕ نہٕ چھُ یِوان زِ ظریف شاہ اوس پرونٛژھک روزن وول تہٕ ڈُوٗنی گام مونجہ بل (منڈی) ۔ کنٛز اوس اکثر کشیرِ تراں روزان تہٕ ولی اللہ متو ہِوس شاعرس سلوٗکٕکی درس دِوان ۔ دپان کشیرِ گژھنہٕ وِزِ گو سُہ أکِس بالس پیٹھ رحمت حق ۔ تٔمی سُنٛد سالِ وصال چھُ ۱۸۵۶ءٕ ہاونہٕ آمُت ۔ ولی اللہ مُتی چھِ محمود گامی تہٕ عزیز اللہ حقانٔس علاوٕ ظریف شاہ سٕندی تعریف کرٕمٕتی تہٕ سُہ چھُ یِمن شاعرن اکھ کاروانٕکی اہم رہرو زنان ۔ (حوالہٕ خاطرٕ ؤچھو 'ہی مال' ولی اللہ متو) ۔ أمِس چھُ نعتیہ وَنہٕ وُن لیکھنُک پیش کارتہٕ مانہٕ یِوان ۔ نموٗنہٕ کلام :

حۆرِ درایہِ وَنہٕ وِنہٕ لگھوس پٲری — یا رسول أمتس یٲری کر
دوزخٕچ دروازٕ بند کرکھ سٲری — جنتس مَژرکھ تٲری یے
مسجدِ اقصیٰ انبیاؑ سٲری !! — یا رسول أمتس یٲری کر!

زبہٕ جاے مولوٗم نہٕ آسنہٕ کنٛز کۆرمےٚ ظریف شاہ (ظریف خان) بالہٕ اپارمن شاعرن منٛز شٲمِل ۔



## - خضر ملک صفایی :

صفایی چھُ کولگام تحصیلِکس دیوسر گامس وٕہ میل دوٗرکھل نور آبادس منٛز ۱۸۴۸ءٕیس منٛز زامُت ۔ سُہ اوس درس دِتھ تہٕ تبلیغ کٔرِتھ پنٛنی ژوٗٹ زینان ۔ (بہ حوالہٕ کاشرِ ادبُک تواریخ، ص ۱۵۶) ۔ سُہ اوس بِسیار گو شاعر ۔ تٔمی چھےٚ واریاہ مثنویہِ لیچھمژٕ تہٕ نعت تہٕ ۔ بقولِ ڈاکٹر شاد رمضان ''صفایی سٕندِ نعتُک یہ طرح چھُ اکھ نوٚو تہٕ منفرد لہجہِ ہیتھ کاشرِس ادبکس تواریخس منٛز اکہِ نوِ تہٕ توجہ طلب بابُک اضافہٕ کران''

(انہار۔ نعتیہ ادب کشمیر یونیورسٹی، ص ۱٦۸)

یہ چھےٚ پۆز کتھ زِ یۆ دوٕے صفایی ہِوس شاعرس پتھ رشید نازکی یا مرزا عارفؔ تہٕ بشیر اخترس بالترتیب ''کلام نادم'' تہٕ ''نورِ آگر'' ہِشہِ صِنف نعتس پتھ اِبتدایی کِتابہ لیکھنہٕ وِزِ نظر پیمٕژ آسہٕ ہے۔ صفایی ییہِ ہے کاشرِ زبانٕ ہِندِ بن صفِ اول کِنہن نعت گو شاعرن منٛز شُمار کرنہٕ۔

صفایی ہِندِ نعتکہِ مذکورٕ ''طرحُک'' انداز چھُ ہیٚون تہٕ بدٕون:

آیہِ لولاک تاج سرُ وچھےٚ  آیہِ فاقم کمر وٕچھےٚ!!

طاء طاہا ژٕے طُرہٕ دستارس  میم حامیم طوقِ زر وٕچھےٚ

زُلف واللّیل چھےٚ المنشرح  سینہٕ بے کینہٕ سیمبر وٕچھےٚ

صفایی سپد ۱۳۳۹ھ بہ مطابق ۱۹۲۰ءٕ رحمتِ حق۔

یتھ دورس منٛز دراے واریاہ نعت گو شاعرٕ ییمن منٛز احقرؔ بھدرواہی تہٕ آعما بانہالی ہِوی بہلہِ پایکی نعت گو شاعر تہٕ شامِل چھِ۔ ییمن ہند ذِکر ییہِ جمہِ صوبہ کِنہن شاعرن منٛز کرنہٕ اماپوز عبدالزاق، عبدالرحیم، کانی شاہ، عبدالغفار فارغ، ستہ رام بٹ، سیف الدین عارض، محمد اسماعیل ناؔمی، اکبر بٹ، حاجی الیاس، درویش عبدالقادر تہٕ میر علی شاہ بیٚترِ شاعرن ہُند ذِکر چھُ طوالتہٕ کہِ خوفہٕ کِنۍ افسوسہ سان فی الحال آئندٕ محققن پتھ تراونہٕ یِوان۔ ییمہِ دورُک معرُوف تہٕ آخری شاعر ییمہِ کاشرِ زبانٕ منٛز نعت وُنتھ کاشرِ بن ہِندِ بن دِلن منٛز جاے کٔر، اوس عزیز اللہ حقانیؔ۔ ''اَمِس بہلہِ پایہِ نعت گو سُند ذِکر کرنہٕ روٚس روزِ پٔزی پاٹھی یہ تصنیف نا مکمل تہٕ اڈٕلیچ۔



## - پیر عزیز اللہ حقانیؔ :

کاشرِ نعتیہ ادبَس منز چھُ حقانیؔ سُند روتبہ تہٕ مرتبہٕ سبٹھاہ تھوٚد۔ یہنز شاعری چھےٚ نعتِ شریفکی بُنیادی تقاضہٕ پوٗرٕ کران '' لہٰذا اسیٚد حقانیؔ صابَس قبوٗلِ عام حاصل۔ ریڈِ وول، فٹ پاتھس پیٹھ بہن وول، غنہٕ کرن وول، زیٚن ژٹن وول، مرکبان، انگریزی پوٚرمت لیٚوکھمت مُلازِم تہٕ افسرتہٕ چھُ بے والیہٕ کرٕکھ دِوان:

گو جہاں تازٕ بہٕ رُخسار رسولِ عربی
روٗٹ گلو مشک زِ گفتارِ رسول عربی

('آلو'، جلد ۹، جنوری -فروری ۲۰۰۶ء) فاضل کشمیریؔ از غلام نبی ہاگرو)

حقانیؔ سند بو نعتو منزٕ مقبوٗلِ عام نعتن ہندی مطلع چھِ یم :

ژٕے کیاہ اے چرخ دوں پرور دِلس منز خار چھےٚ میوٗنے
نظر کر در دو عالم مصطفےٰؐ غمخوار چھےٚ میوٗنے

صدا بوزم گدا آسےَ برس تل یا رسول اللہ
زِ عالم در نبی آدم ژٕ افضل یا رسول اللہ

دِمہلت اے اجل تامتھ مے یامتھ یار ہاویم روے
مرے کرتام اگر نےٚ احمدؐ مُختار ہاویم روے

مذکورٕ نعتن ہُند مطالعہ کرنہٕ پتہٕ چھےٚ یہٕ کتھ ماننٕ پیوان زِ حقانیؔ صابن چھےٚ نعتکِس مادانِس منز لوٗبہٕ وُنہٕ ریوایژ پادٕ کرنٕچ کوٗشش کرٕمژ۔ حقانیؔ اوس غالباً نرپرستان (سری نگر) منز ۱۸۵۴ء منز زامت تہٕ ۱۹۲۷ء منز رحمتِ حق سپدمُت۔



## - مقبۆل امرتسرؔی :

اَمہِ برٛونٹھ زِ کأشرِ نعتیہ شأعری ہُنٛد جدید دورٕچ کتھ ییہِ تُلنہٕ، مقبۆل امرتسری سُنٛد ذِکر کرُن چھُ لأزمی بنان ییمی سُنٛد نعتیہ تہٕ باقی کلام ۱۹۷۳ ہَس تام گال کھاتس منٛزٕ ے روٗد۔ نوِ تحقیقکہِ برکتہِ آیہِ کأنٛسیاہ رتی تہٕ پُر گوشأعر وَنہٕ کڈنہٕ ییمن منٛز مقبولؔ امرتسری ہیوٚ بُلند مُرتبہٕ نعت گو شأعر تہٕ شأمِل چھُ ییمی آنحضورنٛ ہٕنٛدِس عقیدتس منٛز نعتکۍ گُلدستہٕ پننہِ خونِ جگرٕ ستۍ رٔنٛگِتھ تمنٛ احترامہٕ سان ڈالہِ ہٕنٛدی رٔنٛگی پیش کٔری۔ مقبولؔ اوس واریاہ کال برٛونٹھ امرتسر منتقل گوٚمت یُس گُمنامی ہٕنٛدِس عالمس منٛز روٗزِتھ تہٕ کأشرِ زبأنی منٛز معیأری قسمچ نعت گوٚیی کرنہٕ باوجوٗد بقولِ ناجی منور: ''دون ہتن وٕری یَن پٔردن ژھایہِ روٗد''۔ ('انہارٕ نعتیہ ادب، ص ۹۱) اَمہِ تلہٕ چھُ ننان زِ سُہ اوس مقبول شاہ کرالہٕ وأرِس برٛونٹھہ پہن زامُت۔ أمِس عاشق صادق شأعرٕ سُنٛد نعتُک نموٗنہٕ چھُ ثأبت کران زِ سُہ اوس وَنہٕ وُنہٕ تہٕ غزلکہٕ آیہِ نعت لیکھن وول بہلہٕ پأیک شأعر:

بوز ہے قال یا رسول اللہؐ     روز ہے نال یا یا رسول اللہؐ

اَہ چونے جمال وُچھنَس مے     گوم یژٕ کال یا رسول اللہؐ

پننہٕ نِس رسُولِ اکرمسؐ     برٕتل بہٕ روضَس روز ہَس

ہردم دروٗ داسوٗزہَس     برٕتل بہٕ روضَس روزہَس



(۴) موجوٗدٕ دور : (غلام احمد مہجورؔ تا حال)

کأشرِ شأعری ہُنٛد بالعموم تہٕ کأشرِ نعتیہ شأعری ہُنٛد بالخصوص موجوٗدٕ دور چھُ غُلام احمد

مہجور مرحومس پتھٕ شۆرٕ گژھان۔ مہجور چھُ کأشرِ شأعری ہُند اکھ تھوٚنگ مانٕنہٕ آمت
اماپوٚز بقولِ رشید نازکی ''سُہ مہجور یُس

لوٚ ہٕژ تہٕ چھنڈرے مژ مسۆل ونان چھس واوس
دامانہٕ میوٚن تیمی چھۆل تس زانہہ قرار آسیا

ہیوٚ شعر ہیکان پچھُ وٕنتھ، سُے یلہٕ نعتہٕ کس عظمت گہس منز واتان چھُ، ہے بنگہٕ
ہیوٚ چھُ گژھان'' کُلیات نأدِم۔ کلچرل اکیڈمی ص ۶۰-۶۱) دراصل ہیچ نہٕ مہجور صأبن
دُنیاہکین آولنین منز اژتھ مجأزی تہٕ سیأسی قسمچ شأعری نشہِ پننہٕ سوچن تژایہِ منز کُنہٕ
رنگہٕ تبدیلی اُنتھ تہٕ نہٕ ہجس تہٕ کرنس فرصتھے، اوے ہیوٚک نہٕ سُہ نعتہٕ کین لالہٕ
زارن سنجیدگی سان تژتھ زبان یا لہجہ دِتھ یوٚ کنہِ سُہ تہٕ اکھ بہلہٕ پایک نعت گو
شأعر مانٕنہٕ ہیکھہے یتھ۔ تِمس تہٕ گے ترقی پسند تحریک نألی تہٕ تِمس آو قومی نغمہٕ تخلیق
کرنس پتھ ''شأعرکشمیر'' خطاب تہٕ دِنہٕ۔ سُہ زاویوٚ منز گامہٕ ۱۸۸۸ءمنز تہٕ ۱۹۵۶ء
منز سپد رحمت حق۔ نموٗنہٕ کلام:

آس برس تل کاس خأری بوز زأری یا رسولؐ
بَر تہٕ دِل از نورِ عرفاں کر تہٕ یأری یا رسولؐ

کشیرِ ہندبن موجوٗدٕ دورِ کین نعت گو شأعرن ہُند تعداد چھُ تیوٗت زیادٕ زِ تِمن
سأرنے پتھ سرسری تبصرٕ کرنس خأطرٕ تہٕ چھےٚ اکہِ ضخیم کتابہٕ ہنز ضروٗرتھ پیش
یِوان۔ تاہم کرو اُسی کیژن نعت گو شأعرن ہُند موختصر پأٹھی ذِکر یِمی نمائند نعت گو
شأعر مانٕنہٕ چھِ یِوان۔

☆

## - میر غلام رسول نازکی :

نازکی خاندانک یہِ چشم و چراغ یُس عربی، فارسی، اُردو تہٕ کأشر زبانن ہُند زٕکہٕ در تہٕ مأہرِ اوس، چھُ موجوٗدٕ دورِکین نعت گو شاعرن منز اکھ بہترین شاعر ماننہٕ یوان۔ یِمہٕ ہِندِ نعتُک قالِب صرف تہٕ صرف ژوٗمصرأے یا قطعات یا رُباعی ہِندِ صوٗرتہٕ بارسس آو۔ بقولِ رشید نازکی "یِہُند گلنار ذیہنک تقدس، یِہِندِ خیالٕچ نزاکت، یِہِندِ عقیدٕچ پاکبأزی چھِ نعتکہِ سرحدی سرٕچ سوٗزرم روجوے یتھ اندر جمالٕ جمال چھُ۔ حُسنکی انہأرِ گنج تہٕ لفظن ہندی موٗلِلی خزانہٕ چھِ أمِس سُجدِ کران" (کُلیاتِ نادم۔ ص ۶۱-۶۲)۔

نازکی صأبن لِسأنی باوٕژ بل چھُ یِہِنزن نعتیہ رُبأعین نوٗ تاثیر تہٕ کٔشش بخشان۔

محمدؐ بے کسن ہُند کس محمدؐ!! دِلُک آرام روحُک رس محمدؐ!!
نجاتٕچ چھےٚ کُنی وتھ، رٕتھ یِہأے وَتھ محمدؐ بس محمدؐ، بس محمدؐ!!

نازکی زاو بنڈٕ پورِ ۱۹۱۰ءمنز تہٕ نعتیہ شأعری منز نوٗی معیار قأیم کرن وول یہِ بہلہِ پایک شأعر سپُد اَسہِ نِشہِ ۱۹۹۸ءہَس منز جُدا۔



## - مرزا غلام حسن بیگ عارف :

وُہمہِ صدی ہِندِس جدید دورِکس ہرأوِلی دَستکین شأعرن منز چھُ مرزا غلام حسن بیگ عارفس اکھ تھوٗد تہٕ اہم مُقام حأصِل۔ یُس دور بقولِ رسول پوٗمپُر "ہم کالن

ا قأری ہکن نعت گو شأعرن مُتلق کأشر ادبک توأریخ (از ناجی منور تہٕ شفیع شوق) تہٕ "نوٗرٕ آگُر" (مرزا عارف تہٕ بشر اختر) کلچرل اکیڈمی، ۱۹۸۷ء تہٕ "کأشری نعت" از عزیز حاجنی، بیٚیہ "نعت مصطفےٰ" از مظفر احمد خان فردتن ۲۰۰۲ء) بیٚترِ کِتابن منز تذکرٕ یا نعت پٔرتھ۔

سان کأشرِ ادبک گاشر تہٕ متحرک دور چھُ'' تہٕ یہ زِ ''عارف چھُنہٕ اکھ فرد بلکہ اکھ انجمن، اکھ تحریک تہٕ اکھ زِندٕ رِوایتی ادارٕ تہٕ''...... ''عارف صأبنہ زٕ عنصر چھِ ظرافت تہٕ تصوف یتھ منز عشق خداتہٕ حُبِ رسولؐ تہٕ شأمِل چھُ'' (بے رنگ، مرزا عارفس پیٹھ مضمون ۲۰۰۷ء) یا ٹینگ صأبنہٕ گُف موجوٗب ''وُہمہِ صدی ہِندِ کأشرِ ادبُک متن تہٕ تہٕ میزان تہٕ توژھ تہٕ تہٕ توأریخ تہٕ'' (بحوالہٕ بے رنگ ص ۱۹۵) عارف اوس زبان ساز آسنہٕ علاوٕ کأشرِ قومُک ژُکہٕ درتہٕ تہٕ خارخواہ تہٕ۔ سُہ زاو کاڈی پوٗرا اننت ناگ ۱۳ر ستمبر ۱۹۱۰ء یَس منز تہٕ ۱۳راپریل ۲۰۰۳ء گو یتیمہِ عالمہٕ۔ تمی ہنز عقیدتی رُبأعیہ سپز ''لولہ وہٕار'' سوٗمبرن منز شائع۔ نموٗنہٕ کلام:

حضرت بلہٕ کس بونہِ شہجارس وَنہٕ سردارسؐ امتک حال!
وَنہٕ سردارس نبیؐ مختارس وَنہٕ سردارسؐ امتُک حال!
عارف چھُ مشتاق از دیدارس یا نبیؐ وتھک پرِ تھود کھال
دوٗر بر روک چھُنہٕ لولہِ اِظہارس وَنہٕ سردارسؐ امتک حال!



## - عبدالجبار خاموش کریری:

زاو کریری گامس منز ۱۹۱۲ء یَس منز تہٕ ۱۹۷۳ء یَس منز سپُد رحمت حق۔ سُہ اوس رِوایتی انداز س منز نعت لیکھان یِم سراپا التجائی چھِ آسان:

یا محمدؐ ملالہٕ تژ اُوِ ونا !! عاشقن روے پاک ہاوِ نا
شِین زَن گولنس فراقن چأنی رنج میونے زِ سینہٕ تژاُو نا



## - حسین علی تنہا انصاری:

تنہا اوس دلبلن وُرملہِ ۱۹۱۴ءٔ ہس منز زامُت۔ یُس یمہٕ دورِکبن نعت گو شاعرن منز جان مرتبہٕ تھاوان اوس۔ فارسی تہٕ اُردو زبانن ہندی آس مأنمتی تہٕ معیأری عأٔلم۔ تہندس نعتیہ کلامس چھُ منفرِد لہجہ۔ تِموٗ کرٛ فارسی نعتن تہٕ تضمین یمن منز قدسی سُند "مرحبا سید مکی مدنی العربی" ہیٚو معروٗف نعت تہٕ شأمل چھُ۔

ے
آغہٕ ژٕے کُل کأیناتُک یا رسول عربی!
دامنس چأنِس کران اُمت چھے رحمت طلبی
چأنہٕ فأضانے دٕرتھ بُنٛیاد عالم یا نبیؐ
مرحبا سیدِ مکیؐ مدنی العربی!!

یا ے
ای ونان آو پرٛتھ نبیؐ گوٗ ای ونأنی یا رسولؐ
چھُے نہٕ کانٛہہ سارِیے خدأیی منز ژٕے ثأنی یا رسولؐ

تنہا صأب سپُد ۱۹۶۹ءٔ دوران رحمتِ حق۔ تہندی برادرِ نشاط انصارین کرٛ تہنز کتاب "فرات" ناوِ شایع۔ تہندی کأشر نعتیہ قطعات چھِ آنحضورنؐ ہنز عقیدتکی پرُ گداز اِظہار۔



## - سید علی گوہر بخاری:

زاے کریری ہِوس زرخیز ادبی سرزمینس منز ۱۳۳۳ھ بہ مطابق ۱۹۱۴ءٔ کہٕ دوہہٕ تہٕ ۱۹۸۸ءٔ یُس منز گئے رحمتِ حق۔ سُہ اوس عربی تہٕ فارسی زبانن علاوٕ اُردو تہٕ کأشرِ زبأنن پیٹھ تہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ عبوٗر تھاوان۔ فارسی تہٕ کأشرِ زبأنی منز چھِن واریاہ رٕتی نعت لیکھمتی۔ تِمی ہِندِ بن کأشرِ نعتن اوس بدل تہٕ بدٕون لہجہ۔ نموٗنہٕ کلام:

ےٓ چھِی صفت چانی در کلام اللہ  ژٕ تہٕ عیاں یا رسول اللہ

نعت خواں پانہٕ حضرتِ معبوٗد  مَلِک وَنہٕ وان یا رسول اللہ



## - غلام احمدؒ فاضِل کشمیری:

فاضِل پیٛو ۱۹۱۶ہس منز ڈب تل (سری نگر) تھنہٕ۔ طالب علمی ہِندِ زمانہٕ پیٹھے اوس تِمس عشق رسولِ عربیؐ جوش دِتھ باطنکی ناگ وُزناوان تہٕ یِتھ ہیٛو ترانہٕ قلمبند کرِناوان:

ےٓ بُلبُل ژٕ نالان گژھِ دْواں شاہِ مدینس کر سلام

وَنتس چھُ بے کس مُبتلا صلوٰ علیہِ دائما

فاضِل اوس کُنہِ تحریکہِ تہٕ طبقہٕ بندی نِشہِ آزاد۔ سُہ چھُ کثیر الاشاعت شاعر اوسمت۔ تِمٕ سُنٛد نعتیہ کلام کوٗو ''انوارِ محمدیؐ'' ناوٕ کِرِ لٹہِ شائع۔ یُس غزل، ٹٔھ، رُباعی تہٕ وِنہٕ ونچہِ شکلہِ منز کأشرِ ہندی دِل محظوظ تہٕ مسروٗر کران روٗد۔ تِمٕ سُنٛد دُعایہ تہٕ حمدیہ کلام چھُ ندامتہٕ تہٕ انکساری ہُنٛد آئینہ دار:

ےٓ بہٕ وَنٛدہ ہے لال اتھ طٲہٕ جبینس  حُسن ہتھ، گاش ہتھ زیبا قرینس

ےٓ ژٕ ے چھکھ شمع ہدایت یا محمدؐ  ژٕ چھکھ نوٗرِچ حقیقت یا محمدؐ

ژٕ ے پتھ ییم دْدی تموٗلب زِندگانی  بہٕ کرہے پوشِرنی گتھ یا محمدؐ

ےٓ مدینک ژٕ جان بہار اللہ اللہ!!  ثنا خواں ژٕ ے پروردِگار اللہ اللہ

وَنن وول یہ تھدِ قدُک شاعر گوٚو اَسہِ نِشہِ ۲۰۰۴ یس منز ہمیشہ خٲطرٕ جُدا۔



## پروفیسر غلام نبی فراقؔ :

فراق چھُ انگریزی زبأنی ہُند موٗمت ووستاد۔ کاشر زبأنی تہٕ ادبس ستی رٕوزتِمس اِبتدا پتھٕ وابستگی تہٕ سُہ چھُ کٔشیرِ ہِندٕ بن زبان سازن تہٕ زبان شناسن منز شامِل یِوان کرنہٕ۔ ترقی پسند تحریکہِ ہِند اکھ تھٔم رٕودغزل تہٕ نظمن منز لۄکن ہُند دودللہٕ ناوان۔ مٔزی مٔزی أسس آنحضورؐ ہنز عقیدت نعتیہ شاعری کُن تہِ طبیعت موزون کرٕناوان۔ وُچھی تو کمہِ نوِ طرح ستی چھِن تِتھی ہِوی شعر لیکھمتی :

سوٗنچِن گوٗوڑکی پھیُر خابو روٗٹ انہار بدل



تقدیرس وٗون اِنسانو پتہٕ نوِ آیہِ ژٕ پکھ

سُہ زاو بِہرِ کدلہِ سری نگرس ۱۹۲۲ہَس منز۔ تِہُند کانٛہہ نعت گوٗنہٕ ڈٔیاب۔

☆

## - محمدؐ امین کامل :

اعلیٰ تألیم حاصِل کٔرِتھ رٕودی کامل صأب کلچرل اکیڈمی منز ایڈیٹر ہِندِس عہدس پیٹھ واریاہَس کالس فائز۔ اتھ زمانس منز یوس تحقیقی کأم اکیڈمی تہٕ اکیڈمی نبر انجام پذیر سپز سو چھےٚ تارٖیخُک اکھ موٗلُل حِصہٕ۔ تِم تہٕ رٕودی ترقی پسند تحریکی اکھ اہم رُکُن۔ ہُیأری رٕودی کأشرِ شاعری تہٕ زبأنی نٔوی نٔوی طرح تہِ انہار عطا کران۔ اقبالؒ ہِندِ کلامُک چھکھ شاعری پیٹھ ٹاکارٕ اثر رٕودمُت۔ نظمہِ ہُند بادشاہ چھُ باضے نعت تہِ لیکھان تہٕ خوبصورت اندازس منز پننہِ عقیدتُک اِظہار کران یتھ منز تِہنز انکسأری تہٕ ندامت ژھٹہٕ ماران چھےٚ۔

اللہ تہٕ جبریل تہٕ قران تہٕ محمدؐ

اَتہِ اور فقط صاحب عرفان تہٕ محمدؐ

شاعر تہٕ مدح خوانِ محمدؐ اوس سُہ نادم
تُک بندیہِ کامِلؔ تہٕ غزل خان محمدؐ

امین کامِلؔ صأب چھِ بہترین افسانہٕ نِگار تہٕ محقق تہٕ تنقید نِگار تہٕ۔ تم زاے شوپینٚ تحصیلہِ کِس کاپرن گامس منز ۱۹۲۴ ؁ یَس منز۔



## - عبدالرحمان راہیؔ :

شاعری منز شاعرانہٕ النکار، وَل، ہونر تہٕ ابہامچ طِلسمی آورن کأریِ تہٕ زبأنۍ ہنز جدلی کیفیت ورتاونچ، کنایِن تہٕ استعارن ہنٛدی رٔنگۍ کُنہٕ شعری تخلیقچ صداقتھ مولانکون تہٕ معیار پرکھاوُنچ پُر زور وکالت کرن وول راہی چھُ کاشرِ زبأنۍ ہنٛدین محقیقنن، تنقید نِگارن تہٕ شاعرن اکِہ تۄشہِ وَتہٕ پٲٹھ پکہٕ نچ راہنمأیی کران یوس سانہٕ کاشرِ زبأنۍ تہٕ اَمہِ چہِ شاعری تہٕ تحقیقس عالمی معیارِ کِس اَدبس لرِ لوٚرانہٕ نَس منز مددگار ہیکہِ ثأبت سپدِتھ۔ سُہ چھُ یتھے ہۄیٚ معیار صِنف نعتس منز قائم کرنچ تہٕ کتھ کراں تہٕ اتھ منز مُناسِب تشبیہی ترکیبہٕ تہٕ اِبہام ورتاوِتھ خوش یوٚنۍ استعجأبی کیفیژ تہٕ تاثُر ووتلاونس پٲٹھ زور دِوان۔

راہی چھُ تھدِ پایِک محقق تہٕ ناقد۔ اکھ بوٚڈ اصطلاح ساز تہٕ زبان ساز تہٕ اکھ مایہٕ ناز ماہرِ لِسانیات۔ یُس کاشرِ زبأنۍ نۄو اصطلاحو، ترکیبو تہٕ باوَژِ ہنٛدو اَنھورو تہٕ دِلکش وَلو تہٕ ژھلوسۍ پأراو کران چھُ تہٕ پنٛنہٕ انفرأدی تخلیقی صلاحیژ ہُنٛد جودمانہٕ ناوان چھُ۔ وُچھِو تو تہنٛدِ اکِہ نعتیہ نظم منز ورتاونہٕ آمتین لفظن ہنٛدِ گرٚچ جودگری تہٕ دِیِو داد۔ یژھاہ دِتھ ہکیوٚ:

"بہ اوُسس آمہٕ تاوٕے، آمہٕ تاوٕے، آمہٕ تاوٕے اوت

سُہ نا گُنہِ کوٚندِ منز کأنہہ بانہٕ اوڑ اوٚے......

زِ أتھی منز أندرِ کتھ تاں آمہٕ تاوس

بے توقع بے خبر پأٹھن

عجب ژٔژ تمبرِ ہش زایم

ہہ نیلیوٚمُت، شٕھیوٚمُت پَل

سوٚمرٕ تمبرِ نژان نازل

پلس ووٚتھ دٕہ، دٕہَس ژٔژہ رِنگ، رِنگوتَج ریٚہہ، ذَروژھٔٹ بریٚہہ تہٕ پل پھوٚٹ

نِدا گوٚو: ''یا رسول اللہؐ''

(نعت) ماخوز از ''سیاہ روٗدِ جرین منز''

یتھس کلامَس پیٹھ کأنہہ تبصرِ کرن چھُنہٕ مےٚ ہیوٚ فِرومایس نِش ممکِن۔ راہی صأب زاے واز پوٚرِ سری نگر ۱۹۲۵ ہَس منز۔ تمن لگِن رُمہٕ ریشُن آے۔



**- نِشاط انصاری:**

بقولِ سیّد رسول پوٚنپرٕ ''نِشاط صأب اوس کأشرِ ادبُک، ثقافتُک تہٕ تہذیبُک پیٚتر عاشق سازٕ گوٚریَس نہٕ زِ ہے تہٕ پَنُن یہ تھوٚد تہٕ بوٚڈ آدرش نظرِ ڈوٚل''۔ (بے رنگ، ص۴۰۲) نِشاط صأبُن والد حسن علی انصاری اوس مومُت عالِم تہٕ تنہا انصاری ہیوٚتھدِ پایک أدیب شاعر تہٕ قلمکار اوس تہٕند زیٚوٚٹھ بوے یہندِس سایس تہٕ اعلیٰ تربیتس منز سُہ پھاپھلیوٚو۔ ووستاد بنیہٕ پتہٕ کوٚرُن نجی طور ایم اے اُردوٗ ہُک امتحان پاس۔ نشاطس روٗد گوڈٕ پیٹھے شعر و شاعری تہٕ ادبس کُن رجحان۔ واریاہن کتابن تہٕ متالن ہُند تخلیق کار نشاط روٗد آخری دَمس تام کأشرِ زبأنی ہُند دامن پنہٕ نو تخلیقی،

تنقیدی تہٕ شعری ادب پارن ہند بو جواہر وستی مالامال کران۔ تٔمی ہندِ نعتک پٔرتھ شعر پٔرتھ چھُ قأری اکھ لُطف تہٕ سرۄد حأصل کران۔

شانہٕ بۄڈ عالی نشان خیرالانامؐ  یا خُدا روح القران خیرالانامؐ

آسہٕ کس یُتاہ بجرٕ اُستھ بشر  کردگارس رازداں خیرالانامؐ

نشاط زایِو دیلیٖن (ورمُلہٕ نزدیک) ۱۹۳۰ ہس منز تہٕ ۲۵/اگست ۲۰۰۰ سپُد رحمتِ حق۔



## - رشید نازکی:

پُر وقارتہٕ بِسیار جہژل شخصیژ ہُند حأمل رشید نازکی یَس چھُ موجۄدٕ دورکین شأعرن منز اکھ تھۄد مُقام حأصل۔ یِمہٕ سُنز شأعری پیٹھ ڈاکٹر اقبالؒ سُندِ فلسفک اثر ٹاکارٕ پأٹھی نۄن نیران چھُ۔ تم چھِ پانہٕ تہٕ بٔڈی عالم دین یمن فارسی، عربی، اُردو تہٕ کأشرِ زبانن پیٹھ پۄرٕ عبۄر تہٕ دسترس حأصل چھے۔ بقولِ عزیز حاجنیؔ "یِہُنز کلہم شأعری ہُند عمومن تہٕ نعتیہ شأعری ہُند خصوصن ڈِکشن چھُ عربی تہٕ فارسی آمیز آسنہٕ باوجۄد شۄد کأشُر باسان...... یِہندین نعتیہ شعرن اندر چھِ استعارٕ، تشبیہ، علامژ تہٕ پیکر استعمالس اندر رانہٕ آمتی"۔ (کأشری نعت، ص ۵۵)

چون گُل رُخ چھِ بُلبُلن اوراد
تھۄد ووتھِھ سیۄد تہٕ خم گرٕھن شمشاد

کأناتک شباب چۄں وجۄد  کُنت کنزا جواب چون وجۄد
چأنہٕ حرمک زوار پٔرتھ موجۄد  پٔرتھ حقیقت تہٕ خواب چون وجۄد

"حُبِ رسولؐ تہٕ کلامِ اللہ چھِ رشید نازکی نہٕ شأعری ہندی اصل ناگراد۔ سُہ چھُ

شیٚہن ہنٛدِس حُسنس تہٕ اسلامی فکرِ پنٕنہِ غزلن، نظمن تہٕ رُباعین منٛز کامیاب پاٹھی توازن برقرار تھاوِتھ پیش کران''۔ ناجی منور تہٕ شفیع شوق ''کاشر ادبک توارٖیخ''، ص ۳۳۱)۔ رشید نازکی صاب چھِ ۱۹۳۱ ہَس منٛز زامتی۔



## - غُلام نبی ناظر:

ناظر چھُ بِسیار گو شاعر اماپوٚز غزلہٕ ہنٛدِ مِقدارِی وہراوٕ رنٛگی ہیکُس نہٕ کانٛہہ کاشُر شاعر پوٚشتھ۔ سُہ آسہِ خالے کانٛہہ صنف یتھ منٛز تمۍ لیٖوٚکھ نہٕ۔ عروضس پٹھ تہٕ چھُس پوٚرٕ تھپھ۔ نعت تہِ چھِن لیکھمٕژ۔ یِمہِ نعتیہ نظمو تہٕ غزلو رنٛگی تہنٛزِ ''شلِج پھلے کِتابہِ منٛز شامل چھِ۔ نعتک نموٗنہٕ:[ا]

| | |
|---|---|
| ''راژ کزالی موکھ پزنن | موختہٕ فضا چھلِتھ چھٕنن |
| ساز رُمس رُمس ئِنن | سوز منٛج زبان وٕنن |
| صَلِّ علیٰ نبیّنا | صَلِّ علیٰ محمدٍؐ''[ا] |

ا: (ماخوذ: کاشری نعت، ص ۲۰)



## - مُشتاق کشمیری:

غلام محمدؐ مُشتاق کشمیری (ولادت ۱۹۳۴ء) چھُ رٕتی نعت لیکھان، تہنٛد دینی شعور چھُ تہنٛدِ نعتن منٛز ژھٕٹہٕ ماران:

| | |
|---|---|
| رسولِ خُدا پُر جمال اللہ اللہ | جلیل القدر بے مِثال اللہ اللہ |
| بزٕ رٕزِس منٛز گُرتھ آے معراج واپس | وُچھان گے رٕہتھ ماہ وسال اللہ اللہ |



### - غُلام نبی گوہر:

زاو ژارِ شریف ۱۹۳۵ ہس منز۔ ناول نِگاری تہٕ تحقیقی کامہِن منز رُود ہمیشہ آوُر تہٕ اُردو قلمکارن منز کوٚرُن جان مُقام حاصِل۔ ''گوہر چھُ غزلس منز جذبکس خلوصس ستی ستی اِظہارکہِ تکلفُک تہِ قایِل''۔ (ادبُک توأریخ، ناجی منور تہٕ شفیع شوق، ص ۳۳۵)۔ تمِ چھِ نعت رُباعی ہنٛزِ شکلہِ منز تہِ لیکھمِتۍ:

قُرانُک شرح چانِ زِندٕ گانی تمیُک تفسیر عدلِچ حُکمرانی
تہِ چھِو حاصِل فرقان باری عمل تہنٛزے قرانٕچ ترجمانی



### - مشعل سُلطانپورؔی:

پروفیسر مشعل صاب چھِ تمن عصری شاعرن منز شامِل یمو صنفِ غزلس نوٚ انہار دِنچ کوٚشِش کٔرِتھ اتھ منز پنُن ذاتی کرب تہٕ زمانٕکس درد وغمس کُنے زانتھ اظہاری صوٗرتھ عطا کٔر۔ نعت لیکھنس منز تہِ رُود نہٕ پتھ کیٚنہہ۔ تمِ ہنٛدی نعت تہٕ چھِ رواں دواں بحرن منز آنحضورنٛ ہنٛدِ جلالُک تہٕ جمالُک بے پھرٕ یک اِظہار۔ وٕچھِو تو تمِ کمہِ آیہِ چھِ سرورِ دو عالمسٕ پنٛنِ عقیدٕتکۍ پوش شعری پیکرن منز پیش کران۔

محرمِ رازِ کردگار توٗ ہی دوٗن جہانن تہِ اعتبار توٗ ہی
پنٛنہِ تخلیقہِ پانہٕ گوٚو مُشتاق حق مصوٗر تہٕ شاہکار توٗ ہی

مشعل صاب زاو سلطان کنڈی بابا ریشی ۱۹۳۲ ہس منز



### - شاہد بڈگامی :

شاہد زاو بڈگامہِ ۱۹۳۷ ہَس منٛز۔ تٔمۍ تُل پٔتہ صنفِ سوخَنس پٮ۪ٹھ قلم تہٕ نعت لیکھنٕچ تہٕ رٔژس کل:

ے

محمدؐ آے گاہ پٮ۪و شش جہانس!
بخت بیدار گو وۍتھ کائناتس!
گٹن منٛز آمنہِ سُند لال پرزلیو!
سراپا لرزٕ ووتھ لات و مناتس



### - سیّد رسول پوٚمپُر :

سیّد رسول پوٚمپُر زاو سیّد غیاث الدین احمد صأبنہ گرِ حسن پورِ وِجبیور ۱۹۴۰ ہس منٛز۔ ساہتیہ اکیڈمی ہُند ایواڈ یافتہٕ معروٗف شأعر، نقاد، محقق، تجزیہ نِگار۔ یٔمس فارسی، اُردو، عربی ہِشن زبانن پٮ۪ٹھ پوٗرٕ دسترس حاصِل چھےٚ۔ چھُ کاشرِ زبأنۍ ہُند اکھ توٚد قلمکار تہٕ مخلص ژُکھ درییمہِ ہنٛدِ قلمہٕ ہتہٕ بُدی تحقیقی تہٕ تنقیدی جوہر پارٕ تخلیق سپدِ یٚیمہِ عصری دورٕ کِمن تہٕ آیندٕ یِنہٕ والین محققن تہٕ قلمکارن ہنٛدِ خأطرٕ مشعل راہ بٔنِتھ ہیٚکان، سُہ چھُ بہترین افسانہ نِگار تہٕ ترجمہٕ کار تہٕ یٚیمہِ سنٛزٕ شأعری پٮ۪ٹھ مشتمل کأژاہ سومبرنہٕ معرضِ وجوٗدس منٛز آیہٕ، تِمو چھِ واریاہ رٕتی تہٕ گداز بٕرتی نعت لیکھمٕتۍ یِمن منٛز عربی، فارسی تہٕ اُردو زبانن ہنٛد بن نعتن ہنٛدِ پوشہٕ ویوٚرچ مُشکِ ادفر ژھٹہٕ ماران باسان چھےٚ:

ے

تابانہٕ چھُ تابانہٕ چھُ تابانہٕ محمدؐ !! نوٗرانہٕ چھُ نوٗرانہٕ چھُ نوٗرانہٕ محمدؐ
پٔژ بزلیوٗ جہاں چانہٕ زبنۍ شوٗب جہانَن وتنک چھُ بجر شمس وقمر پانہٕ محمدؐ

یا | بہارا سدانو بہارا محمدؐ !! | اَچھن گاش شیتل شہارا محمدؐ
شہُل سایہِ یُس آدمن کیُتھ چھُ رٕحمت | فرش تا عرش سایہِ دارا محمدؐ

ہائے افسوس، کأشر زبان تہٕ ادبُک یہ ژُکہٕ درسپُد اَسہِ نِشہِ ۸/مئی ۲۰۱۱ءِ کہِ دوہہِ جُدا۔



## - محمد احسن احسنؔ :

ولادت حاجن ۱۹۳۷ء۔ حاجن چھےٚ شاعری تہٕ ادبی لحاظہٕ سہٕ پوشہٕ وأریٚیمی وہاب پرے، مولوی صدیق، پروفیسر حاجنیؔ تہٕ عزیز حاجنیؔ ہِوی سوخنور، سوخندان، شاعر تہٕ ماہرِ لسانیات، نقادتہٕ بہلہٕ پایکی اَدیب پادٕ کٔری۔ اَمی وارِ ہُند اکھ مولُل پوش چھُ محمد احسن احسنؔ تہٕ یُس نظم یا غزل لیکھنہٕ وِزِ امکٕبن لوأزماتن ہُند پۆرٕ خیال تہٕ حبس تھاوان چھُ۔ تِمس چھُ نعت لیکھنہِ وِزِ تہٕ فنی نزاکتن ہُند پۆرٕ خیال روزان یٚیمی مأری مٔندی تہٕ توجہ طلب چھہِ۔

یا | زبہٕ زاوتہٕ اونٛد پۆک مُشکوُن | ینہِ آوتہٕ گٹہٕ زوٗل نہنوُن
پزٕ دٕنیچ نوٗرِ مشالیاہ بٔتھ !! | ییٚلہِ دزاوتہٕ عالم گہنوُن



## - حامدی کشمیریؔ :

زاوبُہری کدل ۱۹۳۲ءِ منز۔ اُردو ادبُک اکھ بوٚڈ تھوٚنگ یٚیمی اَمہِ زبأنی ہُند فنِ تنقید تہٕ شاعری کتہٕ کوٗت واتہٕ نأوتھ ”کأشرِ شاعر یہ منز تہٕ پٔنن اکھ منفرد اسلوٗب قائم کوٗر“ (ناجی منورتہٕ شفیع شوق) یہُند آہنگ چھُ عصری شاعری منز اکھ الگ مُقام عطا کران۔ نعتیچ روانی تہٕ دِلکشی تہٕ چھےٚ ووُسنس انان:

یا | چھےٚ ننبٛدرِ عالمس بیدار ژٕے چھُکھ
وُپچھکھنا غم دِلکی غمخوار ژٕے چھُکھ

چھِ چاٲنی نقشِ پا وَتہٕ گاشراوان
سیاہی منٛز ژھٹان انوار ژٕ ے چھُکھ



## - علی محمدؔ شہبازؔ :

موجوٗدٕ دورٕ کین نعت گو شاعرن ہنٛز تتھ تندلہِ منٛز چھُ شہبازؔ ''شہید'' سُند ناو تہِ شامِل یمو صنِف نعتس منٛز شہرتھ پرٛاو۔ سُہ زاو شاٹھ گوٗنڈ بالا ہندوارٕ ۱۹۳۹ءٕ منٛز تہٕ گوٗو ییمہِ عالمہٕ ۱۹۹۷ءٕ منٛز۔ تٔمی ہٕندٕ ین نعتن منٛز چھےٚ تٔمی ہٕندِ دینی مُطالعچہِ گہرایی ہُند تہِ پےٚ لبان۔

طوٗبیٰ قدٕ چ پہچان القران محمدؐ — خیرالنزل تفسیرِ القران محمدؐ!!
حق اُلیقینُک شمع شبستانِ محمدؐ! — عین الیقینُک صُبح درخشاں محمدؐ



## - غلام نبی خیالؔ :

خیالؔ صاب چھِ شاعری منٛز سماجی اقدار ووتلاونُک علمبردار۔ ''کاشرِ شاعری چھُ خیالؔن اہم دیُت یہِ زِ تٔمی کوٗر عمر خیام رُباعین سبٕٹھے نفیس ترجمہٕ'' ۔(کاشرِ ادبُک توٲریخ، ص ۳۲۵) غالباً چھُ امہِ ترجمہٕ کاری ہُند اثرِ تہنٛزِ نعتیہ شاعری پٮ۪ٹھ تہٕ پیوٗمت۔ رُباعین منٛز تٔمی ہٕندی لیکھمٕتی نعت چھِ مارٕ منٛدی :

دِلدار تہٕ دِلبر تہٕ دِل افروز محمدؐ
ییلہِ دِگنہٕ وسان نوٗر تمٕنُک سوز محمدؐ
صُبحہٕ شام تہنٛدی جلوٕ نوان ژھالہٕ ژٕدٲرٕ
صُبحہٕ شام اُچھو ڈیٖش کنو بوز محمدؐ

عزیز حاجنی ہٕندِ مُطابِق چھُ خیال آسن ۱۹۳۹ء ہس منز زامت یوٚ دوے ''کاشرِ ادبک توارِیخ'' چھُ تُسند زاوُرِ یہِ ۱۹۳۶ء ہاوان۔



- محمدٗ ایوب بے تاب:

زاو شُپین ۱۹۳۹ء منز تہٕ لوکچی وانسہِ یعنی ۲۰۰۵ء منز سپُد رحمت حق۔ غزل تہٕ نظم لیکھنس منز رِوایتی انداز ورتاونہٕ باوجوٗد روٗد سُہ یمن صِنفن منز باوُژ ہٕندی نٔوی نٔوی انہار وَنہِ کڈان۔ تٔمی لیکھی نعت تہٕ یمن منز تہٕ تہُند منفرد رنگ تہٕ طرح دوٗری نظرِ گژھان چھُ:

- چھِ میون پیمبر عظیم کوتاہ رفیق کوتاہ رحیم کوتاہ
سُہ سایہِ روس سایہِ بان سونُے سُہ جان جانِ جہان سونُے
زمین بُلند آسمان سونُے سُہ آن سونُے تہٕ شان سونُے
نبیٔ چھُ عملی قران سونُے نبی چھُ دارالا مان سونُے
حلیم کوتاہ سلیم کوتاہ !! چھُ میون پیمبر عظیم کوتاہ

یا - محمدٗ بے ستھن ہُند ستھ محمدٗ رُحس راحتھ دِلس شہلتھ محمدٗ
شفیقا رُت رفیقا ٹوٹھ دردِل محمدٗ بس خدایس پتھ محمدٗ



- محی الدین گوہر: ولادت سوپور (۱۹۴۱ء، وفات ۱۹۹۴ء)

عصری دوٗرک ماری مٔندی شاعر گوہرن چھےٚ واریاہ نعتیہ رُباعیہ لیچھمٕژ، یمن منز گوہر سُندِ آنحضورنٗ ہٕندی والہانہٕ عقیدتُک اِظہار قاری یَس نٔوے سروٗر بخشان چھُ:

چھُ ذوقُک جُستجو ، میٚونُے محمدؐ امارُک آرزُو ، میٚونُے محمدؐ
مُدعا یے کُن فیکُن سِرحیاتُک سِرن ہُند آبرُو میٚونُے محمدؐ



## - عبدالاحد فیاضؔ :

بقولِ عزیز حاجنیؔ "فیاض چھُ بوزوے اویُد شاعر حالانکہ پُر گوئی تہٕ سلیقہٕ مندی منٛز چھِ یِم یِیمہٕ دورٕکین واریاہن ناماوار شاعرن سبٹھاہ برٛونٹھ" (کاشرِ نعت، ص ۴۹)۔ تِتھے سلیقہٕ چھُ تہندیٚن نعتن منٛز تہٕ ناپان :

وجوٗد ییٚمی سُند وجوٗد عالم شہوٗد ییٚمی سُند شہوٗد آدمؐ
چھُ ییتھ وجوٗدس خدا ثنا خوان سُہ صاحب شان رسول سونُے

فیاض چھُ ۱۹۴۲ ہَس منٛز تھنہٕ پیٚومُت۔



## - غُلام حسن غمگینؔ :

غمگین چھُ ۱۹۴۸ ہَس منٛز زامُت ، تَمی ہٕندی نعت چھِ کشیرِ تہٕ کشیرِ نیبرٕ جمی صوبس منٛز تہٕ مقبوٗل سپدمتی۔

آفتابن گاش تھوٗنس آیتن
قدمِ پاکن زوٗن گیہٕ قوربان بوز



## - سعدالدین سعدیؔ :

سعدی صاب چھِ کریری گامس منٛز ۱۹۴۸ ہَس منٛز زامتی۔ کاشرِ زبانۍ ہُند یہ ژُکہ در چھُ رِتی نعت لیکھان یمن منٛز آنحضورنٛ ہُند تاشوق ، لول تہٕ عقیدت پٕرزلوٗنی

انہار رٕٹتھ پرن وأٔلِس زنتہٕ موہتھ نِوان چھہٕ :

سونٛچی چھُنہٕ واتان بہٕ لیکھہٕ کیٛاہ
لفظن سوران ژران بہٕ لیکھہٕ کیٛاہ
''کُنت نبیاً'' چأنٛی حقیقت
نادان چھُس اِنسان بہٕ لیکھہٕ کیٛاہ



## - غلام نبی آتش :

آتش صأب چھُ نأئِل اِسلام آباد ۱۹۴۹ ہس منٛز زامُت۔ کأشرِ لُکہٕ شأعری، لُکہٕ ادبک تہٕ کأشرِ زبأنی ہُنٛد معتبر محقق تہٕ أدیب آسنہٕ علاوٕ چھُ آتش صأب اکھ مونٛمت شأعر تہٕ یُس گداز ہٕتی نعت تہٕ لیکھان چھُ۔

پوشہٕ ورشُن کوٚر بہارو چانہِ برأنٛژ
دٔپ امارو أسی تہِ پرارو چانہِ برأنٛژ
چأنہِ یِنہٕ پھوٚلی دَدوَنن سیکہِ لئِن گولاب
عاشقو دٔپ أسی تہِ لارو چانہِ برأنٛژ



## - عبدالاحد فرہاد :

زاوصورہ ۱۹۴۶ ہس منٛز، رِوایژی شأعری نِشہٕ گُریز کرن وول تہٕ غزلس تہٕ نظمس منٛز نٔو زُو زہٕ تہٕ طرح دِنہٕ وول فرہاد چھُ مونٛمت تبصرٕ نِگار تہٕ تیمی ہِنٛدِس نعتس منٛز عقیدت خیرالانام حضرتِ سرکارِ دوعالمؐ نٔوس طرحس منٛز رنگ ژھٹان چھےٚ :

شالہِ مارُک شہُل تاپہ شہرن اندر
آبِ رحمت وُزاں نارِ نہرن اندر
شینہِ بالن چھُ شبنم اثر تیُتھ کراں
دِ ہہ چھُ رنگین بنان رٕہہ چھےٚ کوسم ہراں
نامِ پاک محمدؐ یوان بر زبان
یونہِ سوٗنتک ہوا چھُم مےٚ ذیٚہنس ڈلان



## - رفیق راز :

رازؔ صابُن زانسہِ چھُ ۱۹۵۰ءٕ - شعرن ہنز نوبن نوبن ترکیبن استعارن تہٕ علامژن ہنزِ سونزل دُونتھ شاعری منز اکھ طِلسماتی فضاء پاٚدٕ کرن وول رازؔ چھُ خوبصورت نعت تہِ لیکھان :

مومنن ہُند چھُ ایمان رسولِ خداؐ
اُمتک جان جانان رسولِ خداؐ
پھیوٗر نیٚجر سکستان شاداب گےٚ!
رٕحمتک میوٗٹھ باران رسولِ خُداؐ



## - فیاضؔ تِلہِ گامی :

زاوٕری یہِ ۱۹۵۰ءٕ - تمی ہندی نعت چھِ لول تہٕ عقیدتچہ نوٚ نوِ تزایہِ گژایہِ ووتلاوان :

حرف حرف چھُ نعت خواں، لفظ لفظ چھُ التجاء
سُہ آنتھِ روٗس چھُ بے بہا یہ چھُس غوطن زِ لیکھِ کیاہ

یَسند امارِ گُل پھولان، برگ برگ مشک ژھٹان
گُلاب یاسمین کیاہ، چمن چمن چھُ تَس فِدا



- بشیر عارِف :

نوِ پُیہِ ہُند اکھ رُت نعت گو شاعر۔ ''سون ییہِ ناشبا اکھ پہر نبی صأب'' شعرس چھُ تقمینہِ چہ ہبرِ یتھِ کُنہ ہیوٚ رکھالان:

''ازلی نورانک شہر نبی صأب　　خیر الاُمم خیر البشر نبی صأب
تارکن منز سہ ماہِ انوار شوٗبان　　مرسلین چھُ تاج بسر نبی صأب''

(ماخوذ از کأشرِ نعت، عزیز حاجنؔی)

بشیر عارف چھُ ۱۹۵۴ ہس منز زامت۔ یُس لوکچارِ پیٹھے کأشرِ شاعری تہٕ ادبس لول بران آمُت چھُ۔



- عزیز حاجنؔی :

اکھ مُقتدِر قلمکار، محقق، تنقید نِگار تہٕ شاعر عزیز حاجنؔی صأب چھُ واریاہن کِتابن، مُقالن تہٕ مضمونن ہُند خالِق یُس ازکال ساہتیہ اکیڈمی ہِندِ کأشرِ زبأنی ہِندِ شعبک تہٕ کنوینر چھُ۔ وُچھی تو سہ کمہِ اندازٕ چھُ آنحضورؐ ہِندِس خدمتس منز پننہِ عقیدتک گُلدستہٕ پیش کران:

شمس و قمر کیاہ سارِنے برتر چھُ نبیؐ میون
نِند بازرِک اکھ بے بدل پیکر چھُ نبیؐ میون
اِنج علم بردوش، حِلم شعار تہٕ اُتھی ستی
مادانِ جنگک مردِ دلاور چھُ نبیؐ میون

ہیرِ کنہٕ ذِکر کرنہٕ آمتین شاعرن علاوٕ تہٕ چھےٚ واریاہن معروٗف نعت گو شاعرن ہنز اکھ بوٚڈ تیداد میانین نظرن تل گشت کران یہٕندی موٗلل نعت سانہٕ نعتیہ ادبُک اکھ قابلِ قدر سرمایہ چھُ۔ یہ آو گوڈنچھے وَنہٕ نہٕ زِ یِمن سارِنے ذی عزتھ تہٕ باوقار شاعرن ہُند ذِکر کرن چھُ کِتابہِ ہنز تنگ دامانی مدِ نظر تھوتھ بالکل نامُمکِن تاہم چھُس یہ تِمو منزٕ کینژن معروٗف شاعرن ہندی اسماے گرامی بونہٕ گنہِ دِنچ سعادت حاصِل کرُن یژھان تاکہِ میانہِ دِلچ یہ خلِش ہیکہِ کنہِ حدس تام دوٗر سپدِتھ۔ تم ناو چھِ یتھٕ کنۍ:

سیّد میرک شاہ کاشانی (مرحوم)، لسہٕ خان فِدا (مرحوم)، عبدالقادر آثم (مرحوم)، غلام نبی دلسوز (مرحوم)، غلام حسن نحوی (مرحوم)، عبدالرحمان طالب، گلزار حاجنی، عبدالرحمان آزاد (مرحوم)، منظور ہاشمی (مرحوم)، سید محی الدین نواز، فرحت گیلانی، حکیم منظور (مرحوم)، غلام نبی خوشدل، ایوب صابر، قاضی ہلال دِلنوی، غلام احمد گاش، غلام نبی جوہر، قاضی منظور دلنوی، غلام حسن تسکین، طریف احمد ظریف، غلام محمد غمگین، محمد زمان آزردہ، تنہا نظامی، رنجور تِلگامی، قاضی غلام محمد غمگین، غلام احمد لسہٕ (مرحوم)، غلام قادر شاد، شوکت انصاری، عبدالغنی بیگ اطہر، بشیر چراغ، محمد یوسف مشہور، فاروق نازکی، بشیر اطہر، شہناز رشید، معراج ترکوی، شاد رمضان، شہزادہ رفیق، مجروع رشید، گلشن مجید، انجان کشمیری، ابس راضی، ایاز رسول نازکی، غلام احمد عازم تہٕ زنانہٕ شاعراتن منز رخسانہ جبین، محفوظ جان، نسیم شفائی تہٕ امروزہ رشید ہِشہٕ نعت گو شاعرات تہٕ چھےٚ پنٕنہٕ پنٕنہٕ مقدوٗر مُطابِق نعتکین مقدس زمزمن شولہٕ ناوِتھ سرورِ دو عالم صلعمن پنٕنۍ عقیدت ہٕتی شعری نذرانہٕ پیش کران۔ تاہم چھُ کینژن شاعراتن ہندِ کلامُک نموٗنہٕ تبرکن یمہٕ باب کِس آخرس پتھ شامل آمت کرنہٕ۔

## (۵) کأشرِ پنڈت نعت گو شاعر:

کٔشیرِ منز مذہبی رواداری ہنز قابلِ فخر رِیوایتھ مضبوٗط کرنس تہٕ برٛونٹھ پکہٕ ناوٕنس منز چھُ کأشرِ پنڈت برادری ہُند کردار تہٕ تھکُن لایق روٗدمت۔ خاص کرتھ أدیبن، شاعرن تہٕ قلمکارن ہُند نعتیہ شاعری منز تہِندِ دیتٕچ کتھٕ چھےٚ برٛونٹھمِن صفن منز الگ پأٹھی یِوان کرنہٕ۔ تہِندِ نعتیہ کلام چھُ تاہم جمٕچ صوبکِن شاعرن ہِندِس کلامس ستی امہِ کِنی شامِل آمُت کرنہٕ تِکیازِ تِم چھِ بدقسمتی ستی وُنہٕ کیٚن جمہِ ہِند نِے علاقن منز پنُنۍ گرٕ بار ترٛأوِتھ تہٕ مہاجر بٔنِتھ زِندگی ہِندی دوہ گُذاران۔ تمو منز چھِ واریاہ گرٕ دلی، بریلی تہٕ بیٚیہ کیٚنژن جایَن منز رہائش پذیر۔ اغلب چھُ زِ واریاہن نعت گو شاعرن ہُند کلام آسہِ نہٕ شامِل کِتاب کرنہٕ آمُت تِکیازِ سارِنے شاعرن ہُند نعتیہ کلام ہیوٚک نہٕ دستیاب سپدِتھ، مُصنف چھُ امہِ بابتھ معذرت خاہ۔

کٔشیرِ منز چھُ پتہٕ کالہٕ پیٹھٕ عقیدتی شاعری ہُند رواج اُوسمت، یوٚدوے زَن کأشرِ پنڈت شاعرو منز واریاہو شاعرو پننہِ عقیدٕ مطأبِق شاعری کٔر تہٕ لیلایہٕ لیکھِتھ کرشن جی یَس نذرانہٕ پیش کٔری تہٕ کیٚنژو شاعرو "پننِس کلامس منز بقولِ مشعل سلطانپوری "ویدانتی عقیدٕچن پوشن مالہٕ کرٕمٕژ" چھےٚ تہٕ شُرکی تہٕ واکھ لیکھِمٕتی چھِ تتہِ روٗدی نہٕ تِم آنحضور سرورِ کائنات صلعم تہٕ پننہِ عقیدتمندی ہِندی پوشہٕ گوٗنڈی پیش کرنٕچ سعادت حاصِل کرنس منز کُنہِ رنگہٕ پتھ۔ ابتدائی مرحلن منز یمن کأشرِ بٹن ہِند نعتیہ کلام وَنہٕ کڈنہٕ آمُت چھُ تمن منز چھِ رشید نازکی صأبنہٕ تحقیق مطأبِق ستہٕ رام بٹ نأدِم تہٕ آنند رام ترٛأکی قابلِ ذِکر۔ برٛونٹھہ کُن یمو

پنڈت شاعرو صنفِ نعتس لول بٕرتھ طبع آزمائی کٔر تمن منز چھِ واریاہ شاعر شامل یمو منزٕ کینژن نمائندٕ شاعرن ہُندے اوت ذِکر پیہ یتھن کرنہٕ :

## - ستہٕ رام بٹ نادِم :

مِلرژارک تہٕ بأے برادری ہُند ترجمان شاعر ستہٕ رام بٹ نادِم اوس اکھ رُت شاعر اوسمت یُس عاشق تڑألی (مرحومن) سُند ژاٹھ اوس تہٕ تیمی آنحضورنؐ بڈٕ لولہٕ خلوصہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان نعتن ہندی نذرانہٕ صوفیانہٕ رٔنگس منز پیش کٔری۔ سُہ گوٚو ۱۹۳۵ ییس منز ییمہِ عالمہٕ۔ نعتیہ کلامُک نموٗنہٕ چھُ یتھٕ کٔنی:

ے کیاہ چھُ اول کیاہ چھُ أخر زان تو اسرار عشق
پر ھوٗ الاول ھوالآخر چھُ نوٗن انوارِ عشق



## - پنڈت آنند رام تڑألی :

تڑالک روزن وول آنند رام تڑألی صأبن تہٕ چھِ بڈٕ خلوصہٕ سان نعتکہِ رٔنگی پننہٕ عقیدٕتکی گُل آنحضورنؐ پیش کٔری مِتی بقولِ رشید نازکی صأب "ادب تہٕ نیازمندی چھِ أہندِ نعتٕچ خصوٗصیت۔"

ے أزلے دادبن کردوا یا محمد مصطفےٰ
چھُس بہٕ آمُت باوومید متہٕ کٔرتم نا وومید
بوزتم لوٗلُک صدا یا محمدؐ مصطفےٰ



- پِتامبر ناتھ در فانؔی:

فانؔی صاب زاے وژارناگ سری نگرہ ۱۹۱۹ ہس منز- قریب قریب ڈوڈ درجن شعری مجموعن ہندی تخلیق کار آسنہٕ علاوٕ چھِ تم اکھ بہترین ووستاد تہٕ - تمو چھِ مختلف اصنافن منز شاعری کرنہٕ علاوٕ رٔتی نعت تہِ تخلیق کٔری متہٕ -

ے واو آو مُشکہٕ ہوٚت وایان سرگم زاو یِیلہِ پیغمبر اعظمؐ!!
سَرگم اوس کِنہٕ سورگک زیروبم زاو یِیلہِ پیغمبر اعظمؐ!!



- دینا ناتھ نادِمؔ:

زاو ششیار نگر سری نگرہ ۱۹۱۶ ہس منز أکِس تتھِس گرس منز یِیتہٕ کأشرِ ثقافتچن قدرن لولہٕ متی لاے کرنہٕ یوان أسی، نادِمؔس اوس اُردو تہٕ انگریزی ہندِ ادبک گہر مطالعہ تیچ چھاپ تہندِس کأشرِ کلامس منز تہٕ ٹاکارٕ پأٹھی لبنہٕ یوان چھےٚ، تمو دِیت کأشرِ شاعری اکھ نوٚو طرح یَس اَسہِ بزٕنہ کنہِ تمٕی سنٹروسانٹو، ہائیکو تہٕ باقی آزاد نظموٕ نگی آیہٕ - تم گٔر نعت لیکھنس کُن جناب رشید نازکی صأبن مأئل ییمہِ پتہٕ تمو پنٕژ گوڈنچ نعتیہ سانٹ لیکھنچ سعادت حأصل گٔر، گوڈٕنکی زٕ ے شعر پٔرتھ چھُ نادِمؔ سٕندِس اندازِ بیانس داد پیوان دِنی:

ے تصوٚر تہندِ رویک آو مُشخص گوٚو گُلابک رنگ
تہندی پھولٕنی ڈکھن دیُت اوٚبروے گاشری سنگر مالن



- پریم ناتھ شادؔ:

شادؔ زاو ۱۲/اپریل ۱۹۳۴ ہس منز قاضی باغ گامس منز- کأشرِ زبان تہٕ کلچرٕک

ژُکہٕ در پریم ناتھ شادٓ صأنہِ زاجاے چھےٚ قاضی باغ بڈگام (کشمیر)۔ وُنہٕ کینہہٕ چھہِ بن تالاب جمہِ جلایہٕ وطنی ہندی دوہ گزاران، تم چھہِ پیشہٕ کنہِ ووستاد روٗدمتی۔ کٔشیرِ ہندِ ہجرُک نار چھہِ شعروٚ ذٔریہٕ ژھیوراُوِنچ کوشش کران۔ کٔشیرِ ترٛاوٕنک منظر ییمہِ آیہٕ تموٚ پننہِ اکہِ نظمہِ ''تہٕ دراس'' منز نظموومت چھُ سُہ چھُ مثألی تہٕ قابلِ توجہ تہٕ :

- گُل گرِچ گرٕ ویٹھ منسأوِم تہٕ دژاس
وأنسہِ ہنز ارزتھ تتی ترأوِم تہٕ دراس

شادٓ چھُ یژھہِ پژھہِ ستی آنحضورنٛ بڈٕ عقیدت تہٕ احترامہٕ ستی پننہِ نعتُک، نذرانہٕ پیش کران :

- شفیع المذنبین خیر الوریٰ چھُو بشارتھ با سعادت یا محمدؐ !!
ادب رٔچھی رٔچھی پرٛن ہیوٚ چھ نعت شادنٓ کرُس اصلُک ہدایتھ یا محمدؐ

یا
- ادبہٕ سان آنسر ورس محبوب یزدانسؐ سلام
شاہِ مرسل شان وألس جانِ جانسؐ سلام
شفیع محشر مصطفیٰؐ، پیکر صبرو رضا
جلوٕ گر عالی مُقام شمع فروز انس سلام



## -موہن لال کول آتشؔ :

کاشرِ زبان تہٕ ادبُک اکھ مونمت محقق تہٕ اکہِ تھدِ پایُک کاشرِ شاعر موہن لال آتش گوٚو کینٛہہ ؤری بڑ وٕنہہ بحیثیت زونل ایجوکیشن آفیسر سبکدوش۔ واریاہن تحقیقی کِتابن ہُنٛد تخلیق کار آتش چھُ اکھ سنجید قلمکار، مورخ تہٕ تبصرٕ نِگار تہٕ سُہ چھُ پانس

منز اکھ ادبی انجمن شروپژاوتھ باسان۔ سبز رتہٕ پزر، خلوص تہٕ ایثار، راواداری تہٕ انسان شناسی چھِ تمہٕ سنز شخصیتکی اہم رنگ ییمہٕ تمہٕ سنزِ شاعری منز تہٕ ژھٹہٕ ماران چھِ۔ نعتُک اسلوٗب تہٕ چھُس جداگانہٕ تہٕ توجہِ طلب:

ستن کوٗنن وتن روٗزتھ نگہبان　　　ستن داربن اندر زولُم شمع داں !!

ازأنس پاس لِللہ کرِپنٕز زان　　　وندے ستھ گاش ٹاٹھوُیوٗری یِکھنا

آش صأب زاو تِکو فیملی منز وِجبہارِ ۴ راپریل ۱۹۳۷ ہس کیُت، سُہ چھُ ٹرینڈ پوسٹ گریجویٹ تہٕ اُردوہس منز چھُن آنرز تہٕ کۄرمُت۔



## - نارائن کول یار باش:

زانسہٕ: ۱۹۳۷، زاجاے بوٗگام کولہٕ گام کشمیر۔ مرحوم یار باش صأبن اُسی کینٛہہ پنٕز نعت شریف مے اسیر کشتواڑی صابنہٕ دِسی سوٗزِمتی تہٕ تمن یتھ کتابہٕ منز شأمل کرنٕچ خاہش ظأہر کرمژ، تہٕ پتہٕ گیِ تم ییمہٕ عالمہٕ۔ وُچھو تم کمہٕ عقیدتہٕ سان چھِ وژھِ وأنجہٕ رسولِ نازنینٔ پنٕنہٕ نعتچ ڈالی سوزان:

نظر کر یا رسول اللہ　　　فقط ژے کُن کۄرُم سرخم

برابر یا رسول اللہ　　　یہٕ چھُس اتھ لولہٕ نوٗقطس پٹھ



## -مکھن لال بیکس:

زاے قرہٕ فلی سری نگر کِس محلس منز ۱۹۳۹ ہس منز۔ تألیم کِس محکمس منز اُسی تم ووستاد سنٛدِ حیثیتہ کأم کران۔ اَمہٕ علاوٕ روٗدی تم آلا انڈیا ریڈیوہس منز تہٕ بہ حیثیت نیوز ریڈر کأم کران۔ تہنٛدِ کأشر نعتُک نموٗنہٕ چھُ یہ:

۵۔ ہنہٕ وَنہٕ اَسہِ گٹہِ چأنی منہٕ کامن      روٗٹ چونٛ دامن کرسون پاے

گٹہِ منٛزٕ ژھ تہٕ گاشہِ کہِ آگرٕ!!      ژھٹہٕ منٛز سٗدرس اَسہِ دِتہِ تار



## - پی این کول سأیِل :

ولادت : شالہٕ کدل سری نگر، ۲۲ رفروری ۱۹۳۸ء - حال دُرگا نگر جموّم۔ بہترین تہٕ مأنی متی ووستاد تہٕ واریاہن کِتابن ہنٛدی مُصنِف۔ پرٛتھوی ناتھ کول سأیِل صأب چھِ سأنی بُزرگ شأعریم مأری مٗنٛدی تہٕ عقیدت بٔرتی نعت تہٕ لیکھان چھِ:

۵۔ چھُس گدا ڈیڈِ تل بوزتم زار      یا رسول اللہؐ ہاو دیدار

گژھم مہربان چھُس گنہگار!      یا رسولؐ اللہ ہاو دیدار



## (۶) کینٛژون نمایندٕ صوفی شأعرن ہنٛز نعتیہ شأعری ہنٛدی نمونہٕ :

اسلأمی تصوّفچ بُنیاد چھےٚ دراصل ترٛین کلیدی تصوّرن پیٹھ قائم یمن منٛز توحید، رسالت تہٕ عشق شأمِل چھِ، کٔشیرِ منٛز ووٚت یہ فلسفہٕ تہٕ ایرانہٕ پیٹھ یُس ژوداہمہِ تہٕ ارداہمہِ صدی تام پوٗرٕ پأٹھی ییتہٕ مقبوٗل سپُد۔ اتھ کاروانس منٛز سپدی وِزِ وِزِ نامور شأعر شأمِل یِہنٛد گوڈنکین صفن منٛز ذِکر کرنہٕ چھُ آمُت۔ تاہم چھُ تِہنٛدین نعتن ہنٛد نمونہٕ تہٕ تبرکاً پیش یِوان کرنہٕ۔

### - سوچھِ کرال :

زاسنہٕ ۱۷۷۵ء، وفات ۱۸۵۵ء - اکھ تھود صوفی شأعر یُس ییندر (پلوم) گامس منٛز

زامُت اوس تہٕ مومن صأبن شاگردٕ اوس۔ تِمس تہٕ آسہٕ وحدت الوجود فلسفس پیٹھ یژھ پژھ، کرال صأبنہٕ شأعری چھےٚ تھذبن روٗحأنی تجربن نوبن شعرن منز زیو دوان۔

ے یِیلہٕ محمدؐ کھوٚت پیٹھ عرشس پیٚالہٕ ہتھ حوٗرٕ پیاران آسس

انٛدٕ وٕنٛدٕ چھس بنٛدٕ بردارے رچھ نارے ملک الجبار



## -نعمہٕ صأب :

اصل ناو محمد نعیم، زا جاے، حبہ کدل سری نگر، زاسنہٕ ۱۷۷۵ءٕ وفات۔ ۱۸۸۰ءٕ یا ۱۸۶۵ءٕ بقولِ محمد یوسف ٹینگ "نعمہٕ صأبُن سوٗرے کلام چھُ سُر ساگرٕ منز لیہٕ ہنٛدی پمپوش ہیٚو زن پھٹان" سرنامہٕ نعمہٕ صأب۔ (مرتبہ ڈاکٹر محفوظٕ جان)۔ نموٗنہٕ کلام:

ے اول آو نورِ محمدؐ عشق اوسے جاری یے

اِد آو حضرتِ آدم، آدم آو یژ کاڈی یے

سگ درگاہ شُما، نعمہٕ چھےٚ سوالی یے

اکھ نظر چأنٛی چھم بس پانہٕ چھُس دِس خالی یے



## - رحیم صأب سوپوری :

زاسنہٕ ۱۷۷۵ءٕ وفات ۱۸۴۰ءٕ اَمس بزرگ شأعرسٕنٛد کلام چھِ باس دِوان زِ سُہ اوس سراپا عشق محمدیؐ منز مستغرق سیٚدمُت یِوٚکِنی بقولِ ڈاکٹر محفوظ جان سُہ : "باضے چھ خدایی نوٗرس منز تہٕ حضوٗرنٛ ہنٛدٕ جلوٕ ڈینٛشان تہٕ امیک احساس وٕتلتھ مختلف طریقو شعرن منز بیان کران:

ے
محمدؐ لا گتھ بازار دراو | درس احمد کوٗرن ناو
چانہِ کُنرُک چھم قسم !! | کُنرس کُس سناہیہِ ناو

(کُلیاتِ رحیم صأب، ۲۰۰۶ء)



## - شاہ غفور:

اوس بڈِ گامہِ نزدیک چھون گامس منز روزان، سُہ گوٚو ۱۸۵۵ء یَس منز ییمہِ عالمہٕ:

ے
سُہ اوس پانے ونے کیٛاہ | وَھُوَ مُعلَمہٗ بوزُم کنے !!
گاہ اوس پانے ونے کیٛاہ | گاہ اوس درویش پھرِتھ گنے
سُہ اوس پانے ونے کیٛاہ | گاہ اوس گرِدس گاہ اوس وبوٗنے



## - شمس فقیر:

محمد صدیق بٹ شمس فقیر زاو چنکرال محلہ سری نگرٕ ۱۸۳۹ء یَس منز۔ سُہ چھُ صوفی شاعری منز فِکر ہِندِ وُڈہٕ کنہٕ اکھ ممتاز مُقام تھاوان۔

ے
نیرِتھی یِ رۄو کران | مکہ مدینس بَر چھِ وٕتھی یے
یا ے
مُقام محمود سَپدی ظھوٗر | أچھو بوز کھ تہٕ کن وُچھنے
بہٕ کیٛاہ ونے یِی گوٚو ظھور | رفتار گُفتار تتھ جایہِ چھے



## - رحمان ڈار:

اوس چھتر بل سری نگر روزان۔ سُہ چھُ محمود گأمی سُند ہمکال اوسمت۔ زاسنہٕ سپُد نہٕ مولوٗم البتہٕ دِیان سُہ گوٚو ییمہِ عالمہٕ ۱۸۷۵ء یَس دوران۔ تٔمی تہٕ چھِ زندگی ہِندی

تجربہٕ سری باوژ ژٕنگی صوٗفیانہٕ شاعری منز پیش کری متۍ۔

ے چھُس بہٕ چون غولام داغدارے سلام بوز عرشہٕ کے تاجدارے



## - وہاب کھار:

زاسنہٕ ۱۸۱۰ء، وفات ۱۹۱۰ء، سُہ اوس کھرٕ شارٕ روزان۔ تصوفکہن مسلن تہٕ زاوی جارن ہنز اُسس پۆرٕ پۆرٕ زان آسمٕژ۔

ے کریو روتہٕ روٗ مالو تاجدار سون معراجس وژاو



## - صمد میر:

زاجاے نمبل ہار (بڈگام) زاسنہٕ ۱۸۹۶ء وفات ۹ رجنوری ۱۹۵۹ء۔ صمد صابُن یہ نعت چھُ سارے ریاستس منز مشہور سپدمت۔

ے قد چونے وُچھ مے بالا یا محمد مصطفیٰؐ

حدولاحد عرشِ بالا !! یا محمد مصطفیٰؐ



## - احمد بٹوٲری:

احمد صاب اوس وہاب کھارس، شمس فقیرس تہٕ واز محمودس ہمعصر، پننہٕ سری تہٕ صوفی شاعری علاوٕ چھِہن وژن طرزس پیٹھ نعت تہٕ وٕنی متۍ:

ے انبیاؑ منور چانہٕ دربارے !! شاہ سرکارے وندیو جان

ختم المرسلین چھُکھ تاجدارے شاہ سرکارے وندیو جان



**- احد زرگر:**

صوفی شأعری ہُند تھوٚد مینار یُمس پیٹھ بقولِ امین کأمل صاب ''یہِ شأعری فی الحال ختم چھےٚ گژھان باسان'' تہٕ یمی لرزاون شأعری ہُند عنصر تہٕ صوٗفی شأعری منز دأخل کوٚر۔ تمی سُند وژن طرزس پیٹھ اکہِ نعتُک چھُ یہِ نموٗنہ:

چھُس یہ تنگدس بے نوا بے کس — حضرت نبی ٔمیون فریادرس
کُس چھُم تَس سِوا حال باوس! — حضرت نبی ٔمیون فریادرس



## (۷) کشیرِ ہنٛزٕ زنانہٕ شأعرتہٕ تِہنٛد نموٗنہ کلام:[۱]

**خاتون بانو ضعیفہ:** ولادت ۱۹۰۶ء، وفات ۱۹۹۳ء

السلام اَے صاحبِ معراج بَرتو السلام
السلام ژٕ ے سون چھُکھ سرتاج بَرتو السلام



**-نسیم شفائی:** ولادت: ۱۹۵۲ء

ژون یارن ہُند یار محمدؐ!! — دِلگیرن غمخوار محمدؐ
میأنہٕ گوناہ گأری سَتھ پوٗشن — آمہٕ پنٕے دیہٕ تار محمدؐ



---

[۱] استفادٕ: کأشری نعت، عزیز حاجنی

- رخسانہٕ جبیٖن : زاسنہٕ : ۱۹۵۵ء

ے صُبح شام دوہ راتھ وردِ زبان چھُم اسم محمدؐ مے دادٕن دوا



محفوظ جان : ولادت ۱۹۷۱ء

ے سِتم دردلم یا رسولِ خدا !! نِگاہِ کرم یا رسول خدا !!
دِلس منز مے محفوظ چھُم یاد چأنی یہِ آسُن نہٕ کم یا رسول خدا



- افروز رشید : ولادت ۱۹۸۲ء

ے ژٕے شۆبی سلاما مُژھج یا محمدؐ
ژٕے ہش کس نظر چھےٚ شٕہج یا محمدؐ



# جمہٕ صوٗبس منز کأشرِ نعتُک آغاز تہٕ ارتقاء

یہِ کتھ آے برونٹھے وَنہٕ ہناونہٕ زِ کأشرِ نعتیہ شأعری پیٹھ پیوٗ عربی تہٕ فارسی نعت گو شأعرن ہِندِ علاوٕ برصغیرکین اُردو نعت گو شأعرن ہِندِ کلامُک تہٕ ژور اثر، یتھے کٔنی پیوٗ جمہٕ صوٗبکین نعت گو شأعرن ہنزِ نعت گویی پیٹھ تہٕ مذکوٗرِ زبانن ہِندیو نعتو علاوٕ کٔشیرِ ہِندین فارسی نعتن ہُند بوٚڈ بارٕ اثر یُس تِہندِس کلامس منز ٹاکارٕ پأٹھی دژ یِنٹھ گژھان چھُ۔

جمہٕ صوٗبہٕ کین کأشرِ نعت گو شأعرن ہِندِس کہکشانس منز یِم پرزلوٚنی تارکھ شأمل چھِ تِہندی ناو چھِ یِتھہٕ کٔنی۔ (سنہِ پأدایشہِ حسابہٕ)

مولانا احمد بانہالی، ظریف شاہ پونچھی، اعما بانہالی، ضیا کشتواڑی، پیرمحی الدین محی، احقر بھدرواہی، کامگار کشتواڑی، رسا جاودانی، مولوی عبدالحلیم قریشی حلیم، تحسین جعفری، عبدالستار ڈار بانہالی، نشاط کشتواڑی، عبدالاحد بٹ پونچھی، عبدالجمال نائک (ڈونی گام حویلی پونچھ)، مولوی غلام احمد اندرابی، شوکت فریدی، الفت کشتواڑی، اسعد بھدرواہی، طالب بھلیسوی، وفا بھدرواہی، سید پیر محبوب شاہ

اندرابی، خواجہ عبدالغنی وانی (دلواہ) گول، غلام قادر میر راجوری، عبدالحی خاکی (بانہال)، شیدا بانہالی، بشیر بھدرواہی، مرغوب بانہالی، غلام رسول شاہین بانہالی۔ فدا کشتواڑی، منظور بھدرواہی، غلام رسول قمر (منگنار پونچھ)، شاکر بانہالی، مشتاق فریدی، رحمت بانہالی، خواجہ ثنا اللہ بٹ مضراب پونچھی، عبدالمجید وانی بیداد گولوی، شہباز راجوروی، فدا راجوروی، عبدالرشید رینہ راجوری، غلام علی جوہر فریدی، شمس الدین شمس بھلیسوی، غلام رسول جواد بانہالی، عبدالجبار زائر بھدرواہی، غلام محمد خان دلفگار بانہالی، وزیر محمد خان وزیر بانہالی، سجاد پونچھی، ساغر صحرائی، بشیر میر پونچھی، رند بھدرواہی، غلام حیدر وانی حیدر گولوی، مسکین دلنواز گولوی، تسکین بڈانوی، منشور بانہالی، حسرت کشتواڑی، بشیر حسین بٹ (منڈی پونچھ)، منظور پوگلی، حسن بانہالی، طالب حسین بے تاب بھدرواہی، شبیر احمد قاضی شاذ شرقی، غلام تقی ساقی (منڈی پونچھی)، ظاہر بانہالی، امین بانہالی، غلام حسین ناشاد بھدرواہی، اسیر کشتواڑی، عبدالغفار جاںنثار بانہالی، شمس الدین وانی مجرور، قیوم راز ویری، پرویز ابن طیب، ناز نظامی (بھدرواہ)، مضروب بانہالی، مختار ثاقب راجوری، عبدالوحید میر، شیخ محمد حفیظ فرقان آبادی، یوسف بانہالی، ارشاد فرقان آبادی، عبدالغنی آہنگر (مڑوا کشتواڑ)، گوہر بانہالی، ثاقب بانہالی، سعید شاہ غازی گولوی، منظور احمد مولوی (ادھیان پور ڈوڈہ)، محمد مشعل شاداں چکہ بھدرواہی، غلام محمد خاکسار بھدرواہی بیترِ۔ یمن شاعرن علاوٕ تہٕ آسن کینٛہہ شاعر نعت لیکھان یمو کلام سوزِنس منز تغافل ورتوو۔

یتہٕ چھِ کینٛہہ کاشُر پنڈت باے تہٕ نعت گوئی کران۔ یِہُند ذکر علیحدٕ پأٹھی کرنہٕ چھُ آمُت۔ کٔشیرِ ہِندین نعت گو شاعرن منز یِوٕ دوٕے رخسانہ جبینؔ،

محفوظ جان، نسیم شفائی تہٕ افروزہ رشید ہشہٕ شاعراتہٕ رسول نازنین نسوانی لہجہٕ تہٕ محتاط انداز س منز بجہٕ ییژھ پژھہ سان پننہٕ عقیدتکی گل نذرانہٕ رنگی پیش کران چھے تتہٕ چھے جمی صوبچہ کینہہ زنانہٕ شاعرتہٕ سیدی ساد پاٹھی آنحضورنہ ہندس درگاہس منز نعتچ ڈالہٕ پیش کران یمن منز حاجرہ پرواز گول، میر جان بانہالی، شمیمہ دیو، شمیم اختر خان بانہالی تہٕ مہتاب بیگم مغل بھدرواہی شامل چھے۔

بالہٕ یپأرِمبن تقریباً سارِنے شاعرن ہُند نعتیہ کلام چھُ یتھ کتابہٕ منز شامل آمُت کرنہٕ۔ پرن وألی ہیکن پانے یہنٛدِ کلامکین محاسنن تہٕ خوبین ہُند انداز لاگتھ۔ تاہم ییہ ییتہٕ نس کینژن شاعرن ہُند اکھ موخصر تعأرفی خاکہٕ تہٕ تہنٛد بن نعتن ہنٛدی کینہہ شعر نموٗنہٕ رنگی پیش کرنہٕ۔ تاکہ کأشرِ زبان تہٕ ادبکین تحقیق کارن علاوٕ ہکن طألبِ علمن ہنٛدی تہٕ کم کاسہٕ ضرورتھ پوٗرٕ سپدتھ تہٕ کأشرِ نعتیہ ادبس تہنٛدِ قأبلِ قدر تخلیقی دیتیک تہٕ امہٕ مقدس صنفہٕ ہنٛدس جمی صوبس منز ارتقاہُک تہٕ ہیکہٕ انداز سپدِتھ۔

یہٕ کتھ چھے ژیتس تھاوٕنی لایق زِ بالہٕ یپأرِم تقریباً سأری شاعرتہٕ اُدیب چھِ صدیو پیٹھ پسماندٕ تہٕ دشوار گذار علاقن منز تھد بن بالن ہنزن کوچھن منز جایجایہٕ چھکرِتھ تہٕ پننہٕ ثقافتی مرکزٕ نِشہٕ دوٗر آسنہٕ کنی علمی تہٕ ادبی وسیلن تہٕ کُتب خانن بیترِ سہولیژ ونِشہٕ محروٗم روٗدمتی۔ کانہہ موزون سمن بلاہ میسر نہٕ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ چھُ ازیک تام یمن علاقن منز شاعرن تہٕ اُدیبن ہند اکھ بوڈ کاروان بارسس آمُت یُس وو پرزبانن ہنٛد بن طوٗفانن ستی مُقابلہٕ کران کران پننہٕ ماجہٕ زیوٕ وِزٕ وِزٕ مقدوٗرٕ مُطابق لول بران روٗد تہٕ اُمی کِس شعری تہٕ ادبی سرمایس ہُر بر کران تہٕ پوچھر دِوان روٗد۔ یمن خوش بخت پیشکارن تہٕ باتی رہرون منز چھِ اعما بانہالی،

کامگار کشتواڑی، ظریف پونچھی، احقر بھدرواہی، رسا جاودانی، تحسین جعفری، نشاط کشتواڑی، جانباز کشتواڑی، وفا بھدرواہی، مشتاق فریدی، عبدالجمال ڈون گامی، مرغوب بانہالی، منشور بانہالی، شہباز رازیروی، فدا رازیردی تہٕ راقم اطروف بشیر بھدرواہی ہیٚو شاعر شامل یہند بن نعتن ہنز گرز بالہٕ یپارٕ علاوٕ بالہٕ اپارٕ (کٔشیرِ تہٕ کٔشیرِ نبرٕ تہٕ لۆکن ہند بن دِلن سرۆد تہٕ اُچھن تراوٹھ بخشان روزان چھےٚ۔

یہ تہٕ چھےٚ اکھ حقیقتھ زِ ثقافتی سرمایہ کٕبن ہیٚین انہارن ہندی پاٹھی اٗنی کاشرِ مہاجرو، مزورو، تجأرتھ پیشہٕ لۆکو تہٕ مظلوم کاشرِ بو نعتک مقدس صنف تہٕ پانس ستی یتھ تم دِلن منز جاے کران اٗسی اوٕ کنی زِ تم اٗسی آنحضورؐ ہُند لول برنے پٔنہٕ نجاتُک بوٚڈ ذری یہ مانان تہٕ پُر آشوب حالاتن منز اٗسی تم نعت وٕنتھ یا بوٗزتھ پٔنہٕ ووندُک بار لوٚژ راٚوِتھ ہبکان تہٕ کیازِ یہے اکھ صنف اٗس تہندس مزاجس تہٕ براہِ یوان تہٕ تمن تشفی تہٕ اطمینان تہٕ بخشان۔ فارسی، اُردو تہٕ کاشرِ نعت پکی لگہٕ باتھن ہندی پاٹھی سپنہٕ تہٕ سپنہٕ بڑو ٹھمبن پوہین تام یوٚت تام نہٕ یمن علاقن منز مُقامی نعت گو شاعر پادٕ گیہ تہٕ چھاپ سپدمت کلام یوروٚت۔

یہ تہٕ چھُ پزر زِ ہیٚر کنہٕ درج کرنہٕ آمتین سارِنے شاعرن ہُند کلام ہیکون نہٕ فی الحال اٗسی ادبِ عالیہس منز شمار کٔرِتھ اَماپوٗز تمن منز چھِ درجن واد شاعر یتھی تہٕ یہند کلام اٗسی مین سٹریم کٕبن گوڈنکہٕ درجہٕ کٕبن شاعرن ہندِس کلامس لرِ لوٚر رتھاوِتھ ہکون۔ تہند نعتیہ کلام پٔرِتھ ہکن قاری حضرات پانے کانہہ مُناسب راے قائیم کٔرِتھ۔

## (ا) جمی صوٗبکی نمائندٕ کأشرِ نعت گوشاعر:

جمی صوبکین نعتن منز تہٕ چھِ رِوایتس بڑونہہ کُن پکناوِتھ بالعموم تمے اِظہارِی روشِیہِ پانہِ ناونہٕ آمتی یم عام کٔشیرِ ہندبو نعت گوشاعرو وقتہٕ کین حالاتن ہنز ترجمأنی کران پٔنن دود، دوکھ درد تہٕ فریأدی رٔنگی بڈٕ عقیدتہٕ تہٕ عاجزی سان وِزِ وِزِ آنحضورؐ ہندِس خدمتس منز پیش کٔرِمتی چھِ۔

### - مولانا احمد بانہالی : زا جاے کسکوٹ بانہال، زاسنہٕ نا مولوٗم، وفات ۱۳۰۱ھ (بہ مطابق ۱۸۷۶ء)

مولانا موصوف اوس پننہِ وقتک اکھ بہلہِ پایک شاعریس فارسی تہٕ کأشرِ زبانن منز شاعری اوس کران۔ تمی چھِ فأرسی علاوٕ کأشرِ زبأنی منز تہٕ نعت لیکھمتی۔ فارسی نعتک نموٗنہٕ چھُ جمی صوبکین فأرسی نعت گوشاعرن ہندِس حصس منز درج کرنہٕ آمت اَماپوٗز تہندِ کانہہ کأشُر نعت چھُنہٕ دستیاب سپدمُت۔ احمد بانہالی اوس محمود گأمی سُند ہمکال تہٕ رسول میرُن ووستاد۔ سُہ چھُ خطہٕ چنابک گوڈنیک کأشُر شاعر مانہٕ آمت۔



### -ظریف شاہ :

اوس بقولِ عبدالاحد آزاد پرٕ ژھک روزن وول تہٕ مونجہِ بل -کنی اوس اکثر کٔشیرِ تران روزان۔ سُہ اوس ولی اللہ متو سُند ملوکُک رہبر تہٕ۔ آزاد چھُ تمِس ظریف خان ناوٕ یاد کران۔ غلام نبی آتش سُندِ وننہٕ مُطأبِق چھے نعت وننہٕ وَن لیکھنٕچ ریوایتھ ظریفن قائم کٔرمٕژ"۔(شیرازٕ ۱۹۸۴ء، ظریف خان تہٕ تسنٛز شأعری) آتش صابُن

چھِ ظریف شہنِ کیٚنہہ نعتیہ شعر ونہٕ کڈٕ متی - نموٗنہٕ کلام:

لولاک نازِل ژے سپانے　　　افلاک سورے ساَل گاہ چون

ملکو کوٚر ہے چاکر تونے　　　سونے یِکھنا ونِہ ہوے کرون

منشوٗر بانہالی سُنِد ونۍنہٕ مُطابِق چھُ ظریف نِس نعتس بالہٕ یپارِم لہجُک انہار ہیٚو باسان یُیمہِ سَنٛز ظریف شاہ ہٕنِدِ بالہٕ یپارِم آسُن خارج از امکان ہیکہِ نہٕ اُستھ۔

(''جیٖمہِ صوٗبس منز کاشرِ زبان و ادبُک توارِیخ''، ساہتیہ اکیڈمی ۲۰۰۱ء، ص ۷۷)



**- اعما بانہالی:**

عبدالرحیم اعما بانہالی صابس مُتلِق چھُ جمی صوٗبکِن فارسی نعت گو شاعرن ہٕنِدِس حِسَس منز تفصیلی طور کتھ آمِژ کرنہٕ۔ تاہم چھُ بقولِ منشور بانہالی ''جیٖمی صوبس منز کاشرِ شاعری ہنٛز سو اولین تہٕ معتبر آواز یمی یتھ خِطس منز شعرو ادبکس پائیدار تہٕ وُسوار ادبی رِیوایتس کن دیُت'' (کاشرِ زبان تہٕ ادبُک توارِیخ)

اعما صاب اوس پوٚختہٕ کار شاعر تہٕ مثنوی نِگار یمی مختلف شعر صِنفن منز پننہٕ تخلیق کاری ہُند کمال ہٚوو۔ تمی وُنی فارسی تہٕ کاشرِ زبانٕی منز نعت تہٕ منقبت یم ''مثنوی گُلبدن''، منزٕ شامِل چھِ۔ نموٗنہٕ پاٹھی چھِ کیٚنہہ شعر درج یِوان کرنہٕ:

یا نبیؐ جانِ حزیں چھم در عذاب　　　رشکِ مہ روے ہاوتم اِمشب بخواب

یا رسولؐ اللہ پریشان حال چھُس　　　بے سروسامان گوٚمُت خارو خراب



**- پیر محی الدین محی کشتواڑی: (زاسنہٕ : ناموٗلوٗم، وفات ۱۳۳۷ھ بہ مطابق ۱۹۱۷ء**

محی الدین محی أسی حضرت ضیاالدین ضیا کشتواڑی ہٕندی فرزند، یمو فارسی نثرس منز روضۃ العارفین ہِش شاہکار تصنیف تخلیق کٔرمٕژ أس یتھ منز حضرت شاہ فریدالدین بغدادی تہٕ تہند بن فرزندن ہنز زِندگی ہٕندی واریاہ گوشہٕ گاشراوان آمتی چھِ۔ ضیا صاٗب سپدی ۱۳۱۱ھ (۱۸۹۲ء) منز فوت۔ تمو تہٕ چھِ فارسی تہٕ اُردو زبانَن منز شعرگویی کٔرمٕژ۔

پیرمحی الدین محی ہٕنز یادگار تصنیف چھےٚ ''گلشن اِسرار'' یوس ۱۳۳۱ھ بہ مطابق ۱۹۰۱ء یَس منز حکیم سعد شاہ صاٗبن چھاپ کرنۄ و۔ یہٕ چھےٚ دراصل ''روضۃ العارفین'' کِتابہِ ہُند کأشر زبأنی منز منظوٗم ترجمہٕ یُس فنی لحاظہٕ تہٕ اکھ قابلِ قدر تصنیف چھےٚ۔ اتھ منز چھِ کُل ۵۹۱ شعر یمن منز ۱۳۱ شعر مناجات، نعت تہٕ منقبتن پٮ۪ٹھ مُشتمل چھِ۔ محی صاٗب چھِ جمی صوٗبکبن شاعرن ہنزِ گوڈنچہِ صفہٕ منز شامل یِوان کرنہٕ۔

تہٕندی کأشرِ نعتیہ شعر چھِ یتھ ہِوی :

جلوہ گر پانہٕ احد تۄن دراو — نورِ احمد کۄرُن تتھ ناو

یا الٰہی از عشقِ احمدؐ — کرمےٚ فانی در نورِ احمد

یا رسولؐ سوال قبوٗل — کرتہٕ چھس دِل ملول



- **احقر بھدرواہی :** عبدالغفار خطیب احقر بھدرواہی : زاسنہٕ ۱۸۷۸ء بہ مطابق ۱۳۰۱ھ، وفات ۱۹۵۶ء بہ مطابق ۱۳۷۷ھ

احقر بھدرواہی چھُ بھدرواہکہِ خطیب خاندانک اکھ پزلۄن تارُکھ یِیمہِ ناسازگار حالاتن ہُند مُقابلہٕ بڑِ ختہ پیشانی سٟتی تہٕ جرأت تہٕ صبر سٟتی کۄر۔ سُہ چھُ بھدرواہ

علاقُک گوڈنیُک شأعر ماننہٕ یوان۔ تیمی کأشرِ اُردو پنجابی تہٕ گوجری زبانن منز شعر گویی کٔر۔ احقر سُند کلام آو "غزلیات بزبان کشمیری" ناوٕ ۱۹۴۷ؔ برٛونٛٹھے آفتاب عالم پریس لاہور پیٹھٕ شائع کرنہٕ۔ یتھ منز آٹھ غزلہٕ، اکھ مناجات تہٕ اکھ منقبت شأمل چھےٚ۔ احقر صأبن اُردو تہٕ کأشر نعتیہ کلام تہٕ اوس ۱۹۴۷ؔ برٛونٛٹھ پہن لاہور سوزنہٕ آمُت۔ یٚیمیُک ذِکر تمو مذکور کتابچس منز تہٕ کوٚرمُت اوس۔ اماپوٚز یہِ سورُے کلام سپُد فسادا تن منز ضایہٕ۔ یہِ کینٛژھا بأقی مواد اوس سُہ سپُد خطیب خاندانچہ لاپرواہی تہٕ عدم توجہی ہُند شِکار تہٕ بِسیار تلاشہِ باوجوٗد آو نہٕ کینٛہہ اتھِ۔ حالانکہِ راقم الحروفن چھ پانہٕ تہٕ احقر صأبن نعتیہ کلام (غأرمطبوعہ) وُچھمُت یُیمکہِ ضایہٕ گژھنُک تمِس سبٹھاہ دوکھ چھُ۔ مرحوم سُند پنجابی کلام تہِ چھُ "مجموعہ اشعار" ناوس تحت شائع سپُدمُت یٚیلہِ تم حیاتے اُسی۔ احقر اوس پونٛچتہٕ کار شأعر یُس اعما بانہالی سُند ہمکال اوس۔ اتفاقہٕ سٟتی چھِ یہندس کلامس منز پانہٕ وأنی دوٗر آسنہٕ باوجود تہِ ہشر۔ تہندِ اکہِ غزلُک شعر کوتاہ مأری موٗند چھُ:

نگارو بے وفا دُنیا جُدائی دون کرن بمبرو
مےٚ چھم غم ہردنے واوے تھربن ماگُل ہرن بمبرو

احقر سنٛزِ شأعری اُسی مقبولیتکی بام پژأوٕمتی۔ یوٚدوے زَن رسا اتھ مأدانس منز قدمے ترٛاوان اوس۔ تمی سٟندِس کلامس منز چھُ صوٗفیانہٕ رنگ نمایاں۔ یتھ مقأمی انہارن منز استعمال کرنہٕ آمٕژ ترکیبہٕ تہٕ تشبیہہ نِرٚل طرح عطا کران چھےٚ۔



**- غلام رسول کامگار کشتواڑی** : زاسنہٕ ۱۳۰۵ ھ بہ مطابق ۱۸۸۸ءزاجائے : کشتواڑ، وفات : ۱۹۸۴ء

کامگار صأبن ذِکر چھُ کِتابہِ ہِندِس ''جمی صوٗبکی فارسی نعت گو شاعرن'' ہِندِس جھس منز کرنہٕ آمُت۔ معروٗف نعت گوشاعریمی فارسی، اُردو تہٕ کاشرِس منز نعت لیکھی، تہنز نعتیہ شعر سوٗمبرنہٕ ''ارفعانی مدینہ'' ہَس منز چھِ ۱۳۲ نعت یمن منز ۱۲ نعت فارسی، ۵۶ نعت اُردو تہٕ کاشرِ پأٹھی ۶۴ نعت شأمل چھِ آمتی کرنہٕ۔ یتھ نعت آسن خالے کأنسہِ شاعرن جمی صوٗبس منز ازتام لیکھمتی۔ تِمو چھِ واریاہن فارسی نعتن ترجمہٕ کٔرئمتی یا تہندی تضمین لیکھمتی۔ تِمٔ أسی عشقِ رسول اللہؐ ستی سرشار تہٕ تہُند قریب قریب سورُے کلام چھُ اتھے مرکزس أندی پکھی وحاطہٕ کٔرتھ۔

اکھ بوٚڈ دینی عألم، مومُت سماجی کارکُن، دیندار بزرگ واعظ تہٕ مُبلغ، حلیم ابطع تہٕ خوٚش اخلاق تہٕ مُتحمِل مزاج اِنسان یُس سرکاری مُلازمتس دوران اکہِ شجرکش ہِندِ عہدٕ پیٹھ نائب تحصیلدأری تام ووت، اوس خوش نویسی تہٕ خطاطی ہِندِس فنس منز یکتاے روزگار۔ سُہ رُود مرنہٕ کِس آخری دَمس تام سماجی، دینی تہٕ ثقافتی خدماتن منز پیش پیش۔

مولانا نہٕ جامیؒ ہِندِس ''نسیما جانبِ بطحا گذرکُن۔ زِ احوالم محمد راخبرکُن'' نعتس کٔری تِمو تربن انہارن منز تضمین یا ترجمہٕ۔ یمن منز گوڈنیک ترجمہٕ وارِیاہ مقبول سپُد :

| | |
|---|---|
| ۱۔ گرٛھکنا صُبحکے واوٕ مدینس | وَنکھ احوال میأنی شاہِ مدینس |
| ۲۔ نسیما کرتہٕ بطحا کن گذر ژٕے | دِ نبی یَس میانہِ احوالچ خبر ژٕے |
| ۳۔ نسیمو ژٕے مدینس کُن گذر کر | ژٕ نبی یَس میانہِ احوالچ خبر کر |

اولذکر نعتہٕ گرِ بز چھےٚ جمٕ صوٗبہٕ چَن دینی مجلسن تہٕ خصوصاً نمازِ فجر پتہٕ ذِکراذکار تہٕ نجی محفلن منٛز پَرن والین تہٕ بوزن والین ہنٛد بن دِلن محظوظ تہٕ مسُرور کران۔ یہٕ پیٚیہِ اَسہِ ماننی زِ تِہس دوٗرافتادِ علاقس منٛز عربی، فارسی تہٕ کاشرِ نعت گویی منٛز چھُ گامگار صأبُن دیت اکہِ تأریخ ساز دوٗرُک پےٚ دِوان تہٕ تِمس کینٛژہ فنی غلطیو باوجوٗد اکھ تھوٚد مُقام عطا کران۔ دراصل چھُ سُہ ژِکہِ نعت گو شاعر یَس عشقِ رسولؐ ہر ہمیشہ وولسنس انان اوس تہٕ وجدس منٛز اَنتھ مأرِ منٛدی نعت لیکھناوان اوس۔ تِمہٕ ہیٚوک نہٕ اَمہِ موضوٗع نبرٕ نیٚرتھے۔ گامگار مرحومس آو تِہنٛزِ فارسی دانی پیٹھ ملکی سطحس پیٹھ صدرِ ہنٛدِ طرفہٕ وظیفہ (تاحیات) اکھ سَند تہٕ اعزاز عطا کرنہٕ۔ ریاستی کلچرل اکیڈمی تہٕ کوٚر تِمن خلعتِ فاخر عطا کرنہٕ علاوٕ تِہنٛدِس یٚیمہِ عالمہِ گرِ ھنٛس پیٹھ شیرازک خاص نمبر شائع۔

مرحوم اوس درجن واد کِتابن ہُنٛد مُصنِف تہٕ تخلیق کار یِمن منٛز قصیدہ بردہ شریفُک اُردو پأٹھی تہٕ عربی تہٕ فارسی زبانن ہنٛز معروٗف کِتابن ہنٛدی ترجمہٕ شأمِل چھِ۔ کِتابن ہنٛد فہرس چھُ زیٚوٗٹھ اَماپوٚز یِتھ کِتابہٕ چھےٚ گنجأیش کم!



- **عبدالقدوس دیو** : رسا جاوِدأنی۔ زا جاے : بھدرواہ، زانہٕ ۱۹۰۱ء وفات ۱۹۷۹ء

رسا جاوِدأنی چھُ سانہِ ریاستک اکھ بہلہِ پایک اُردو تہٕ کأشر شاعر مانہٕ یوان یٚیمہِ اُردو تہٕ کأشرِس غزلس تہٕ نظمس منٛز نٔوِ رِوایژ قائم کٔرتھ پٔتہٕ وۄستادی ہُنٛد جود سارِنےٚ نِش مانہٕ نوٚو۔ فنِ شاعری ہنٛدبن رموزن تہٕ صرف ونحوکبن زأوِ جارن تہٕ زبان تہٕ اسلوبِ بیانس پیٹھ مضبوٗط تھٕتھ تہٕ دستگاہ آسنہٕ کِنٛی چھےٚ رسا صأبنٛی شاعری

اکھ الگ تہٕ بِدوٗن لہجہٕ تہٕ ماری موٚنٛد طرح قایم کران۔ یتھ منٛز بقولِ منشوٗر بانہالی:
''فنُک پوٚچھر، مشاہدُک سنٛر، علمی بُرزر تہٕ اکھ فِکری استدلال آسنس سٟتۍ سٟتۍ عشق و روماننٛچ اکھ گداز تہٕ مٕدر لۍ، یتھ منٛز ڈٕہتھ نِنہٕ وول سوز موجوٗد چھُ تہٕ یُس تَس جاوِدانیتُک تہٕ قبولِ عامُک شرف چھُ عطا کران''۔ رسا صابس مُتلق چھےٚ محمد یوسف ٹینگ صابٕنۍ یہِ راے قابلِ توجہ ''اَمی علاقن دِیُت اَسہِ رسا جاوِدانی یُس ہیٚو شاعر یُس مہجورس ہمکال آسنہٕ باوجود خالص فنی معیارن پٮ۪ٹھ زیادٕ پاسہٕ تہٕ پوٚختہٕ چھُ ثابت سپدان۔ رسا جاوِدانی یُس ہے کلامس ژور پھن راد آسہِ ہے سُہ آسہِ ہے پننہِ وقتُک سارِوٕے کھوتہٕ تھوٚد شاعر مانہٕ یِوان'' (گوشن ہٕندی پوش۔ بشیر بھدرواہی)۔ رسا صابُن اُردو کلام سپُد ''لالہ صحرا'' ناوچہِ شعرِ سوٚمبرنہٕ منٛز ۱۹۴۷ء برونٛہہ پھن شائع یُس پتہٕ ''نیرنگِ غزل'' ناوٕ سٟتۍ کینٛژہ و اضافو پتہٕ تہنزِ حیاتی منٛزٕے دوبارٕ شائع سپُد۔ تِہُنٛد کاشُر کلام یُس کینٛژن صفن پٮ۪ٹھ مشتمل اوس سپُد ۱۹۵۵ء یَس منٛز ''تحفہ کشمیر'' ناوٕ سٟتۍ چھاپ تہِ دوبارِ سپُد ترمیمہٕ سان ''نظمِ ثُریا'' کہِ ناوٕ کینٛہہ وٕری یہِ پتہٕ پھن شائع۔ ۲۰۰۵ء یُس منٛز آو تِہُنٛد اُردو تہِ کاشُر کلام ''فکرِ رسا'' ناوچہِ سوٚمبرنہِ ہنٛز شکلہِ منٛز شائع کرنہٕ یُس اغلاطو بُرتھ آسنہٕ کِنۍ بازار آو نہٕ تراونہٕ۔ اسیر کشتواڑی چھُ از کال اتھ نٔو ترتیب دِتھ شائع کرناونٛچ کوٗشش کران۔ یوٚت تام تہنٛدٮ۪ن نعتن ہُنٛد تعلُق چھُ تمی چھِنہٕ وُنِس تام چھاپ ہیٚکمتۍ سپدِتھ۔ رسا ہٕندی لیکھمتۍ واریاہ اُردو تہٕ کاشرِ نعت چھِ موجوٗد تہِ تہٕ لوٗکن ہٕندٮ۪ن سینن منٛز تہِ جاے گرِتھ۔ نعت لیکھنہٕ کِس فنس منٛز تہٕ چھِ رسا صاب اَسہِ پَننہِ اکہِ نِو طرحُک تہٕ اندازُک احساس دیوٕناوان۔ تہنٛدِس نعتیہ کلامس منٛز تہِ چھےٚ ووستادانہٕ پوٚختگی تہٕ پُر بہار زٕہنٛچ جودگاری دٔوری لبنہٕ یِوان، کُنہِ شعرس منٛز چھِنہٕ اِبتداہچ یا سوٗہِ ادٕچ

کانٛہہ مِش نظرِ گژھان۔ نعتک پرٛتھ شعر چھُ رسا ہسٕنزٕ آنحضورؑ ہنٛزِ عقیدت تہٕ یژھِ

پژھِ ہنٛز گوأہی دِوان۔

تہندِس نعتیہ کلامس پٹھ تہِ چھُ فارسی نعت گو شاعرن ہُند اثر نمایاں یِتھ

کِنہٕ زن بأقی شاعرن پٹھ تہِ پومُت اوس۔ تاہم چھُ رسا صابنین نعتن ہُند مأرٕ

منزرتہٕ گداز بوزن یا پرن والین ہندین دِلن وو لسنس انان تہٕ سرٛوٗ دبخشان۔

احمد جام صابُن مشہوٗر نعت یتھ کأشرِ شاعروتہٕ تضمین لیکھمٕژ چھِ:

والضحیٰ لمعہ خدمت دیدم قُم فانذُ رسہی قدت دیدم

عرش و کُرسی و آسمان و زمیں ہمہ زا دار مرقدت دیدم

تہٕ رسا چھُ یتھے ہیوٗ خیال پننِس یتھ نعتس منز منتقل کراں:

ژٕے بر دوش گیسو پریشان وُچھمے تمن کُن زٕ عالم اویزان وُچھمے

تھدِ ے پایہِ وُچھمکھ بوڈٕ ے شان وُچھمے برس تل ژٕ قیصرتہٕ خاقان وُچھمے

یہِ کتھ اُس امیر شاہ کریرین تہٕ یمن لفظن منز بأوِمژ:

یا رسول تھوٚد ژٕ ے قدر و شان وُچھمے صدر برقدرِ دو جہاں وُچھمے

رحمتٕچ خاصہِ چھتٕر ارسلناک !! عالما زیرِ سائباں وُچھمے !!

ہُپأرٕ اُسی محمد گاٗیین آنحضورنٛ ہندی یتھٕ کٕنٛز تعریف تہِ توصیف اُتھے ردیفس تہٕ

قافیس منز کہیا بز وٚنٹھ گرٕ مٕژ:

ژٕیےٚ حبیب خدا دیان وُچھمے حوٗر دٕرخُلد ونہٕ وان وُچھمے

روٕ ے پا کِھی صفت گرٕی ذاتن سورۂ ے شمس در قران وُچھمے

قاری حضرات ہیکن رسا صابنس اندازِ بیانس پانے سام ہیتھ تہٕ داد دِتھ۔ امیر

خسروس تہِ پیٚیہ آنحضورنٛ ہنٛزِ جلالی وَ صفٕچ اکھ ژٕ اُکس بے نِشان منزلس منز تہٕ

ووٚنُن :

ے نمی دانم چہ منزل بود شب جاے کہ من بُودم
بہر سُو رقصِ بِسمل بودشب جائیکہ من بودم
خدا خود میر مجلس بود اندر لامکان خسؔرو
محمدؐ شمع محفل بود شب جائیکہ من بودم

رؔسا صابن یُس آخری نعتِ شریف لیٛوکھ تمیُک فنکارانہٕ سحر کأری تہٕ واقعہٕ نِگاری چھِ پھوان داد دِنی :

ے شب اکِہ اسی تہِ اُسی پنٕنہٕ نس حسابس اَسہِ ڈیوٚنٹھ جلواہ خابس منٛز
نوٗرُک تاج اوس بَرسر جنابسؐ لولاک شوبان تَس گوہر
تتہِ اوس ووشلان بُتھ آفتابس اَسہِ ڈیوٚنٹھ جلواہ خابس منٛز

یتھ کِتابہٕ منٛز یہِ سورے نعت پرٕنہٕ پتہٕ ہیکہِ رؔسا صابنہٕ آنحضورنؐ ستی والہانہٕ عقیدتُک تہٕ ستی تِہنٛدِ طرزِ بیانٕک اندازٕ کرنہِ یتھ۔ میأنہٕ کِنی چھُ یہِ نعت عالمی ادبکین معیأرن پٹھ پوٗرٕ پوٗرٕ وُتران۔ ئلی کہٕ چھُ یہِ صنفِ نعتس منٛز اکِہ نوٚ تہٕ نوین طرحُک اضافہٕ کران۔ باقٕے نعت تہِ چھِ معیأری تہٕ تھٲکِنی لاق۔ رؔسا صأبنہٕ مذکوٗرٕ نعتیٕ چھےٚ جناب عبدالرحمان راہؔی صأبنی محکمہ اِطلاعات کِس موقر رِسالہٕ 'آلو'س منٛز تنقیدی سام شائع سپٕزمٕژ۔ اَماپوٚز باقٕے نعتَن پٹھ چھنہٕ وُنس تام کانٛہہ تبصرٕ درٕ امُت تہٕ چھُ کانٛہہ نعتے چھاپ سپُدمُت۔

ے محمد گامتن تہٕ چھے اتھ بحرٕ منٛز اکھ غزل لیچھمٕژ :

ے چھہِ ستی جبین پھوکھ لوے حُبابس پھوکہ ستی مٕؤل ہِیہ آبس ستی
مٕؤد کنیاہ رٕؤد کنیاہ باقٕے حسابس رند چھکھ زِندٕ کتھ آبس ستی !!

- **مولوی عبدالحلیم قریشی حلیمؔ بانہالی:** زاسنہٕ ۱۸۸۹ء، زاجاے : کسکوٹ بانہال، وفات ۱۹۴۱ء

مولوی صأب آسی پیشہٕ کِنہِ مدرس تہٕ دورانِ مُلازمتے سپدی فوت۔ تِم أسی فارسی تہٕ کأشرِ زبانن منز طبع آزمأیی کران۔ آعما صأبنی ہمکال تہٕ أسی۔ اَہُند کلام چھُ موجوٗدٕ یِیمِیُک کینہہ حصہٕ منشور صأبن تہٕ ظاؔہر بانہالی صأبن ورد س أنتھ پننہٕ نبن رسالن تہٕ کِتابن منز شائع کوٗرمُت چھُ۔ حلیم صأبنہِ نعتُک نموٗنہِ چھُ یِتھٕ کُنی:

لگےٚ نبیو چھسے بردر  شفاعت کر شفاعت کر
ژٕ چھکھنا امتک یاور  شفاعت کر شفاعت کر



- **عبدالستار ڈار بانہالی:**

زاو ڈار پورٕ بانہالہٕ منز۔ سُہ تہٕ اوس آعما بانہالی سُند ہمکال۔ تِمی تہٕ چھِ نعت تہٕ منقبت لیکھمٕتی۔ نموٗنہٕ کلام چھُ یہِ : (ماخوذ از ''جیٚمہِ صوبس منز کأشرِ زبان تہٕ ادبُک توأریخ''۔ منشور بانہألی)

ازغم ورنج کرتم رہا  فری یادرس یا مصطفٰے
چھےٚ ڈیڈتل نالان ستار  تَس رحمتُک چھےٚ انتظار
چون اُمتی شوٗبیا گدا  فری یادرس یا مصطفٰے



- **تحسین جعفری:**

ناو اوُسس سرفراز حسین تہٕ تحسین جعفری اور تخلص کران۔ زاجاے: منگناڑ پونچھ، زاسنہٕ : ۱۹۰۸ء، سنہِ وفات : روٗلپنڈی (پاکستان) ۱۹۹۵ء۔ سُہ اوس پروٗنٹھ پیٹھہ

نقلِ مکأنی کٔرِتھ راولپنڈی توٚرمٕت ۔ سُہ اوس اکھ معروٗف شأعر تہٕ أدیب تہٕ تأریخ دان تہٕ ۔ اَمہٕ سٕندی آباو اجداد آسی سرحد علاقہٕ کِس افغانی قبیلہٕ یوسف زٔی سِتی توٚلُق تھاوان پتہٕ آے تمہ خانپور کٔشیرِ تہٕ اکھ لَڈٕ وأ ژاتہٕ پتہٕ بروٗنٛہہ علاقس کُن تہٕ منگناڑ گامس منز سپدی آباد۔

تحسین جعفری یَس اوس اُردو، گوجری، پنجأبی تہٕ کأشرِ زبانن پیٹھ پوٗر دستگاہ حأصِل ۔ أمی آسہٕ واریاہ کِتابہٕ لیچھمٕژ ۔ تمو چھُ پنٕن کلامہٕ "پوشہٕ تھٔر" ناوٕ شایع کوٚرمُت یتھ منز غزلو علاوٕ مناجات نعت تہٕ ٹُکھ وغأرٕ شأمِل چھِ آمٕتی کرنہٕ ۔ نعتُک نموٗنہٕ چھُ یہِ:



چھُ پرتو چأنہِ نوٗرُک ماہ تابان ژٕ چھکھ مہرِ منور یا محمدؐ

چھُ سبحان الذی اسریٰ لعبدہ ثبوتِ شانِ اظہر یا محمدؐ[1]

☆

## نشاط کشتواڑی:

غلام رسول نشاط زاو کشتواڑ قصبس منز ۱۹۰۹ ءَ یَس منز تہٕ ۲۰۰۱ءَ یَس منز سپُد رحمتِ حق ۔ سُہ اوس معروٗف، قلمکار، صحأفی، کہنہٕ مشق شأعر یُس اُردو تہٕ کأشرِ ادبس نصف صدی زیادٕ پنہن بے لوٗث خدمتھ کٔر ۔ ہم عصر شأعرن منز اوس بُزرگ ترین شأعر یُس روایتی شأعری ہُنٛد پاسدار، مِلٕچار تہٕ باے برادری ہُنٛد علمبردار تہٕ سماجی قدرن ہُنٛد دگدار اوس ۔ تمی سٕندِ قلمہٕ آیہٕ داریاہ تخلیقی کارنامہٕ انجام دِنہٕ یِمن منز خطوطِ احباب (اُردو)، مظلوٗمِ کربلا (اُردو ۱۹۴۲ءَ) یوس پتہٕ اضافہٕ سان مناقب الاولیا ناوٕ ۱۹۹۸ءَ یَس منز چھاپ سپز ۱۹۷۲ءَ یَس منز کوٗرُکھ پننہٕ نبن اُردو

[1] "پوشہٕ تھٔر" ہُنٛد اکھ جِلد کوٚرمے سجاد پونچھی صابن فراہم ۔ یِہُنٛد تہٕ شُکر گزار چھس۔

تہٕ کاشُرِ نعتن پیٹھ مُشتمِل ''گلدستہٕ نعت'' شائع۔ ۱۹۷۴ہٕ یَس منٛز گرٕکھ اُردو زبانٕ منٛز ''نعتِ سرکارِ دو عالم'' شائع یِتھ منٛز سرکارِ دو عالم ہنٛزِ والہانہٕ شیفتگی تہٕ عقیدتمندی ہنٛدی ناگراد وزان باسان چھِ۔ ۱۹۸۴ہٕ یَس منٛز کرکھ ''بادہ وطن'' ناوٕچ قومی یکجہتی پیٹھ مشتمل منظوٗماتن ہنٛز سوٗمبرن شائع۔ ۱۹۸۸ہٕ یَس منٛز کوٗرکھ پنٛن اُردو کلام ''تصویرِ خیال'' ناوٕ أکِس کُلیات کِس صوٗرتس منٛز شائع یوس ۴۶۸ صفن پیٹھ مُشتمِل چھےٚ۔ ۱۹۶۶ہٕ یَس منٛز گرٕکھ پنٛنٕ کاشُرِ کلامٕچ سوٗمبرن شائع یوس پانٛژن ژھن پیٹھ باگراونہٕ آمٕژ چھےٚ۔ اَتھ چھُ ''موختہٕ ہار'' ناوِ یِتھ منٛز کینٛہہ تضمینی تخلیقہٕ تہٕ شأمِل چھےٚ آمٕژ کرنہٕ۔

عاشقِ رسولؐ نشاط صأبنٛ نعت سَپدٕ واریاہ مقبوٗل، نموٗنہِ کلام چھُ یِتھ کنٕی:

پکان زلفِ والّیل بردوش ترٕأوِتھ چھکان مُشک عنبر رسولِ دو عالمؐ 

نشاطس چھُ ناکھ بوٗڑے پشت باناہ سُہ مسکین پرور رسولِ دو عالمؐ

کٔشیرِ تہٕ ہندوستانکٕ واریاہو أدیبو تہٕ شأعرو چھِ نشاط صأبنِ کلامکٕ گون گیوٗمتی۔ تمِ أسی واریاہَن ادبی، دینی تہٕ سماجی اُنجمنن ہنٛدی سرکردِ رُکن تہٕ۔ تمن آو اکیڈمی آف آرٹ کلچرل اینڈ لینگویجز ہنٛدِ طرفہٕ خلعتِ فاخرہ تہٕ ینامہٕ پیش کرنہٕ۔ تہنٛدی ادبی، سماجی تہٕ دینی کارنامہٕ چھِ سونہری لفظوٗ ستی لیکھنٕ لایق۔ تہنٛدی فرزندان بشیر نشاط تہٕ اعجاز سبطِ نشاط تہٕ چھِ اُردو ادبٕچ حسبِ مقدور خدمتھ کران۔

☆

**-عبدالاحد بٹ پونچھی** : زا جاے : راجپورہ منٛڈی پرونٛژھ، زاسنہٕ تہٕ تأریخ : ۲۷ رابریل ۱۹۱۱ہٕ، وفات : ۱۳رجنوری ۱۹۸۹ہٕ

احمد بٹ صأب اوس اکھ بُزرگ تہٕ کہنہٕ مشق شأعر تیٚمی وَتِچ، مروجہ تألیم حأصِل

ٲسی گری مژ۔ بشیر بٹ صاب مرحومن سوزایوٚ ومے تہٕنٛد اکھ نعت یُس وژنہٕ چاکہٕ لیکھنہِ چھُ آمُت۔ نعت پرٕتھ چھُ باسان زِ یوٚدوَے احد صاب زیادٕ پوٚرمُت لیکھمُت اوس نہٕ تاہم اوس تٔمس اکھ فِطری شعرٕ وٕزنی ییمہٕ کِنی تہٕنٛدِس کلامس منٛز ووستادانہٕ پوختگی ٲسی چھِ نیران:

ے یارسولِ اکرم کریوم نظراہ !! ڈیڈِ تل آسو دٲرِتھ ہلم
یارسولِ اکرم کریوم نظراہ نیرِ نہٕ خٲلی تہٕنٛدے چھُم قسم

(بٲقٕی ژھہٕ وٕچھو کتابہِ منٛز)

تہٕنٛد بیا کھ نعت تہٕ چھُ مقبوٗل سپُدمُت :

ے ہٕ نہٕ غمخوارو لول ہوآم عربکہِ عجمکہٕ سانہِ تاجدارو
میٲنہٕ غمخوارو لول ہوآم ہول گوم جگرس ہاو دیدارو



## - عبدالجمال ڈونی گامی (حویلی پونچھ) زاسنہ سنہ ۱۹۱۴ء ، وفات : ۲۸/جون ۱۹۴۴ء

تحسین جعفری مرحومس پتہٕ چھُ ڈونی گامی پرونژھ علاقُک بہلہِ پایک شاعر ییمی سُند کلام کشمیری غزلیات "گُل وحدت" کہِ ناوٕ دون حِصن منٛز چھاپ اوس سپُدمُت، تتھ چھُ ۱۳۹۵ھ چھاپک ؤری یہ درج یَس زیارت مخدوٗم سجادٕ نشین پیر غلام احمد تہٕ پیر عبدالصمد مخدومی سٕندِ وساطتہٕ سٟتی شائع سپُد۔ یمن دوشوٕنی مجموعن منٛز چھِ غزلیات، نعت تہٕ منقبت شٲمل یم عام فہم زبٲنی تہٕ سیٚدِس سادِس لہجس منٛز لیکھنہٕ چھِ آمتی۔ نعتس منٛز چھِ آنحضورنٛ ہٕنٛدِ خاطرٕ پنٕنٕز عقیدت نٲپان۔ نموٗنہ کلام:

ے رسولِ عربی یَس رٕٹھ دامانے ہاسَن پانے گرٕژھو ہُشیار

نتہٕ ہاروزکھ ییتہٕ غارزانے ہاسن پانے گژھو ہُشیار
عبدالمجالومیٛزٕ مکانےَ !! ییٖ یار نےٚ گژھکھ وٲران
پوٚزتہٕ بناوتن روزِ ارمانے ہاسن پانے گژھو ہُشیار



## -شوکت فریدی:

مولانا نہ محمد امین سہروری أسی شوکت فریدی تخلص کران۔ تم زاے فرید آباد ڈوڈٕ ہَس منز ۲۲ ستمبر ۱۹۱۶ء یَس کٔیت تہِ گیہِ ییمہ عالمہٕ ۲۰۰۸ء یَس منز۔ مُقامی مدرسس منز اَٹھمہِ جماژ ہُند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ کوٚرتمو مُنشی تہٕ پتہٕ پھن أدیب فاضل امتحان پاس۔ بحیثیت مدرس سپدی محکمہ تعلیمس منز ووستاد تعینات تہٕ سیاسی ذہن تھاونہٕ کِنیٚ وُچھکھ زندگی ہندی واریاہ سٔنز ووگہن۔ ۱۹۷۱ء منز سپدی مُلازمتہٕ نشہِ سکبدوش تہٕ کرِکھ منزی منزی ڈوڈہ جامع مسجد شریفس منز اماژکی تہٕ فریضہ ادا۔

اُردو تہٕ کأشرس منز أسی شاعری کران۔ دوشوٕنی زبانَن منز لیکھِکھ نعت، غزل تہٕ مرثیہ وغارٕ۔ تہنز شأعری پیٹھ چھُ مُقامی شأعرن علاوٕ فارسی شأعرن ہُند تہِ اثر اوسمت۔ نعتس منز چھُکھ نعتکبن لوٗازماتن ہُند پوٗر پاٹھی اِلتزام کوٚرمت۔ وُچھی تو تِھی ہیٚوٗ نعتیہِ شعرن منز کمہِ آیہِ چھِ تہنٛدِ عقیدتُک تہٕ لولُک اِظہار أکس مأری مندی اسلوٗبس منز بربہٕ ژھٹان:

چھُ حُسنِ ازل در بہار مدینہ زِ جنت چھُ خوشتر دیار مدینہ
خلائق دوان بوسہٕ تتھ آستانس درودِ ملائک نثارِ مدینہ
یہِ شوکت منگان از خدا، نورِ عرفان چھُ کُحل البصر تس غبارِ مدینہ



**- اُلفت کشتواڑی :** غلام محمد بٹ اُلفت کشتواڑی زاسنہٕ :۱۹۱۷ء (حیات)،
زاجاے : کشتواڑ۔

اُلفت صأب چھِ غاٛر منقسم ضلعے ڈوڈہکی معروٗف بُزرگ تہٕ قادرالکلام شأعر۔ تم چھِ اُردو تہٕ کأشرِ زبانَن منز شأعری کران۔ تِہُند کلام چھُ اِنسانی درد وغمُک تہٕ تھدبن قدرن ہُند ترجمان۔ غزلو تہٕ نظمو علاوٕ چھکھ کینٛہہ نعت تہٕ لیکھمٕتی یم آنحضورنٛ ہِنٛدِ عقیدتکی مظہر چھِ۔ تِہندس نعتس منز چھُ مُقأمی لہجُک انہار نوٗن۔

**کلامُک نموٗنہٕ :**



لگے مدینکہِ مُسأفرو میأنی نبی کریمس سلام ؤنی زبم
دہان چھلتھ بہٕ مُشکِ آب زمزم بصد احترام ؤنی زبم

تِہُند کلام چھُ چھاپ گژھنے۔ پیشہ کنی چھِ تِمٕ اَماپوٗز پنہٕ روحأنی کمالہٕ کنی چھِ تم دوہہٕ دِشہٕ دَم پھوکھ دِتھ ضرورتمندن ہِندبن دادبن دوکھن رفع کرنٛچ کوٗشش کران روزان۔ تِہنز خداترسی، اعلیٰ اخلاقی تہٕ شریف النفسی ہِندی چھِ سأرے گون گوان۔

☆

**- مولوی غلام احمدؒ اندرابی** [۱]۔ سنہٕ پأدائش : ۱۱ کتک ۱۹۷۶ء بکرمی وفات ۲۰۰۸ء،
زاجاے : محلہ شنال ڈوڈہ۔

مولوی مرحوم أسی دیندار بُزرگ یم مژی مژی ڈوڈہچہِ جامع مسجد شریفس منز امامت تہٕ کران أسی، تِمن أسی کأشرِ تہٕ اُردو زبانن پیٹھ پوٗرٕ دسترس تہٕ دوشوٕنی زبانن منز أسی شأعری تہٕ کران۔

[۱] بہ مطابق مکتوب اندرابی صاحب (مورخہ ۱۹ر جنوری ۲۰۰۲ء)۔ یہ چھِ میانہٕ حِسابہٕ ۲۴ر اکتوبر ۱۹۱۹ء بنان۔ اسیر صابن چھے تِہنز تاریخ پادائش ۱۱ر ماہ صفر ۱۳۳۸ھ بہ مطابق ۲۴ر اکتوبر ۱۹۱۷ء لیچھمٕژ۔

مِڈل پاس کرنہٕ پتہٕ سپدی منصفی منز مُلازِم بھرتی تہٕ پتہٕ گئے تم محکمہ مالس منز ۲۴/اکتوبر ۱۹۷۴ءیس دوران ریٹائر۔ تمو چھے دینی موضوعاتن پیٹھ تہٕ نظمہٕ لیچھمٕژ، نعت تہٕ منقبت لیکھمتٕ۔ میأنس درخواستس پیٹھ سوٗزی تمو مے ترٕے کاشرٕ نعت شریف۔ نموٗنہٕ کلام:

وصفِ چانی کری خداین پانہٕ قرآنس اندر
سورۂ یاسیٖن وطٰہٰ وُچھ مے فُرقانس اندر
سر کرے پادن تہٕ قربان احمدؐ خستہ جگر
عشق چونے چھُم مے وردل نفس و ایمانس اندر



**- طالبؔ بھلسیوی** : تأریخ پٲدائش : ۴/ساون ۱۹۷۴ بکرمی مطابق ۱۹۱۹ء، زاجاے : کلھوتران بھلیس۔

طالبؔ صاب (محمد عبدالہ خان) اوس اکھ بُزرگ تہٕ ظریف شاعر، یُس فی البدیہہ ہجو گوئی منز یکتاے روزگار اوس۔ بھلیسہٕ ہِوس پتھ کھورِ علاقس منز تیٚوتھ ہیٚو ذہین شخص آسن اوس کاشرِ زبانی کُیت اکھ نیک فال۔ پوٚنژمہِ پاس کرِتھ اوس سہٕ آری کشہٕ رٔنگی موٚزوٗری کران تہٕ گرِ چلاوان۔ کینژس کالس روٗدی أکس ٹھیکدارس ستی منشی رٔنگی تہٕ کأم کران۔ شأعری ہندی رموزنہٕ زاننہٕ باوجوٗد اوس وارِیاہ کمالکی شعر لیکھان یِم اَتہٕ کبن سماجی، سیاسی تہٕ اقتصادی مسلن ہنز ترجمأنی کران أسی۔ پنُن کلام اوسُن ''فغأنِ طالبؔ'' تہٕ ''شامِ غم'' ناوٕکبن مسودن منز ترتیب دِتھ تھوٗمُت۔ اماپوٚز ۶/فروری ۱۹۹۳ءیَس کُیت تہندِ ڈوڈہ ضلعکس ہیڈکوارٹرس پیٹھ یِیمہِ عالمہٕ گژھنہٕ کہِ سببہٕ ہیوٚک نہٕ چھاپ سپدِتھ۔ کلامس منز اوس مُقأمی لُکہٕ باتھن تہٕ

پہاڑی نغمن ہُنٛد رنگ۔ تمٕ چھِ کینٛہہ مرثی تہٕ لیکھمتۍ یمن منٛز پنٕنہٕ نُس فرزند محمد شفیع خان سب انسپکٹر ہِنٛدِس شبابس منٛز فوت گژھنس پتہٕ لیکھنہٕ آمُت مرثیہٕ علاقہٕ کِنہٕ لۄکن ہِنٛزن زبون پیٹھ آستھ مقبوٗل عام سپدنٕچ گواہی دِوان چھُ۔ نمونہٕ کلام:

تُجم برباًدی آس فریادی عربکہِ ہادی بوز کھ نا

تہٕنٛد اکھ فرزند سلیم چھُ بہترین گلوکار مانٛنہٕ یِوان۔



**- محمد اسداللہ قاضی :** اسعد بھدرواہی۔ زاجاے بھدرواہ، زاسنہٕ ۱۹۲۰ء وفات ۱۱ اپریل ۱۹۸۸ء۔

اُردو کلام "نظمِ بریں" کۄر تہٕنٛدی فرزند پروفیسر شاد شرقی صاًبن تہٕنٛدِ وفات سپدنہٕ پتہٕ شائع۔ مرحوم اسعد اُسی اُردو تہٕ کاشر زبانن منٛز شاعری کران۔ دۄشونی زبانن منٛز چھکھ نعت تہِ لیکھمتۍ۔ تم اُسی محکمہ تألیمس منٛز ووستاد، میٹرک اوسکھ ۱۹۳۹ء یَس منٛز پنجاب یونی ورسٹی لاہور پیٹھٕ کۄرمُت۔ مُلازمتس دورانے کٔرِکھ ایم اے تام سأری امتحان پاس تہٕ بی ایڈ تہِ کۄرُکھ۔ بالاخر واریاہن رٕتین عہدن پیٹھ رُوزِتھ گییہ ۱۹۷۵ء یَس منٛز بہ حیثیت اے۔ ٹی۔ او ریٹائر۔ تمو چھے نظمہٕ، غزلہٕ تہٕ نعت وغأرٕ لیکھمتۍ۔

شاہ نبیؐ سون تھدِ شانے آو سروَندے باغکے ہیوٚ باغوانے

شاہ نبیؐ سون تھدِ شانے آو کلہٕ دون پادن کرے قوربانے



**- دبیر راجپوری :** منشی شاہ محمدؐ دبیر راجپوری، زا جاے : منڈی پرونٛژھ، زاسنہٕ ۱۹۲۰ء۔

دبیر صاب چھِ پرونٛڑھ علاقٕکی بُزرگ ترین شاعر یم کاشُر پاٹھی نعت، منقبت تہٕ غزلہٕ لیکھان چھِ۔ یِہُند کلام چھُ دون سوٚمبرنَن منٛز شائع سپدمُت۔ گوڈنٛچ شعرٕ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ نعت بزبان کشمیر ''جام معرفت'' تہٕ دوٚیمہِ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ نعت تہٕ غزلیات شامِل آمتی کرنہٕ یتھ ''جام معرفت'' کُے ناو دِنہٕ چھُ آمُت۔ نموٗنہٕ کلام :

لول بران اوس کُل کائنات دوہہٕ تہٕ رات بیٚیہِ زمین آسمان

اَسہِ آو نبی آنسرورٕ !! چاوٕ اُسی برن شجر وحجر



**- عبدالحی خاکی بانہالی** : زاسنہٕ ۱۵/اپریل ۱۹۱۹ء ، زا جاے کسکوٗٹ بانہال، پیشہٕ : عدالتس منٛز کلرک۔ تصنیف : غزلہٕ سوٚمبرن موسوم بہ ''سوزِ دِل''۔ نعتیہ کلام : یُس گُستام پیرٕ ہنٛدی ڈٕسی گال کھاتس گو۔ تمی نیٚو یٚیمہِ عالمہٕ ۱۴/اگست ۱۹۸۵ء یَس کُیت تشریف۔



**- غُلام رسول طاوس بانہالی** : زا جاے : ہاڑٕ بیر کوسکوٗٹ بانہال، سُہ زاو ۲۳/نومبر ۱۹۲۳ء تہٕ ۱۹۴۹ء یَس منٛز کرِن نقل مکانی تہٕ توٚر سرحدٕ اپور۔ ریڈیو تراڑکھل آزاد کشمیرس سپُد اسٹنٹ ڈائریکٹر ہنٛدِ کُثی یتہٕ ریٹائر۔ سُہ اوس بوٚڈ آرٹسٹ، ڈرامہٕ نِگار، تجزیہ کار، ناقد، افسانہٕ نِگار تہٕ شاعر۔ اُردو، کاشرِ تہٕ گوجری زبانن پیٹھ اُسس کانٛہ دسترس۔ للہٕ واکھن تہٕ حضرت شیخ العالم ہنٛدِ ریشی نامُک کوٚرن اُردو پاٹھی منظوم ترجمہٕ۔ سُہ اوس دلفگار بانہالی سُند بوے۔ طاوس سُند کلام سپُد نہٕ ڈٕسی یاب حالانکہِ مےٚ کریاے دلفگار صابس ذاتی طور کیٚنہہ کلام سوزنٛچ اپیل۔ تِہنٛدِ مارٕ موٚند کلام آسہِ آزاد کشمیرس منٛز کانٛسہِ نہٕ کانٛسہِ نِش موجوٗد۔ یُس تلاش

کرُن ضروٗری چھُ۔ا

تِمی ہُندی اکھ زٕ شعر چھِ منشوٓر بانہالی صأبن وَنہٕ کَڈی مَتی یمن منز کاشرِ زبأنی ہُند ژُکھ تہٕ پردیس منز پننہِ وطنٕچ جدأیی منز پادٕ سپدن والہِ دوکھک اِظہار جگرس کورن ہیوٚ چھُ:

ے باگہِ طاوسہِ ہردِ یاوُن آم شراونس دردِ نۓ گرم آباد



- **پیر محبوب شاہ اندرابی:** زاجاے : بانہال، زاوٗری یہِ ۱۹۲۳ء ، وفات ۱۹۸۷ء فارسی تہٕ عربی خوانٕدٕ اوس محبوب تخلص کران۔ تِمی تہِ چھِ کاشرِ پأٹھی نعت تہٕ منقبت لیکھی مَتی ،نعتُک نموٗنہٕ چھُ یہِ:

ے مطلوٗب رحمان، محبوبِ یزداں، ہتھ آو پأغام، اَسہِ کُن قرآن
انہِ گٹہِ منز دژاے نوٗرس کُن آے، تس جانانس جان سون قربان



- **غلام قادر میٓر رازویروی** چھُ غزلہِ تہٕ نعت لیکھان۔ نعتیہ کلامک نموٗنہٕ چھُ پیش یُس ریوایتی اندازس منز چھُ:

ے کفرو الحادک ہوا چھُم ناوِ طوٗفانس اندر
اکھ نظر کری تو مے کن یا رحمتہ للعالمین

دراصل چھِ میٓر صأب ''پوشن'' پرونٛژھ پتھ رازویرٕ ژری مَتی۔



ا منشور بانہالی صأبن چھُ أمی سُند ولادتک تاریخ ۱۵/اپریل ۱۹۲۴ء ہووُمت۔

**- خواجہ عبدالغنی وانی : غنیؔ** ، زا دوہ : ۱۹/ پھاگن ۱۹۸۶ بکرمی۔ زاجاے گول (ڈینگ بٹل)، پیشہ : زمینداری تہٕ مُلازمت۔ ۱۹۸۴ءیَس منز چھِ سریکلچر محکمس منز بہ حیثیت انسپکٹر ریٹائر سپدمتی۔ موجودہ رہائش : دلواہ۔ سنگلدان (گول)

۱۹۴۷ءپیٹھ شاعری کران۔ ''نالہاۓ بے قرار'' حِصہٕ اول تہٕ دوم چھکھ ازتام چھاپ کرناوِمتی۔ یمن منز غزلہٕ تہٕ کم پہن نعت تہٕ درج چھِ آمتی کرنہٕ۔ نعتیہ شاعری چھےٚ واریاہ کم تاہم چھِ یم شعر نموٗنہٕ رٔنگی پیش :

| | |
|---|---|
| پیشِ حضرت خیرُالانعامؐ | مدُنس سوز درود وسلام |
| وتھ آو وقتِ صُبح دم !! | اُمتس کران رحم وکرم |



**- غلام نبی ڈولوال : جانبازؔ کشتواڑی** : زا دوہ ۲۱/ ہاڑ ۱۹۸۰ بکرمی مطابق ۱۹۲۵ء، زاجاے : کشتواڑ، وفات : ۳/ دسمبر ۱۹۹۷ء۔

ڈول گامکی پرٛانی باشندٕ آسنہٕ کنی اُسی تمن ڈولوال ونان۔ معروٗف گلوگار تہٕ موسیقار ہندِ کٕنی یتہٕ گوسہ ڈولول ناوٕ ستی مشہوٗر۔ تموکرنو پنٕنی پرٛزنتھ شاعر ہندِ حیثیت ستی ''جانباز کشتواڑی'' تخلُص تھاوِتھ۔ کاشرِ قوم ہکہٕ نہٕ زانہہ غلام نبی ڈولوال جانباز کشتواڑی ہندِ فنِ موسیقی تہٕ شاعری موٗلُل تہٕ قابل قدر دیُت مُشرٲوِتھ، یُس کاشر موسیقی تہٕ کاشرِ ادبکس تواریخس منز سونہری لفظو ستی لیکھنٕ لایق چھُ۔ موسیقی منز تہندِ نبرل تہٕ لُکہٕ سنگیتچہ شکلہٕ منز ''چلنت'' ہیو فوک فارمک اضافہٕ چھُ واقعی تہِنس ہوٗس پتھ کھورٕ علاقہٕ کہٕ طرفہٕ بالہٕ اپارٕ تہٕ یپارٕ بسن والین لوٗکن ہٕنٛز سوٗ شوٗبہٕ وِنی ڈالٕکی ییمی تہندِ بن دِلن منز جاے گٔر تہٕ یتھ سارِنے نِشہ پذیرٲیی حاصِل سپز۔ أمی جذبن کرنو جانبازس اکھ عظیم موسیقار تسلیم حالانکہٕ یتھ

کتھِ تہٕ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ اِنکار کٔرِتھ زِ غار منقسم ضلعے ڈوڈہٕس منٛز پتہٕ کالہٕ پیٹھٕ چلوٗن فوک موسیقی ہُنٛد یہِ فارم رٔوُد مُقامی پہاڑی زبانن ہنٛزٕ ولٕکہِ لۓ یَن ہنٛزٕ مخلوط انہارو ستی مزین گژھتھ وِز وِزِ ترمیموتہٕ اضافو ستی بڑونٛٹھ بڑونٛٹھ پکان یتھ بالآخر جانباز کشتواڑی صابنو کینٛژو ترمیمو ستی تہنٛدِ دٔسی ''چلنت'' ناو پیوٚ یوس بقولِ جانباز ''صوفیانہٕ موسیقی ہنٛز سُست رفتاری تہٕ چھکرٕ ہنٛزِ تیز رفتاری درمیان اکھ پسندیدٕ لۓ چھے۔''

جانباز کشتواڑی ہنٛز کُلہم شاعری چھے کاشُر، اُردو، کشتواڑی تہٕ پاڈری زبانن پیٹھ مُشتمِل یمیٚگ۔ مرکزی خیال سماجی بدعتن، فرقہٕ وارانہٕ تنگ نظری، استحصال تہٕ ظُلمس خلاف اکہِ قسمُک قلمی جہاد کرُن تہٕ اِنسانی قدرن ہنٛز ترجمانی کرٕنی اسی۔ تمہِ ہنٛز رومانی شاعری منٛز یوس نغمگی، تاثیر، سوز و گداز، مُستی تہٕ برجستگی چھے سو چھے پرن والین یا بوزن والین دِلن تہٕ خیالن اکھ ہیجٲنی تہٕ وجدٲنی کیفیت پٲدٕ کران تہٕ نوجوان گلوکارن تہٕ موسیقارن پانٛس کُن متوجہ کران۔ جانباز روزِ پننہِ لُکہِ شاعری، موسیقی، گلوکاری ہنٛزِ سحر کٲری باپتھ ادب تہٕ موسیقی ہنٛدِس دُنیاہس منٛز ہمیشہٕ زِنٛدٕ تہٕ جاوید!

جانبازس چھُ نعت گویی منٛز تہٕ اکھ اہم مُقام حاصل حالانکہِ تٔمۍ چھنہٕ زیادٕ نعت لیکھمژ۔ تہنٛدی نعت چھِ عشقِ محمدیؐ ہنٛدو جذباتو ستی لبریز یمن منٛز توصیفی انہار ووتلاونہٕ علاوٕ پننہِ پریشان حالی تہٕ دوکھن دردن ہُنٛد اِظہار التجٲیی انداز س منٛز کرنہِ چھُ آمت۔ تہنٛدی زِ نعت چھِ کٔشیرِ تہٕ جمہِ ہنٛدین کاشرین ازبر:

گژھتہٕ ولی ولی واوٕ میانٛس مہ جبینٛس وَن سلام

دِل پریشان چھُم گومُت شاہِ مدینٛس وَن سلام

جانباز کشتواڑی ہنز کأشرِ شعرِ سۆمبرن سپز ۱۹۸۲ء یَس منز ''پھولوٕنی سنگر'' ناوٕ شائع یتھ صادق میموریل کمیٹی ہندِ طرفہٕ ینامہٕ تہٕ توصیفی سَند تہٕ پاتھیاو۔ تمی ہنز شأعری چھُ مُقامی رنگ یۆدوَے زَن امیُک آہنگ ریوایتی چھُ۔ ''چلنت فورم'' کشتواڑ کہِ طرفہٕ آو تہندِس یادس منز ''پسِ اُفق'' رِسالُک خصوٗصی جانباز نمبر شائع کرنہٕ تہٕ کینژو قلمکارو لیکھی تہنزِ شأعری تہٕ حیاتس پیٹھ مضموٗن تہٕ۔ آنحضورؐ ہندِ شفاعتُک کۆتاہ یقین چھُ تہندِس یتھ شعرس منز شولہٕ ماران :

حساب ییلہِ ہیٚن مے روزِ محشر جمع کرن میأنی سیاہ دفتر
ژٕ جانباز مگر مہ غم بَر نبیؐ دپکھ یہ چھُ غلام میٚونے



**- خواجہ غلام محی الدین وفا بھدرواہی** : زاسنہٕ : ۲۳؍فروری ۱۹۲۵ء، زاجاے : بھدرواہ، وفات : ۷؍نومبر ۱۹۸۸ء ، پیشہِ سرکاری مُلازم، سبکدوشی یتہٕ فارسٹر ۱۹۸۰ء۔

اُردو تہٕ کأشرِ زبان و ادبُک اکھ مخلص ژُکہِ در تہٕ پرستار خواجہ غلام محی الدین وفا بھدرواہی اوس اکہِ پُروقار تہٕ خلوٗصہٕ بُرژ شخصیتُک مألِک یُس تادمِ حیات کأشرِ ادبکہِ پوچھر باپتھ پوٗرٕ انہماکہٕ تہٕ دردمندی سان امہٕ کِس سرمایس سگہٕ ناوان رۆد۔ سہٕ اوس لوکچارٕ پیٹھے موسیقی تہٕ گلوکأری ہُند شوقین یوٗکِنز سہٕ پرٔھن محفلن منز شِرکتھ کران رۆد۔ رسا صاب نبن گوٚن مجلسن منز تہٕ اوس پیش پیش روزان۔ یِمنے مجلسن دوران پوٚتِمس شعر و شأعری کُن تہٕ ظون تہٕ ہیٚتِن اُردو تہٕ کأشرِ زبانن منز شعر لیکھنی۔ سہٕ اوس زود گو تہٕ خوش فِکر شأعر یمہٕ سُند قریب قریب سورُے کأشر تہٕ اُردو کلام شائع سپُد مُت چھُ۔ وفا صأبنِ گوڈنچ شعرِ سۆمبرن

سپز ''ناد'' ناوس تحت ۱۹۷۷ءیس منز چھاپ۔ یتھ منز تہُند ۱۹۴۴ءپیٹھ ۱۹۹۷ءیس تام کاشُر کلام شامِل چھُ۔ تہنز دوٚیِم شعرسوٚمبرن ''عشقہٕ ژونگ'' گیہ ۱۹۸۵ءیس منز شایع۔ یتھ منز تہُند کاشُر کلام ترتیب دِنہٕ آمُت چھُ۔ اُردو شعرن ہُند مجموعہ سپد ''بوے وفا'' ناوس تحت ۱۹۸۰ءیس منز شایع تہٕ تہندِ نعتیہ کلامُک گُل دستہٕ سپد ''عشِ رسولؐ'' ناوچہِ موختصر سوٚمبرنہِ ہنز شکلہِ منز شایع۔ اُردو نعتیہ کلام ''گلدستہٕ نعت اُردوٗ'' تہِ ''نعتیہ کلام کشمیری'' تہِ چھےٚ تہنزن اہم تصنیفن منز شامِل یِوان کرنہٕ۔ کینٛہہ کلام چھُ وُنہِ چھاپ سپدنے۔ یتھ تہُند زیوٚٹھ فرزند محمد اسلم خطیب چھاپ کرنُک ہنز کران چھُ۔ وفا مرحومن کٔر تقریباً ژتجی ہن وٕرِیَن اُردو تہٕ کاشرِ ادبٕچ خدمت۔ مطالعُک تہٕ اوسکھ واریاہ شوق۔ اقبال بزم ادب بھدرواہس ستی رٕودی وُمرِ وُمران اکہِ فعال تہِ متحرک رُکنہِ ہندی پاٹھی وابستہٕ تہٕ کٔرکھ اتھ اکھ کامیاب اُنجمن بناونٕچ کوٚشِش۔

وفا بھدرواہی سُند کلام چھُ مجموعی طور روحانی تہٕ روایتی طرزُک تاہم چھُ کُنہِ کُنہِ سہ عصری آگہی ہُند تہِ باس دِوان۔ تہُندِ ہن کاشرِ نعتن گوٚنہٕ صِرف ڈوڈہ ضلعس مَنزے اوت ٹھٔکہِ ساٚرِسے وٲدی کشیرِ منز تہِ قبوٗلِ عام حاصِل۔ یِمن نعتن منز چھُ عشق تہٕ عقیدتِ آنسرور ژھٹہِ ماران تہٕ یِم سادگی، انکساٚری تہٕ والہانہٕ عقیدمندی ہندی پیکر وتلاوان چھِ۔ تہُندِس یتھ نعتس سپز سبٹھاہ پذیرائی حاصِل:

نوقتہٕ روستِس جمالس لگےٚ میم۔ حے۔ میم دالس لگے



- **غلام قادر بٹ، قادرؔ بیرواڑی:** زاجاے بیرواڑ، کشتواڑ، یوٚ دوٚے زَن بیرواڑی صأبن زاسنہٕ مولوٗم چھُنہٕ تاہم قرین قیاسہٕ کِنۍ چھِ تِم یوٗہے پانژھِ شیتھ وٕری یہِ واتٕنسہِ ہنٛدی باسان۔ گامگار، نِشاط تہٕ ڈولوالؔ صأبنۍ ہمکال آسنہٕ کِنۍ تہٕ چھےٚ تہنٛز ووٚمرِ یژھے باسان۔ تِم چھِ ولی محمد اسیرؔ کشتواڑی ہنٛدی والِد ماجد۔ اسیر صأبن کرناوِ تہنٛز شعرِ سوٚمبرنہِ ''ژانگہِ ریٚہہ'' تہٕ ''پتھ وَن صدا'' ناون تحت بالترتیب ۱۹۸۹ؔ تہٕ ۲۰۰۷ؔ دوران شائع۔ یِمن منٛز غزلیات نعت تہٕ منقبت شأمِل آمٕتی چھِ کرنہٕ۔ تِم چھِ گوڈنِکۍ ناخوانٛدٕ شاعر یِہنٛد کلام پوٚرِ اہتمامہٕ سٟتۍ شائع کرنہٕ آو۔ یہٕ کلام چھُ کشتواڑ علاقس منٛز گوٚبنہِ یِوان۔ نعتیہ کلامُک نموٗنہٕ چھُ یِتھۍ کِنۍ:

ے پکان گژھ پکان گژھ پکان گژھ مدیٖنس
پران لاالٰلہ گژھ پکان گژھ مدیٖنس



- **خواجہ غلام نبی ٹاک ضمیرؔ فریدی:** زاجاے : ڈوڈہ (فرید آباد)، زادوہ : ۲۷ نومبر ۱۹۲۸ؔ، وفات : ۱۰ ستمبر ۲۰۰۳ؔ۔ ضمیر فریدی صأبن تُل شاعری ہُنٛد دَس اُردو زبأنۍ منٛز اماپوٚز پتہٕ پہِن ہیوٚتُن کأشرِ زبأنۍ منٛز تہٕ شاعری کرٕنۍ، تِمۍ ہنٛدِس کلامس چھُ رومأنی آیہِ یتھ منٛز غزلیات، نعت شریف تہٕ کیٚنہہ نظمہٕ شأمِل چھےٚ۔ یہِ لولہٕ بوٚرُت کلام آو ''آئینہ ضمیر'' ناوٕ ۲۰۰۵ؔ منٛز شائع کرنہٕ۔ تہُنٛد نعتیہ کلام تہٕ چھُ یتھ کِتابہِ منٛز شأمِل۔ نموٗنہٕ کلام چھُ تاہم یِتھۍ کِنۍ یتھ رساؔ صأبنِن نعتن ہنٛز یوٗت ژھاے ٹاکارٕ پأٹھۍ لبنہٕ چھےٚ یِوان:

ے فرشتن کران چون دیدار وُچھمے — بخواب یا نبیؐ روے انوار وُچھمے
ژےٚ نش رحمتُک سہ طلبگار وُچھمے — ضمیرس تہٕ ژلہِ شرٕ سہ پادن وٕنٛدی سر

**- محمد عبداللہ گنائی شیدا بانہالی :** زاسنہٕ اگست ۱۹۳۴ء ، زا جاے : ناگم بانہال۔ شیدا بانہالی رۄد تاٲلیم کِس محکمس منٛز اَکِس ووستاد سٕندِ حٲثیژ یتہٕ وارِیاہ کامیاب، ۱۹۸۹ء یَس منٛز سپُد ریٹائر۔ کاشُر ادبی مرکز کمبن بانی کارن منٛز چھُ تٔمی سٕندِ بُردباری تہٕ پُرخلوص شخصیژ ہِندی تاریف کرنہٕ یوان۔ وارِیاہ کالہٕ پٮ۪ٹھ چھُ شعر و شاعری کراں تہٕ کلامس منٛز چھُس بقولِ منشور بانہالی ''حُسن و محبتُک امار''۔ تمِس چھےٚ زمانکین دولابن ہنٛز دگ تہٕ تیلناوان تہٕ یارٕ سُنٛد عشق تہٕ وولسنس انان۔ نعت تہٕ منقبت تہٕ چھِن لیکھمٕژ یم سیوٚد ساد زبانی تہٕ رِوٲیتی اندازس منٛز وننہٕ چھِ آمٕژ۔

نموٗنہٕ کلام چھُ یہِ :

مہمان بٔنتھ درامے کم جانانہٕ مدینَس
میزبان حضرتؐ پانہٕ عالی شانہٕ مدینَس
یَس گارِ حضرت لارِ وتن چشمہٕ وتھراوان
بے چارٕ شیدا دل دِوان نذرانہٕ مدینَس



**- بشیر احمدؐ خطیب : بشیر بھدرواہی :** زاسنہٕ تہٕ دوہہٕ : ۲۴ جنوری ۱۹۳۵ء ، زاجاے : بھدرواہ۔ راقم الحروف بشیر بھدرواہی چھُ پٔتمو پانژاہو ؤری یو پٮ۪ٹھ اُردو تہٕ کاشرِ ادبس منٛز شعر و شاعری تہٕ نثری تخلیقاتو زٔنگی خدمتھ کرنچ کوشش کران۔ کاشرِ زبان تہٕ ادبس گُن روٗدُم زیادٕ پہن ظون یوِ کِنی میانو شعری کاوِشو علاوٕ میانی وارِیاہ تنقیدی، تقریظی تہٕ ادبی مضموٗن ریاست کمبن موقرِ رسالن، مجلن تہٕ ادبی تہٕ ثقافتی نوعژ کمبن کتابن منٛز شائع سپدان رۄدی۔ ''ڈوڈہ ضلعکی کاشرِ لکہٕ بٲتھ'' چھےٚ میانی یتھ صوبس منٛز لُکہٕ ادبس پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمٕژ گوڈنچ کتاب یوس کلچرل

اکیڈمی ۱۹۷۲ ءیس منز شائع کٔر۔ اتھ کتابہٕ سپز واریاہ پذیرأیی۔ امہٕ پتہٕ سپز میأنی شعرِ سۆمبرن ''گوشن ہندی پوش'' ناو ۱۹۹۸ءمنز شائع۔ یمیُک اجراء أکس پُروقار تقریبہٕ ہندِس موقس پیٹھ (مرحوم) بشیر احمد کچلو وزیرِ خوراک تہٕ ٹرانسپورٹ، جناب محمد یوسف ٹینگ تہٕ جناب وید بھسین ہندِ ذٔسی پریس کلب جیمس منز کرنہٕ آو۔ اتھ شعرِ سۆمبرنہِ تہٕ میأنس کلامس پیٹھ چھِ ریاستکوٚ درجن واد قلمکارو، تبصرٕ نگارو تہٕ نأقدو پنٕنی پنٕنی راے دِتھ مختلف کتابن، اخبارن تہٕ رِسالن منز تبصرٕ، تجزیہ رٔنگی یا مقالن ہندِس صوٗرتس منز شائع کٔری متی۔ یمن موٗقرٕ اصحاب نگارشن منز چھِ جناب ٹینگ صأبس علاوٕ ڈاکٹر ظہوٗرالدین، ڈاکٹر مرغوٗب بانہالی، جناب منشوٗر بانہالی، جناب آر۔ کے۔ بھارتی (مرحوم)، جناب رسول پوٚمپر، جناب اسیر کشتواڑی، جناب بشیر اختر (مرحوم)، جناب شہباز راجوری، جناب مُشتاق فریدی، جناب فرید احمد فرید، جناب رِند بھدرواہی، ڈاکٹر بی ایل کول (مرحوم)، مِسٹر پیارے ہتاش، جناب موہن لال آش، جناب تنویر بھدرواہی، جناب شاد فرید آبادی وغارٕ قأبلِ ذِکر۔ یتھین کرٕ بہٕ ٹینگ صأبنہِ تبصرٕ منز اکھ ژٕ سطرٕ پیش تاکہِ قأرین حضرات ہیکن اتھ پرٕتھ کانہہ راے قائم کٔرتھ : ''بشیر بھدرواہی ہنز تازٕ سۆمبرن چھےٚ اَسہِ پتھ پرستانہٕ پیٹھ وأژمٕژ سوٗ ڈالی یتھ اتھِ لاگنہٕ بژونہہ اَسبند گرٕھ زالنہٕ یُن۔ اتھ سۆمبرنہٕ اکھ نظر دِنہٕ سٟتی چھےٚ مےٚ سٟتھ گأمژ زِ کأشرِ سوٗخنواری چھےٚ وُنہِ اتھ ژٔندن زوٗرِ پیٹھ پرٕزلان...... بھدرواہ کیوٚ یارٕ ہو ہوایو منز آمژ یہِ سۆمبرن چھِ کأشرِ زبأنی جنوٗبی قلایہِ ہنز سوٗ عَلم یُس پیٚہہ لہراوان یتھ رسا جاودانی مرحوم پننوٚ بابرکت اتھوٚ واش کوٚڈ تہٕ گاشہٕ بروم بنوو۔ سُہ چھُ پنٕنی رنگ ژھٹ الگ کران۔ تِسنٛدِس آلوس چھُ پنٕن بوش، پنٕن جوش تہٕ پنٕن ہوش۔ أسی چھِ تِسنز خوبصورت آگہی بقولِ

مہجور تِلہٕ ناچِ گلہٕ بولہٕ ناوِتھ استقبال کران'' (گوشن ہِندی پوش)

یوٗت تام میانہٕ نعتیہ شاعری ہُند تولُق چھُ، مےٚ تہٕ چھِ بارگاہِ رسالتس منٛز کینٛہہ نعت پیش کرنٛچ جسارتھ کرٕمٕژ، نعتن ہُند یہ پوشہٕ گوند سپُد ''تحفہ عازمینِ حجاز'' ناوِ ۲۰۰۵؁ منٛز شائع ییمیُک رسمِ اجراء کشتواڑ کس اَکس نعتیہ مشاعرس منٛز جناب رحمان راہی، جناب رسول پونپر وغارٕ تھدبن اَدیبن ہِندی دٔسی بڈِ اہتمامہٕ سان کرنہٕ آو۔ اتھ پٔتھ کینٛہہ تبصرِ کرُن چھُ خودستأیی مترادِف کتھاہ! ووں گو اگر کانٛہہ نعت پرِتھ تہٕ کرُن مناسب زانہِ۔ سوٗ اَس رٕژے کتھ!



رٕچھ رٕچھ مےٚ ما تھاوِوم اوٗش بے سوٗد اَچھن منٛز

وقتِ وداع زٔن روٗد پو کتہٕ روٗد اَچھن منٛز

محکمہ تالیمس منٛز دیانتدارانہٕ تہٕ اعلیٰ کارکردگی ہِندِس اعترافس منٛز آیہٕ مےٚ ریاست کہِ چیف منسٹر ہندی دٔسی ۲۰۰۷؁ یَس منٛز جمہٕ منعقد سپٕزمٕژ اَکس پُروقار تقریبہٕ منٛز شال پوشی کرنہٕ تہٕ مومینٹو دِنہٕ تہٕ اُردو تہٕ کاشرِ ادبس منٛز میانٛین خدماتن ہِندِس اعترافس منٛز تہٕ آیہِ ریاستچہٕ کلچرل اکیڈمی ہِندِ طرفہٕ رازویر ۲۰۰۸؁ یَس منٛز منعقد سپٕزمٕژ کانفرنسہِ منٛز شال پوشی کرنہٕ تہٕ مومنٹو تہٕ ینامہٕ سٟتی عزت افزایی کرنہٕ۔

☆

**- ڈاکٹر مرغوب بانہالی:** غلام محمدؐ مرغوب بانہالی چھِ ۵ مارچ ۱۹۳۷؁ یَس منٛز زامتی۔ بنکوٹ بانہالہِ پٔتھ چھکھ کینٛہہ ؤری یہ بڑونٛہہ نقل مکانی کرٕمٕژ تہٕ سری نگر آباد سپدٕمتی۔ میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ سپد تم ووستاد تعینات تہٕ نجی پأٹھی کٔرِکھ منشی فاضل، بی۔اے تہٕ ایم اے فارسی امتحان پاس۔ بی ایڈ کرنہٕ پتہٕ آے تم ہیڈ ماسٹر مُقرر کرنہٕ تہٕ ۱۹۷۰؁ یَس منٛز آیہِ کشمیر یونی ورسٹی ہِندِس کاشرِ شعبس منٛز لیکچرار

تعینات کرنہٕ۔ ۱۹۸۶ ہس منز میج تِمن ترقی تہٕ آے کأشرِ شعبکی صدر مقرر کرنہٕ یتھ عہدس پیٹھ تِمو ۱۹۹۸ ہس تام تدریسی تہٕ تنظیمی ذِمہٕ وأرِی یہٕ بطریقِ احسن انجام دِژ۔

مرغوب صأب چھِ نامور أدیب، قادرالکلام شاعر تہٕ محقق، زبان شناس تہٕ زبان ساز قلمکار تہٕ ترجمہٕ کار ییمن فارسی، اُردو تہٕ کأشرِ زبانو علاوٕ پوگلی وغارٕ زبانن پیٹھ تہِ پوٗرٕ عبوٗر حاصِل چھُ۔ تِم چھِ درجن واد کِتابن ہِندی مُصنف، مولف تہٕ ترجمہٕ کار۔ ۱۹۷۶ ہس منز کرِکھ پٲنژ گوڈنیچ شعرٕ سوٚمبرن ''پرتوستان'' شائع یتھ ساہتیہ اکیڈمی تہٕ کلچرل اکیڈمی ہِندِ طرفہٕ ینامہٕ توٗر۔ تِہنز بیاکھ شعرٕ سوٚمبرن ''تجسلتان'' تہِ آیہٕ ز ترٚے وٲرِی یہٕ بروٚنٹھ شائع کرنہٕ۔ تِمو چھُ مشہوٗر فارسی تصنیف ''کلیلہ دمنہ'' تہٕ کأشرِ اوٚرزٕ تہٕ ۱۹۸۹ ہس منز اکھ تحقیقی کِتاب ''کشیرِ بالہٕ اَپارٕ'' لیکھتھ کرنو تِمو جمی صوٗبکس ادبس تہٕ ثقافتس کشیرِ ہِندِ ہن لوٗکن ستی زان ییمہٕ ستی یہٕ وریہٕ وادِن ہُند تأثر ختم کرنس منز مدد میج زِ ییمن پتھ کھوری علاقن منز کہٕ چھُنہٕ کأشُر ادب تخلیق سپدان تہٕ اتھ ثقافت تہِ چھےٚ نہٕ قابلِ توجہ۔ یہِ کِتاب گر کشمیر یونی ورسٹی ہِندی کأشرِ شعبن شائع۔

مرغوب صأب چھِ کثیر الجہت شخصیژ ہِندی مألِک ییمہٕ سُند شعرٕ آہنگ فِطری تہٕ معنی سوو چھُ۔ مولانا رومی، سعدی تہٕ ڈاکٹر اقبالؒ سُند اثر چھُ أہندِس کلامَس حاوی تہٕ نوٚن یوٚ دوٚے زن زبأنی ہِندِ مأری موٚند ورتاو تہٕ طرح تِمن پٔنُن چھُ۔ تِہندِس کلامس منز چھےٚ فِکری تہہ دأری، روانی، برجستگی، نغمگی تہٕ شیرینی یتھ منز غزل، ٹلھ، رُباعی، نظمہٕ (ییمن منز تِہنز تصویری نظمہٕ اکہٕ نوِ تجربُک پےٚ دِوان چھےٚ)، تہٕ نعتن ہِندی موٚللی گلدستہٕ شأمل چھِ۔ یِہندِس کلامس منز چھےٚ بقولِ منشور

بانہالی" اکھ فلسفیانہٕ تاہدأری، اخلاقی قدرن ہنز پاسدأری، فِکری وہراوس ستی عصری بے راہ روی پیٹھ تہِ اکھ زیرِ لب طنز موجوٗد۔" (کاشرِ زبان و ادبُک توأریخ۔ جیٚمہِ صوبس منز ص ۱۹۲)۔

مرغوب صابن لیکھی واریاہ نعت تہٕ محترم ڈاکٹر شاد رمضان چھِ مرغوب سٕندِ نعتیہ طرزِ اظہارس یِم سونہری جامہٕ نالی ترٛاوان "تہند نعت چھُ کاشرِس نعتیہ ادبس منز پنُن منفرد لہجہِ تہٕ طرح ہیتھ عقیدتمندن مارفتکی رس دامہٕ دامہٕ چاوان تہٕ رُمہٕ رُمہٕ ژینناوان...... یتھ پزرس چھُنہٕ انکار زِ مرغوبنہٕ شارٕ زبأنی پیٹھ چھُ فارسی ییک وِیوٗ داثرلبنہٕ یِوان یُس نعتس منز ہنا زیادے پھن پھٹِتھ نیران چھُ ووٗنی گو یتھ پزرس تہِ کیاہ وٕنی زِ زِ موضوع نظرِ تل تھوٗتھ چھُ نعتس منز عربی تہٕ فارسی لفظن تہٕ ترکیبن ہند عمل دخل ضروٗری ئلی کہِ لازمی۔ یُتھ ہیٚو ورتاو چھُ تہندِ نعتک تقدس رچھان رچھان میٹھ لہجہِ تہِ رنبہٕ وُن انہار پراوان۔ "دأدی تےٚ جأدی بلان عقلہِ مدینس وأتتھ۔" (گولاب۔ اعمانمبر کاشر ادبی مرکز بانہال۔ ڈاکٹر شاد رمضان)



- **عبدالرشید فدا کشتواڑی** : زاو کشتواڑس منز ۲۸/اپریل ۱۹۳۷ء کیٚت۔ ہارٹیکلچر محکمس منز آسی مُلازمت کران۔ ووٗنی چھِ سبکدوش سپدٕمتی۔ تم تہٕ چھِ کہنہٕ مشق أدیب، شأعر تہٕ ناقد یِم اُردو تہٕ کاشرِ زبأنی منز شأعری کران چھِ، زوٗدگو آسنہٕ کنی چھُ تمو واریاہ کینہہ لیوٗکھمت۔ غزلہٕ، نظمہٕ، ٹُکھ تہِ کینہہ نعت تہِ۔ اماپوٗز تہُند کلام چھُ زیادٕ تر اُردوس منزٕ یُس وِزِ وِزِ مختلف رِسالن تہٕ اخبارن منز چھاپ سپدان روٗد۔ تہنز اُردو شعرٕ سوٗمبرن "فکرِ نا تمام" چھےٚ چھاپ سپزٕمژٕ۔ یوٗدوٚے تہُند طرزِ اظہار رِوایتی انداز ہیتھ چھُ تاہم چھِ عصری آگہی تہٕ زمانچن

بدلوٗنہٕ قدرن پٹھ تموٚ واریاہ رٕتی شعر تخلیق کری مٕتۍ۔ تموٚ تہٕ سوٗزمیٔانس درخواستس پٹھ کینژہ نعت یموٚ منز کینژہ (ترمیمہٕ سان) یتھ کتابہٕ منز شامل آمتی چھ کرنہٕ۔ نعت لیکھنس منز چھ تم نعتکۍ آداب ملحوظ تھاونچ کوٗشش کران۔ نعتُک نموٗنہ :

ہے تہٕ چھُس مہ کُنہٕ اکھ فدایے محمدؐ
چھ دوشوے جہان جان فدایے محمدؐ



-**منظور حسین خطیب**[1]: منظور بھدرواہی، زاو چنتہ گامُس جون ۱۹۳۸ ہس منز یُس بھدرواہ قصبس نزدیک چھُ۔ ایف ایس سی پاس کرنہٕ پتہٕ آیہ رینج آفیسر تعینات کرنہٕ۔ ترقی پرٲوِتھ روٗدی واریاہس کالس ڈویژنل فارسٹ آفیسر ہنٛدِس عہدس پٹھ مُلازمت کران۔ ۱۹۹۶ ہس منز سپدی ریٹائر۔ تم چھ اُردو تہٕ کاشرِس منز شاعری کران اماپوٚز نعت لیکھنس کُن چھکھ زیادٕ پہن ظون یمن دعایہ تہٕ التجائی انداز چھُ۔ آنحضورؐ ہنٛدِس عقیدتس منز سرشار آسنہٕ کِنۍ چھ رٕتی نعت لیکھان۔ یہنٛد روایتی انہار وُچھن لایق چھُ :

ہے تاج لٲگتھ سہ تاجدار ییہٕ نا بے قرارس مے از قرار ییہٕ نا
دٲدی بلہن دِلکی مے منظورس شاد گژھا سہ شہرِ یار ییہٕ نا



- **غلام رسول قمر پونچھی** : قمر صاب زاو حیات پوٚر پرونژھس منز ۱۵ردسمبر ۱۹۳۸ ہس کیٚت۔ (بحوالہٕ بشیر بٹ مرحوم)۔ موموٗلی تالیم حاصل کرنہٕ پتہٕ سپُد بحیثیت سیکشن آفیسر ریٹائر۔ اُردو تہٕ کاشرِس منز چھُ شعر گویی کران۔ (تہنٛد نعت چھُ بعد

[1] منظور حسین اوس مئون برادرِ اصغر یُس ۲۱ر نومبر ۲۰۱۰ ہس رحمتِ حق سپُد "انا للہ وانا الیہ راجعون"۔

از ترمیم شأمِل کِتاب کرنہٕ آمُت )۔

چھُس یا نبیؐ غولاما لیکھِنچ کران جسارتھ
کنہِ میُون ہیُو تہٕ عأصی کانْہہ نعت خوان آسیا



- **غلام نبی شاکر بانہالی:** زاو چکلبو بانہاله ۱۵/جنوری ۱۹۴۰ء یَس منز۔ تِہنٛد پیشہ چھُ تجارت۔ خاص مشغلہٕ چھکھ شُر بن ہتی اُسن تہٕ گِندُن۔

شاکر صابن چھےٚ شأعری رژھا ژیری پہن شوٗرُ کٔرمٕژ۔ تم چھِ زیادٕ پہن کأشرِس منزے شأعری کران۔ مناجات، نعت، منقبت تہٕ غزل لیکھنَس کُن چھکھ خاص ظوٗن، انداز روایتی آسنہٕ باوجود چھُکھ طرزِ اظہار تہٕ واتہٕ نأوبر مأرٕ موٗنٛد، زبأنی پٹھ تہٕ چھکھ جان گرِفت۔ تہنٛدی نعت چھِ سوزٕ تہٕ گداز بٔرتی:

غمزدن منز غمزداہ شاکر چھُ تہنٛدٕ ے خاکِ پا
پرٛتھ دوہ کھس دأدِس دوا چھُس نعت خأنی یا رسولؐ



- **غلام نبی نائک : شہباز راجوروی :** زاہ دوہ ۲۴ /فروری ۱۹۴۰ء، زا جاے: پوشانہ پروژشھ، موجوٗدٕ سکوٗنت : بہروٹ راجوری۔ میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ سپدی محکمہ تألیمس منز ۲/جولائی ۱۹۵۸ء بحثیت تہٕ وستاد تعینات تہٕ ترقی پراوان سپدی سینیر لیکچرار ہِندِ حثیتہٕ سبکدوش۔ تموگری پرائیوٹ پأٹھی ایم اے (اُردو) تام امتحانات پاس تہٕ بی ایڈ ڈگری تہٕ پرٛأوِکھ دورانِ مُلازمت۔

۱۹۶۰ء یَس منز کوٗر شہباز صأبن اُردو پأٹھی شأعری ہُند ابتداء۔ پتہٕ پہن پیوٚس کأشرِ شأعری علاوٕ پہاڑی تہٕ گوجری شعرو ادبَس کُن تہٕ ظوٗن۔ سُہ چھُ امہٕ

پتھ کھورِ علاقہٕ کہِ کأشرِ زبأنی ہنٛدِ شعر و ادبُک اکھ ممتاز نُمائنٛدٕ تہٕ اولین تھوٗنگ
یُس بقولِ منشوٗر بانہالی ''اکھ بِسیار جہشُل، ژٕ بصیرتھ تہٕ کُشادٕ نظر تھوون وول شأعر،
أدیب، نقاد تہٕ محقق کارِ چھُ یٔسندِس بأوژ بلس اکھ پٔژن دم خم، اعتماد، قوت، تیٚہہ تہٕ
ریٚہہ چھےٚ۔'' (جیٚمہٕ صوبُک کأشرِ ادبُک توآریخ۔ص ۲۰۵)

شہباز صأبنٕ کلٲم شأعری چھےٚ نۆبن باوتھ ہیتھ اکھ منفرد مُقام پژاوان
یتھ ثقافتی لہجُک رنگ زیادٕ پہن دِلچسپ بناوان چھُ۔ نثری مأدانس منز تہٕ چھُ تہنٛد
دیُت اُردو، کأشرِ، گوجری تہٕ پہاڑی زبانن ہنٛدِس موٲلی سرمایس قابلِ تعریف
حدس تام ہُر بر تہٕ پوچھر کران۔ غزل، نظم، ٹُھ تہٕ نعت وغارٕ چھِ تہنٛدِ کلامکی کینٛہہ
انہار یمن منز تہنٛد اسلوٗب تہٕ نوین وَل قابلِ توجہ بنان چھُ۔

شہباز صأبنہِ اُردو کلاچ گوڈنچ سۆمبرن سپٕز ''لمحے لمحے'' ناوس تحت
شائع۔ تۆ پتہٕ گٔر تمو پننہِ کأشرِ کلاچ سۆمبرن ''ژھبنہٕ گأمژ آواز'' ۱۹۸۱ہٕ یَس منز
چھاپ یتھ رِیاستی کلچرل اکیڈمی ہنٛدِ طرفہٕ یِنامہٕ تہٕ آو دِنہٕ، دۆیِم شعرٕ مجموعہ
''بژ أنتی'' سپٕنہٕ ۱۹۹۰ہٕ یَس منز شائع۔ اتھ تہٕ تۆر کلچرل اکیڈمی ہنٛدِ طرفہٕ یِنامہٕ۔ ترٕیِم
سۆمبرن تہٕ چھےٚ حال حالے شائع سپٕزمٕژ، یمہٕ کِتابہٕ پٔرتھ چھےٚ شہباز صأبنہِ حِس
آگہی تہٕ تہنٛدِ بن نوبن شعری رِیوٲیتن ہنٛز داد پوان دِنہٕ۔ تہنٛد بن ادبی مقالاتن
ہنٛز سۆمبرن تہٕ گیہٕ ۲۰۰۸ہٕ دوران شائع یتھ کأفی پذیرایی آیہٕ کرنہٕ۔

شہباز چھُ واریاہن ادبی تنظیمن سٟتی وابستہٕ یمن منز ''بزمِ ادب تھنہ
منڈی''، بزمِ ادب راجوری تہٕ کوٗشر مرکز بہروٹ شأمِل چھِ۔ یمن تنظیمن چھِ تمو
صدأرتی فرائض تہٕ انجام دِتی ہتی۔ تم چھِ مأرٕ منٛدی تہٕ خوبصورت نعت تہٕ
لیکھان یمن منز آنحضورؐ ہنٛد عقیدت مُقامی شوٗژ تہٕ ساد روار لہجہٕ ہیتھ بے وایہٕ

عطر ژھٹان چھُ۔ بوزِو تہٕ پٔرِو:

سیرتھ چھِ نوٗرٕ زٕژ تےٚ صوٗرتھ چھےٚ گاش گاش
عالم سپُد منور اسرار گییہٕ تہٕ فاش
ذاتِ محمدیؐ سلام لولک یہٕ میٚون داش



**-عبدالرشید فدؔا راجوری:** زادوہ ۲۰/اگست ۱۹۴۰ء، زاجاے: پوشانہٕ پزٕونژھ۔ ازکال چھِ بہروٹ، رازوٕرِ منٛز سکوٗنت پذیر۔ فِدا راجوری تہٕ چھُ اتھ علاقس منٛز پنہٕ نِس برادر شہباز راجوری ہنٛدےٚ پٲٹھی کٲشرِ زبٲنۍ ہُنٛد ژُکہٕ دریمو کٲشرِ زبٲنۍ ہُنٛد ژھتہٕ گرٕھوٗن ژونگ نٕو زٕوٕ ژٕ پتھ کھٲلتھ دُبارٕ زول کرنوو تہٕ اتھ پتھ کھور علاقس منٛز یہٕ زبان زِنٛدٕ تھوٚو تہٕ اتھ پوٚچھر دِنٕکی ہنٛز گری۔

فِدا صاٲبن تہٕ کرٕ میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ نجی طور ایم اے تام تألیم حاصل تہٕ روٗدی ترقی ہنٛدی پڑاو سر کران۔ بکٕٹی یتہٕ ووستاد تعینات سپدنہٕ پتہٕ کوٚر تمو بی اے تہٕ اِد ایم اے اُردو امتحان پاس۔ بالآخر سپدی تم پرنسپل ہائر سکینڈری سکول ہنٛدِ عہدِ پٮ۪تھ ریٹائر۔ فدا صابن تہٕ کوٚر شاعری ہنٛد ابتداء اُردو زبٲنۍ منٛزٕ تہٕ پتہٕ پھیٚوٗرکھ کٲشرِس کُن تہٕ ظوٗن۔ تِہنٛد اُردو تہٕ کٲشُر کلام روٗد ریاست کِنہٕ موقر رسالن منٛز چھاپ گژھان، کٲشرِس منٛز چھُ تِہنٛد کلام روایتی اندازس منٛز غزل، ٹٕھ تہٕ نظمن پٮ۪تھ مشتمل یُس واریاہس حدس تام معیٲری تہٕ لۄیہٕ وُن باسان چھُ۔ فدا صاٲبس تہٕ چھُ ماجہٕ کٔشیٖرٕ نِشہٕ ژھٔبن گژھنٛچ دَگ باضے دل کوٗران تہٕ پننہٕ اونٛد پۄکھُک دود تہٕ چھِ تم خوبصورت شعرن منٛز وتراونٛچ کوٗشش کران۔ نظمن ہُنٛد اختصار تہٕ چھُ لۄیہٕ وُن۔ تم چھِ نعتِ شریف لیکھنس منٛز تہٕ رتہٕ آیہٕ بڑونٛٹھ پکہٕ نٛچ

کوٚشِش کران، مطالعہ کہِ سنٛز تہٕ زبانن پٮ۪ٹھ دستگاہ آسنہِ کِنۍ ہیکن تم اتھ مُقدس صِنفس تہِ پننہِ باقۍ شاعری ہندی پاٚٹھۍ زیادٕ پہن موزونیت تہٕ تاثیر پاد کٔرِتھ۔ نعتُک نموٗنہٕ چھُ ییتھ کِنۍ :

محمدٌ سون رہبر، سون سرور — محمدٌ کائناتس کیٚت پیامبر
زمینس آسمانس بول بوشاہ — چھُنا کُل عالمس رحمت سراسر

فِدا صأبنہٕ زٕ کِتابہٕ "پروٚنژھ تہٕ رازویرٕ ہندی لکہٕ باتھ" تہٕ "میٚون پوٚشن" آیہٕ حالے حالے چھاپ کرنہٕ، اُردو زبأنۍ منز تہنز "مغل روڈ" کِتاب تہِ چھےٚ اکھ اہم کِتاب یوس کیٚنہہ کال برٛونٛہہ شائع چھےٚ آمٕژ کرنہٕ۔ اتھ منز چھےٚ مُغل روڈٕچ اہمیت تہٕ افادیت جان پاٚٹھۍ وبرٛٹھناونہٕ آمٕژ۔



- **مرزا رحمت اللہ بیگ : رحمتؔ بانہالی:** زادوہ : ٦ نومبر ١٩٤٠ء، ولدیت : مرزا وزیر محمد بیگ، سکوٗنت : لامبر، بانہال، حال گوجر نگر جوٚم، تألیم : بی اے، أدیب کأمِل۔ رحمت صأب چھِ سأنۍ قداوار شاعرٕ میٚس اُردو، فارسی تہٕ عربی زبانن پٮ۪ٹھ کأفی دسترس حاصِل چھےٚ۔ محکمہ ایکسائزس منز کأم کران سپدی ١٩٩٨ء یس منز نوکری نِشہِ سبکدوش۔ تہنز اُردو نعتیہ کلام سپُد "آثارِ رحمت" ناوس تحت کیٚنہہ کال برٛونٛہہ شائع ییمہِ پتہٕ ٢٠٠٨ء یس منز تمو پٔنن کأشر نعتیہ کلام تہِ "اسرارِ رحمت" ناوٕ کٔرِتھ شائع کوٚر۔ دوشوے سوٚمبرنہٕ چھےٚ دید زیب تہٕ لٔیبہ وُنہٕ۔ "آثار رحمت" سوٚمبرنہٕ منز چھِ تہندی لیکھمتۍ مناجات، نعتِ شریف تہٕ کیٚنہہ منقبت شأمِل آمتۍ کرنہٕ۔ "گلدستہٕ نعت آثارِ رحمت" چھُ تہندی لیکھمتۍ حمد تہٕ ثنا، نعت تہٕ منقبتن احاطہٕ کٔرِتھ تہٕ امہِ علاوٕ "قصیدہ غوثیہ" ہُک کأشر ترجمہ تہِ چھِ اتھ منز شأمِل۔ نعتیہ کلامس منز چھےٚ

رحمت صأبٕنٛز انکساری تہٕ عاجزی تہٕ عقیدتُک تہٕ احترامُک نٔوی انہار ژھٕٹہٕ ماران۔ یہِ سورٕے کلام چھُ پُر اثر پُر گداز تہٕ معنہٕ سوٗو۔

واویو دوَن گژھک مدیٖنس کُن — گراوِ نہٕ زِمیانہِ شاہِ مدیٖنس کُن

اے شفیع الوریٰ نظر کٔری تو !! — از عنایت یہِ ژھوٗر ہلم بٔری تو



**-خواجہ ثنا اللہ بٹ مضرابؔ پونچھی:** چھُ سیٖٹھی خواجہ پرونژھس منٛز ۲۴ر جنوری ۱۹۴۱ ہٕ یَس کٔیت زامُت۔ پہاڑی تہٕ کأشرِ زبانن منٛز چھِ طبع آزمأیی کرانٕ ذٔہَن جمأژن تام چھکھ تألیم حأصِل کٔرمٕژ۔ بشیر بٹ پونچھی مرحومن سوٗزی مِضراب صأبن کوائف تہٕ کیٛنہہ نعتن ہٕنٛدی نموٗنہٕ یِم شأمِل کِتاب کرنہٕ آیہٕ۔

زِندگی ہُنٛد پرٛتھ عمل تہنٛدُے چھُ قرآنٕچ نظیر!

دوست دُشمن پَنٕنۍ پَرٕدۍ تہنٛدِ اخلاقُکۍ رہیٖن

پرٛتھ أکِس پیٹھ مہربأنی پرٛتھ أکِس ستیٖن حلیم

وَما ارسلناکَ رحمتً العالمین



**- شیخ غلام علی مشتاقؔ فریدی:** مُشتاق صأب زامٕے ڈوڈہس منٛز شیخ غلام قادر مرحوم سٕنٛدِ گرٕ ۲۳ر فروری ۱۹۴۱ ہٕ یَس منٛز۔ میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ گٔرکھ کیٛنژھ کالا محکمہ زراعتس منٛز مُلازمت تہٕ پتہٕ آیہِ محکمہ تألیمس منٛز بحیثیتہٕ ووستاد تعینات کرنہٕ۔ یِیمہِ برٛونٹھ اوس تِمو أدیب فاضل امتحان تہِ پاس کوٗرمُت، مطالعُک شوق اوسکھ ابتداء پیٹھے، ڈوڈہ منٛز قائم ڈِسٹرکٹ لائبریری ہُنٛد تلکھ پوٗرٕ پوٗرٕ فأیدٕ تہٕ خالے آسہِ کانٛہہ ترٛٹھ کِتاب یا رسالہٕ یُس نہٕ تِمو سنجیدگی سان پوٗر۔ اللہ تعالیٰ ہُن اوسکھ ذہانتگ تہٕ

معاملہٕ فہمی ہُند گوڈنتھے اکھ قابلِ رشک خزانہٕ عطا کۆرمُت یتھ تہندی مطالعکی شوقن خوٗب پیٖن دِژ تہٕ یہُند قلم لوٗگ نثرس کیو شعر و اَدبس منز گُلفشانی کرنہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ روٗدی اُردو زبانٕی منز شعر لیکھان اماپوٚز جلدٕے پھیوٚر کھ پننہٕ ماجہٕ زیوٚ کُن تہٕ ظوٗن۔ مُشتاق صأب چھِ ڈوڈہکین اولین قلمکارن منز شُمار سپدان یمو دۆشوٕنی زبانن (اُردو تہٕ کاشرِس) منز شعر گویی تہٕ گرتہٕ مضمون نِگاری تہِ۔ از کال چھِ تہندی دینی، اخلاقی، سماجی تہٕ اصلاحی قسمکی مضمون اُردو اخبارن تہٕ رِسالن منز باقاعدٕگی سان چھاپ سپدان، یِہنز ہر طرفہٕ پذیرایی یِوان چھِ کرنہٕ۔ کاشرِ زبانٕی ہُند یہٕ تھدِ پایک شاعر چھُ مومنت ''نعت گو'' شاعر یمہٕ ہندی نعت ریاستکین اطرافن مُشکِ عنبرٕ ستی معطر چھِ کران۔ مُقامی طور تہٕ چھِ تہندٕ بن نعتن ہنٛز گرٕبز مشیدن، مجلسن تہٕ اجتماعن منز لوٗکن ہندی دِل لوٗبہٕ ناوان تہٕ رنٛزناوان۔

۱۹۹۶ یَس منز سپز تہندٕ بن نعتن ہنٛز گوڈنچ سوٚمبرن ''سراجاً مُنیرا'' ناوس تحت شائع یتھ منز تہندی واریاہ نعتِ شریف تہٕ کینٛہہ موضوعی منظومات شأمِل چھے۔ اتھ منز چھُ عشرت کشمیری ہندِ اُردو نعتُک کاشُر ترجمہٕ تہِ شأمِل۔ مختلف ہِصن چھِ بیوٚن بیوٚن ناوتھونہٕ آمتی۔ مثالہٕ شوٗژی ''حرف وخیال''، ''قطعات''، ''ہی تھٕر'' وغأرٕ۔ تہندی کینٛہہ اُردو تہٕ کاشرِ نعت آیہٕ ۲۰۰۸ یَس منز ''گلہائے نعت'' عنوانس تحت اَکِس سوٚمبرنہٕ ہندِس صوٗرتس منز شائع کرنہٕ یتھ منز کینٛہہ نعت تھدِ پایکی چھِ۔ امہٕ برٛونٛہہ آیہٕ تہنٛز کاشرِ نعتن ہنٛز سوٚمبرن ''برگِ سبز'' ناو دِتھ چھاپ کرنہٕ تہٕ بیاکھ سوٚمبرن ''سلسبیل'' ناوس تحت شائع کرنہٕ۔ ''مدینے میں'' نعتِ سوٚمبرنہٕ منز تہِ چھِ تہندی نعت شأمِل۔

مُشتاق صأبس چھُ اُردو تہٕ کاشرِس منز اِظہارِ خیال کرنُک اکھ قودرتی وَل

تہٕ صلاحیت یِمہٕ بدولتہٕ تٔمۍ سُند قلم ساتہٕ ساتہٕ گوہر فشانی کران چھُ روزان سُہ
آسہِ تن شعر شاعری ہُند مٲدان یا نثری ادبچ کتھ تہندِ قلمہٕ چھِ بے واے پأٹھی
موٕلِلی شاہکار تھنہٕ پیوان۔ تہندی کینٛہہ نعت چھِ بوزن والین وَجدس انان تہٕ کیازِ
سُہ چھُ آنحضورؐ ہندِ کمالک تہٕ جلالُک صورتک تہٕ سیرتک پوز عاشق۔ شعرن ہنٛز
نغمگی تہٕ تأثیر چھےٚ پرٛتھ لحاظہٕ قابلِ داد۔ یہِ نعت شریف چھُ پرٛتھ شاہہٕ مقبولیتکی بام
پرٛاوان تہٕ لوٗکن ووسنس انان۔

عالمکہٕ تاجدارو لگے ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ عربہٕ کے شہریارو لگے
از دِژ، دیدار مشتاقسے ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ محشر کے اکہٕ سہارو لگے



**-عبدالرشید رینہ:** رشید رینہ زاو تھنہٕ منڈی (راز ویر) ۲۳ نومبر ۱۹۴۱ء یَس
منز، تَم چھِ عبدالغنی رینہ صأبنۍ فرزند یُس پانہٕ تہٕ کأشرس تہٕ اُردو زبانن منز شعر گویی
کران اوس۔ رشید صأب سُند ۱۹۶۳ منز میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ محکمہ تألیمس منز
بختی یتہٕ ووستاد تعینات تہٕ اتھے پوسٹس پیٹھ سُد کینٛہہ کال برٛونٛٹھ ریٹائر۔ ملازمتس
دورانے پھیوٗر تِمس شعر و شأعری کُن ظون تہٕ کأشرِ زبأنی منز کرٕن رٕژ شأعری
یوٗ دوٚے زَن سُہ روایتی قسمچ چھےٚ۔ تٔمۍ چھِ کینٛہہ جان نعت تہٕ وٕنی متی یِمن مُقامی لہجہٕ
تہٕ عام فہم انداز چھُ۔

رشید رینہ ہَس ستھ چھےٚ چأنی ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ وَتھ پٕنٛنی ہاوُس جنتس کُن
اتھِ روٹ گرٕی زیم چھُس گونہگار ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ شاہِ تاجدارو وندیو جان



**- گوہر فریدی:** غلام حسن بانڈے، زادوہ ۱۳/اپریل ۱۹۴۲ء بہ مقام بھرت ڈوڈہ۔ پیشہٕ کنٛی چھُ ٹھیکدار اَماپوٚز ۱۹۶۷ء پتھٕ چھُ کاشرِ زبٲنی منز شعروشاعری کران، نعتک نموٗنہٕ چھُ یتھٕ کنٛی:

ے عجب کیاہ ناز شاہِ مرسلینس حُسن مَنٛز چھان چھُ ڈیشتھ تَس حسینس



**- جوہر فریدی:** غلام علی جوہر زاو جولائی ۱۹۴۲ء یَس منز بکھڑیان گامس منز یُس ڈوڈ کہِ ادھیانپور علاقس منز شامِل چھُ۔ نموٗنہٕ کلام:

ے بہٕ چھُس مُشتاق دم دیدار امشب کرُم ییمہٕ خابہٕ منزٕ بیدار امشب



**- مضرب کشتواڑی، بشیر احمد وانی کشتواڑی** تہٕ چھُ اُردو تہٕ کاشرِس منز شاعری کران۔ اَماپوٚز تٔمی سُند کانٛہہ نعت شریف ہیوٚک نہٕ دٔسیاب سپدِتھ۔ سُہ گوٚو کینٛہہ ؤری یہ بزونٛتھ اکزیکیٹو انجینیر ہِندِ حٲثی یتہٕ ریٹائر۔



**- رِند شمس بانہالی:**

خواجہ شمس الدین وانی، رِند شمس زاو خواجہ غلام محمد وانی ساکنہِ رہوٗ گول بانہال سَندِ گرٕ ۱۹/نومبر ۱۹۴۲ء یَس منز۔ حالانکہِ کم تٲلیم یافتہٕ آسنہٕ باوجوٗد (مِڈل، منشی عالم) چھِ رژ شاعری کران۔ تمن پھیوٚر اوٚگن ژیرِ پہن ظون اَماپوٚز قلیل وقتس منز بنیایہِ ترٛین کِتابن ہِندی مصنف یمن منز ''گلدستہٕ رِند شمس''، ''دیوان شمس موسوم بہ پندنامہ شمس'' (۲۰۰۱ء) تہٕ ''ترجمہٕ اورادِ فتحیہ'' شامِل چھِ۔ رِند صاب چھِ سٲنی بزرگ تہٕ کہنہٕ مشق شاعر۔ پندنامس منز چھِ قرآن تہٕ حدیثہٕ چہ کینٛہہ توجہِ طلب تہٕ

رٔژ نصیحژ شامل - "گلدستہٕ شمس"، سنہ ۱۹۹۲ یَس دوران شائع۔ یتھ منز رِنٛد صاںٛز غزلیات، موضوعاتی نظمہٕ تہٕ قطعات شامل چھِ آمتۍ کرنہٕ - کلامس منز چھِ کیٛنہہ محاسن تہٕ تہٕ کیٛنژن شعرن ہنٛدن بحرن ہُنٛد ڈیکر تہٕ چھُ کُنہِ کُنہِ کنوانہٕ کڈتھ قأری یَن پانس کُن توجہ پھیران - نعت تہٕ چھکھ واریاہ لیکھمتۍ یمن منز رِنٛد صاںٛز آنحضورؐ ہنٛزِ سٕنہِ عقیدتک تہٕ احترامک پے لگان چھُ -

لعلِ بدخشان دِل میٛہ گو　　　　ینہٕ یارٕ ہنٛدِ نوٗرُک پرتو پیو

- **بیدادؔ گولوی، عبدالمجید وانی گولوی** چھِ بیدادؔ تخلص فرماوان - تِم زاے گوٗل تحصیل مہور (ووٚنۍ تحصیل رام بن) ۲۲ / جنوری ۱۹۴۲ء منز - تألیم بی اے (پریویس) بیداد چھُ گوٗنُک تہٕ گاینٛک شوقین - شعر و شاعری ہُنٛد شوق تہٕ چھُس گاہے سماجی مسلن پیٹھ نظمہٕ لیکھناوان - کیٛنہہ نعت تہٕ چھِن لیکھمتۍ یمن ژھوٚچھرُک تہٕ زیٚچھرُک پھیٚر روکہِ یِوان چھُ - تاہم چھُ یہ نعت قابلِ توجہ :

تأریف چأنی درفُرقانے　　　　شاہِ یزدانئے وندیو جان
پانہٕ چھِے مالک توصیف خوانے　شاہِ یزدانئے وندیو جان



- **شمسؔ بھلیسوی** : شمس الدین شمسؔ، بھلیسوی زاو جکیاس (بھلیس) علاقہٕ کِس بیلی گامس منز ۱۹۴۴ء یَس دوران - میٹرک پاس کٔرِتھ آو محکمہ جنگلاتس منز بطور محرر تعینات کرنہٕ - ووٚنۍ چھُ سبکدوش سپدمُت - اَتھی دوران پیوس شاعری کُن ظوٗن تہٕ کیٛنہہ جان شعر تہٕ غزلہٕ لیکھنس ستۍ ستۍ لیکھنۍ کیٛنہہ نعت تہٕ -

چھِ شانِ رسالت مآب اللہ اللہ　　　　ازل تا ابد لازوال اللہ اللہ



**- جواد بانہالی :** غلام رسول خان جواد زاو ناگم بانہالہٕ ۱۵ ر مئی ۱۹۴۴ءیس منز۔ سُہ اوس غالباً پرائمری سکول ڈولیگام ۱۹۵۴ءیس دوران پران یێلہٕ زَن راقم اسطورتتہٕ بحثیت مدرس کام اوس کران۔ أمی ہیچ تہٕ پوٗترمہٕ جماژ بروٚنٹھ تالیم حاصِل کرِتھ تاہم یێلہٕ شعر لیکھنس کُن ظون پیوٚس، سُہ گو کاشرِ ''ادبی مرکز بانہالس'' ستی منسلک یێتہٕ تٔمی ہنٛدِس کلامس پھُٹ نیران لٔج۔ پتہٕ لیکھنۍ رِتی شعرتہٕ یمن منز بہٕ قولِ منشور بانہالی ''صوفیانہٕ خیالن ہنز زٕژتہٕ زوتان چھےٚ''۔ تٔمی سُند کلام چھُ ''گولاب'' تہٕ ''آبشار'' رسالن منز چھاپ گژھان روزان۔ سُہ چھُ اکھ روایتی شاعر یێمہٕ ہنٛدِس کلامس منز سادگی تہٕ نغمگی ہنٛدی گوٚن تابان چھِ :

دون عالمن منز جلوٕ چھُ تابان نبیؐ سُند

گیہ حوٗرٕ حأران یتھ وُچھتھ نوٗران نبیؐ سُند



**- زائر بھدرواہی :** عبدالجبار گنائی زائر بھدرواہی : زاوٗری یہ ۱۹۴۵ء، زاجاے محلہ حویلی بھدرواہ، تالیم ایم اے فارسی، بی ایڈ، پیشہٕ ووستاد۔

پاک طینت تہٕ صاف دینی ذہن تہٕ خیالات تھاون وول معروٗف زبان دان، قلمکار، تہٕ فکر انگیز شاعر زائر بھدرواہی صابن چھُ پننہٕ کلامچہٕ پوختگی، قادرالکلامی ووستادانہٕ اہلیت تھاوِنہٕ کنۍ ادبی حلقن منز اکھ منفرد مُقام پزوومُت۔ تٔمی سُند کلام چھُ روایتی طرزُک یُس باضے سنگلاخ زمینس منز وننہٕ چھُ آمت تاہم چھُ سُہ عصری آگہی ستی تہٕ لبریز۔ زائر چھِ اُردو پأٹھی زیادٕ پھن لیکھان تہٕ کاشرِس پٹھ تہٕ چھس دسترس۔ تٔمی سنز کلہم شاعری چھُ طنز تہٕ مزاہک رنگ زوٕدار بناوان یُس ادبی محفلن منز واریاہ پسند چھُ یوان کرنہٕ۔ میانہٕ فرمائش پٹھ لیوٗکھ تٔمو اکھ کاشر

نعتِ شریف یُس شأمل کتاب کرنہٕ آمت چھُ۔ مطلع چھُس یتھٕ کٕنی ونہٕ آمت:

مےٚ چھُنہٕ أہے سماں نعت محمد مصطفٰےؐ ونہٕ کیاہ
بجُز صلی علیٰ ونہٕ کیاہ بجز صلی علیٰ ونہٕ کیاہ

یہِ درویش منش اِنسان چھُ کم گو، مِلنسار، خوش اخلاق تہٕ بوٚڈ دین دار شخص یُس بخشی یتہٕ سنیئر لیکچرار ہائر سیکنڈری سکول غالباً ۲۰۰۳ہٕ یُس دوران ملازمتہٕ نِشہِ سبکدوش سپُد۔

- **دلفگار غلام محمد خان بانہالی**: زادوہ: ۲۵ / اگست ۱۹۴۵ہٕ، زاجاے: کسکوٹ بانہال، معروٗف شاعر، تجزیہ نِگار تہٕ أدیب طاوٗس بانہالی سُند بوے دلفگار تہٕ چھُ لوکچار پیٹھے بانہال علاقس منز ڈرامن منز اداکاری کرنس تہٕ گونس گانس باپتھ مشہوٗر سپُدمُت۔ تٔمی ہیوٚک ہائر سیکنڈری (کور) کلاس تامتھے تالیمُک بار برداش کٔرتھ تہٕ کٔرتھ تہٕ خوش قسمتی کِنی آو سُہ محکمہ تالیمس منز بخشی یتہٕ ووستاد بُرتی کرنہٕ۔ اتھے دوران کوٚرُن اُردو زبأنی منز آنرز امتحان پاس۔ بقول منشوٗر بانہالی ''دلفگار چھُ کاشرِ ادبی مرکز بانہالہِ کِمن اولین بانی کارن منز تہٕ سُہ چھُ امہِ تنظیمہِ ہُند نائب صدر'' نُوِ پُیہِ ہندِ بن شاعرن منز چھِ دلفگار تہٕ اکھ پسندید شاعر، تٔمی ہنز مرغوب صنف چھےٚ غزل یتھ سُہ ازیک تام لول بران آو۔ أمی ہندِس کلامس چھُ روحأنی طرح یتھ منز سُہ حُسن تہٕ عشقکی مَس پیالہِ بُری بُری پِنہٕ نِس جانانس چاونکی ہنز کران باسان چھُ۔ زمانہٕ کِس ٹل تژاوس کُن تہٕ چھُس نظر پیوان روزان۔ غزلو علاوٕ چھِ تٔمی کینہہ نعتِ شریف تہٕ قلمبند کٔری متی یمن منز آنحضورؐ سرورِ کائناتؐ سُند لول تہٕ محبت بڈ ندائِتکس انداز س منز شعری پیکرن ہنز شکل اختیار کران چھُ:

رحم کر یا رب محمد مصطفٰےؐ اوے شفی رحمتک آگر حبیبِ کبریا اوے شفی

☆

**وزیر محمدؔ مشتاق بانہالی:** وزیر محمد خان زاو کسکوٹ بانہالہِ منز یکُم جنوری ۱۹۴۶ یَس کیُت یُس کم عمری منزٕ ے یمہِ عالمہٕ اَسہِ داغِ مفارقت دِتھ گوٚو۔ یہِ معرٗوف گلوکار تہٕ یار باش اِنسان اوس لوکچارٕ ے منز یتیم سپدمُت یُس پننہٕ نوٕ رفیق تہٕ شفیق بایوزٕ جانہٕ روچھمُت اوس۔ طالب علمی دوران اوس سُہ سکوٗلس منز ثقافتی مجلسن منز شوقہٕ سان حِصہٕ نوان یوٚ کِنہٕ تمہِ سُند اَند ریم فنکارنون دزاو تہٕ کم عمری منزٕ ے گٔرِن اکہِ معرٗوف گُلوکار ہُندی رٔنگی اکھ شناخت تہٕ پزنتھ قائم۔ محکمہ اطلاعاتس منز کلچرل اسٹنٹ ہُندِ تٔریتہٕ گوٚو تمہِ سُند دوٗر دوٗر تام شوٗہرٕ، اُتھے دورانس منز پیوٚ تس شعرو شاعری کُن تہٕ ظون تہٕ کرٕن کینٛہہ غزلہٕ، منقبت وغارٕ تخلیق۔ تمہِ ہُندِس کلامس منز چھُ عشقُن سوٗز و گُداز یتھ سُہ پانہٕ پننہٕ سازٕ تہٕ آوازِ منز گوان اوس۔ گُلوکاری تہٕ احسن کارکردگی دِیونوو تمِس ترقی یوٚ کِنہٕ سُہ میوٗزک کموٗزر بناونہٕ آو۔ بدقسمتی کِنہٕ گیہٕ یہِ دِلکش تہٕ دِلسوز آواز کشیرِ ہُندِس اَکس ہسپتالس منز ہمیشہِ خاطرٕ خاموش یِیلہِ دِلُک دورٕ پیِنہٕ کِنہٕ سُہ اَسہِ نِش جُدا سپُد۔ تمہِ سُند کلام تہٕ چھُ گال کھاتس لاینہٕ آمُت اَماپوٚ زاکہِ نعتُک یہِ اکھ مِصرٕ چھُ تمہِ ہُندِ نرل اسلوبچ گواہی دِوان:

> چھے لقب ذاتہٕ سُند رحمتِ مصطفےٰ  رٔحمتکی پایہ بڑٕ سانٛہِ لالو لگے

☆

**مسروؔر بانہالی:** عبدالاحد مسروؔر بانہالی زاو ۷ رفروری ۱۹۴۶ یَس منز زٔلی گام بانہال، ملک ثنا اللہ ہُندِ گرِ یمہِ سُند وٲلِد خواجہ سکندر ملک (مرحوم) تحریکِ آزادی ہُند اکھ بہلہِ پایک رٔگن اوس۔

مسرور صابن گٔر مِڈل پاس کرنہٕ پتہٕ ادارہ تعلیم الاسلامس منز قران مجید

حدیث تہٕ فقہِ ہچ تألیم حأصِل۔ ستی کرِن ماہرِ لسانیات تہٕ عالم دینانات امتحانات تہٕ پاس۔ سُہ رُو دابتداء پیٹھے جماعتِ اسلامی جوٗم تہٕ کشیرِ ہُند اکھ ابتدائی متحرک رُکن۔ مسرورٔ چھِ روایتی اندازس منز کأشرِ منز شعر گویی کران تہٕ اخلاقی قدرن ہندِ پاسدار آسنہٕ کِنہٕ چھُ پننہٕ نبن شعرن تہٕ اَمہِ حوالہٕ رژن قدرن ہنز ترجمانی کران۔ سُہ چھُ اکھ مُدبر، سنجیدٕ تہٕ معتبر شخصیژ ہُند مالِک یُس اکھ شعلہِ بیان دینی مبلغ تہٕ سماجی کارکُن آسنہٕ کِنہٕ تہٕ مُقامی لوٗکن منز مشہوٗر سپدمُت چھُ۔ تٔمی ہندِس کلامس منز چھےٚ غزلہِ، نظمہِ تہٕ ٹُکھ وغارٕ ہشہِ صنفہِ شأمل یمہٕ نٔو فکری بصیرتھ ہتھ عام فہم تہٕ پرگُذار اسلوٗبچہِ حأمل چھےٚ۔ تٔمی چھِ کینہہ نعت تہٕ لیکھمتی یمن منز آنحضورنٛ ہنز عقیدت تہٕ احترام شعلہٕ زَن باسان چھِ:

پرٕتھ نیک جذبس موٗختہٕ جرن وول نبیؐ آو
اِنسأنیتس لول برن وول نبیؐ آو!!
تنہٕ گوٚو بخت بیدار مسکینن تہٕ لاچارن
یَنہٕ مُفلِسن ہُند دود سرن وول نبیؐ آو



**- امیٖن کشتواڑی**، محمدؐ امیٖن منگوں چھُ امیٖن کشتواڑی تخلص کران۔ زادوہ چھُس ۱۳/مارچ ۱۹۴۶ء ، زا جاے : کشتواڑ، سکوٗنت شہیدی محلّہ کشتواڑ، ولدیت : عبدالغنی منگون۔ تألیمی قابلیت : میٹرک پاس۔ جانباز کشتواڑی (مرحوم) ہٕنزن محفلن منز شرکت کرنہٕ ستی پیوس شعر وشأعری کُن ظوٗن۔ پننہٕ نِس أکِس مراسلس منز چھِ میانہِ (راقم الحروف ہندِ) تَس ستی اکہِ مُلاقاتُک ذِکر کران لیکھان ییلہِ مےٚ تس مخاطب سپدِتھ یہِ وٕن : "مےٚ چھِنہٕ تیژ خوٚشی یہِ کہِ امیٖن

صاب چھِ شأعری کران ییٚلہِ کہِ چھُم زیادٕ خوشی اوٚ کنہٕ زِ امین صاب چھُ کأشرِس منز لیکھان۔'' اَمہِ کتھِ ہُنٛز روو تہنٛد حوصلہ تہٕ گرٕکھ زیادٕ پہن کأشرِس منز لیکھنَس کُن توجہ۔ امین چھِ مرحوم جانباز کشتواڑی سُنٛد باپتھر ییمہٕ ہنٛدِس کلامس منز نغمگی، سلاست روانی علاوٕ طنز تہٕ مزاح ژھٹہٕ ماران چھِ، تِمٕ چھِ منقبت، نعت، مرثیہ علاوٕ کیٚنہہ رِژٕ غزلہٕ تہٕ نظمہٕ تہٕ لیچھمژٕ۔ نعت لیکھنہٕ وِزِ چھُ نعتُکی آداب ہمیشہِ ملحوظ تھاوان۔

> کتہِ انہٕ طاقت لیکھِ میون قلم صلی اللہ علیہ وسلم
> سُہ چھُ کُلِ عالمُک سالار اعظم صلی اللہ علیہ وسلم



**رحمت کشتواڑی** : رحمت علی رحمتؔ زاو کشتواڑ خاصس منز ۱۳؍اپریل ۱۹۴۶ء یَس کیٚت۔ ہائر سیکنڈری الیکٹو امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد محکمہ انفارمیشنس منز تعینات تہٕ اوتہٕ تام اوس اسٹنٹ انفارمیشن آفیسر ہنٛدِس عہدس پیٹھ کأم کران۔ غالباً سپٹمبر ۲۰۰۴ء یَس منز بڑِ یزتہٕ سان سبکدوش۔ رحمت چھِ غأر منقسم ڈوڈہُک اکھ معروٗف موسیقار تہٕ گلوکار آسنہِ علاوٕ اکھ وتھ وُن شأعر تہٕ۔ تِمٕ ہنٛدِس کلامس منز چھُ سوز و گداز تہٕ نغمگی ہُنٛد عنصر غألب۔ یوٚ دوٚے زَن تِمٕ گرنہٕ میأنِس فرمائشس کُن توجہ تہٕ کانہہ نعت شریف سوزُن نہٕ تاہم ہیکہِ بہٕ یہٕ کتھ وثوقہٕ سان ؤنتھ زِ سُہ آسہِ ضروٗر نعت تہٕ لیکھان۔ غزلہٕ چھُ رِژٕ لیکھان تہٕ پننہٕ مسحور کُن تہٕ شیرین آوازِ منز گیوان روزان۔



**- سجاد پونچھی** : سجاد پونچھی زاو ۱۵/دسمبر ۱۹۴۶ء یَس منٛز پرٛونٛژھ ضلعس منٛز۔ تِمو کُر ایم اے (جغرافیہ) تہٕ بی ایڈ کرنہٕ پتہٕ وارِیاہَس کالس سکوٗل لیکچرار تہٕ سپرانٹنڈنٹ گوجر بکروال ہوسٹلن منٛز کأم تہٕ سپُد ۲۰۰۴ء یَس منٛز ریٹائر۔ سُہ چھُ اُردو، پہاڑی تہٕ کأشرِس منٛز شأعری کران۔ حال حالے سپٕز تِمٕ سُنٛز اُردو شأعری پیٹھ مشتمل سوٗمبرن ''فصلیں بوتی ہیں'' شائع۔ سُہ چھُ پرٛونٛژھ علاقہٕ کہِ ادبی افقُک اکھ نمائندٕ تارُکھ۔ کینٛہہ کال پیٹھٕ چھُکھ کأشرِس کُن تہِ ظون پھیوٗرمت تہٕ اتھ منٛز تہِ چھِ یِم رٕتی شعر لیکھان۔ بشیر بٹ پونچھی مرحوم سٕندِ وساطتہٕ ستی میوٗل مےٚ سجاد صأبن نعت شریف یُس کتابہِ منٛز شأمل کرنہٕ آمُت چھُ۔ نہایت سلیس تہٕ عام فہم زبأنی منٛز چھُن آنحضورنٛ پننہٕ عقیدتکی پوشہِ ورشُن کوٚرمُت۔ اختصار تہٕ لفظہٕ ورتاو چھُ قابلِ داد:

سِر وحدت رسول اکرم !! بے کسن ستھ رسول رحمت



ظُلمتس ژونگ، انہِ گٹس گاش سبز تہٕ پرٛ وتھ رسولِ رحمت

☆

**- ساغر صحرایی** : عبدالقوم گنائی، ساغر صحرایی، زا دوہ : ۱۳/ مارچ ۱۹۴۷ء، زا جاے : محلّہ حویلی بھدرواہ، تألیم : ایم اے اُردو، بی ایڈ۔ ساغر صحرایی چھُ ''اقبال بزم، ادب'' بھدرواہ کین گوڈنکین بانی کارن منٛز شأمل تہٕ بھدرواہُک اکھ نامور شأعر یُس کأشرِس تہٕ اُردو زبانن علاوٕ بھدرواہی زبأنی منٛز لوٚبہٕ وُنی شأعری کران چھُ۔ تِمٕ سُنٛز اُردو شعرِ سوٗمبرن 'شعلہ صحراء' چھےٚ برٛونٛٹھے شائع سپٕزمٕژ۔ تِمٕ سُنٛز دوٚیم منظوٗم سوٗمبرن ''جنگل کی آواز'' تہِ چھےٚ شائع سپٕزمٕژ۔ بحثیت وستاد کوٚرُن پرائیوٹ پأٹھی ایم اے اُردو تہٕ وارِیاہن عہدن پیٹھ کأم کرنہٕ پتہٕ سپدی بحثیت

زونل ایجوکیشن آفیسر ۲۰۰۵ء یس منز سبکدوش۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس اُردو زبانؠ منز شاعری کران اماپوز پتہٕ پھیوٗرُس کاشرِس کُن تہٕ ظوَن، پَٔنن ابتدأیی تخلص ''سوز'' آس نہٕ پسند تہٕ دِژن ''ساغر'' لیکھنَس ترجیح۔ سیماب صفت ساغر چھُ بُنیادی طور رومان پسند شاعر تاہم چھُ تمیٚ ہندِس کلامَس منز اِنسانی کوٗرب، دود تہٕ دَگ ژھٕٹہٕ ماران۔ سماجی تہٕ عصری مسلن پٹھ چھُ ہُندٕ بأنہٕ شعری پیکر ووتلاوان۔ راقم الحروف سپُد تمِس نِش اکھ نعت شریف حاصِل کرنس منز کامیاب یمیُک گوڈنکی شعر یتھہٕ کُنی چھِ:

ہے لِلّٰہ کاستم غم یا محمدؐ !! ژٕ چھکھ سردارِ عالم یا محمدؐ !!

ژٕ نِش سأرِی چھِ سرخم یا محمدؐ پیامبر، غوث پتہٕ شاہ وشہنشاہ



- **بشیر پونچھی** : بشیر احمد میر، بشیر پونچھی زاو پوشن (پرونژھ) گامس منز ۱۹۴۷ء یَس دوران۔ کم کاسہٕ تألیم حاصِل کرنہٕ پتہٕ آو محکمہ تألیمس منز ووستاد تعینات کرنہٕ، ایم اے کرنس پتی پتی کوٗرُن بی ایڈ تہٕ۔ سُہ چھُ پننہٕ علاقُک اکھ بہترین ووستاد مانہٕ یِوان۔ شعروشاعری ہُند تہٕ چھکھ امارتہٕ اُردو تہٕ کأشرِس منز چھِ رٔتی تہٕ وزن دار شعر لیکھان۔ غزل، نظم، نعت وغارٕ لیکھنَس پٹھ چھکھ رُت عبوٗر حاصِل۔ تمیٚ سُند کلام چھُ مقامی رِسالن منز تہٕ شائع سپدان۔ نعتُک نموٗنہٕ :

سُہ احمدؐ، سُہ محمدؐ سُہ مختار سونٔے سُہ مکی، سُہ مدنی سُہ دلدار سونٔے



- **رِند بھدرواہی** : طالب حسین شیخ رِند بھدرواہی صاب زاو درنگہٕ گامس منز یُس تحصیل بھدرواہ کِہ قصبہٕ نِشہٕ ژور پانژھ کلومیٹر دور چھُ ۱۶ اپریل ۱۹۴۷ء یَس

منٛز۔ میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد محکمہ تالیٖمس منٛز بٔھرتی یتہٕ کلرک تعینات تہٕ ترقی پزٲوِتھ سپُد کیٛنہہ کال بزوٚنٛتھ اعلیٰ کارکردگی ہاوان بٔھرتی یتہٕ سیکشن آفیسر ریٹائر۔ طالب صابن کٔری أدیب ماہر تہٕ أدیب کامل امتحان بالترتیب ۱۹۶۸ءتہٕ ۱۹۶۹ء یَس دوران پاس۔ سُہ چھُ منکسرالمزاج ، کم گو، سادگی پسند تہٕ بااخلاق اِنسان آسنہٕ علاوٕ اکھ باشعور قلمکار، گُلوکار، افسانہٕ نِگار، شاعر تہٕ أدیب تہٕ۔ منشور بانہالی صابنس یہ ونہٕ نَس چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ '' رِند بھدرواہی چھُ بھدرواہ علاقہٕ چہٕ پوشہٕ وأرِ ہُند اکھ سرتازٕ گُل، سُہ چھُ اکھ پُرکشش، نوزُک خیال، نیک خصلت تہٕ نفاست پسند قلمکار یَس ییتہٕ کِس کاشرِ ادبس، تحقیقس تہٕ تنقیدس منٛز پنُن اکھ اسلوٗب چھُ۔'' (کاشرِ زبان تہٕ اَدبُک توٲریخ۔ص ۲۴۸-۲۴۹)

کاشرِس علاوٕ چھُ رِند اُردو زبان تہٕ ادبچ تہٕ خدمتھ ژُکہ تہٕ سنجیدگی سان کران آمُت، تٔمی ہِنٛدِ اُردو افسانن ہُند مجموعہ ''سرابوں کا سفر'' چھُ افسانوی ادبچہٕ نٔوبن تژاین تہٕ اسلوٗبن ہُند ترجمان یوٗ دوٚے تٔمی سُند کاشُر کلام تہٕ ''داغ داغ دِل'' ناوس تحت کیٛنہہ کال بزوٚنٛہہ شائع سپُد۔ یِمن دوشوٚنی مجموعن آیہِ جان پذیرایی کرنہٕ۔ کلامس منٛز چھُ کُنہٕ کُنہٕ قنوطیتُک رنگ نظرِ گژھان یُس رِند صابنہٕ احساسِ تنہایی، زمانٛچ بے وفائی تہٕ سماجی قدرن ہِنٛدِ زوالچ ترجمانی تہٕ کران چھُ۔ تمہٕ ژٕ واریاہ غزلہٕ چھےٚ ڈوڈہ ضلعس منٛز مقبول سپٕز مٕژ۔

رِند چھِ اقبال بزمِ ادب بھدرواہ کِبن بانی کارن منٛز اکھ اہم مُقام تھاوان۔ یِیمی یہ ادارٕ یا اُنجمن پننہٕ خوٗنِ جگرٕ ستی سکناوِتھ أکِس تھٕدِس مُقامس تام واتہٕ نوو۔ اَمہٕ بزمہٕ طرفہٕ چھُ تمو ''بزم'' ناوُک مجلہٕ شوٗرُ کوٚرمُت یِیمکی واریاہ توٲریخی شُمارٕ منظرِ عامس پیٹھ آمتی چھِ۔ پننہٕ سرپرستی منٛز تہٕ قلمہٕ ستی چھےٚ تمو بزمِ

کہِ طرفہٕ ادبی نوعیژِ چھہِ کِتابہٕ تہٕ شائع کٔرمژِ یمن منٛز کہکشاں، شہرآشوب، ''وفا بھدرواہی۔ حیات تہٕ شاعری'' وغارٕ کِتابہٕ قابلِ ذِکر چھےٚ۔

رِند سُند مطالعہ چھُ وُسیع تہٕ سوٗن ییمیُک اثر تٔمی سٕنزن نثری تحریرن تہٕ شعری تخلیقاتن منٛز ٹاکارٕ چھُ باسان۔ تٔمی سٕنزٕ کٲشرِ شاعری ہُند باوژ بل تہٕ نوبن اسلوٗب چھُ تھکنٕن لایق یتھ منٛز غزلہٕ، نظمہٕ، ٹُکھ وغارٕ شٲمل چھُ۔ تٔمی سٕندی اُردوٗ تہٕ کٲشرِس منٛز لیکھمژِ نعت چھہِ نعتکی سارِے تقاضہٕ پوٗرٕ کران۔ نموٗنہ کلام:

دِلس حسرتھ مےٚ چھُم گژھا مدینس
فراقن نار گوٗنڈمُت چھُم مےٚ سینس
چھُ یم ۂلی کلی اَچھر ہتھ رِند دزامُت
پنٕنی کنٕی ڈٲلی ختم الرُسلینس

دَپان تٔمی چھہِ پنٕنی اُردوٗ منظومات تہٕ ''فکروافکار'' تہٕ ''قصرِمحبت'' ناوٕ دِتھ شائع کٔری مٕتی!



**- حیدر گولوی :** غلام حیدر وانی حیدر گولوی زاو ۱۱ رمئی ۱۹۴۷ءِ گول جایہِ پتہٕ یُس کینٛہہ کال بزونٹھ تام گول گُلاب گڈھ تحصیلُک حِصہٕ اوس تہٕ ووٚنی رام بن ضلعس سٟتی شٲمل چھُ آمُت کرنہٕ۔ ۱۹ رستمبر ۱۹۶۴ءِ آو ووستاد تعینات کرنہٕ۔ اتھ دوران کوٚر تٔمی بی اے وغارٕ تہٕ پرموشن پژاوان ووت ہیڈ ماسٹری ہٕندِس عہدس تام۔ ۳۱ رمئی ۲۰۰۵ءِ سپُد ریٹائر۔ حیدر چھُ اَمہِ پتہٕ کھورِ علاقُک اکھ نُمائندٕ شاعر یُس ۱۹۷۸ءِ پتہٕ اُردوٗ تہٕ کٲشرِ شعری ادبس بڈٕ ژُکہٕ تہٕ مایہِ سٟتی خدمتھ کران چھُ۔ تٔمی چھہِ غزل، نظمہٕ تہٕ نعت تہٕ لیکھمٕژ، اُردوٗ تہٕ کٲشرِس منٛز پنٕنہِ نٕن نعتن منٛز چھُس

آنحضور سرکارِ دو عالمؐ سٕندِس توصفیس منٛز قأبِل توجہ شعر وٕنی متی :

عرضی بجانبِ صاحبِ قران ٭ بہ ادب وخلوص چھُس بہ کران

رٕچھی رٕچھی ادب بہ شاہِ خوبان ٭ واتناوا اے صباسأنی سلام !!



**۔مسکین دِلنوازؔ گولوی :** غلام حسن بیگ زاو علی آباد سلسلہٕ علاقہٕ گولس منٛز ۱۸ ؍مئی ۱۹۴۷؁ یَس کیٚت ۔ ۱۹۶۵؁ پیٹھ محکمہ تألیمس منٛز مُلازمت احسن طریقہٕ سان انجام دِنہٕ پتہٕ سپُد ۲۰۰۷؁ یَس دوران ریٹائر، تمی چھِ اُٹھمہٕ جمأژ تام پوٚرمُت ۔ مسکین چھُ سیوٚد ساد، خدا ترس تہٕ سنجید اِنسان یُس یٔژکالہٕ پیٹھٕ اُردو، کأشرِ تہٕ بیٚیہ کینٛژن زبانن منٛز شعر گویی کران چھُ ۔ کلامس منٛز کم کاسہٕ ڈیجر آسنہٕ رُنی چھےٚ تتھ نظرِ ثأنی کرنٕچ گُنجایش باقی روزان ، تاہم چھُ سُہ وارِیاہ کینٛہہ لیکھان روزان ۔ اکھ نعت چھِ ترمیم تہٕ اضافہٕ کرنہٕ پتہٕ شأمِل کِتاب کرنہٕ آمٕژ :

دِی توم کینٛہہ راہِ خدا ٭ یا مصطفیٰؐ یا مصطفیٰؐ !!

دِی توم کینٛہہ راہِ خدا ٭ ہہنہٕ چھُس بہ آمُت دربلا



**۔تسکینؔ بڈانوی :** جلال الدین تسکینؔ بڈانوی زاو بڈانو گامس منٛز (تحصیل ٹھاٹھری) ۳۱ ؍اگست ۱۹۴۷؁ کہِ دوہ محمد عبداللہ بٹ صأبنہٕ گرٕ، میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ آو ووستاد سٕندِ ٲسُمی یتہٕ محکمہ تألیمس منٛز بٔرتی کرنہٕ یتھ پوسٹس پیٹھ سُہ ۱۵ ؍فروری ۱۹۶۷؁ تا ۳۱ ؍اگست ۲۰۰۵؁ یَس تام کام کرنہٕ پتہٕ ریٹائر سپُد ۔ تسکینؔ اوس لوکچارٕ پیٹھے گوونُک تہٕ گِنڈنُک شوقین ۔ ۱۹۵۷؁ یَس منٛز آیہ بخشی غلام محمد صأبس أمی سٕندِ ہٹہِ گووٕہژ قوٲلی پسند تہٕ أکِس طالب علم سٕندِ ٲسُمی یتہٕ سوزُن سُہ کٔشیرِ ہٕندِس کلچرل

ٹورس پیٚٹھ۔ تٔمی وٗری یہِ پیٚٹھٕ کٔرتمی شعر گویی تہِ شۆرۆ تہٕ پتہٕ پہن پہۆس ناول نویسی کُن تہِ ظون۔ اُردو تہِ کأشرِ شأعری علاوٕ چھُس نثر نِگأری کُن تہِ رُجحان۔ کأشر کلام چھُ تٔمی ہنٛز پرٛزنتھ بنیومُت یُس ڈوڈہ علاوٕ کیٖشٕن نبر ممبن علاقن منٛز تہِ پسند چھُ یِوان کرنہٕ۔ تسکین سُند کلام چھُ غزلن، نظمن، نعت شرِیفن، منقبتن، وغارٕ اصنافن پیٚٹھ مشتمل۔ غزلس منٛز چھُس نوٗر، سوز و گداز تہٕ نغمگی ژھوہہ ماران۔ لولہٕ بأتھو علاوٕ چھُ تٔمی ہنٛد کلام دُنیچ بے ثبأتی، زِندگی ہنٛدین سنٛبن ووگنٛبن تہِ ماحولس منٛز اِنسأنی دادبن دگن ہنٛز ترجمأنی کران۔ تٔمس چھُ لیکھنُک خوش یوٗن تہِ مأری مۆنٛد وَل، تمہِ ہنٛزن تصنیفاتن منٛز چھےٚ ''رگھو بنجارا'' (ناول ۱۹۷۴ء)، اُردو شعری مجموعہ ''فکر و افکار''، کأشُر کلام ''لولہٕ باغ'' تہٕ ''میٹھی آلو'' قصرِ محبت (اُردو شعری تہٕ کأشُر کلام) شأمِل۔ تسکین چھِ سانہِ علاقُک بہترین خوش نویس یُس بۆڈ خوش اخلاق، خوش کِردار، خوش آواز اِنسان چھُ۔ اکھ کامیاب ووستاد آسنہٕ کِنی تہِ چھُ مشہوٗر سپُدمُت، تٔمی ہنٛزن نظمن منٛز چھُ موضوعی اندازس منٛز نوجوانن کیٚت تہِ پأغام میلان سُہ چھُ اَکِس محتاط شأعر ہنٛدِ پأٹھۍ نعتس منٛز پننہِ والہانہٕ عقیدتُک اِظہار شۆبہٕ وِنی تہٕ لۆبہٕ وِنٛبن لفظن منٛز کران۔ سلام بحضورِ حضوؐر چھُ یِیمہِ شعرٕ ستی شۆرۆ سپدان:



سلاما شاہِ دینَس یٖمی چھےٚ اَسہ بأمژ مُسلمأنی
سلاما عرٕبکس لأکس بخش یٖمی نوٗرِ ایمأنی

☆

- **منشوؔر بانہالی:** عبدالغنی گیری، منشوؔر بانہالی ہنٛدِس والد صأبس اوس خواجہ غلام رسول گیری ناو۔ یُس بانہالہِ ہنٛدِس بنکوٹ گامس منٛز بسان اوس۔ منشوؔر زاو

۱۹۴۸ ءیَس منٛز تہٕ ہائر سیکنڈری الیکٹیو امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد بکٔشی یتہٕ ووستاد محکمہ تالیمس منٛز تعینات تہٕ پتہٕ کرِنی بی اے، ایم اے اُردو تہٕ ایم اے انگریزی (حصہٕ اول) ترٛین نمبرن منٛز پاس۔ بی ایڈ کرنہٕ پتہٕ سپُد ترقی پرٛاوِتھ لیکچرار تہٕ سینیٔر لیکچرار مقرر۔ بالآخر وٲتی پرنسپل ہائر سیکنڈری سکول ہِندِس عہدس تام تہٕ سپدی ۲۰۰۶ ءیَس منٛز محکمس منٛز بہترین کارکردگی انجام دِتھ ریٹائر۔

منشور صاًب چھُ لوکچارِ پیٹھے پننہٕ قلمُک جوٗدت تہٕ سحر کاٗری اُردو تہٕ کاشرِ زبانن منٛز شعری تہٕ نثری شاہکارن ہِندی رٔنگی ہاوان آمُت، خالِے چھُ کانٛہہ شاعر یا قلمکار کم وٲنسہِ منٛز تیوٗتھ تھزر تہٕ مُقام پرٛاوان یُتھ زَن منشور صاًبس مُقدر اوسمُت چھُ۔ سُہ چھُ تھدِ پایُک شاعر، معتبر تنقید نِگار، تبصرٕ نِگار تہٕ ممتاز نثر نِگار یَس اُردو، کاشرِ زبانن علاوٕ پوگلی ہِشہِ ورل زبانٕی پیٹھ تام دسترس حاصل چھےٚ۔ تٔمی ہِنٛز کاشرِ زبانٕی منٛز لیچھمٕژ کِتاب ''جیٖمہِ صوبس منٛز کاشر زبان تہٕ ادبُک توٲریخ'' یوس ۲۰۰۱ ءیَس منٛز ساہتیہ اکیڈمی ہِندِ طرفہٕ شائع آیہ کرنہٕ، چھےٚ منشور صاًبنہِ تحقیقی بصیرژ تہٕ کاشرِ زبانٕی تہٕ ادبس سٟتی تھزرِ والہانہٕ وابستگی ہُند اکھ زِندٕ ثبوت۔ اتھ کِتابہِ سپٕز رِیاستی تہٕ مُلکی سطحس پیٹھ کاشر ادبی حلقن منٛز کافی پذیرائی۔ یہِ کِتاب چھےٚ اکس دلآویز، ترنم ریز، سلیس تہٕ بلیغ اسلوٗبس منٛز لیکھنہِ آمٕژ یوس نثری لحاظہٕ تہٕ اکھ شاہکار چھےٚ۔ یہِ چھےٚ جمی صوبکین قلمکارن، شاعرن، اُدیبن، فنکارن تہٕ گُلوکارن ہِندِ حیات تہٕ تہندٕ بن ادبی کارنامن ہنٛز وبژھنے لٔیہِ ونہِ تہٕ کیف آور زبانٕی منٛز کران۔ منشور صاًب نِس کلامَس تہٕ تہنٛدِس مخصوص طرزِ تحریرس چھِ واریاہو قلمکارو گون گوٗمٕتی یمیُک ذِکر کرُن یٖتین ضروری اوس اَماپوز بقولِ رسا چھنہٕ لفظن تیژ گُنجایش مدنو! یہِ کتھ ہیکہٕ بہٕ وثوقہٕ سان ؤنِتھ زِ منشور چھُ جمی صوبکین ئو پوٚہہٕ

ہندہن شأعرن تہٕ قلمکارن منز اکھ ممتاز مُقام تھاوان ییمی ہندِس کلامس منز جدید شعرِ ووترُک شعور تہٕ عصری آگہی ہُند لۆبہٕ وُن واتناوبر تہٕ شوٗبہٕ وُن طرزِ اظہار رنگ ژھٹان چھُ۔ نثری تہٕ شعری پیکرن ییمہِ نبرل آیہِ سہ علامژن، تمثیلَن، اِستعارن تہٕ ترکیبن ہُند نپہ کران گہنہٕ لاگتھ مزین کران چھُ، سہ چھُ تمی ہندِ قوتِ تخلیقُک پےٚ دِوان۔ تمی سُند مأرۍ موٚنڈ کلام تہٕ چھُ بوزن والین اکتہٕ کرناوان تہٕ وجدس انان یا بقولِ ڈاکٹر شاد رمضان صأب ''یَس اکہِ پاسہٕ عام کأشرہن دِل نوان تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ کأشرِ زبان ادبکس طألب علمس تہٕ متوجہ کران چھُ۔ یوٚ دوٚے منشور غزل تہٕ نظم لیکھان چھُ اَما تسُند نعت چھُ خصوصی تقدس رژھرِتھ شأعرانہٕ دبرایے تہٕ پژاوان۔'' (''گولاب'' کأشر ادبی مرکز بانہال)

منشور چھُ بانہالہٕ ہنز معروٗف ادبی تنظیم ''کأشرِ ادبی مرکزُک بأنی کار صدر ییمی ہندِ قلمہٕ رِسالہٕ ''گولابس'' منز کأتیاہ تحقیقی تہٕ قابلِ قدر مُقالہٕ تہٕ مضمون شائع سپدی، یوٚ دوٚے بوزوسہ چھُ پانس اندرا اکھ انجمن شرٛ وپرأوِتھ تمی ہندی نعت لیکھنُک نبرل تہٕ لۆبہٕ وُن طرز چھُ دِل نوان کڈِتھ تہٕ جذباتن ہندِس سٔدرس دأرِتھ دِوان:

ے قلم کارو موٚللی الفاظ وٗرتأوی ... أدیبو گرسبٹھا گوہر فشانی
مگر اَمہِ چانہٕ حُسنِ لازوالچ ... سپز ما توتہٕ بالکل ترجمأنی

ے قو درتھ چھےٚ کھٹِتھ راز تہٕ اِظہار محمدؐ
والشمس والضحیٰ روے پُرانوار محمدؐ



**حسرتؔ کشتواڑی**: غلام نبی شیخ: حسرتؔ کشتواڑی زاو ۱۷ اپریل ۱۹۴۸ء عثمان آباد نزدیک لائنٕل کشتواڑ ولی محمد شیخ صأبنہٕ گرٕ۔ میٹرک پاس کٔرتھ کوٚرُن ڈپلومہ فأضِل تہٕ سپد آئی ٹی آئی محکمس منز مُلازم۔ سُہ چھُ آئی ٹی آئی کشتواڑس منز ازکال بحثیتِ سپروائزر کأم کران۔ تمِس چھےٚ غزل لیکھنس کُن زیادٕ پھِن کل روزان یوٚدوٚے زَن سُہ نظمہٕ تہٕ نعت وغارٕ تہٕ لیکھان چھُ۔ نہایت شریف النفس، با اخلاق تہٕ با صلاحیت سوخنور آسنہٕ کِنۍ چھُ مأری موٚنڈ کلام تخلیق کران یُس بظاہر راویتی قألبن تہٕ طرزس منز لیکھنہٕ یِنہٕ باوجوٗد اوٚنڈ پوٚکھک دود تہٕ دگ تہٕ زمانکین نشیب و فراز زبو انان چھُ۔ أمۍ سٔندِس غزلس چھُ پنُن مزاژ تہٕ ول ژھل یُس اُردو تہٕ کأشرِ زبانن ہندین رِسالن منز چھاپ گژھان روزان چھُ۔ سُہ چھُ مشقِ سوخن جأری تھٔوِتھ تہٕ توقع چھےٚ زِ سُہ سپدِ اکہٕ دوہہٕ جمی صوبکین صفِ اولہٕ کین شأعرن منز شُمار۔ تہندِ نعتُک التجأیی انہار چھُ قابلِ ذِکر:

وَنڈے سر با خدا شاہِ مدینہ !! یِ یُونا اکھ شاہ شاہِ مدینہ

یہ حسرت بے نوا شاہِ مدینہ ندامت سان آمُت چانہِ برٕتل



-**منظورؔ پوگلی**: عبدالجبار کٹوچ یُس منظوؔر پوگلی تخلص چھُ لیکھان، زاو پوگل پرستان کِس دلوگ گامس منز ۵ رمئی ۱۹۴۸ء یَس منز عبدالمحمد کٹوچ صأبنہٕ گرٕ۔ میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ گوٚو بحثیت مدرس تعینات یوٚ پتہٕ تٔمۍ نجی پأٹھۍ بی اے پاس کوٚر تہٕ بی ایڈ ڈِگری تہٕ پڑوو۔ سُہ لوٚگ اُردو تہٕ پوگلی زبانن منز شأعری کران تہٕ پوگلی زبأنۍ منز کٔرن پنٕنۍ شعر سوٚمبرن ۱۹۸۱ء یَس منز ''توی چھس مہربان'' ناوس تحت شائع۔ یوٚت تام پوگلی منز نعت لیکھنٕک توٚلُق چھُ سُہ چھُ راقم الحروف أکِس مکتوبس منز

لیکھان ''نعت گوئی میں یہ میرا پہلا قدم ہے جسکی ابتداء آپ نے جھنجوڑ کر کرائی''
(مکتوب منظور بنام بشیر بھدرواہی مورخہ ۱۴ر جنوری ۲۰۰۲ء) یہ نعت آو تبرکاً کتابہ
منز شامِل کرنہٕ :

عربہ سنہٕ مَسند نشینِس پیما لچھ لچھ سلام

سبز گُبند سنہٕ مکینِس پیما لچھ لچھ سلام

☆

- بشیر بٹ پونچھی : بشیر حسین بٹ پونچھی زاو منڈی پرٛونژھ علاقس منز یکم اکتوبر
۱۹۴۸ء یَس منز، مالِس اوسُس غلام اکبر بٹ ناو۔ اَما پوز یہ معروف قلمکار تہٕ
کاشرِ زبانٕی ہُند ژُکہِ دَرسپُد پٹُن زُو، جان آفیرنیس سپُر دُگرِتھ اَسہِ نِشہِ ۲۰۰۸ء یَس
دوران جُدا۔ سُہ اوس اَکِس سڑکہِ حادثس منز زخمی سپُد مُت تہٕ واریاہس کالس
صاب فراش رُودمُت۔ سُہ اوس منڈی پرونژھ علاقُک بوٚڈ تہٕ تھوٚ د سوخنور، اَدیب
تہٕ شاعر۔ زیرِ ترتیب کِتابہِ خاطرِ سوٗزمے تٔمی پننہٕ اتھہٕ لیکھی مٔتی مکتوبس ستی امہِ علاقہٕ
کیٚن واریاہن نُمائندٕ شاعرن تہٕ قلمکارن ہُند کلام تہٕ تہندی کیٚنہہ تعارُفی
معلومات۔ منڈی علاقُک دورِ کرنہٕ وِزِ اوس مرحوم راقم الحروفس بڈٕ مایہ تہٕ شوقہٕ
سان سمکھان تہٕ مہمان نوازی کران روزان۔ تٔمی ہنز شخصیت اَس پُرکشش تہٕ سُہ
اوس دیندار، باخلاق تہٕ خوش کِردار انسان۔ یہ کس اَس خبر زِ امہِ باغُک سُہ
نُندٕ بون پوش کہِ گژھہِ یوٚت جلد بر تہٕ ادبی دُنیاہس منز گژھہِ اکھ نہ پُرنہٕ ینہٕ وول
خلاء پادٕ ''انا للّٰہ وَانا الیہ راجعون''۔

منشور بانہالی سُند یہ لیکھُن کوٚتاہ وَے وُن تہٕ برمحل چھُ ''بشیر صابس چھُ
نوین شعری روٚین ہُند پرتو، سُہ چھُ اکھ صحرأوی گولابکی پاٹھی پننہِ فِکری احساسچ

مُشکہٕ لہر ییمہٕ آیہٕ ژھٹان "یہٕ رۄدُس راتی راتس انتظارس۔ خبر وَتھ ڈاجِ کمۍ تس بالہٕ یارس"۔ بشیر مرحومس اوس مطالعک واریاہ شوق ییمہٕ کِنۍ تس شعر و شاعری ہُند لوکچارٕے منز ظوٗن آوراون اوس۔ سُہ اوس اُردو زبانۍ منز مضمون نِگاری تہٕ شاعری تہٕ کران اماپوز آخر دمس تام رۄد کاشرِ زبان تہٕ اُدبس پوچھر دینچہٕ بے لوٗث کوٗشِشہٕ جاری تھوٗتھ۔ سُہ اوس پرٕونٛژھ علاقہٕ چہٕ مشہوٗر اُنجمن "بزم حسرت" تہٕ کوہسار کلچرل آرگنائزیشن ہشن ادبی تنظیمن ہُند سرکردٕ کارکُن۔ بشیر اوس تمن وۄستادن منز تہٕ شامِل ییمو کاشرِ زبان پرناونہٕ کِس تربیتی کورسس منز شرکت کر یُس جوٗمہٕ منز گوڈنچہٕ لٹہٕ منعقد کرنہٕ آو۔

بشیر صابن یم نعت مے مرحمت کرِ تمِن پرنس دوران چھُ یہ احساس گنان زِ تمن اُسۍ نعت لیکھنہٕ کِبن آدابن ہنز پۄرٕ زان یو کِنۍ تہندی شعر بوٗزِتھ سانۍ دِل کوملان چھِ تہٕ آنحضورؐن ہنز عقیدت ہران چھےٚ۔

| | |
|---|---|
| دأدی لد نے دوا، اسم خیرالورٰیؐ | اسمِ اعظم چھُ کیاہ اسمِ خیرالورٰیؐ |
| مُبتداء منتہا، اسمِ خیرالورٰیؐ | عالمس، آدمس اولس، اأخرس!! |



**حسن بانہالی :** غلام حسن زاو بانہالہٕ ہندِس ناگام گامس منز ۱۹۴۸ یِس منز۔ ذیہن تہٕ فتین شخص آسنہٕ کِنۍ اوسُس تائیم حاصِل کرنک تہٕ مطالعک شوق سکول زمانس دورانے پادِ گوٗمت، وۄستاد بننہٕ پتہٕ کوٚرُن بی اے پاس تہٕ تو پتہٕ ایم اے پولٹیکل سائنس تہٕ۔ سُہ چھُ امہٕ علاقُک غالباً گوڈنیک شخص ییمہٕ کاشرِس منز تہٕ ایم کوٚر یُس باقے وۄمیدوارن خاطرِ تہٕ وتہٕ ہاوُک بنیو۔ تمِس اوس لوکچارٕ پیٹھے گوٚنک واینک تہٕ شوق یُس تمۍ ہندِ شاعر بننہٕ نک تہٕ وجہ ثابت سپُد۔ حسن چھُ

بانہالہٕ چہٕ أدیبن تہٕ شاعرن ہنز نوٚ پوٚیہٕ ہنز اکھ معتبر آواز۔ یمس پنٚن باوٕژ بل تہٕ قلمچ نرل پوٚختگی حاصل چھےٚ۔ مناسب لفظن ہنز ژارتہٕ برجستگی علاوٕ تمٚ سُند موسیقی کُن ظون چھُ شعرن منز نغمگی تہٕ مودر پاد کران۔ سماجُک دٔد تہٕ لوکُن ہندِ استحصالچ دگ تہٕ آگہی چھےٚ تمٚ ہندن شعرن زُوزہتہٕ بخشان۔ نعتِ شریف تہٕ چھِن لیکھمتۍ حالانکہ سُہ چھُ غزلہٕ، نظمہٕ تہٕ ٹکھ لیکھنس کُن زیادٕ پہن لورتہٕ مائیل۔ تمٚ سُند کلام تہٕ کینٛہہ مضمون چھِ مُقامی رِسالن منز چھاپ سپدان روزان۔ نعتُک نموٗنہٕ چھُ یتھ کنۍ:

عرضی مےٚ کوٚر ذٔسی لابہٕ ذرا اکھ مےٚ وُچھکھنا
گاہ تژاوتم مہتابہٕ ذرا اکھ مےٚ وُچھکنا



**- بے تاب بھدرواہی:** طالب حسن بٹ بے تاب بھدرواہی زاو گُرساڑی (بھدرواہ) گامَس منز ۱۱/اپریل ۱۹۴۹ءیَس منز محمد عبداللہ بٹ ہندِ گرِ۔ سُہ چھُ اکھ معروٗف گلوکار تہٕ موسیقار یُس کُنہِ کُنہِ شعرگویی تہٕ کران چھُ۔ صوفیانہٕ تہٕ کلاسیکل موسیقی علاوٕ چھُس مُقامی تہٕ پہاڑی سازن پیٹھ گوٚنُک عرفان حاصل۔ نابینا آسنہٕ کنۍ چھُس گذر بسر کرنس منز وارِیاہ مشکلات پیش یِوان اماپوٚز محنت موٗزوٗری کرنہٕ ستۍ چھُ دوہ گذاران، زنان کرنُک شوق پیوٚس تہٕ کوٚرن نیتھر تہٕ اماپوٚز اکھ نیچو زبونہٕ پتہٕ دِتُس آشنہٕ داغِ مفارقت یوٚ پتہٕ زیادے پریشان حال روٗد۔ خودار آسنہٕ کنۍ چھُنہٕ کانٛسہٕ ہُند ایحسان ہوٚن یژھان۔ ضلع ڈوڈہَس منز چھُ کأفی مقبول۔ سُہ چھُ ساری سازٕ وأیتھ ہیکان۔ پننہٕ مودرِلیہٕ منز گیوٚنہٕ وِزِ چھُ لوٗکن وہ لسنس انان۔ کینٛہہ کال برٛونٛھ ییلہٕ سُہ ملاقات باپتھ بھدواہ آو، مےٚ

کرمس نعت لیکھنچ فرمائش۔ تِمو بوزناوی مے کینہہ نعتیہ شعر یِمہٕ کم کاسہٕ ترمیم اضافہٕ سان مے یتھ کتابہِ منز شامل کری۔

چون ارمان چھُم مے سپنس یا رسول اللہ سلام

واو ون شاہِ مدینس، یا رسول اللہ سلام



**پروفیسر شبیر احمد قاضی ۔ شاذ شرقیؔ:** تاریخِ پیدایش: ۸ر جون ۱۹۴۹ء (بھدرواہ خاص، تألیم: ایم اے ارضیات، ایم اے اُردو، بی ایڈ)

بے شُمار خدا داد صلاحیتن ہُند مالِک شاذ شرقی چھُ اکھ مونمت مصور، اکھ وتھ وُن شاعر، ادیب تہٕ نثر نگار، باصلاحیت افسانہ نِگار، رُت مجسمہٕ ساز تہٕ اکھ معروف ووستاد یُس کینہہ وری یہٕ برونٹھ بحثیتِ سینیر لیکچرر (ارضیات) ڈِگری کالج بھدرواہ پیٹھہ اعلیٰ خدماتھ تہٕ بہترین کارکردگی ہاوان سبکدوش سپُد۔ قریب قریب نصف درجن کھوتہٕ زیادٕ کتابن ہُند مُصنف آسنہٕ کنی یِمہٕ تہندِس پیشس ستی تولُق تھاوان چھے، گوڈ سہ ارضیات مضمون کہِ حوالہٕ مشہور۔ شاعری ہُندِ حوالہٕ چھے تمہٕ سنز ترے کتابہٕ چھاپ سپزمژ یمن منز تہندِ اُردو کلامُچ سومبرن ''صدائے دِل'' تہٕ ''قاموسِ قلب'' اُردو نعتن ہنز سومبرن ''مہکتے گل'' وغارٕ شامل چھے۔ تمہٕ سندِ نثری سفرس منز چھے ''عرش صہبائی۔ شخصیت اور شاعری'' ہش کتاب بڈٕ اہمیتُک حامل۔ وُنہٕ کنس چھے تہندِ کاشری کلامُچ سومبرن ''سوندر مال'' ناوس تحت زیرِ ترتیب تہٕ طباعت یتھ منز حمد، نعت تہٕ غزلیات شامل آمتی چھِ کرنہٕ۔ رِوایتی قسمُچ شاعری آسنہِ باوجود چھے شاذ شرقی سنز شاعری موجودٕ دورٕ کین دوکھن غمن تہٕ اِنسانی مسائلن ہنز عکاسی کران، طنز و مزاح تہٕ رومانیت ستی چھے یہ

شاعری لبریز۔ غزل، نظم، نعت قطعات تہٕ مراثی چھِ تہنز شاعری ہندی پرٛزلوٕنی انہار۔

اُردوٕ نعتن ہندی پاٹھی چھُ شاذ صابُن کاشری نعتن منز تہٕ آنحضورؐ ہندِ قابلِ رشک جمالکی تہٕ جلالکی تعریف کران تمن عقید تکی تہٕ احتراہکی گُل بڈ انکساری تہٕ عام فہم زبانی منز پیش کرنچ سعادت حاصل کرنچ کوشش کرمژ۔ نموٗنہٕ کلام:

تہٕ پیوٗمت چھُس پتھر شاہِ مدینہ
مےٚ کُن کر اکھ نظر شاہِ مدینہ
ثنا خواں چھون آقا، شاذ لرزان
چھےٚ ماتَس کانہہ ہونر شاہِ مدینہ



**ساقی پونچھی**: غلام نقی چھُس ناو ساقی چھُ تخلص کران۔ سُہ زاو ۲۷ر جولائی ۱۹۴۹ء یَس کیُت منڈی پرونژھس منز تہٕ سیکلومنڈی منز چھُ از کل سکونت کران۔ مائلس چھُس خواجہ احمد جو وار ناو۔ بخشی یتہٕ ووستاد سپُد ۲۰۰۷ء یَس منز نوکری نِشہٕ سبکدوش۔ تِمی چھےٚ ایم اے تام تالیم حاصل کرمژ تہٕ سروس دوران بی ایڈ تہٕ کوٗرمُت۔

ساقی صاب چھُ ادبی لحاظہٕ تہٕ امہٕ پتھ کھوٚر علاقچ اکھ معتبر شخصیت یٚیمی پٔنُن ادبی سفر اُردو شاعری ستی شوٗروٗ کوٗر تہٕ پتہٕ پہن یعنے ۱۹۸۱ء یَس الہٕ پلہٕ پھیوٗرس کاشرس کُن تہٕ ظون۔ اَمی ہندِس کلامس منز چھےٚ تہہ داری تہٕ درد و گداز علاوٕ زِندگی ہندِ بن سنبن و وگنبن ہنز لِش مِش تہٕ۔ سُہ چھُ وژن آیہٕ نعتِ شریف لیکھان۔ بیشر بٹ (مرحوٗمن) سوزیایوٕ مےٚ تہنز اکھ نعت شریف تہٕ تہنذِ زِندگی

ہندی کوائف تہٕ۔ نعت شریف چھُ کِتابہِ منٛز شامِل آمُت کرنہٕ۔ نموٗنہٕ کلام:

یا نبیؐ بوزتم سوزتم مدینس  سپنٛس ژلہِ ہم چونے لول

ٹوٹھ زُو وٕنڈِ ے روے حسینس سپنٛس ژلہِ ہم چونُے لول

☆

**– ظاؔہر بانہالی:** غلام نبی میر ظاؔہر بانہالی زاو بانہال لامبر گامس منٛز یکم جنوری ۱۹۵۳ ہٕ یَس منٛز۔ مألِس چھُس محبّ اللہ میر ناو۔ ازکال چھِ بانہالہِ (خاص) سکوٗنت پذیر۔ ۱۹٦۷ ہٕ یَس منٛز میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد محکمہ اینمل ہسبنڈری یَس منٛز مُلازم۔ شعر و شاعری تہٕ مضمون نویسی کُن روٗدس ابتداء پیٹھے ظون۔ سُہ چھُ شعر و ادبکین مختلف اصنافن۔ غزل، ٹُٹھ، نظم، نعت تہٕ منقبتن ہندی رنگہٕ ژُکہٕ سان سگہٕ ناوان۔ سُہ چھُ صاحبِ تصنیف شاعر یمہٕ سِنٛدِ کأشرِ کلامٕچ گوڈنچ سوٗمبرن ''پوشہِ برات'' ناوس تحت ۱۹۹۸ ہٕ یَس منٛز شائع سپز۔ تہنٛز تازٕ شاہکار تخلیق ''تارکھ نب'' سپز ۲۰۰۹ ہٕ یَس دوران چھاپ یتھ منٛز تہندی لیکھمٕتی مناجات، نعت، ٹُٹھ، نظمہٕ تہٕ غزلیات شامِل چھے۔ یہٕ سوٗمبرن چھے گوڈنچہِ سوٗمبرنہِ کھوتہٕ سرس تہٕ دیدِ زیب۔ کلامس منٛز چھے واریاہ پوختگی آمٕژ تہٕ عروضچن پابندین ہُنٛد تہٕ چھُ خیال تھونہٕ آمُت۔ کلام چھُ پرٕتھ لحاظہٕ دِل گداز تہٕ اخلاقی قدرن ہُنٛد مظہر۔ غزلن ہُنٛد رومانی اسلوٗب، نغمگی تہٕ روأنی چھے قابلِ توجہ تہٕ متاثر کرن واجنی۔ ظاؔہر صأب چھِ پیر پانژال ادبی فورمک بأنی صدر یمہٕ سِنٛزِ سر پرستی منٛز ''آبشار'' رسالکی وُنِس تام ستھ شمارٕ شائع کرنہٕ آے یمن منٛز کینٛہہ توٲریخی نوعتکی شمارٕ شامِل چھِ۔ ظاؔہر سِنٛدی لیکھمٕتی نعت چھِ نعت لیکھنکی قریب قریب ساری تقاضہِ پوٗرٕ کران یمن منٛز آنحضورؐ ہنٛدِ سیرت، صوٗرت تہٕ بأضے اوصافن ہنٛز پیکر تراشی بڈٕ جُبہٕ تہٕ شوقہٕ سان کرنہٕ آمٕژ

چھےٚ - وُچھِو تو نموٗنہٕ کلام:

ژٕ چھکھ بَر تَر تہٕ بہتر یا محمدؐ ژٕ مہرِچ اکھ نظر کر یا محمدؐ
شفیع المذنبین چاٲنس برس تل بہ ظاہر چھُس گداگر، یا محمدؐ

ظاہر بانہالی چھُ اکھ موٗنمُت قلمکار، نثرنِگار، محقق تہٕ افسانہٕ نِگار یِمہ سُند کلام، مقالہٕ تہٕ افسانہٕ رِیاست کیٚن موقرِ رِسالن منٛز چھاپ گژھان روزان چھُ۔



- امینؔ بانہالی : محمد امین ولد فضل دین چوہدری چھُ بانہالہٕ ۱۸ مئی ۱۹۵۳ء زامُت۔ ہایَر سیکنڈری الیکٹوٗ امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد محکمہ پشو پالنس منٛز تعینات تہٕ از کال چھُ جمہِ کِس صوبائی دفترس بختی یِتہٕ کلرک کاٗم کران۔ سُہ اوس لوکچارٕ پیٹھے گوٗنس تہٕ کلچرل پرٛوگرامن کُن مایِل۔ سُہ چھُ اُردو، گوجری تہٕ پنجٲبی زبانن علاوٕ کاشرِس منٛز تہٕ شعر و شاعری کران یُس مزاحیہٕ سٹیج آرٹسٹ تہٕ رودمُت چھُ، اُمی سُند منظوٗم کلام سپُد اَکِس کتابچہٕ رٔنگی شایع یتھ کلچرل اکیڈمی ہِندِ طرفہٕ یَنامہٕ تہٕ توٗر۔ اُردو کلامس چھُس نوٗ انہار حالانکہٕ روایتی انداز چھُنہٕ ترٲوِتھ ہیکان۔ تٔمی سُند اُردو کلام تہٕ سپُد ''اندھیروں کا مُسافر'' ناوس تحت ۲۰۱۰ء یَس منٛز شایع۔ سُہ چھُ واحد کاشُر شاعر یُمی گوجری تہٕ پنجٲبی زبانن منٛز یِیتہٕ دَس تُل۔ تٔمی ہِنٛزِ کاشرِ شاعری تہٕ چھےٚ ماری منٛز۔ وارِیاہ کوٗشِش کرنہٕ باوجوٗد سپُد نہٕ مےٚ تٔمی سُند کانٛہہ نعت دٔستیاب تاہم چھِہ تٔمی ہِندی حمدیہ کلامکی یِمہٕ شعر پیش یوان کرنہٕ:

پوٗرم یێلہٕ شوقہٕ سان الحمدُ لِلّٰہ بہٕ سپُدس نغمہٕ خوان الحمدُ لِلّٰہ
امینو شاد گوو غمگین دِل میوٗن مےٚ اوٗن یێلہٕ برزبان الحمدُ لِلّٰہ



**- ناشادؔ بھدرواہی :** غلام حسن کرمان، ناشادؔ بھدرواہی زاو خوشحال صأب کرمان ہِندِ گرِ ڈنڈی گامس منٛز ۱۱؍دسمبر ۱۹۵۳ء کہِ دوہ۔ سُہ چھُ ڈوڈہ ضلعکِس رِتبن شاعرن منٛز شأمِل یِوان کرنہٕ۔ تِمس تہٕ پھیٚوٗر لوکچہِ وٕمبرِ منٛزے شاعری کُن ظوٗن۔ اُردو تہٕ کاشُرس منٛز چھُ مأری منٛز غزلہٕ، ٹُکھ تہٕ نظمہٕ تخلیق کران۔ سُہ چھُ بحوالہٕ تِمٕ ہِندِ اکہِ مکتوب "شوٗہرتس بیزار تہٕ اَلُس لُد شخص" اماپوٗز یتھ پزرس کیاہ گُری زِ کہِ سُہ چھُ ژھوچن بحرن منٛز وارِیاہ رٕتی تہٕ لٲیہٕ وٕنی شعر لیکھان یمن منٛز اِنسانی ہمدردی، زمانچن بے وفأیی ین تہٕ غمِ جانان تہٕ فرقتِ یار تہٕ تِمٕ ہِندِ محبتُک دلپذیر پأرایِن منٛز اِظہار چھُ پھٔٹ پھٔٹ نیران۔ تِمٕ سوٗزمےٚ پٔتُن اکھ نعت، اکھ منقبت۔ نعت چھُ یتھ کِتابہِ منٛز شأمِل آمُت کرنہٕ۔ نموٗنہٕ کلام:

| | |
|---|---|
| ژھایہٕ زُلفچ یہ شب بنانے | تہٕ نوٗرٕ روپکہٕ فجر پھولانے |
| ثنا تِمس وَن کرکھ ژٕ کیاہ زن | ثنا کران یَس خدا چھُ پانے |



**- اسیرؔ کشتواڑی :** ولی محمد بٹ اسیرؔ چھُ أکِس کہنہٕ مشق شاعر غلام قادر بیرواڑی صأبُن فرزند ارجمند یُس بیرواڑ (کشتواڑ) گامَس منٛز ۲؍اگست ۱۹۵۴ء یَس منٛز زاو۔ بھدرواہ کالجہ پٔتھ بی اے کرنہٕ پتہٕ کُری تِمٕ ایم اے تہٕ کے اے ایس امتحانات پاس تہٕ سیٚد ٹریجری آفیسر ہِندِ حیثیتہٕ تعینات۔ پننہٕ احسن کارکردگی تہٕ تجربہٕ ستی وۄت ڈائریکٹر جنرل اکاونٹس اینڈ ٹریجریز ہِندِس اعلیٰ عہدس تام یِیتہٕ سُہ وُنہٕ کِنہٕ تہٕ فائز چھُ۔ اسیرؔ صأب چھُ اکھ معروٗف قلمکار، نامور محقق، پایہ أدیب ییمی ہِندِ قلمہٕ از تام قریب قریب اکھ درجن کِتابہٕ تخلیق تہٕ تالیف کرنہٕ آیہٕ یمہٕ ضلع ڈوڈہ تہٕ ریاست کِنہٕ توٲریخی، ثقافتی، لِسانی، سیأسی تہٕ ادبی مضامینن کوم کران

چھےٚ۔ یمن منز چھےٚ اُردو زبانی منز لیکھنہٕ آمژ ''تصویرِ ضلع ڈوڈہ''، ''ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت'' تہٕ شامل یمہٕ بالترتیب ۱۹۹۶ءتہٕ ۱۹۹۸ء دوران شائع کرنہٕ آیہٕ۔ ازتام آیہٕ تہندی درجن واد اُردو تہٕ کاشرِ مُقالہٕ تہٕ بارسس یمہٕ ریاست کین مقتدر رِسالن منز چھاپ گژھان روٚدی۔ تمی کرِ کینژن شاعرن ہندِ کلامچہ کینہہ سوٚمبرنہٕ تہٕ تالیف تہٕ شائع تہٕ یمن منز بالم بھدرواہی ہندس کلامس پٹھ مشتمل ''راز و نیاز'' تہٕ مرحوم نورالزماں صدیقی نوٗر ہنز سوٚمبرن ''خزینہ نوٗر'' شامل چھےٚ۔ کینہہ کال برٚونٹھ گیہٕ انگریزی کتاب ''فوکس آن جموں اینڈ کشمیر'' تہٕ شائع یتھ کلچرل اکیڈمی ہُند ینامہٕ تہٕ دِنہٕ آو۔ حال حالے سپز تہنز ''تواریخِ اشاعت اسلام'' ناوٕچ اکھ موٚلج تہٕ مفید کتاب تہٕ شائع۔ اسیر صابن کوٚر پنُن کاشر کلام ''فرشِ گل'' ناو دِتھ ۲۰۱۰ءیَس منز شائع یتھ منز حمد، نعت، مناجات تہٕ غزلیات وغارٕ شامل چھےٚ آمژ کرنہٕ۔ اسیر چھُ پننہٕ نعتن منز آنحضور صلعمن عقیدتکی شعلہٕ وُنی تہٕ لوٚیہٕ وُنی گُل شایانِ شان طریقہٕ تہٕ عجز و عاجزی سان پیش کران یُہند التجائی اسلوٗب مُتاثر کُن چھُ۔ مُقامی شاعرن ہندبن نعتن ہندی پرتو تہٕ چھِ کُنہٕ کُنہٕ یمن منز دِژنٛھ گژھان۔ نموٗنہٕ کلام:

گژھ مدینس گژھ مدینس قاصدو
وَن سلاما شاہِ مدینس قاصدو



**- جانثار بانہالی:** عبدالغفار شیخ جانثار چھُ بانہال کِس لامبر گامس منز ۵ راگست ۱۹۵۵ءیَس منز زامُت۔ سُہ چھُ کاشرِس منز غزلہٕ وغارٕ لیکھان۔ اماپوٚز تمی سُند کانہہ نعت سپُد نہٕ دٔستیاب۔



- مجروٗر بانہالی: شمس الدین وانی (مجروٗر) زاو کھارپورٕ بانہالہٕ ۲/جنوری ۱۹۵۸ءٕ منز خواجہ غلام حسن وانی سٕندِ گرِ۔ میٹرک پاس کٔرِتھ لوٗگ محکمہ پبلک ہیلتھ انجینرنگ منز سُپروأیزر۔ گوڈٕ پیٹھے اوٚسُس گیوٚنس گاینس کُن ظوٗن۔ سُہ چھُ غزل تہٕ لیکھان تہٕ نعت تہِ۔ نعتُک نموٗنہٕ چھُ یتھٕ کنٕی:

ع

نوٗر چوٗنے پیوٚ جہانس یا شفیع المذنبین

ہوش ہیٚؤ آو یتھ زمانس یا شفیع المذنبین



- قیوٗم رازویری: عبدالقوم نائک چھُ غالباً پوشانہ پرٕنژھس منز ۱۹۵۷ءٕ یَس دوران زامُت تہٕ بہروٹ رازویرِ ییتہٕ سُہ سکوٗنت پذیر چھُ۔ پانژالہٕ پوشن وارٕ منز پھولُمت یہِ پوش تہٕ روٗد محکمہ تألیم کِس یوٗتھ وِنکس ستی وابستہٕ یُس ۲۰۰۶ءٕ یَس منز ماسٹر گریڈس منز کأم کران ریٹائر سپُد۔ ازکال چھُ اکھ تدریسی ادارٕ چلاوان۔ سُہ چھُ امہِ علاقُک اکھ نامور شأعر تہٕ لیکھأری یَس شعر ونہٕ نُک ول ژھل مولوٗم چھُ۔ سُہ تہِ چھُ ادبی مرکز بہروٹس ستی وابستہٕ تہٕ اتھ علاقس منز اُردو تہٕ کأشرِس ادبس پوچھر دِنکی سٕنز کران روزان۔ نعت تہٕ چھُ لیکھان تہٕ نظمہٕ وغارٕ تہِ۔ نعتُک نموٗنہٕ چھُ یتھٕ کنٕی:

ع

| | |
|---|---|
| چھے دوٚن جہانن ژٕ پادشاہی | عرش ؤتھو تہٕ جلال صورتھ |
| نظرِ عنایت کٔرِ بوٚ قیوٗمس !! | نصیب گرٕھنس وصال صورتھ |



**- پرویز ابن طیب کشتواڑی** زاو اکس دیندار تہٕ مشہور عالم دین طیب شاہ صأبنہ گرِ ۱۹۵۸ءیس دوران۔ اَمہِ خاندانک تولُق چھُ أتی کِس معروف جید تہٕ شأعر پیر ضیاالدین ضیاتہٕ بہاوٗ الدین بائی صأب نِش خانداُنس ستی اوسمت۔ پرویز صأب چھُ فارسٹ کارپوریشنس منز بحثیت سپروائزر کأم کران۔ سُہ چھُ ''گُلستانِ ادب'' کشتواڑُک بانی صدر تہٕ۔ پرویز چھُ اُردو تہٕ کأشرِ زبأنی ہُند اکھ پوختہٕ کار شأعر یُس کأشرِس منز بڑٕ معنہٕ ساوٗ شعر تخلیق کران چھُ۔ دِیان چھُ سُہ چھُ نعت تہٕ لیکھان بدقسمتی ستی سوٗزن نہٕ کانٛہہ نعتِ شریف مےٚ تیِچ کٔمی یہٕ محسوس کران چھُس۔



**- ناز نظامی:** نذیر احمد ناز نظامی زاو محمد لسہٕ وانی (مرحوم) ہِندِ گرِ ۵ نومبر ۱۹۵۹ءیس منز بھدرواہ کِس قلعہِ محلس منز۔ ایم اے، بی ایڈ تام تألیم حأصل کٔرِتھ سپُد ووستاد ہِندِ حثیتہٕ تألیمہِ کِس محکمس منز تعینات۔ اُردو تہٕ کأشرِ زبانن منز چھُ مأرِ منز شأعری کران تہٕ اُردو زبأنی منز مضمون تہٕ لیکھان۔ أمِ سُند کلام چھُ رِیاست تہٕ بیروٗن ریاست رِتبن رِسالن منز چھاپ سپدان روزان۔ مطالعچہِ گہرایی چھُس شعری تخلیق کِبن لوٗأزماتن ہنٛز جان زان کرِنوٗ ومٕژ۔ سُہ چھُ واریاہن ادبی تنظیمن ستی تہٕ وابستہٕ۔ تٔمی ہِندِ نعتُک نموٗنہٕ چھُ پیش:

سرکارِ دو جہان سُند، سالارِ کارواں سُند
چھم ناز اُمتی چھُس سردارِ دو جہاں سُند



**مضروبؔ بانہالی :** عبدالحمید شیخ چھُ مضروبؔ بانہالی تخلص کران۔ سُہ زاو ۱۹۵۹ء یَس دوران بانہالہِ منز تہٕ ہائر سیکنڈری الیکٹیو امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد محکمہ خوراکس منز مُلازم۔ بقولِ منشور : ''مضروبؔ چھُ اکھ کھسہٕ وُن، خوش آواز تہٕ پسندیدٕ گلوکار تہٕ شاعر۔ ییمہِ لوکچہِ وأنسہِ منزٕ پنُن تعارُف کرنوو۔'' (ادبُک توأریخ) سکولہٕ دوہن منز سپُد مضروبؔ بحثیت گلوکار مشہوٗر تہٕ تس ہیوٚتُن ہتی ہتی شاعری کُن تہٕ ظوٗن پھیرُن۔ سُہ چھُ رُت غزل گوٚیس نظمہِ تہِ نعت وغارٕ تہِ لیکھان چھُ۔ تٔمی ہنٛدِ ہٹُک جوٗدت تہٕ میٹھی آواز چھےٚ بوزن والین دِل ژوان کڈِتھ۔ چلنت رُکس صوٗرتس منز غزل گوٚتھ چھُ سُہ پننہٕ فنُک کمال ہاوان۔ ریڈیو سٹیشن پیٹھ تہٕ چھُ سُہ پرٛوگرام پیش کران روزان۔ تٔمی ہنٛدین نعتن منز لفظن ہنٛز برجستگی تہٕ نغمگی چھےٚ قابلِ داد:

دون جہانن بَس چھےٚ تہنٛزٕے مہربأنی یا رسولؐ
صورتِ خورشید تہنٛزٕے ضو فشأنی یا رسولؐ



**-مختار ثاقبؔ راجوری :** ثاقبؔ چھُ راجوری علاقُک وتھٕ وُن تہٕ کھسوٗن نوجوان شأعرُیس محکمہ صحت عامہٕ ہَس منز بحثیت میڈیکل اسٹنٹ کأم کران چھُ۔ تٔمِس چھُ شعروننہٕ ٹُک رُت بٔتر۔ غزل، نظمہٕ لیکھنہٕ علاوٕ چھِن کینٛہہ کأشرِ نعت تہِ قلمبند کٔرِمتی یِمن منز سُہ انکسأری تہٕ عقیدتُک گولاب پھولراوان چھُ:

یہٕ درطوٗفان ہنٛنہٕ آمت دِیو ناتار یا مدنیؐ
طبیبا کر دوا داد ہن یہٕ چھُس بیمار یا مدنیؐ



**- حفیظ فرقان آبادی:** عبدالحفیظ شیخ زاو میأنس أکس لوکچارِکس دوس محمد اکبر شیخ صأبنہٕ گرِ فرقان آباد (گھٹ) ڈوڈہٕس منز ۲/دسمبر ۱۹۶۲ءیَس منز۔ پننہٕ خدا دادا قابلیت تہٕ دینی بصیرت کہِ بدولتہٕ دینی تہٕ ادبی دُنیاہَس منز ناو پژاون وول حفیظ صأب چھُ اکھ باصلاحیت ووستاد، اکھ مومِنت دینی مبلغ، اکھ خدا ترس اِنسان تیم ایم اے عربی کٔرِتھ بی ایڈ ڈِگری حاصِل کٔرتہٕ پتہٕ ایم ایڈ ڈِگری تہٕ پژاو۔ ۱۹۹۵ءیَس دوران سپُد ووستاد ہٕندِ حیثیتہٕ بٔرتی تہٕ وُنہٕ کٔنہس چھُ پننہٕ ہَس علاقس منزٕ منصبی تہٕ دینی فرائض انجام دِنچ دیانتدارانہٕ کوٗشِش جأری تھٲوِتھ۔ سُہ چھُ ڈوڈہ ضلعکین بہترین ووستادن تہٕ دینی مبلغن منز شأمِل یوان کرنہٕ۔ تیمس اُردو، عربی تہٕ کأشرِ زبانن پیٹھ پوٗرٕ پوٗرٕ عبوٗر حاصِل چھُ۔ سُہ چھُ زیادٕ پہن اُردو زبأنی منزٕ نعت، مرثیہ، نظمہٕ تہٕ غزل وغارٕ لیکھان۔ کأشرِس کُن تہٕ چھُس طبیعت پھیران۔ تہُندٕ کلام چھُ مجموعی پأٹھی سلیس، بے ساختہ، سنجیدٕ تہٕ جذباتو بوٗرُت۔ نعتس منز چھُ آنحضورؐ ہٕنز والہانہٕ وابستگی ہُندٕ اِظہار نُمایاں باسان۔ کأشرِس نعتس کُن تحریک میلنچ کتھ چھُ یمن لفظن منز کران ''کشمیری میں لکھنے کی تحریک محترم و مکرم بشیر احمد خطیب'' (بشیر بھدرواہی) سے ملی۔ اللہ تعالیٰ انہیں جزائے خیر دے۔ امین'' (مکتوب حفیظ بنام بشیر)۔ نعتُک نموٗنہٕ چھُ یہِ:

لا ریب سبحٲنہ احسان محمد صلی اللہ علیہ وسلم
کأتیاہ اسہِ ارمانِ محمدؐ، صلی اللہ علیہ وسلم



**- یوسف بانہالی:** ولدیت: عبدالعزیز نائیک، زاجاے: کھڑدِش بانہال، زاسنہٕ ۱۹۶۴ء۔ محکمہ تألیمس منز مُلازِم۔ پتھ کھور علاقس منز دٔہمہٕ جمأژ تام تألیم حاصِل

کرنہٕ باوجوٗد چھُ یوسف بانہالی یَس شعر لیکھنُک مناسِب شعور حاصِل۔ بڈ کتھ چھےٚ یہِ زِ سُہ چھُ کأشرِس علاوٕ پوگلی زبأنی منٛز تہِ رٔتی شعر لیکھان۔ نعت تہِ چھِن لیکھمٕتی:

تس کیاہ چھُ غم ییمی روٗٹ اتھو دامان محمدؐ
سُے بختہِ بوڈ ییمہِ زون چھےٚ کیاہ شانِ محمدؐ



- ارشاد فُرقان آبادی: شیخ ارشاد احمد زاو گھٹ (فرقان آباد) ڈوڈہٕس منٛز ۱۰/اپریل ۱۹۶۴ءیَس منٛز۔ والد صاٲبس چھُس شیخ محمد اسداللہ ناو۔ باہ جماعژ پاس کرنہٕ پتہٕ لوٗگ محکمہ صحتس منٛز مُلازِم اماپوٗز یہِ ملازمت راس نہٕ پینہٕ کنٕ روٗد سُہ اسلامیہ سکوٗلن منٛز صدر مدرس ہنٛزِ کُرسی پیٹھ براجمان۔ توٗ پتہٕ چلاوٗن اکھ سٹیشنری دُکان تہِ۔ شعر و شاعری کُن پیوٚس ۱۹۹۰ءیَس دوران ظوٗن تہِ لوٗگ کینژن شاعرن ہنٛدِس تقلیدس منٛز تضمینی شعر لیکھان۔ قوالی طرزس پیٹھ تمی سُند اکھ نعت چھُ یتھ کِتابہِ منٛز ترمیم تہٕ اضافہٕ سان شامِل آمُت کرنہٕ یمیُک نموٗنہ یہِ چھُ:

چھُ ارشاد کراں آہ وزٲری گرٛدِہنہٕ یُن کوثرس پیٹھ سُہ خالی



- سجاد حسین ساجد سرمدی: زاد وہ: ۸/مارچ ۱۹۶۶ء، زا جاے: بھدرواہ خاص، بی ایس سی، بی ایڈ تہٕ ایم ایڈ کرنہٕ پتہٕ کٔرتمی نجی سکوٗلن منٛز درس تدریسُچ کأم تہٕ ۱۹۹۵ءیَس سپُد بخشییتہٕ ووستاد تعینات۔ یوٗ دوٚے شاعری کُن طبیعت موزون آسس سُہ لوٗگ اُردو زبأنی منٛز شعر و شاعری کرنہٕ، کیٛنہہ کال بژونہہ گوٚو کأشرِس کُن تہٕ مائِل تہِ اتھ زبأنی منٛز تہِ چھُ غزل ٹُکھ تہِ نظمہٕ قلمبند کران۔ تمی ہنٛزٕ شاعری

منٛز چھِ شاعری ہندی گوٚن موجوٗد یتھ منٛز تٔمی ہنٛزٕ عصری آگاہی ہُند عنصر پٕز لان چھُ۔ نعت تہٕ چھُ لیکھان۔ تٔمی سُند اکھ نعت کم کاسہٕ پھیرِ بدل کرنہٕ پتہٕ چھُ کتابہٕ منٛز شاملِ آمُت کرنہٕ۔ نموٗنہٕ کلام:

ژٕ چھکھ خیرالبشراے ناز نینا
شُبان چھےٚ ژےٚ بجراے نازنینا

اقبال بزمِ ادب بھدرواہُک چھُ ساجد صاب اکھ فعال تہٕ بےلوٗث کارکُن تہٕ۔



- گوہرؔ بانہالی : گوہرس چھُ محمدؐ اشرف وانی ناو یُس غلام محمدؐ وانی صابنہٕ گرِ ۵/اپریل ۱۹۷۰ء یُس منٛز پاٚدٕ سپُد۔ دہ جماژ پرِتھ کوٚرُن نجی پاٚٹھی بی اے تہٕ ہیتے کوٚرُن آئی ٹی آئی کوٚرس تہٕ تہٕ گوٚو پننہٕ نِس کاروبارس منٛز مصروٗف۔ سُہ چھُ کاشرِ زبانٔ منٛز شاعری کران یوٚس لولہٕ تہٕ رومان ہِتی لبریز انداز منٛز تٔمی ہندِ جذباتن تسعید کران چھےٚ۔ شاعری چھس جان دم خم۔ تٔمی ہندِ نعتُک نموٗنہٕ کلام چھُ یتھ کٔنی:

کرتہٕ مےٚ تہٕ وونی غمگساری یا رسول عربیؐ
داد دِیو بلہٕن مےٚ ساری یا رسول عربیؐ



- ثاقبؔ بانہالی : حنظلہ حسین ثاقب زاو ۱۹۷۳ء یُس منٛز گونڈ عدل کوٹ بانہالہٕ اکِس زمیندار گرس منٛز۔ سُہ چھُ اُردو تہٕ کاشرِ شاعری کرنہٕ علاوٕ اُردو پاٚٹھی مضمون تہٕ افسانہٕ تہٕ لیکھان۔ ۲۰۰۱ء پیٹھ چھُ کاشرِس منٛز شعرگویی کرنس کُن لوٚگمُت۔ نعت تہٕ چھِن لیکھمٕتی۔ تِہُند کانہہ نعت سپُد نہٕ دستیاب۔



۔منظوٓر ادھیانپوری : مولوی منظور احمد سکنہ ادھیانپور ڈوڈہ تہٕ چھُ آنحضورنٛ ہٕندِس عقیدتس منٛز نعت لیکھنٕچ مقدوٗرِ مطابق کوٚشش جاری تھٲوتھ:

تمنا چھےٚ منظوٓر بَس اکھ یژے وونٛ
تہٕ وُچھہٕ روے انوارِ شاہِ مدینہؐ



۔شاداںٓ بھدرواہی : ماسٹر محمد شعبان شاداں بھدرواہی چھُ اُردو تہٕ کاشرِس منٛز شعر و شاعری کران۔ تمہ سُند اکھ نعتِ شریف تہٕ چھُ کم کاسہٕ شیرنہٕ پتہٕ شامِل کِتاب آمُت کرنہٕ۔ نموٗنہٕ کلام چھُس یہ:

چھُسےٚ موحتاج امدادس نظر کر یا رسول اللہؐ
پھٕسِتھ چھُم ناو گِردابس نظر کر یا رسول اللہؐ

شاداں چھُ کم گو، شریف النفس تہٕ با اخلاق اِنسان یُس اقبال بزمِ ادبُک فعال رُکن تہٕ چھُ۔



۔خاکسارٓ بھدرواہی : غلام محمدؐ خاکسار بھدرواہی چھُ اکھ روایتی شاعر یُس وژنہٕ کِس اندازس منٛز کاشرِس منٛز شاعری ہُند گوڈ بران رٔژمت چھُ۔ سُہ چھُ مترنم لیہ منٛز پنُن کلام محفلن تہٕ مُشاعرن منٛز بوزناوان۔ شعرن منٛز چھُس قودرتی وُزٕنی تہٕ اثر کِنی تاثیر تہٕ۔ نعتِ شریف لیکھتی چھُ پننہٕ عقیدتُک بوس لوٗژراوان۔

غولامس کیاہ شوبان چانی غولامی
یہِ مرتبہ کتہِ چھُ کم، شاہِ مدینہٕ



**-شفیع کشتواڑی:** محمدؐ شفیع ڈار یُس دوے پیشہِ کنہٕ ڈرائیور چھُ اماپوز نعتِ شریف لیکھنس کُن چھس قودرتی طبیعت مائل گڑھان تہٕ رٕتی نعت چھِن وٕنی متہِ:

باغ دہنگ از چھُ واران یا رسولؐ
اُمتی از چھِ پریشان، یا رسولؐ



**-مجذوبؔ پوگلی:** عبدالرشید کوٗچ مجذوبؔ پوگلی چھُ اُردو تہٕ پوگلی زبانٕ منز شعر لیکھان۔ پوگلی زبانٕ منز تہندِ نعتُک نمونہٕ چھُ یہِ:

دِل سِن سکون نظرِ سِن جنت   یہِ مجذوبؔ سِن دل تہٕ دِل سِن تمنا
بنہِ میون مسکن دیار مدینہ



واریاہو کاشرٕ شاعرو سوٗزنہٕ مے پنُن نعتیہ کلام یمِ کنہٕ بہٕ چھُس محسوس کران زِ تمی چھِنہٕ پانہٕ نعت لیکھنٕچ کوٗشش کران نتہِ ما آسکھ نہٕ میانِس آلوس کن تھوٗمت کینہہ۔ تمن منز کینژن ہندِ کلامچ ییتھ کتابہِ منز کمی تہِ وٕتھے آسنٕ چھے مے کرٕ افسوسچ کتھ۔



## (۲) جمہِ صوبچہِ نعت گو شاعرات

- **محترم شمیمہ دیِو** : یوٚ دوَے زَن محترمہ شمیمہ جی سانہِ رِیاستُچ تہٕ برصغیرچ اکھ معروٗف شاعرہ تہٕ گُلوکارا چھےٚ تمِس چھِ اَسی وونۍ جمہِ صوٗبچ اکھ نمائند گلوکار زانان تہِ کیاز سو چھےٚ ساٰنس اَکس محبوب ہم وطن تہٕ سیاست دان جناب غلام نبی آزاد صاٰبنۍ شریکِ حیات یُس یۍمہِ صوٗبکس موضع سوتی علاقہٕ بھلیس یعنی تحصیل گندوہَس سٍتۍ توٗلُق تھاوان چھُ۔ شمیمہ جی چھےٚ نظمہٕ ، ٹکھ ، غزلہٕ تہِ نعت و منقبت تہِ لیکھان تہٕ تِمن پننہِ خدا داد تہِ مسحورٕ کُن مُدرِلیہِ منٛز گَوان روزان۔ خانٛدرٕ پتہٕ تژ ووٚتمۍ لیکچرار شب تہٕ روز آزاد صاٰبس زِندگی تہٕ سیاسکین سٔنبن وونٛگنن منٛز پوٗرٕ پاٹھۍ شریک روزان تہٕ خلوصہٕ سان ساتھ دِوان۔ میاٰنس اَکس رفیق دوس خواجہ محمد عبداللہ دیو (مرحوم) سنٛز دخترِ نیک اختر چھےٚ ایم اے تام پرٕمژ یۍمِس گُلوکاری منٛز کمال آسنہٕ رکس اعترافس منٛز درجنو واد ایوارڈ دِنہٕ چھِ آمتۍ تہٕ مُلکی سطحس پیٹھ بوٚڈ تہٕ تھوٚد پدم شری ایوارڈ تہٕ کینٛہہ ؤری یہ بژونٛٹھ دنہِ آو۔ نموٗنہٕ کلام :

| | |
|---|---|
| دادِنۍ کرتَم دوا | یا رسولِ عربیؐ |
| بوٗز تو میوٗنۍ صدا | یا رسولِ عربیؐ |

پوٗرٕ نعت چھُ شاٰمِل کِتاب آمُت کرنہٕ۔



- **حاجرہ پرواز** : چھےٚ رام بن ضلعکِس پتھ کھور علاقہٕ گوٗلچ روزن وانجٕنۍ۔ سُہ چھےٚ اَمہِ علاقچ گوڈنچ زنانہٕ شاعریوس غزل، نظم، نعت وغاٰرٕ اُردو تہٕ کاشرِس منٛز لیکھان چھےٚ۔ تمۍ سُنٛد والدِ ماجد غلام محمد جواد تہِ اوس اکھ رُت شاعر۔ حاجرہ جی چھےٚ اَکس

مقتدر گرٕ کِس اِنسان شناس تہٕ موقر ووستاد حاجی محمد اقبال وٲنی ہنٛز آشِنی۔ سُہ رواز اتھ علاقس منز واریاہس کالس بٔکھتیہ تہٕ ووستاد کٲم کران تہٕ اکتوبر ۲۰۰۴ء یَس منز سپز ریٹائر۔ تٔمی سُند کاشُر نعتیہ کلام چھُ زیرِ ترتیب تہٕ اُردو کلامس چھاپ کرٕنکی سنز تہِ چھےٚ کران۔ کاشرِ نعتن چھےٚ مے نظرِ ثانی کرمٕژ۔ نمونہٕ کلام:

حق تہٕ حق ونان رسولِ عربیؐ محترم تہٕ ذی شان، رسول عربیؐ



**- مس مرجان، دِلکش بانہالی :** بانہال علاقچ گوڈنچ زنان شاعرہ، تیمی سُند کاشُر کلام واریاہ کال بڑونٹھ "کلامِ دِلکش بانہالی" ناوس تحت چھاپ سپُد مُت چھُ۔ اتھ منز چھِ غزل روف وغارٕ شامِل۔ روایتی انداز س منز لیکھنہٕ آمُت کلام چھُ کینٛژ و فنی کمزوریو باوجود کُنہ حدس تام قابلِ توجہ۔ تٔمی چھِ واریاہ نعت تہٕ لیکھمٕتی یِمہ مُقامی رِسالن منز چھاپ گژھان روزان چھِ۔ سُہ چھےٚ مرجانؔ تہٕ تخلص کران۔ سُہ زاے بانہالہ ہنٛزِ حالہِ مٲدان جایہِ منز ۱۹۴۸ءیَس منز تہِ کینٛہہ کال بڑونٹھ سپز سبکدوش۔ بھدرواہ کِس اَکِس سیّد گرس منز چھُن سعید شاہ صابس ستی کھاندر کوٚرمُت۔ نعتُک نمونہٕ چھُ یہِ:

جگر پارٕ گوٚو مے عُشقنہٕ نارٕ یا نبیؐ
مژر چشمہٕ نظر کرٕ مے کُن وارٕ یا نبیؐ



**- مہتاب بیگم مغل :** اکھ خدا ترس تہٕ رسول مقبولؐ ہنٛز دیوانہٕ وار عقیدتمند تہٕ بھدرواہکہِ معروف مُغل خانداںچ معتبر تہٕ قداوار بُزرگ زنان حاجن مہتاب بیگم اُسی نعت گوان تہٕ تہٕ لیکھان تہِ۔ اوزانن منز ہیوٚر بوٚن آسنہٕ باوجود اُسی بے

پھرٕ وکھ پاٹھی پنُن ووںدٕ تِتھے کنٕ نعت وٗنتھ لوٗژ راوان۔ ۲۰۰۹ سنہٕ یَس منز سپز رحمت حق۔ سُہ آس قریب قریب نمتھ وٗرِش۔ نموٗنہٕ نعت:

کرٕ پتھر پیمی تس تلیوٗ تھوٗد یا رسولِ عربیؐ

کرسنا اَسہِ کُن وُچھیوٗ سیوٗد، یا رسولِ عربیؐ



**شمیم اختر : شبنم بانہالی :** مشہوٗر قلمکار، تجزیہِ نِگار تہٕ شاعر ظاہر بانہال صاٗبنہٕ آشنی، شمیم اختر زاے بانہالہِ منز ۱۲/مارچ ۱۹۵۲ءیَس منز۔ سُہ چھے محکمہ تعلیمس منز بحثیتہٕ ووستاد کام کران۔ شاعری کُن چھس واریاہ کالہِ پٹھ ظون پھیوٗ رمُت۔ نعتُک نموٗنہٕ چھُس یہِ، غالبن چھس یہِ گوڈنکیُ نعت:

| | |
|---|---|
| محمدؐ نبی زاوسجان اللہ | بوٗر عالمن چاو، سجان اللہ |
| بالاتہٕ برتر اعلیٰ تہٕ افضل | روشن تسُند ناوسجان اللہ |



**(۳) معروٗف نعت خوان (گلوکار) :** جیٗمہِ صوبس منز چھِ واریاہ گلوکار، موسیقار تہٕ فنکار یمَو نعت خاٗنی منز پننہِ پننہِ وقتہٕ شوہرتکی بام لُبی۔ یمن خوش قسمت گلوکارن منز چھِ احقر بھدرواہی، رسا جاودانی، غلام نبی ڈولوال، وفا بھدرواہی، قادر بیرواڑی، وزیر محمد وزیر بانہالی، جہاں آرا جانباز، شمیمہ دیو، شیخ فریداحمد بھدرواہی، طالب حسین رِند، طالب حسین بے تاب، ساغر صحرایی، راشد جہانگیر، محمد سلیم خان، روی ٹھاکر، شیخ کبیر، حسن بانہالی، مضروب بانہالی، رحمت کشتواڑی، محمدؐ اسحاق کشتواڑی، نثار حسین ڈولوال، مجرور بانہالی، تسکین بڈانوی، معراج الدین، فاروق کھوکھر وغارٕ شامل۔

## (۴) نثری نذرانہٕ پیش کرن وٲلی قلمکار :

جمّی صوبس منز تہٕ چھہٕ کشیرِ ہندی پاٹھی واریاہو قلمکارو تہٕ دینی مفکرو پننہٕ پننہٕ آیہٕ آنحضور حضرت محمد صلعمن اُردو زبانی منز نثری نذرانہٕ پیش کری متی ۔ یِہندی اسمائے گرامی یِتھہٕ کنی چھہٕ :

**- خواجہ عبدالغفار کچلو :** معروف ووستاد تہٕ جماعتِ اسلامی ہندی سرکردہ رُکن (مرحوم) عبدالغفار کچلو صابنہٕ قلمہٕ چھہٕ واریاہ کتابچہ لیکھنہٕ آمتی یمن منز آنحضورنٛ ہنزٕ حیات طیبہٕ تہٕ عالم اِنسانیتس تہندِ دیٛتُک ذِکر کرِتھ تمنٛ خراج عقیدت پیش آمُت چھُ کرنہٕ ۔ یمن منز ''حیات النبیؐ'' تہٕ ''حیاتِ صالحین'' قابلِ ذِکر چھےٚ ۔



**- سعد اللہ شاد فرید آبادی :** غاٚر منُقسم ضلع ڈوڈہس منز چھُ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ نثری نذرانہٕ سعد اللہ شاد فریدی صابن پننہٕ نبن مختلف مقالاتن تہٕ کِتابن ہندی ذٲری یہٕ پیش کوٚرمت یمن منز تہنزٕ ''روشنی کا سفر'' (۱۹۸۹ء)، ''روحِ اسلام'' (۱۹۹۱ء)، ''محبوب کِبریا'' (۱۹۹۲ء)، ''سرچشمہ نور'' ہدایت (۱۹۹۶ء) وغاٚر کِتابہٕ شامِل چھےٚ ۔ یمن کِتابن آیہٕ واریاہ پذیرائی کرنہٕ ۔



**- غلام رسول بٹ چوگانی:** ساکن بھلیس بھدرواہ : ''سرور کائنات'' ناوٕچ اکھ موقر کتاب شائع کرِتھ چھُ تمو آنحضورؐ ہنزٕ سیرتِ پاک اکِس ووستادٕ سِندِ مہارٕ ژ پیش کرٕمٕژ ، یوس پرنک تقاضہٕ کران چھےٚ ۔



**-منشور بانہالی:** منشور صابنس ادارتس تہٕ سرپرستی منز ''کاشر ادبی مرکز بانہال'' کہِ طرفہٕ چھاپ کرنہٕ آمُت رسالہٕ ''گولاب'' سرورِ کونین نمبرُک تمہیدی حِصہٕ چھُ آنحضورؐ ہنز سیرت تہٕ تہند جلال تہٕ جمال گاشراوان، یُس ماری منز زبأنی منز اکھ مولُل تہٕ سیر حاصِل تبصرِ چھُ۔ اتھ منز چھِ مُقامی شاعرن ہُند نعتیہ کلام تہٕ شأمِل۔



**-ظأہر بانہالی:** ظأہر صابنہٕ سرپرستی تہٕ ادارتس منز پیر پانژال ادبی فورم بانہال کہِ طرفہٕ شائع سپدمُت رِسالہٕ ''آبشارُک'' نعتیہ نمبر چھُ آنحضورؐ ہندِ بن یعنے دربارِ رسالتکین معروف نعت گو شاعرن پٹھ اکھ ماری موند تبصرِ یُس پُرتھ لحاظہٕ قابلِ داد چھُ۔ اتھ شُمارس منز تہٕ چھُ مُقامی شاعرن ہُند نعتیہ کلام پیش آمُت کرنہٕ۔ حال حالے کوٚڈ اَمی فورمَن آبشار رِسالُک ''سیرت النّبی نمبر'' تہٕ شائع۔



**-محمد شفیع متو ساکن چتگا بھلیس:** شفیع صابن تہٕ چھُ ''ختم الرسُل معہ درود و سلام'' کِتابچس منز یُس ۲۰۰۸ءٕ یَس منز چھاپ کرنہٕ آو، آنحضورؐ ہندِ حیاتکی کینہہ پہلو گاشراوِمتی۔



**-مُشتاق فریدی:** مشتاق صاب تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ پننہٕ نبن دینی نوعیتکین مضمونن منز آنحضورنؐ ہنز ''حیاتِ طیبہ'' منزٕ مثالہٕ پیش کُرِتھ تہندِ سیرتکی اہم پہلو گاشراوان روزان۔



- اسیر کشتواڑی: اسیر صابن چھےٚ حال حالے پننۍ اکھ قابلِ داد کِتاب بہ عنوان ''تاریخِ اشاعت اسلام'' شائع کرمٕژ یتھ منز آنحضورؐ ہنزِ پُرنوٗر سیرتکۍ واریاہ پہلو نُمایاں چھِ سپدان۔



تمو علاوٕ تہٕ آسن واریاہو قلمکارو نثری آیس منز پننہٕ نہٕ عقیدتکۍ گُل آنحضور صلعمن پیش کرِ ژتی۔ یِہُند مےٚ کانٛہہ مواد حاصِل چھُنہٕ سپدمُت۔ راقم الحروف بشیر بھدرواہی یَس تہٕ چھےٚ محسنِ اِنسانیت آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدِس ''حُسنِ اخلاقس'' پیٹھ کاشر زبانۍ منز مضمون لیکھنٕچ سعادت حاصِل سپزمٕژ!



# نعتِ شریف

کلام : مولانا احمد بانہالی

سیّدا روئے والضحیٰ داری | موے واللّیل اِذا سجیٰ داری
طاے طاہا طرازِ خلعت تو | وز مُدّثر مہین ردا داری
یاے یٰسین نہ یاسمن بویست | گُلِ دستار خوشنما داری
لن ترانی نصیبِ موسیٰ بود | احترافت لقد رَئیٰ داری
نقشِ نصراً مِنَ اللّٰہت بہ نگیں | وز فتحنا بکف لِوا داری
بہ قرانے کہ وحی تنزیل اَست | بہ مُعاجز کہ بے حِصا داری
بہ شبِ قدر وَلَیلَۃُ المعراج | بہ وصالِ کہ باخدا داری
روے زیبا نُما کہ مشتاقم | قِسم ذات کبریا داری
مس قلیم بہ یک نظر زرکُن | کانِ نظر ہچُھ کیمیا داری
پادشاہا بہ حال ما نظرے | کہ عنایت بہر گدا داری

یہ نعتِ شریف چھُ عموماً کشیرِ تہٕ جمٕو کین کأشرِ علاقن منز درؤدِ حضورسؐ ستی پرنہٕ یِوان۔



## کلام : ظریف شاہ پونچھی

لولاک نازِل ژےٚ سپانئے | افلاک سوٗرے سأل گاہ چون!
مَلکو کوٚر ہے چاکر تونٔے | سونٔے یِکھنا وندٕ ہوے کرون



سوز چھُم روزٕ چأنس چارسوٗیَس | ژُووٕنی دمہٕ دمہٕ آم سوران
دیدار ہاو، چھُس آرزویَس | والیّل مویَس وندٕ ہا پان



گأری مرگن کم کم جوانو | مأری ماجہِ تمٕی رٕچھٕمتی آسی
موٗدی گندر روٗدی موٗنڈ خانو | ہا مسافرِ میانہِ پانو ہو



نوٗر ییٚلہِ ہووُنم تمٕی در دانَن | گوم وستخانَن گرِتھ سوٗر
ظریف اُلفت تھاو دیوانَن | تمہِ ستی سپدکھ باضوٗر[2]

[1] "ظریف خان تہٕ تسنٛز شاعری" شیرازہ ۱۹۸۴ شمارہ ۳ (آتش)۔

[2] "کاشرِ زبان تہٕ ادبک تأریخ"، منشور بانہالی۔



## کلام : اعما بانہالی

یا نبی جانِ حزین چھم در عذاب | رشکِ مہ روے ہاتم امشب بخواب
دِل بتاب وتب فراقے چأنہِ چھم | زیرِ راہ دوٗ دمُت، دوٗرِرک زر چھم نہٕ تاب

چھُم گوٚمُت در سینہٕ شوقُک نار تیز  آہ تٔمۍ نارن کوٚرُم جِگرس کباب
نیرِ ہا مجنون صِفت نالہٕ دوان  خوں فشاں سوئے مدینہٕ چوں سُحاب
روز و شب اُفتانِ و خیزاں در فراق  ہَستَم از ہجر تو مانند حُباب
فیر چوٗن سیماب اے دِل، بے ہراس  رَز لُبکھ یوٚد پوٗرِ آسی اضطراب
یا رسولؐ اللہ پریشان حال چھُس  بے سر و ساماں گوٚمُت خوار و خراب
پانہٕ یَس تعریف کرِ پروردِگار  کس تٔشنٛد اوصاف کرِنس آسہِ تاب
جان و سر سازم فدا بر اہلِ بیت  تا شوم در ہر دو عالم کامیاب
طالبِ دیدار تو آعما رحیم  اکھ نظر کرِتس تہٕ سَپدِس فتحیاب



خدا وندا بخشُم فہم و ادراک  بہٕ عشقِ مصطفٰے کرتَم مےٚ چالاک
بدیدارش صفا لوٗحِ دلم کُن  معطر سر بہ سر آب و گِلم کُن!
بیا آعما فراقُک دودِ ہیتھ وَد  سَپُن شیدائی رُخسار محمدؐ
شُد زِنوٗرِ مُزین سر بہ سر  ہفت ارض و فلک مہ و آفتاب
مثنوی ''گُلبدن'' منٛزِ کیٛنہہ نعتیہ شعر۔



گوس واراہ زار و اَبتر یا شفیع المذنبینؐ
پیوس بے کس خار و بے سر یا شفیع المذنبینؐ
خستہ جانَس گاشہٕ رٔستِس آش چأنی دم بدم
مَتہٕ کرتَم دوٗر از دَر، یا شفیع المذنبینؐ

دۄر رِکی نارَن بدن زوٗلم وداں چھُس رات دوہ
چھُس گۄمُت آوارٕ مضطر یا شفیع المذنبینؐ

موٗت بُنِتھ لاران یِیَے ہاران اُچھو کِنہِ خونِ دِل
جان چھُم تھاران وندے سر یا شفیع المذنبینؐ

ہۄل کمر از بارِ عصیاں گوم ہیَے تاواں پیوٗم
کیاہ بنیم در روزِ محشر یا شفیع المذنبینؐ

طاقت و صبر و قرار اندر تن و جانم نماند
چھُس پیوٗمُت پرٕ ژھوٗن دِتم پرٕ یا شفیع المذنبینؐ



کلام : پیر محی الدین محی کشتواڑی

یا الٰہیٰ از عشق احمدؐ — کر مےٚ فانی در نوٗرِ اَحد!
یا رسول، سوال قبوٗل — گر تہٕ میٲنۍ چھُس دلملول
جملہ گوناہ بہٕ در وجود — شکلِ گنڈِتھ آمُت نمود
فضل دیاں چھُم غم مَبر — چوٗنے وسیلہٕ چھُے پیغمبر
رحمتچ چھُم ومید قوی — روٗٹُم دامانہ چوٗنۍ یا نبیؐ
داد بوزم مُنیبہٕ میٲنۍ — دادوٗنے طبیبہٕ میٲنے
ناد دِمےَ قریب چھُوٚہم — یاد ہیتھ، حبیب چھُوٚہم
ناو چھُم چوٗنۍ دادبن دوا — ناد بوزُم برائے خدا!
مِثِل گدا بر تل روزے — ذاتِ پاکس درۄدٕ سوزَے



صَلّو اعلیٰ محمدؐ مطلوبِ کبریارا — صلوات بَر محمدؐ پنہاں و آشکار

صَلّو اعلیٰ محمدؐ یٰسین خطابِ طاہا — صلوات بر محمدؐ والشّمس و الضحیٰ را

صَلّو اعلیٰ محمدؐ شاہد، شہید و مشہود — صلوات بر محمدؐ سرخیل اصفیارا

صَلّو اعلیٰ محمدؐ آں طاہر مطّہر — صلوات بر محمدؐ سر چشمہ بقارا

صَلّو اعلیٰ محمدؐ طیبِ رسولِ رحمت — صلوات بر محمدؐ ملجائے بے نوارا

فخراست بس ہمینم کہ غلام محی الدین ام — صلوات بر محمدؐ آں مأمن گدارا

کلام پیرمحی الدین محی کشتواڑی (انتخاب از گلشن اسرار)، مولفہ ۱۳۲۱ھ



**کلام: خواجہ غلام رسول کامگار کشتواڑی**

گڑھکنا صُبحہٕ کے واوو مدینس — وَنگھ احوال سأنِ شاہِ دینس!

نِہن نا مِیون زُو مُشتاق گوٗمت — یہِ وَنٛدتن مرقدِ سلطان، دِینس

لگے لولاکہٕ کِس ژٔے تاجدارس — الم نشرح صِفت یاسین سینٛس

لگے معراجہٕ کے مِہراز قوربان — سُبان چھٔے تھِھ کُرتھ جبریل زینٛس

ژٕ چھُکھ ابرِ کرم دریاے رحمت — وَنٛدے سَر رحمتہً للعالمینٛس

گنٛڈبو، تیرو، کنٛو زخمی ژٕ کوٗر بکھ — مگر دٕر کھُژ نہٕ زاہ چانٛس حبیبٛس!

مُنادی رٔژتھ گَر ذوالجلالَن — عذابس گے کمی دیوِ لعینٛس

مُژرتن حُقۂ یاقوتِ احمر — تبسمہٕ اکہٕ دِتم تسکین سینٛس

دُعا قبوٗل گڑھِ نا کامگارسں — سَنا پیہٕ نا بہار اَتھ باغِ دینٛس



والشّمس خدس، الف قدس لام زٕ کاکُل — تس میم دہن، سیم تنٔس ہیم نہٕ بالکل۲
خوشبوے تہٕ خوشروے، سُہ خوشخوے مدہنگ — والّیل تُسند مُشک ختن موے چھُ سنبل
حق پانہٕ تُسند والہِ وشیدا چھُ بلاشک — بیشک چھُ یہٕ حق ریب نہٕ کانٛہہ شُبہ نہٕ بالکل
گُل روے شُہس نوٗر موخس شمع روخس پٔتھ — مستانہٕ چھُ پروانہٕ تہٕ دیوانہٕ چھُ بُلبُل
ہر آنہٕ سُہ میخانہٕ چھُ مستانہٕ بٔرتھ پوٗر — ساقی چھُ پھران پانہٕ متن بوزتہٕ قُلقُل
وتھ وقتِ سحر شہد وشکر نوش کراں گژھ — نندٕرچھےٚ زہرعین نحوست چھُ تکاسُل
تسکین لبکھ گنڈ تہٕ مُدے چشمہٕ وُٹھ ژٕے — محراب دِلس منز چھُ دِوان جلوہ ہُوا کُل
پس خوردہ مُسک جام اوٚے بس چھُ فقیرس — متہٕ کڈ تہٕ خالی کامگارس دستِ سخاتُل



نسیمو کر تہٕ بطحی کُن گذر ژٕے — دِنیٚس سانہِ احوالچ خبر ژٕے۳
مےٚ چھُم نا کُریشوٗن زُوتبلومُت — ژٕم در کوچۂ خیرالبشر ژٕے!
سپُن اکہِ جلوٕ چانے کُفر کافوٗر — گژھکھنا جلوٕ گر بارِ دِگر ژٕے



۱،۲: کامگار کشتواڑی (ارمغانِ مدینہ) ۳: نسیما جانبِ بطحا گذر کُن، زاحوالم محمدؐ را خبر کُن۔ (جامی ہُندِ مشہوٗر نعتُک ترجمہ)

یام ڈیوٗڈُھم اچھو موےٗ رسولِ عربیؐ — جلوٕ افروز سپُن روےٗ رسولِ عربیؐ
نوٗر صفحس مےٚ وُچھُم سورٕے والّیل لیکھتھ — مویہٕ تل اوس نپاں روےٗ رسولِ عربیؐ
صُفحہ تہٕ سطر قرآن روےٗ نبی زلفِ نبیؐ — زَن ژٕنڈر عطف بہ مہروےٗ رسولِ عربیؐ

صاد چشمن چھُ شبان سرمہٕ ما زاغ بمن قاب قوسین زٕ ابروئے رسولِ عربیؐ
رویتِ ذاتِ نبیؐ رویتِ حق چھُ الحق پارٕ جسمِ نبیؐ موئے رسولِ عربیؐ
نالہِ یسٰین قبا، بندِ قبا تس طاہا قد الف لام زٕ گیسوئے رسولِ عربیؐ
تہندِ مُشکچ چھےٚ کران کاسہ گدایی عنبر بند مُژران ییلہِ گیسوئے رسولِ عربیؐ
دود وٕنس سبزٕ لگی یام پرکھ ژٕرے صلواۃ آب پھیری ژٕنے گن از جوئے رسولِ عربیؐ
پھولہِ ہے غنچہٕ دِلک سپد مُعطر گُلشن اے صبا انتہٕ ژٕ خوشبوئے رسولِ عربیؐ
شوقہٕ ستۍ بہٕ پکہا گبندِ خضرا وُچھ ہا چھُم تمنا نمہٕ ہا سوئے رسولِ عربیؐ
کامگارس چھُ ہٹس طوق دِلس شوق سٹھاہ خوابٕ وُچھ ہا قد دلجوئے رسولِ عربیؐ



شُبن نعلینِ پاشمس و قمر یَس وٕنن مُلک و ملِک خیرالبشر یَس
کران تسلیم سأری راہبر یَس چھِ مانان بادشاہِ بحر و بر یَس
بُزرگی بعدِ حق چھےٚ موختصر تَس
سپُن معراجکۍ حاصِل بجر یَس سَفر گوٚو باعثِ فتح و ظفر یَس
پکان بزونہہ بزونہہ ملِک بستہٕ کمر یس شبان لولاکہٕ گوٚے خلعت ببر یَس
بُزرگی بعدِ حق چھےٚ موختصر تس
حسن بصری غولاما با بصر یس بلالن کوٚر فِدا جان و جگر یَس
صُہیبس گوٚو بدل شامس سحر یَس ابولہبس سپُن قندس زہر یَس
بُزرگی بعدِ حق چھےٚ موختصر تس



---

۱ کامگار کشتواڑی (ارمضان مدینہ)

۲ سأرِنے شعرن مَنٛز قأفیِچ برجستگی چھےٚ قابلِ داد تہٕ اِظہارٕچ شُستگی قابلِ غور۔



فراقِچ نارٕ چھَل جِگرس پٕھرٕ چھَم مےٚ عشقن چأنی سپٕنس پارٕ گرٕ نم
زغم پُشتس گمتٕ مِثلِ کماںٕ خم زِ مھجوری برآمد جانِ عالم
ترحُّم یا نبی اللہ ترحُّم

فِدا یوٗسُف وُچھتھ گوٚو مہ جبینی ملاحت تہٕ صباحت تہٕ حسینی
چھُ قوربان نقشِ پأیس نقشِ چینی نہ آخر رحمتٌ لِلعالمینی
زِ مھجوراں چرا فارغ نشینی

چھِ گرٕمتۍ وَنٛد پنہٕ نۍ دُشمنو تیز بہ میدان ہبتھ اتھس مَنٛز تیغ خونریز
کرُکھ مقھوٗر مثلِ ابنِ پرویز چو نرگس خواب چند از خواب برخیز
زِ خاک از لالہ سیراب برخیز

تمنا کامگارؔس ای مُدامی شہنشاہا کرے بردر غلامی
زِ أچھ وَتھرے وٕنٛدے زُو جان تمامی بہٕ حُسنِ اہتمام کارِ جامؔی
طفیلِ دیگراں یا بد نِظامی



---

۱ کامگارؔ چھُ پنہٕ نِس یتھ نعتس مَنٛز مولانا جامیؔ سٕندِ مشہوٗر نعتِ شریفکۍ تقریباً سأرۍ فأرسی مِصرعٕ مَن وعن ژٔو،دأہنی بندن ہٕندن آخری دون مِصرعن مَنٛز ورتأوِتھ پنہٕ نِس نعتس منفرد رنگ دِوان۔ جامیؔ سٕندۍ شعر پرٕ ہَن توٚسپٕن مَنٛز تھاوِنہٕ یِنٛ ...... ''ارمغان مدینٕس'' مَنٛز چھِ یم تِتھے کٕنۍ درٕج، مےٚ گرٕ اَمہِ نعتکۍ محض ژٔور بند نموٗنہٕ رٔنگۍ پیش۔



## کلام: رسا جاودانی

| | |
|---|---|
| شبِ اکہِ اُسی اسی پنہٕ نس حسابس | اَسہِ ڈیوٗنٹھ جلواہ خابس منز |
| بخت اوس بیدار اُچھی نندرِ خابس | اَسہِ ڈیوٗنٹھ جلواہ خابس منز |
| نوٗرک تاج اوس برسر جنابس | لولاک شوٗبان تس گوہر |
| تتہِ ودشلان اوس بُتھ آفتابس | اَسہِ ڈیوٗنٹھ جلواہ خابس منز |
| تتہِ کتہِ جاے اُس آبس تہٕ تابس | بزٕلان اوسکھ روے انور |
| شِلہِ ہنز باش گے دِل بے تابس | اَسہِ ڈیوٗنٹھ جلواہ خابس منز |
| ثُمی وُچھنہٕ میانس گونہس ثوابس | رٕبہِ پیٹھ زٔژ تزاوِ آفتابن |
| موٗل میوٗل عشقُن دِل بے تابس | اَسہِ ڈیوٗنٹھ جلواہ خابس منز |
| وٗنی چھُس نہٕ کھوٗژان پنہٕ نس عذابس | شافی آسم روزِ محشر! |
| بے چارٕ واعِظ چھون اتھ بابس | اَسہِ ڈیوٗنٹھ جلواہ خابس منز |
| اَسہِ اوٗن نہٕ ایمان کانسہِ کذابس | اَسہِ تھوٗو نہٕ نبیسؐ کانہہ ہمسر |
| اَسہِ وٗن نہٕ قُلزم زانہہ تہٕ حُبابس | اَسہِ ڈیوٗنٹھ جلواہ خابس منز |
| نے پھوکھ تہٕ رسہٖن تھوٗو ستی ربابس | شاعر چھا کِنہِ جادو گار؟ |
| لیہِ کیاہ گنذریو پرٕژھ مضرابس | اَسہِ ڈیوٗنٹھ جلواہ خابس منز |



| | |
|---|---|
| ژٕے بر دوش گیسو پریشان وُچھمے | تمن کُن زٕ عالم اوبزان وُچھمے |
| تھدِی پلہٕ وُچھمکھ بڈٕے شان وُچھمے | برس تل ژٕے قیصر تہٕ خاقان وُچھمے |
| ارسطو فلاطون بہٕ آں علم و حکمت | بہٕ دانِش ژٕے نِش طفِل نادان وُچھمے |

زَ شادِی وُچھتھ چون روےٚ منوّر پھولن گُل مےٚ اندر گُلستان وُچھے

یمو دُشمنو کر ژےٚ پیٹھ سنگ باری تمن پیٹھ کران یوِر احسان وُچھے

گونہگار ساری بہ امید بخشش بہ محشر رٹان چون دامان وُچھے

وٚندی سَر ژےٚ پادن رسا جاودانی دِلس تس سبٹھاہ چون ارمان وُچھے



مورسلن منز چھُ تھدے پایہٕ رسولِ عربیؐ

لامکانس چھُ شرف پایےٚ رسولِ عربیؐ

چھُم دِلس یتھ مےٚ تمنایےٚ رسولِ عربیؐ

سَر وندس روے اگر ہاوِ رسولِ عربیؐ

تھدِ اخلاصہٕ کوٚرن رام جہانَن یکسر

حُسنِ اخلاق ولن مایہٕ رسولِ عربیؐ

روزِ تَس یاد پٔنٕنز اُمتِ عاصی ہردم

روزِ محشر کانسہٕ نَسا مشراوِ رسولِ عربیؐ

گو حقیقت سُہ سَرِتھ راز عرفانک پرِتھ

سرِ عرفان یَس باوِ رسولِ عربیؐ

رٹہِ دامان رسا پایہٕ بڈِس در ارسان

کرِ تتھ جایہٕ پٔنن سایہٕ رسولِ عربیؐ

یتھ علاقس منز چھُ وُنہِ تہٕ ہاوِ، مشراوِ، باوِ وغارِ الفاظ ہایہٕ مشرایہٕ، بایہٕ لہجس منز بولنہٕ یوان۔



## کلام : مولوی عبدالحلیم حلیمؔ بانہالی

لگے نبیوٗ چھُسے بردر ‏ ‏ شفاعت کر شفاعت کر
ژٕ چھُکھنا اُمتک یاور ‏ ‏ شفاعت کر شفاعت کر
شفاعتہٕ چانہٕ از باری ‏ ‏ گرژھو آزاد أسی سأری
لبو اَمان از ہر شر ‏ ‏ شفاعت کر شفاعت کر
جوأنی گَے بہ نا سازی ‏ ‏ گُرِتھ أخر دغا بازی
بُجر آو بیٹھ بال وپر ‏ ‏ شفاعت کر شفاعت کر
تمنّا چھُم دِلس واراہ ‏ ‏ مدینس واتہٕ ہا شاہا
حلیمسؔ چھے نہٕ مال و زر ‏ ‏ شفاعت کر شفاعت کر

☆☆☆

## کلام : تحسینؔ جعفری پونچھی

شفیع روزِ محشر یا محمدؐ ‏ ‏ حبیب ربّ اکبر یا محمدؐ
چھُ پرتو چانہٕ نوٗرک ماہِ تاباں ‏ ‏ ژٕ چھُکھ مہرِ منوّر یا محمدؐ
ژٕ چھُکھ نوٗرِ ازل روحِ ابدِ چھُکھ ‏ ‏ تہٕ ژٕے چھُکھ شان داور یا محمدؐ
چھُ سُبحان الّذی اَسریٰ بِعَبدہ ‏ ‏ ثبوتِ شانِ اطہر یا محمدؐ
چھِ سأری اَنبیاءؑ چأنی ثناخواں ‏ ‏ ژٕ چھُکھ محبوب داور یا محمدؐ
شفیع المذ نبین، شاہنشہٕ دیں ‏ ‏ ژٕ چھُکھ ہادی تہٕ رہبر یا محمدؐ
ژٕ چھُکھ سَر چشمہٕ رُشد و ہدایت ‏ ‏ مُنذِر ژٕے مُبشّر یا محمدؐ

چھُ چونے فٲض جٲری تا قیامتھ ژٕ چھُکھ تیٚوتھ بندٕ پَرور یا محمدؐ
چھِہ کاشرِ ووٚنی سبٹھاہ مغموم دلگیر فدا سَپدے کرم کر یا محمدؐ
ہَژر لد اسی چھِہ حال دِل وَنو کس چھُ کوٚتہہ بیٚیہِ یارو داور یا محمدؐ
بَس اکھ نظرِ کرم اَسہِ کُن تہِ حضرتؐ چھِہ اَسی عاجز تہٕ مُضطر یا محمدؐ
گدا گر چون تحسین چھُے برس تل مُژر تَس رحمتُک در یا محمدؐ



ظُلم و طُغیانُک تہٕ عصیانُک سَپُد ییٚلہِ زور و شور
رحمتِ حق آیہِ در جوش دراو نوٚن اکھ آفتاب
کُنڈِ تھربن آو بوش، توشان آو سوٚنتُک واو تیٚوتھ
ترٛیشہِ ہَتبن پیالہِ بُری بُری چیٚو وتیمی آبِ حیات
وحدتُک مَس بٲگراواں آو اکھ عالی جناب
رحمتہؐ اللعالمینؐ فخر رسولان سَلف
یَس لقُب طاہا تہٕ بیٚیہِ یٰسین در اُم الکتاب
کس چھُ طاقت ہکہِ لیٚکھِتھ تحسینِ نعتِ مصطفٰے
نٹھ وتھاں چھُم، قلم لرزاں کھوان دِل پیچ و تاب
برگِ سبز است تحفۂ درویش یا خیرالوریٰ
گر قبول افتد عزّو شرف! والا جناب



یا سرورِ سالارِ دین یا تاجِ جُملہ مُرسلینؐ
ژٕے چھُکھ شفیع المذنبین یا رحمت اللعالمینؐ

چھُکھ ژےٚ حبیب ِکبریا محبوب رب دوسرا
واللیل ذکرِ موئ تو والفجر وَصفِ روے تو
ماہِ مُبین عکس جبین یا رحمت اللعالمینؐ
چھُکھ کوثرُک مالک شہا دِکھ مومنَن روزِ جزا
جام شرابِ انگبیں یا رحمت اللعالمینؐ
چھےٚ نألی لولاکچ قبا چھُکھ وجہ تخلیق سما
چھےٚ زیرِ پا عرشِ بریں یا رحمت اللعالمینؐ
کر ہیکہٕ کٔرتھ مدح و ثنا چوں اے حبیبؐ کبریا
ناچیز تحسینِ حزیں یا رحمت اللعالمینؐ



## کلام: نِشاط کشتواڑی

چھُ محبوبِ داور رسولؐ دُو عالم چھُ مہتر تہٕ بہتر رسولؐ دو عالم
سُہ دوٚن عالمن کیٚت بٔنتھ آو رحمت سُمندر، سُمندر، رسولؐ دو عالم
صُحأبی ستارن اندر کیٛاہ چھُ شوٗبان سُہ ماہِ منوّر، رسولؐ دو عالم
دہاں حوضِ کوثر، زبان قند و شکر مُعطر، مُطہر، رسولؐ دو عالم
پکان زُلف وَاللّیل بر دوش ترٲوِتھ چھکان مُشک عنبر، رسولؐ دو عالم
فِدا سَر کرس نا بہٕ خُلقِ عظیمس چھُ کیٛاہ تھوٗد پیمبر رسولؐ دو عالم
وندس سر بہٕ پادن شفاعت کٔرِ بنا بہٕ میدانِ محشر، رسولؐ دو عالم
نِشاطس چھُنا اکھ بوٗڑے پشت بانا ہ سُہ مسکین پَرور، رسولؐ دو عالم



کیاہ عظیم الشّان ختم المرسلینؐ صاحبِ قرآن، ختم المرسلینؐ
مرکزِ ایمان ختم المرسلینؐ منبعِ عرفان ختم المرسلینؐ
عرشِ پاکس لامکانس تام گوٚ خۄ سُندے مہمان ختم المرسلینؐ
بأگراواں راتھ دوہ رحمت پٔنٕز فأض تے فیضان ختم المرسلینؐ
چھے بٔستھ گوٚمت دِلس میأنس اندر میٚون زُو تےَ جان ختم المرسلینؐ
با حضورِ دِل درۄداہ سوزِ تس پانہٕ چھے بوزان ختم المرسلینؐ
چھکھ تِمس باوان ژٕ حالِ دِل نِشاط چھے گرن احسان ختم المرسلینؐ



دیان چھِی ژےٚ خیرالبشر یا محمدؐ ژٕ چھکھ نورِ حق سربسر، یا محمدؐ
بٔنتھ آکھ دون عالمن کیُت ژٕ رحمت خوداین دِتےٚ بوٚڈ تھزر، یا محمدؐ
گٔیے منز گاہا ژےٚ ترأوتھ جہانس بٔنتھ آکھ شمس و قمر یا محمدؐ
شہِ مُرسلین، سرورِ دین چھکھ ژٕے ژےٚ ہیُو کانہہ تہٕ چھا نامور یا محمدؐ
چھہٕ صوٗرتھ ونان چأنی آسکھ بشر ژٕے مگر چھکھ ژٕ فوق البشر یا محمدؐ
وُچھکھ تیمی ژٕ درخاب حسرتھ چھُ تھاوان سُہ وُچھِہ ژےٚ بارِ دِگر یا محمدؐ
درودن سلامن ہٕنٛزے ڈالی سوزے . دِل و جان کرے بہٕ نذر یا محمدؐ
نِشاطِ حزیں چھس بہٕ چوٗنے غولاماہ کرکھ نامے کُن اکھ نظر یا محمدؐ





نبیٛ چھُ سونٕے غریب پرور، رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ
سخی چھُ، چاواں چھُ جام کوثر، رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ
سُہ منٛز گٹے ماہتاب چھے نا نبُوتُک آفتاب چھے نا؟
کراں چھُنا عالمس مُنور رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ
سُہ فخرِ عالم سُہ فخرِ آدم، سُہ نورِ یزداں سُہ ماہِ تاباں
سُہ دون جہانَن ہُنٛدٕ ے چھُ سرؤر رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ
خودا چھُ تس پیٹھ دروٗدِ سوزاں ملَک تہٕ تس پیٹھ دروٗدِ سوزاں
دروٗدِ سی خوش حضورِ انور، رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ
دِیاں چھُ پانے خودائے برحق مے سوز نوٗراہ تہٕ پیٛیہٕ کتاباہ
سُہ نوٗر گوٗنا حبیب داوَر رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ
تیٖلی چھُ مومن یٖلی محبت سُہ تھاوِ بِسیار میٛون در دِل
یہ چھے دِیان از زبان شکَّر، رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ
سُہ کھوٚت بہ نعلیں عرش پاکس بنیوٚو مہمان حضرتِ حق
سبٕحاہ چھُ پاکیزٕ تہٕ مُطہّر، رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ
نشاط وردِ زباں چھُ تھاواں یہ اِسمِ پاکِ رسوٗلِ اکرم
پَران چھُ باسوز دل مُکرر رسولِ رحمت رسولِ رحمتؐ





سُہ روۓ والضحیٰ چوٗنُے بہٕ وُچھہا، یا رسولؐ اللہ
تمیُک دیدار دوہ تےَ راتھ کرٕہا، یا رسولؐ اللہ
زمیٖنَن آسمانَن منٛز کُنُے اکھ آفتاباہ چھُکھ
ژٕے ہیوٗ کراوس تےَ کرآسہِ کأنٛژھا، یا رسولؐ اللہ
ژٕ چھُکھنا بےمِثل تےَ بے مثالا تاجدارا اکھ
ژٕ چھُکھ نا لامکانُک شہسوارا یا رسولؐ اللہ
ژٕے کوٚر نےَ ذاتِ پاکن در کلام اللہ، تأریفاہ
بنأوِتھ سوٗزِنکھ پنہٕ نُے خلیفاہ، یا رسولؐ اللہ
ژٕ کوٚرنکھ ذوالجلالن نوٗرٕ اندرے نوٗر اکھ پیدا
کرٕے نأتُم ژٕے پیٹھ نأزِل کتاباہ یا رسولؐ اللہ
چھُ چوٗنُے نامِ پاکاہ بوٗزِتھے پرٛتھ کأنٛہہ نبماں ژیٚۓ کُن
ژٕ پیٹھ سوزاں دروٗداہ تے سلاماہ یا رسولؐ اللہ
کرِتھ قوبوٗ ژٕ دُشمن اکھ تھوٚڈٕے اخلاق ؤرتأوِتھ
دپاں گے تم ژٕ آمنّا صدقنا یا رسولؐ اللہ
ژٕ چھُکھ نا زِندٕ پیغمبر حیاتِ بےمِثالا ہیتھ!
کرِتھ چھُکھ ظأہری پَرداہ نقاباہ یا رسولؐ اللہ!!
نشاطؔ بےنوا اکھ عأجزا تےَ بےکساہ چوٗنُے
سُہ چھُے ناچون اکھ اَدنا غولاماہ یا رسولؐ اللہ





"نمی دانم چہ منزل بود شب جائے کہ من بودم
بہ ہر سو رقص بسمل بود شب جائے کہ من بودم

بہٕ زاناہ اَس کیاہ منزل شبس یتھ جایہِ اوسس بوٗ
تتی رقصاں وُچھم بسمل شبس یتھ جایہِ اوسس بو

"پری پیکر نگارے، سروِ قدے لالہ رُخسارے
سراپا آفتِ دِل بود شب جائے کہ من بودم"

پری پیکر نگاراہ سروِ قداہ لالہٕ روخساراہ
سُہ آمت اوس بہ ہر دِل شبس یتھ جایہِ اوسس بو

"رقیباں گوش بر آواز، او در ناز من ترساں
سخن گفتن چہ مشکل بود شب جائے کہ من بودم

رقیبن گوش تمیٖ کن سُہ محوِ ناز بےٚ ترساں
تتھن کانہہ کتھ کرٕنی مشکل شبس یتھ جایہِ اوسس بو

خدا خود میرِ مجلس بود اندر لامکاں خسروؔ
محمدؐ شمعِ محفل بود شب جائے کہ من بودم

خوداخود لامکانس میر مجلس اوس اے خسروؔ
محمدؐ شمع در محفل شبس یتھ جایہِ اوسس بو

---

[1] حضرت امیر خسروؔ ہنز مشہور نعتیہ غزلہِ ہُند کاشُر منظوم ترجمہٕ از نشاطؔ کشتواڑی۔

## کلام: عبدالاحد بٹ پونچھی

ڈیڈِ تل آسو دأرِتھ ہلم  یا رسولِ اکرمؐ کریٚوم نظراہ
نیٚرو نہٕ خأٔلی چھُم تہنٛدٕ ے قسم  یا رسولِ اکرمؐ کریٚوم نظراہ
قلمن دۄپنَم ہا یہٕ کیاہ گو  تامتھ ذاتن ژٔٹنس زیٚو
منز گوس چاکھ تےٚ گو محرم  یا رسولِ اکرمؐ کریٚوم نظراہ
اکہِ اِشارٕ ستن زۄنہِ گو چاکھ  تی وُچھِتھ خلقن حأرتھ آکھ
سَرِ ییٚلہِ سپدیاکھ کوٚرکھ سرخم  یا رسولِ اکرمؐ کریٚوم نظراہ
بُجہِ اکہِ دۄپنکھ زِ اے رفیق  بوزنہٕ چھُم یِوان چھُکھ ژٕ شفیق
موزۄری یہٕ دِمے بور تُل تم  یا رسولِ اکرمؐ کریٚوم نظراہ
بور تُل سأنی تاجدارن  لوٚت لوٚت ییٚہ پکان بُجہِ پزاران
بُجہِ اوس وَسہٕ وَسہٕ وأنٛجہِ غم  یا رسولِ اکرمؐ کریٚوم نظراہ
منزلس وأتِتھ کوٚرُکھ ٹھہراو  بُڈٕنے پرٛژنکھ کیاہ چھُو ناو
کل گیم چأنی مَل کأستَم  یا رسولِ اکرمؐ کریٚوم نظراہ
تُہنٛدِ دربارے کانْہہ گو نہٕ خأٔلی  مسکین احدٓ بٹ چھُ آمت سوألی
ہاوِتوم دیدار تھأوی توم شرم  یا رسولِ اکرمؐ کریٚوم نظراہ



عربکہِ عجمکہِ سانہِ تاجدارو  میأنہِ غم خوارو لول ہو آم
ہول گوم جگرس ہاو دیدارو  میأنہِ غم خوارو لول ہو آم
والضحیٰ روے چون نوٗرِ انوارو  والشمس قد کیاہ چھے شوٚبان

واللیل موے چھُے نبہٕ چے تارو　　میأنہٕ غم خوارو لول ہو آم
دند چھِی قندٕ پھٔلی زنہٕ موختہٕ ہارو　　چشمن وندٕ ہے زُو تے جان
عاشق پانہٕ چھُے ملک الجبارو　　میأنہٕ غم خوارو لول ہو آم
جبریلؑ سوٗزنے خدمتگارو　　دوپنم معشوق یٔوری کھارون
جنتچ حوٗر چھے پیالہٕ بردارو　　میأنہٕ غم خوارو لول ہو آم
اَتہٕ بڑونٹھ حال وَنہٕ بینادارو　　اَتہٕ اور روٗدُس بہٕ تہٕ غأرزان
ژٕ کرم کرتم چھُس شرمسارو　　میأنہٕ غم خوارو لول ہو آم
مسکین احدٓ بٹ چھُے عأبدارو　　تار دِم یارن بایَن سان
سَتھ چھم زٕچھتم دوزخٕچ نارو　　میأنہٕ غم خوارو لول ہو آم

مرسلہ : بشیٓر بٹ (مرحوم)



## کلام : عبدالجمالؔ نائک ڈوٗنی گام

یا رسول اللہؐ لول آم چون　　یا رسولِ عربیؐ سالہٕ ولہٕ سون!
لولن چأنی ہوش نِیُو میون　　یا رسولِ عربیؐ سالہٕ ولہٕ سون
ہر دم کرے پیالہٕ بردأری　　ژٕ سِوا کُس کٔرِہم خریدأری
آخر دامن اَسہٕ روٗٹ چون　　یا رسولِ عربیؐ سالہٕ ولہٕ سون
پَر چھم نہٕ واتہٕ ہا مدینہٕ منور　　احوال وَنہٕ ہا دِلہٕ کے سَرٕ
بوٗز تہٕ لِللہ ژٕلہٕ ہم گرون　　یا رسولِ عربیؐ سالہٕ ولہٕ سون
ژٕ سِوا چھُم نہٕ کانٛہہ رہبر میوٗن　　آخر اتھ روٹ کرنہٕ اَسہٕ اوٗن

واوس آلو چھُس دِوان چون یا رسولِ عربیؐ سالہٕ ولہٕ سون
نوٗرٕ کُے جلوہ کرنُک جدا رحمکہِ دریاو اوسے مُدا
عبدالمجالو کُس باوٕ چون یا رسولِ عربیؐ سالہٕ ولہٕ سون



رسولِ عربیؐ یَس رٔٹھ دامانے ہاَسن پانے گژھو ہُشیار٢
نتہٕ ہا روزکھ بیٚیہٕ غاَر زانے ہاَسن پانے گژھو ہُشیار
بیٚتہِ مو لاگ ووٚنۍ یوٚت دیوانے کُفر تژاوِتھ گژھ مُسلمان
پَر حدیث شریف تہٕ بیٚیہٕ قرآنے ہاَسن پانے گژھو ہُشیار
عبدالجمالو میژِ مکانےٚ بیٚیہٕ بارانے گژھکھ وٲران
پوٚختہٕ بناوتن روزِ ارمانے ہاَسن پانے گژھو ہُشیار

ا،٢ : مرسلہ بشیر بٹ (مرحوم)



لا الا اللہ آو فرمانے اِسم رِحمانے اللہ ہو
بِسم اللہ الحمد اِسمُک شانے اِسم رِحمانے اللہ ہو
اکھ لچھ ژودہ ساس آے پیغامے ژورن کِتابن معنے آو
کینٛہہ گے غاَفِل اتھ مورانے اِسم رِحمانے اللہ ہو
کُل مَن علیہاپۍ گژھِ فانے نہٕ روزِ بن زمین تے نہٕ اسمان
لرزہ گژھِ زمینَس پھٹہِ اسمانے اِسم رِحمانے اللہ ہو
زوٗن کھٔژ بالن بیٚیہٕ بیابانے عبدالجمالو بڑوٗنہہ کُن نیر
خاَلی کڈنےٚ نبتھ نہٕ پانے اِسم رِحمانے اللہ ہو

انتخاب از گُل وحدت حِصہٕ اول دوم عبدالجمالؔ ڈٔونی گام مندرجہ ''کاشرِ زبان و ادبُک توارِیخ''۔ مشوٗر بانہالی بہٕ وساطت بشیرِ بٹؔ پوٚنچھی۔



**کلام: محمد امین سہروردی شوکت فریدی**

چھُ حُسن ازل در بہار مدینہ ز جنت چھُ خوشتر دیارِ مدینہ
خلائق دِواں بوسہٕ تتھ آستانس درۄدِ ملائک نثار مدینہ
ز معراج بخشُن شرف آسمانن زمینس دِیُتن افتخارِ مدینہ
سُہ سردار سونے سُہ غمخوار سونے سُہ دِلدار سونے نگارِ مدینہ
یمن زیرِ پا تختِ خاقاں وکسریٰ غلامانِ آں تاجدار مدینہ
بہٕ آورٕ منز کریم حلِ مشکل سُہ اِنسان کامِل وقارِ مدینہ
یہٕ شوکتؔ منگاں از خدا نوٗرِ عرفاں چھُ کحُل البصر تس غبارِ مدینہ



با اَدب گژھ واو تَس شاہِ مدینسؐ وَن سلام
یِیتہِ تَسُند آرام گاہ چھُے تتھ زمینس وَن سلام
ابرِ رحمت از عرب کھوٚت عالمن وُچھ نو بہار
شاہِ دینَس رحمۃٌ للعالمینسؐ وَن سلام
موے تس واللّیل خوے پاک کوثر سلسبیل
روے انور والضحیٰ، نورِ مُبینس وَن سلام
آو ہیتھ دینِ مکمل آولنہٕ منز ناو درا ے

سیّد کونین ختم المرسلینس وَن سلام

روزِ محشر کرِ شفاعت عاصین لاچارنے

غم مہ بر شوکت شفیع المذنبینس وَن سلام



کلام: اُلفت کشتواڑی

لگے مدینکہِ مُسافر میأنی نبی کریمنٛ سلام وٲنی زبم

دہان چھلِتھ مُشکِ آبِ زمزم بصد ادب احترام وٲنی زبم

نظرِ ییِٚ یام سبز گُبند سلام صلواۃ پرِزِ بے حد

چھُ وقتِ امداد یا محمدؐ چھِ ووٚمتی زیرِ دام، وٲنی زبم

جالِ پاکس رٲٹتھ ژِ کری زبم بیان سأرِی اُمتک حال

یہ خستہٕ گی سأنی دست بستہٕ بصد ادب احترام وٲنی زبم

ژِ وٲنی زِ لِللہ شہہ مدینس ذٔذُر چھُ لوٚگمت باغِ دینس

وُنہِ نمی آسہِ رگِ زمینس زَ خوٗن عالی امامؑ وٲنی زبم

نظر کرِہو یا شفیع اُمّت سِتم زدن غم زدن بہ الفت

نہ رۄد ایمان نہ دین سلامت گوٚمت چھُ صُبحس تہٕ شام وٲنی زبم

سُہ دورِ صدیقؓ، عمرؓ و عثمان جلال خالدؓ تہٕ حیدریؓ شان

وائے کوٚت گوٚو سُہ دورِ ایمان دِوان چھُ از کُفر پام وٲنی زبم

چھُ بییہِ فراطس تہٕ پہر لوٚگمت چھُ تشنہ اصغرؓ زبان ہاوان

دِوان چھِ از تریشہِ بدلہِ ظألم تیرِ نے ہندی تہٕ جام وٲنی زبم

ذلیل و ملعون شمر دژاو خیمہٕ نے ہنز خبر ہیُو حض
کینژ زنیبؓ سبٹھاہ چھےٚ مُضطر چھِ غارتُک وونی مُقام ؤنی زبم
دوٗر ساحِل، شِکستہٕ کشتی ہوا مخالِف بھنور تہٕ طوٗفان
تہٕ ہر طرف یوٗرش حوادِث ژٕ پیشِ خیرالانامؐ ؤنی زبم
ڈٕکس مےٚ داغ محمدیؐ چھُم، دِلس اندر چھُم مےٚ عشق احمدؐ
مےٚ بیٚیہٕ سرمایہِ کینہہ تہٕ ما چھُم یہ نعت اُلفتِ غولام ؤنی زبم



کلام: مولوی غلام احمدؐ اندرابی

محمدؐ رحمتہٌ للعالمین چھُم محمدؐ رہبرو راہِ یقین چھُم
محمدؐ تاج سأرِن اَنبیاہن تَسنٕدٕ ے راج قطبن اولیاہن
محمدؐ مخزنِ اسرارِ کل چھُم محمدؐ معدنِ انوار کل چھُم
محمدؐ دون أچھن ہُنٕد گاش سونٕے محمدؐ دین و ایماں آش سونٕے
محمدؐ راحتِ جانِ غریباں محمدؐ مشفق و جانِ یتیماں
محمدؐ قوتِ ایمان و ایقاں محمدؐ عظمتِ اسلام و ادیاں
محمدؐ روحِ ایمان و ولایت محمدؐ روحِ برہان و ہدایت
محمدؐ دُرِ بحرِ علم و عرفان محمدؐ بُرجِ خورشید درخشاں
محمدؐ از ازل بقولِ یزداں بسر لولاک کےٚ تَس تاج شوٗبان
محمدؐ سَرور و سالارِ اعظم محمدؐ رہبرو سردارِ عالم!
تُسنٕدٕ ے عشق مےٚ شام و سحر چھُم تَسنٕدٕ ے خاکِ پا کحل البصر چھُم



وَصف چانِ کُری خدایس پانہٕ قرآنس اندر  سُورہَ یٰسین وطاہا وُچھی مے فرقانس اندر

اَلِ عمراں سورۃ الاسرأی وُچھم در وصفِ تو  والضحیٰ وَاللّیل زلفن شانہٕ قرآنس اندر

در شبِ معراج سمأہی آو جبریل امینؑ  برق رفتاری بُراقچ خٔوب اسمانس اندر

ووت سردارِ ملائک منتہیٰ نِش پروٚتن  رفرفکہِ رفتارٕ وأتنوٕ عرشہٕ ڈالأنس اندر

مرتباہ بخشٕے خداین عرشہٕ تختس پٔٹھ بہتھ  تحفہ صلواۃ دِیُوتنَے پانہٕ انعامس اندر

زُووندن چأنس وتن قربان گرٕھن پرولنہٕ وار  تم صُحابہؓ روز و شب ایمان دٕ عرفانس اندر

دینِ ھٕچی فکر ہتھ بازار طائف توٚہی گیو  کأفرو کُر سنگباری تہندِ شأنس اندر

سَر گرے پادن بہٕ قوربان احمدؔ خستہٕ جگر  عشق چوٚنے چھم مے دردل، نفس وایمانس اندر



محمدؐ مُصطفیٰ صَلّی اعلیٰ محبوبِ داور چھے

تہُند ذاتِ مقدس ارفع و اعلیٰ تہٕ برتر چھے

اِمام الانبیاء سُے چھے ختم اُلانبیاء سُے پچھے

خلاصہ کائناتُک سُے تہٕ لولاکلماَ سُے چھے

حقن تس مرتباہ دیُت رحمتہً للعالمینی ہُند

عطا کوٚرنس مقاما ھم شفیع المذنبینی ہُند

بچشم خود وُچھکھ جنت تہٕ دوزخ در شب اسرا

تمے سِر امتس باوِتھ حقیقت نِشہٕ کرکھ آگاہ

اَمِس نوٚرِ مجسمہٕ سُند چھُ تعریفو بَرِتھ قرآن

مُزمّل تے مدّثر سورۃ طاہا تہٕ یٰسین فرقاں

بہٕ وٚندس زُو پٔنن پادن ای ئیم نا خوابہٕ سُے اے کاش

تُسنٛد وٕے خاک پا دِلکوٕے شفا سانٛن اُچھن ہُند گاش
یہِ احمدؐ کیاہ وَنی مرتبہ معظمؐ مُرسلن سرتاج
تَسنٛدِ دستِ شفاعتچ چھُ اُمت محشرس نتاج

☆☆☆

## کلام : محمد عبداللہ خان طالبؔ بھلیسوی

تَور کیُت سامانہٕ پیدا کر رسولِ عربیؐ چھُ پیغمبرؐ
آبہ کوٗز ہیتھ آسہِ تہنٛز دُختر مادرِ حسینؓ زوجہ حیدرؓ
برٔ برٔ چاوِ سہ جامِ کوثر رسولِ عربیؐ چھُ پیغمبرؐ
مُشرن جہنم جنتکی دَر گرشہِ کور طالبؔ از محشر
زانہِ مُقدّر رٔٹہِ گُس بر رسولِ عربیؐ چھُ پیغمبرؐ

☆☆☆

## کلام : اسعد اللہ قاضی اسعدؔ بھدرواہی

سَر وَنٛدے باغکے ہَیو باغوانے شاہ نبیؐ سون تھدِ شانٛے آو
کلہٕ دون پادن گرے قوربانے شاہ نبیؐ سون تھدِ شانٛے آو
أمی خوداینن پادہ گربن پانے لوح و قلم بنیہٕ ساری سنسار
پایہٕ بوڈ سوزن بنیہٕ قرآنے شاہ نبیؐ سون تھدِ شانٛے آو

ژوشوٗنی یارن کیاہ چھےٚ تھزٕ شانے — اکھ چھےٚ صاد بیٚیہٕ ترٛہہ چھی عأن
ژونوے روٗتبس منز چھہِ یکسانے — شاہ نبیؐ سون تھدِ شأنے آو
روے چون والضحیٰ کیاہ چھےٚ جانے — حُسنُک سمندر چون بےٚ کنار
واللیل موے چون چھےٚ تابانے — شاہ نبیؐ سون تھدِ شأنے آو
دوٗرِ رکہٕ غمہٕ چأنی چھس بہٕ نالانے — کوہِ بال اسعدسٕ پکُن دُشوار
لِللہ اَسہِ پٔتھ گژھ مہربانے — شاہ نبیؐ سون تھدِ شأنے آو
یا محمدؐ! بہرٕ عربستانے — غم غوصہٕ ترٛأوِتھ دِتہٕ دیدار
اسد اللہ قاضی چھےٚ ثنا خوانے — شاہ نبیؐ سون تھدِ شأنے آو



کلام: دبیرؔ راجپوری (پروٗژھ)

رحمتِ عالم غریب پرور — اَسہِ آو نبی آنسرورؐ
ربیع الاولہٕ بأہے قمر — اَسہِ آو نبی آنسرورؐ
زمین و آسمان دوہ تہٕ بیٚیہٕ راتھ — لول بران اوس کُل کائناتھ
چاو أسی بران شجر و ہجر — اَسہِ آو نبی آنسرورؐ
دبیرؔ از ژٕرے ماے محبت — سوز خراجِ عقیدت
نبیسؐ یُس چھےٚ شافع محشر — اَسہِ آو نبی آنسرورؐ



کلام : الحاج عبدالغنی وأنی موضع دلواہ گول رام بن

چھُکھ ژٕ پزٕ پأٹھی نوٗرِ یزدان یا رسول اللہؐ سلام

والضحیٰ روٗئے ماہِ تابان یا رسول اللہؐ سلام

ذاتِ پاکن دیتُوے قرآن گٹہِ منز گاش ہاوِتم

جاہلن آکھ وَتھ ژٕ ہاوان یا رسول اللہؐ سلام

دیندارو دین مشرو دُنیاہس پتہٕ چھی دوان

تأیِچن پیٹھ وُٹھ قرآن یا رسول اللہؐ سلام

گیہِ صداقت غآب اَپزٕ بس نالہٕ مُتی چھی کران

اُمتِ مُسلم چھےٚ گریان یا رسول اللہؐ سلام

گو حیا نابوٗد افسوٗس نوجواں چھی بے خبر

کوٗرِ پھِراں ننگہٕ عُریاں یا رسول اللہؐ سلام

چھُو حیاتن نبیؐ توہہِ چھِوٕ وُچھانےٚ حال سَون

گرِبو دینگ سنٛز تہٕ سامان یا رسول اللہؐ سلام

نفس امارن چھِہ وٕلمتی ناحقس چھِہ تسپہٕ دِوان

اکھ أکِس زاگاں مُسلمان یا رسول اللہؐ سلام

خستہٕ دِل کوٗرمُت خیالن غنیؔ بے چارٕ راتھ دوہ

گوم یا رب سینہٕ بریاں یا رسول اللہؐ سلام



اے عاشقِ دیر و حرم ووتھ آو وقت صُبح دم
عبدالغنی چھکھ پُر خطا ووتھ پاسِ آخر کر ندا
انتَن شفیع شاہِ اُمم ووتھ آو وقت صُبح دم

☆☆☆

## کلام : غلام نبی ڈولوال جانبازؔ کشتواڑی

گژھتہٕ وُلی وُلی واوِ میأنِس مہ جبینس وَن سلام
دِل پریشان چھُم گوُمت شاہِ مدینَس وَن سلام
بُلبُلا یِیمہِ ساتہٕ واتکھ تتھ حسین چمنس اندر
نرگَسس تےَ سومبلس بیٖیہِ یاسمینَس وَن سلام
چشمہٕ چھے بادام تس روخسار زَن پھولہٕ وُنی گولاب
اُلفہٕ قد چھُس حِبس تھوُتھ باریک بینَس وَن سلام
یُتھ نہٕ راوکھ پوشہٕ چمنس منز تہٕ تھاوَکھ پام مےٚ
ہوش ڈالان یُس حسیٖن تس حسینَس وَن سلام
گُلو گَنڈِتھ بعد از سلام وُنی زبس ژٕ ینہٕ مشراوِہَن
جانبازنِ طرفہٕ دِل کِس دِلنشینَس وَن سلام

☆

شؤژ شرٛانے گژھ مدینَس کوترو، کوترو
میأنی شیٖچھ وَن شاہ دینَس، کوترو، کوترو
کوٚت کالاہ تھاوِ ییرؤنہٕ ناوِ مےٚ

لاگِنا ووٚنی بوٚٹھ سفینس کوترو کوترو
خاش گیہِ جگرس مے چأنی آش چھم
گاش وُنہِ ہس سر زمینس کوترو کوترو
بیقرارس اِنتظارن طوٗل کھوٚو
اِشتیاقُک سوٗکھ چھُ سینس کوترو کوترو
جانبازس دارِ تل ووٗن کوترن
دراس شیچھ ہتھ شاہِ دینس کوترو کوترو



**کلام: وفاؔ بھدرواہی**

نوقطہِ روٗستِس جمالس لگے میم حَی میم دالَس لگے
با خُدا، چھُے جمالِ خدا اَتھ خودائی جلالَس لگے
چھُے سراجٗ مُنیرا وصَف اَتھ حسین خَد و خالَس لگے
مُصطفأیی چھُ تُہندے کمال با کمالو کمالس لگے
عالماہ اکھ پراں لا اِللہ اَتھ الٰہی خیالس لگے
تھوٚد بجر چون صَلی علیٰ لا مثالو، مِثالس لگے
شرمے نیرِ یم تیلی اے وفاؔ عربہِ کِس ییٚلہِ بہِ لالس لگے



خودا شاہِد خودائی چأنہِ باپتھ مُدآ اَتھ شہنشاہی چأنہِ باپتھ
اگر اختابہِ تارکھ زوٗن پزٕ زلن یمو لُب روشنأیی چأنہِ باپتھ

لگے اتھ بہٕ شفیع المزنبینی عطا گے اَسہٕ شفأیی چانہٕ باپتھ
پوٚرُم قرآن، پرِتھ تفسیر کوٚرمَس چھےٚ ساأرے خوش نوأیی چانہٕ باپتھ
شرف دِیُت نو یہٕ ذاتن کأنسہٕ نبیس وَقف اُس مصطفأیی چانہٕ باپتھ
بلالس کُمۍ عشق دیُت ناو ہیتھ تُہنْد کوٚرۍ تمۍ زُو فدأیی چانہٕ باپتھ
وفا بہٕ بَس گدائے مصطفیٰ چھُس مےٚ پوشن اند وفأیی چانہٕ باپتھ



میہُنک مرتبہٕ اُلفےٚ زانہٕ تی آم مأنہٕ لولس منز
صلی علیٰ چھُس ازلےُ لانہٕ تی آم مانہٕ لولس منز



**کلام : قادر بیرواڑی کشتواڑ**

پکان گژھ پکان گژھ پکان گژھ مدینس
پران لا اِللہ گژھ پکان گژھ مدینس
مُسأفِر مدینُک تہٕ عاشق نبیؐ سُند
دَوان گژھ دوان گژھ دوان گژھ مدینس
اُچھو موختہٕ چھنم تہٕ سرمایہٕ پیٚیہٕ ہم
اُچھو خوٗن ہأرتھ بہٕ دَوہا مدینس
مےٚ چھُم ساتہٕ ساتےٚ ہواں نار جگرس
یہٕ دوٗ دمُت بدن ہاوٕہامہٕ جبینس
دِلکی دأدی ژھنڈہا تہٕ احرام گنڈہا

سُہ گنزرٲوِہم یِم زخم ییٚلہِ مےٚ سیٖنس
نظر ییٚلہِ ژٕ کرٕہَس ژلن قادرَس غم
بلن دأدِ جگرٕکی تمِس دِل حزیٖنس



بَس مےٚ ووٚنی چھم آش چأنی یا نبیؐ | قوبوٗل کٔری تو سلام میٲنی یا نبیؐ
بَس چھےٚ چأنی میہربأنی یا نبیؐ | بہٕ تہٕ کرٕہا نعت خوٲنی چھس ڈرن
ووٚنی مےٚ کٔری تو نظرِ ثانی یا نبیؐ | چھُم قُلُف ہیوٚ زَن وُٹھن کھوژان چھُس
زار چھُس باوان زبأنی یا نبیؐ | نے قلم کاغذ مےٚ چھُم ناخوانده چھُس
بَس یہَے چھس زِندٕگأنی یا نبیؐ | شانہٕ شوٗقی قادرَس تہنٛزٕ ے سبٹھاہ



**کلام: ضمیؔر فریدی (ڈوڈہ)**

بخواب یا نبیؐ روے انوار وُچھےٚ | ملایکھ کران چون دیدار وُچھےٚ
خوداین تجلی دِژٕے کیاہ ژےٚ رویَس | سبٹھاہ خوٗب روچھکھ سُہ انہار وُچھےٚ
ژےٚ نِش انبیاء اولیاء أسی سرخم | بہ لطف و کرم تم مےٚ سرشار وُچھےٚ
أچھن لوٗگ پہوان پرتوِ ذوالجلالی | ژےٚ روےٚ منوّر ضیا بار وُچھےٚ
خبر چھم سبٹھاہ ٹوٹھ چھکھ ژٕے خوداِس | تھدی پایہٕ تھوٗد چون کردار وُچھےٚ
چھُ ما دون جہانن اندر چون ہمسر | بہ عرش برین ژیٚنے مےٚ دربار وُچھےٚ
ضمیؔرس تہٕ ژلہِ شر سُہ پادن وَنڈی سر | ژےٚ نِش رٕحمتک سےٚ طلبگار وُچھےٚ



مدینس گژھو سرونٛدو روضہ پاکس تتھی جایہِ یتہِ خواب گاہے محمدؐ

طلوع یِنہٕ سِپُد آفتاب رسالت چھُ پرٛتھ جایہِ تتہٕ جلوہ گاہے محمدؐ

نبیؐ سون دوٗن عالمن ہُنٛد چھُ رہبر چھُ دادِ بن دوا خاکِ پائے محمدؐ

تھدی پایہِ تھوٚد مورسلہٕ مورسلن منٛز خودایس یِوان خوش ثنائے محمدؐ

شفاعت کرِہن اُمتس موحشرس منٛز چھےٚ مقبوٗل تتہِ بس دُعائے محمدؐ

ضمیرسؔ عفو در گذر گژھِ گوناہن تمِس آسہِ نظرِ نِگاہے محمدؐ



**کلام : بشیرؔ بھدرواہی (مصنفِ کِتاب)**

رٕچھ رٕچھ مےٚ ما تھاویوم اوٗش بے سوٗد اَچھن منٛز

وقتِ وِداع زنہٕ روٗد پیوٚ کتہِ روٗد اَچھن منٛز

کُنہِ گتھ مدینس چھُس کران کُنہِ کعبہٕ پیوان یاد

روزان مےٚ سدا شاہد و مشہوٗد اَچھن منٛز

''یا سیّد'' الجمالہِ، یا سیّدالبشرؐ

تھووُم مےٚ جأمی چوٗن یہِ فرموٗد اَچھن منٛز

پرٛتھ ساعتہٕ اَچھن تل مےٚ روزان گنبدِ خضرا

اکہِ نظرِ زَن جنت مےٚ گوٚو محموٗد اَچھن منٛز

چھِیہِ آبِ کوثر آسہِ تس فردوس مُقدر

عکس نبیؐ یس آسہِ تتہِ موجوٗد اَچھن منٛز

اَدِ گوٚ نہٕ دِیس دےٚ بشیرسؔ تار صُراطس

اسمِ نبی چھُس منٛز دِلس معبوٗد اَچھن منٛز



شرمسار، نأدِم بہٕ آسے محمدؐ
گونہگار، خأدِم بہٕ آسے محمدؐ

شفاعت کربو پیش مولا مے لِللہ
سِیاہ کار أثم بہٕ آسے محمدؐ

کرٕے میٹھی روضس بہٕ پنہٕ نوٗ أچھو ستی
أتھن یِی چھُ لأزِم بہٕ آسے محمدؐ

ژٕے آلو کوٗ رُتھ کلہٕ یہٕ نوٗ مرتھ بہٕ آسے
خطا کار عأزم بہٕ آسے محمدؐ

بہٕ عأصی غولاماہ وَندٕے جان ناوَس
ژٕ شأفعی ژٕ حأکم بہٕ آسے محمدؐ

گدأیی کراں وُچھ مے چأنس برس تل
فلسفی تہٕ حأتم بہٕ آسے محمد

مُنوّر کراں عالمس نوٗر چونٕے
ژٕ فاضِل، ژٕ عألم بہٕ آسے محمدؐ

مَدینچ گدأئی، بشیرس چھے شأہی
سراپا چھُ نأدِم، بہٕ آسے محمدؐ



پھوٗل مدینُک چمن چمن، نیرَو
پھیر خوشبوئے وَتن وَتن نیرَو

دِل دَپان چھُم سُلی پہن نیرَو
بُوز پرارن چھُ گل بدن نیرو

کأنسہٕ ہُنٛد چھا یہٕ بے وفا دُنیا
ساتھ ساعتھا چھُ اتھ گژھن نیرو

واے وَطنس ژُوپأرٕ نارٕ نار
یِیتہٕ دزاں لوٗگ بدَن بدَن نیرَو

میأنہٕ دادیک دوا مدینس منٛز
واتہٕ مرہم چھوکن چھوکن نیرَو

تور واتُن چھُ بَس نصیبچ کتھ
ناد آمُت چھُ عاشقَن نیرَو

أسی تہٕ انھو پٕنٕز ہلم بٔرٕ بٔرٕ
یَلہٕ گمتی بَر چھِ رحمتن نیرَو

گاش پھیران چھُ انہٕ گٹین نیرو
واش نیران چھُ حسرتن، نیرَو

تتہٕ بشیرس تہٕ گوٗژھ شفا پاتھن
یتہٕ شفا لوٗب کمن کمن نیرَو



چھُس خطاکار بہٕ یک بار مدینٕس گژھا گُلی گنڈِتھ طالبِ دیدار مدینٕس گژھا
زُوپنُن شوقہٕ جمالس تہٕ جلالس وَنٛدٕ ہا گارہم ٹوٹھ مدنوار مدینٕس گژھا
ڈیڈٕ تل دِلجگر، جان بہٕ ترٲوِتھ آیوٚس چشمہٕ نم ہتھ بہٕ گونہگار مدینٕس گژھا
جامی و رُومی وعطار ییتِھن ویٚو رٹلان چھم اَچھن تل مےٚ سوٚے دربار مدینٕس گژھا
حوٗر وُنہٕ واں تہٕ ملائک چھِ وتن پوش چھکان میزبان پانہٕ چھُ سرکار مدینٕس گژھا
رحمتُک روٗد دیم تار سفینٕس میٲنٕس فرقتُک نار چھُ دُشوار مدینٕس گژھا
ہول اَندریم مےٚ ژلِم توٚری بشیرا وٲتِتھ گژھِ بخت میٚون تہٕ بیدار مدینٕس گژھا



### کلام: ڈاکٹر مرغوب بانہالی

بوٗشس چھےٚ باوَتھ پوش پھٔلی پاکیزہ سروٗدس
توشِن ملک ہتھ چھِی ژےٚ خدا پانہٕ درُوٗدس
میٚیل گو زمانن، لامکانن سال ژےٚ کوٚرنےٚ
ماضی تہٕ مستقبل ژےٚ وَنہٕ واں دژاے سعوٗدس
اَتہٕ گتھ حقن پرٛتھ وَتہٕ گتس کرنوو مُعطل
وَتہٕ وُچھنہٕ مرسل دژاے پنہٕ نِس شاہِ شہوٗدس
خوش گژھِ اَلم نشرح وَچھس از دِل گژھی روشن
یِکھ باعثِ تخلیق چھکھ ژےٚ عالِم بودس
والنجم رفرفہ دژاو، سُبحان الذی اَسریٰ
واللیل سفرس والضحیٰ منزل چھُ نموٗدس



یا نبیؐ روح الکتاب تُہی
پژتھ الستس بلیٰ جواب تُہی

ازل و ابدس چھُ معنہٕ یُس بخشان
دفترِ حکمتک سُہ باب تُہی

یُس حقُک پھلہٕ ژٔندر ونان بینا
فلکِ وحیُک سُہ ماہتاب تُہی

آخری نب شریعتُک پژٲوِتھ
یُس نہٕ لوسان سُہ آفتاب تُہی

یا نبی تا ابد ژھرٕن تہٕ چھنٕن
دلچہ پژتھ گرشمہٕ ہوکھیہِ آب تُہی

وٚندہ ہندرٕن بُنتھ بہار یقین
چھُو انان عقلہٕ انقلاب تُہی

قرنہٕ وادن ہندٕن حسینَن منز
حاصِل حُسنِ انتخاب تُہی

یوٗسفِ دِل مے بارسس ییمی اوٗن
بخدا عظمتُک سُہ خواب تُہی

جان مرغوب تہنزِ کتھِ چھُ فِدا
تس جمال فنس شباب تُہی



سرکردہ، سر افراز تہٕ سرور نبی اکرمؐ
بعد از خدا پژتھ کائنسہٕ کھوتہٕ بہتر نبی اکرمؐ

یَس چشم فلک ڈیشہٕ نہٕ زانہہ کانٛہہ ثانی
سُے شانہٕ بوٚڈ اِنسان تہٕ پیغمبر نبی اکرمؐ

محور تسُندے نوٗرٕ پژتھ پرنوٗر وجوٗدُک
مقبوٗل منوّر تہٕ معطّر نبی اکرمؐ

یوٚدوَے رَوا چھُنہٕ کانٛسہِ نبیَس رُتبہٕ کم زانُن
کیاہ وُنی زِ مگر بیوٚن چھُ سراسر نبی اکرمؐ

حضٕ آدامؑ وحضٕ نوحِ اولوالعزم اماپوٚز
ازمائشَن منز گو تمن یاور نبی اکرمؐ

شرفِ رسالت حضٕ خلیلن لٔب گرٕن پرٕن
لیکن چھُ فخر الفخر تس یکسر نبی اکرمؐ

حاوی قرانس پٹھ چھُ بے شک ذِکر حضٕ موسیٰ
لیکن قرانُک روح تہٕ پیکر نبی اکرمؐ

حضٕ عیسیٰ ہَسِ گژھ تام ساتھی تم تہٕ بے وفہٕ
جانباز صحابن کراں گرنٛد کر نبی اکرمؐ

مرغوبہٕ کرتج دارِ پٹھ پکنچ یہ جسارت
منظوٗر سپزی چھے سخن پرور نبی اکرمؐ



سَرورِ عقل و دِل و جان، رسولِ عربیؐ — شہپرِ عالمِ امکان رسولِ عربیؐ
لرزہ افکارِ جہاں رازِ نگاؔ ہش طاری — راکبِ مرکبِ دوران رسولِ عربیؐ
محورِ دیدہ ورانِ حقیقت حُسنش — کاشفِ حضرتِ قران رسول عربیؐ
سینہٕ گوٚو چاک گٹن یام سُہ مکّی تھنہٕ پیوٚ — وحدتُک مہر درخشان رسول عربیؐ
دأدٕ تے جأدٕ بلان عقلہِ مدینَس وأتتھ — رشکِ لُقمان و سلیمان رسولِ عربیؐ
کتھ نہٕ زٕرس چھُ تھدن پاے تہند تھوٚد اُسوہ — کتھ نہٕ جہلس چھُ کران فان رسولِ عربیؐ
گرِژھنہٕ مرغوٗب ورفتار تِمس دِل ہرگز — آسہِ یَس پانہٕ میٚہربان رسولِ عربیؐ



رَژرُک تہٕ حُسنُک حرفِ آخر ختم رسالت
آدمی عروٗجُک آخری سرِ ختم رسالت
تکمیل دینَس دِیُت یَسندٕ تدبیرہ خداین
سُی شَرفِ نبوّت مدّبر ختم رسالت



## کلام : فدا کشتواڑی

بہٕ چھُس ما کُنُے اکھ فِدائے محمدؐ — چھِ دوشوے جہاں، جاں فِدائے محمدؐ
چھےٚ اَرفاتہٕ اعلیٰ یہِ ذاتِ محمدؐ — خودا خود کُراں چھے ثنائے محمدؐ
گژھم بخت بیدار ژلہِ ہَن مےٚ دأدی — بہٕ مَتھہٕ یٚیلی بُتھِس خاکِ پائے محمدؐ
چھُ کُس یُتھ پیمبر چھُ کس یُتھ مُقاما — تھبکان عرش اوس زیرِ پائے محمدؐ

زرا وُچھ ژٕ مقصوٗدِ تخلیق آدم چھُ تخلیقِ آدم برائے محمدؐ!
مےٚ درکار چھُم روزِ محشر شفا چون فدا زٕو بہٕ کرہا فدائے محمدؐ

☆☆☆

## کلام: منظوٗر بھدرواہی

تاج لأگتھ سُہ تاجدار ییہِ نا بے قراری مےٚ از قرار ییہِ نا
چشمہٕ وُتھرس بہٕ پادنے ٹاٹھس زُلفِ وَلیّل ذُولفقار ییہِ نا
جان و دِل بوٚہے کرس نثار تمِس اُمتُک بوٚڈ سُہ غمگسار ییہِ نا
أچھر والو کرس قدم بوٚسی ستیٚ ہتھ ژور ٹاٹھی یار ییہِ نا
أشی پھبرن ہنٛدی بہٕ مال ترٛاوس نالی زُو وندس سون بار بار ییہِ نا
سبز گُبند وُچھم جگر وٕسی پھوٚم میٹھی کرنس مےٚ اتھ تہٕ وار ییہِ نا
کیاز خأطرِ پریشان ژٕ چھکھ منظوٗر وُچھ ژٕ ہردَس سُہ ہتھ بہار ییہِ نا

☆

مال ترٛاوِس أشی پھبربن ہنٛز نالی یے قطرٕ وُتھرن روضہٕ پاکس جالی یے
مُشکِ عنبرٕچ عُطرِ مُشکاو عالماہ عرشِ اعلیٰ پیٹھ چھےٚ آہٕژ ڈالی یے
کتیٚ عاشق روضہٕ پاکس گھ کران سینہٕ پنجرس چھکھ بناٗمتیٚ زالی یے
پان مارن لولہٕ دیدأری چھِ کیاہ معنی زانٛن معنی زانٛن وأ لی یے
ییلہِ نگاہ کرِ مُرسلن منظوٗر ہے شر ژوٗلس یزٕ کالکے یزٕ کالی یے

☆☆☆

**کلام : غلام رسول قمر منگناڑ پونچھ**

چھُس یا نبیؐ غولاماہ لیکھنچ کران جسارتھ
کُنہِ میون ہیُو تہٕ عأصی کانہہ نعت خواں آسیا
ادبُک تہٕ احترامُک حُرمت تمُس چھُ مانع
بے علم شہرِ علمُک پےٚ تس لبان آسیا
اوّل چھُ نوٗر تہنُدے آخر ظہوٗر تہنُدے
خأتم چھو مورسلن توہی یتھ کأنسہِ شان آسیا
یَس جام معرفتُکے بخشتھ ژٕ پأنی پانےٚ
سُے رند چأنہِ شہرُک نارس دزاں آسیا
عأصی گدا بٕنتھ چھوےٚ درچون از رٕٹتھ چھے
روٗٹمت سُہ در قمر کیٛاہ تراوُن بنان آسیا

☆☆☆

**کلام : غلام نبی شاکر بانہالی**

توبہٕ گر منظوٗر یا رب مُصطفےٰؐ اَوٗنےَ شفیع
صأحبِ لولاک تاجِ انبیاءؐ اَوٗنےَ شفیع
چھُس خطا زد، أے گرٕپے کارِ سازِ دو جہاں
وَنتہٕ کُس بُتھ دِمہٕ ژےٚ کُن ییلہِ ینن گوناہ میأنی درمیاں
معاف گر سہو و خطا خیرالوراءؐ اَوٗنےَ شفیع
چھُس غمو دادو بہٕ وولمُت وُچھ ژےٚ چھےٚ سورُے عیاں
بوزتم فٕریاد زأری روزتم وونی مہربان

سوزتم دادن دوا نور الھدٰاءؐ اوٗنمٕ شفیع

کائناتس چھُکھ ژٕ مالِکھ شش جہاتس پادشاہ

عاصیا اِد چون آسا مُبتلا رنج و بلا

زخم دِل بُلراوتم رحمت نُما اوٗنمٕ شفیع

زِندگی ہص ضائع گےٚ مونم مےٚ در فِسق و فجوٗر

چھا عجب بخشن ژےٚ نِش ژیٚےٚ رحمتاہ چھےٚ وُچھ وفوٗر

سینہٕ بے کینہٕ بناوُم مجتبیٰ اوٗنمٕ شفیع

ووٗمتس سبزار ییٚلہِ آو جوش دِیت چانٕی رحمتن

چھُس بہٕ شاکر چانہِ بر تَل عاجزی ستہٕن منگان

عاقبت رُت ہاوتم مُشکل کُشاؐ اوٗنمٕ شفیع



**کلام : غلام نبی شہباز رازویروی**

قلم چھُ حاراں، مُقام اُدیُل ادب تہٕ شوقس مزر وَنو کیٛاہ

ثنا نہٕ ممکن جمالِ تیٛوتھ ہیُو رسولؐ رحمت، بجر وَنو کیٛاہ

بشیر ؤنی تو، ندیر ؤنی تو تمن سراجِ مُنیر ؤنی تو

کلامِ روٗب چھا سہٕ آنہٕ ہاواں حضوٗرؐ خیرالبشر وَنو کیٛاہ

مثال ما کانٛہہ، نظیر ما کانٛہہ چھِ ذاتِ حق تام دروٗد سوزان

تمام نبی ییٚن ؑ امام و شاہد جنابِ احمدؐ تھزر وَنو کیٛاہ

تمن چھےٚ راواں تمام دانٛش عِلم چھُ ژھاراں وجوٗد پنہٕ نےٚ

وٚمارٕمیتہٕ چھےٚ ساہ باوتھ — اتھ چھُ سوچُن مگر وٚنو کیٛاہ
زمانہٕ سۆرے گٹن چھُ پھوٚٹمت — حرا چہٕ زٕژِ چھا ژھٹان انوار
چھُ از تہٕ عالم ووٚن اِنتظارس — نبس ژٕلے نا وُنر وٚنو کیٛاہ
خولق تہٕ رحمتھ، بجر تھزر یُتھ — مثأل سأری صِفات حأصِل
پیمبراہ چھا ازل ابد تام — یہے حقیقتھ، خبر وٚنو کیٛاہ
عجم پریشاں، عرب تہٕ حأراں — یہِ سون گدرُن وکانہٕ کیٛاہ گوٚو
اسی بُلیومُت سُہ گاشہٕ آگُر — توٚے نہٕ کُنہٕ کتھِ سیٚزر وٚنو کیٛاہ
دُ زلفِ واللیل، دُچشم ما ذاغ — سُہ روے انور چھِ سریہ وبشلان
سُہ سینہٕ مصحف دہن مُبارکھ — سوٚخن زژاں زن گہر وٚنو کیٛاہ
مُدا چھُ عشقن سرُن محمدؐ — بہ لفظ و معنیٰ تہٕ دین و ایمان
اگر نہٕ ووتلھ اوٚتھ ژٕ شہباز — بے سۆد سینگ تژر وٚنو کیٛاہ



لفظ کُنُک آکار محمدؐ — ظُلماتن منز انوار محمدؐ
ووت مُقام محمودس تامتھ — روبہٕ سُند کیٛاہ شہکار محمدؐ
ما ذاغس کیٛاہ معنیٰ وٚنی زے؟ — کتھ چھُ کراں دیدار محمدؐ
کُمی تھزرأو غولامن ارزتھ؟ — محرۄمن چھا دلدار محمدؐ
آدٕمی عالم نارٕ الاوس — شۆژ شِہُل شیٚہجار محمدؐ
خستہٕ دِلن اکسیر چھُ ناوٕے — دأدی لدن غم خوار محمدؐ
باوان لِی لولاک حقیقتھ — تکوینک بس اسرار محمدؐ
از شاہبازس نظرِ عنایتھ — بۆزیو ازواہ زار محمدؐ



سیر تھ چھےٚ نوٗر ژٕ تے صوٗرتھ چھےٚ گاش گاش
عالم سپُد منوّر تہٕ اسرار گیہ تہٕ فاش
ذاتِ محمدیؐ سلام لولُک یہِ منیون داش



عالم چھُ راز ووت کُس کمیٚ زأنی انتہا
اِخفا شھوٗد تام اوس ییٚلہِ پوٚرمٕ لا اِللہ
قوربان تَس زِ ہوٚوُکھ اَسہِ اوٚرِ الا اللہ



حأمدؐ، محمدؐ و احمد سُہ باوبقار
کونین آسہن ژھٕرِی آسہے نہ بختیار
تس روٗتہٕ یوٗت تھود نبیین سُہ تاجدار



سُے چھےٚ نذیر تے بشیر سراج مُنیر سُے
روٗبہٕ سُند کلام معنہٕ سوو تمہٕ کٕے ضمیر سے
سوزان چھُ ذاتِ حق درود کوٗتاہ شہیر سُے



اکھ بے نوا غولام اتھ چھوٗن تہٕ بے قرار
سفراہ چھُ کٕنی زنس تے وأنا کھ وَتھ دُ جار
شاہبازِ محشرس تام روزس بہٕ انتظار

کلام : عبدالرشید فدا رازویری

روخہٕ چانہِ عالم ضوفشاں | یا رحمۃً للعالمینؐ
ژٕے تاجدارِ دو جہاں | یا رحمۃً للعالمینؐ
ژٕے علم و اخلاقک آگُر | اے ہادئ اُمی لقب
ژٕے رشک وشوٗب قدسیاں | یا رحمۃً للعالمینؐ
اے صاحبِ شق القمر | شق الصدر معراج حق
چھُکھ عالمس وردِ زباں | یا رحمۃً للعالمینؐ
ژٕے تاب از لِکہِ آنچی | ژٕے خاب تخلیقک تمام
ژٕے باعث و فخر جہاں | یا رحمۃً للعالمینؐ
سگہٕ ؤتھی ژٕے سکہِ صحراوگل | اے صاحب جود و سخا
نَنہٕ رأوِتھ اسرار جہاں | یا رحمۃً للعالمینؐ
اَتھٕ چانہِ پأوٕن زِندگی | شُوبیاو شعورِ زِندگی
چھکھ کائناتس حرزِ جاں | یا رحمۃً للعالمینؐ
یَژھ پژھ چھےٚ تہنزٕ ے مےٚ فِدا | بیٚہِ چھامےٚ کانہہ ژھارُن روا
چھُس عأبہ پنہٕ نی بےٚ گلاں | یا رحمۃً للعالمینؐ



انقلاب آو کائناتس ئیلہِ ؤنُو | نیست محبوبے بجز اللہ ھُو
گوڈ بُرن توحیدٕ ہے اوس انقلاب | انقلاب اوس لا شریک وَحدہُ
زندگی بخشُو حضورِ رنگ ، بُو | انقلاب آو کائناتن کوٚر وِضُو

کُل یتھن اڑٕ وتہٕ تہٕ دم پھُٹرٕ گے تمام  رنگہٕ پوتلو بُوز یٮ۪لِہ لا تقنطو

پرٛزلونی دمہٕ تہنٛدِ سأرے کائناتھ  حقِ ونان توٚہی فخر موجوداتھ، ذاتھ

تہنٛدِ دمہٕ صبر و قرارِ زندگی  اَلسّلام اُمّی لقب مولا صفاتھ

تہنٛدِ اتھہٕ بدلیو شعورِ زِندگی  زِندگی حاصِل سپٕز تابندگی

پہٕ پتھر لات و مناتُک پرٛتھ غرور  زِندگی پرٛزلیانے زِ نورِ زندگی



کلام: رحمتؔ بانہالی

طمع چھُم بہٕ وُچھہا دیارِ مدینہ  چھُ ییٚتہٕ روضۂ شہریارِ مدینہ

بہٕ وُچھہا اَچھو سٟتی محراب و منبر  قدم گاہِ آں دِلقرارِ مدینہ

یقین چھُم مےٚ پوربم نہٕ زانٛہہ نارِ جہنم  اَچھن تل مےٚ چھُم سبزٕزارِ مدینہ

سلام و درۄد رحمتؔ حق تعالیٰ  با آں آل و اصحابِ دارِ مدینہ



یِیہِ ہیٚوٚ نہٕ یوٚد توٚہیٚ درجہاں نامِ خودا سَرِ ہے نہٕ کانٛہہ

دِیہِ ہیٚوٚ نہٕ درس لا اِللہ عشقُک سبق پرِ ہے نہٕ کانٛہہ

کُس مانہٕ ہے اکھ چھُے خودا، پرٕ تٔسی کرٕنی پۄزا تہٕ پرٛتھ

ونہٕ ہے ہر اکھ بے چھُس خودا پرٛتھ کأنٛسہٕ پیٹھ کرِہے نہٕ کانٛہہ

کیاہ گوٚو شعور بندٕگی، اسلام دین ایمان چھُ کیاہ

اپزس پۄزس اندر فرق کرنچ کتھاہ کرِہے نہٕ کانٛہہ

رحمتؔ ژےٚ مأضی ٹوٹھِ چھےٚ بُنیاد پروزما بنکھ
سأری اگرحق زانہٕ ہَن، زانٛہہ مَرنہٕ بزونٛہہ مرہے نہٕ کانٛہہ



کلام: خواجہ ثنا اللہ بٹ مضرابؔ سپڑھی خواجہ پڑؤژھ

پانہٕ فرماواں چھُ در قرآن رَبُ العالمین
وَمَا اَرسلناکَ اِلّا رحمۃً اللعالمین
یا رسول اللہؐ چھُ ہر کانٛہہ تہُند اخلاقُک اسیر
زِندگی ہُند پرٛتھ عمل لاریب قرآنٕچ نظیر
پرٛتھ أکِس پٮ۪ٹھ مہرٕباں چھو اے رسولِ نازنینؐ
از سرتا پا توٚہۍ چھِو نوٗرِ یزدانٕچ کِتاب
اَنا نُورُ مِنَ نوٗر اللہ پانہٕ فرموو جناب
حد و لاحد صفت تہُندۍ چھِو توٚہۍ صأدِق امین
روزِ محشر پانہٕ أسِو کوثرس پٮ۪ٹھ اختیار
اُمتکۍ غمہٕ سِتۍ أسِو مضطرب تہٕ بیقرار
ترٛیشہِ ہٕتمن ترٛیشی چاوِو پانہٕ فخرِ مرسلین
چھِم گوناہ کرِمتۍ سبٹھاہ دُنیاہَس منٛز لا انتہا
چھِم نہٕ عملاہ جانؔ کرٕمٕژ چھُس بہٕ از سرپرٛ خطا
پرٛژھ چھےٚ مضرابؔس تہنٛز توٚہۍ چھِو شفیع المذنبینؐ



## کلام : مُشتاق فریدی (ڈوڈہ)

عالمکہِ تاجدارو لگے عربہٕ کے شہر یارو لگے
رَتہٕ مِہراز رتھ بو وندے طآئفہٕ کے تن فِگارو لگے
تژاے سوچ تژے ہردس دِژتھ باغِ جنتکو بہارو لگے
شب معراجہٕ کے تاجور تژیے خودایی نِگارو لگے
چانٔ شمشیرِ چھے اَنج امین جہدٕ کے شہسوارو لگے
شژرن قاتلن دُشمنن وارِ بخشن ہارو لگے
اَز دِ دیدار مُشتاقسے محشرکہِ اکہِ سہارو لگے



واوِ نکھنا نعت میأنی ڈألی دربار رسولؐ خالِق ارض وسما چھے ناز بردارِ رسولؐ
آفتابکی پاٹھی روشن تہندٕ نوٗراچ دلیل نوٗرِ حق کُے پرزلہٕ وُن پرتو چھُ انوارِ رسولؐ
چھی پریشان واوِ ہَرِ دِنہِ باغ وأراں سون گو گراو ہتھ گژھِ سأنہِ سیتچ واوِ گلزارِ رسولؐ
مےٗ یہِ کوٗرُم بدنام تمٔ سُند ناوتسی ناوس لگے چھُس بہٕ مَند چھان گژھٕ کتہٕ کُنٔ پیشِ سرکار رسولؐ
ستھ مےٗ چھُم مُشتاق سوے رحمتہ اللعالمین ناو قوٗمچ بوٗڈ لگِم از بہٕ کردار رسولؐ



اونمت چھُ عاشقن کئیت واون پیام امشب
رحمت چھُ بأگراوان خیرالانام امشب
پادن بہٕ میٹھی کرہَس سرزیرِ پاے تھاوِتھ
یُد جلوٕ اکھ سُہ ہاوِم ماہِ تمام امشب

شمس الضحیٰ رویس أچھ گاش پانہٕ وتھرس
لاگتھ بہٕ چشمِ نرگس وُچھہن مُدام امشب
بیدار بخت گژھن یوٗ داکھ نظر سہٕ کرِ ہے
مازاغ چشموٕ ے از عاألی مُقام امشب
دریاے رحمتس چھے ہر سُو خُمار کھوٗتمت
چھِی کائنات سأری محوِ خرام امشب
مُشتاقِ بے نواہس نظرِ کرم کرِ ہونا
سہٕ چھُ مضطرب پریشان تہنٛدٕ ے غولام امشب



ژٕ واوِ صُبحکہٕ یہٕ ڈاکی میأنی بہٕ پیش خیرالانام نِکھنا
یہٕ اشکِ بے کس تہٕ آہ وزأری درُود نِکھنا، سلام نِکھنا
کرُم کرُم، چھُم یقین محکم دپن چھہٕ رحمت چھے عام تمٕی ہٕنز
یہٕ پُر خطا بٔیہٕ رُوسیہٕ سُند واوِ ہوٗل کوٗن کلام نِکھنا
چھُ تالہِ پٔٹھ از طوٗفان قومس یہٕ دامنِ حق چھُ پارٕ پارے
یزید بٔیہٕ جنگ بپا کران لوٗگ غرض، یہٕ عرضِ غولام نِکھنا
ژلہِ ہم ہر دِنٕی مے ژھاے باغس بہٕ دشتِ بطحا بہار انہِ تن
یہٕ التجاے غولام سرورٔ بصد ادب احترام نِکھنا
دِ یِن مے دیدارِ رویِ انورٔ مے عاقبتس تہٕ نوٗر پھولہِ بے
یہٕ عرضِ مُشتاقِ بے نوا ہٕنز حضورِ عالی مُقام نِکھنا



## کلام : رشید رینہ تھنہٕ منڈی راجوری

شاہ تاجدارو، سانہٕ سردارو شاہِ تاجدارو وندیو جان
ذاتن بۆرنے لول بسیارو سالس کھولنکھ بر اسمان
سۆزنے جبریل ہیتھ بُراق یارو شاہِ تاجدارو وندیو جان
اِبلیس ملکن اوس سردارو سُجدہ نِش آدمس کۆرن اِنکار
در طوق لعنت گو گرفتارو شاہِ تاجدارو وندیو جان
رشید رینہ ہَس سَتھ چھےٚ چانٕی وَتھ پٕنٕز ہاوُس جنتس گُن
اَتھٕ روٗٹ کرِزہم چھُس گوناہ گارو شاہِ تاجدارو وندیو جان



## کلام : غلام علی جوہر فریدی

بہٕ چھُس مُشتاق دِم دیدار اِمشب گرُم ییمہِ خابہٕ منزٕ بیدار اِمشب
سبٹھاہ چھُم آش چانٕی یا محمدؐ دِتم درٕشن، یِتم یکبار اِمشب
مےٚ ژلِہے ہول سینٕک لول چونُے بہٕ ظاہر ہاوتم روخسار اِمشب
بہٕ نفسن زالہِ وولُمت چھُس خدارا کٔربو نظرِ نِگاہ از وارٕ اِمشب
مےٚ زر ما چھُم زِ ییما چانہٕ برٕ تل مےٚ گرٕژھِ ہےَ نارٕ منزٕ گلزار اِمشب
بہٕ تنہا خونِ دِل ہاران ژٕ ے ژھاراں بہٕ چھُس بے کس ییٚی نا آر اِمشب
بہٕ جوہر خاک چھُس پایےِ نبیؐ چون مےٚ گن دارُم بہٕ کرٕ گُفتار اِمشب



کلام : بشیر احمد وانی مضربؔ چھاترو کشتواڑ

چھُے نہٕ مضربؔ زادِ راہ کینٛہہ کیاہ کرِکھ روزِ حساب
تتہٕ کرِی پانے شفاعت رحمتہٗ للعالمینؐ



کلام : رِندؔ شمس بانہالی

ویسی یے موت گوس اتھ حُسین رویس — جان ونٛدٕ ہَس ولّیل مویس
حُورٕ دزایس ونہٕ وان خویس — جان ونٛدٕ ہَس ولّیل مویس
لولُک یہٕ دربار اتھ ستی شیٛجار — ونٛدٕ ہَس زُو جان اتہٕ چھُم قرار
پروانہٕ گژھ کران نورانہٕ رویس — جان ونٛدٕ ہَس ولّیل مویس



چانہِ بَرِ تل آس لاران دِرنٛدامتھ یا رسُولؐ
چھُکھ ژٕ عادِل چھُس بہٕ غافِل کم لیاقتھ یا رسُولؐ
رُوسیاہ چھُس کارِ ناداں میے کرِم سخ خوار گوس
چھُم مدعا کرتم عطا ووٚنی رُت ہدایتھ یا رسولؐ
موحشرٕ چہٕ تتھ تاپہٕ ژٕنجہِ منٛز کُس دِییم توٚہی روٗس پناہ
کُس ہییم مٔتہِ کُس کرِبم توٚہہِ روس شفاعتھ یا رسولؐ
دأدی نے منٛز گیر گوٚمُت، ایٚردرِ گرداب چھُس
چاوتم جامِ شفا، کرتم طبابتھ یا رسولؐ

کیاہ کرہن تتہٕ دوش دُشمن آسہِ یَس چأنی نظر
رحم کرتم تھأو تم ہردم سلامتھ یا رسولؐ
گُلہٕ گنڈتھ چأنس برس تل آو لاران رِند شمس
بُر مُشرتم بوزتم دِلچی حقیقتھ یا رسولؐ



کلام: عبدالمجید وانی بیدآد گولوی (گول)

تأریف چأنی در فُرقانے شاہِ یزدانے وندیو جان
پانہٕ چھے مالک توصیف خوانے شاہِ یزدانے وندیو جان
بیداد گولوی چھے اکھ سوألی دِلہٕ منزٕ چھے نالہٕ دِوان
دیدار ہاوتس گژھِ شادمانے شاہِ یزدانے وندیو جان



کلام: شمس الدین شمسؔ بھلیسوی (گندو)

چھُ شانِ رسالت مآب اللہ اللہ ازل تا ابد لا جواب اللہ اللہ
سراجاً منیرا تہٕ یٰسین و طاہا وَصف چأنی رقم در کتاب اللہ اللہ
ژٕ اِنسان کأمل تہٕ دریائے رحمت شفیع سون روزِ حِساب اللہ اللہ
الف حے تہٕ میمس تہٕ دالس وندے زُو اِسمِ بےَ مِثل آنجناب اللہ اللہ
ژٕ مہمان عرشک فلکِ میزبان چھی ژٕے جبریل چھے ہمرکاب، اللہ اللہ
اَشے ہوت شمسؔ ووٚنی شرمسار گومت بہ دربار عألی جناب اللہ اللہ

## کلام: غلام رسول جواؔد بانہالی

دون جہانن از شأدی یانۍ زاو محمدؐ نبی نۄرانۍ
مَلِک عرشکۍ شولہٕ مارانۍ زاو محمدؐ نبی نۄرانۍ
أسی سوزو نا درۄد و صلواۃ بر محمدؐ سرورِ کائناتھؐ
زمین تہٕ آسمان چاو برانۍ زاو محمدؐ نبی نۄرانۍ
شرف بُخُش پانہٕ خداین عرش تہٕ کُرسی چھس زیرِ پاین
سال کۄرنس نیون لامکانۍ زاو محمدؐ نبی نۄرانۍ
نور سپدکھ یام پیو پرتو تام گُفرس زیروزیر گوٚو
پیٚو پتھر گُل بُتخانۍ زاو محمدؐ نبی نۄرانۍ
بے حد درۄد سوزان جواؔد ملکن تہٕ فلکن چھُ عیدِ میلاد
دون عالمن ہُنٛد سایہٕ بانۍ زاو محمدؐ نبی نۄرانۍ



## کلام عبدالجبار زائرؔ بھدرواہی

مےٚ چھُنہٕ أسے سمان نعت محمدؐ مصطفیٰ وَنہٕ کیاہ
بجز صَلِّ علیٰ ونہٕ کیاہ، بجز صَلِّ علیٰ ونہٕ کیاہ
بہٕ چھوٚن دامن سنا کیاہ ڈالی نمہٕ تہنٛدِس جنابس منٛز
اگر از ونہٕ تہٕ کینٛہہ رسماً مگر ؤنی تو پگاہ ونہٕ کیاہ

شبُن وشمس رویس پرٛزلوٕنی الفاظ اَنہٕ کتہٕ پیٹھ
مِلتی الفاظ ییٚلہِ کرنٕے نہٕ حق نعتُک ادا ونہٕ کیٛاہ
مےٚ چھُنہٕ دِلچی حضوٗری چھم عمل بے روٗح سوچن چھُس
حضورِ مصطفیٰ ونہٕ کیٛاہ؟ حضورِ کبریا ونہٕ کیٛاہ
مےٚ ییٚلہِ تموٗے ووٗنم پر لا اِلٰہ ووٗنی چھا مروت یِی
محمدؐ مصطفیٰ صَلِ علیٰ روٗس لا اِلٰہ ونہٕ کیٛاہ
زیارت گٔے کمن زائرٓ یہِ چھُنہٕ ناوس تہٕ کراوس پیٹھ
مےٚ بُتھ پنہٕ نُے اَپزٕ وُچھ کیٛاہ مےٚ چھُے پنہٕ نُے خطا ونہٕ کیٛاہ



**کلام : غلام محمد خان دلفگآر بانہالی**

سأرِنے نبیَن چھُ سردار رسولِ عربیؐ — عرشہٕ فرشس پیٹھ جلوٕگار رسولِ عربیؐ
بے سروسامان أسی ناو چھُ چونُے حضرت — أسی چھِ بے یار و مدزگار رسولِ عربیؐ
بَس چھُ یتہٕ عأجزن، غم زدن تہٕ مسکینن — بے نوا مظلوٗمنٕہ غمخوار رسولِ عربیؐ
زوٗنہِ یُس پھَل چھُ کران از اشارۂ اُنگشت — ییٚتہِ چھُ باوان قودرتکی اسرار رسولِ عربیؐ
تاب کس کُس چھُ ہرکان کأنسہِ ہُندِ ییٚتہِ بار زرتھ — کُس چھُ تُلان اُمتُک بار، رسولِ عربیؐ
ییٚلہِ وَتھان کتھ چھےٚ بزرگی تہٕ عظمتچ ییٚتہِ زانہہ — سارِوٕے بوٗڈ تہٕ تھوٗد کردار رسولِ عربیؐ
أسی گونہگار ڈبکس پیٹھ چھےٚ سیاہ موہر لگتھ — اَسہِ سیاہ کارن چھُ تن دار رسولِ عربیؐ
اکھ گونہگار یوان ییٚلہِ چھُ دلفگآر ہٕتھ — بے دِلی منز چھُ تس دِلدار رسولِ عربیؐ

بۆزِتو حض عجز و زأری یا رسول اللہؐ سلام
خۄن چشمو چھُم مےٚ جاری، یا رسول اللہؐ سلام

ییٚتہِ قیامتھ ہِش چھےٚ برپا ییٚتہِ سماعِ وۄتھمت ژۄپأری
اُمّتی نالاں چھِ سأری یا رسول اللہؐ سلام

تہنٛز رٔحمت خاص عامس از گرہو اَسہِ پیٹھ کرم
بۆزتو حض نالہٕ زأری یا رسول اللہؐ سلام

پٔڈ أچھن زِیو موٚہر لٔجمٕژ باالہوس دُنیا گوٗمت
تھٔر پھِرتھ اَسہِ کُن چھِ سأری یا رسول اللہؐ سلام

چھِہو توٚہی یاوَر تہٕ داور توٚہہِ سِوا کس سون غم
لوسہِ اَچھی وُچھی ژۄپأری یا رسول اللہؐ سلام

دلفگارَس تاج برسر بس تہنٛد لطف و کرم
چھُےٚ منگان پرٛتھ ساتہٕ یاری یا رسول اللہؐ سلام



کلام : وزیر محمدؐ مشتاقؔ بانہالی

یتیمن بے سرن ہُند چارٕ کر غمخوار چھُکھ سونے
گمتی أسی واریاہ اَبتر نبیؐ موختار چھُکھ سونے

غولامن سۄرہمٕژ از ستھ سرٕنی اَسہِ تٔج نہٕ تہنٛزٕ ے وَتھ
غمن ہنٛز تاپہٕ ژٔنجہِ منٛز حض شِہُل شیہجار چھُکھ سونے

برس تل تہنٛدِ خأراتُک بہٕ چھُس مشتاقؔ سخ مضطر
گرہو اَسہِ اکھ نظرِ لِلّٰہ دِلُک امار چھُکھ سونے

کلام : عبدالاحد مسرورؔ بانہالی

نوٗر پھوٗل گو منوٗر عرب تےٚ عجم
آو یامتھ بُدنیا نبیؐ موحترم
دوٗر گو ظُلم و جہلتھ مصیبتھ تہٕ غم
آو یامتھ بُدنیا نبیؐ موحترم
اَسی بیوٗن بیوٗن قبیلن بیوٗن بیوٗن خودا
اَسی تمہٕ دپان ییمی چھِ حاجتھ روا
فُٹ پتھر پیٚیہ وُستھ قسمہٕ قسمکی صنم
آو یامتھ بُدنیا نبیؐ موحترم
زار گِندنُک شرابُک تہٕ سوٗدُک مزاج
فِتنہٕ بازی تہٕ دُختر کشی ہُند رِواج
گےٚ پُتس پتھ ختم سوٗم رِواج و رُسم
آو یامتھ بُدنیا نبیؐ موحترم
گرِ وُستھ پیٚیہ غولامی ہٕنزن بانکلن
سر بلندی عطا گےٚ پتھر پیمتین
دٕتمتین باغنی پھوج پھٕلے دمبدم
آو یامتھ بُدنیا نبیؐ موحترم
تجی نہٕ مسروٗرؔ ہے حق ادایی کرٕنی
نتہٕ چھےٚ رحمتھ تسنز تا ابد پوشوٗنی
فوٗٹی گُمان تےٚ وہم ژوٗل دِلن خوف غم
آو یامتھ بُدنیا نبیؐ موحترم



زِندگی ہنٚدی سٕنز ووٚگنز ہاوان رسولِ موحترم
وُچھ نجاتچ وتھ چھِ تٕنز روان رسولِ موحترم
پامہٕ دِنہٕ والین چھِ تراوان شفقتکی نوٗی جامہٕ نالی
موحبتُک گُلشن چھِ پھُلہٕ راوان رسولِ موحترم
غمزدن اکہِ نظر بٕلہِ راوان دِلکی ساری زخم
شفقتچ اکھ نظر ییلہِ تراوان رسولِ موحترم
خارؔ کانٛچھان دُشمنَن کیٚت طایفُک زخمی نبیؐ

بدخہن پیٹھ پوش چھکراوان رسولِ موحترمؐ
یَس أ کِس لتہٕ موٗنڈ کٔرِتھ ترٛاوان پتھر وتُک نِظام
تس بِلالسؓ روتبہٕ تھوٚد دیاوان رسول موحترمؐ
کرِ ییٚتِھن رُت پگہہ سپدکھ محشرس منٛز سرخروٗ
چھےٚ ژٕرٚے اے مسروٗرؔ فرماوان رسولِ موحترمؐ



کلام : محمدؐ امینؔ ڈولوال کشتواڑی

کتہِ اَنہِ طاقت لیکھِ میٚون قلم — صلی اللہ علیہِ وَسلَم
سُہ چھُ کُلِ عالمُک سالارِ اعظم — صلی اللہ علیہِ وَسلَم
شبِ معراجِکس مہرازِس گُن — حوٗرٕ آسہٕ وَنہٕ وال فرشس پیٹھ
عرشس پیٹھ ووٚت نوٗرِ مجسم — صلی اللہ علیہِ وَسلَم
حضرت اَصغر صأبنہِ پاسےَ — کٔرِتو میأنِن گونہن معاف
ناو چھُم تہُنٛد ے زیوِ پیٹھ ہر دم — صلی اللہ علیہِ وَسلَم
پانہٕ کراں چھُ تأریف تہُنٛدُ ے — م، ح، م، د پروردِگار
ٹوٗٹھ چھُس تہنٛد ے اسمِ معظّم — صلی اللہ علیہِ وَسلَم
نام محمدؐ سرتو امینؔو — شوٗژٕ وانہِ چھلتوَ پنہٕ نُے پان
توباہ کرتو پرتو ہردم — صلی اللہ علیہِ وَسلَم



## کلام: سجاد پونچھی

ہیرِ وحدتھ رسولِ اکرمؐ بے کسن ستھ، رسولِ اکرمؐ
ظُلمتس ژونگ انہِ گٹس گاش ہبز تہٕ پزٕ وتھ رسولِ اکرمؐ
یتھ نہٕ ہکہِ کانہہ جواب آستھ اکھ ترٕ ہے کتھ رسولِ اکرمؐ
ہر زمانس چھُ وتہِ ہاوُک تا قیامتھ رسولِ اکرمؐ
کوٚہنہِ سنا واتہِ تابہٕ منزِل ہاوِ نئے وتھ رسولِ اکرمؐ
مِثل پونپُر سجاد روضس چھوٚے کراں گتھ، رسولِ اکرمؐ



## کلام: ساغر صحرائی بھدرواہ

ژٕ چھکھ سردارِ عالم یا محمدؐ مےٚ لِللہ کأستم غم یا محمدؐ
پیامبر غوث پیرٕ شاہِ و شہنشاہ ژےٚ نِش سأری چھِ سرخم یا محمدؐ
کرےٚ آلو بہٕ پزارے رأتی راتس ژٕ یکھنا صُبحکے دم یا محمدؐ
وندے نمناک چشمن ٹاٹھی سأری ژٕ کوٚتاہ اُمتک غم یا محمدؐ
اَچھر والو پکِتھ گژھا مدینس توتےٚ وأتتھ دِمہادم یا محمدؐ
گمژ رتہٕ دأدی ووتھ از چھےٚ سأرے کریکھنا اتھ ژٕ مرہم یا محمدؐ
چھُ ساغر لولہٕ مُت دیوانہٕ چونے یہِ ژھانڈان ژےٚ چھُ ہردم یا محمدؐ



## کلام : بشیٖر میر پوشن پوٗنچھی

سُہ مکّی سُہ مَدنی سُہ دِلدار سونے — سُہ احمدؐ، سُہ محمدؐ چھُ موختار سونے
سُہ ہادِی چھُ برحق سُہ رہبر چھُ کأمِل — سُہ سرپوش آدم چھُ سردار سونے
چھُ روٗے منوّر چھُ جسمِ معطَّر — چھُ یٰسین و طاہا دِلدار سونے
سُہ زلفِ مُبارکھ شبان روٗے اقدس — چھُ زن ماہِ تابان سُہ. سردار سونے
دِلس بے قرأری، چھُنا چشمہٕ بیاران — أکِے لٹہِ تہٕ ہیٚیہٕ نا سُہ سرکار سونے



گِیم مے ہایہِ ضایہِ زِندٕگأنی یا رسولؐ
ژٕے لگے قدمَن کرھنا مہربأنی یا رسولؐ
دَربدر گوٚمُت پٔتھر پیوٚمُت بہٕ چھُس
ٹُلِو تھوٚد ڈوکھ مےٚ حضرتھ ذاتھ چأنی یا رسولؐ
چھُس گوناہن منٛز بوٚڈیومُت توہی آلو کران
گوٚژھ نجاتھ آسُن از بلاے ناگہأنی یا رسولؐ
ماے چھم تہنٛزے مےٚ حضرتھ ہیٚیہٕ چھُ گُس
دستگیری گُس کٔریم گژھِ شادمأنی یا رسولؐ
میٖر ژوٚل دُنیاہکیو ارمانو سُہ گول
کأستم غم مےٚ تہٕ کرتم مہربأنی یا رسولؐ



**کلام: طالب حُسین رِند بھدرواہی**

ممتاز جہانن اندر دربار مدینُک
دون عالمن سردار چھُ سردار مدینُک
"والیّل زلف والضحیٰ چھُس روے منور"
محبوب خودایُس چھُ گُل عذار مدینُک
از چشمِ تصور وچھاں یوٗد چھُس سبز گُبند
حسرت مے چھُم دیدن گوٗژھم دیدار مدینُک
ڈألتھ نِواں دُنیا مےٚ مِن النور اِلی اظلمات
تھاواں دِل چھُم ڈٲنجہِ مےٚ انوار مدینُک
وُسی پیٚیہِ علم کُفرِ کی تہٕ دہنک کھُتی علم بامن
ییٚلہِ دراوحرا پیٚٹھ سُہ علمدار مدینُک
بیٚیہِ پھیرِ یمن گاش گژھم حق تہٕ ناحق سَرِ
چشمن گژھم ہیٚلی صأحبو دیدار مدینُک
عملَن بہ چھُس پنہٕ نبن سبٹھاہ شرمندٕ تہٕ سوٗنچاں
زانہہ کأنسی آسیاہ رِند سزاوار مدینُک



سبز گُبند کِس مکینس میأنی حض وٗنی زبو سلام
اے گژھن والبو مدینس میأنی حض وٗنی زبو سلام
صأبرو صأدِقؔ امینس میأنی حض وٗنی زبو سلام

رٕحمتٕ للعالمینس، میانۍ حض ؤنۍ زبو سلام
محشرس منز اُمتک غمخوار سے بلغار سے
تس شفیع المذ نبینسٕ میانۍ حض ؤنۍ زبو سلام
واتہٕ ہا کنہٕ پأٹھۍ دربارِ مدینس تام رِند
چھُم یہے ارمان سینس میانۍ حض ؤنۍ زبو سلام



کلام: غلام حیدر وانی حیدر گولوی گول رام بن

پَر تہٕ بُلبُلا درۇد و سلام
کاسہٕ غم و بلا درۇد و سلام
پانہٕ ذات بٲری چھُ سوزان سلام
مؤمنس کیاہ گوبیاہ درۇد و سلام
لولہٕ ہتھن عاشقن شام و صُبح
لولہٕ زخمن شفا درۇد و سلام
ہمہٕ مُشکِل گژھان چھےٚ آسان
بَس چھِ حاجت روا درۇد و سلام
یَژھِ تہٕ پڑھِ حیدرٕ لاین صدا
چھُم مے دادبن دوا درۇد و سلام



کلام: غلام احمد بیگ مسکینؔ دلنواز (گول)

یا مصطفیٰؐ یا مصطفیٰؐ دِیہٕ توم کینہہ راہِ خدا
ہبنہٕ چھُس تہٕ اُمّت در بلا دِیہٕ توم کینہہ راہِ خدا
خبراہ نہٕ چھُم کینہہ دُنیچ صأفی نہٕ چھُم کینہہ سینچ
نفس تہٕ کورمت چھُس تباہ دِیہٕ توم کینہہ راہِ خدا

بے بس گوٗمت پوٗمت پتھر گنہو بٔرتھ چھُس سر بہ سر
ہاوٕو توٚہی راہِ خدا دِیہِ توم کینٛہہ راہِ خدا

یاں چھُس بہٕ اعمالن سنان تھٔر تھٔر مےٚ چھم پانس وتھان
نظراہ کٔرہو وقتِ نزاع دِیہِ توم کینٛہہ راہِ خدا

تتہِ دِلنوازس غم چھُ کیاہ ییٚلہِ واتہِ سُہ پیش خدا
پھیربس نبیؐ دستِ شفا دِیہِ توم کینٛہہ راہِ خدا



## کلام: تسکین بڈانوی ٹھاٹھری ڈوڈہ

سلاما شاہِ مدینسؐ ییٚمی چھےٚ اَسہِ ہاوٕمژ مُسلمأنی
سلاما عربہٕ کِس لالسؐ بخُش ییٚمی نوٗرِ ایمأنی
سلاما تس ییٚمن بے کسن ییٚمی دستگیری کٔر
سلاما تس فقیرن ییٚمی بخُشِ آرام روحأنی
دِژٕن معأفی خطاکارن وفا ییٚمی کوٗر جفاکارن
سُہ گوٚو شاہِ مدینہٕؐ سے گوٚو محبوبِ ربّأنی
سلاما تس ییٚمس پتھ کنہِ تہِ لایکھ طأیفس اندر
سلاما تس ییٚمس جبریلؑ للناوان چھُ اسمأنی
محمدؐ مصطفٰے خیرالوراع نوٗر الھُدا وَاللہ
بدن اِنسانہٕ سُند لیکنِ سراپا آیہٕ قُرآنیِ
بہٕ گوٚو چوٚنے کرم تسکینؔ لوگُتھ دہندأری کُن
خودا وندا لگےٚ پأری زٔرس بخشتھ ژےٚ تابأنی



کٔربو اَسہِ کُن تہِ رٔحمُک اکھ اِشارا یا رسُول اللہؐ
توٗہۍ حض پھِو بے سہارن ہُنٛد سہارا یا رسُول اللہؐ

یمَو بطحا وُچھِتھ واپس گرٛھو ییہِ جانٕب بطحہٕ
خودا یٔژھۍتن تِتھے اَسہِ کارٕ بارا یا رسُول اللہؐ

سَنا کرتام ژالو تھٕنٛد ہجرُک دود ہنٛدِس منٛز
برس پیٹھ اَسہِ گوٗآرِبو ووٗنی خودا را یا رسُول اللہؐ

چھےٚ ہنہِ آمٕژ یہِ ووٛچٕ ناو شورِلی واوٕ گرداب
بٔتھِس لکٕنٛگ لباں پھُنہٕ کانٛہہ تہِ چارا یا رسُول اللہؐ

گَربو حض جلوٕہ خابس منٛز عطا تسکینٓ بے تابس
پرٕژ زَلِہے لعل ہیٚو اکھ سنگ پارا یا رسُول اللہؐ



کلام : کلام منشوٗر بانہالی

قودرتھ چھےٚ پُر اسرار تہٕ اِظہار محمدؐ
والشّمس والضحیٰ روٚے پر انوار محمدؐ

صوٗرتھ تہٕ صِفت، خوے بصیرتھ تہٕ بصارتھ
تخلیق تہٕ مخلوٗق تہٕ شاہکار محمدؐ

تاشوق حقس گو زِپُن جلوٕ وُچھن چھُم
معشوق کوٚرُن جلوہ انوارِ محمدؐ

عرفان و علم، آگہی حقمت تہٕ نبوّت
مورسل تہٕ نبی ہٕتۍ، قداوار محمدؐ

پاتھُل یہِ ناہموار سکبیٚول تاپھِ تہٕ ترٛٔشہ کراے
وَتھ زٕیٹھ دَزوٕنی تاوٗ تہٕ شیٚہجار محمدؐ

اُمی بظاہر لفظ لفظ فلسفُک دریاو
بُتھِ شورِ سکبستان تہٕ گہربار محمدؐ

تھزٕ داونٛجہِ مُبارک ثَلکھ گے زونہِ ہے منزٕ پھل  وونہِ کیاہ چھُ دِل دِیُون صاحبِ آثار محمدؐ

معراج مژہج راتھ وٚری واد اَکُے ژیوٚہ  افلاکہِ سفر واقف اسرار محمدؐ

لسہٕ وٚچھ نہٕ خودا، چون صدا بوٗز تہٕ پژھ آے  درپردہ الا اللہ تہِ، انہار محمدؐ

اَکی واو ژھٹہٕ منز آے ہینہٕ گردابہٕ پُپس منز  اتھ روٗٹ نہٕ کٚنہی ناوتہٕ بَس تار محمدؐ

اَندٕ اَندٕ کُہر نارک تہٕ منزس پوشہٕ ژُگل سوان  اہریزہ، ورشُن ذٕہ تہٕ مددگار محمدؐ

منشور سیاہ کار، بس ناوٗک یہ مُسلمان  دریاے رحمت اُمتک غمخوار محمدؐ



☆

اُچھن ہُند زُو بُتھس گوٚژھ پوس والُن
بہ قدم مصطفےٰؐ گوٚژھ شوقہٕ ڈالُن
دروٗدچ ڈالی ہیتھ خیرالؐا نامَسؐ
دِلس منز گوٚژھ شہوٚدک گاش زالُن

☆

صحیفس ہنٛدٕ صحیفے آیے بُرٕ بُرٕ
مکمل گے نہٕ پوٚز تاریف چانی
قلمدانن تہِ موکلیے میل لیکھی لیکھی
مگر اَڈِلکی چھِ وونہِ توصیف چانی



قلم کارو موٚلُر الفاظ ورتاوی
اُدیبو کٔر سیٹھاہ گوہر فشانی
مگر اَمہِ چانہِ حُسن لا مثالچ
سپز ما توتہِ بلکُل ترجمانی!!



کُل عالمس پیٹھ رحمتک بوٚڈ سایہِ شاہ انبیاؐ
سُلہ صُبح ازلُک نُور پوشن پایہِ شاہِ انبیاؐ

یَس صاحب لولاک لقب پانہٕ ونان حق
پَس از خودایے لم یزل تھدِ پایہِ شاہ انبیاؑ

زؤل کوس ڈیکس آدمس وَر دزاو رٔھن ہُند
شرٕکی تہٕ وٕہکی شاف کاساں آیہِ شاہ انبیاؑ

بمبٕری رأتزو نالہٕ متی گرِی موے وَلَیلِس
کوفٕری شمعو زؤل کوٚر ییلہِ زاپے شاہِ انبیاؑ

یَتہٕ آسہِ رٕمَن لرزہٕ نتاں ارض و سماوات
اَسہِ چھے شفاعت دستگاہ تتھ شایہِ شاہِ انبیاؑ

سُے صاحبِ معراج، سُے یٰسین سُے طاہا
چھے مرسلن منز آفتابٕچ جایہِ شاہِ انبیاؑ

منشوٗرؔ مے چھُنہٕ نعت لیکھنک پایے اَماپوٗز
چھُم گاش أچھِن ہُند دِلُک سرمایہِ شاہِ انبیاؑ



اِنسانیٔژِ سرنامہٕ لیکھن والہِ وندٕ سر
مجہولیٔژ، تہذیب دواں والہِ وندٕ سر

حسدُک تہٕ حرصُک زہر قلا قندٕ بناوُتھ
خولِق عظیمُک پیالہٕ بٔرن والہِ وندٕ سر

یِنہٕ تہُندِ حیاحُک سورمہٕ أچھن لوٚگ حیاتن
عریاں زگس پردٕ کرن والہِ وندٕ سر

پرٕ پیمتین کوسُتھ ژے ڈیکس کوس تقدیرُک

برگاہ تمین ہند دود زرن والہٕ وندے سر

فیضان تہند رحمتھے رحمت تہٕ اخوّت

خوشبوے لفظ پوش جرن والہٕ وندے سر

سرچاوتھکھ موحتاج تہٕ رنز ناوِتھکھ بوچھِ ہتی

خودرأ ژی وادن فاقہٕ شونگن والہٕ وندے سر

دوِن عالمن ہنز تاجدأری ہُند شرف اُستھ

ژھرِ پچہِ پٹھ آرام کرن والہٕ وندے سر

منشوٗر چھِ کم مایہ تہٕ موحتاجِ شفاعت

مجبور دِلس آش رٔچھن والہٕ وندے سر



**کلام: غلام نبی شیخ حسرت کشتواڑی**

| | |
|---|---|
| ییُو نا اکھ شبا شاہِ مدینہ ؐ | وندے سَر باخودا شاہِ مدینہ ؐ |
| بہٕ چھُس مُشتاق چونُے چون عاشق | بہٕ کرہے زو فدا شاہِ مدینہ ؐ |
| چھُ از لَنہِ گوٚٹ ژوپأری وقتِ یأری | ژٕ حض شمس الضحیٰ شاہِ مدینہ ؐ |
| بٹِھس کُن ناو لاگبو نا خودا را | دِلُک نیٚرم مُدعا شاہِ مدینہ ؐ |
| لیکھِتھ چھُم درجبین حض ناو چونُے | یوٚہَے چھُم آسرا شاہِ مدینہ ؐ |
| کریو حض اکھ نظر برحالِ اُمت | زُوُن مُشکل سبٹھاہ شاہِ مدینہ ؐ |
| سِتمگارو چھےٚ کرمژ تالہِ پیٹھی ریٚہہ | بہٕ شفقت اکھ نِگاہ شاہِ مدینہ ؐ |
| گُلو دِیُت چاکھ جامن چون بوٗزِتھ | سِکئیل گو پُر ضیا شاہِ مدینہ ؐ |

| | |
|---|---|
| پھٔلِے لگہِ باغ ہجرس داغ ژلہٕ ہَن | یہِ فُرقت ھض سزا شاہِ مدینہؐ |
| مےٚ ھض پچھم نقشِ قدمن ہنٛز غرض چانٛی | چھوکن، دادہن دوا شاہِ مدینہؐ |
| ندامتھ ہبتھ چھُ آمُت چانہِ برٚتل | یہِ حسرت بے نوا، شاہِ مدینہؐ |



سلام : (بزبانِ پوگلی)

کلام : منظوٗر پوگلی

عَربہٕ سَنہٕ مَسند نشینٛس پین ما لچھ لچھ سلام
سَبز گُبند سَنہٕ مکینٛس پین ما لچھ لچھ سلام
منظوٗرٕ تیس پوٗحتہٕ یقینٛس پین ما لچھ لچھ سلام
ذِن جہانٛن سَنہٕ حسینٛس پین ما لچھ لچھ سلام



کلام : بشیٖر حسین بٹ پونچھی

| | |
|---|---|
| اِسم اعظم چھُ کیٛاہ، اِسمِ خیرالوریٰؐ | دأدٕ لدنے، دوا اِسمِ خیرالوریٰؐ |
| علمہٕ عرفان حق آگہی ہُنٛد تھزر | عقلہِ نِشہِ ما ورا، اِسمِ خیرالوریٰؐ |
| عألمس آدمَس اوٚلس اۆخرس | مبتلا، مُنتہا اِسمِ خیرالوریٰؐ |
| عأملن عأرفن، عألمن عأبدن | ذِکر صُبح مَسا، اِسمِ خیرالوریٰؐ |
| مُصطفےٰ کٔرتھ لول بوٚر ذاتن تتھی | شوٗبہٕ وُن اوس کیٛاہ، اِسمِ خیرالوریٰؐ |
| راہبرن واتہٕ ناوان بہٕ منزل یوٚہے | شوٗبہٕ وَن اوس کیٛاہ اِسمِ خیرالوریٰؐ |
| گاشہِ تارُکھ تہٕ سۆ شامہٕ تارُکھ تہٕ سۆ | تا ابد حق نُما اِسمِ خیرالوریٰؐ |

کلام : غلام حسن، حسنؔ بانہالی

عرضی مے کوٗر ذٕ لابہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا
گاہ ترٛاوتم مہتابہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا
طاہا مزمِل تہٕ مُدثر چانٛی لقب چھِی
اے صاحبِ القابہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا
دُشوار باسان پنجرِ منٛز چھُم پان موکلاوُن
رٕچھتم مے یہِمہِ گردابہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا
وُسیہٕ وَتن گٔژھ نہٕ لگنٛہ میانٛی ژھینٛز مۄتن
پنہٕ ہۄل گژھم محرابہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا
وُچاپہٕ گُر چھُم زِندگی ہُند چھُم نہٕ پوٚشن باتھ
چھُم زہن نئے رکابہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا
ییٚلہِ ییٚلہِ مے ہۄرُم خونِ چشموکُی نہٕ اُسن ترٛوو
بُتھ چھۄل مے تُمی آبہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا
زاین دِتُم نغمن مے چانٛی حُسن و جمالن
اے مرکزِ احبابہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا
ییتھ پۄت وَنِس منٛز گوٚژھ نہٕ حسنٔس شاپھ روزن دِتھ
دیدو سُہ وُچھی ہے کعبہٕ ذرا اکھ مے وُچھکنا



**کلام: طالب حسین، بےتابؔ بھدرواہی**

چون ارمان چھُم مےٚ سینٛس        یا رسول اللہ سلامؐ
واوِ وَن شاہِ مدینٛس        یا رسول اللہ سلامؐ
چھُوِ نبیؐ آخر زماں        صَلّو علیہِ دائیما
حال بۄزِو کمترینٛس        یا رسول اللہ سلامؐ
ساتھ پۄز مُشکل چھُ ژھارُن        راتھ چھے لیٛل القدرؒ
ؤتھِ ملکھ روَیے زمینٛس        یا رسول اللہ سلامؐ
بحرِ ظُلماتَس اندر ہیٚنہٕ آے        اُمّت یا نبیؐ
تار دِیتو یتھ سفینَس        یا رسول اللہ سلامؐ
لا مِثل و لیّل موِیَس        والضحیٰ رویَس لگے
سُنبلس تےَ یا سیمنٛس        یا رسول اللہ سلامؐ
حسرتھا بے تابؔ ہیٚتھ        چھُس یا محمد مصطفےٰؐ
واتہٕ کرٚ تتھ سر زمینَس        یا رسول اللہ سلامؐ



**کلام: پروفیسر شبیر احمد قاضی، شاذؔ شرقی (بھدرواہ)**

محمدؐ چھُے شہنشاہ کائناتُک        خلاصہٕ دین و دُنیا بیٚیہِ حیاتُک
ژٕزاہ اکھ چاٲنی، حسنُک آفتابہ        بیاں مُشکل کرُن چاٲنی صِفاتُک
وجۄدس آیہِ عالم چاٲنہِ باپتھ        نتےَ مقصۄد کیٛاہ اوس کائناتُک

اونتھ پأغام حق گُمراہ لۄکن کیُت　　دِتھ نذرانہٕ اَسہِ صوم و صلوتُک

قراںُک آیہِ باوان رازِ وحدت　　یہِ کیاہ کم فأض چھا اَمہِ چانہِ ذاتُک

مےٚ کاسِم مشترُک غم شاذ پانےٚ　　مےٚ چھُم ناکھ یہےٚ ذٔرِ یانجاتُک



کلام: غلام نقی ساؔقی منڈی پونچھ

یا نبیؐ بوزتم سوزتم مدینس سِینس ژلہِ ہم چونےٚ لول
ٹوٹھ زٕو ونِد ہے روے حسینس، سِینس ژلہِ ہم چونےٚ لول

نبی یَنٕ ہنز ژیےٚ چھےٚ سردأری کرتم یأری پأری لگے
کرتم طِلاءِ احمر آیینس، سِینس ژلہِ ہم چونےٚ لول

کۄتاہ زرہ بہٕ دۄربر چونےٚ دِلہِ سےٚ کرِ پیٹھ چھُم ارمان
میۄٹھا دمہٕ ہا موہرِ نگینس، سِینس ژلہِ ہم چونےٚ لول

چانہِ دادِ دُنیا بے پرتہٕ مضطر مظلوٗمس کونہٕ مژراوِ بَر
رحمت بأگراں ژےٚ عالمینس سِینس ژلہِ ہم چونےٚ لول

ڈیڈِ تل عاشق چھِ ژیےٚ پرارن پان ماراں ژٕ نیرکھ نا
روے ہاوکھ نا روے زمینس سِینس ژلہِ ہم چونےٚ لول

ژےٚ طاہا تےٚ ژیےٚ چھکھ یاسیںؔ ژےٚ چھکھ دِین مبین
کرتم رازدار پننہٕ نس خزینس سِینس ژلہِ ہم چونےٚ لول

ساؔقی چھُ غمگین لۄکو ترٛوو دِین کیاہ کرِ اَکھ مسکین
اتھ روٗٹ کرتس دِلِ حزینس سِینس ژلہِ ہم چونےٚ لول



## کلام : غلام نبی ظاہر بانہالی

خلاٰیِق ملاٰیِکھ جہاں چانہِ باپتھ / ہوٗیدا یہِ ارض و سما چانہِ باپتھ

باعثِ تخلیق کونین ژٕ ے چھکھ / گُلستانِ باغِ جناں چانہِ باپتھ

قدم چانٕی عرشس پٮ۪ٹھ چھی برابر / ژٕ نیٚوکھ ذاتِ پاکن سالس دِلبر

فلک تےٚ ملکھ أسی واریا توشن / چھُ پانے خودا میزبان چانہِ باپتھ

لَنہِ گوٚٹ کُفرُک ژولپٲرٕکی اوس گوٚمت / سراسر یہِ اِنسان پتھر اوس پیٚوٚمت

پٕرزلوٚن آفتاب سیٚرتھ تہندُ ے / گواہی چھُ عالم دِوان چانہِ باپتھ

خوداین بنوٗکھ محبوٗب پنہٕ نےٚ / رٕژر تھوٗنےٚ پیشکش خوٚب پنہٕ نےٚ

کوثر ژٕ ے آیُت جنتُک ژٕ وأرِث / یہِ سوٗرُنے مکاں لامکاں چانہِ باپتھ

خیرالورا چھُکھ ژٕ غمخوار سوٗنےٚ / شاہِ ہُدا چھکھ ژٕ غمخوار سوٗنےٚ

زٕوٗن آفتاب تےٚ تارکھ أندی پکھی / صُبح شام سأری رواں چانہِ باپتھ

ژٕ ے پٮ۪ٹھ راز سورُے عیاں آسمانُک / ژٕ اوّل زمانُک ژٕ آخر زمانُک

ژٕ نقار چھُکھ عالم دو جہانُک / چھُ ظاہر تہٕ وُچھ نغمہٕ خواں چانہِ باپتھ



ژٕ چھُکھ بہتر تہٕ برتر یا محمدؐ / ژٕ مہرچ اکھ نظر کر یا محمدؐ

کِتابِ زِندگی ہُند چھُکھ ژٕ عنوان / ژٕ چھُکھ مہمان اکبر یا محمدؐ

مےٚ یوٚد داغ غولأمی چون آسم / وسیلہٕ روزِ موحشر یا محمدؐ

تیٚمِس وِردِ زباں چون اسمِ عالی / اُتھس کیتھ تس چھُ جوہر یا محمدؐ

خودایی کیاہ خودا آسُن تہٕ کیاہ گوٚو / ژٕ زانتھ زیادہ بہتر یا محمدؐ

شفیع المذنبیں چانٕس برس تل / یہِ ظاہر چھُس گدا گر یا محمدؐ

**کلام: ناشاد بھدرواہی مقیم کشتواڑ**

چھےٚ ژھایہِ زُلفچ یہِ شب بنأنی  تہٕ نور روئیک فجر پھولأنی
ثنا تِہنٛزی وَن کرکھ ژٕ کیاہ زَن  ثنا کرن ییٚس خودا چھُ پانے
جسد چھُ تٔمی سُند ژٕچھتھ وچھس منٛز  اَوے زمینٕس فخر چھُ یوٗتاہ
نژوان چھےٚ اُلفت توے یتین نِش  وسان چھےٚ رحمتھ تہِ آسمأنی
مکین فرشس عرش چھُ وٕتھرِتھ  چھِ قاب وقوسین مِلس فرق بَس
چھِ جام خاکی وجوٗد نوٗرس  سُہ چھُ مکأنی کہِ لا مکأنی
بُرِتھ دِلس چھُم جنوٗن لولُک  گُرِتھ اویسیؓ مگر رخت چھُس
نہٕ خوابہِ ڈیوٗٹھم نہٕ روبہٕ وُچھ زاہ  کشش دِلس چھم مے غائبانی
ودان فراقس اندر مَلِک ییٚلہِ  ژٹن چھےٚ وُزمل تہِ جامہٕ اوبرُک
وُچھی چھُ اوشہٕ پھیٚور صدف رٕچھن ییٚس  بنان سُہ قطرہ چھُ دُور دأنی
نبس پٕژ ژھایوم شبس یہِ تارٕکھ  گوو چھِ پٕژلان یہِ راز کیاہ چھُ
دپُن یہِ عرق جبین دِلبر  پہوان چھُ وٕسی ییٚلہِ یہِ چھُس تلأنی
مٔژر خلوٗصُک رژھا رلاوِتھ  ژٕ تاوِ عشقس پٔپن ہنا دِل
گرٕتھو عقیدس ذرا ژٕ قأیِل  لبِھ حقیقتھ بنَن فسأنی
وُچھم سُہ شبہٕ اکہِ مے بأ گراوان  یہِ لولہٕ مسہٕ کی تہٕ پیالہٕ برٕی برٕی
یوٗتام یہٕ ووتُس فجر پھولِتھ گو  کجر یہِ لأنس مے نا ژلأنی
رٕتوی چھُ ناشاد عیاں مہ ہٕسر گر  گوشوی چھُ بہتر زبر یوٗہے گو
اگر ژٕ پھوٗرے زبأنی شر کینٛہہ  ہرٕل تہٕ ہاژل رٕئی بہانے

## کلام : ولی محمدؐ بٹ اسیرؔ کشتواڑی

گژھ مدینس ، گژھ مدینس قاصدو — وَن سلام شاہِ دینس قاصدو
سخ عذابس منز چھےٚ اُمت یا نبیؐ — وَن تہٕ شاہِ مُرسلینس قاصدو
اُمتس تہندِس چھےٚ تہنزٕ ے آش بس — ونتہٕ تَس دِلکس مکینس قاصدو
شوق چھُم گژھہٕ ہا مدینس ڈالکی ہیتھ — زُو بہٕ وندٕ ہا دِلنشینس قاصدو
اکھ تُسند ادنےٚ غولاما چھےٚ اسیرؔ — داغ چھُس تہندٕ ے جبینس قاصدو



یَس گو شیدا خالق پانےٚ — تَس نبی پاکسؐ سوزَو سلام
نٔو یَن منز یُس عالی شانےٚ — تَس نبی پاکسؐ سوزَو سلام
حقہٕ ہندِ نورٕ منزٕ نوٗن دزاو نورا — نورِ احمدؐ پیوٚ تتھی ناو
نازِل یَس پیٹھ گو فرقانےٚ — تَس نبی پاکسؐ سوزَو سلام
عرشس تہٕ فرشس پیٹھ تابانےٚ — احمدؐ تہٕ محمدؐ تہندی ناو
دوشونی جہانن یُس سُلطانے — تَس نبی پاکسؐ سوزَو سلام
ییمی تھاو اُمتس رحمتھ جاری — یُس چاوِ گلہٕ گلہٕ آبِ کوثر
لا اِلٰہ اِلااللہ یَس ایمانے — تَس نبی پاکسؐ سوزَو سلام
اَنزان اسیرؔن دِلہٕ کے وَلہٕ وَلہٕ — نعتس پٔرم لولہٕ اَچھر
پیشکش تھووُم. یَس نذرانے — تَس نبی پاکسؐ سوزَو سلام



یور گِن تشریف أنی تو یا نبیؐ     میون دِل از شاد کرِی تو یا نبیؐ

چھُس سِیاہ کارے مگر چۆن اُمتی     دون جہانن تار دِی تو یا نبیؐ

نالہ گاہتی چھُم مے کم دروُد الم     حال میونُے پانہٕ وُچھی تو یا نبیؐ

گاش چشمن پھیرِ ہم ڈیشتھ جمال     روے نازس پرِد تُلی تو یا نبیؐ

اِنتظارس منز بہٕ چھُس تھنڈے اسیرؔ     عشقہٕ پنہٕ نے سینہٕ بری تو یا نبیؐ



کرِم خوابن مے رِتی تاپر زأنتھ     شودین حرفن شوٗدے تفسیر زأنتھ

بہٕ چھُس مومن پران چھُس کلمۂ حق     پرٕتھ چھُس مطمئن تقدیر زأنتھ

گیم وأنسا رٔٹتھ دامن حضورنؐ     نہٕ مورشِد کوٗر، نہٕ حاصِل پیر زأنتھ

منس منز چھُم بٔستھ اکھ اسمِ اعظم     فقط سُے چارٕ گر تدبیر زأنتھ



مدینس حلقہٕ دِنک چھُم تمنا     سبز گُنبد وُچھنک چھُم تمنا

مُلِتھ بتھی ہے خاک پاک والس     مدینک جوٗگی بنہٕ نک چھُم تمنا

وتن چیانین بہٕ دِمہٕ ہاوُنی ژوپأری     بٔنتھ پوشِرٕ دزنک چھُم تمنا

رٔٹتھ دامن حضورنؐ عرض کرٕہکھ     پننٕ احول ونہٕ نک چھُم تمنا

نظر ما رچھتھ تتہٕ پئیہٕ اسیرسؔ     مدینس منز مے مرنک چھُم تمنا



## کلام: شمس الدین مجروٗر بانہالی

نور چونُے پوٗو جہانس، یا رحمتً للعالمینؐ
ڈاس گوٚ کُفرس تہٕ مانس، یا رحمتً للعالمینؐ

دربدر اِنسان اوس بیوٚن بیوٚن خدایَن کُن نہمان
بُت وُسِتھ پیٚو پُتلی خانس، یا رحمتً للعالمینؐ

زِندٕ کورہن أسی دفناوان عربکی بُت پرست
گوٚو تلُک پیٹھ تتھ زمانس، یا رحمتً للعالمینؐ

زِندٕ روزُن ہیچھِ ناوِتھ اکھ أکِس ستی لولہٕ سان
کیاہ خبر أس اِنسانس، یا رحمتً للعالمینؐ

گر رضا مجروٗر آسی، مصطفٰیؐ سنز کیاہ کمی
تار لگہِ ہےَ منزی طوٗفانس یا رحمتً للعالمینؐ



## کلام: نذیر احمد نازؔ نظامی بھدرواہ

اکھ ناو تھوٚد تہٕ اعلیٰ صلِ علیٰ محمدؐ
پأغام حق تعالیٰ صلِ علیٰ محمدؐ
اکرام تےَ عنایت اولادِ آدمس رِژ
اکھ آخری ہدایت اولاد آدمس رِژ
تسی رِژ رٔنجن خودائن تصویرِ کائناتچ.

تسی پٕتھ کرٕن عیاں اد تقدیر کائناتچ
بادِ صبا چہِ کس شیچھ ہیتھ آے ریگزارس
روے ہٕوو نو بہارن پھولی پوش خار زارس
ییٚلہِ کُفرِ کس ونس منز تم نازنین قدم پییہ
کرلَن تہٕ کنڈی دوپھن پٕتھ گُل وحدتکی پھولان گیہ
اکہِ راٗژ بڈِ بڈے اکھ صفتا تہٕنز عیاں گیہ
لمحس صدی کرِتھ تم ییٚلہِ سوئے آسمان گیہ
سالارِ انبیاء سُند سالارِ کارواں سُند
چھُم ناز اُمّتی چھُس سرکارِ دو جہاں سُند

☆☆☆

کلام: عبدالحمید مفروبؔ بانہالی

چھُ عرب کیٚو عجم حضوٗرنؐ ہُند — پرٕتھ اکس پٕٹھ کرم حضوٗرنؐ ہُند
ویٚود چھُ وُچھ سورے الم نشرح — تھوٚد چھُ جاہ حشم حضوٗرنؐ ہُند
پٕوز تہٕ پاکیزٕ شوٚد تہٕ شوٗژے شوٗژ — بَس چھُ نقشِ قدم حضوٗرنؐ ہُند
تس چھُ کیاہ بیم وقتِ سہلایک — ناو یَس ناوی نم حضوٗرنؐ ہُند
اورٕ کتٕرہن کنہن کنڈہن ہُند رٕود — یورٕ گُل ہیتھ ہلم حضوٗرنؐ ہُند
اُمتس یٔژھ پرٕژر لکھ ژرژر — اُمتک غم چھُ غم حضوٗرنؐ ہُند
جُز خودا وُچھ ژٕ سر مُبارکہ زانہہ — کانٛسہِ کُن گو نہٕ خم حضوٗرنؐ ہُند
حوضِ کوثر ژٕ ژھار مفروبؔا — رشک .. جام جم حضوٗرنؐ ہُند



دون جہانَن بَس چھےٚ تُہنٛزٕ ے مہربأنی یا رسولؐ
صۆرت خورشید تُہنٛزٕ ے ضۆفشأنی یا رسولؐ
سَرنگوں باطل سَپُد ڈیشتھ عجب معراج چون
کانٛہہ پیامبر اتھ کمالس چھے نہٕ ثأنی یا رسولؐ
عألِمن قلمےٚ وٲستھ پیٚیہِ حأرتُک دفتر وُچھتھ
عأرفن حاصِل چھےٚ چأنی نوکتہٕ دأنی یا رسولؐ
مَس سَرۆدس منٛز یہِ صُحبَژ واو چھےٚ سوزاں درۆد
پوشہٕ لنٛجہٕ رقص اندر ژیےٚ کُن نمأنی یا رسولؐ
چھُکھ ژٕ عألی، لامثأل شاہِ دین ماہِ مُبین
تھٕز چھےٚ بعد از ذاتِ اقدس ذاتھ چأنی یا رسولؐ
ناز اوسم دارِ سینٛچہٕ بنہِ اگر غارِ حرا
سوے چھےٚ مضرۆبس خلوٚصچ نعت خوانی یا رسولؐ



**کلام: شیخ محمدؐ حفیظؔ فرقان آباد گھٹ ڈوڈہ**

پرٕنی گژھ زبو سدا نام محمدؐ    پزر بعدِ خدا نامِ محمدؐ
یہِ دِل اوسم سبٹھاہ غمگین و مضطر    سکون ہیتھ آو نا نام محمدؐ
سبٹھاہ چھُم شوق گژھا تتھ شہارس    پراں صلِّ علیٰ نام محمدؐ

ژٕ کتھ چھُکھ دربدر پھیراں گٹن منٛز — چھُ پرٛتھ دأدِس دوا نام محمدؐ

دم آخر گوٚ ژھم آسُن وُوٚٹھن پٹھ — ندائے یا خدا نامِ محمدؐ

عمل زا کوٚر نہٕ تہندِس سوٚنتس پٹھ — مگر زیوِ پٹھ سدا، نام محمدؐ

فِھا گوٚو نا منّور بیٚیہ معطر — حفیظن دِیُت صدا نام محمدؐ



**کلام : شیخ ارشاد احمد ارشاؔد فرقاں آباد ڈوڈہ**

نعت وَنہا بہٕ طرزِ قوآلی — یا محمدؐ ژٕ چھُکھ لا مثالی

رنگ بوٚ رُتھ ئو ژٕے سأرِس جہانس — ترٛاے پھیرتھ ژٕے سأرِس زمانس

نئے وُچھِتھ دُشمنی نئے بھیأ لی — یا محمدؐ ژٕ چھُکھ لا مِثأ لی

تنگ کوٚرہکھ ژٕ پنہٕ نو پرایوٚ — عرب کیو دُشمنو ذأژ بایوٚ

آے پھِرتھ ژٕ کُن پتہٕ سوأ لی — یا محمدؐ ژٕ چھُکھ لا مثأ لی

اَسہِ چھےٚ دادبن دوا چأنی رحمت — سر زمیٖنس روا چأنی رحمت

بُت پرستن یہ دُنیا خیأ لی — یا محمدؐ ژٕ چھُکھ لا مثأ لی

چوٚن پأغام وۄت جایہ جایے — وۄل جہان چأنی لولن تہٕ مایے

دژاکھ ہیتھ ییلہٕ ژٕ پرچم ہلأ لی — یا محمدؐ ژٕ چھُکھ لا مثأ لی

چھےٚ یہ ارشادؔ کراں آہ و زأری — از ونان تس چھُ دیوانہٕ سأری

گوڈ نہٕ ییٚن کوٚرِس پٹھہٕ نہٕ خأ لی — یا محمدؐ ژٕ چھُکھ لا مثأ لی



## کلام : محمد یوسفؔ بانہالی

تس کیاہ چھُ غم ییمی روٗٹ اَتھو دامانِ محمدؐ
سُے بختہٕ بوڑ ییمی زوٗن چھُ کیاہ شانِ محمدؐ
چھیٚنیہِ سنگ بارِی بدلہٕ کراں بد خویَن دُی خاٗر
وُچھ پاک ذاتن تھاو کیاہ تھز شانِ محمدؐ
یوسفؔ چھُ ہتھ ارمان اما نیرِ کر تس شر
در خواب سنا ڈیشہٕ کر نوٗران محمدؐ

☆☆☆

## کلام : سجاد حسین ساجد بھدرواہ

ژٕ چھکھ خیرالبشرٕ اے نازنیناؐ
شوٗبان چھے ژٕیے بجر، اے نازنیناؐ

ییمیٚک شیچار سارِس کائناتس
ژٕ لوٗگتھ تیٚتھ شجر اے نازنیناؐ

زٕژا اکھ چاٗنۍ ہتھ روشن جہانس
کران شمس و قمر اے نازنیناؐ

یمو صلی علیٰ پٔر شوقہٕ ستین
تمن زیوِ ژوٗل کجر اے نازنیناؐ

قدم ییلہِ تزاوِ در شہر مدینہ
دِلس نیربم مےٚ شر اے نازنیناؐ

نظر کرزِیم مے یوٗدوے چھس نہٕ بے شک
بہٕ حق دارِ نظر اے نازنیناؐ

بہٕ ساجدؔ پزارِ نادس کوٗت کالا
ژٕ ژھنبس توت تاں جگر اے نازنیناؐ

☆☆☆

**کلام: محمد اشرف گوہر کھاأر پور بانہالی**

کر تہٕ مےٚ تہٕ وونی غمگسأری یا رسولِ عربیؐ
دٲدی دیو بلہن مےٚ سأری یا رسولِ عربیؐ
یَتھ زمانَس شوق چونُے لامکانس ذوق چھُے
وحدتچ چھے رستگأری یا رسولِ عربیؐ
شوقہٕ چانے پٔری فرشتو تام کم نعت و سلام
گوٚ یہِ سورُے فضل بأری یا رسولِ عربیؐ
جلوٕ ترٛووُتھ گوٚو جہان روشن ژولپأری یا نبیؐ
آے سأری لأری لأری یا رسولِ عربیؐ
اَسہِ تہٕ روٚٹ دامانہٕ تہنٛدٕ ے تاجدار دو جہاں
بۆزی تو اَسہِ نالہِ زأرری یا رسولِ عربیؐ
آش ہیتھ گوہر چھُ دوراں ییٚتہٕ چھُ دربارِ نبیؐ
کاستَس لِللہ ژٕ خأری یا رسولِ عربیؐ



**کلام: مولوی منظوٗر احمد، ادھیانپوری**

یا محمدؐ مصطفےٰ بُوزِبو سلام     تاجدارِ انبیاء بوزبو سلام
آلون میأنبن تہٕ ازکن تھاوِتو     چھُس غمن منٛز مُبتلا بۆزبو سلام
رحمتُ اللعالمین تہنٛدٕ ے لقب     شافیعِ روزِ جزا بۆزبو سلام
یا شفیع المزنبیں یا پیشوا     چھُس برس تل عاجزا بۆزبو سلام

سَتھ دِلس تھنٛز ہے مےٚ چھُم وتھ ہأوِتو  تھٕز چھےٚ تھنٛز ہے بارگاہ بوزبو سلام
از بہٕ رِگرِدابس اندر دلگیرٕ چھُس  یور کُن تراوِبو نِگاہ بوٗزبو سلام
دور منظوٗرس کٔربو رنج والم  ڈیڈِ تل لایِن صدا بوزبو سلام



کلام: محمدؐ شعبان شاداںؔ، چکہٕ بھدرواہ

چھُسےَ محتاج اِمدادس  نظر کر یا رسول اللہؐ
پیپٕٹھ چھُم ناو رِگرِدابس  نظر کر یا رسول اللہؐ
خطاکار اُمّتی چونُے  گونہگار اُمّتی چونُے
رٔٹِتھ دامان چھےٚ چونُے  نظر کر یا رسول اللہؐ
کٔرم عرضا ژٕ چھکھ شأفی  بہٕ دِل فُٹرِتھ منگان معأفی
سفارش چأنٛی چھُم کأفی  نظر کر یا رسول اللہؐ
یہِ مکأری، ریا کأری  فریبِ دِلٕ چھےٚ زردأری
ژٕ شاداںؔس تہٕ کر یأری  نظر کر یا رسول اللہؐ



کلام: غلام محمدؐ خاکسارؔ (بھدرواہ)

مےٚ گژھِہ نظرِ کرم شاہِ مدینہؐ  مےٚ ژلِہ ہم درد و غم شاہِ مدینہؐ
مےٚ گژھہٕ زوٗال دوٗر گژھِہ ہم گاش پیہ ہم  بہٕ ونہٕ ہےَ کُل سِتم شاہِ مدینہؐ
زژٕر ژمُت چھُ سونٛس ہردَن زال ترومُت  ژٕ کر لطف و کرم شاہِ مدینہؐ

غولامس کیاہ شُبان چانِی غولامی یہِ مرتبہٕ کتہٕ چھُ کم شاہِ مدینہٕ

مےٚ گژھِ نظرِ کرم شاہِ مدینہٕ مےٚ زٕلہِ ہم درد و غم شاہِ مدینہٕ

☆☆☆

## کلام : محمد شفیع ڈار شفیع کشتواڑی

باغ دہنگ از چھُ وٲراں یا رسولؐ اُمّتی از چھِی پریشان یا رسولؐ

وُنہٕ کیٚنٛس چھُے بخت یاور دُشمنس درِ مُصیبت پرٕتھ مُسلمان یا رسولؐ

اکھ نظر کاٗفی چھےٚ بَس دِیدن دوا چھُس بہٕ پانٛس پیٹھ پشیمان یا رسولؐ

چھُے شفیع ڈارسٚ عقیدتھ منٛز دِلس چھُے مگر بے سر و سامان یا رسولؐ

☆☆☆

## کلام : وزیر محمد مشتاق بانہالی

یتیمن بے سرن ہُند چارٕ کر غمخوار چھُکھ سوٗنے

گمِتی أسی واریاہ اَبتر نبیؐ موختار چھُکھ سوٗنے

غولامن سوٗرٕ ہنٛز ازستھ سرٕنی اَسہِ تُج نہٕ تھنٛزٕ ے وَتھ

غمن ہنٛز تاپہٕ ژٕنجہٕ منٛز ھٕل شِہُل شیہجار چھُکھ سُونے

بُرِس تل تھٕند خاٗراتک بہٕ چھُس مُشتاق سخ مُضطر

کریوٚ اَسہِ اکھ نظر لِلّٰہ دِلُک امار چھُکھ سوٗنے

☆☆☆

## کلام : ڈاکٹر عبدالرشید، رشیدؔ بانہالی

السّلام یا شہِ کونینؐ السّلام | سأنی آقا توٚہی تہندی أسی چھہٕ غولام
گُمرہَن اَسہِ رازِ حق بوٗو تمام | السّلام یا شہِ کونینؐ السّلام
اوس سورٕے عرب وۆلمت بِدتن | مارے بَرنکھ وٗلی چأنی محبتن
ژاکھ کعبس پیٚیی وٗستھ بُت تتہِ تمام | السّلام یا شہِ کونینؐ السّلام
یا رسول اللّٰہؐ چھےٚ چأنی یٔژھ تہٕ پٔژھ | کرم کر درکار تی از اُمتس
ظالمن ہُند ظلم ژالان صُبح شام | السّلام یا شہِ کونینؐ السّلام
میانہِ منگنچ وُنہِ کینٚس یزت ژٕ تھاو | پرٛتھ مسلمانس اصلچ وتھ ژٕ ہاو
دِہنہِ ژٔلی متی اصلہٕ نِشہِ چھی شِہر وگام | السّلام یا شہِ کونینؐ السّلام
چھُس رشیدؔ ادنیٰ غولاماہ یا رسولؐ | التجاء اکھ میون از کٔری تو قبوٗل
چھہٕ توٚہی شافی، شفاعتھ گٔژھ مدام | السّلام یا شہِ کونینؐ السّلام



## کلام : محمد اسلم میرؔ بانہالی

مےٚ ما قوت تہندی تأریف کرٕ ہا | بہٕ تہند بن نقش قدمن پوش جرٕ ہا
وُچھم کل کائنات تہندُے فدأیی | ژٕ حض چھکھ دون جہانن سربراہا
سبٹھاہ سرمایہٕ چھم تہنزی گدأیی | وتن تہنزن بہٕ زٕو قوربان کرہا
درۄدس گن تھأویو میرسؔ اگر حض | بہٕ شوقِ دِل یہِ لوٚلچ نعت پرٕ ہا



کلام : محمدؐ عبداللہ شیدا بانہالی

آس بر تل در ندامت، یا رسول ہاشمیؐ
دراس واراہ کم لیاقتھ، یا رسول ہاشمیؐ
چھُس غمو دادیو تہٕ وولُمت بیٚیہِ فِکرن منز اسیر
در پریشان زیرِ آمُت، یا رسول ہاشمیؐ
منز دِلس وسواس شیطان چھُس پریشان یا نبیؐ
یتھ دوا بس آبِ رحمت، یا رسول ہاشمیؐ
میٚون ہوٚن دیٚون میٚون کھیٚن چھِن
میٚون دوہ دِن پرُ تہٕ یاس
نابہٕ کارس کر رفاقتھ، یا رسول ہاشمیؐ
میٚون کِردار، میٚون مِلہٕ ژار میٚون کارٕبار پُرسیاہ
بے اثر میأنی عباداتھ، یا رسول ہاشمیؐ
چھُم نہٕ بٕزی بٕزی یاد روزان چھُس نہٕ ہیٚچھی ہیٚچھی کیٚنہہ ہیٚچھان
ووٚنی مےٚ دِم پنٕہ نٕے ہدایتھ، یا رسول ہاشمیؐ
زارٕ پارن، نالہٕ زارن، أشی پھِر بن میأنین نہٕ پھل
جل کریو نظرِ عنایتھ، یا رسول ہاشمیؐ
شوق چھُم شیدا تہٕ کرٕ ہا ژو وتَن تھٔزن نثار
بے زرس گری تو حمایتھ، یا رسول ہاشمیؐ

☆☆☆

## کلام: محمد افضل بیگ سراجؔ بانہالی

مرحبا آفرٖین، شاہِ دُنیا و دیٖن | خاتم الانبیاء ، سیّدُالمرسلیٖنؐ
اوّل و آخرٖین، راحتِ عاشقین | خاتم الانبیاء ، سیّدُالمرسلیٖنؐ
ماہِ دین متیں، راہِ حق الیقین | جاہِ صادق امیٖن شاہِ دُنیا و دیٖنؐ
مرحبا آفرٖین شاہِ دُنیا و دیٖن | خاتم الانبیاء ، سیّدُالمرسلیٖنؐ
شافعِ مُذنبیٖن، رحمتِ عالمیٖن | مشفق دِل حزیٖن شاہِ دُنیا و دیٖنؐ
مرحبا آفرٖین، شاہِ دُنیا و دیٖن | خاتم الانبیاء ، سیّدُالمرسلیٖنؐ
دِلبرو، دِلنشیٖن، دِلرُبا نازنیٖن | خوبصورت حسیٖن شاہِ دُنیا و دیٖنؐ
دافعِ درد و غم شافعِ ہر الم | رافعِ ذکرو اذکارِ دیٖنِ متیٖنؐ
مرحبا آفرٖین شاہِ دُنیا و دیٖن | خاتم الانبیاء ، سیّدُالمرسلیٖنؐ



## کلام: عبدالقیوم نایک

چھےٚ دون جہانن ژےٚ پادشاہی | عرشہٕ وتھو تہٕ جلال صورت
نظرِ عنایت کٔربو قیوٗمسؔ | نصیب گژھنس وصال صورت



## کلام : غلام حسن بانڈے گوٓہر بھرت ڈوڈہ

عجب کیاہ ناز شاہِ مرسلینس — حُسن منٛدٕ چھان چھُ ڈیشتھ تس حسینس
گمتی مدہوش عاشق جلوٕ تمہٕ ہنٛدِ — چوٗمت چھُوے مے یموتتھ آہگینس
رِندو ما وُچھ اُچھو میانو سُہ ساقی — گرٕھن ساراب وُچھی تھے ماہ جبینس
پیوٗمت پرٛتو مےٚ چھُم تس یارٕ سُند از — وَتن موختے بہٕ چھکرس دِلنشینس
امارن چاۓنی کوٗرمت خستہٕ گوٓہر — بلبن تس داد‌ی وُچھِ دِلکس مکینس

☆☆☆

## کلام : عبدالفتح آہنگر نوٗپکی مڑوہ کشتواڑ

چھُ پیٚتہٕ آرام فرما میٚون رہبر — مےٚ توٗت جل واتناوُم مَرنہٕ بڑوٕنٹھے
زشوقِ مصطفیٰؐ دِل مضطرب چھُم — قبوٗلُم کُن دُعا، اوٗش ہَرنہٕ بڑوٕنٹھے
مےٚ ما چھُم زادِ راہ دَردس خُدایا — بہم کرتم یہٕ سامان کرنہٕ بڑوٕنٹھے
سبیلا ژٕے کرُم یوٗد واتہِ یثرب — اِلٰہی نار ہجرُک زَرنہٕ بڑوٕنٹھے
چھُ کوتاہ تشنہ لب عبدالفتح وُچھ — یہٕ چوٗن گوٗژھ آبِ زمزم مَرنہٕ بڑوٕنٹھ

☆☆☆

## کلام : عبدالغنی عبٓد تھنہٕ منڈی راجوری

شاہِ تاجدارو، سانہٕ سردارو — شاہ تاجدارو وندیو پان
لول بوٗر ذاتن چانہٕ امارو — سأرس کھولنکھ بر آسمان

سۄزنے جبرئیلؑ ہیتھ بُراق یارو شاہ تاجدارو وندیو پان
عبدالغنی یَس ستھ چھے چأنی وتھ تس ہاوزِبن جنتس کُن
اتھِ رۄٹ کرزِہم چھُس گونہگارو شاہ تاجدارو وندیو پان



کلام : مُختار ثاقبؔ راجوری

بہٕ درطوٗفان ہیٚنہٕ آمُت دِیونا تار یا مدنیؐ
طَبیبا کر دوا دادبن بہٕ چھُس بیمار یا مدنیؐ
گولابن سوسنے مژ اُسی خوشبو تہُند تا شوقے
اَچھن تہٕنزن وُچھِتھ پمپوش گو بیدار یا مدنیؐ
ژٕ چھکھ سونُے تہٕ اَسی چأنی، چھُ عالم چون یا سرورؐ
ژٕ نبیَن ہُند نبیؐ دوٚن عالمس سردار یا مدنیؐ
مےٚ چھم پژھ زانہہ نسا ژِھوِ ژونگ عشقُک زولُمت یُس چھم
بہٕ دُنیا نارٕ تیٚزنگل زنہٕ، ژٕ چھُکھ شہجار یا مدنیؐ
تۄہے دوپنے خوداین رحمتُ للعالمین پانے
یتیمن بے کسن تے بے بسن چھکھ یار یا مدنیؐ
دِلس چھم شوق یا حضرت بہٕ واتہٕ ہا مقصدس پنہٕ نِس
بہٕ کرہا میٹھی پادن ہاوِتو دیدار یا مدنیؐ
چھُ ثاقبؔ اوش سبٹھاہ ہاران اَمِس فرِی یاد کُس بۄزی
پنٕنی ییلہِ تۄہی مےٚ چھِوِ حضرت بہٕ کس ونہٕ زار یا مدنیؐ

کلام : جمال الدین جمالؔ چکراس مہور

(بہ شُکریہِ منشور بانہالی)

دیدٕ گریانہٕ چھُس سینٕہٕ بریانہٕ گوم     چانہِ امارٕ یا رسول اللہؐ

کؤت کالا ژھوٚ بہٕ بسترِ خواب     چھُس بہٕ لاچار یا رسول اللہؐ

چھُم نہٕ طاقت بہٕ وَنہٕ تہندی اوصاف     چھُس سیّہ کارٕ یا رسول اللہؐ



کلام : سعید شاہ آتشؔ سکنہِ گول (رام بن) ''بعد اِصلاح''

چھُے عقل سلیمُنک وُچھ سامان مدینس منز

جاہل چھِ بنان وأتتھ لُقمان مدینس منز

اِنسان تہٕ بنان کأمِل اِنسان مدینس منز

سپدان چھُے یزداں سٕز تَس زان مدینس منز

ترٛپان چھُ دِل مومن لارن چھُ سُہ یثرب کُن

توحید چھُے کعبس منز ایمان مدینس منز

پرٛاران چھُ یہِ موّت آتشؔ، گاران تمِس اکہِ دوہہٕ

وُنِدِ ہے نبیؐ پاکس، زُو جان مدینس منز



کلام: ستہٕ رام بٹ نأدِم۱

کیاہ چھُ اوّل کیاہ چھُ آخر زان از اسرارِ عشق
پَرھُوَ الاول ھُوَالآخر چھُ نوّن انوارِ عشق
ہتھ ژُولُم دِلبر مےٚ لِلہٕ وُن تھوٚونَم نا نارِ عشق
پانہٕ لاگتھ آو محمدؐ دژاو در بازار عشق
اَنہِ گٹہِ کمِن مَنزلن برپا کوٚرُن مینارِ عشق
یاد کر منصور سرمَد کوٚر تمو اِظہارِ عشق
تمہِ نِش عالم ہُویدا، تتھ دَپِن گُلزار عشق
برپلنگِ خاب خوش آرام کش سردارِ عشق

☆☆☆

کلام: آنند رام تزٔ الی۲

از مےٚ دادبن کر دوا یا محمدؐ مصطفےٰ
چھُس بہٕ آمُت با ووُمید متہٕ کرتم نا ووُمید
بوزتم لولُک صدا یا محمدؐ مصطفےٰ

۱،۲: ماخوز از ''کُلیات نأدِم'' رشید نازکی
(بالترتیب صفہٕ ۵۶، ۵۸) کلچرل اکیڈمی ۱۹۸۵ء دوٚیم ایڈیشن)

☆☆☆

## کلام: پریم ناتھ شاؔد

بصحرا اَبرِ رحمت یا محمدؐ سفر دزاوُس رَفاقتھ یا محمدؐ
ثنا خوان چھُس عطا گری زبم پتھ سرٕ بہ مے مسکینس تہٕ مروّتھ یا محمدؐ
کلیومُت چھُس کرِکن میانبن سماعتھ سبٹھاہ اکھ نظرِ باوتھ یا محمدؐ
پشیمانی تہٕ پشیٚنچ بے قرأری مے اکھ اکھ تِیُوہ قیامتھ یا محمدؐ
حشر کیاہ ہوشہٕ حبہٕ رٕسی تس ووجوُدس تہنٛد ظون ہو تہٕ حرکتھ یا محمدؐ
مکرّم موحترم یُس اِسم اعلیٰ پرٛژھان اَرض و سماتھ یا محمدؐ
شفیع المذنبین خیرالورا چھِو بشارتھ با سعادتھ یا محمدؐ
قدم مولوتھ تہنٛدی عرشس کھسان بوش تھبکان تاجِ رسالتھ یا محمدؐ
ادب رٕچھ رٕچھ پرٛن ہیوٚچھ نعت شاؔدن کرُس اصلُک ہدایتھ یا محمدؐ



مکین عرشُک نبیؐ سرور محمدؐ شفیع، مُحسن یتیم پرور محمدؐ
ژٕندرٕ اَبرُو تہٕ گیسو ابرِ رحمت عطرِ شاہ، شاہ دہَن ادفر محمدؐ
نبراشن، بے کسن تےٚ بے سہارن مسیحا، مہربان یاور محمدؐ
کرِی تأریف چأنی ذاتِ پاکن کوٚرُن بس منتخب گوہر محمدؐ
لیکھِکھ نادام اکھ تشنہٕ نصیٖبس کرم کر مالکِ کوثر محمدؐ
بٕتھ شاؔدس بخش لیکھِ نعت چونےٚ ژٕ چھکھ مختار، چھکھ رہبر محمدؐ



شوقِ مولا شانِ عالم مُصطفیٰ عشقہٕ وولُسن، حسنہٕ چم خم مصطفیٰ
معنہٕ تخلیقک مکرّم مصطفیٰ مالکِ موختار اعظم مصطفیٰ
شاد یتھ پئدی زال سفرس تہٕ شاد چھُس کرم کاراہ تہٕ تُسی لایان چھُ ناد
مےٚ تہٕ اَکُے ارمان زِ ژھنم مصطفیٰ مالکِ موختارِ اعظم مصطفےٰ



**نعتیہ رُباعیہ**

**کلام : موہن لال آش**

ستَن دادبن أندری زولم شمع دان ستَن کوٗنن وتن روٗزِتھ نگہبان
وَندے سَتھ گاش ٹاٹھیوٗ یوٗری یکھنا ازأنس پاسِ لِلّٰہ کر پِنٛنی زان



کراں چھی زوٗن تارکھ گتھ ژٕے رویَس زِ عالم چھی اوپزاں کالہٕ مویَس
تِتِس تاپَس لگِتھ گوٗمت مُسافِر نظر کرتم سبزر بنہٕ ہے مےٚ خویَس



خدا ییٚلہٕ عارفن پٹھ بَرکرم آو ژٕے کوٗرنے رحمتہً للعالمینکٚ پأراو
ہلم دوٗرم علم دارس وٕنی شیٚچھ نبیٚ یَس ٹوٹھ تَس پوشن یِوان کراو



یہٕ بوے کمیٚک چھُ بوےِ محمدؐ
وٗطیر خوےِ محمدؐ
لول اَکُے عشق محمدؐ

ژ لیش اکیے
دیدارِ محمدؐ
کھوٗنہٕ للہٕ وان
اَنوارِ محمدؐ
عرشہٕ فرشُک آغہٕ
پانہٕ محمدؐ
درۄدسوزٕو
بہ سرکارِ محمدؐ

☆☆☆

## کلام : نارائن کول یارباشؔ

فقط ژیےٚ کُن کوٚرُم سرخم، نظر کر یا رسول اللہؐ
بہٕ چھُس اتھ لولہٕ نوقطس پیٹھ برابر یا رسول اللہؐ
تھٔوم کمہِ آیہِ شوقس منٛز قدم لولُک دوہَے جأری
قَدٕر کرتَم ژٕ اَتھ جذبَس برابر یا رسول اللہؐ
ژٕ چھُکھ تھدِ پایہِ کُے سرور دِلُک ولہٕ دِل اُنٛم بامل
فضل کُری زٔبم چھُ نظرن تل مےٚ محشر یا رسول اللہؐ
طمع چھُم چانہِ دیدارُک توٗے چھُس خونِ دِل زالان
نظر چأنۍ گاش دون دیدن عطا کر، یا رسول اللہؐ
پیوٚمُت چھُس بے کسن اندر تُلم تھوٚد بخ بنٛم یاور
ژےٚ رۄس کُس دوس یا دِلبر تہٕ رہبر، یا رسول اللہؐ
مےٚ گو وَرخ اوم اَبہٕ ساوَن مگر منٛزل مےٚ چھُم راوان
مٔتِس تس یاربارشَس پیٹھ رحم کر یا رسول اللہؐ

☆☆☆

کلام : پی این دھر فآنی (ماخوذ کأشرِ نعت : عزیز حاجنؔی)

واو آو مُشکہٕ ہوٚت وایان سرگم زاو ییٚلہٕ پیغمبر اعظمؐ
سرگم اوس کِنہٕ سورگنگ زیروبم زاو ییٚلہٕ پیغمبر اعظمؐ
خوشرو خوش دِل آدم آدم نےٚ روزِ فکرا نےٚ روزِ غم
ریگستانس پھوٚلی گُلِ بادم زاو ییٚلہٕ پیغمبر اعظمؐ



کلام : مکھن لال بیکسؔ

ہَنہٕ وَنہٕ اَسہٕ گیہٕ چأنی مَنہٕ کامن روٚٹ چون دامن کر سون پاے
گٹہٕ منٛزٕ رٔچھ تہٕ گاشہٕ کہٕ آگرٕ ژھٹہٕ منٛزٕ سٔدرس اَسہٕ دِتہٕ تار
بے دَس گاہَن ژلہٕ ہَن اِر سرٕ گلہٕ زبو ژلہٕ ہے گیہٕ لاچار
آرام ییٚہٕ ہے بے آرامن روٚٹ چون دامن کر سون پاے



کلام : پی این کول سائلؔ

مکہٕ کے ڈبکہٕ ٹِکہٕ ہا تاجدارے بلہٕ دیدارے زارے بوز
مِلتکہٕ رہبر تھٔدِ دین دارے بلہٕ دیدارے زارے بوز
دین اسلامکہٕ بأنی کارے ژٕے پأغمبر آخر زمان
چانہٕ یتخلاصہٕ گے قوم بیدارے بلہٕ دیدارے زارے بوز

ژٕے نبیؐ مورسل ژٕے علمدارے  اللہ اکبر چون گُفتار
وَر ژوٚل لأنس چانہِ اشارے  بلہٕ دیدارے زارے بوز

چانے برکتہٕ ژول گٹہٕ کارے  نوٗر چانہِ عالم منوٚر گوٚو
مکہٕ مدینس گوٚو ملہٕ ژارے  بلہٕ دیدارے زارے بوز

مُفلِسن بیکسن ہندِ طرفدارے  ژٕے چھکھ نکھٕ ڈکھٕ موحتاجن
رَحمتہٕ چانہِ بنہِ سکہِ سبزارے  بلہٕ دیدارے زارے بوز

کلہٕ نومرأوِتھ چھس گونہگارے  ساپلسؔ ووٚنی یاری کر
اُمت ڈیڈٕ تل چھس وومیدوارے  بلہٕ دیدارے زارے بوز



## کلام : مرجان بانہالی

جِگر پارٕ گۆو مےٚ عٔشقنہٕ نارٕ یا نبیؐ   مُژر چشمہٕ نظر کر ژٕ مےٚ کن وارٕ یا نبیؐ

صَدا بوز گدا بہٕ آیَس چائِس برس تل   مُدعا پۆرٕ کر تہٕ میۆن یک بارٕ یا نبیؐ

مَتہٕ تژاوتم جُدا آش چھم بَسَن چائنی   سبٹھاہ کال گۆو در اِنتظارٕ یا نبیؐ

توٚہی سِوا چھُم نہٕ کانْہہ یَس حال باوَے   کٔری تو چارٕ بہٕ چھس لاچارٕ یا نبیؐ

مَنٛز دون جہانن پرٕدِ تھاٗوِ مرجانَس   پادن کرِ سُہ پنُن سرشارٕ یا نبیؐ



## کلام : شمیم اختر، شبنمؔ بانہالی

محمدؐ نبیؐ زاو سبحان اللہ   بۆر عالمن چاو، سبحان اللہ

بالا تہٕ برتر، اعلیٰ تہٕ افضل   روشن تسُند ناو، سبحان اللہ

زولانہٕ ظُلمکی یکسر ژٕلِس گے   رٔحمتھ ہیتھ آو سبحان اللہ

زوٕنُک منشور ہیتھ آو بھرپۆر   کھٔرِ اَسہِ بۆٹھ ناو سبحان اللہ

چھُس روےٚ انور ہیتھ آب کوثر   شوبہٕ وُن پآراو، سبحان اللہ

عالم چھُ توشن، ملکوت روشن   شبنمؔ ستھ تھاو، سبحان اللہ



کلام: شمیمہ دیو آزاد

دادِ نےٚ کرتم دوا، یا رسولِ عربیؐ
بۆزتو میٖونےٚ صدا، یا رسولِ عربیؐ
ڈیڈِ تل چانے، رحمت لٔبہِ ہم
پھولہِ ہا زَن تہٕ گولاب
نیرہن تٔتیٚ نہٕ مُدعا، یا رسولِ عربیؐ
دأدی لد پانس غم چھم لگو مٔتی
خم چھُم گوٗمت سروِ قدس
نظرِ چانہِ بہٕ بلہِ ہا، یا رسولِ عربیؐ
گرٕھا مدینَس تس شاہِ دینَس
زُو کرٕہا تتہِ فِدا
زِندگی لبہِ ہم بقا، یا رسولِ عربیؐ
اُمّتی چأنی چھس پڑھ چھم چأنی
بَس مےٚ چھُم تہنزٕ ہے ستھاہ، یا رسولِ عربیؐ
بۆزی تو میٖونےٚ صدا، یا رسولِ عربیؐ



کلام: ہاجرہ پرواز گوٗل

حق چھُ حق وَنان رسولِ عربیؐ محترم تہٕ ذی شان رسولِ عربیؐ
سروٗندے ہاوتم رویے انوار زُو کرے قوربان رسولِ عربیؐ
تتھ دِلس پتھ فِدا زُو تےٚ جان یتھ دِلس چون ارمان رسولِ عربیؐ

چأنی ہجرن مےٚ سۆر کوٚر بدنس جُز ژےٚ کُس چھُ درمان رسولِ عربیؐ
کرتہٕ حض اَسہِ تہٕ عطا بلالن ہیُوٚ سوز بٔرِ تہٕ حض سأنی دامان رسولِ عربیؐ
پاسِ لِللہ کرہو نظرا چمنس بَرٕ گمتی گل تہٕ پھولہان رسولِ عربیؐ
لول چونُے چھُ ہاجرس در دِل چأنہِ برٕتل چھےٚ ریوان، رسولِ عربیؐ

☆☆☆

کلام : مہتاب بیگم مُغل، گرین کالونی بھدرواہ

کر پتھر پیمتِمِن تُلیوٚ تھوٚد یا رسولِ عربیؐ
کر سنا اَسہِ کُن وُچھو سیوٚد یا رسولِ عربیؐ
توٚہی گرژھو پیشِ خدا تس وٕنو فریاد سأنی
چھِی گمتی دِل خستہٕ واراہ یا رسولِ عربیؐ
أسی وسیلہِ ہتھ چھِ آمتی لا تقنطوٗ ہُک صدا
چھُو لقب توٚہی رحمت اللہ یا رسولِ عربیؐ
ییٚلہِ گرِو توٚہہِ نظر زِنٛدٕ گےٚ تِم جانور
تُہنزِ نظرے آے تِمن پَر یا رسولِ عربیؐ
چھےٚ ونان مہتابؔ یارب أسی سبٹھاہ وأران گےٚ
کر آباد اَسہِ وونی دُوبارے یا رسولِ عربیؐ

ورق تمام ہوا اور مدحت باقی ہے
سِفینہ چاہیے اِس بحرِ بیکران کیلئے

☆☆☆

# کتابیات


١۔ ''محسنِ انسانیت'': نعیم صدیقی تالیف، ۱۹۶۴ء

٢۔ سیرت ابنِ حشام، جلد۔۲

٣۔ بخاری تہٕ مُسلم شریف

۴۔ ''نو کأشر ادبک توأریخ'': (ناجی منور، شفیع شوق، ۱۹۹۲ء) کأشر شعبہٕ کشمیر یونیورسٹی۔

۵۔ ''حیاتِ نبیؐ'': زین العابدین سٕنز ''پیامبر'' کتابہٕ ہُند ترجمہٕ جلد۔اول، کلچرل اکیڈمی سری نگر۔

۶۔ ''کأشرِ زبان تہٕ ادب'': (سون ادب) کلچرل اکیڈمی، سری نگر، ۱۹۷۶ء

۷۔ شیراز، کلچرل اکیڈمی، جون ۱۹۷۹ء

۸۔ ''مظاہر حق'': (شرح مشکواۃ شریف) عبداللہ جاوید ۱۹۸۶ء

۹۔ شیرازہ، اُردو، فروری ۱۹۸۶ء، جلد۔۲ (مضمون محمد اسماعیل آزاد)

۱۰۔ ''آلو'': محکمہ اطلاعات جلد۔۲، ۱۹۹۸ء شُمارٕ نمبر۔۴

۱۱۔ ''زندگی نو'': دہلی جولائی ۲۰۰۲ء

۱۲۔ ''انہار'': نعتیہ ادب نمبر شعبہ کأشر۔ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۹۲ء

۱۳۔ ''آلو'': محکمہ اطلاعات اگست۔ستمبر ۱۹۹۸ء

۱۴۔ ''پھولوٕنی سنگر'': جانباز کشتواڑی

۱۵۔ ''ارمغانِ مدینہ'': گامگار کشتواڑی (۱۹۸۳ء)

۱۶۔ ''گلدستہ نعت'': وفاؔ بھدرواہی

۱۷۔ ''عشقِ رسول'': (کأشری نعت) وفاؔ بھدرواہی

۱۸۔ ''انہار'': کأشر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۹۸ء

۱۹۔ شیرازٕ: کلچرل اکیڈمی نومبر۔دسمبر ۱۹۸۶ء

۲۰۔ ''کُلیات نأدِم'': عبدالرشید نازکی کلچرل اکیڈمی ۱۹۸۵ء

۲۱۔ ''نوٗرٕ آگر'': کلچرل اکیڈمی (مرزا عارفؔ، بشیر اخترؔ) ۱۹۸۷ء

۲۲۔ شیرازٕ: (شُمارٕ: ۲ ۱۹۹۱ء) کلچرل اکیڈمی سری نگر

۲۳۔ ''نعت مصطفےٰ'': مظفر احمد خان فروتن ۲۰۰۲ء

۲۴۔ ''تصویرِ ضلع ڈوڈہ'': ولی محمد اسیر کشتواڑی ۱۹۹۶ء

۲۵۔ ''ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت'': ولی محمد اسیر کشتواڑی ۱۹۹۸ء

۲۶۔ ''انوارِ فریدیہ'': فریدیہ بزمِ ادب ڈوڈہ

۲۷۔ ''گولاب'': کأشر ادبی مرکز بانہال (سرورِ عالم نمبر)

۲۸۔ ''حیاتِ نبیؐ وحیاتِ صالحین'': ماسٹر عبدالغفار کچلو

۲۹۔ ''روشنی کا سفر'': (فریدیہ ہائی سکول ڈوڈہ) ۱۹۸۹ء

۳۰۔ ''محمدؐ عربی'': محمد عنایت اللہ سُبحانی مرکزی مکتبہ اسلامی دہلی

۳۱۔ ''کأشرِ نعت'': مولف عزیز حاجنی ساہتیہ اکیڈمی دہلی ۲۰۰۷ء

۳۲۔ شیرازٕ نعت نمبر: کلچرل اکیڈمی سری نگر ۲۰۰۴ء، ۲۰۰۵ء

۳۲۔ ''جیٖمہٕ صوٗبس منز کأشرِ ادبک توأریخ'': منشور بانہالی (ساہتیہ اکیڈمی، دہلی) ۲۰۰۱ء

۳۴۔ کہکشاں: رند بھدرواہی ۱۹۹۲ء

۳۵۔ سراجاً منیرا: مشتاق فریدی، ماڈرن اکیڈمی ڈوڈہ ۱۹۹۴ء

۳۶۔ سرچشمہ ہدایت: سعد اللہ شاد ۱۹۹۶ء

۳۷۔ محبوب کبریا: سعد اللہ شاد ۱۹۹۲ء

۳۸۔ روحِ اسلام: سعد اللہ شاد ۱۹۹۱ء

۳۹۔ حیات طیبہ: غلام رسول بٹ چوگانی ۱۹۹۷ء

۴۰۔ سرورِ کائنات: غلام قادر غنی پوری ۱۹۹۹ء

۴۱۔ ''آبشار'': پیر پنچال ادبی فورم بانہال (نعت نمبر)

۴۲۔ ''پوشہٕ تھٕر'': تحسین جعفری

۴۳۔ ''گلشن اِسرار'' (ترجمہٕ روضۃ العارفین) محی الدین محی

۴۴۔ نالہٕ ہائے بیقرار (حصہٕ دوم): عبدالغنی وانی دلواہ گول

۴۵۔ ''کأشر نعت تہٕ مناجات'': نشاط کشتواڑی، ۱۹۹۸ء

۴۶۔ ''گلہائے نعت'': مُشتاق فریدی، ۲۰۰۸ء

۴۷۔ ''اسرار رحمت'' رحمت بانہالی (کشمیری) ۲۰۰۸ء

۴۸۔ ''پچھ ون صدا'' : غلام قادر بیرواڑی، ۲۰۰۷ء

۴۹۔ رازویر : کأشر مرکز بہروٹ راجوری 1981ء

۵۰۔ 'بز آنتی' : کلام شہباز راجوروی ۱۹۹۰ء

۵۱۔ ''آثار رحمت'' (اُردو) (رحمت بانہالی) ۲۰۰۹ء

۵۲۔ ''تحسین جعفری'' : کلچرل اکیڈمی ۲۰۰۹ء

۵۳۔ ''اِکتسابِ نُور'' : ڈاکٹر عبدالمجید ۲۰۰۹ء

۵۴۔ ''احساس'' : سعد اللہ شاد فرید آبادی ۲۰۰۹ء

۵۵۔ متاع سوز ونشاط : جگدیش عُشاق ۲۰۱۰ء

۵۶۔ اوحال نامہ : کأشر ڈپاٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۷۹ء

۵۷۔ ''سلسبیل نعتیہ کلام'' : مُشتاق فریدی ۲۰۰۱ء

۵۸۔ شیرازہ اُردو (غلام رسول نازکی نمبر) کلچرل اکیڈمی ۲۰۰۹ء

۵۹۔ شیرازہ (حکیم منظور نمبر) کلچرل اکیڈمی، ۲۰۰۸ء

۶۰۔ شیراز (احد زرگر نمبر) کلچرل اکیڈمی ۱۹۸۴ء

۶۱۔ آبشار۔ شُمارہ۔۴، پیر پنچال ادبی فورم بانہال ۲۰۰۵ء

۶۲۔ ''بے رنگ'' : سید رسول پونپر ۲۰۰۷ء

۶۳۔ ''اظہار'' : شہباز راجوروی ۲۰۰۸ء

۶۴۔ ''تحفہ عازمین حجاز'' : بشیر بھدرواہی ۲۰۰۵ء

۶۵۔ ''گوشن ہندی پوش'' : بشیر بھدرواہی ۱۹۹۸ء

۶۶۔ شیراز کلچرل اکیڈمی سری نگر ۱۹۹۶ء

۶۷۔ شیراز کلچرل اکیڈمی سری نگر ۱۹۹۱ء

۶۸۔ صَلِّ علیٰ صَلِّ علیٰ محمدؐ : مرکزی مکتبہ اسلامی دہلی

۶۹۔ ''گولاب'' : کأشر ادبی مرکز بانہال (اُمّی نمبر) ۱۹۹۹ء

۷۰۔ ''فرشِ گُل'' : ولی محمد اسیر کشتواڑی، کأشر مرکزی فورم جموں ۲۰۱۰ء

۷۱۔ شیرازٕ ۔ کلچرل اکیڈمی ۲۰۰۷ء جلد ۳۸ شمارٕ ۱،۳،۴،۵
۷۲۔ ''آبشار'': پیر پنچال ادبی فورم بانہال ۲۰۰۹ء تہٕ ۱۹۹۹ء
۷۳۔ ''تارکھ نب'': ظاہر بانہالی ۲۰۰۹ء
۷۴۔ شیرازہ اُردو کلچرل اکیڈمی جلد ۴۶ شمارا ۳ ۔ ۲۰۰۹ء
۷۵۔ شیرازہ اُردو کلچرل اکیڈمی جلد ۴۳ شمارا ۲ ۔ ۲۰۰۵ء
۷۶۔ خواجہ غلام رسول کامگار (مرغوب بانہالی) ساہتیہ اکیڈمی ۱۹۹۸ء
۷۷۔ 'نعمہ صأب'': ڈاکٹر محفوظ جان ۲۰۰۸ء
۷۸۔ مہکتے گُل'' مجموعہ حمد و نعت: شاذ شرقی ۲۰۰۸ء
۷۹۔ اندھیروں کا مُسافر: امین بانہالی (مُرتب امین بنجارا) ۲۰۰۹ء
۸۰۔ ''شُنی تہٕ ہریت'': موہن لال آش ۲۰۰۹ء
۸۱۔ عشرت کاشمیری: کلچرل اکیڈمی ۲۰۰۹ء
۸۲۔ ''بزم'': اقبال بزمِ ادب بھدرواہ (فائل)
۸۳۔ ''کشمیر عُظمیٰ'' روزنامہ (فائل)
۸۴۔ ''اُڑان'' رونامہ (فائل)
۸۵۔ شیرازٕ نعت نمبر، کلچرل اکیڈمی سری نگر، شمارٕ ۔۳، ۱۹۹۲ء
۸۶۔ شیرازٕ ۔ کلچرل اکیڈمی جلد ۱۳، ۱۹۷۵ء
۸۷۔ شیرازہ (اُردو) کلچرل اکیڈمی جلد ۔ ۳۹، ۲۰۰۱ء
۸۸۔ کشیرِ بالہٕ اپارِ کشمیر یونیورسٹی سری نگر (مرغوب بانہالی)
۸۹۔ شیرازہ اُردو، کلچرل اکیڈمی سری نگر جلد ۔ ۴۳، شمارا (۱۲)، ۲۰۰۵ء
۹۰۔ رسالہٕ ''انجمن'' انجمنِ اسلامیہ کشتواڑ، جولائی ۔ اگست ۲۰۰۱ء

☆☆☆

# تعارُف

ناو: بشیر احمد خطیب بن خواجہ محمدؐ سلطان خطیب

قلمی ناو: بشیر بھدرواہی

زاجاے: قصبہ بھدرواہ (خاص)

زادوہ: 24/ جنوری 1935ء

سکونت: 5۔ گرین کلونی بھدرواہ ۔ 182222

تألیم: ایم۔اے (اُردو)، بی۔ایڈ، ڈی ٹی، سرٹیفکیٹ اِن ایجوکیشنل ایکسٹینشن (دہلی) (C.E.Extn)

پیشہ: سرکاری مُلازمت محکمہ تعلیم (29/ جنوری 1953ء تا 31/ جنوری 1993ء)

مناصب: مدرس، ماسٹر، ہیڈماسٹر، ٹی ای او، پروجیکٹ آفیسر تعلیم بالغان ریسرچ آفیسر سٹیٹ انسٹچوٹ آف ایجوکیشن جموں/ ریکچرر بی ایڈ کالج جموں، پرنسپل ڈائیٹ (DIET) راجوری، کشتواڑ۔ ڈِسٹرکٹ ایجوکیشن آفیسر ڈوڈہ، راجوری، پونچھ، سُبکدوشی بحیثیت ڈی ای او ڈوڈہ۔

اعزأزی عہد: صدر بزم اب کشتواڑ، بھدرواہ، صدر کأشُر مرکزی ادبی فورم جموں (1981ء تا حال)، صدر ٹیچرز ایسوسی ایشن بھدرواہ،

سینئر نائب صدر ایجوکیشن آفسرز فورم جموں۔

رکنیت: کلچرل آرگنائزیشن جموں و کشمیر، فریدیہ بزم ادب ڈوڈہ، سہائے کمیٹی ریاست جموں و کشمیر (محکمہ تعلیم)، ممبر لیزان کمیٹی محکمہ تعلیم (زٕ ٹرمہٕ)، رسا جاودانی میموریل لٹریری سوسائٹی جموں۔

وابستگی: کلچرل اکیڈمی جموں و کشمیر (1970ء تا حال)، ریڈیو کشمیر سری نگر و جموں (1969ء تا حال)، دُور درشن کیندر سری نگر، ساہیتہ اکیڈمی دہلی، چلنت فورم کشتواڑ۔ فریدیہ بزمِ ادب ڈوڈہ

تعلیمی کانفرنسن منز: آل اِنڈیا ایجوکیشن کانفرنس بنگلور (1970ء)، آل اِنڈیا ایڈلٹ ایجوکیشن کانفرنس حیدر آباد گُجرات (1981ء)

اعزازات وغارٕ: ا۔ چیف منسٹرس ایوارڈ 2007ء: محکمہ تعلیمس منز اعلیٰ تہٕ دیانتدارانہ کارکردگی ہِندِس اعترافس منز (شال پوشی، مومینٹو وغارٕ صوٗرتس منز)

۲۔ رِیاستی کلچرل اکیڈمی ہِندِ طرفہٕ (کأشرِ زبان تہٕ ادبس پوچھر دِنہٕ کِس اعترافس منز شال پوشی، مومینٹو وغارٕ) (2008ء)

تصنیفات: ا۔ ''ڈوڈہ ضلعکی کأشری لُکہٕ باتھ'': 1972ء

۲۔ ''گوشن ہِندی پوش'' شعرِ سوٗمبرن: 1998ء

۳۔ ''تحفہ عازمین حجاز'' نعتیہ کلام: 2005ء

۴۔ ''بھدرواہ کی تاریخ و ثقافت: ہمالیائی ریاستوں کے تناظر میں'': 2010ء (اُردو)

۵۔ ''غلام نبی ڈولوال، جانباز کشتواڑی : مونو گراف'' (زیرِ طباعت) کلچرل اکیڈمی: 2010ء (کأشر)

۶۔ ''جیمس تہٕ کشیرِ منز نعتیہ ادبُک توأریخ : نعت گوئی ہندِس عالمی تنوظرس منز'' (زیرِ طباعت): 2012ء

۷۔ درجن واد کأشرِ تہٕ اُردو کتابن ہنز تقریظہٕ تہٕ پیش لفظ۔

۸۔ لسانیات، ادب تہٕ لکہٕ ادبس پیٹھ تحقیقی تہٕ تنقیدی مضامین (ریاستی تہٕ قومی سطحن ہندی اُردو تہٕ کأشرِ رسالن ہندِ باپتھ)

۹۔ مُلکی، ریاستی، صوبائی، ضلعی تہٕ مقامی سوتھرِس پیٹھ منعقد کرنہٕ آمژن ادبی کانفرنسن تہٕ مُشاعرن منز شرکتھ تہٕ پڑھن واریاہن کانفرنسن تہٕ مُشاعرن ہنز صدارتھ کرنُک اعزاز تہٕ حاصِل سپُد مُت۔

۱۰۔ ریڈیو کشمیر سری نگر تہٕ دُوردرشن کیندر سری نگر پیٹھٕ آیہٕ میأنی زِندگی تہٕ فن کہِ حوالہٕ کأتیاہ انٹرویو نشر کرنہٕ تہٕ ریڈیو کشمیر جیمہٕ پیٹھٕ اُردو تہٕ کأشرِ زبانن منز مضموٗن تہٕ فیچر نشر کرنہٕ۔ ریاستکو بہلہٕ پایہٕ کو اُدیبو تہٕ قلمکارو چھہٕ میأنین کتابن تہٕ میأنہِ زِندگی تہٕ فنس متعلق متعدد مُقالہٕ تہٕ مضموٗن لیکھمٕتی، میأنہِ قلمی تخلیقہٕ چھےٚ

1969ہٕ پیٹھٕ مُسلسل از تام غزلن ہندِ زٕنگی ریڈیو کشمیر سری نگر
پیٹھٕ نشر سپدان روزان یمہٕ بہلہٕ پایہٕ گُلوکار گوہرٕ چھےٚ۔
۱۱۔ اللہ تعالیٰ ہندِ فضل و کرمہٕ ستی سپز مےٚ تہٕ میانہِ آشنہِ
سعادتِ حج بیت اللہ تہٕ زیارت روضۂ آنحضور صلی اللہ علیہ
وسلم 1994ہٕ یَس دوران نصیب۔

☆☆☆

## Jamis Ta Kasheeri Manz
## Kashir Natia Abduk Tawareekh

( Natkis aalmi Tanozaras Manz)

By: Bashir Bhaderwahi



نعتِ رِسالت مآب صلعم چھُ عالمی سطحس پیٹھ عقیدتی ادبک اکھ ڈیکہٕ ٹِکہٕ زانہٕ یِوان۔ دُنیاہ کیو بہلہٕ پایہٕ سوخنورو چھُ وُزھِ وٲنجہٕ بارگاہ رِسالت مآبسؐ منز پننہٕ اِحترام و عقیدتکی گولاب ہلم پیش کٔرِتھ روٗحانی اسوٗدِگی تہٕ بصیرتِ قلب و نظر پرٛاونچ سعادت حاصِل کرنچ جسارت تہٕ تمنا کوٚرمٕت۔ نعت گوئی چھُ اکھ شوٗژ، مُتبرک تہٕ مگر اکھ موحتاط تہٕ اُوچ صِنف سوخن۔ بقول عزت بُخاری:

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازُک تر

نفس گُم کردہ مے آید جُنیدؒ و با یزیدؒ ایں جا

کاشُر شعرِ وادب تہٕ چھُ امہٕ فیض و برکت سٟتی مالا مال۔ شایدے آسہٕ کانٛہہ کاشُر گونماتھ ییمی نہٕ آنحضور پُرانوارنؐ ہٕنٛدِس شان و عظمتس منز پننہٕ خلوصہٕ و احترامکی نذرانہٕ نعتَن ہٕنٛدِس صوٗرتس منز پیش کرنچ جسارتھ آسہٕ کٔرمٕژ۔ ییمن ہدیہ تبرِیکن ہُنٛد اکھ جامع تنوظر پیش کرنک سعادت ہیکہٕ ہے کانٛسہٕ صاحب خولوصہٕ ہے نصیبس اُستھ۔ موحترم بشیرؔ بھدرواہی صاٲبن چھُ دِیدہ ریزی سٟتی مشرقی نعت گوئی ہٕنٛدِس نافہٕ امبرِس حظ ٹُلان ٹُلان، کاشُرِ نعت ادبک اکھ مسبوٗط تواریخ مُرتب کوٚرمٕت۔ یُس اکھ تحقیقی دستاویز آسنس سٟتی سٟتی اکہٕ پوشون اَجرک تہٕ ضامن چھُ۔ یہٕ تواریخ روزِ کاشرین طالب علمن ہٕنٛز وتہٕ گاشراوُنس سٟتی سٟتی سارِنے لولہٕ والین قارٕیَن تہٕ روٗحانی تروتازگی تہٕ سرورِ قلب بخشان روزان۔ ییمِچ اہمیت ہمیشہٕ پُرٕ ووٗنی روزِ۔ اللہ تعالیٰ بناوِنی یہٕنٛدِس ییتھ کارسعیدس خیرو برکتک موٗجب۔ آمین!

منشوٗر بانہالی

Printed at: JK Offset Printers,
Jama Masjid Delhi-6 Ph: 23241368